# شیرازہ

جنوری - جون
2017

خصوصی شمارہ بیاد
# فاضل کاشمیری



جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

# شیرازہ

(جنوری-جون ۲۰۱۷ء)

نگران: عزیز حاجنی

ایڈیٹر: جاوید اقبال

اسسٹنٹ ایڈیٹر: گلزار احمد راتھر

معاون: عصمت عزیز

جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگو یجز سرینگر

کمپیوٹر کمپوزنگ: جمیل انصاری

مول: 100 روپیہٕ

شیرازس منز چھپن وٲلِس مواد س منز گنٕہ تہٕ ظٲہر کرنہٕ آمِژ رایہٕ ستی اِدارٕک متفق آسُن چھُنہٕ ضروٗری۔

چِٹھی بیترِ سوزنُک پتاہ:

جاوید اقبال

ایڈیٹر "شیراز"

جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز،

لال منڈی سرینگر

e-mail: sheerazakashmiri@gmail.com

ISSN 2278-3245

# ترتیب



## مقالات

## مطالعات

## تاثرات

## خراج عقیدت



☆☆

# عرضِ ناشر

فاضل کاشمیری چھ کأشرِ زبأنی ہُند بارسۃ شأعر۔ أمِس کثیر البیان تہٕ قادرالکلام گونماتھ ہِندِ کلامکی گون چھِ بسیار۔ کلُہم پأٹھی چُھ فاضل سانین ادبی تہٕ عوأمی حلقن منز أکِس عقیدتی شأعرٕ ہِندِ حیثیتہٕ مشہور تہٕ مقبول۔ پزِس کُن گڑِھتھ چُھ فاضل مزازٕ کنہِ تہٕ فِکری اعتبارٕ تہٕ یژھأوی خیالن ہُند شأعر۔ أمِس چھےٚ محکم پڑھ تہٕ پڑھِ ہِندِ برکتہٕ اعتمادتہٕ بہم یوان تہٕ اعتبارتہِ عطاسپدان۔ خدائے ذوالجلال ہِندِ دُرِس کاپِناتس وحاطہٕ کرن والین پُراسرارتہٕ ولولہٕ انگیز بے انتہا طاقتک مدح تہٕ ثناخوان آسنس ستی ستی چُھ فاضل حضرت محمد مصطفیٰ احمدِ مجتبیٰؐ ہِندِ نوٗرأنی شخصیتُک شوٗدتہٕ شوٗژ عاشق۔ یہندی نعت چھِ رٕسلی تہٕ رواں۔ فاضل ہِندی نعتیہ کلامن ہُرروو کأشرِ عقیدتی شأعری ہُند آبرو۔ یہندی نعت چھِ ازتہِ کٔشیرِ ہِندبن طرفاتن اندر عقیدت مند مٔشیدن تہٕ خانقاہن منز شودِ منہٕ تہٕ شوقہٕ ذوقہٕ سان پران۔ فاضل چُھ کأشرِ زبأنی ہُند سہٕ وأحد نعت گو شأعر یہنز "انوارِ محمدیؐ" ناوچہ شعرِ سوٗمبرنہ ہِندی ژوداہ (۱۴) ایڈیشن وُنیکتام چھپیہٕ۔ یہندی واریاہ نعت چھِ کأشرِ بوٚ عقیدت مندوپتین وچھن منز رچھ گرِی گرِی رٕژھرأوی ٕمتی۔

فاضل چُھ فطری حُسنُک تہٕ عکاس۔ یہنز واریاہ نظمہٕ چھےٚ مأری منز کٔشیرِ ہِندبن وکھرِ وکھرِ انہارن ہنز رنگہٕ ڈٔلی باوتھ۔ یمو چھےٚ تتھبن موضوعن زیو دِژہو

یم طبقس ستی وابستہٕ شاعرن ہنٛدِس کلامس منٛز مُشکلِنے نظرِ یوان چھِ۔ Elite مثالہٕ پأٹھی نموکھ پیش "کژالہِ کوٗر" تہٕ "پہٕلی کوٗر" نظمہٕ۔ یم چھےٚ تِم تخلیقہٕ یم کأشرِ سماج کینہٕ تِتھین کردارن بژونٹھ کُن انان چھِ یہنٛدی واریاہ اوٗ چھ انہار یمہٕ نظمہٕ پٔرتھ دِیِد مان سپدان چھِ۔ یم دوشوٕے نظمہٕ سپٕز کٔشیرِ منٛز سبٹھاہ مقبول، تِکیازِ کأشر بولُکوٗ چھ یمن دوشوٕنی کورِن پننہٕ سماج چھین حیاء یژن، جفاکش تہٕ ہُنرمند کوریو ہنٛز ونظرٕ و۔

فاضل چھُ فطری حُسنچ عکأسی تہٕ اَکِس باریک بین فنکار سٕندی پأٹھی کران۔ یہنٛدِس کلامس منٛز چھِ سنہٕ وِنی تہٕ وولساون واجینٛی روٗمأنی لےٚ تہٕ نظرِ گژھان۔ یہنٛدی کینٛہہ روٗمانوی شعر پٔرتھ یا بوٗزِتھ چھُ محسوس سپدان زِ اگر یمو پیٹھ تہٕ لیوٗ کھمُت آسہِ ہے توتہٕ روزِ ہن یم کأشرِ زبأنی ہنٛدِس ادبی تأریخس اندر زِنٛدٕ تہٕ جاوید۔ مثالہٕ پأٹھی یم شعر:

برٛزم دِتھ ساقی نٔشر اوٗدِتھ گوم

چینہٕ روس پیالہٕ گوم خألی یے

لولُک سودا دژ وگہِ کھوتہٕ دژوگ پیوم

سژوگ پیوم زانُن پننہٕ نٔے پان

نیوٗتھ زندگی ہُنٛد دوہ یُتھ کژیوٗتھ پیوم

چینہٕ روس پیالہٕ گوم خألی یے

موضوعی رنگارنگی ہِتی ہِتی چھےٚ فاضل نِس کلامس منٛز وکھر وکھرٕ ہیٚتی تجربہٕ

تہٕ نظرِ گژھان۔ یِموٚ چھےٚ مختلف صِنفن اندر خیالہٕ باوتھ کرمٕژ تہٕ پرٛتھ صِنفہٕ ہنٛد بن

تکنیکی تقاضن ہُنٛد چھکھ پوٗرٕ پوٗرٕ خیال تھوومُت۔ حمد، نعت تہٕ مرثی لیکھنس ہِتی

ہِتی چھِ یِموٚ لیٖلاتہٕ بھجن بیترِ تہٕ لیکھی مٕتی۔ یِہُنٛد لہجہٕ چھ کاشرِ لُکہٕ لیہِ ہِتی ہم آہنگ،

یٚیمہِ کِنی یِمن کشیرِ منٛز سیٹھاہ قبولِ عام حأصل سپُد۔

ریاستی کلچرل اکیڈیمی اوس واریاہ ؤری بُرونٛتھ شیرازُک فاضل نمبر شایع

کرنس متعلق سوٗنچمت تہٕ کینٛہہ تیأری تہٕ آسہٕ سپٕزمٕژ۔ مگر امہٕ پروجیکٹہٕ باپتھ اُس نہٕ

متعلقہٕ کمیٹی ہنٛز منظوری حأصل کرنہٕ آمٕژ، یٚیمہِ کِنی یہٕ واریاہس کالس بامل ہیوٚک

نہٕ ییتھ۔ بہٕ چھس یہٕ پننی خوش نصیبی سمجھان زِ مےٚ سپُد یہٕ اہم پروجیکٹ بامل انٛنک

شرف حأصل۔

بہٕ چھُس ایڈیٹوریل بورڈس ہِتی ہِتی وابستہٕ پننین سأتھِین ہُنٛد انتہأیی

ممنون یِموٚ یہِ باڈوِدار خصوصی نمبر تیار کرنس منٛز ژُ کہٕ سان کأم کٔر۔

فاضل صأبنی فرزند سید ذی شان فاضل سُنٛد شکریہ کرُن تہٕ چھ لأزم تِکیاز

تٔہنٛدِ اَتھواسہٕ ورأے ہیکہِ ہے نہٕ یہٕ نمبر زبرپأٹھی شایع سپدِتھ۔

وومید چھےٚ پرن والین کھسہِ سأنی یہٕ کوٗشش ٹارٕ۔

عزیز حاجنی

سیکریٹری

# گوڈٕ کتھ

مرحوم الحاج فاضل کاشمیری چھِ کاشرِ زبانٕہِ ہندی تِم بختاوار شاعر، یم
ادیبن، دانشورن تہٕ طالبِ علمن علاوٕ زندگی ہندِس پرتھ شعبس ستی تعلق تھاون
والین کاشرین ویدی چھ۔ امیک اکھ وجہ چھ یہ تہٕ زِ یہندی نعت روٗدی ہمیشہِ
مشیدن، خانقاہن تہٕ دینی مجلسن منز گربزان۔ فاضل صابن چھِ نعت لیکھنہٕ علاوٕ
شاعری ہندس پرتھ صنفس منز فنکارانہٕ قلم آزماوِتھ حمد و مناجات، منقبت،
لیلایہِ، رؤف، ونہٕ وُن، بأتھ، مرثی، نوحہ، طنز و مزاح، غزل، وژن، نظم،
قطعات، قصیدٕ تہٕ لڑی شاہ بیترِ شوبہ دار پأٹھی تحریر کری متی۔ فاضل صابنس شعرٕ
سرمایس سام ہینہٕ تلہٕ چھ نتان زِ یہنز نظمہٕ چھےٗ یہنزن دوٗیمین شعرٕ ذأژن
مقابلہ سرس۔ محض بہمہِ جمأژ منز لیچھ فاضل صابن "کرالہٕ کوٗر"، یوسہٕ فنی لوازماتو
تہٕ اسلوبہٕ چہ کھوچہٕ پیٹھ اکھ شاہکار نظم ثابت سپز، اگرچہ امہِ برونہہ تہٕ کاشرِ زبانٕ
منز نظم لیکھنُک رواج اوس، مگر تِم آسہٕ نہٕ ہیتی اعتبارٕ نظمہٕ چالہِ۔

وُہمہ صدی ہندس ترٛیمس دٔہلس منز ییلہِ وُنہِ کاشر ڈرامہ کھوکشی کران
اوس فاضل صابن لیکھی مزاحیہ ڈرامہ "کوکری کا پکھ" تہٕ سماجی ڈرامہ "شیرین

فرہادٗ"، یِم تمہِ وقتہٕ ایچ ایم وی کمپنی والوٚ ریکارڈ کرِیٖ مٔتۍ اَسۍ، امۍ پوٚز ووٗنۍ نہ چھُ یِہنٛدِ ریکارڈ نگہِ ہُنٛد کانٛہہ تہِ کیسٹ محفوظ تہٕ نہ چھِ یِم ڈرامہ تحریری صورتس منٛز کُنہِ تہِ جایہِ دستیاب۔ فاضل صأبن چھےٚ شری جب جی صاحب، شری سُکھ منی صاحب تہٕ شلوک مُلہہ نواں یِمہِ سکھن ہنٛزٕ مقدس کتابہٕ چھےٚ کأشرس منٛز پھِرِمٕژ۔

مرحوم فاضل کاشمیری چھِ کأشرِ زبأنۍ ہِنٛدی تھدِ پایکۍ، معتبر، مستند، بسیار گو، بسیار پاسل تہٕ کہنہ مشق شأعر۔ یِموکوٚ رٕچنہِ شأعری ہٕتۍ کأشرس شعرٕ سرمایس معیارٕ تہٕ مقدارٕ لحاظہٕ وارِیاہ ہربر۔ یِہ کتھ ونس منٛز چھُنہٕ کانٛہہ تہِ مبالغہِ زِ یوٗتاہ برژر کأشرِ شأعری منٛز موضوعی رنگارنگی لحاظہٕ فأضل صأبن کوٚر رتیوٗتاہ آسہِ شایدے وُنیکتام کأنسہِ بیٚیہِ شأعرن کوٚر مُت۔ یِہنٛزٕ ترٛےٚ درجن کھوتہٕ زیادٕ کتابہٕ، یتھ منٛز کأشرتہٕ اردو شأعری علاوٕ ترجمہٕ تہِ شأمل چھِ، چھےٚ شایع سپزمٕژ۔ فاضل صأبس چھُ یہ امتیاز حأصل یہِ زِ یِمن میج پننہِ حیأتی منٛزٕے عوأمی مقبولیت تہٕ شہرت یوسہٕ سیٹھاہ کم شأعرن نصیب چھےٚ سپدان۔ یِہنٛد بیا کھ امتیاز چھُ زِ یِہنٛزٕ نعتہٕ سوٚمبرن "انوارِ محمدی" یکۍ ۱۲ ار ایڈیشن چھِ یِہنٛزٕ زندگی منٛزٕے چھاپ سپدۍ ہٕتۍ یِیلہ زن ونیک تام امہ مجموعکۍ ۱۴ ار ایڈیشن شایع سپدۍ۔ فاضل صأب اَسۍ زبر شأعر آسنس ہٕتۍ ہٕتۍ بہترین کأتب تہِ۔ یِموچھےٚ پنٛنین اکثر کتابن بشمولِ "انوارِ محمدی" پانٔے کتابت کرمٕژ۔

فاضل صأبن کوٚر گوڈٕ ساہتیہ اکیڈیمی ہُنٛد ایوارڈ رٹنہٕ نشہِ انکار۔ تِہنٛد وَنُن اوس زِ شأعرس نٛز پرزنتھ چھُنہٕ ایوارڈ ہٕتۍ آسان بلکہ شأعرسنٛز شناخت چھےٚ لُکو

ستۍ بنان۔ یہندس کلام یوسہٕ عوٲمی مقبولیت میج سوچھے یہند باپتھ ایوارڈو کھوتہٕ بۆڈ اعزاز۔ فٲضل صابنین ایوارڈن ہُند فہرست چھُ ہنا زیوٹھ۔ یمن میؤل "نگہبان" تہٕ "پرِیچھ گنگ" باپتھ وزارتِ تعلیم حکومتِ ہندوستانُک بہترین کتاب ایوارڈ۔ امہِ علاوٕ چھُ یمو "دستھ رنگ" شعرِ سۆمبرنہٕ باپتھ ریاستی کلچرل اکیڈیمی ہُند بیسٹ بُک ایوارڈ تہٕ روٗٹمُت۔ یمن چھُ "کاشُر سرمایہ" باپتھ ساہتیہ اکیڈیمی ہند ایوارڈ تہٕ حاصل سپُد مُت۔ فاضل صٲبس چھُ تہندِ یمہِ عالمہٕ گژھنہٕ پتہٕ ریاست جموں وکشمیر سرکارُک سٹیٹ ایوارڈ تہٕ تۆرمُت۔ امہِ علاوٕ چھِ فاضل صٲب کٲہیا ریاستی، ملکی تہٕ بین الاقوامی اعزازو تہٕ اِکراموستۍ تہٕ نوازنہٕ آمتۍ۔

فاضل صابُن کاشرِ شاعری تھکبن لایق دیُت نظرتل تھاوِتھ اوس اسہِ کینہہ کال برونہہ یمن پیٹھ شیرازٕ رسالُک خصوصی شمارٕ شایع کرنُک ارادٕ کۆرمُت تہٕ اتھ پیٹھ اُس کام تہٕ شروع سپدمٕژ ووٚنی گۆو دفتری مجبوریو سببہٕ پیٚیہٕ یہٕ کام کینژس کالس طاقچس پیٹھ تھاوٕنی۔ ۱۹ رنومبر ۲۰۱۶ء میج ایڈوائزری سب کمیٹی ہنزِ میٹنگہِ منز باقیو خصوصی شمارو علاوٕ مرحوم فٲضل صٲبس پیٹھ شیرازٕ رسالُک خصوصی شمارٕ شایع کرنس منظوری۔ فاضل صٲبنہِ زندگی ہِندۍ مختلف گوشہٕ تہٕ یہِندی ادبی خدمات بدِ کڈنکہِ غرضہٕ کۆر اسہِ ادیبن تہٕ قلمکارن، مرحوم فاضل صٲبس پیٹھ مقالہٕ لکھنُک درخواست۔ واریاہو دوستو تہٕ رفیقو تھۆو سٲنس وننس گن تہٕ اسہِ سۆزکھ پننۍ مقالہٕ بیترِ یمہِ سببہٕ یہٕ شمارٕ شایع کرُن ممکن سپُد۔ کینژو دوستو کۆر انکار، کینژو کۆر ازپگاہ تہٕ کینہہ مضامین پیٚیہٕ ژیرِ واتنہٕ کِنۍ ژسی۔ اسہِ چھِ یتھ شمارس منز

فاضل صابنین ادبی کارنامن وحاطہٕ کرنہٕ کہِ غرضہٕ تِم کینہہ مضمون تہٕ شامل گرٕ متی ییم مختلف کتابن تہٕ رسالن منز گوڈٕے درج اُسی، تہٕ کینہہ مقالہٕ آیہٕ دۄ ییمو زبانو پیٹھٕ کاشرس منز پھرنہٕ۔ اُسی چھہ تمن سارِنے مقالہٕ نگارن ہندی شکر گزار ییمو اسہِ یہِ شمارٕ شایع کرنس منز پنٕن مولُل قلمی اتھ بندُت آیتن تھوو۔

اُسی چھہِ فاضل صابنس فرزند جناب سید ذیشان فاضل صابنٕ تہٕ شُکر گزار ییمو فاضل صابنٕ کھٕ یا انہار فوٹون ہندس صورتس منز اسہِ آیتن تھاوٕ تہٕ پربتھ قدمس پیٹھ رٕ دٕ یہِ شمارٕ ترتیب دنس منز اسہِ ستی پکان۔

اکیڈیمی ہندی سیکریٹری ڈاکٹر عزیز حاجنی صابُن تہٕ چُھ شکریہٕ کرُن لازم، تکیازِ ییم رٕ دٕ یہِ شمارٕ وقس پیٹھ تیار کرنس منز پربتھ ساعتہٕ سانٕی رہبری تہٕ رہنمائی کران۔

امید چھےٚ زِ فاضل صابنہِ زندگی تہٕ ادبی کارنامن پیٹھ مشتمل شیرازُک یہِ خصوصی نمبر کرِ علمی تہٕ ادبی حلقن منز سُہ مقام حاصل ییمیک یہِ حقدار چُھ۔ ستی چھےٚ یہِ امید تہِ زِ یہِ شمارٕ سپدِ طالبِ علمن، ریسرچ سکالرن، ادبین، فاضل نوازن تہٕ ادبس ستی لوٕ ے خوٕ ے تھاون والین ہندِ باپتھ حوالہٕ جاتی کتاب ثابت۔

جاوید اقبال

ایڈیٹر

گلزار احمد راتھر

# سوانحی خاکہٕ

| | | |
|---|---|---|
| ناو | : | غلام احمد |
| قلمی ناو | : | فاضل کاشمیری |
| مائلس ماجہِ ہُنٛد ناو | : | خواجہ عبدالعزیز تہٕ محترمہ عزیزہ بیگم |
| زاسنہٕ | : | ۳ راگست ۱۹۱۶ء |
| زاجاے | : | ڈب تل، عالی کدل، سرینگر |
| آبائی گرٕ | : | میر محلّہ ملارٹہ، سرینگر |
| وفات | : | ۱۱ر جُلے ۲۰۰۴ء (گلشن نگر بائی پاس) |

## تعلیم

| | | |
|---|---|---|
| ابتدائی تعلیم | : | (انجمن نصرۃ الاسلام، شاخ مدرسہ صفا کدل سرینگر) |
| میٹرک | : | ۱۹۳۳ء (انجمن نصرۃ الاسلام راز ے کدل کہ ذریعہِ پنجاب یونیورسٹی لاہور پیٹھٕ امتیاز سان پاس کرنس پیٹھ میر واعظ کشمیرٕ سنٛدِ طرفہٕ دستار بندی) |
| ایف۔اے | : | ۱۹۳۶ء (ایس۔پی۔کالج سرینگر) |
| بی۔اے | : | ۱۹۳۸ء (ایس۔پی۔کالج سرینگر) |
| بی۔ٹی۔کورس | : | ۱۹۴۰ء |

## پیشہ

بحیثیتِ ٹیچر : ۱۹۴۰ء، ولگام، ہندوور (بیسک سکول)۔ تنخواہ ۳۰ر روپیہِ ماہانہ، گریڈ: ۲۰/۱/۲۵

بحیثیتِ سُپر وائزر : ۱۹۴۲ء

بحیثیتِ ماسٹر : سلر، پہلگام تہٕ شہید گنج مڈل سکول

انسپکٹر آف سکولز : ۱۹۴۴ء فرنٹیر کشمیر رینج۔ واپسی: ۹ر مارچ ۱۹۵۰ء (بذریعہ پرمٹ)

ٹیچرس ٹریننگ سکولُک سکینڈ ماسٹر: ۱۹۵۱ء تہٕ باغِ دلاور خان سکول

بحیثیت ہیڈ ماسٹر : ہائے سکول سوگام (لولاب)، دیالہ گام (اننت ناگ)، ڈنگی وچہ (بارہ مولہ) چندی لورہ (ٹنگمرگ) تہٕ خان صاحب (بڈگام) ۱۹۵۲ء تا ۱۹۶۳ء

پرنسپل : ۹ر اکتوبر ۱۹۶۴ء، بائز کالج راجوری

فیلڈ سروے آرگنائزیشن: ۱۹۶۸ء (ایڈیٹر کاشُر اخبارِ چمن)

فیلڈ ایڈوائزر : اپریل ۱۹۷۰ء، سٹیٹ انسٹیچوٹ آف ایجوکیشن سرینگر

سبکدوشی : ۳ر اگست ۱۹۷۱ء

## کاشرِ تصانیف

۱۔ گلدستۂ فاضل : ۱۹۳۳ء (دورانِ میٹرک اسلامیہ ہائی سکول)

۲۔ترانہ فاضل : ۱۹۳۳ء (دورانِ میٹرک اسلامیہ ہائی سکول)

۳۔سازِ چمن : ۱۹۳۵ء

۴۔نغمۂ زار : ۱۹۳۵ء

۵۔کوکری کا پکھ : (کاشُر مزاحیہ ڈرامہ، دون گرافون ریکارڈن منز) ۱۹۳۸ء

۶۔شیرین فرہاد : ۱۹۳۸ء (کاشُر سماجی ڈرامہ، ترِبن گراما فون ریکارڈن منز)

(یِم دونوٚے ڈراماچھِ لاہورٕ کہِ گراما فون کمپنی

طرفہٕ صدابند سپدی متی)

۷۔سرُود : ۱۹۳۹ء

۸۔ہُسی کوکُر : ۱۹۵۲ء

۹۔انوارِ محمدیؐ : ۱۹۵۸ء تا ۲۰۱۶ء (۱۴ ایڈیشن)

۱۰۔ساغرِ مستی : ۱۹۵۸ء

۱۱۔شمعِ وطن : ۱۹۵۹ء (نظمن ہنٛز سوٚمبرن)

۱۲۔نگہبان : ۱۹۶۳ء (ایوارڈ یافتہ)

۱۳۔تصویرِ غم : ۱۹۶۵ء تا ۲۰۱۰ء (جدید مرثین ہنٛز سومبرن)

(ژور ایڈیشن)

۱۴۔پرپچ گنگ : ۱۹۷۱ء (ایوارڈ یافتہ)

۱۵۔کرشنہ لیلا : ۱۹۷۴ء

۱۶۔اسن کھنگالہٕ : ۱۹۷۵ء

۱۷۔ میراث : ۱۹۷۵ء

۱۸۔ متوٗلی نامہٕ : ۱۹۷۵ء

۱۹۔ سَتھ رنگ : ۱۹۸۳ء (کلچرل اکیڈیمی ایوارڈ یافتہٕ)

۲۰۔ پاڑٕ دٕی سر : ۱۹۸۶ء

۲۱۔ جامِ جم : ۱۹۸۸ء

۲۲۔ سون وطن : ۱۹۸۹ء

۲۳۔ کاشرِ دٕلیلہٕ : ۱۹۸۹ء

۲۴۔ مارننگ پڑائرٕ بُک : ۱۹۸۹ء

۲۵۔ کاشُر سرمایہ : ۱۹۹۰ء (ساہتیہ اکیڈیمی ایوارڈ یافتہ)

۲۶۔ غزل جلد ا : ۱۹۹۰ء

۲۷۔ غزل جلد ۲ : ۱۹۹۱ء

۲۸۔ ستھ کورِ : ۱۹۹۲ء

۲۹۔ پمپوشہِ سر : ۱۹۹۳ء

۳۰۔ دُعائے معصوم : ۱۹۹۳ء

۳۱۔ پرتٕو ستان : ۱۹۹۴ء

۳۲۔ سون وطن : ۱۹۹۵ء

۳۳۔ ستھ سمندر : ۱۹۹۸ء

## اُردو تصانیف

۱۔گلدستۂ فاضل : ۱۹۳۵ء

۲۔اپنے وطن میں : ۱۹۴۷ء

۳۔تصویرِ حج : ۱۹۵۸ء (مکمل حج گائیڈ)

☆:فاضل صأب اُسی کاشُرِ علاوٕ اردو، عربی، فارسی، ہندی، بلتی، پنجابی تہٕ انگریزی زبانہٕ تہٕ زانان تہٕ یمن منز اُسی لیکھان تہٕ تہٕ بولان تہٕ )

☆:فاضل صأبن چھِ پننٕ بیشتر شأعری عُمرِ ہندِس اُخری دورس منز اَکِس ہتس آڈیو کیسٹن منز پننہٕ لہجہٕ صدا بند کرِتھ تھأوِمٕژ )

### ترجمہٕ

۱۔شری جپ جی صاحب: ۱۹۷۴ء (منظوم کاشُر ترجمہٕ )

۲۔شری سُکھ منی صاحب: ۱۹۸۶ء ( گورو ارجن دیو مہاراج ، اُردو ، کاشُر تہٕ انگریزی ترجمہٕ ) ۲ جلد

۳۔سلوک مُلہہ نواں: ۱۹۷۶ء (بانی گورو تیغ بہادر دیو جی)، انگریزی تہٕ اردو (وردِنجات) ترجمہٕ۔ ۶/ایڈیشن

☆: فاضل صأبنین کینہہ طویل نظمن چھ انگریزی زبأنی منز ترجمہٕ سپد مُت۔ یمہٕ نظمہٕ چھےٚ Eleven Horizon ناوٕ چہٕ کتابہِ منز چھاپ سپزمٕژ۔ اتھ کتابہِ چھ دُنیاہ چین ژودا ہن زبأنین منز تبصرِ سپد مُت )

☆: فاضل صأبس پێٹھ چھِ دوٗردرشن سرینگرن ترٛےٚ دستاویزی فلمہٕ بناومتۍ۔

☆: فاضل صابنن کیٛہہ یاباتن ہنٛدی آڈیو تہٕ ویڈیو کیسٹ چھِ بازرس تہٕ یوٗ ٹیوٗبس پێٹھ تہِ دستیاب)

☆: فاضل صأبنہِ مشہور تہٕ معروف نعتیہ سۄمبرنہِ ہُنٛد آڈیو کیسٹ آو ۱۹۸۹ء منٛز بناونہٕ۔ امِکۍ چھِ دُنیٛکتام ترٛےٚ ساس کیسٹ لۄکن تام واتۍ متۍ)

## انعام تہٕ اعزاز

۱۔وزارتِ تعلیم حکومتِ ہنٛدُک بہترین کتاب ایوارڈ: ۱۹۶۴ء (نگہبان)

۲۔وزارتِ تعلیم حکومتِ ہنٛدُک بہترین کتاب ایوارڈ: ۱۹۷۱ء (پرٛیچھ گنٛگ)

۳۔قومی یکجہتی تہٕ ایکتا ایوارڈ (راشٹریہ پرچار بھاشا سمتی): ۱۹۷۵ء (کرشنہ لیلا)

۴۔ریاستی کلچرل اکیڈیمی ہُنٛد بیسٹ بُک ایوارڈ: ۱۹۸۵ء (ستھ رنگ)

۵۔ایس جی پی سی (امرتسر) انٹرنیشنل ایوارڈ: ۱۹۸۶ء

۶۔(ایس جی پی سی امرتسر) طرفہٕ خلعتِ اعزازی تہٕ سروپا: ۱۹۸۶ء

۷۔ساہتیہ اکیڈیمی ایوارڈ: (کأشُر سرمایہ باپتھ) ۱۹۹۰ء

۸۔ہارمنی ایوارڈ (وزیر اعظم ہنٛد سٕندِ طرفہٕ): ۱۹۹۳ء

۹۔خلعتِ حاجنی (حلقہ ادب حاجن سوناواری طرفہٕ): ۱۹۹۷ء

۱۰۔شیخ العالمؒ ایوارڈ: ۲۰۰۱ء

۱۱۔ریاستی سرکارُک سٹیٹ ایوارڈ (بعد از مرگ): ۲۰۰۴ء

شاہد بڈگامی

# فاضل کاشمیری ......لافانی نغمن ہُنٛد تخلیق کار

زیٛٹھہٕ تہٕ کرٛیٛٹھہٕ وَندٕ پتہٕ ییٛلہٕ سوٗنتہٕ واوس ءستی نوروزٕ کی نغمہٕ گرٛزبنہٕ لگان چھہٕ، مےٚ چھُ سہٕ رۄح پرور منظرٕ اچھن تل یوان ییٛلہٕ بہٕ سکول کین سأتھی طالبِ علمن ءستی نشاط باغس منٛز گوڈنکہٕ لٹہٕ فاضل کاشمیری سُند لافانی کأشُر نغمہٕ ''کرٛالہٕ کوٗری مالہٕ کرییٚ کوسمن'' بوزِتھ وجدس منٛز آس۔ یہٕ اوس اپریلک رَبتھ، نشاط باغ رِکس أرِکس گوشش منٛز اوس تمہٕ زمانک مقبول فنکار مرحوم غلام محمد ڈار پنٛنہِ دہرِ بأج ہیتھ پننس خاص آہنگس منٛز فاضل صأبنہِ شہکار تخلیق ''کرٛالہٕ کوٗر'' گیوان تہٕ یہٕ مصرعہٕ بیٛیہٕ تہٕ بیٛیہٕ پھِران:

''کرٛالہٕ کوری مالہٕ کرییٚ کوسمن''

باسان اوس زِ أندی پکھی پھوٗلی ءتی شمارٕ رۄس رنگ برنگ پوٗش تہٕ چھہٕ گلوکارس ءستی گیوان۔ تمہٕ لافانی نغمہٕ ءستی اوس سوٗرے نشاط باغ زنتہٕ وولسنس آمُت۔ فاضل صأبنی تمی مشہور تہٕ مقبول نغمن واتنو مرحوم غلام محمد ڈار مقبولیت رِکس عروٗجس پیٛٹھ۔ فاضل کاشمیری اوس مہجور، آزاد، صمد میر، مرزا عارف تہٕ احد زرگر ہوٚبن پایہٕ بڈبن ہمکال شاعرن ہنٛدی پأٹھی لُکن منٛز مقبول گوٚمُت تہٕ ادبی حلقن

منز اوسُن اکھ مقام پرٛ وومُت ۔ مےٚ تہٕ اوس تمۍ سُند ناو بالہٕ پانٕۍ ویوٚد۔ پوٚز فاضل

صأب برٛونٹھ کنہٕ وُچھنک موقعہٕ آو مےٚ تمہٕ وِزِ ییلہِ کأشرِ زبأنۍ ہُنٛد سر کرٕد شاعر تہٕ

فاضل صأبنۍ دوست فارِق بڈگامی صأبن (میأنۍ زِٹھی بأے) بہٕ پانس ستی نمأیش

گاہ سرینگر ِکس بڈٕس مُشاعرس منز نیوٚس۔

ادبی مأدانس منز وسنہٕ پتہٕ روٗد فاضل صأبس ستی ملاقاتن ہُنٛد سلسلہٕ

جأری۔ سُہ اوس ہم عُمر شاعرن ہِنٛدِ کھوتہٕ نوجوان شاعرن سبٹھاہ لولہٕ سان پیش

یِوان تہٕ حوصلہٕ افزأیی کران۔ مرحوم فاضل صأب اوس ادبی ژوین نشہِ دوٗر

روزان تہٕ نمأیشی قِسمٕہ کبن دأنشورن ہنٛز خودنمأیی تہٕ وَنڈٕبأزی نشہِ الگ پننِس

أکِس مأرۍ مُنٛدس دُنیاہس منز خوش آسان۔ سُہ اوس نوٚ پیہ ہِنٛدِس پرٛتھ شاعرٕ

سُنٛد کلام شوقہٕ سان بوزان تہٕ جان کلامس داد دِوان تہٕ تس لیکھنٕچ ترغیب تہٕ دِوان۔

یِموٚے اعلیٰ اوصافو، شرافت، نوجوان قلمکارن ستی ہمدردی تہٕ لولہٕ ورتاوٕ کٔنۍ أسۍ

اکثر نوجوان قلمکار فاضل صأبنۍ مدح۔ فاضل صأب روٗد محکمٕہ تعلیمس منز

مُلازمتس دوران بڈگأمی علاقس منز واریاہس کالس تعینات۔ خان صأب بڈگام

علاقہٕ اوس تس سبٹھاہ ٹوٹھ، ییتہِ سُہ گوڈٕ بطورِ مُدرِس تہٕ پتہٕ أخری دورس منز ہائی

سکولک ہیڈ ماسٹر روٗدمُت اوس۔ مُلازمتہِ نشہِ سبکدوش گژھنہٕ پتہٕ تہٕ روٗد سُہ

مٔنزۍ مٔنزۍ خان صأبُن کھسان۔ سُہ اوس میأنہِ سرکأرۍ افسری ہُنٛد ابتدأیی دور تہٕ

ییلہِ بہٕ خان صأبُن سرکأرۍ دورس پیٹھ کھوٚتُس تتہِ اوس میأنہِ موکھٕ پنچایت گھرس

منز روزنُک انتظام کرنہٕ آمُت۔ تمن دوہن اوس أکِس پُرسکون ماحولس منز گأمی

رواج تہٕ خلوصہ مطأبق خاصہ پؠٹھی ہٮ۪ندِ حیثیتہٕ میانہِ خاطرٕ واز وان علاوٕ گیوٚن محفلہِ ہُند سٕنٛز تہِ کرنہٕ آمٕت۔ شامن گیہِ خان صأبنہِ کٔنِس دِل ہُشیار تہٕ ادب نواز لگن ہٮ۪نٛز اکھ محفل پنچایت گھرس منٛز آراستہٕ، یتھ منٛز علاقکۍ واریاہ گلوکار تہٕ سازندرٕ اٮ۪نہٕ آمتۍ اُسۍ۔ وُنہٕ اُس محفل شروٗع سپدنےٚ ژٕ کمی تام وۄن زِ فاضل صأب تہٕ چھِ خان صأبنہِ پننس پرٛانِس ڈیرس پیٹھ کٔڈالہٕ ہٮ۪ندِ تشریف تھاوِتھ۔ یہ گوس سٮ۪ٹھاہ خوش تہٕ سوزُم پنچایت گھرُک اکھ اہلکار فاضل صأبس دعوت دِنہٕ۔ کیٚنہہ کال گۄڈِتھ ژاو فاضل کاشمیری صأب نۆو تہٕ شۆبہٕ وُن لباس لاگِتھ۔ خراماں خراماں محفلہِ منٛز تہٕ روٗژٕنس بہٕ نالہٕ متہٕ تہٕ بیہہ نوومے تعظیمہٕ سان پننہِ جایہِ۔ تہندِس پُروقار بِہنس پیٹھ اوس نہٕ بجرُک کانٛہہ تہٕ اثر۔ سُہ اوس جوأنی ہٮ۪ند بن دۄہن ہٮ۪ندۍ پأٹھۍ مأری مۆندتہٕ سرمست باسان۔ واریاہن کالۍ مُلاقات کرنہٕ کِنۍ کرٕ بن واریاہ کتھ مےٚ ہٮ۪تۍ تہٕ اسہِ دوشونٛی گۆو یہ مٔشرتھے ژِ مجلسہِ منٛز چھِ عاشقانِ خان صأب بزمِ موسیقی شروٗع کرنک بے صبری سان انتظار کران۔ مےٚ کۆر بتہٕ کھٮ۪نہٕ پتہٕ محفل شروع کرنک تجویز پیش، اما پۆز فاضل صأبن فرمووزِ گوڈٕ گۆورُ حأنی غذا تہٕ باقۍ تمہِ پتہٕ۔

پنچایت گھر خان صأب نِکۍ منتظم سونہٕ شاہ ہٮ۪ندِ طرفہِ محفل شروع کرنکہِ رِندانہٕ اشارٕ ہٮ۪تۍ گۆو تمہِ یادگار محفلہِ ہُند آغاز کلامِ شمس فقیرٕ ہٮ۪تۍ۔ گوڈنِکہِ نغمہٕ پتےٚ آو فاضل صأب پننہِ جایہِ پیٹھ یکدم تھۆد وۄتھتھ تہٕ بیٚوٹھ گیوٚن والیٚن منٛزس۔ ہارمونیم روٗژٕن پانٕے تہٕ کۆرُن پننٕ روٗف گیوٚن شروٗع۔ تمہِ بأتہٕ کہِ تیز رِدمہٕ تہٕ

فاضل صأبنہٕ پُر اثر آوازِ ستی گیہ محفلہِ منز اکھ وِجدأنی کیفیت پأدٕ۔

بتہٕ کھنہٕ پتہٕ لٔج بیٚیہ محفل، ییتہ منز خان صأبنیٚ علاقہٕ کیٚو واریاہو فنکارو زیادٕ فاضل صأبنیٚ کلام گیوٚو۔ فاضل صأبن گیوٚو پننہِ کلامہٕ علاوٕ شمس فقیر، رسول میر تہٕ حبہٕ خوتونہِ ہندی واریاہ نغمہٕ تہٕ اوٚنُن محفلہِ منز موجود لولہٕ والین مژر۔ خان صأبنیٚ گام چھِ سأرِے بڈ گأمی علاقس منز اَتہِ کنہِ دِل ہُشیار تہٕ فن نواز لُکن ہنٛز روایتو رٔنی سرس۔ خان صأبنہِ سالانہٕ مألک ثقافتی پوٚت منظر چھُ بڈ گأمی علاقہٕ کنہِ مأری مژن لولہٕ روأیتن منز مشہوٗر۔ مےٚ چھ بالہٕ پانہٕ پیٹھےٚ خان صأبنہٕ علاقکی واریاہ مأری مُندی پہلوٗ وُچھمتی، ییم الف لیلیٰ چو داستانو کھوتہٕ زیادٕ دلچسپ چھ۔ گزٕ بشمہٕ کالس منز چھِ خان صأبنیٚ مألہٕ کٔشیرِ ہُند اکھ بوٚڈ ثقافتی جشن آسان۔ ییتہ منز روأیتی تہٕ قدیم کأشُر نژن دمبألی، گامہٕ گوندرن ہنٛز دب، سوندرن ہُند وَنہٕ وُن، سانہِ ثقافتکی واریاہ انہار نظرِ چھِ گژھان۔ تتھ یادگار محفلہِ منز کوٚر فاضل صأبن یہِ اہم انکشاف تہٕ زِ تِمو چھِ پننہِ اکثر مقبول غزلہٕ خان صأبنیٚ تخلیق کرِمژٕ۔ فاضل صأبن ووٚن زِ خوش لحن آسنہٕ رِکنی رٔ دُسہ لوکچار پیٹھےٚ کُنہ کُنہِ محفلہِ منز پانہٕ گیوان تہٕ ہارمونیم وأیِن اوسُن کالج رِکس زمانس منز ہیوٚ چھُمت۔

فاضل صأبن تھوٚو سرکأری ملازمتہٕ نِشہٕ ریٹائرسپدٕنہٕ پتہٕ تہِ بڈگأمی علاقس تہٕ خاص کٔرِتھ خان صأبنس ستی جذبأتی تہٕ رٗحأنی تعلق برابر قأیم۔ سُہ اوس خان صأبنیٚ مألہٕ کہِ دوہہٕ خان صأبُن ضرٗ رواتان تہٕ تتہِ دوہ وادن روزان۔ سرکأری افسرن ہند بن دولابن ستی آوٗر آسنہٕ رِکنی اوس مےٚ تس پایہِ بڈس سمکھنک سبٹھاہ کم

موقعہِ میلان۔ پوٚز ییلہِ یہ خان صابنہِ بی، ڈی، او، اوٚسس، سالانہٕ مائکس پیٹھ اوس تتہِ فاضل صابس ستی ملاقاتک شرف ضروٗر حاصل سپدان۔

فاضل صاب روٗد سالانہٕ حُسینی مُشاعرن منٛز برابر بڈگوٚم تشریف انان۔ تہنٛزٕ حُسینی نظمہٕ تتہِ تہنٛدی کاشُری نوحہ آسی حُسینی عاشقن منٛز سبٹھاہ مقبول۔ تہنٛدی کاشُری نوحہ آسی محرم کین جلوٗسن منٛز تتہِ عام لُکھ دأیرن منٛز پران۔ فاضل کاشمیری صابن اوس واقعہ کربلاہس پیٹھ وارِیاہ کینٛہہ لیوٗکھمُت تہٕ تہنٛزن حُسینی نظمن، سلامن تہٕ نوحن ہنٛز اکھ سوٚمبرن چھہِ ''تصویرِ غم'' ناوٕ حُسینی ادبس منٛز اکھ تھکبُن لایق اضافہٕ۔

الحاج فاضل کاشمیری اوس وارِیاہس کالس صاحبِ فراش تہٕ کینٛژوس کالس اوس نہٕ کتھ تتہِ کران۔ یہ ییلہِ اکتوبر ۲۰۰۳ء منٛز فاضل صابس پیٹھ اکھ ڈاکیومینٹری فلم بناونہٕ یِس سِلسِلس منٛز تہنٛدِ گرٕ بائی پاس روڈ نوگام گوس، تہنٛدی فرزندِ ذی شان فاضل صابن وٲنِ مےٚ زِ فاضل صابن چھہٕ وارِیاہ کالہٕ پیٹھٕ کتھ کرٕنی ترٛاوِمٕژ، پوٚز سُہ چھ وٕنی گُنہِ حدس تام صحت یاب تتہِ سپدیوٗمُت۔ وارِیاہ وقت گذرنہٕ پتہِ ییلہِ یہ فاضل صابنٛس آنگنس منٛز ژاس، سُہ اوس دوٗیمہِ پورچہِ دارِ پیٹھ آنگنس کُن وُچھان۔ تِمہٕ مرحومن پرٛزنوٗوس یہ دوٗرے۔ حالانکہِ تقریباً ۲۰ ورٛی آسی مےٚ تِس سمکھنس گمتی۔ مرحوم فاضل صاب ییلہِ ذیشان صابن آنگنس منٛز دأن گُجن تل واتنوو تِمہٕ کوٚر مےٚ نالہٕ موٚت سبٹھاہ جوشہِ سان تہٕ اسان اسان ہیوٚتُن مےٚ ستی زیٹھ خارٕ پاٹھ کرُن۔ ذی الشان صابن کوٚر خوش گرِتھ مےٚ مُبارک زِ فاضل صابن مُشرأوژنے وُچھتھ از وارِیاہہِ کالی زیو۔ یہ چھنہٕ

واریاہ کالہٕ پیٹھٕ کاثٕنسی ستی کتھ کران۔ فاضل صائبس ستی کرِ مےٚ واریاہ کتھہٕ۔ تِہنٛد انٹرویو "تخلیق کار" اوس پرتھ رنگہٕ تارٖیخی تہٕ تِہنٛز ولولہٕ انگیز زندگی ہُنٛد واریاہ دلبر بار پہلو گاشہٕ راونک تارٖیخی دستاویز۔

سُہ اوس فاضل صائبس ستی پرٛنٹ تہٕ الیکٹرانک میڈیا ہٕک اکھ مُفصل، اہم تہٕ آخری انٹرویو، یُس میانہِ خیالہٕ اکھ یادگار تارٖیخی دستاویز چُھ تہٕ دوٗردرشن کینٛدرس سرینگرس نِش آسہِ تخلیق کارناوٕ تہِ محفوٗظ۔

الحاج غلام احمد فاضل کاشمیری زاو ۱۹۱۶ء منٛز سرینگر تہٕ ایس پی کالج سرینگرس منٛز گریجویشن گرِتھ لگو ٹیچر پتہٕ بنیو وہائی سکولک ہیڈ ماسٹر تہٕ گوٚو گزیٹڈ عُہدس پیٹھ سبُکدوش۔ گُنہِ وقتس روٗد فیلڈ سروے اِدارس منٛز ایڈیٹر تہٕ اوس سیٹھاہ سرگرم۔ پٔتِم آبٲئی گرٕ اوس ڈب تل سرینگرٕ پتہٕ کھوٚت نوگام بائی پاس روڑ بسنہِ۔ یوٚز پٔتِم پرٛون گرٕ اوس وِزِ وِزِ یاد پیوان تہٕ بِمار سپدنہٕ برٛونٛہہ تہٕ بِمارِ ہنٛد بن دوہن اوس گرِ گرِ شُر بن ونان زِمےٚ وٲلِو تٔو ڈب تل پٔتِم گرٕ واپس۔ واریاہہ لٹہٕ وول شُر بو ڈب تل تہٕ تتہِ اوس محلہٕ والین ستی کتھن میٹھان۔ فاضل اوس اکھ پُر گو عوٲمی شاعر تیمس مہجورٕ سنٛدی پٲٹھی پنہٕ نے زندگی منٛز سیٹھاہ قبول عام حٲصل۔ فاضل اوس اکھ تِتھ عہد ساز سُخنور تیمی نعت، منقبت تہٕ تیمی "کزالہٕ کوٗر" ہِش روٗمانی تخلیقہٕ بارسس اَنِتھ نہٕ صِرف عوٲمی سوٗتھرِس تہٕ ادبی دنیاہس منٛز سیٹھاہ تھوٚد مقام حٲصل کوٚر بلکہٕ بنیو وُسہٕ پننِس دورس منٛز ہم کال تخلیق کارن تہٕ کاشُرِس شعری ادبس منٛز اکھ سیٹھاہ بُلند قامت تخلیق کار، یمی کاشُر

شاعری سبٹھاہ کینہہ دِیُت یُس باگہِ یوٗ رُت چھُ۔ فاضل کاشمیری مرحوم سُند لگ بھگ سوُرے کلامہٕ چھُ تِمۍ سِند بو فرزند ذی الشان فاضل تہٕ ریحان فاضل صأبن سبٹھاہ شاندار پأٹھی چھاپ کٔرِتھ اولادِ صالح آسنچ اکھ بڈ مثال پیش کٔرمٕژ۔

۱۱ر جولائی ۲۰۰۴ء فاضل کاشمیری یِیمہِ عالمہٕ نیرنہٕ ستۍ ووت ودنی کأشرِ ادبک سُہ دور اَند، یتھ منز عبدالاحد آزاد، غلام احمد مہجور، ماسٹر زِندہ کول، حیرت کاملی، دینا ناتھ نادم، غلام نبی عارض، صمد میر، رسا جاودانی، جانباز کشتواڑی، میر غلام رسول نازکی، فارق بڈگامی تہٕ فاضل کاشمیری ہوبو کأشر بو سُخنور و کأشرِ شعری ادب پننیو لافأنی ادب پارو ستۍ مالامال کوٗر۔ اکہِ حسابہٕ أسی یِم سأری پایہِ بڈۍ کأشرۍ ہمکال سُخنور، تِکیاز یِم أسی أکی ہے زمانس منز کأشرِ قوم کِس شعری سرمایس اکھ نٔو نہج ہیتھ دامن بھران تہٕ پانہٕ وأنی أسی گُنہِ نتہٕ گُنہِ صوٗرتس منز نزدیک۔ فاضل کاشمیری اوس امہِ کاروانک اکہِ حسابہٕ أخری مسافر تہٕ پایہِ بوٗڈ شاعر یمی کأشرِ زبأنی تہٕ ادبس أکِس بُزرگ تعمیر کارٕ سندِ حیثیتہٕ ہمکال بأنی کارن یعنے بڈبن کأشر بن سُخنورن ہندِس تتھ کاروانس منز تاریخ ساز کردار ادا کوٗر یمو کأشرِ زبأنی جدید دورس برونٹھ تہٕ ۱۹۴۷ء پتہٕ مالامال کٔر۔ فاضل صأبن یوٗ دوٚے کأشرِ شاعری ہنز روایتی نہج پانہٕ نأوِ پوٗز تِہندِس کلامس منز چھُ تِہنٛد بیوٗن آہنگ تہٕ انہار تِمن ممتاز سُخنور سِندِ حیثیتہٕ اکھ پوٗشہِ وٕنی عظمت عطا کران۔

☆☆

سید رسول پونپُر

# فاضل کاشمیری تہٕ کاثُر دُعا

ارشادِ ربانی چھُ: اَدعُونِی استجِب لکُم: تُہۍ منگو بہٕ کرٕ تُہنٛد دُعا ضرٕور قبوٗل۔ یُہٕ تٕ زِ قرآنِ کریم چھُ الوٗ ہی دُعا ستی شروع سپدان۔ سورہَ فاتحس چھُ اُم القرآن وَننہٕ آمُت تہٕ یُہٕ ہے چھُ قرآنِ مجیدُک جوہر تہٕ، ییمہِ ورأے نمازِ ہنٛز یا نفلچ کانٛہہ تہٕ رکعت نہٕ وسہِ نہٕ۔ اِوٕ کِنۍ اگر أسی یہٕ ونوٗ زِ نماز کیاہ، سأنۍ زندگی وَسہِ نہٕ دُعا ورأے نہٕ تی روزِ مناسب۔ بہٕ کرٕ تہٕ شوٗبم تہٕ سورہَ فاتحہ ستی پننہٕ ییمہِ ناچیز کوٗششہِ ہنٛد دسلابہٕ کرُن:

بسم اللہِ الرحمٰنِ الرّحیم

اَلحمدُ لِلّٰہِ رَبِّ العالَمِینَ۔ الرَّحمٰنِ الرَّحِیم۔ مَالِكِ یَومِ الدِّین۔ اِیّاكَ نَعبُدُ وَاِیّاكَ نستَعِین۔ اِھدِنَا الصِراطَ المُستقِیم۔ صِراطَ الذِّینَ اَنعمتَ علیھِم۔ غیرِ المَغضُوبِ علیھِم ولا الضّالِمینَ۔ آمین

گوڈٕ خداین تہٕ پتہٕ تمۍ سٕندی رسولنؐ چھُ پننِس اُمت دُعا کرٕنۍ ہیچھناوِمٕژ۔ پانہٕ تہٕ أسی پرٕتھ وِزِ پننہِ اُمتہٕ باپتھ مغفرت منگان روزان۔ اَللّٰھُمَ مغفرلی اُمتی۔ اَللّٰہُ مغفِرلی اُمتی: خدایہِ میأنِس امتس کرتہٕ مغفرت، خدایہِ میأنِس امتس

کرتہٕ مغفرت، تہٕ اوے اگر وَنہٕ یِیہٕ تہٕ شۆبہٕ:

اکھ خدا گۆو اَسہٕ چھُم زیادٕ ٹوٹھ

بۆڈ نبیؐ یَس نوٗر لۆد اُمی وَنن

مولانا رومیؒ چھُ فرماوان زِ انسانہٕ سُنٛد کامہ تہٕ دُعا چھُ قبوٗل سپدان تِکیازِ دُعا کرنُک توفیق چھُ پانہٕ خداصاب عطا کران تہٕ سُہ چھُ پننِس بندس یہٕ توفیق تیلی بخشان ییٚلہِ امیُک قبوٗل سپدُن اللہ تعالیٰ سٕندِس مشیّتس تحت چھُ آسان۔ یہٕ چھےٚ الگ کتھ زِ کیٚنژن دُعاہن ہنٛدِ قبولیتُک اثر چھُ فوری طور آسان تہٕ کیٚنژن ہُنٛد ژیری پہن۔ ییمہٕ کِنۍ صبر کرنُے سبٹھاہ رُت چھُ، نہٕ زِ نااُمیدی ہُند نگرِ لاگُن۔ دُعا چھُ عبادت تہٕ تہٕ عبادژ وس تہٕ گۆج تہٕ (عبادت وٕنی توس، پۆزاوٕنی توس یا آرادھنا) اَسی اگر سٕنتھ وارِ پاٹھۍ وُچھو، اَسی زانو پانے زِ ییتہٕ چھےٚ خدایہٕ سٕنزن بے پناہ تہٕ بے انداز نعمتن ہُنٛد شُکرانہٕ آسنس سٕتۍ سٕتۍ بڈ پایہٕ سانین انفرادی کیو اجتماعی دُعاہن ہنٛز ہیر، یوسہٕ وونہٕ چھہٕ مندورِ لاگتھ اَسی ابدی پزرس قریب واتنکۍ جتن چھِ کران۔ یم تنہٕ پیٹھٕ جاری چھِ۔ وُچھوٕے تہٕ زِنٛدٕ روزنہٕ پتہٕ لسنہٕ بسنہٕ باپتھ جوٗرُن جکھُن تہٕ زِی زیٚنِن یا ووٗتھٕ ژھانٛٹھ تہٕ تچھ بچھ کرُن چھُ ژکہِ دُعاکُے اکھ اژھُن اَنگ۔ اوے تہٕ چھُ بنٛدٕ ییٚلہِ تس پانَس کہِنۍ تہٕ چلہٕ نہٕ خدایسے سوٗرُے پُشراوان، تَسی یِژھ پڑھ منگان "وَاُفَوِّضُ اَمْرِیْ اِلَی اللّٰہِ اِنَّ اللّٰہَ بَصِیْرٌ بِالْعِبَادِ"۔ سُہ چھُ بوزان تہٕ تہٕ وُچھان تہٕ۔ ووتھٕ وُن، بیہوٗن، پکہٕ وُن، وُزیا شۆنگتھ چھِ تمی ملاۓکھ راۓ چھدرتھاوِی ہتی۔ تمن چھُنہٕ ہیوٗن دِوُن کہِنۍ تہٕ، رِژ

عملہٕ تہٕ پٔتن پان ڈٔنجہِ، قرارٕ تہٕ کرٕ رٔٹنہٕ ورأے۔ دُعا چھ آدم زادس زنما تو پیٹھ ستی۔ سمکھوتہٕ سلام کرو، سکھر ویا اکھأ کس اجازت ہیتھ نیرو تہٕ یژھوا کھأ کس رُت۔ دیٔوتہٕ اسہِ ستی روزِنہٕ کہنی۔ اسوتہٕ سأری اسن اَسی ستی تہٕ دٔپتھ گوٚ وورُت یژھوتہٕ سأری، یژھن رُتے۔ ناکارٕ یژھوتہٕ کانٛہہ تہِ یژھ نہٕ سانہٕ باپتھ رُت۔

اوٚبرٕ تلہِ نہٕ تھپھے تہٕ زورٕ زورٕ وَنہٕ ناووس شُربن اتھِ کزٕ بکہٕ دِی دِی "یا شیخ صنعاں اوٚبرٕ دیو فنا، یا اللہ تا پھ کر صاف کوٚگر مارے، یا اللہ دوٚر کر، اوٚرکوٚ گر مارے"۔

ہوکھے کرِ تہٕ بارٕ ودِی دِی ونوس "تلہٕ دوٚ دتلہٕ پوٚ دپیٹھ دٕ زتال، یا بار صاحبہٕ روٚ داہ وال۔ نفل پرو، آستانن کھار وزنانہٕ مردٕنٛہٕ ٹکھن"

سہلاب آسہِ یا بیٚیہٕ کانٛہہ ناگہأنی بلاے۔ کٔڑ کوٚگر، چوٚ چار وأے دِمو چھپہٕ۔ سسہٕ رس تہٕ پیٚرٕ خأراتھ کرو۔ قدرت چھے یوان برجوش۔ یِیمہِ وقتہٕ یہ دِل پھٔٹِتھ منگوس تہِ بوزِ۔ دوٚرتہِ کرِ تہٕ روٚ دتہٕ والہِ، یٔپ تہٕ ہیٚیہٕ پوٚت تہٕ میلہِ زوٚچ برات......نتہٕ کیاہ چھ اسہِ تام...... دِنہٕ وول تہِ پانے تہٕ نِنہٕ وول تہِ پانے۔ دِیہٕ ہے تہٕ کٔٹس نوٚن زن تہٕ نِیہٕ ہے تہٕ کٔٹس موٚن زن۔ نتہٕ چھ شاعرن کرتام ووٚنمُت:

تدبیر کران وأنٛس مالہِ رأوم | تقدیرٕ آم نو وَنے
یی لأنی لیوٗکھنم لوحِ محفوظس | تی چھس نکھہٕ والان

سہٕ گوٚ وزندگی ہُنٛد سودا، کٔس کوتاہ ہارِ زِینتھ تہٕ کٔس کوتاہ زینہِ ہأرِتھ۔ فاضل صأب چھ اتھ کتھِ وأتتھ:

چارٕ سازو غم پُشری تھم یم تہٕ ہا آسان گے
اتھ مہربانی لگائیو توتہٕ کم نقصان گے
یم پٔنن آسُن نہ آسُن دِتھ کرن سودا ژٕ ےؠتی
تم اگر سوٗرے پٔنن ہارن تمے زینان گے

☆

ژٕ ے پتھ کُل جہاناہ مےٚ ہاوٗرن چھ زیٖنن
ژٕ ے پتھ ہارٕنس منٛز مےٚ وتم بہٕ ہارا
پروردِگارا پروردِگارا

شُرنۍ ودِتہٕ موج تہٕ کتہٕ دِیَس سہل سہل دود۔ دُعاتہٕ نۍ کروتہٕ اللہ تعالیٰ تہٕ کیاہ کرِ قبول۔ اتھ کتھِ کُن چھ مولانا روٗم ییمہٕ عارفانہٕ آیہ اشارٕ کران:

تا نہ گرید ابر کے خندد چمن
تا نہ گرید طِفل کے جوشد لبن

یوٚ تام نہٕ اوٗبُر وَدِ (روٗدوالِہ) چمن کتہٕ اَسِہ (پھولِہ) تہٕ یوٚ تام نہٕ شُر وَدِ ماجہٕ ہنٛدِس وچھس منٛز کتہٕ لگِہ دودس گرٕبکھ:

طفلِ یک روزہ ہمید اند طریق
کہ بگریم تار سدایہ شفیق

ستہٕ زاو شُرتہٕ چھ یتھ کتھِ وأنتھ، ییلی بہٕ وِدِتیلہٕ برِ داے تہٕ لول۔

لل دیدِ پتٕھ ازتام لوکٹو کیو بڈٕ و شأعرو، سارِوے چھ کینٛہہ دُعاتہٕ مناجاتہٕ

رٕنگی وۆنمت۔ مگر فاضل صاینس کلامس منٛز چھُ پتہٕ اکھ مستقل عنوان، یٖمہٕ نِشہٕ لوٗکٹ بٔڈۍ ساری فیض حاصل کٔرِتھ ہیکن۔ اتھ سلسلس منٛز چھےٚ تہنٛد بن دُعاہن تہٕ مناجاتن ہنٛز سوٚمبرن ''دُعائے معصوم'' ناوٕ ہینٛز لایق۔ سُہ چھُ یژھہِ پژھہِ خدایس ہنٛزِ بارگاہِ منٛز ادبہٕ سان التجا کران:

مےٚ ژےٚ چھکھ قبلۂ حاجات یاربّ
عطا کرٕنی چھےٚ چأنی ذات یاربّ
موٚنگئو تیٚمی تس دِتھ سورُے بےٚ انداز
چھےٚ قدرت ژیےٚ سِنٛد اثبات یاربّ

☆

مےٚ چھکھ ژےٚ اوسہٕ ہم ژےٚ آسہِ ہم ژےٚ
خوشی بخشان دِلس چھکھ ژےٚ مےٚ غم ژےٚ
مےٚ تورُمت فکرِ چھُم اُخر بہٕ کیاہ چھس
بہٕ کینٛہہ چھُس بس تمیٚک آگُر چھُہم ژےٚ

تس چھےٚ یہ کتھ معلوم زِ دُعا منگنہٕ برٛونٛٹھ نماز پرنہٕ وِزی چھُ تس تہٕ تہنٛدِس لاشعورس منٛز اکھ بوٚڈ بارٕ حُسنہٕ بازار لگان، تِکیازِ سُہ چھُ عشقُک بیمار شاعر:

بہٕ چھُس اکھ شعر گو چھُس عشقہٕ بیمار
دماغس منٛز لگان چھُم حُسنہٕ بازار

خدائے چھُ زمین آسمانک نوٗر، سُہ چھُ تس تہِ گاران:

تھاوتھ:

یہِ زندگی چھےٚ اکھ سفر امی اوٚنس بسپر

مےٚ بزٕ وٕنتھ اُنتھٕ رٕسی سفر خدایہِ کیاہ ونےٚ

یہِ زِیوٚٹھ تہٕ کٔرٕیوٚٹھ سفر جأری تھاونس دوران چُھ کھورس پیٹھ کھور گژھِ تھےٚ۔ قدم چھِ اورٕ یور ڈٕلی تھےٚ تہٕ یہِ ڈٕلِ زِ تہٕ تلوار دارِ پیٹھی پکہٕ وُن چھےٚ گرا اور یور تٕتھے:

بخشتھم نےٚ توتہِ اٚخر بخشتم

دوزخی اٚستھ تہِ چأنی آش چھم

چھُم سیاہ روے چھُم ڈبکس لیکھِتھ اتری

یِم اتری نہناوتم منساوتم

گوناہ کٔری کٔری تھکن چُھس توبہٕ کٔری کٔری

خداوَندا مُشتھ ما گوٚے یہِ فأضل

☆

اگر میأنس خدایس، آسہِ منظور

ونِم لا تقنطوا ظُلمت بنِم نوٗر

نہ چھُم ژوٗنگاہ نہٕ شمعا زالنس رٕئیت

اٚچھن تل کتھ سنا پیٹھ چھُس تھٕوِتھ زوٗر

سُہ چُھ اٚتی مٔژری ادبہٕ سان خدایہِ سٕنزٕ بارگاہہِ منز حأرتس گوٚھتھ کیاہ تام

ونان تہٕ اُتی سٔد رٕ سَنبرتہِ ژھاران ڈ دوَن سگوَنہٕ باپتھ۔ بشرتہٕ بیٚیہٕ پیٹھ شاعرتہِ:

کیاہ مے گوٚو نا زاتھہ تہِ سجدا اَسجدٕ ہیوٗ

یوٚد نسا گوٚو کیاژِ دوٗ پتھم سجدٕ دیوٗ

بے نیازا چانہٕ عظمو چھا ونُن

ہے نمازن ہُنٛد یہٕ داتھر کتھ رٕتو

☆

تمنا چھُم گوٚژھس اَسُن بہٕ دریا

بہٕ کرٕ ہکھ آبہٕ سٟتی سأراب صحراو

گلن ہُنٛد رنگ برٕ ہا سنگریزن

رنگو سٟتی ڈ دوَنن کرٕ ہا بہٕ پأراو

گژاوتہِ چھ تسی کرٕنی شوٗبان تیمی سُند توقع آسہِ تہٕ یس سٟتی اژھن ازلی مِیُل آسہِ تہٕ تہنٛدِ سے بژاندس تل چھ مُرِ دأرِتھ بیہنس تہِ من پژان، یتھنہٕ کأرتہِ نوٚ مراوِنی پیٚیہٕ:

کران چأنس برس تل چھُس گدأیی

اَچھن تل چھم پنٕنز تِتھ بے نوأیی

مے محتاجس طلبگأری نصیبس

خداوَندا کرم حاجت روأیی

☆

جوین میٲنین پھرٕکھ نا آب یاربّ

پلن تام ڈلوٗنک چھُم خاب یاربّ

دِہم نا گژھ تہٕ مِصرُک نیل کرٕہم

بہٕ چھس سیماب زن بیتاب یاربّ

آدم چھُن گوناہن ہُندلوٗ دمُت۔ سُہ کیٛاہ تکن گری ہاوِ اللہ تعالیٰ ہس نِش، یُس تکن گری تہٕ کاٗری گری ہُند آگُر تہِ چھُ تہٕ اُتھ تہٕ:

گوناہ مےٚ کارِ عیب ویوٚژ تہٕ مایہِ ناسہٕ تژاس

مےٚ پھیری پھیری کن روٗژُم مگر بہٕ توتہِ تی

أکِس بیکس نشے تھوٚوُم مے دید ترٕ کش

مگر خدایہِ بس ژےٚ نِش پھُٹُم کمانگری

ملک صِفت تہِ پےٚ لبن یمن کتھن اندر

ژےٚ ٹارِ فاضِلنٕ کھسی اگر بہٕ چاٗری گی

فاضل صابس چھُ یمہِ کتھِ ہُند پوٗرٕ پاٗٹھی پےٚ زِ نیزمی تہٕ نرمی چھےٚ تھزرٕچ تہٕ بجرٕچ علامت، تِکیٛازِ موٚ برٕ ژُکلی لٔنڈ ے چھےٚ زمینس بوسہٕ دِوان۔ فاضل چھُ اوٚ ے ہتہِ اتھ نِدامتک دامنہٕ رٔٹتھ دست بدٕ عا تھوٚ دُئلان تہٕ منگان:

ناو پھُٹرٕم ازلہٕ رووٗم، ہَم تہٕ کھوٚر

پیرُون چھُم پان، یارب یوٚٹھ مے کھال

اوٗر تہٕ دوٗر تھاوُم یوٚ تاں أچھ پھیرِنم

زندگی یُتھ نا گوٚہم پانس ووبال
دستگیرا، پتھ بہٕ چُھس رٕنم برٛونٛٹھ کُن
میر کرتم چھُس بساطس پیٹھ پھوال
سُجدٕ دِیُت مےٚ پولےٚ تقویٰ زوہد
یُتھنہٕ سپدِ بم پارسائی ہُند خیال
یُتھنہٕ نمو کھ سُجدٕ میون حرفِ غلط
اُلِف قد سپدُم نمازو ستی دال
بوزتم آلو تہٕ کرتم کامیاب
چانہِ قو درٕژ رِنش نسأ کینٛہہ شےٚ محال

☆

مےٚ عُمرِ منز اتری گری فقط گوناہ تہٕ پاپ
کمی گرٕھی نہٕ کینٛہہ اگر یچھس زبر دِہم
تُلُم مےٚ ہارٕ نٕکی فقط یہِ نظرِ ہُند فریب
کمی گرٕھی نہٕ کینٛہہ اگر دوزٕ ھو گوہر دِہم
چھِ لُکھ دپان جہنمس گرٕھن چھُ فاضلس
کمی گرٕھی نہٕ کینٛہہ اگر کہےٚ تنوٗر دِہم
ییٚتہِ باسان چھُہم ژٕے زیادٕ نزدیک
تتہِ باسان مےٚ شہہ رگ دوٗر یارب

فیاضا بر تہٕ دامن از فقیرس

کرم کرتس فقط ژیٚے پٮ۪ٹھ نظر چھس

خودی چھم ووکھ صوٗرت، کاو سیرت

پری کر فاضلس، کر حوٗر یارب

رضائے مولیٰ از ہمہ اُولیٰ اللہ تعالیٰ یی یژھ تی بنہٕ۔ تتھ ہیٚکی نہٕ کانٛہہ کلہٕ پھِرِتھ۔ اتہٕ چھِ کم کم ہارِتھ گمتی۔ سُہ یلس یژھ تس ژھنہٕ پھِری پھِری۔ یلس نہٕ یژھ تس مُرِ اُستھ تہٕ چونٛٹھ:

کم کم ذہین گاٹلی | ڈولاں چھِ پُستیٚن منٛز
داتا ژٕ یلس تھزر دِکھ | تس زیٚنہٕ آسمان چھُے
اکھ لفظ کُن چھُ کأفی | لچھ داہ جہات سپدن
پروردِگارٕ یژھ کھیٚے | سوٗرے أتی بنان چھُے
عأبس ژٕ بے نیازا | زانٛہہ یتھنہٕ پرٕ تلہٕ ہم
أخر یہٕ چوٗن فأضل | سیٚو دساد بے گُماں چھُے

☆

ژیٚے کُن نمان چھِ سأری | نوٗری بشر تہٕ نأری
لگیو ژیٚے پأرٕ پأری | اے مہربان خدایا

☆

ژُے چھِ میانہٕ لولہٕ تھوٚیمتی کأتیاہ خزانہٕ بُری بُری
مےٚ اگر منگُن تگیم نۓ ژٕ دِزیم بہانہٕ گُری گُری

☆

روزانہٕ ژُے ژٕ گوشتم ہرجایہِ باغ پھولنم
میانہِ بن کنڈٕ بن کنڈٕ بن کر گُلہاے تہ خدایا

☆

دفترٕ کی دفتر تھوٚوم زیرِ نگین عُمرِ منز جأری تھوٚوم کاغذ قلم

☆

ژٕ چھ ژٕ چھ خزانہٕ یم چھی پروردِگارٕ دِکھنا
ہلمس برِتھ ژٕ عالم دَپہٕ ہےٚ سِتارٕ دِکھنا

☆

آفتابہٕ پیٚٹھی تہٕ کھارن یہٕ دوٚے مےٚ ڈوٗرٕ سوزکھ
یتھ ٹلمہٕ کِس پتنگس کرٕ ہا دُوتارٕ یارب
پینٛچو نِش زارٕ وانو نِش ژھوٹو نِش
مےٚ تھوٚیژٕ دوٗر چوٗنے مانہِ یاربّ
مےٚ وقتس پیٚٹھ بناوُم یوٚڈ شہلہِ گُل
خدایا بیاٗلی پھوٚل خاکس اندر چھس

☆

کھوچر کاسُم خدایا سوّن بناوُم

وِنم ییم کاه تِمن منز لاج تھاوُم

بزٕ ییک رٕژرٕک خلوصک پیالہِ چوّن دِم

قصوٗرک وۍپہ مہٕ ہرگز کھیاوٕ ناوُم

☆

نے نیازو رحمتہٕ زد میانین امارن کُن تہٕ وُچھ

اکھ دماه کم زیادٕ میانین زارٕ پارن کُن تہٕ وُچھ

چانہِ ماےاوٗش ہران چھس ژالہِ ژالے راتھ دوه

صاحبا! پانٕوادرن تےٚ آبشارن کُن تہٕ وُچھ

مےٚ موّنگ مےٚ مس پھرِتھ میخانہٕ گوٚہم

مےٚ موّنگمےٚ حبس گرِتھ مستانہٕ گوٚہم

مےٚ ژیوٗن فقرِ فخری چھ وۍژ نیک مردن

شہنشاه پہٕ چھس خرقہٕ چھُم توتہٕ ناٗلی

یہ چھُ سرسری یا پیٚٹھی پیٚٹھی وُنی توس، اکھ جائزٕ تِمن شیٚتن دُعاہن تہٕ مناجاتن ہُند ییم اسہِ بزٕونتھ کُن فاضل صابن از بزٕونتھ وارِیاه کال ''دُعائے معصوم'' ناوٕ اُنی ٚتی چھِ۔ تتہٕ چھُ ممکن زِ تِہندِس کلٲمس منز آسہِ بیٚیہِ تہٕ کینٛہہ دُعائیہ کلام چھکرِتھ شامل یُس تام نہٕ وُتاوٕ لی منز میانِی ناچیز نظرِ وِنی کنہِ وٲژ۔ فاضل صابنہِ کلامچ روانی، حسبِ موضوٗع ،لفظٕ ژار، وِلہِ زارتہٕ فریاد چھُ وَیہِ دُ ن

تہٕ دِلس ترٕتھ گوھوٗن۔ تس چھےٚ اللہ تعالیٰ تہٕ تہندِس ساری کھوتہٕ ٹاٹھِس نٔبیس پیٹھ یۄژھ تہٕ پزٕھ یموسہ وأنسہِ ڈنجہِ قرار تھوٚو۔ فاضل چھ اکھ بسیار پاسل بے مثال کأشُر تیمی سٕنز جہ وُنہِ تہٕ بدِ کڈنے چھےٚ۔ ''دُعائے معصوم'' اُک حأشیہِ چھ فاضل صأبن ''کبرتِ احمرورد فعنم'' باقٕے دُعاتہٕ قرآن مجید کیٛو آیاتِ کرٕ یموٚ ستی پأرووُمت۔ سُہ چھ سون زِ یٹھ مہجورن، آزادن تہٕ احدزرگرٕن ہمکال کوٚشُر شأعر، تیمی کأشرِ شأعری ہنٛز فنی روأیژ تہٕ رٔژھراونہٕ تہٕ پَنُن گوٚرمُت تہٕ ژھوٚرمُت باؤژبل تہِ نیچھِ نوو۔ فاضل نِس کلامس چھِ واریاہ لۄب تہٕ وِنی رنگ یموٚ منٛزا اکھ ازلی تہٕ ابدی رنگ دُعا چھُ۔ اللہ تعالیٰ تھأوِن سانہِ حقہٕ تہٕ تم سأری تہٕ باقٕے دُعا منظور یِم مےٚ پننہِ اوٚ گرٕ تھوٚ گرِ آیہِ اتھ ناوس تحت ییٚتِھن درج گرِی یہ آش ہیتھ زِ اسہِ باگہِ آمو کرٕ ہیٚتھ تہِ زہیٛٹھ راتھ تہِ وأتن یۄت پلہٕ تیوٗت وٗلی وٗلی اند:

اوٗش ہیتھ چھُ ونن از تہِ گزل وقتہٕ یہ فأضل

یتھ کھوژٕ وِنس کالہٕ شبس از تہِ سحر کر

☆☆

غلام نبی گوہر
انگریزی پیٹھ ترجمہ: اعجاز محمد شیخ

# فاضل کاشمیری......اکھ نمایاں آواز

ادبی سیاست چھ مکأری، نعرن ہنٛدِ ولولہ انگیزی تہٕ پٔتن مستقبل شیرنہٕ چٕھن چالن گٔن مأل خورنہٕ آسنہٕ یِنہٕ کرِ فاضلن پننہٕ بیانچہ غأر معمولی تہٕ فطری صلأحیژ پوٗرٕ پأٹھی استعمال۔ تِہندِس دِتس سام ہیٚنہٕ بڑ وٕنہِہ پزِ اسہِ پٔتمہِ صدی ہنٛدِ ترٛیمہِ ڈٕہلہِ کِبن أخری ؤریَن ہنٛدِس ادبی منظر نامس پیٹھ نظر ترٛاوٕنی تاکہِ أسی ہیکو مرحوم الحاج فاضل سٕنٛز فِکر تہٕ فن یِکس ارتقاہس تہٕ انقلابس متعلق کم کاسہٕ زانکأری حأصل کٔرِتھ۔ امہِ وقتہٕ یِکس ادبی دُنیاہس منٛز آوٕسہٕ صوفی شأعری تہٕ مثنوی یہِ (لیکھنہٕ تہٕ پرنہٕ چھہِ) رواج کہِ کمزور گژھنہٕ یِکس پوٗت منظرس منٛز مقأمی سازچہِ ترٛیٛمہِ آوازِ ہنٛدِس حیثیتس منٛز بڑ وٕنہِہ گٔن۔ مہجورن أس (پانس بڑ وٕنہِہ) پأدٕ گوٗمت وژھر پرٛنچ پوٗرٕ کوٗشش کرٕ ہیٚو۔ آزاد پوٗک تس پتہٕ پتہٕ تہٕ ییٚمن دون ولہٕ ویرن ہنٛدِ ڈٕسی بارسس آمٕت رجحان بنوو فاضلن وقتچ ولولہ انگیز آواز۔ امہِ ساعتہٕ اوس کٔشیرِ ہُند موسیقار تہِ بدلاوچہِ وَتہِ پیٹھ۔ روأیتی چھکر، یتھ پیٹھ مقأمی گبوٗنک (وژنُک) زبردست غلبہٕ اوس، أس صوفیانہ لہجہٕ تہٕ فرہنگ کہِ زبردست

دباوٕ کِنۍ عام لۆکن ہِندِ خاطرٕ پریشانی (ہُند سبب) بنیمو۔ اتھ دِژ مہجور تہٕ آزادنہٕ
ڈٕسی غزل لیکھنکۍ رجحانن اکھ نۆو زندگی۔ یتھ حبہٕ خوتۆن، محمود گامی تہٕ رسول میرنہٕ نغمگی
ہٕستی قریبی واٹھ اوس۔ اردو غزل خاص گرِتھ فِلمی بٲتن ہُند اثر اوس کاشرِ سماج کین
یونہٕ میٚنِ تھن تام تہِ شرٕ پیامُت۔ اگر نہٕ اتھ موقس پیٹھ مہجور، آزاد تہٕ نوجوان
فاضلن گری مَتہٕ، ژٕری مَتہٕ ذوقہٕ مطابق بٲتھ وٕنی ہٕتی آسہٕ ہن، کاشرٕ زبان آسہٕ
ہے بیٚیہٕ تتھی حالس وٲژمٕژ یتھ منٛز یہِ ہیٚندی دورس منٛز سنسکرت کس دباوس تہٕ
پیندٲہمہٕ صدی منٛز فارسی ہنٛزٕ صنعت گری ہِندِس اثرس تحت واژمٕژ اُس۔
فاضلس بروٚنٛہہ اُسی تمۍ ہٕندی بیٚیہٕ زِ ژٕھی بٲج عام جمالیاتس پیٹھ غالب
روٚ دی ہٕتی۔ لہذا اُسنہٕ ترٕنیمہٕ آوازِ لگن ہنٛزٕ گوش گذاری خاطرٕ جاے کڈٕنی آسان
اگرنہٕ تتھ رِتھنٛدٕ ے ہیوٚ نوبر، میچھر تہٕ موضوٗعی شان وشوکت آسہٕ ہے۔ فاضل نِس
غزلس منٛز اُسی یم ترٕنیشوٚ ے عنصر موجوٗ دلہذا اسیوٚک یہِ آزاد تہٕ مہجور نِس مقبولِ عام
غزلس لرٕ لۆر موسیقی مولہٕ لَلہٕ وِتھ۔ مےٚ چھُنہٕ بیٚیہٕ نِس بحیثیت باہ وٕہر شرٕ، پننۍ تجربہٕ
ژھوٚٹۍ پاٹھی باوٕن نامُناسب باسان بیٚیہٕ تہٕ یٚیلہِ امہٕ کہِ برکتہٕ وُہمہٕ صدی ہٕندِ
گوڈنکہِ نِصفہٕ چہٕ کشیرِ ہِندِس سماجس پیٹھ گاش پیٚیہٕ۔ تمہِ وقتہٕ اوس ژزارِ شریف
کشیرِ ہِند بن گبون والین ہنٛزٕ کامیابی یا ناکامی ہنٛز کہہ وٕٹ بنیومُت۔ پرٕتھ گبون
جماژ اوس لۆکن بروٚنٛہہ کنہٕ گبونٛک ڈٕسلابہٕ، کشیرِ ہنٛزٕ قدآوار ادبی شخصیوٗ شیخ العالم شیخ
نورالدینؒ ہٕندِ آستانہٕ پیٹھ کرٕن پیوان۔ اگرچہِ یہِ عقیدت رٕنگی کرٕن پیوان اوس
مگرامہٕ ہٕتی اوس قصبس منٛز فطری صلاحیژ تہٕ لیاقژ لحاظہٕ موسیقی ہِند بن نقادن ہُند

اکھ جان تعداد بارسس آمُت ۔ یوٚہے وجہ چھُ زِ کامیاب جماژن درمیان اوس
زبردست ٹکر روزان تہٕ مقامی سوٗتھرِس پیٹھ اُس ناٲقدن تہٕ موسیقی ہندِ بن
دِلدادن درمیان پننی پننی راے پاٲدٕ گژھان ۔ زِ گبون جماژ آسہٕ پننی کاکردگی ہاونہٕ
خاطرٕ قصبس منز رہتہٕ وادن آدٕری روزان ۔ اکھ جماعت اُس واتھورٕ چ ، یتھ
عبدالستار زٲنٹھ اوس تہٕ بیاکھ اُس سوپہٕ بگس ستی تعلق تھاوان ۔ معروف شاعرن
ہندِ کلامہٕ علاوٕ اُس اکھ جماعت فاضلُن "چینہٕ روٗس پیالہٕ گوم خالی یے" غزل تہٕ
گبوان تہٕ بیاکھ جماعت اُس تمی سندِ دوٚیمہِ غزلہِ "ہٹیک رتھ بہٕ کڈٕ ہانمن تس بوملہٕ
ہا" ستی بوزن والین وو لسنس انان ۔ دوٚیمہِ دوہہٕ آسہٕ دوشوٕ ے غزلہٕ مُروجہٕ نقد
پوٚنسکی پاٲٹھی عام گژھتھ تمام قدردانو یادکرِمژ تہٕ پرٕی متو لیکھتھ تھاوِمژ آسان ۔

یژھے ہش بیاکھ غالب صِنف "نعت" اُس نعت لیکھن والیو وَنہٕ وُن
اصوٗژ تام محدوٗد کرِمژ یوسہٕ زنانن منز زیادٕ مقبوٗل اُس ۔ یتھی اکثر نعت چھِ
موضوٗع ، اخلاص ، عقیدت ، فصاحت تہٕ جذباتی بیانہٕ رٔنگی فارسی زبانی ہندِ بن
ووستادن ہندِ بن نعتن مقابلہٕ ہم وزن ۔ مگر اتھ ہیّت اُس زنانن ہندِ یکہٕ وَٹہٕ وننہٕ
خاطرٕ موزوٗن خاص گرِتھ مہراز سندِ استقبال کہِ وقتہٕ ۔ یمو ووستادو اُس یہِ نسوانی
ہیّت "زنانہٕ ماے محبت تہٕ وفاداری ہنز پیکر" مانِتھے ژٲرمژ ۔ تاہم آیہٕ نہٕ یہِ شکل
تہٕ ہیّت گبون والین تہٕ ممبرس پیٹھ خطاب دِنہٕ والین راس ۔ مہجور تہٕ آزاد ہیکی نہٕ
امہِ خارٕ (گنڈی) دارعلاقہٕ منزی بٔڑ وٕنہہ پکنُک جُرأت گرِتھ ۔ حالانکہِ مہجورن تہٕ
لیکھی اکھ یاز نعت مگر تم تہٕ پننہِ زندگی ہندِ بن پتی مین دوہن منز ۔ اتھ برعکس لیوٚکھ

نہ آزادن اکھ تہٕ نعت۔ اتھ پسِ منظرس منٛز رٕو دۍ اتھ نوٗزُک صِنفہِ پیٹھ یاتہٕ فارسی
نعت (گو) بالادست نتہٕ ؤتھۍ عام شاعر اتھ مأدانس منٛز ییتہٕ تمو وتچھِ پوچھِ
غلطیہِ کرِ۔ حأرانگی ہنٛز کتھ چھےٚ زِ رسول میر ہیؤ بوٚڈ شاعر تہٕ گوٚو تمہِ ساعتہٕ ناکام
ییلہِ تمۍ اتھ صِنفہِ منٛز لیکھنچ کوٗشش کر۔ یؤت زِ اتھ شعبس منٛز چھ فأضل ہٕندۍ بن
دوٚن نامور صوفی شاعرن احد زرگر تہٕ صمد میرُن دِیُت تہٕ نہ آسنس برابر۔ اتھ
تنوظرس منٛز چھُ فأضل صأب مرحوم غلام جیلانی لیس سان بحیثیتِ گوڈنیُک نعت
گوٚو وتلان۔ سُہ چھ گوڈنیُک نعت گو تیمۍ نعتن ہُنٛد مجموعہ "انوارِ محمدی" چھاپ کوٚر
ییمکۍ ازتام باہ ایڈیشن بازرد ژایہِ۔ شاید ہیکہِ نہٕ کانٛہہ تہٕ کأشر کتاب ترٛیمہِ یا
ژوٗرمہِ پھرِ چھاپ گژھنُک دعوی کٲرِتھ۔ فأضلس پتہٕ چھِ ییم سٕطرٕ لیکھن وألۍ زِ
نعتیہ کتابہٕ لیچھ ہٕژ تہٕ مےٚ پتہٕ چھُ جوان سال شاعر غلام حسن غمگین اتھ صِنفہِ گوڈ
بران۔ تاہم چھِ ییم (زِ) ییمہِ صدی ہٕنٛدۍ پیداوار ییلہِ زن وُہمہِ صدی منٛز انوارِ
محمدی، یوت تھٕکنۍ لایق کأم چھ۔ یہ چھےٚ سبٹھاہ بدٕ قسمتی زِ سأنۍ ادبی تنقید نگار تہٕ
مورخ چھِ تمہِ ساعتہٕ ٹاکارٕ بد دیانتی ہُنٛد مظأہرٕ کران۔ ییمہِ ساعتہٕ نہ تم نعتیہ
شأعری منٛز فاضل سُنٛد دِیُت وژھ وأنجہِ قبوٗل کران چھِ، اکھ تٔنۍ مثال چھ "کلیاتِ
نادم" کتابہ ہُنٛد پیشِ لفظ یتھ منٛز فاضل مُدیرن تتھین نعت گو شاعرن ہُنٛد تہٕ
ذِکر کوٚر مُت چھ یہنٛد نہٕ کانٛہہ خأطر خواہ دِیُت چھُ تہٕ چھنہٕ فاضل سٕنٛزٕ نعت گوٗیی
متعلق اکھ لفظہ تہٕ لیٚو کھمُت یہ زن یژی پأٹھی قأبلِ افسوٗس چھُ۔

یہ زن بڑ وٗنہہ تہٕ وننہٕ آو زِ فأضل رٕو دتمو ہم عصر ادبی رجحانو ہٕنٛدِ اثرٕ نشہ

مُچھ یمو زَن وقتی طور طوٗفان تُل مگر جلدٕے تہٕ گیہ گال کھاتس۔ اکھتۍ رٕٹۍ یمو خوفناک رُجحانو سید عارف تہٕ عارض تہٕ پتھ۔ گوڈنکس اوس اکھ خاص فکری رجحان تہٕ دوٚیمس اوس نغمہٕ گی، نسوٲنی جذباتن ہنٛز باوٕتھ تہٕ زبانٕی ہنٛدِس میچھرس پٹھ زبردست قوٚت، مگر دوشوٚے گٔے ترقی پسندی ہنٛزِ نعرٕ بازی تہٕ ظاہری لہلاوٕ ستۍ متاثر۔ مگر فاضل روٗد شعوٗری طور تہٕ مُستقل جُرأت سان ہٮ۪تھے پننس اسلوٗبس لور، یوٚت زِ سہ ہیوٚک نہٕ ترقی پسند نعرٕ بازی پتھ رٕٹتھ، نہٕ ہٹِ چیر دِنہٕ وٲلی جدیدیتن تہٕ نہٕ جدیدیت کہِ گوناہ نشہِ توبہٕ کرٕنکی وسیلن یعنی ردِ جدیدیتن۔ تاہم چھُنہٕ تس تخلیق کارس روٗتہٕ گرٕہن شوٗبان تیٚمی تخلیقی مأدانس منٛز پنُن سفرٲکس سأتھی رجحان ساز ہنٛدِ حیثیتہٕ شروٗع آسہٕ کوٚرمُت۔ ہٮ۪تھ چھُ یہٕ اَکس باصلاحیت تخلیق کارہنٛدِس شانس زیادٕے خلاف تیٚمی بِسیار لُکھ (پننو صلاحیتو ستی) یہٕ ڈٲلِ زِ تہٕ سحر زدگری متی آسن۔ یہٕ اَس پزٕ نہٕ پأٹھی تسنٛز عظمت زِ سہ ہیوٚک نہٕ ژھوژبن رجحانن ہنٛزِ ناوٕ ستھ مگر تس پزٕ ہے شعوٗری طور تمن زاوِجارن ستی وابستہٕ روزُن یم پوٚر دُنیاہس منٛز بارسس آمتۍ اَسی۔ تس پزٕ ہا وقتہٕ کِبن جذباتن تہٕ احساسن لرلوٚر پکُن تہٕ پانس اَندی پکھی موجود دَم پھُٹہٕ کرن والہِ ماحولچ عکاسی تہٕ کرٕنی۔ یہٕ ہیکہِ نہٕ بنِتھ زِ اَکس بڈس شاعرسُند حساس ذہن ہیکہِ پننہِ وقتہٕ کیو حادثو تہٕ المیوٚ نِشہٕ مُتاثر گوٚھنہٕ روٗزِتھ۔ یوٚہے چھُ وجہ زِ روزنامہٕ Kashmir Monitor اخبارس منٛز یُس میٚون سلسلہٕ وار مضمون "Suffocating Soul of Kashmir through its Creativity" ناوس تحت چھپیو، تتھ منٛز چھُنہٕ

فاضلن ذِکر کرنہٕ آمت۔ مجبورتہٕ ہیوٚک نہٕ پٔنٕز حبسا گِھی پتھ رٔٹتھ اگرچہٕ تسنٕز نظم ''آزادی'' شاعرانہٕ جمالہٕ نشہٕ خالی اٲستھ اَکِس عام نفرٕ سُند ہیوٗ سیاسی ردِعمل باسان اَس مگر تمی سنٕز بیاکھ نظم ''لالولالولوہا گلہٕ لالو'' اَس پرٕنہٕ پاٹھۍ واقعاتن ہنٕز سو دھوکہٕ دِہی درشاوان یمی تاریخٕک روخ بدلوو۔ یتھے پاٹھۍ چھےٚ تمی سنٕز اَخری شاعری ہندی کینٛہہ شعرتہٕ قومی ارمانن ہنٛزِ ناکامی ہنٛز باوتھ کران۔ تمن شعرن ہُنٛد واتناوبر چھ فیض سنٛزِ شاعری برابر۔ فاضلن وُچھ یاوٕنوزِتس پیٚیہٕ تم ساری دور پپتٕرِنی یموٚ تمی سنٛزِ ''کٔرالہٕ کوٗر'' لتہٕ موٚنٛڈتہٕ آبرور یزی گر، مگر سہٕ روٗد اَخری وقس تام تمی سٕندس چھوکہٕ داوی کنس یمبرزل پوش شیران۔

تکنیکی طورتہٕ اوس سہٕ پیدائشی ذہین تہٕ سہٕ ہیکہٕ ہے پٔنٕنہٕ پتھ کالہٕ تہٕ پٔنٕنہٕ اوٚندپکھہٕ منٛز تم تشبیہہ، استعارٕ، علامژٕ تہٕ شاعرانہٕ حوالہٕ جات گٔرِتھ یموٚ تمی سٕندِس اندازِ بیانس سو صورت دِژٕمژٕ آسہٕ ہے یمیٚک چلن واریاہس کالس جاری روزِہے۔ مگر یہٕ کتھ چھےٚ تحقیق طلب زِ سہٕ کیازِ روٗد محض وقتی وجاہت تہٕ حشمتس پیٹھے مطمئن۔ تیوٚت گٔرِتھ تہٕ چھ الحاج فاضل سو نمایاں آواز یوسہٕ پٔنٕنہٕ والین واریاہن نسلن ہنٛدِس ذوق وشوقس پیٹھ جادوٗیی اثر ترٛاوِ۔

☆☆

مشعل سلطانپوری

# فاضل کاشمیری سٔنز وطنی شاعری

لول چھُ اکھ فطری جذبہٕ، انسانس چھُ گوڈٕ پنُن پان ٹوٹھ آسان، پتہٕ پنُن مول موج، پنُن گرٕ، پننہٕ زبنہٕ جاے اِدٕ سہٕ گام اُسِن یا شہر، پتہٕ پنُن مُلک، پننہٕ زبان، پنُن سماج، پنُن کلچر تہٕ یِہُند لول چھُ تس رگن رگن منز شرٕ پتھ آسان، حُب الوطنی من الایمان، یہِ چھُنہٕ کانٛہہ وۄزُم یا آپرووُمُت جذبہٕ، یا بیٚیس نِش ہیوٚ چھمُت کانٛہہ چیز اہ۔ اکھ فارسی شعر چھُ:

حُب وطن از ملک سلیمان بہتر
خار وطن از سنبل و ریحان خوشتر

یہِ چھُ پتہٕ وَتھ آمُت۔ ''جو سُکھ اپنے چبارے نا بلخ نا بُخارے'' تہٕ یہِ کأشُر دۄپ ''پننے ہچہٕ بہہ ترچہِ''۔ یوٚزٕ حُب وطنُک یُس تصوُر مغربہٕ پیٹھٕ آو، سہٕ اوس ہنا وکھرٕ، اسہِ نیوٚ Patriotism تتھی معنہِ ہَس منز یُس یہِ تورٕ ہیتھ آو، یہِ زاننہٕ تہٕ اتھ سنمہٕ رۄستے زِ اتھ تصوُرس مۄل کیاہ چھُ۔ مغربی مُلکن اُنٛج دُنیاہ کین باقے مُلکن ستی گوڈٕ تجارت کرنس، پتہٕ تمن استحصال کرنس تہٕ پیوٚ لکھے سیأسی لحاظٕ تم لتن تل

اِتٕھس مان مان، یتھ تموحُب الوطنی وٕنان۔ اسہِ تور پتہٕ پٔہن فکرِ زِ اسہِ نِش ہے اتھ بدل معنی چھُ۔ اسہِ چھُ پٔنُن مُلک استحصالہٕ نِشہِ بچاوُن۔ غاٗر مُلکی حکمرانن ہٕنٛدِ پنٛجہِ تلہٕ موکلٔن، پٔنُن وطن آزاد کرُن، یُیمہِ کٔنیٖ حُب الوطنی ہُنٛد سون تصوُر رامہِ کہِ مغربی تصوُرٕ نِشہِ نہٕ صرف وکھرٕ بلکہِ تتھ مخالف اوس۔ البتہٕ اتھ ہکوٚ نہٕ انکار گٔرِتھ زِ مغربی مُلکن خصوصن انگریزی زبانہِ ہُنٛد ادب پرنہٕ سٟتی گوٚو یہِ تصوُر پۄختہٕ۔ انگریزی ادبہٕ خاطرٕ تہٕ ووت یہِ تصوُر دُنیاکین اکثر قومن تہٕ اکثر زبانن تام۔ اردوٗ زبانہِ منٛز ووت یُسلہٕ پاٗٹھی۔ مولانا حالی سٕنٛز یہِ نظم گیہِ عام:

بیٹھے بے فکر کیا ہو ہم وطنو

اُٹھو اہلِ وطن کی فکر کرو

کاشُرِ زبانہٕ ہٕنٛد بن شاعرن تام ووت زیادٕ پٔہن اردو چے تارٕ کانٛجہٕ۔ اردوٗ ادبس منٛز گوٚو نظم نگاری ہُنٛد دور گُنوٛہمہِ صدی ہٕنٛدِ اٗتمہِ ژوباگہٕ پتہٕ شروٗع، نظم اٗس اتہِ اکہِ نتہٕ بیٚیہٕ رٔنگی امہِ برٛونٛٹھ تہِ لیکھنہٕ یوان پوٚز نظم نگاری ہُنٛد یہِ نوٚ تصوُر اوس چھرا مغربی یٖیمی ادبس منٛز نوبن تبدیلین ہٕنٛز پارے دِژتہٕ وُہمہِ صدی ہٕنٛدِس گوڈنکس ژوباگس منٛز اٗس اچھ سٔخ ہوٚل بانگٕے تہٕ فاضل کاشمیری سُنٛد لوکچارُک زمانہِ تہٕ اوس یُوہے۔

فاضل صابن کوٚر دٔہِمہِ جماعژ ہُنٛد امتحان ۱۹۳۶ءمنٛز پاس تہٕ آوا ایس پی کالج پرنہِ۔ شاعری ہٕنٛز زٔتی اٗسس برٛونٛٹھے مزازس منٛز، پرتاپ میگزین کہِ دُعایہِ خاطرٕ ہیٚژن یہِ زٔتی جمکٔنۍ تہٕ دژ اوشاعرسٕنٛدِ حیثیتہٕ نوٚن۔ بقولِ غلام نبی فراق:

زانہِ ہا ما بزاد ییژاہ چائٖنی کل
تیٚمبر تیٚونگل سپدِ تیٚونگلس نارٕ کھل

اتھ دورس منٛز آسی کشیرِ ہندی شاعرتہٕ ادیب اردوزبانٕی منٛزے طبیعت آزماوان یا کانٛہہ کانٛہہ ہندی لیس منٛز۔ مجبورن تام لیۆکھ گوڈٕ فارسی تہٕ اردو پأٹھی۔ اگر یہِ ژاپھ اُس نہٕ تہٕ سوٗ اُس صرف صوفی شاعرنے یأژ، یم نوٚبو تعلیم یافتو پتھ گٔمٕژ ترٛاوٕی ہتی آسی۔ اردو پأٹھی آسی اوٕ۔ کنی لکھان ژِ اتھ منٛز اُسکھ زیادٕ مہارت یا یہِ اوسکھ زیادٕ تگان، نہ، محض امہِ کنی زِ کأشر زبان اُسکھ پتہ کھور زبان باسان۔ اتھ منٛز کوسہٕ شُہرت لبہٕ ہن، یہٕ تو رُکھ سبٹھاہ ژیری فکرِ زِ اگر سانٛی شناخت قائیم سپدِ تہٕ سو سپدِ پنہٕ نے زبانٕی منٛز لکھنہٕ ستی۔ فاضل کاشمیری تہِ اوس یتھے اکھ شاعر۔ تمی تہِ لیۆکھ گوڈٕ اردوزبانٕی منٛزے۔ تمہِ زمانچہِ چھےٚ مےٚ نِش تہنٛزٕ زٕ کتابہٕ ''گُلدستۂ فاضل'' تہٕ ''اپنے وطن میں''، یم دوشوٚے اردوزبانٕی منٛز چھےٚ۔ تمن دوہن اُسی شاعر، اِد اردو اُسی یا کأشری، عام طور شرا ہن صفن ہنٛزٕ لوکچہٕ کتابہٕ شایع کران یمن کتابچہِ وٕنتھ ہکو۔ جنگ نامہٕ یا لولہٕ مثنوی یےٚ آسہٕ بڈٕ تختہٕ تہٕ ہنا باڈو دار آسان۔ نوٹ چھس لیکھتھ زِ ''اس حصے کی اردو نظمیں مصنف نے ۱۹۳۴ء میں لکھی ہیں۔ اس سال وہ مدرسہ انجمن نصرۃ الاسلام سرینگر میں دسویں جماعت میں تعلیم حاصل کررہے تھے''۔ نوٹ چہِ عبارژ منٛز چھ یمن نظمہٕ وننہٕ آمٕت، پوٚز یم چھےٚ سارے یے غزلہٕ ہیٚو رٕنگی، موادٕ رٕنگی روٗمأنی غزلہٕ، صرف چھےٚ گوڈنچ غزل، یتھ ''ماہِ عرب'' عنوان دِنہٕ آمٕت چھُ تہٕ نفسِ مضمونہٕ رٕنگی چھےٚ نعت باسان۔

''اپنے وطن میں'' کتابچس منز چھِ ژٕ مصری قطعات تہٕ کیٛنہہ نثری عبارژ، گوڈٕ قطعہٕ تہٕ پتہٕ نثرس منز ہناوضاحت۔ مثال چھےٚ:

''شاید بھیگی ہوئی شام شالامار میں
شاید دھڑکتے سوئے دل کے تقاضے پر پہلوئے آبشار میں
شاید پُرسکون لاجوردی دامنِ کوہسار میں
شاید نوشگفتہ غنچوں کی انجمن پُر بہار میں
بیٹھ کر
اے میرے دوست

ہم اپنی فردسی زندگی کی چند گھڑیاں شالامار میں گزاریں گے۔ فواروں کا مچلنا، کلیوں کا چٹکنا اور عنادل کا چہکنا...... اُف! دامن لالہ زار میں شام رنگین کی یہ جلوہ آرائیاں اور نیچر کی یہ بوقلموں رعنائیاں...... وہ ہیں جن کی یاد۔''

یِتھن مثالن ہمکوٚ اَن ہیٚچھر زمانہٕ چہِ کوٗششے وٕنتھ، تِکیاز ِبحرٕ چ پابندی تیِنہٕ گٔرِتھ ہیٚچھوٕ تہٕ تجربہ تہِ نو گرے۔

یِمن ابتدٲیی وٕرِین یاں زِ ۱۹۵۰ء لیس پتھ بڑٕ ونہہ، پتہٕ چھُ فاضل صأبُن کلام شُراہ صفحل کتابچن منز چھپان رٕودمُت۔ مےٚ بڑٕ ونہہ کنہِ چُھ یتھ اکھ شُراہ صفحل کتابچہِ کلامِ فاضل نمبرٕ ے۔ سرورقس پٹھ چُھس لیکھتھ پہلا ایڈیشن ۱۹۵۶ء، دوسرا ایڈیشن ۱۹۷۵ء۔ اتھ منز چھےٚ شےٚ غزلہٕ، معراج عنوان دِتھ زٕ نعت شریف تہٕ شاہِ مدینہ عنوانہٕ اکھ نعتِ شریف۔

امہِ پتہٕ سپنٕہ یہنٛز اکھ باڈوٗدار شعرِ سۆمبرن چھاپ ''کلامِ فاضل'' ناوٕ۔ اتھ منٛز چھےٚ ترٛےٚ کتابہٕ یکوٹہٕ کرنہٕ آمٕژ۔ ساغرِ مستی، انوارِ محمدی تہٕ شمعِ وطن۔ صفحن ہُنٛد نمبر شمار چھُ الگ الگ دِتھ۔ ساغرِ مستی منٛز چھِ ۵۸ غزلہٕ تہٕ کُنٛزالہٕ کۆر نظم، کُل ۱۱۲ صفحہ۔ انوارِ محمدی ۶۴ صفحہ، حیرت کاملی صأبُن دیباچہِ ہیتھ تہٕ شمعِ وطن ۹۶ رصفحہ پُشپ صأبُن گوڈُت ہیتھ۔ ساغرِ مستی چھُ کمال الدین شیدا صأبُن گوڈُت لیۆکھمُت۔ مےٚ نِش چھےٚ بیۆن بیۆن پأٹھۍ تہٕ انوارِ محمدی، یوسہٕ ۱۹۷۲ء ہُنٛد ایڈیشن چھُ، اتھ چھُ باڈوٗ ۱۹۲ رصفحہ۔

بہر حال اسہٕ چھُ زیرِ بحث موضوع تہنٛز وطنی شاعری، ییمہٕ کِنٛز گوڈٕ تہنٛز شعرِ سۆمبرن ''شمعِ وطن'' مدِ نظر روٗز۔ یہٕ چھےٚ ۲۷ رہن نظمن ہنٛز سۆمبرن۔ گوڈنچہِ لٹہِ شاید ۱۹۵۹ء منٛز چھاپ سپنٕہ مٕژ، تکیازِ پرائم منسٹر بخشی غلام محمد سنٛدِ طرفہٕ ییم سطرِ اتھ منٛز شأمل چھےٚ تتھ یوسہٕ کنہِ چھُ تأریخ ۳۱ ردسمبر ۱۹۵۹ء۔ ییمن نظمن متعلق چھِ پروفیسر پُشپ امہِ کِس اردو دیباچس منٛز لِکھان:

> ''فاضل کی ان نظموں میں تخیُل کی اونچی اُڑان یا فکر وفہم کی جدت طرازی بھلے ہی نمایاں نہ ہو، ان میں ایک کشش ضرور ہے، جو انہیں مقبولِ عام بنا دیتی ہے۔ فطرت کی جو منظر کشی اُن کے کلام میں ملتی ہے، اُس کا ایک نجی رنگ ہے اور انداز عام فہم ہوتے ہوئے بھی عامیانہ نہیں''

اتھ سۆمبرنہٕ چھُ دسلابہٕ سپدان اکہٕ دُعایہٕ ستی۔ امہِ کِس پٔتِمِس بندس

مژٕ یُس تمنا کرنہٕ آمٕت چھ، سہٕ چھ وطنس ہٕتی فاضل صأبنہٕ حدٕ رۆس محبتُک

باس دِوان۔ یہِ بند چھُ:

وطن چھم تھۆد تہٕ بالا
یہٕ فأضلا بے مثالا
دِلس چُھم اکھ خیالا
یہٕ امہِ کے شوقہٕ مرٕہا

تہٕ امہِ پتہٕ دوٚیمس دُعاہس مژٕ تہِ کیاہ منگان:

جان جان کامہِ کرٕہا
لولا کشیرِ برٕ ہا
اِدنا یہٕ زانٕہہ تہِ مرٕہا
اے مہربان خدایا

تہٕ اتھ ہٕتی یہِ اورزوٕ ے تہِ:

دِتہٕ از پھُلے مے پوٚشن
باغن ونن تہٕ گوٚشن
بُلبُل وُچھِتھ مے توٚشن
اے مہربان خدایا

یوٚ دوٚ ے یِم دوٚ شوٚ ے دُعا مدرس شُربن کِیٔت لیکھنہٕ آٔتی چھِ، پوٚز خود

شأعرٕ سٕندی دِلکی جذبات چھِ یِمن اندر محسوس سپدان۔ ''کشیر'' عنوانہٕ یوسہٕ نظم

غزل ہیٚوٚ منز اتھ سوٚ مبرنہٕ منز شاُمل چھےٚ، سو چھےٚ وادی یاں زیٚپنہٕ کٔشیرٕ ہنٛد بن
جزیاتن تاں وٕنہٕ وان تہٕ امہٕ کٔبن سارٕنٕے گونن تہٕ وصفن پوش چھکان:

سبزٕ زارن، کوہسارن، شالہٕ مارن ہُنٛد وطن

گلعذارن ماہ پارن بالہٕ یارن ہُنٛد وطن

جایہٕ جایے کوثر و تسنیم جأری چُھے تھوان

جوٗبارن تیز آرن آبشارن ہُنٛد وطن

یٕتھ واقعہٕ نِگأری یاں زِ محاکات چھِ خالے کأنٛسہٕ شأعرس نِشہٕ میلان:

تالہٕ دِتھ نوٗرٕچ پھنٛگر تے شیٚنہٕ پانٛژادرٕ ؤلتھ

رأیلن تے دیودارن ویرِ زارن ہُنٛد وطن

فاضل صأب چھِ عالمن، دأنشورن، ادیبن، شأعرن، فنکارن تہٕ ہُنر مندن تِتھی سِتارٕ زانان یِم نہٕ ژاٮ۪ہہ لوسن۔ تِمن کُن اأرٕگتھ چھُ شاید پننۍ کتھ کران:

جوش کھسہٕ وُن تاپھ خوشوٗن، زوٗن روشن، گاش نوٗن

یِم نہٕ لوسن فاضلا تِم نٕے سِتارن ہُنٛد وطن

کٔشیرٕ ہُنٛد بہار چھُ تِتھ موسم یتھ دُنیاہ کہِ کُنہٕ تہٕ مُلکُک تھکبُن لایق موسم رشک گرِتھ ہیکہٕ۔ فارسی، اردو تہٕ بێین زبانن ہِنٛدیو شأعرو چھُ امیُک حُسن وکھنوومُت۔ فاضل تہٕ چھُ پننہٕ اندازٕ اتھ گُلی آلوان:

کوٚرُن فرش سبزٕ زارن

ہیوٚت اُسن لالہٕ زارن

بر مُوٕر شالہٕ مارن

دیُت ہا جوش نوبہارن

سوٚنتھ زن شُر چھ کھسہٕ وُن

وٕدوُن خوش تہٕ اسہٕ وُن

پھولہٕ وُن شُر یہٕ لسہٕ وُن

دیُت ہا جوش نوبہارن

کٔشیرِ ہٕنٛدِس سوٚنتس شُرِس سٕتی تشبیہہ دِنی چھےٚ فاضل صأبنی جدّت۔ یہٕ چھےٚ اکھ نبرل تشبیہہ۔ سوٚنتس منٛز أتی روٗد، أتی تاپھ، أتی اوٗبرٕ نب تہٕ أتی نوٚن نب، أتی سکون سبزارن ہُنٛد تہٕ أتی شور آرن تہٕ جوین ہُنٛد۔ یہٕ چھ پٔزی پأٹھی شُری ہٕنٛدی وِہی یاد پاوان۔

''بہار'' چھےٚ فاضل صأبٕنی بیا کھ نظم۔ یتھ منٛز شأعر بہارس وُنی دِوان چھ۔ یہٕ چھ اکھ وکھرٕ انداز، زنتہٕ کانٛہہ شُر پنٕنہٕ پوشرٕ بن ژھاران سٕہ کتہٕ کتہٕ چھ بہارُک یہٕ پنٕنہٕ پوشرُ لبان، تہٕ چھ یمن شعرن منٛز:

گژ بزان زورٕ شوران، گبوان ساز وایان

کولن ناگہٕ رادن تہٕ آبرن سرن منٛز

بہار کیٛاہ حسین لوکچارُک زمانہ

یہٕ معصم شُراہ زن چھُ اُٹھن نوٚن منٛز

ییمہِ ساتہٕ فاضل صاب سونہٕ مرگ تہٕ گُلمرگ نظمن منٛز ییمن دوشوٕنی جاین ہُنٛد حسین تہٕ نبرل انداز بیان کران چُھ، سُہ چُھ پننے وطنکی گون گبوان، پننِس وطنس لول بران:

سوٗنٛک آگر روٗپچ کان
زمرُّد چھِی کُہستان
سبز گوہر چھِ مأدان
یہٕ چھےٚ سونہٕ مرگہِ ہٕنز جاے

کنگارن پٹھ چھِ دِوار
سِیاہ زن جورِ بردار
ییمو وٕلیٕ متی چھِ کوہسار
یہٕ چھےٚ سونہٕ مرگہِ ہٕنز جاے

یوٚہے گوٚو قُدرتُک دِیُٚن
تھونگین پٹھ روپہٕ تارٕلیُٚن
ییمن ناو شینہٕ مارٕلیُٚن
یہٕ چھےٚ سونہٕ مرگہِ ہٕنز جاے

جَبوٗ منٛز تیٚہ ژاٗرِی ژاٗرِی

سِیاہ، خود رنگ تہٕ ڈبہٕ ہاٗرِی

بکروالو نیَن کھاٗرِی

یہٕ چھےٚ سونہٕ مرگہِ ہنٛز جاے

(نظم: سونہٕ مرگ)

پیٚٹھے اکھ نظم چھےٚ ''گلمر گ''۔ یتھ منٛز فاضل صاٲبن گلمر گہِ ہنٛدِ بن حسین نظارن ہنٛز نشاندہی کرٕہو چھےٚ۔ اتھ نظمہِ منٛز چھِ شےٚ مِصرل ترٛاوہ بند۔ اِدِ یمن گوش کُن فاضل صاٲبن ظون گوٚمُت چھُ، تمو چھ اتھ نظمہِ منٛز اظہار کوٚرمُت:

کوہ بیابان منتظر دیودار ہبتھ

تاپہٕ ستی کرٕہلیمتین شہجار ہبتھ

عُمرِ ستی ژٹیمتین پشہِ جار ہبتھ

گُل روٗخن وو شُلُن، وُٹھن ووز جار ہبتھ

شین زن باسان یہِ لوٗلِچ کرٛاے کیٛاہ

عالمس گُلمر گہِ دوٗپمُت داے کیٛاہ

دزلیہِ بالِچ اَنہٕ ہرِش از ہتھ گرِتھ

کالہِ اوٗبرِچ ریشمی تخلاے دِتھ

دون اُچھن وُزِمل نمن تارکھ جُرِتھ

شبنمہٕ بدنس جامہٕ زن چھیٖتی چھیٖتی وٕلتھ

زوٗنہٕ روٗبروٗکن ژٕرُچھ پوٗت ژھاے کیاہ

عالمس گُلمرگہٕ دوٗپمُت داے کیاہ

فاضل صابنین بیٚین نظمن منٛز، یم سیٚد سیوٚدٕ حُبِ وطن کس موضوعس پیٹھ چھنہٕ تہٕ، یمن منٛز تہٕ چھ تہنٛد وطن تہٕ وطنٕچ پرٛزنتھ بےٚ شوٗنٛکی پاٹھی جلوٕ ہاوان نظرِ گژھان۔ مثالہٕ پاٹھی "زوٗنہٕ منٛز ڈل" یمیٚک اکھ شعر تہٕ پاٹھی چھ:

دوٗر ڈٕری گنٛڈٕ ویرِ زارو جوئبارو ہیوٚت گیوٗن

بالہٕ داٗمنٕ نژنہٕ لگو پھرٕ بس کیٚو چنار آبس اندر

یا "پہلی کوٗر" نظم، یمیٚک اکھ بند مثالہٕ رٕنگی پیش کرِتھ ہیکو:

سرو قدسے موٕ ووزاٗلی

چھی رٕسلی، شرٛبتی، لوٚکی انار

تازٕ سوٗنتہٕ یم میٹھی موٕ کھی خاٗلی

ہا پہلی کوٗری ہی ماٗلی یے

تتھے پاٹھی یہ بند:

بالہٕ پیٹھ گوشن پوش تماٗلی

جوشہٕ سان کونہٕ چھکھ پانہٕ چھاوان

شرٛاوٕنی شبن زن یاوُن گاٗلی

ہا پہلی کوٗری ہی ماٗلی یے

امی حسابہٕ پییہٕ اکہِ نظمہِ ہُنٛد یہِ بند:

زمیٖن، سرسبز کوہ، چمن، مرگہٕ، گلزار
کوٗلن بوٗنہِ شہجار بٹھین ناگہٕ سبزار
چھِ مدٕہوش وسرشار یہِ سنگر ہٕہ کوہسار
ییٚمن منٛز بٔستھ چھی جوأہر طلبگار

پننس وطنس ہتی محبت تہٕ اتھ لول برنگ وہٕہار اوس نہٕ ہنگأمی تہٕ وقتی، یہِ اوس اکھ پوشہِ وٚن محبت، یتھ سٕہ زندگی اندر واتنہٕ کنہِ ایامن تام لورٕرٕود۔ تہنٛز "دستھ رنگ" ناوٕ شعرٕ سوٚمبرنہِ منٛز یوسہٕ ۱۹۸۳ء منٛز شایع سپز، منٛز تہٕ چھےٚ "بہار آو" عنوانہٕ اکھ نظم، یتھ منٛز پزٲنی پأٹھی سٕہ پننہِ وطنہٕ کس سوٗنتہٕ کالس اِسٕبنٛد زالان چھُ:

نسیٖمن، شالہٕ مارن، مرگہٕ زارن
گُمیٛو وۄن ٹُم تہٕ پھٔلو سأری گلستان
گُلو گنٛڈی جامہٕ رنٛگیٖن نژنہِ لگو گلو
چُھ باغک باغ سوٗرے ساز وایان
جنٛوٗن پانٛژادرن آرن منٛزر آو
کنٛگارو پیٹھی کوہو ژٔڈٕ متی گریبان

☆☆

غلام نبی خیال

# فاضل کاشمیری......اکھ باکمال تخلیق کار

مرحوم غلام احمد فاضل کاشمیری لیس پیٹھ یوٗ تاہ لیکھنہٕ تہٕ باوُنہٕ ییہِ تیوٗ تاہ چھُ کم۔ پتمین قداوار ہم عُمرن مہجورتہٕ آزادس مقابلہٕ اوس فاضل صأب سبٹھاہ بسیار گوتہٕ مکمل پأٹھی چھِ تمی سنزِ شاعری منز کُنہٕ کُنہٕ مہجورنہٕ کھوتہٕ زیادٕ معنویت تہٕ تجربہٕ کہِ اظہارُک بزرتاکارِ پأٹھی نوٚن نیران۔

فاضل صأب اوس سانین شاعرن ہندِ کاروانک سُہ بُزرگ رہبر ییٚمِس اِلہٕ پلہٕ دون ہتن وُرین تام قدم بہ قدم اتھ ستی پکان روٗ دتہٕ ییٚس پتہٕ لاکن امہِ چہِ رہبری تہٕ رہنمأیی ہندِس مقامس وأتتھ پننہِ وتہٕ گوٚو۔

فاضل کاشمیری اوس ژُہمہِ جمأژے پران زِ تِسٚندی زٕ مجموعہٕ دژاے بازر یمن منز گلدستۂ فاضل اردو پأٹھی تہٕ ترانۂ فاضل کأشری پأٹھی اوس۔ تمہِ وقتہٕ چہِ فأضل نہِ شعرٕ مثالہ چھے یمہ:

هو گیا ماهِ عرب جب زینتِ بزم جهاں
مٹ گیا باطل نمایاں ہو گیا حق کا نشان

تہٕ ترانۂ فأضل منز:

بُلبُل ژٕ نالان گوٚھ دَوان شاہِ مدینس کرسلام

وَنِتس چُھ بے کس مبتلا صلو علیہِ دایما

اماپوٚ زفاضل صابُن ناودژا وسارے کٔشیرِ منٛز شہر وگام تَمہِ ساتہٕ نوٚن ییلہِ تَمۍ ۱۹۳۶ءمنٛز ''کرٛالہِ کوٗر'' نظم لیٚچھ۔ یہِ اوس تُسُندسُہ فن پارٕ یُس محمود گامی، رسول میرتہٕ مہجور نوٚ باتَو پتہٕ سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ قبوٗلِ عام کس مرتبس ووت۔ اتھ منٛدر لےٚتہٕ سَنہٕ وُن ساز چُھ ازتہِ کأشرِ بن گرن منٛز امہِ چہٕ لُکہٕ رنگہٕ چہٕ شاعری ہُندٕ زیٚرو بم دِلہِ چَن تارن مضراب دِوان، امیُک نغمأتی سُرور تہٕ شاعرانہٕ لُطف چُھ ازتہِ قأیم تہٕ دأیم:

بانہٕ یامتھ حُسنہٕ وانۍ چھکھ تھٔران

کینٛہہ چھِ سپدان مأری مُندی تے کینٛہہ ہلان

لولہٕ نارے کینٛہہ چھِ زالان سوٗرتن

کرٛالہٕ کوٗری مالہٕ کریۍ کوٗسمن

بیٛہہ تہٕ واشا کڈتہٕ نرِ ما چھیۍ تھکان

آب و خاکس ستی دِلِ میٛون اَڈران

بالہٕ میٛو لاری ہیٛنے مأنزوٕے نمن

کرٛالہٕ کوٗری مالہٕ کریۍ کوٗسمن

وُہمہِ صدی ہِندِس ترٛیمس تہٕ ژوٗرِمس دٔہی لِس منٛز کم وبیش دہن وٕرِ ین اندر

یم کاشرِ زبانٔی ہِندی گوڈنکی ڈراما لیکھنہٕ آے تِمن منٛز چھِ فاضل سٕندی زٕ ڈراما کوکری

کا پکھ تہٕ شیر ٖین فرہاد تہِ شامِل۔ یم ۱۹۳۸ء منٛز ہز ماسٹرس وویس (HMV) کمپنی

والیو ریکارڈن منٛز برٕی۔ امہِ کم قلیل وقتہٕ کیٛن بییٚن ڈراماہن منٛز چھ ۱۹۲۹ء منٛز

لیوٚکھمُت نندلال کولُن سچ کہوٹ۔ تاراچند بِسمِل سُنٛد اکھ ہُندُن۔ رام اوتار پرچھ

کہوٹ تہٕ غلام نبی دسوزٕنی ترٛے ڈراما شودٕ، لیلیٰ مجنون تہٕ شیر ٖین خسرو شامل، یم

۱۹۳۷ء پیٹھٕ ۱۹۴۱ء تام لیکھنہٕ آے۔

فاضل کاشمیری اوس کاشرِ زبانٔی ہُند سہٕ پرگو سخنور یٚمی سٕنٛز ترٛے درجن پیٚٹھی

کتابہٕ بازرِ دژٕ ایہٕ۔ تِمی سٕندی موضوع تہٕ اَسی بے حساب تہٕ تِمن منٛز اوس سہٕ وُسجار،

یُس نہٕ ہم کال شاعری منٛز بیٚیہٕ کانٛسہِ گونماتس نِش نظرِ چھ گژھان۔ فاضل

صابن چھِ نعت، حمد، منقبت، مناجات، لیلایہٕ، رؤف، ونہٕ وُن، منٛزلی باتھ،

شُری باتھ، مرثی، نوحہ، سلام، طنز و مزاح، غزل، وژُن، نظم، قطعات، قصیدٕ تہٕ

لڑی شاہ بیترِ ساری صِنفِ سُخن پننہِ فنکاری ہِندِس استعمالس منٛز اَنی مِتہ۔ سہٕ یٚمہِ

ساتہٕ کانٛسہِ شخصیژ متاثر کوٚر، تمہِ ساتہٕ گرٕتمی تِمس عظیم انسانس مدح خوٲنی تہٕ

یتھی انسان اَسی انسانیتکی تہٕ آدمی عظمتکی علمبردار، یمن منٛز چھِ حضرت عیسیٰؑ،

حضرت شیخ حمزہ مخدوم کشمیریؒ، رابندرناتھ ٹیگور، شری رام چندر، حضرت عُمر ابنِ

عبدالعزیز تہٕ سَبت گورو بیترِ شامِل۔

اکھ اہم عصر شاعر چھ فاضل ہِندِس کلامس پیٹھ پننہ رائے دِتھ وَنان زِ خبر فاضل ما چھ شاعری منز ابہام کِس اہمیتس مُلئے مُنکر۔ دراصل چھنہ یہ کتھ۔ حقیقت چھ یہ زِ فاضل چھ اکھ سُہ شاعر یُس اثر رٹنک تہ تتھ اثرس فوراً اظہارچ شکل دِنک عادی چھ۔ یہ اثر قبول کرن وِزِ تہ اتھ پننِس کلامس منز ورتاون وِزِ چھنہ تِمہ لوٗت گوٗب تۄرکرِ کھورمُت۔ تس ییمہ چیزن یا وقعاتو کُنہ برتری یا کُنہ قدرتی نظارن یا کانٛسہ شخصن تحریک دِژ تِمو کوٚر تتھ جذبس تہ احساسس سیدِ سیود شاعری ہُند پاراو۔ کٔژالہ کوٚر، پہلی کوٚر، زوٗنہ راژ منز ڈل، سونہ مرگ، سہند، وَن ژٔر تہ کٔشیر چھِ یِمن احساسن تہ جذبن ہِندِ ردِعملُک تصویرہ پیش کران۔ لہٰذا ہیکو یہ وثوقہٕ سان وٕنتھ زِ فاضل صابٕنِس سیز تہ سہل شاعری ہیکہِ ہے نہ تِمہ ابہامُک شکار سپدِتھ یُس بعض اوقات شعرِ کِس حُسنس گہنہ تہ چھ بنان تہ گاہے چھ کلامس بے معنی تہ بے اثر تہِ بناوان۔ بیٚیہ یہ زِ ییمہ سات تہ اسی فاضل صابُن پیٚن یہِ گُف باور کرو، زِ تس چھ حفیظ جالندھری، رسول میر تہ عبدالاحد آزادُن زبردست اثر رُو دمُت۔ تسنز شاعری اکھ مقبولِ عام رنگ رُوپ رٹنچ کتھ چھِ پانٕی پانے فکرِ تران۔

فاضل صابنہ اِمہِ رنگا رنگ کلامکی ساری لطیف، حسین نموٗنہ پیش کرنچ خاہش چھ تِمہ ساتہ اَ رکتھ کُن ہوان ییلہِ کلامِ فاضلُک تغزل، غنائیت تہ عشقہ کہِ جذباتی قوتک تسُند بھرپور اظہار تسنزن لگ بھگ سارِنے کتابن پھیر دِنس پیٹھ مجبور چھ کران۔ اما پوز مشتے نموٗنہ از خروارے دِتھ ییم چھِ مرثی ہندی زِ

ترٛے مِصرعہٕ:

حُسینسؑ کربلا گُدریٛوم، کیٛاہ گوم
مےٚ زخمن نوٚن ہیوٚ تیلیٛوم، کیٛاہ گوم
گُلابن کازٕ رنگ پھیُر تاپہٕ کرٛایو
نبیؐ سُند تازٕ گُل ژمٹیٛوم، کیٛاہ گوم
یہ گرمی نارٕ دوٗد صحرا وُشُن واو
یزیدس دِل مگر شیہلیٛوم، کیٛاہ گوم

تہٕ اکہِ نعتکی یم زٕ شعر:

کریٛومےٚ وُمرِ پٔتۍ از سال شاہا
یہم کتھ پیٹھ گوٚہان چھم گال شاہا
ژٕے ژھاین نالہٕ مٔتۍ گری گری أز ژٔک تام
قدس گوٚو فاضلس زن دال شاہا

تسٕنز مشہور نظم ''زوٗنہِ منزٕ ڈل'' تہٕ اکہِ یم شعر:

بالہٕ پٔتۍ کھوٚ زوٗن وٗتھ بے اختیار آبس اندر
یِی ڈلس منز عام گوٚو لگی اشتہار آبس اندر
ڈُنگ دِوان وٗلی وٗلی کھسان یتھٕ پٲٹھی کالےٚ آمٕژن
مہرنبن آسان چھُ سحرن لارٕ لار آبس اندر
آے تارکھ چاندِ منز گژھتھ دِتھ دَوان بُراہِ کھٔتۍ

زۄنہٕ وُچھ وُچھ ژٲنگی زاہلکو بے شمار آبس اندر

تہٕ اُخرس پیٹھ فاضل صابٕنی سو بے مثال تہٕ لاجواب غزل تہٕ تمیک نمونہٕ:

بزم دِتھ ساقی نٔشہِ راوِتھ گوم

چبنہٕ رۄس پیالہٕ گوم خالی یے

ہیہٕ اتھہِ وبہٕ ریۄم وٗسی ما سنا گوم

چبنہٕ رۄس پیالہٕ گوم خالی یے

شوقہٕ سان زانی ہُند مس باگرایوم

بے زانی چیتھ گیے دِل ہُشیار

لُکھ چاوناوِم پانس پرٕ پیۄم

چبنہٕ رۄس پیالہٕ گوم خالی یے

توشہِ وُن یاوُن پوشہِ وُن گنزریۄم

اسہٕ وُن لسہٕ وُن سفرُک یار

غاٗر زانی لاگِتھ اڈوتہٕ ژھبنہٕ گوم

چبنہٕ رۄس پیالہٕ گوم خالی یے

یِمہٕ کینہہ مثالہٕ دِتھ چھ نِنان زِ فاضلس کوتاہ دسترس اوس فنی کمالس تہٕ فنکارانہٕ خیالس پیٹھ یُس پنٕنس قلمس تابع بناوِتھ تمی پنٕنی ساری موضوع تہٕ مضمون شوٗبہِ دار تہٕ طرح دار پاٹھی پیش کٔری۔ یِوھن مثالن ہُند تعداد ہیکہِ واریاہس حدس تام ہرِتھ مگر یِمہِ مضمونچ تنگ دامنی باوجوٗد ہیکہِ نہٕ اکھ فاضل شناس تِہندی

بے شمار بأتھ تہٕ غزل تہٕ باقےٚ کلام پھٕری پھٕری ڈرراونس پتھ روٗزِتھ یم وُمرِ دُمران کأشرِ شأعری ہٕنٛدس خزانس اکہِ مولہٕ لہِ سرمایہٕ رٔنگی ہُر بر روزن کران۔

فأضل صأب یتھ محفلہِ منٛز حأضر آسہِ ہے سو اُس تہِنٛدِ باشہِ کرٕونہِ گفتارٕ سٟتؠ تہٕ شأعری ہٕنٛدِ پُر ادا اظہارٕ سٟتؠ زعفران زار بنان۔ پنٕنہِ زندگی ہٕنٛدی پتم کینٛہہ ؤری کٔڈؠ فاضل صأبن خلوت خانس منٛز۔ تسٕنٛد وجوٗد چھُ سانہِ باپتھ اکھ توبرُک تہٕ غنیمت سرمایہٕ، یتھ نِسبت ثُمی پانٕے اقبالٕنٛ اکھ مشہور شعر کأشرِس منٛز پھٕرِتھ وٕنؠو:

حسین اُچھ گاشہِ روٗس بے چارٕ ہاران اوٗش چھِ ییٚمبرزل
سبٕٹھاہ یٔژکالہٕ باغس منٛز گوٚہان اکھ دیدٕور پیدا

☆☆

غلام نبی آتش

# فاضل کاشمیری......شُری ادبُک تعمیر کار

فاضل کاشمیری سٕنٛزِ کاشُرِ شاعری ہٕنٛز سدابہار پوشہِ مرگ چھےٚ چمن در چمن، راہِ ہوٕنٛزٕ، وُسعت، وہراوتہٕ رنگارنگی کنٛز تہٕ باڑو دار زِوُنہِ چھ امہِ کِمن کُھویا گوشن تام سون پلکو واتہٕ نئے۔ اَہنٛدی لیکھمٕتی نعت چھِ مسجدن تہٕ دینی مجلسن منٛز گژھ بزان۔ کُس کاشُر آسہِ تیٚمی نہٕ ''کرالہِ کوٗر'' تہٕ ''چِیٛنہٕ روٗس پیالہٕ گوم خالی یے'' تہٕ تِتھین ہوبن کھویا فن پارن لرِلوہ کوٚر رمُت آسہِ۔ حُب وطن اُسی تن یا حُسنِ فطرت، سماجی بدتن ٹیف ژٕنٛزٕ اُسی تن یا اخلاقی سُدھار، انسانی بہبوٗدی اُسی تن یا روادارٕی، فاضل صابنٕس شعرِ گنجس منٛز چھ پرٛتھ کینٛہہ موجوٗد۔ اکھُتے اوس تِمن شُر بن ہنٛدِ جسمانی، ذہنی تہٕ اخلاقی تربیُژ ہُنٛد زیادے ظون۔

فاضل کاشمیری اُسی کارواہ تہٕ شفیق استاد۔ اکھ ماہرِ تعلیم، تِموٚ کرٕ اگرٕ نگر تعلیم عام کرنٕچ پھریٛتھ کوٚشش۔ تِم اُسی مختلف واٗنسہِ ہنٛدبن شُربن ہنٛدِس نفسیاتس اَنٛزی منٛزی گاٹٕجتی۔ تِہنٛز نفسیاٗتی تہٕ ذہنی ضروٗرٕژ بدِ کڈنس منٛز اُسکھ یُو مہارت۔ پرناوُن اوسکھ پیشہِ ورانہٕ مٹہِ داٗری مگر تِموٚ کوٚر شُر بن ہنٛدِ ذہنی تہٕ نفسیاٗتی تربیُو باپتھ واریاہس حدس تام پنٛن شاعرانہٕ ہُنرٕ تہِ استعمال تہٕ مختلف واٗنسہِ ہنٛدبن

شُر بن ہِنٛدِ باپتھ لیچھکھ رائمہٕ (Rhymes) تہٕ، نظمہٕ تہٕ تہٕ رٕگندن بأتھہٕ تہٕ۔ تمو لیکھی شُر بن ہِنٛدِ باپتھ وار یاہ دُعا، یِم سبٹھاہ مقبوٗل سپدی۔ نفسیات تہٕ تعلیمہٕ ہِنٛد بوٗ واریاہو مأہرو چھےٚ یہِ کتھ پھِری پھِری وٕنی مٕژ زِ شُرِس گژھ تمی زمانہٕ پیٹھٕ اخلاقی تہٕ انسأنی قدرن ہُنٛد اوپ ژوپ کرُن، ییلہِ سُہ نیٚشہِ بوٚڈے آسان چھُ۔ تمہِ وِزِ چھُ اکھ خاص کارگر وسیلہٕ، منظوم یا مُترنم باوتھ۔ اوے چھےٚ باشن تہٕ شُری بأتن پرٛتھ دورس منٛز خاص اہمیت حأصل روٗزمٕژ۔ بڈٕ بڈٕ شأعرو، ادیبو تہٕ فأضلو چھُ، باما تم مُلکی چھِ یا غأر مُلکی، دِل دِتھ شُر بن ہِنٛدِ باپتھ ادب لیٚکھمُت۔ مُلکی سوٚتھرِس پیٹھ ہیکو أسی نوبل انعام یافتہٕ شأعر رابندر ناتھ ٹیگور تہٕ حکیم الاُمت حضرت علامہ اقبال ہِنٛز مثال دِتھ۔

ماہرِ تعلیم ڈاکٹر رادھا کرشنن سُنٛد وَنُن چھُ زِ:

"اسہِ پزِ پرورش گاہو پیٹھے دِلن منٛز انسأنیتُک، روٗح باپتھ رٕژرِچہِ اثر پذیری ہُنٛد، فطرت چہِ ژینہٕ ہأری باپتھ تازگی ہُنٛد تہٕ فرد ہِنٛزِ دیانت دأری تہٕ پوٚختگی ہُنٛد احساس پوٚختاوُن تہٕ ہُراوُن۔ آدم زادن پزِ شونکہٕ تہٕ بےٚ شونکی کوٚشِشو ستی حقس، مأری مَنٛد تِس تہٕ رٕژرس لول برنچ تربیت دِنی"!

فأضل صأبن تہٕ کوٚر اتھ سلسلس منٛز پنُن حصہٕ ادا۔ تمو لیچھِ شُر بن ہِنٛدِ باپتھ تتھ زمانس منٛز نظمہٕ، ییلہِ نہٕ اور کُن کانٛہہ شأعر مازانے اوس۔ ووٚنی گوٚو غلام احمد مہجور تہٕ عبدالاحد آزاد اوس کانٛہہ کانٛہہ شُری بأتھ لیکھتھ روایتس دِس تھٲمُت

تہٕ فاضل صابن کۄر راتھ روایتس دٕر برتہٕ پوچھر عطا۔ وق گژھنس سۭتی سۭتی کۄر ریڈیو واریاہو لِکھاریو تہٕ شاعرو شُری ادب تخلیق۔ یہٕ سلسلہٕ چھ جان پٲٹھی جٲری۔ وونی چھنہٕ اسہٕ شُری ادبچ سو وبژھے یوسہٕ بڑوٚنہہ کالہٕ اُس۔ تاہم چھ وۄنہٕ واریاہ کینٛہہ کرُن باقٕے۔ تاہم چھ وۄنی کٔبن اتھ مٲدانس منٛز اکھ لوکٕٹ موکُٹ کاروان رواں دٕواں، یمن منٛز یِم شاعر تہٕ شامِل چھِ۔ شمبو ناتھ بھٹ حلیم، ناجی مُنور، پرتھوی ناتھ کول سائل، شیخ راضی، فیاض تلگامی، غلام نبی آتش، حمید سراج، ظریف احمد ظریف، نعیم کشمیری، مشتاق منتظر، رشید کانسپوری، ایوب صابر، روحی جان، مظفر حُسین دلبر تہٕ شبیر حسین بانہالی۔ حالانکہٕ ناجی منور تہٕ نشاط انصاری چھِ شُری ادبہٕ کِس تعمیر کارو منٛز خاص اہمیت تھاوان۔ مرحوم سید رسول پونٛپُر تہٕ اوس باقٕے آور یِر وعلاوٕ شُربن ہنٛدِ باپتھ لِکھان۔

فاضل صابن گٔر نہٕ صِرف وقتٕچ ضرورت پۄرٕ بلکہٕ اُسی تِم شاعری منٛز مقصدِ تِکی قٲیِل تہٕ رِوایتکی پاسدار۔ بڑوٚنہہ کالہٕ اوس شُربن من رٔنزناونہٕ باپتھ تہٕ رٕژن قدرن ہُنٛد اوپ ژوپ کرنہٕ باپتھ لُکہٕ باۂ ژھُنٛد وسیلہٕ ورتاونہٕ یِوان۔ یِمن منٛز روایتی شُری گٔنڈٕنی، شُری باشہٕ، ٹُلیہٕ گٔنڈُن، چِتہٕ بالن، ہو ہو بٲتھ، منٛزلی بٲتھ، کِتہٕ کِتہٕ بٲتھ تہٕ لوکچہٕ لوکچہٕ لُکہٕ کتھہٕ بیترٕ شامل آسہٕ۔ تاہم لیکھی وارٕ وارٕ شاعرو یِمنٕے صِنفن ہُنٛد فٲیدٕ تُلتھ امی گاچہٕ شُربن ہٕنٛدِ باپتھ بٲتھ۔ اَوے رۄزا اکثر شُری بٲتن منٛز لُکہٕ لے چلہٕ وۄنی۔ فاضل صابنن اکثر بٲتن منٛز تہٕ چھےٚ یِہے لُکہٕ لے یُس ہٕ شُربن وولساوان چھےٚ۔ اکھ توجہ طلب نوکتہٕ چھ زِ واریاہ کال گُزرنہٕ پتہٕ تہٕ چھ

تنوع تہٕ مقدارٕ اعتبارٕ شُر بن ہنٛدِ باپتھ فاضل صابنٕ لیوکھمُت شعرٕ سرمایہ باقے سارِنٕے شاعرن ہنٛدِ شُری ادبہٕ کھوتہٕ زیادٕ۔ حالانکہ تِمو لیُوکھ نہٕ شُر بن ہنٛدِ باپتھ نثر۔ اوٗ تام اُس نہٕ اَمِچ روایت تہِ۔ لہٰذا اوس شُری ادب دِتھ شُر بن ہنٛدِ باپتھ شعری ادب مقصد یِوان بنہٕ۔ شُر بن ہنٛدِ باپتھ کاشُر نثر لیکھنس ووتھ پتہٕ پہن دس۔ فاضل صابنو شایع سپدیمو ولو کچھو بچو الہٕ پلہٕ ۴۰ رَہو شعرٕ سوٚمبرٕ نومنٛز چھے اُٹھ سوٚمبرنہٕ صِرف شُر بن ہنٛدِ باپتھ، یِمن منٛز مثالے ٹریفِک ہوش، شمع وطن، نگہبان، ڈلیلہٕ، دعائے معصوم، پارٕ دی سر بیترٕ شامل چھے۔

انسان دوستی تہٕ اخلاق سازی چھِ فاضل صابنٛز مۄلہٕ دُعا۔ امیُک خیال چھُنہٕ تِمو نہٕ صِرف پننہٕ کلُہم شاعری منٛز تھوومُت بلکہٕ شُری شاعری منٛز تہِ۔ خاص پاٹھۍ چھِ امِکۍ نمونہٕ تِم دُعایہٕ یِم فاضل صابن بِذاتی شُر بن ہنٛدِ باپتھ چھِ لیکھۍ مٕتی مگر نوبالغن تہٕ بالغن ہنٛدِ گوٚ تہِ چھِ۔ از تام رٔو دی لچھِ بُدی طالبِ علم سکوٗلن منٛز منعقد سپدن واجنِن صُبحہٕ چِھن دُعائیہ مجلسن منٛز فاضل صابنٛز دُعایہٕ ھ تہٕ پرٛ ھ، چاوٕ تہٕ جوشہٕ سان پران۔ یِمن منٛز بندگی ہُنٛد تہٕ خداشناسی ہُنٛد سبق تہِ چھُ، لول، ہمدردی تہٕ رواداری ہُنٛد باند باند تہِ چھُ تہٕ کائینات کِین اسرارن ہنٛز زانکاری پرٛاونہٕ باپتھ، حیات تہٕ کائینات سر کرنہٕ باپتھ، دُنیاوی، روٗحانی تہٕ مذہبی معاملات زانہٕ تہٕ تِمن منٛز ترقی پرٛاونہٕ باپتھ اللہ تعالیٰ ہس کُن دُعا تہِ چھُ۔ کیٛنہہ مثالہٕ:

میانہٕ ربّا پوٗز سُخن وَنہٕ ناوتم

یِی پسند آسی ژےٚ تی کرناوتم

مے ان زانس بخشتم زان داتا

بہ چھس بس شکلہِ کنہ انسان داتا

شمارا چھم نہ کانہہ آشن ووميذن

کڈم سارى دِلکو ارمان داتا

بہ چائنس کاینالس دپان چھس سیر کرہا

کتابِ زندگی ہنْد سبق بے ولیہ پرہا

بلند باسان چھِ اسمان، یمن بالا چھُ انسان

چھِ کیاہ یم کوہ کوہستان، یمن نازا نہہ تہِ ڈرہا

بہ مالس ماجہِ ہنْد چھس لۄر پھولمت

خدایا تم دوہے یُوھی تن مے رُت رُت

صاحباہ سروری دِتم بختِ سکندری دِتم

قسمتچ یاوری دِتم، بختِ سکندری دِتم

اے مالکِ زمانہ، صحراو کوہ و دریا

چونے بیاں چھُ ہرجا، اے مہربان خدایا

ژٕ مےٚ علمہٕ ستی سجاوُم پوشید ٕسر مےٚ تھاوُم
دِل فاضلٕن بناوُم، اے مہربان خدایا

رحیم ژٕ ے چھکھ کریم ژٕ ے چھکھ
خدا تہٕ اللہ چھ ناو چونے
ژٕ خالقِ کُل ژٕ مالکِ کُل
چھ کاینات نظام چونے

(دُعاے معصوم)

بوزوے تہٕ فاضل کاشمیری سٕنز کلٕہم اردو تہٕ کاشرِ شاعری منز چھ حکیم الأمت حضرت علامہ اقبالؒ سُند ہُتہٕ ییتہٕ اثر تہٕ نظرِ گژھان امہِ اثرٕچ نشاندہی کران چھِ فاضل صابٕنی دخترِ نیک اختر محترمہ تسکینہ فاضل لکھان:

''یِلہِ فاضل صاب اردو سخن گویی پتہٕ کاشرِس کُن پھیرِ، سہ ہیوٚک نہٕ اقبالؒ سٕندِ اثرٕ نشہِ بلکُل مُچھ روٚزِتھ۔ تم اثرات روٚدی تہنزِ شعرگوٚیی ہٕندِس سارِسے سفرس دوران تمن ستی۔ اما پوٚزا اقبال سٕندی اثرات شرٕ وپراُوِن تتھ پاٹھی پننہٕ شاعرانہٕ شخصیوٚ اندر زِ پننی اکھ مخصوص تہٕ مُنفرد تخلیقی شخصیت تہٕ تمچ شناخت کرٕن قایم''[2]

فاضل صابن چھے رائمہٕ واریاہ کم تہٕ نظمہٕ تہٕ ڈٕلیلہٕ واریاہ لیچھمٕژ۔ عام پاٹھی چھے رائمہٕ نیٚشہِ بدبن ہٕندِ باپتھ یا داہ باہ وٕری واٹسہِ ہٕندبن شُربن ہٕندِ خاطرٕ

آسان، اماپوٚ زِ فاضل صابن یمہٕ نظمہٕ تہٕ ڈلیلہٕ بذاتی شُر بن ہنٛدِ باپتھ پیچھموٕ چھے تِمن منٛز چھےٚ کینٛہہ صِرف شُر بن ہنٛدِ وانٛسہِ تہٕ مِزاز کہِ گوٚ۔ کینٛہہ نوٚ بالغن ہنٛدِ مِزازٕ مطابق تہٕ کینٛہہ بالغن ہنٛزِ دلچسپی ہنٛزٕ تہٕ کینٛہہ چھے شُر بن ہنٛدِ گوٕ تہٕ بالغن ہنٛدِ گوٕ تہِ۔ دلچسپ کتھ چھےٚ یہِ زِ بُزرگ تہِ چھِ یموٚ ڈیلوتہٕ نظموٕ ستی محظوٗظ سپدان۔ ونہٕ چھُ یِوان زِ فاضل صابس اُس شُر بن ہنٛدِ باپتھ نظمہٕ لیکھنٛچ تحریک حضرت علامہ اقبالؔ سنٛزٕ و تِمو نظموٕ ستی پاتھیمٕو، یمہٕ "بانگِ درا" اردو شعرٕ مجموٗعس منٛز درج چھےٚ۔ تسکینہ فاضل چھےٚ لیکھان:

"شُر بن ہنٛدِ باپتھ تہنٛدِس تخلیق کرنہٕ آمتِس ادبس منٛز تِہنٛدِ مُشاہدٕک، تجربن ہنٛد تہٕ مطالعہٕ ہنٛک عمل دخل روزنہٕ علاوٕ رُوٗدی نہٕ تِم اقبالؔ سنٛزٕ "بانگِ درا" چوٚ ابتدائی نظموٕ نشہٕ مُتاثر گوٚھنہٕ روٗس"۳

حضرت علامہ اقبال سُنٛد یہِ اثر چھُ فاضل صابنوٕ، شُر بن باپتھ لیکھنہٕ آمژٕ و نظمو علاوٕ تِہنٛد بن لیکھی متین دُعاہن منٛز تہِ۔ امہِ قبیلٕچ شاعری بسیار پاسل آسنٛک وجہ چھُ تِہنٛد مزاحیہ لہجہٕ تہٕ زبانی پٹھ بلکہ ٹھیٹھ زبانی پٹھ پوٗرٕ تھف آسٕنی۔

مثالہِ پاٹھی وُچھو "ہرٕ ڈ" نظمہٕ ہُنٛد یہِ روانی دار بند، یتھ شُر بن ہنٛدِ باپتھ لگہٕ ہاری چھےٚ تہٕ تِہنٛدِ باپتھ دلچسپ تہِ چھُ۔ بالغن تہٕ بُزرگن ہنٛدِ باپتھ معنہٕ ین ہنٛدی دلچسپ پاس تہِ چھس:

ژٕربو تام ٹٕز کوٚر وندٕک پوٗرٕ سنٛز کوٚر

ریٚیو تے جمع کوٚر بیٚیو تے جمع کوٚر

ژٕ چھکھ پانٕہٕ خاًلی ژےٚ چھےٚ بانٕہٕ خاًلی

ژےٚ دامانٕہٕ خاًلی پکان زِمستان چھےٚ

ژےٚ تے امتحان چھےٚ

(شمع وطن)

فاًضل صاًبس چھ شُر بن ہٕندِ باپتھ لیکھنُک اکھ وکھرٕ انداز، حالانکہٕ شُری چھِنہٕ سیٚدِ سیٚوٚد کانٛہہ ہدایت نامہٕ پسند کران بلکہٕ گوٚڈ تہندِ باپتھ ورگہٕ باوٕژ کاًم یِنہٕ یِنٕہٕ۔ تاہم چھ یہِ اصول لوٚچہِ واًتسہِ ہٕند بن شُر بن ہٕندِ باپتھ ضروری۔ ووٚنی ییٚلہِ داہ باہ وُہر شُر آسہِ، تِمس ہکو لولہٕ تہٕ ملیہِ سان دلچسپ آیہِ نصیحت تہِ کرِتھ۔ یِتھ پاٹھی فاضل صاًبنہٕ یِتھ نظمہِ منٛز اًسی وُچھان چھِ زِ نصیحت چھےٚ مگر وٕہنُک لہجہِ چھ نرم تہٕ استدلاًلی تہٕ دلچسپ:

رِگندُن گوٚو پوٚز، دژوگُن گوٚو پوٚز

پرُن لیکھُن تہِ تھٔوِو جاًری

پگاہ یِتھ پاس نیرِو یار ساًری

حسابس کُن، سوالن کُن، ژٕ تھوٚ کن

توجہ دِتھ عمل تھو تاًرِٕکی تاًری

پگاہ یِتھ پاس نیرِو یار ساًری

ٹائم ٹیبُل چھ اکھ بوٚڈ ژھل لیکھِتھ تھو

کری امداد بڑوٚنہہ کُن ذاتِ بأری

پگاہ یتھ پاس نیرو یار سأری

پٔرو سائنس، جغرأفی تہٕ تأریخ

گٔرو سا امتحانچ أزی تیأری

پگاہ یتھ پاس نیرو یار سأری

حُسنِ فطرت تہٕ حُبِ وطن چھِ فاضل صأبنہٕ شأعری ہندی خاص موضوٗع۔ خاص پأٹھی چھُ تمو وطنِ عزیز کٔشیرِ ہندِس حُسنِ فطرتس پننہٕ شأعری منزٕ لولہٕ متہٕ لاے کوٚرمُت۔ یہٕ ہے جذبہٕ چھُ فاضل صأبنین تمن نظمن منزٕ تہٕ باوتھ لبان، یمہٕ خأہی گرِتھ شُربن ہندِ باپتھ لیکھنہٕ آمو چھے۔ تمو چھے شُربن اندر حُبِ وطن، ماحولچ رأچھ تہٕ حُسنِ فطرت چہٕ ژینن بترٕ تہٕ چھاون یژھہٕ ہندی جذبات نہٕ صِرف وُزناوٕنچ کوٚشش کرٕمٕژ بلکہِ تمہ ہُر راوٕنچ تہٕ پوٚختاوٕنچ تہٕ۔ شُر گوٚژھ بڑوٚنہہ پکِتھ رُت انسان تہٕ ذِمہٕ دار شہری بنُن:

وطن چھے تھوٚد تہٕ بالا، یہٕ فأضل بے مثالا

دِلس چھم اکھ خیالا، یتھی ہوی شعر پرٕہا

☆

سبزٕ زارن مرغزارن ہُند قسم — مرغزارن لالہٕ زارن ہُند قسم

لالہٕ زارن نوبہارن ہُند قسم — لالہٕ زارن نوبہارن ہُند قسم

نوبہارن تےٚ نظارن ہُند قسم    أسی چھِ پننہٕ نبن

شالہٕ مارن رأچھ در

شالہٕ مارن رأچھ در

(نگہبان)

أسی چھِ وطنٕکی نونہال    بے بہا تےٚ بے مثال

پُرہُنر تےٚ باکمال    أسی چھِ وطنٕکی نونہال

أسی چھِ وأرث عائلمن    کار سونٕۍ عِلم و فن

مول سبٹھاہ سانٮن کتھن    أسی چھِ وطنٕکی نونہال

أسی چھِ لوکہٕ ٹی ہوش مند    حوصلس منز سر بُلند

تارٕ کن لایَو کمند    أسی چھِ وطنٕکی نونہال

(نگہبان)

ماحول رٕژھراوٕنک ، حُسنِ فطرتس رأچھ کرِتھ تمیُک حظ تلُنگ جذبہٕ گوٚو أسی تھے مگر فاضل صأبن چھےٚ تمدُنی اہمیت کٮن مقأمی چیزن متعلق نظمہٕ لیکھِتھ شُربن ہُند توجہ اتھ کُنہٕ ہس کُن پھِرنٕچ کوٗشش تہٕ کرٕمٕژ۔ تم بامے کشیرِ ہنٛدی موسم اُسن یا کشیرِ ہُند مخصوص پھمرن ، نٮنتہٕ ہٮن شین تہٕ پُٔش تہٕ پکھش۔ فأضل صأبنٛز تخلیقی قوُتن تہٕ تیز مشأہدن چھِ ماحول تہٕ موضوعکی خدوخال زنتہٕ زوردار کیمراہکی پأٹھی عکس بند کٔرۍ مٕتۍ۔ یوٚ دوٚےرتھٕنٛد اسلوب سادٕ چھ مگر شعرٕ پأراوِ کی وَل مثالے تشبیہہ ، استعارٕ ، علامت تہٕ چھِکھ منہٕ مأنِس اندازس منز ورتاوی مٕتۍ :

ژٕریُو پۄنٛژ تہ ہنٛدرٕیو واو | ونہٕ بب آو، ونہٕ بب آو
وولہٕ ساکن تھوروز سہ ٲتی | ٲتی ژین تہٕ ونہٕ بب آو
ہرٕدکی رنگ ژٔلی، کستوٗری گلٕوِ یے | بُلبُل، جل، ہاٗر، ژٔر تہٕ گانٹھ
ژھیٛپتی ہوٗ ترے ہٕتی | ٲتی ژین تہٕ ونہٕ بب آو
ہنگہٕ منگہٕ شِشُرک پرتو پیوٗ مُت | سُرٕ دگ وارِبن سرداوان
ترکاربن پیٹھ شینکی پھوٗتی | ٲتی ژین تہٕ ونہٕ بب آو
کانٛگر رحمت، کانٛگر زحمت | ببب ہو وُشناوان
پاژھبن سۄر، ہُنے نارٕ ٹٲتی | ٲتی ژین تہٕ ونہٕ بب آو

(پارٕ دی سر: نظم: ونہٕ)

ونہٕ چ آسہٕ کتھ تہٕ کانگرِ ہُنٛد ذِکر یِیہِ ضرۄر۔ شین، شِشُر، سُرٕ دگ، نارٕ ٹٲتی تہٕ پھرن بیترِ چھِ ونہٕ کی چیز۔ بڑٕ وٕنہِ کالہٕ اوس کٔڑ روَنہٕ آسان۔ کانٛگر تہٕ پھرن ٲسی ونہٕ س مقابلہٕ کرٕنکی سامانہٕ، حتیٰ کہٕ یم چھِ ازتہٕ ورتاوس منز۔ کانگر تہٕ پھرن چھِ وونی وُشنیر پڑاونہٕ علاوٕ پٲراوٕ کی چیز مانہٕ یوان۔ سَیاح چھِ یم چیز امی مقصدٕ مُلی ہیتھ خوش گژھان۔ پھرن تہٕ کانٛگر چھِ کٔشیرِ ہنٛزٕ پرٔزنٛو ہنٛدی یہ ڈٔلی زِتہٕ حصہٕ بنیٚمتی۔ پھرنس متعلق چھےٚ فاضِل صأنٛہ یہ رائے تہٕ دلچسپ:

پھرن چھس پھرن چھس
یہٕ کأشُر پھرن چھس
لُگن خوش کرن چھس

ﮦ کأشُر پھرن چُھس
ﮦ چھس ژٕرِ کیٛت دوٗر
وندس منز تہٕ چُھس اوٗر
مےٚ وُشنیر چُھم ژوٗر
ﮦ کأشُر پھرن چُھس
پھرن چُھس پھرن چُھس
ﮦ کأشُر پھرن چُھس

موسمن ہٕندِ تعلقہٕ چھِ فاضل صأبنٕ زٕ بأتھ شُربن تہٕ بڈٕبن منز واریاہ مقبوٗل۔ییم لُکہٕ لیہ پیٹھ لیکھنہٕ آمتی چھِ۔اکھ بأتھ چُھ ''شین پیٚیہٕ''۔اتھ منز چھِ شُری خیالن باوتھ دِنہٕ آمٕژ۔شُر چھ ہوکھ دُرِس دوران رِگندنس ستی آوٗر روزان۔تیلہٕ کالہِ اوس ''لُٹھی کج لوٗٹھ'' شُربن ہُند محبوب تہٕ مقبول رِگندُن۔ووٚنی ییلہِ وندس آو آوٗ چھ،شین پینک ویلہٕ واتن وول چھ۔شُر چھ سونچان زِ شین پیٚیہٕ تہٕ لُٹھی کج لوٗٹھ رِگندنس روزِنہٕ موقعہٕ محل تہٕ واروبستار۔وتہٕ گژھن بند۔باغن ہٕندی درواز گژھن بند۔وندس منز کشیرِ منزٕ ے روزن وأنی جاناوار کرن وندٕ رِکس آو آوٗس متعلق کنہٕ پھسراے۔یہِ سوٗرے سونچتھ چھ شُرِس دِل اوٗزرٕد گژھان:

یارو پیٚیہٕ کر کستوٗر بولے
شین پیٚیہٕ لُٹھی کج لوٗٹھ ڈولے
سونٛتس تام میٚون دِل ما وولے

شۍن پێیہ لُٹھی کٔج لۄٹھ ڈولے

پھٔنبہٕ سیر، رنگہٕ ژٔر بێیہ دۄبٕ بارے

شیٖنہٕ پی پی کرِ کنہٕ پھسرارے

وُن گٔسو باغکی درواز کھولے

شۍن پێیہ لُٹھی کٔج لۄٹھ ڈولے

تہٕ ربتہٕ کالہِ وکھناونہٕ پنہٕ وول یہ بأتھ:

گرِ چون ننگہٕ پربت بالن نیٚن کوٚہن پتھ

تھدِ تھدِ چونٔے بنہٕ کمہِ وَنہٕ وولُکھ یکھو

(شمعِ وطن)

امہِ قسمہٕ کین بأتن منز، تمہ بارے شُربن ہنٛدِ خاطرٕ چھِ یا بڈٕبن ہنٛدِ خاطرٕ، چھےٚ فاضل صأبن لُکہِ لےٚ ورتأوِمو۔ یوسہٕ عام کأشربن منز گوڈے مقبول أس۔ تیٚھنٛد بن کیٚنٛژون بأتن نےٚ تخلص آسہِ ہا، یا تمہ نےٚ تیٚھنٛدِ ناوٕ شایع سپدٕمتی آسہٕ ہن، عام لۄکو ما آسہٕ ہن تمہ لُکہٕ بأتن ہٕتی مُجراتھأوی متی۔ فأضل صأب چھِ عوأمی شأعر، اکھ یٚیمہِ موجوٗب زِ تمو لیکھی بأتھ تہٕ نظم تمن موضوعن پیٹھ یمہ یہِ ڈیٚکٕ زِ تہٕ آسناونےٚ أسی۔ تمہ أسی عام کأشربن ہنٛدی پنٕنۍ موضوع، پانس أندی پکھی۔ دۄیم یہِ زِ فأضل صأبنس کلامس منز چھےٚ سوے روأنی تہٕ سُے لفظہٕ وۄترٕ، یُس لُکہٕ شأعری ہُنٛد گہنہٕ چھُ۔ یہِ چھےٚ بیاکھ کتھ زِ تمو چھِ سبٹھاہ ووستأدِلہِ سان پأراوٕ ول تہٕ ورتأوی متی۔ لہٰذا اگوڑھ نہٕ گمانہٕ کرنہٕ یُن زِ لُکہٕ لیہٕ ہٕنز شأعری وٕنتھ ما چھُ مقصد

عامیانہٕ شاعری۔ یوسہٕ تخلیقی گوٚنوٚ ورأیی آسان چھےٚ۔ تسنٛز نظم ''کرٛالہٕ کوٗر'' چھےٚ لکہٕ لیہٕ تہٕ لکہٕ مزازٕ تہٕ رٕژھراوان مگر تخلیقی گوٚنوٚ ستہٕ مالا مال۔ وُچھتون ''دۄبِ بأے'' نظمہٕ ہُنٛد یہ نموٗنہٕ۔ یہ چھُنا لکہٕ بأتہٕ کہِ گاچھہٕ مگر اتھ منٛز چھےٚ تخلیقی آیہٕ خیال آفرینی تہٕ۔ یہ نظم چھےٚ بالغن ہنٛزِ دلچسپی ہنٛزٕ تہٕ تہٕ شُر بن ہنٛدِ گوٚتہٕ۔ امیُک لیہہ لہراو چھُ وار یاہ دلچسپ، رواں، سوٚت تہٕ وُژھِ وار۔ اتھ چھُ أندرٕ ے سازٕت وُزان:

چھلہِ چھلہِ ملالہٕ ہاے دۄبِ بأیئے

اسہِ پتہٕ سالہٕ ہاے دۄبِ بأیئے

مأنزے رأزٕے سوٚمبرِ مےٚ بأژٕے

کھینہٕ والینن رکہِ رنہٕ مےٚ ژأژٕے

نادس تمجید، فیروز وأژٕے

شامس سُلہِ یِی زِ، محبتہٕ ہاژٕے

گُلہِ نئے سوالہٕ ہاے دۄبِ بأیئے

چھلہِ چھلہِ ملالہٕ ہاے دۄبِ بأیئے

فاضل صابن چھےٚ شُر بن ہنٛدِ باپتھ بأتھ تہٕ نظمہٕ لیکھنس دوران ہنا طوالت ورتأوِمٕژ۔ شُری بأتھ گژھ شُرِس زیوٚ کھسُن تہٕ ہٹہِ وسُن۔ لہٰذا چھُ امہِ باپتھ اختصار ضروری۔ یوٚہے وجہ چھُ زِ تموٚ یمہٕ ارداہ دلیلہٕ شُر بن ہنٛدِ باپتھ منظوم کرِمٕژ چھےٚ، تم چھےٚ بالغن ہنٛدِ باپتھ لیکھنہٕ آمتِس وانگس منٛز تہٕ یوان۔ یمہٕ ارداہ وٚے ڈلیلہٕ یوٚ دوٚے زبأنی ورتاوِ تہٕ ٹریٹمینٹہٕ (Treatment) علاوٕ مزاج چھہٕ مِلہِ مِشہٕ

ستی شُر بن ہنٛدِ گوٚ تہٕ چھےٚ تاہم چھےٚ یُوطویل آسنہٕ سببہٕ تِہنٛدِ باپتھ ہنا گوبہٕ تہٕ منظوٗم صورتس منٛز یادنہٕ روزنس لایق۔ شُر بن یا نو بالغن چھےٚ بُتہٕ کتھہٕ Fables یکدم یاد روزان تہٕ گنگراونہٕ یا گیونہٕ سہل گوھان۔ اِمکی تجربہٕ کُری فاضل صابس پتہٕ واریاہو شاعرو، یم کامیاب رُودی۔ عام پأٹھی چھ شُری ادب من رنٛزوَنک وسیلہٕ مگر امہٕ ستی چھےٚ اخلاقی تربیت تہٕ میلان۔ پتہٕ وَتھ ہیٚتھ چھ یہٕ پزر چلہٕ دُن زِ پرتھ ڈیلیہِ تہٕ پرتھ بُتہٕ کتھِ منٛزٕ چھ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ اخلاقی سبق حاصل سپدان۔ فاضل صابن یم ڈیلیہٕ نظماوِمٕژ چھےٚ، تِمن منٛزٕ چھنہٕ اکھ تہٕ امہِ صِفتہٕ تہٕ مقصدٕ نِشہِ خالی۔ تِمو چھےٚ ٹھیٹھ بامحاورٕ زبان ورتأومٕژ:

"فاضل صابن یم منظوٗم ڈیلیہٕ لیچھمٕژ چھےٚ، تِمن منٛز شُر بن ہنٛزن معصوٗم کیفیون ہنٛز اَینہٕ داری تہٕ تہٕ ستی ستی فکرِ ہنٛزِ سنجیدگی تہٕ پوختگی ہنٛدی انداز تہٕ۔ دراصل چھ یہٕ ادب طفوٗلیت تہٕ بلوغیتُک اکھ حسین تہٕ حیرت انگیز امتزاج"۔؎

نموٗنہٕ رٕنگی چھےٚ یہِ اکھ منظوٗم ڈیلیل پیش:

## یوٗگت

ٹھُسُر ہیٚؤ پأڈٕ پنڈ ہیٚؤ، بیٲری یوٗگتاہ
کران اوس ہکچہِ کیرِس نِش بے پرواہ
ووٹان گوٚو، ہیٚے! اکھ ووٚٹھ گیس ژھوٗٹ

یہ کیٚرس گوٚو تہٕ آبس منٛز ہناہ پھوٚٹ

وقت اوس زٕنہٕ پچھ، توٚن تاپھ ہش زٕوٚن

نہ اوس کُنہِ شال نےٚ أندٕ پکھی وُنگان ہوٚن

نہ گدریوٗمُت أمِس زاتھہ اوس پانس

وٕں پھٕسروو شُرلہِ منٛز ییتھ قادخانس

وُچھن کیٚرِس چوکاٹھ، چرٕکھٕری تہٕ ستھ ٹارٕ

اویزان رز، اندن پیٚٹھ اتھ زٕ تولوأری

دوٗپُن ہیوٗر واتہٕ نچ چھم بس کُنی وتھ

خدایا گاٹہٕ جار دِم عقلہِ ہنٛز ستھ

وولا تولوارِ چھکھ یوٚڈ، کھوٚل تہٕ ٹاٹُسر

وٕں بن ژٕے میانہِ باپتھ ترٛکرِ پوٗتر

یوٗتی لٕز چھ یوٚنم تولوور دوٗتھ یون

چوکاٹھس نِش دوٗیم کھوٚت مِیُل سپُد دون

لپأری پوٚک ژھاوُلاہ، ویوٚٹھ پوٚٹھ ہیٚری کنٛز

وسان لس لال أسس نِستہِ کنٛز کھِنٛز

کلس پیٚٹھ ہمنگ، وُٹھتھ کن، زٕٹھی کھٕلی ٹارٕ

تہٕ جسمس ماز ألی ألی تازٕ ترکأری

وُچھن کیٚرِس ژٕکس تل بیأری یُتاہ

نکھےَ تس زۄن بڈ بڈ عکس فرما
اُمِس وۄتھ، ہے بباہ! کیاہ سہ کران چھکھ
کُنۍ زۄن ژۄرِ پاٹھن یڈ بران چھکھ
توجہ بالہٕ ژھاوِلی زۄنہٕ کُن گونڈ
دۄپُن کیٚرِس ژٕکِس تل ژامہٕ نے موٗنڈ
دۄپُن یوٚکِتس لگےَ پاری ٹاٹھِ میانے
بہٕ چھُس فاقےَ ژےٚ نِش آس لولہٕ چانے
مےٚ چھم ژامن کران خوش چھم یہِ روٗژان
وتھاہ ہاوم ژٕکس کُن ژھوٚٹ تہٕ آسان
دۄپُس اُمی بیاّرِ یوٚکتن، ہے بُزرگاہ
ژٕ تولوٗرِس اندر بیٚہہ کینٛہہ نہٕ پرواہ
یُتھےٚ کھوٚت تولہٕ وُرِس پتھ سہ ژھاوُل
ژٕکرٕ اُژ نژنہٕ یون ووت کاوٕ گاٹُل
ٹھسُر ہیوٗ پاٹھ پبند ہیوٗ گوٚو کھُسِتھ ہیوٚر
کھوٚان افسوٗس ژھاوُل دِتھ ڈیکس توٚر

فاضل صابٕ چھِ کاشرِ شرٕی ادبچہ لرِ کن دِنہٕ والیو اولین تعمیر کار و منزٕ۔ تمن پتہٕ پِنہٕ والی یا تیہندیو ہم کالو منزٕ رۄدی اتھ لرِ ہنہٕ کینٛہہ شوقل سیرِ ہن لاگان۔ فاضل صابنی شُر بن ہندِ باپتھ لیکھنہٕ آمٕژ شاعری چھےٚ تہنزٕ شاعرانہٕ شخصیتک تہٕ اتھ ادبس

خاص دِتِنگ پاس گاشرا وِتھ یہِ مفروضہٕ رد کران زِ شُری ادب لکھن وول چھنہٕ باقے تخلیق کارن ہنٛدی پأٹھی قابلِ توجہ۔ کاشرِ زبأنی منٛز اوس یہِ مفروضہٕ زیادٕ ے پہن لبنہٕ یِوان تہٕ اوٕ ے اَسی کمہٕ لیکھن وألی اور کُن توجہ دِوان۔ اما پوٚز فاضل صأبن کوٚر یہِ صراحتہٕ سَر:

''فاضل صأب چھنہٕ سون روایتی شأعرٕ ے یوت بلکہٕ چھ سُہ ادبی فرہاد۔ تیمی کاشرِ شأعری ہنٛدِس ہم رنگ چمنس منٛز رنگارنگ دودٕ کولہٕ اَنہٕ مژچھے۔ تسنٛزِ شأعری ہُنٛد کنواس چھ پانہٕ زندگی ہنٛدی پأٹھی بے اَنتھ تہٕ وِشال۔ سُہ چھ واریاہن ذہنن تہٕ رُوِیَن ہُنٛد شأعر''۵

☆☆

# حوالہ تہ حاشیہ

1. We must develop the freshness of feeling for nature, The sensitiveness of sole and humility of heart, the integrity of the individual, even from nurseries. We must train human beings by unconscious influences and conscious effort to love truth, beauty and goodness. (Dr Saropali Radha) Krishnan))

۲: جب کہ فاضل صاحب نے اپنی پٹری بدل کر یعنی اردو سے کشمیری کی طرف مراجعت کی اور کشمیری زبان کو اپنے افکار و خیالات کے اظہار کا ذریعہ بنایا اور اس زبان کے شعر و ادب میں اپنا مخصوص اور منفرد رنگ و آہنگ قائم کیا، جب بھی اقبالؒ کے اثرات سے کُلی طور پر دامن کش نہ ہو پائے بلکہ یہ اثرات مدت العمر اُن کے شعری سفر میں کارفرما رہ کر دُوررس دیرپا ثابت ہوئے۔ (فاضل کشمیری...... شخص اور شاعر، ۲۰۰۱ء، تسکینہ فاضل۔ مقالہ: فاضل صاحب کی شاعری کا ابتدائی زمانہ، ص: ۱۷)

۳: بچوں کے لئے تخلیق کئے گئے ادب میں جہاں اُن کے قریبی مشاہدے، مطالعے اور تجربات کا دخل رہا ہے، وہاں اقبال کی بانگِ درا کی ابتدائی نظموں (جو بچوں کے لئے کہی گئی ہیں) سے بھی وہ متاثر ہوئے بغیر نہیں رہ سکے ہیں۔ (بیادِ فاضل، ص: ۶۵-۶۹)

۴: فاضل صاحب نے بچوں کے لئے جو کہانیاں تخلیق کی ہیں، حقیقت میں اُن کا اس نوع کا ادب طفولیت اور بلوغیت کا ایک حسین اور حیرت انگیز امتزاج ہے۔ اُن کے یہاں بچے کی معصوم کیفیت کی آئینہ داری کے پہلو بہ پہلو سنجیدگی فکر اور پختگی کے کئی انداز ملتے ہیں۔ (بیادِ فاضل، ص: ۶۸)

۵: راش: محمد یوسف ٹینگ۔

فاروق فیاض

# فاضل کاشمیری......اکھ شاعر، اکھ دور

وُہمہِ صدی ہِندِس شروٗعس منز یٖیتہٕ مختلف توٲریخی واقعاتو، تحریکو تہٕ حقیقو و رِکنو بین الاقواٗمی، قومی تہٕ ریاستی سوٗتھرِس پیٹھ مختلف سیاٗسی، معاٗشی تہٕ تہذیبی تبدیلیہِ رونما آسہٕ سپدان تموتڑ وو زِندگی ہِندِس پرتھ کُنہِ شعبس پیٹھ پٔتھ سرٕ ژن تہٕ گوٚن اثر۔ سانو کُہنہٕ مشق ادیبو تہٕ شاعرو تہٕ ژیوٚن وقتٕک آلو تہٕ قومیت کیو تحریکو یٖیتہٕ نوٚ آبادیاٗتی نظامس خلاف سیاٗسی سوٗتھرِس پیٹھ کمراوس گوٚ ندٕمُت، تتہٕ أسی ساٗنی شاعرتہٕ ماجہِ میوٗ ستی وفاداٗری تہٕ توٲریخی Commitment کہِ اظہارٕ باپتھ بِسریت تہٕ تصوٗف کین روایتی اسرار خانن الوداع کٔرِتھ انساٗنی لولٕک تہٕ عظمتکہِ وطن پرستی تہٕ ارضی حُسنہِ خزانن ٹھانڈ مُورٕنی ہیٚتژٕمتی۔ اتھ منز چھنہٕ کانہہ شک امہِ نوِ آگہی ہُنڈ نصیب بٔنتھ ووتلیو وگوڈٕ مہجور تہٕ آزاد، عاصی تہٕ عارف، فاضل، نادم، راہی، فراق، کاٲمل بیتر شاعروژٕنی یہِ نٔو حبسا گہی ہتہٕ پأٹھی آیہ کاٗشرِ شاعری منز موضوع تہٕ ہیٔیت دوشوٕے رٔنگی نٔوی تہٕ ساٗدروار تجرٕبہ کرنہٕ۔ مگر تجرٕبہ کرنہٕ چہِ اتھ عملہِ منز یٖیتہٕ ساٗنی اکثر شاعراٗ رکس مخصوص سماٗجی، سیاٗسی تہٕ معاٗشی نظریہِ ہس تحت پننین شعری تہٕ نثری تخلیقاتن ہِندی زُلف شیران تہٕ

سنبھالان روٗ دِی تتہٕ روٗ دمھجورتہٕ فاضل کاشمیری پتھنین شعری تخلیقاتن خودمختار شعری تقاضن تہٕ اصولن تابع تھاوان۔ یتھ منز شاعری ہندِس جمالیاتی پہلوٗ وَس تہٕ نفسیاتی یا حسباتی قدرن سیٹھاہ عمل دخل اوس۔ فاضل سٕنزِ شاعری منز چھِ دِلس مرکزیت حاصل تہٕ لول چھ امیُک محور آرزو چھےٚ امیُک معراج۔ فاضل سٕنز شاعری چھےٚ اُتھی تکوٗنی کاتھ کُرِس اُندی اُندی ووتلان، بوڈان تہٕ کاڈ کڈان۔ لول انسانی جذبٕک وٚشنیر، یُس لِسانی، جغرافیٲیی تہٕ مذہبی بٔندِشو نِشہِ آزاد چھ۔ دِل یُس بے طماہ جذبن تہٕ جذباتن ہُند ناگہٕ راد چھ تہٕ آرزو یتھ انسانی شعوٗرُک بجر ڈٕکھس چھُ۔ فاضل صابُن کانٛہہ تہِ فن پارٕ نیہٕ تون، یم ترٛے اظہار چھِ اُہندِ شاعری ہندی مخصوص پرٛزناوَن نِشانہٕ۔

فاضل کاشمیری یَس چھُ کاشُرین شاعرن منز یمِہ رٕنگی تہٕ امتیاز حاصل زِ حالِے آسہِ سو کانٛہہ شعرٕ ذات یا صِنف یَتھ منز نہٕ فاضل کاشمیری ین پتھنین شعری تجرُبن تہٕ محسوٗساتن زیو آسہِ دِژمُت۔ نظم اُسی تن یا غزل، رُباعی اُسی تن یا مرثیہٕ، وژن اُسی تن یا گیت، نعت اُسی تن یا منقبت، لڈی شاہ اُسی تن یا پیروڈی۔ غرض موضوٗع تہٕ ہیٔت دوشوٚے رٕنگی چھِ فاضل صاب بسیار گو شاعر۔ یوٚ تامتھ زن میانہِ تحقیقُک تعلق چھُ وُنیُس تامتھ چھ ترٛے درجنہٕ کھوتہٕ زیادٕ کتابہٕ فاضل صابنہٕ چھاپ گرِھتھ بازرس منز آمژٕ تہٕ کینٛہہ مُسوٗدٕ چھِ وُنہٕ تہِ لچھاپٕ۔

موضوٗع تہٕ مقدارٕ رٕنگی سٲنی زبان بختاور بناونس منز چھُ فاضل صابن سیٹھاہ اہم دِیُت۔ موضوٗع تہٕ فارم لحاظہٕ یُس تہٕ تجرُبہٕ شاعرن کوٚر، تغزُل،

روانی، موسیقی وزن، بحر بندۍ تہٕ نغماتی لیہ ہُند تھووُکھ ہمیشہٕ خیال، لفظن تہٕ شعری تاثُرس درمیان رٔدی نہٕ ابہامہٕ کِس بے معنویتس اُاری۔ شاعری منز رٔدی سادگی، سنبرتہٕ سوزٕ کی گوڈٕ پیٹھے طرف دار، یمو شعری گونوٕ ستی گوٚ و یہنزِ شاعری منز سُہ نغماتی تاثر پاد ییمی یہند کلامہٕ عوامی حلقن منز سبٹھاہ معتبرتہٕ مقبول بنوو۔ امیُک نتیجہٕ دژاوِیہ زِباونہٕ آمتین خیالاتن، تجربن تہٕ محسوساتن ہِنْدِس تونگرس، تو ژھ تہٕ تاثُرس منز گیہِ عام لوٗکھ شامِلِ حال۔ یتھہٕ پاٹھی گوٚ و فاضل صابنو مقبول باتو ستی سُہ لِسانی ہوا نوا گشیرِ منز پادِ ییمی کاشرِ زبانۍ تہٕ ادبس ترقی پژاونس منز سبٹھاہ اتھہٕ رۆٹ کوٚر۔

۱۹۴۰ء پیٹھہٕ ۱۹۶۰ء تام آوٕ کِس خاص معاشی تہٕ سیاسی نظریہ ہَس تل موٚزوٗرس، محنت کشس تہٕ کاشتکارس ادبی تخلیقاتن منز بوٚش کھالنہٕ تہٕ استحصالی طبقس یہ ڈٕلِ زِ تہٕ زٕٹ کڈنہٕ اُس یوان۔ اتھ منز چھُنہٕ کانہہ شک زِ کاشرِ شاعری تہٕ ادبس گوٚ و مقدارٕ رٔنگی واریاہ بٔرزٔر، مگر امہٕ ستی گیہ موضوعچ یک رنگی شاعری منز پادٕ مگر اتھ ساری سے دورس منز گیہِ نہٕ فاضل صاب اتھ نظریاتی سُہلابس ستی ڈٔہتھ۔ اتھ برعکس تژووُنہٕ تمو شاعری ہُند مولہ مُدعاتہٕ۔ تم رٔدی ضمیرس، زنٔوتہٕ جذبس تابع شاعری ہنز مہرینہٕ ساز کران تہٕ زُو آلہٕ وان۔ انسانی لول، زنسوانی حُسنہٕ کِنْہن آکارن تہٕ انہارن، فردِ سندٕ بن سیماۍ امارن تہٕ آرزوین، موتہٕ کِنْہن وکانن، قُدرت کِنْہن حُسنہٕ خزانن تہٕ انسانی نفسیاتس ستی وابستہٕ کھربن تہٕ کاینات کِنْہن اسرارن پننہٕ شعرِ سرمایچ خمیر بناوان۔ تہٕ اتھ پیٹھ آویمن کٹر روایت

پرست تہٕ پرٛانہِ پٔرٕ ہٕنٛد شأعر آسنہٕ لیبل تہِ چسپاں کرنہٕ۔ مگر فاضل اوس شأعری ہٕنٛد بن جمالیأتی قدرن، آفأقی تجرٕ بن تہٕ موضوٗعاتن نِش یوٗرٕ پأٹھی واقف تہٕ وقتن کوٚر ثأبت زِ کُنہِ خاص فارموٗلاہس تحت زایٖن لبن والین ادبی پارن چھنہٕ پوشہٕ وٕنی توژھ، توٚنگرتہٕ Relevance روزان۔

ترقی پسند تحریکہِ شہہ ژھوکنہٕ پتہٕ ییٚلہِ ساٚنی شأعرتہٕ ادیب جدیدیت کِس بےٚ پرٛژھ، مُبہم، بے یقینی تہٕ بے پرٛژھی ہٕنٛدِس آوٕلنس منٛز ییتھ زمانس تہٕ سماجس نِش لوٚب روٗ زِتھ محض ذاتہٕ کنین گُپتھ گوٚشن وأنٛجہِ گاشہٕ وٕنی دِنہِ لٔگی مگر فاضل کاشمیری روٗ دزندگی، زمانس تہٕ سماجس پرٛانٛی پأٹھی چیرٕ نالہٕ رٔٹتھ تہٕ یہٕ اُس یہنٛز گہرٕ سوشل Poetic Commitment وعدٕ بندی ہنٛز دلیل۔

یہٕ زن مے برٛونہہ عرض کوٚر زِ تموچھےٚ پتمین شعری تجرٕ بن ہنٛز باوٕژ خاطرٕ سارِنٕے شعرٕ صِنفن ہُنٛد انتخاب کوٚرمُت مگر مقدارتہٕ موضوٗع رٔنگی چھ تہنٛدِس شعرٕ سرمایس منٛز نظمن ہُنٛدٕ ے پوٚترٕ سرس۔ ییتھ پیٹھ یمن نظمن ہُنٛد شأعرتہٕ آووٕنہٕ۔ مگر ییٚلہِ اَسی فاضل صأبنس شعرٕ سرمایس پیٹھ نظر چھِ ترٛاوان یہٕ کتھ چھےٚ ٹاکارٕ پأٹھی ٹِزٕ نیران زِ فاضل چُھ خالصأتہٕ طبیعتاً اکھ خوددار تہٕ خود مختار شأعر۔ تس ہرگاہ ماگہٕ تِژ بستہٕ رأژ ہنٛز اُدِ جن ترٛونی تہٕ شعری وجوٗدس زیرٕ دِیہٕ تہٕ دگ تہٕ تمیٚک احساس باوِ سُہ کُنہِ تہِ شعری قالبس منٛز۔ تس ہرگاہ معشوق ہنٛد بن ہرنہٕ اَچھن ہُنٛد قرٕل لگہِ تمیٚک ٹیس ہیکہِ غزلہِ ہنٛدِس فارمس منٛز اظہار پرٛاوِتھ۔ تس ہرگاہ زبروٗن بالہٕ کِس یوٚت منظرس منٛز زوٗنہٕ رأژ منٛز ڈل بٔٹھس یٔکی یٔکی دوٗرٕ پرٛی یہٕ وٕنہٕ وٕن کین

مُدراوِتہٕ ظوُنس رہناوِ، امیُک شعری تاثر ہیکہِ وژُنک رنگ تہِ رٔٹتھ تہٕ لُکہٕ بأتن ہُند نغمأتی طرح تہِ رٔٹتھ۔

پزر چُھ یہِ زِ شعری تجرُبن کُس تہٕ اظہار پزووُمت آسہِ اَتھ منز چھا شعرُت پأدٕ سپدُت کِنہٕ نہٕ۔ شعری حُسن تہٕ فنی نزاکژ چھا اَتھ باگہِ آمژٕ کِنہٕ نہٕ۔ یۆتامتھ زن فاضل صأبنین نظمن، غزلن، گیتن، یاوژنن یا بأتہٕ کتھن ہُند تعلُق چُھ، واریاہ تخلیقات چھِ تم یمن منز یہِ حُسن گژھکہِ ماران لبنہٕ چُھ یوان۔

کژالہِ کوٗر، پہلی کوٗر، زوٗنہٕ رأژ منز ڈل، گلمرگ بیترٕ نظمہٕ چھِ امچہِ کینہہ رٕژٕ مثالہٕ۔ کژالہِ کوٗر تہٕ پہلی کوٗر نظمن منز چھنہٕ محض نسوأنی حُسن کأری ہنز تصویر کشی آمژٕ کرنہٕ بلکہِ یمن نظمن ہندِس پۆت منظرس منز چُھ Non Elite کاشرِ زنانہِ ہندی شرم وحیاہکی تہٕ طہارژکی أنیکھ بدنی تہٕ نفسیأتی وَل تہِ ووتلاونہٕ آمتی۔ یہِ چھُ شاعرٕ سُنٛز ماجہِ وطنہٕ چہِ میژِ ستی گہرٕ وعدٕ بندی ہنز شعری دلیل تہٕ جاگیردارانہٕ نظامس تحت بناوٹی حُسنِ سجاوُٹس طمع کأری خلاف اکھ چیلنج تہٕ اکھ چپاتھ تہِ۔ شعری محسوٗساتن ہُند باوَتھ خأطرٕ یُس لہجہِ، یُس مزازٕ تہٕ لُکہٕ لۓ شاعرن پانہٕ نأوموٗچھ، تتھ چُھ سنہٕ وِنہِ سنطوٗرُک سازٕت تہِ بدس، ژأنگی لیہٕ ہنز نزاکت تہِ آیتن، تتھ چُھ پکہٕ وُنیُک سوز تہٕ سَنبر تہٕ دُکھس تہٕ ڈرامأیی عملہِ ہندی تاثرات تہِ شریک سفر۔

وُچھتو کژالہِ کوٗر نظمہِ ہندی یم کینہہ شعر۔ نغمأتی لہجس ستی وُچھو کوس حسبأوی کیفیت چھِ پأدٕ گوٚھان یُس عملہِ تہٕ تاثرس درمیان ژھمن نہ بلکہِ اکھ

یکُت پأدٕ کران چھہٕ۔ ترکیبن ہُند نیہ ناوبر چھُ معنے یَس منز لطیف جمالیأتی زیرٕ بن لہر پأدٕ کران:

کاژ دۄرو، ہارٕ مالو تےٚ لرٚو

کاژ زۄنے آرٕ کۆرمُت تارٕکو

نالہٕ وُزمل زن لولے منز دون گٹن

کژالہٕ کۄری مالہٕ کریےٚ کوسمن

نظمہِ نِسبت چھہِ غزل خأرجی اثراتن کھوتہٕ دأخلی محسوٗساتن تہٕ ذأتی تجرُ بن پیٹھ مبنی آسان۔ فاضل ہندٕ بن غزلن ہندِ مطالعہٕ تلہٕ ووٚتُس بہٕ یتھ نتیجس پیٹھ زِ تمی سٕنزن غزلن منز چھُ رۄمانس تہٕ قلندرانہٕ خیالاتن مِیُل گوٚمُت۔ فأضلس چُھ غزالہٕ چشمن ہُند سورملیٖ خُمار وجۆدس تیوٗ نگلی تیٖہہ تہِ بخشان تہٕ حیاویژی نازلہِ ہندِ بمہٕ توٚمراونہٕ ستی چھِ تمس اکھ حقیقی سکوٗن تہِ دردس یِوان:

ازیَس وِتَس غزالہٕ اُچھ پھِری پھِری مُدے گنٚدِتھ

وے واے فأضلس وُچھتھ یون کُن تھۆوِتھ نظر

☆

اکھ زۄناہ چھا سر اتھن کیتھ مُنتظر

کیٚاہ سبب یم آیہٕ تہنٚدی وانہٕ رٚنی

وُچھتو غزلہٕ کین یمن شعرن منز نہٕ چھ وأعظانہٕ لہجہٕ دٕزینٹھی گوھان تہٕ نہٕ چُھ خطابتُک اثبأتی اظہار۔ البتہٕ شأعر چُھ اُکس تتھس تضادس منز ہیٚنہٕ آمُت،

ییٚتہٕ نَس اُمِس منٛزِل لُبی لُبی تہٕ راوان باسان چھُ Negation عملہِ ہنٛدِ سونٛچُک تاثُرک تہٕ تجربُک چھُ شعرس اکھ حسین طرح عطا کران:

سفر باپتھ لُکھ وۄتھن دامن دِ ِتھ
یتھ مقامس پیٹھ اگر پزٲرو ہنا

☆

ژُوۄت ہیٚو آوریراہ زندگی ہُنٛد
لگان اُندٕ پکھٕ نہٕ زانہہ پھالو دُکانن

☆

مے کھاٲرِ متی چھِ سارِنے تھربن شہلی گولاب
یہ کیاہ ژےٚ رٕتی کنٛڈٕ دوا، مے ناپٔی امیٚک

☆

امارِچ گانٹہٕ بیٲر تارُکھ بناوُن
زمانٕچ واو رِنگ دیاوبس پِنا لَر

سراپا نِگاری مصوری تہٕ ڈرامائیت چھےٚ یمٕن غزلن ہنٛز اکھ متحرک پھیرِ ہاو خصوصیت۔ یمٕن غزلن تہٕ نظمن منٛز سراپا نِگاری ہنٛدی یم نموٗنہٕ درٕ ییٚتھی چھِ گوھان، تِم وُچھِتھ چھِ بےٚ شوٗنکی پٲٹھی رسول میرنی کونگ دیدن تل یوان۔ وونی گو و فاضلس چھُ بیاکھ اکھ شعری گر بدس، سُہ گو و لفظن ہنٛدِ تعمیرِ ستی تجربہ رِکس پۆت منظرس منٛز شعری مُصوری ہنٛدی خاکہٕ نقشاونک، ییمہِ ستی شعرُک

تاثُر ڈرامائی عملہِ ہُند رُوپ دھارن چھ کران:

بزم دِتھ ساقی نشرأوِتھ گوم
چینہٕ رؤس پیالہِ گوم خالی یے
ہے اتھ وبسہٕ رئوم شاید وٚسی پیٚوم
چینہٕ رؤس پیالہِ گوم خالی یے

اسم یا ناوٗت چُھ غأر حأضر۔ فعلی لفظ چھِ تجرُبس حرکول بناوان تہٕ یہِ impression چُھ شعرس سبٹھاہ خوبصورت تہٕ پُرکشش بناوان۔

چانہِ بُرٕچ اکھ نزاکت چانہِ حُسنُک اکھ جنون
ووٚنی یمن دون حأرِثاتن سینہٕ دارُن مُشکِلا
از تہِ ما آہم پگاہ تامتھ ژٔے پرٛارُن مُشکِلا
لا اُبالا میٚون آسُن یا نہٕ آسُن مُشکِلا

☆

ڈبکہٕ چھے حُسنچ کتراب لیکھِتھ اتھ طُرہٕ چھٔے
قرآنُک یہِ لوٗبِ لُباب چاوٕمٔ جامِ جٔے
ہٹیک رتھ بہٕ کڈٕ ہا ٹمن تس بہٕ ملہٕ ہا
ہیکیاہ بار ژٲلِتھ سُہ نازُک اتھن پیٹھ

فاضل صأبن چھِ بسیار نعت تہٕ منقبت تہِ وٚنی مٕتی۔ یہند بن نعتن ہُنز بڈ بارٕ خصوصیت چھےٚ یہِ زِ یمن منز چھ امہِ مُقدس تہٕ سنجیدٕ صِنفہِ ہندی الہٕ پلہٕ سأری

لوٗ اٗزِمات آءمتی نظرِ تل تھاونہٕ ۔ قرآنی آیات یِمہِ آیہ تِم پننِس نعتس منٛز استعمالس منٛز انان چھِ، تہٕ چھ یہنٛدِ وسیع مطالعک مظہر تہٕ تہٕ اٗنہٕ تہٕ ۔

مرثی صِنفہِ تہٕ چھ فاضل صابن واریاہ لول بوٚرمُت تہٕ یہنٛدی نوحہ پٔرتھ چھےٚ انیس تہٕ دبیرنٛی منظرِ نگاری دیدن تل یِوان:

گلابن کاژ رنگ پھیُر تاپہ کزِ ایوٚ
نبیؐ سُند تازٕ گُل ژمٹیوم کیٛاہ گوم
شُربن پیٹھ ظالموکوٚر تیرِ باران
علی اکبرؑ پتھر ہا پئیوم کیٛاہ گوم

غرض فاضل صابن یوسہٕ صِنف پننہِ شعری اظہارٕ خاطرٕ پانہٕ ناوٕ، تمہِ کِس تعمیرس تہٕ تہذیبس منٛز رٔلوو اٗمی شاعرن پنُن خونِ جگر۔ اٗمی سنٛز پٔرتھ کانٛہہ گٔدرن گژھتھ چھ جذبہٕ تہٕ جذبات کھوژٕری ناگہ رادوٕ زان۔

ووٚنی گوٚو اٗمِس بسیار پاسل شاعرٕ سٕندِس کلہٕم کلامس چھنہٕ Objective Analysis کرنہٕ آمِت۔ نتیجہٕ چھ یہ زِ اٗمِس شاعرٕ سنٛز شعری جہت چھنہٕ وُنہِ پوٗرٕ پاٹھی دریافت آمٕژ کرنہٕ تہٕ بہٕ واتناوٕ یہ مضمون شاعرٕ سٕندِس یتھ شعرس ستی اند یُس میانہِ کتھِ تصدیق تہٕ چھ کران تہٕ تائید تہٕ:

مےٚ پیٹھ کاٗتیاہ قلم فاٗضل ووتھان گے
صحیح سورخی نہ اٗئے میاٗنِس فسانس

☆☆

رفیق راز

# فاضل......اکھ مکمل شاعر

فاضل کاشمیری صائبس متعلق چُھ کٲشیرِ منز عام خیال یہِ زِ فاضل چُھ کٲشرٕ ئک نظیر اکبرآبادی۔ ییٚلہِ نظیر سٕندی تہٕ فاضل سٕندی تخلیقات تہٕ کارنامہٕ أچھن تل انان چھِ، مےٚ چھنہٕ کم ازکم یِمن دوٚہن منز کانٛہہ مماثلت درٛیٹھی گژھان۔ نظیر چُھ فاضلس مقابلہٕ سیٹھاہ کم پایہٕ تہٕ کم مرتبہٕ وول باسان۔ فاضل چُھ پُرمغز پوٚختہٕ تہٕ گُہنہٕ مشق شاعر باسان۔ نظیر اوس عوامی تہٕ بازأری حلقن منز پرنہٕ یِوان تہٕ فاضل چُھ عوامی تہٕ خاص الخاص حلقن منز یکسان مرتبہٕ تھاوان۔ نظیر اوس بازأری موضوعات بازأری زبانٕی منز ورتاوان۔ فاضل چُھ زندگی ہٕندِ بن اعلیٰ ترین موضوعاتن مُہذب تہٕ شاعرانہٕ زبانٕی منز ووکھنےٚ کران۔ نظیر اوس سطحی تہٕ لگ بھگ کُنی جہت تھاوان۔

فاضل چُھ ہمہ جہتی تہٕ بسیار جہتُ ل۔ فاضل کاشمیری ٹھیک پأٹھی سمجھنہٕ باپتھ پزِ اسہِ فاضل سُند زمانہٕ تہٕ اتھ ندپوٚک سمجھن۔ فاضل زاو ۱۹۱۶ء منز تہٕ ییٚلہِ فاضل باہ یا پنداہ وٕہُر گژھتھ فکرن پیوٚو، کشیرِ ہٕندی فضا أسی دوٕیہِ قسمہٕ کیوٚ نغموٕ ستی

گرٕ بزان۔ اکہِ پاسہٕ اُسی صمد میر تہٕ احد زرگر ہِندی صوفی نغمہٕ نفسس منٛز گرٕ بزان تہٕ بێیہِ پاسہٕ اُسی مہجور تہٕ آزادٕنی رۄمانی نغمہٕ فضہَس معطر کران۔ دوشوٕنی قسمہٕ کین نغمن منٛز اُس موضوعاتی لحاظہٕ اکھ ٹاکارٕ فرق۔ صمد میر تہٕ احد زرگر اُسی انسانہٕ سِنٛد بن فکری تہٕ فقر کین پہلوٗ وَن للہٕ کھول کران تہٕ مہجور تہٕ آزاد اُسی انسانہٕ سِنٛد بن رۄمانی تہٕ دُنیاوی پہلوٗ وَن ہنٛز وکھنٛے کران۔ دوشوٕنی دربن منٛز اُس اکھ خصوصیت مُشترک۔ سو خصوصیت اُس یہنٛدِس لجس منٛز نٔی تہٕ ٹاکارٕ۔ دوشوٕنی دربن ہنٛد بن لجن منٛز اُس موسیقیت تہٕ غنائیت حاوی۔ دوشوٕنی دربن ہُنٛد وسیلہٕ اظہار اوس وژُن تہٕ غزل۔ دوشوٕنی دربن ہِنٛدی نغمہٕ اُسی خاص و عامن ہنٛزن محفلن منٛز چاوٕ سان گیونہٕ یِوان۔ دوشوٕنی دربن ہُنٛد طرزِ اظہار تہٕ اوس رۄمانی۔ دوشوٕنی دربن پتہٕ کنہٕ اُس صمد میر تہٕ احد زرگر، سوچھِ کرٛال، شمس فقیر، وہاب کھار، احمد بٹوٲری تہٕ وزازٕ محمودٕنی روایت برٛونٛہہ پکناوان تہٕ مہجور تہٕ آزاد اُسی محمود گامی، رسول میر تہٕ مقبول شاہ کرٛالہٕ واری ہنٛز روایت برٛونٛہہ پکناوان۔

اُتھی ماحولس تہٕ پوٚت منظرس منٛز سنبھول فاضل صاٮ۪بن شعور۔ فاضل اوس چونکہِ طبع سلیم پٮ۪ٹھ پاٗدٕ گومُت بێیہٕ اوس ذہین تہٕ حساس تہٕ پٮ۪ٹھ اوس جدید تعلیمہِ ہنٛدِ نوٗرٕ ستی تہٕ مُنور۔ سُہ رٮ۪تھ روزٕ ہے متاثر گوژھنٛے۔ تمی ژھوٚٹ اُندریم حباب نمبر تہٕ دِتُن کاشُر زبانی سُہ شہکار زِ یتھ پٮ۪ٹھ اُسی یُوت ناز کرُن تیوٗت چھُ کم۔ یہ شہکار اُس سو نظم یتھ "کرٛالہٕ کوٗر" عنوان چھُ۔ یہ نظم گر فاضلن تمہِ وِزِ تخلیق ییلہِ سُہ ایس پی کالجس منٛز وُنہِ گیمہ جماژٕ پران اوس:

شالمارن چانہِ آشے گُل پھولن
کزالہِ کوٗری مالہِ کریئ کوسمن
پیالہِ بریئ لال جریئ ہیرِ یون
کزالہِ کوٗری مالہِ کریئ کوسمن

☆

نرگسن تےٚ سُنبلن منز باحساب
چھی ڈٕچھنہٕ کھوٗرِ زِ کشمیرٕکی گولاب
گُل وُچھتھ ڈٕلی ہوش پانےٚ بُلبُلن
کزالہِ کوٗری مالہِ کریئ کوسمن

یہٕ تام شاعرانہٕ فن کاٗری تہٕ ہُنر مندی ہُنٛد تعلق چھ تہٕ بیٚیہٕ لمہِ نظمہِ ہنٛدِ اسلوبُک تعلق چھ یہِ وُنن باسہِ نہٕ پوٚتھ زِ امہِ برٛونٛہہ چھنہٕ کاشرِس منز اسہِ یتھ کانٛہہ مثال میلان۔ نظمہٕ آسہِ ضرور کاشرِس منز موجوٗد مگر تم آسہِ یا تہٕ وژنہٕ چہ ہیٚو منز یا غزلہٕ چہ ہیٚو منز۔ یوس پابند شعرٕ ذاتھ فاضلن یتھ نظمہِ منز ورتاوٕمٕژ چھےٚ، یہِ شعرٕ ذاتھ اُس کاشرِس منز لگ بھگ اوٚ تام مفقوٗد۔

فاضلس اوس اردوٗ تہٕ فارسی ادبُک بے انتہا تہٕ وسیع مطالعہٕ۔ سُہ اوس عربی زبانۍ تہٕ عربی ادبکہِ تہٕ واقف کار تہٕ مزاج دان۔ کزالہِ کوٗرِ ہش لازوال تخلیق پرٕتھےٚ آسہِ ہے تمہِ وقتہٕ کینٛہہ اہلِ نظرن یہِ گُمانہٕ گوٚمت زِ یہِ ؤنہِ وۄہر لڑکہٕ کرِ کاشرِ زبانۍ ہنٛد دامن مالا مال۔ اتھ نظمہِ منز چھےٚ فاضل (یُس وُنہِ عُمرِ کنۍ خام

اوس) ہنٛز Originality پھٲڑ پھٲڑ نیران۔ اتھ نظمہِ منٛز یم تشبیہہ تہٕ استعارٕ ورتاونہٕ آمتی چھِ تمہِ تلہٕ تہٕ چھ ننان زِ فاضل چھُ نظم تخلیق کرنہٕ باپتھ پننس مُشاہدس تہٕ پتمین ژیٖنن ترٛا این پیٹھے زیادٕ بھروسہٕ کران تہٕ یہٕے چیز چھِ فاضلس Original بناوان۔

چھُے ژٕ نے غارٔت چھکھ دِلس غارٔت کران
غمزٕ گری گری وُچھتہٕ چھکھ جانس پھران
سحرٕ برٕی برٕی زن ژٕ نے چھُے موصُم کتھن
کرٛالہٕ کٕوری مالہٕ کرییٔ کوسمن

☆

پیالہٕ دِلکی عاشقن ہٕندی چھکھ تُلان
یا ژٕ پھٔٹراوان یا غأرن کنان
یا ژٕ زالان کوندِ منٛز پیٹھ تیوٚنگلن
کرٛالہٕ کٕوری مالہٕ کرییٔ کوسمن

فاضلن چھےٚ بے شمار نظمہٕ ونہٕ مژٕ۔ کیٚنژون نظمن ہٕندی موضوٗع چھِ ''ون ژٔر، وندِ بب آو، شین پیٚیہٕ، گانٹہٕ بیاٗر، یخو، گاڈ، زان'' بیترِ۔ یمنے موضوعاتن کُن وُچھِتھ گوٚو کیٚنژون نقادن بُل چُک تہٕ ہیوٚتُک فاضلس کاشرِ زبانٕی ہُند نظیر اکبر آبادی وَنُن۔ ہرگاہ یم نظمہٕ سٔنِتھ پرنہٕ آسہٕ ہن آمژٕ فاضلس کرٕہن نہٕ نظیرس ہوِس عامیانہٕ شاعرس ستی مقابلہٕ۔

فاضلن چھُ یمن نظمن منز زندگی ہٕنزن مُد ربن تہٕ تلخ ترین حقیقون ہُند اظہار کوٚرمُت۔ عام طور چھ یم نظمہٕ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ اخلاقی پیغام پرن وأٔلِس تام واتناوان مگر اندازِ بیان چھُ یُتھ پُرکشش تہٕ پُر آہنگ زِ پرن وول چھُ پران پرانیہٕ وسان:

منس منز زُو بسووُم چھُس منس دوٗر
کنس نِش دوٗرٕ کن رووُم کنس دوٗر
پٕژن گوٚٹ آسہِ نے انسانہٕ أنزی منٛزی
مٕنے موسیٰ مٕنے سپنا مٕنے طوٗر

یا

کمہِ ونہٕ وولمکھ یخو
کمہِ ونہٕ وولمکھ یخو
أندری دوٗد کھو یخو
کمہِ ونہٕ وولمکھ یخو
گرِ چون تنگہٕ پربتھ
بالن ئین کوہن پتھ
تھدِ تھدِ چونے بنہٕ
کمہِ ونہٕ وولمکھ یخو

یم موضوعات چھِ بظاہر بڑٕ وٕنٛہہ کٕنکی، یمن پٔتھ نہٕ اوٚ تام کانٛسہِ ہنٛز نظر پیمو

اَس۔ فاضل سُند کمال چُھ یہِ زِیم موضوٗعات کرن تِتھین لفظن تہٕ تِتھِس پُرکشش آہنگس منٛز پیش زِیم چھِ لگہٕ شاعری Folk Poetry ہٕندی اعلیٰ ترین نمونہٕ باسان۔ بلکہِ شاعری چھنہٕ ربتہٕ وادن منٛز بارسس یِوان بلکہِ اتھ پتہٕ کنہٕ چُھ ہتہٕ وادن ؤرِیَن ہٕندی اجتمأعی دماغ تہٕ دِل آسان تہٕ پرٛتھ زمانہٕ چُھ اتھ پنٕنہِ پنٕنہِ مزاز مطأبق شیرٕ پأرکران۔ ہرگاہ فاضل سٕنزن نظمن بغور مطالعہٕ یِیہِ کرنہٕ اسہِ باسہِ فاضل چُھ پنٕنہِ دورٕکہِ کُلہم اجتمأعی دماغچ تہٕ مزازٕچ نمائندگی کران۔

فاضل کاشمیری سٕنزٕ اکثر نظمہٕ چھےٚ بظأہر وزنہٕ رٕکس فارمس منٛز باسان مگر مُلہٕ تلہٕ چھےٚ اکثر نظمہٕ عروضہٕ لحاظہٕ ضأبطہٕ بند۔ وزنس پیٹھ عروضک اطلاق کرُن چُھنہٕ جائز، تِکیازِ ہرگاہ وزن عروض کہِ گزگتی حسابہٕ مینون تہٕ تولون، حأصل سپدِنہٕ کینٛہہ۔ فاضل صأبن چھےٚ اکثر نظمہٕ عروٗضس تأبین تھاوِتھ تہٕ شعرٕ ذأژ حسابہٕ تہِ چھنہٕ تِم وزنس نِش مختلف باسان۔ شاید چُھ یُہے وجہ زِ فاضل سٕنزٕ نظمہٕ چھےٚ زبان زدِ خاص وعام تہٕ گیوٚن مجلسن منٛز تہِ چھےٚ کامیأبی سان گیوٚنہٕ یِوان۔ مثالہِ باپتھ پٕرِی تون ''کرٛالہ کوٗر'' یا تتھ ہشہِ واریاہ نظمہٕ۔ فاضل کاشمیری صأبن لیچھِ تِمہِ ساتہٕ نظمہٕ یِیمہِ ساتہٕ کأشرِس منٛز امیٛک مزازے اوس نہٕ۔ وونی گو وفاضل صأبس اوس پانس غزلُک تہٕ وژنک مزازٕ، اِموجوٗب گو وتِمی سٕنزن نظمن پیٹھ تہِ یہِ مزازٕ حأوی، یِیمہِ کِنہِ یِم نظمہٕ قأبلِ قبوٗل بنییہ۔

فاضل اوس پٕزِی پأٹھی اکھ بسیار پأسل شخص۔ أمی سٕندِس شخصیتس منٛز پیٹھ جہات اُسی خالے آسہٕن أمی سُند مرتبہٕ مُتعین کرنہٕ باپتھ کأفی چھِ۔ یِیہِ طرفہٕ چھےٚ

أمی ہنزٕ غزل، أمی ہندی نعت تہٕ أمی ہنزٕ رثأیی شأعری أمِس عبقری وننس پیٹھ Understand مجبور کران۔ مےٚ چھُ باسان زِ فاضل چھُ سارِوے کھوتہٕ زیادٕ شأعر۔ أکی سے مضمونس منزٕ أمی ہنزِن سارِنے جہاتن سام ہینٛز چھُنہٕ ممکن۔ فاضل صأبنٕ شخصیت چھےٚ تقاضہٕ کران زِ تمی ہندِ بن مختلف پہلوٗ وَن ہنزٕ گژھہ الگ الگ مولانکوٗن سپدٕنی۔

فاضل بحیثیتِ نعت گو چھُ اکھ الگ پہلو، یتھ پیٹھ لیکھنچ ضرٕورت چھےٚ۔ فاضل چھُ سانیو Frontline نعت گو شأعرن منزٕ ممتاز تہٕ قداوار۔ تمٕی ہنزٕ رثأیی شأعری تہٕ کرٕ شنہٕ لیلایہٕ پرِتھ چھُ باسان زِ سُہ اوس اکھ باہُنر فنکار، ییٚمس انسانہٕ ہندی أولی تہٕ زأولی جذبات وُتشاوِنی أسی تگان تہٕ تہندِ تسکینُک سامانہٕ فراہم کرُن تہٕ اوس تگان۔

☆☆

بشر بشیر

# مےٚ نِش چھا شاعرِی ہُنٛد اکھ خزانا ؟!

مےٚ قلمس چھِم فِکرٕ ستھ رنٛگ نبٹھس تل

مےٚ نِش چھا شاعرِیہِ ہُنٛد اکھ خزانا ؟!

فنہٕ چِن روایتی قدرن ہُنٛد پاسدار فاضل کاشمیری چھُ بُنیاُدی طور تِمن سحر کار کیفیٔون نِسبت آگاہ یِمو کِنی کانٛہہ تہٕ ویوٚد تجربہٕ فنی پیرایس منٛز پیش سپدِتھ قاری سٕندی حِس آورِنچ صلاحیت چھُ تھاوان۔ تِمس نِش چھُنہٕ لفظن ہُنٛد طمطراق بلکہِ سوٚت سوٚت انہار قوتِ اظہارُک کارگروٚل بنان۔ باوٕ ژھٕنٛز دِل نشینی تہٕ دِلکشی چھےٚ بےٚ شوٗنکی پاُٹھی محسوساتن وُزناوِتھ جلاو بخشان۔ فنُک یوٚہےٚ رنٛگ تہٕ خاصیت پزٕ زناوِتھ چھُ تِمس پننہٕ ساد لفظہٕ اظہارِکس قوتس پیٹھ اعتماد۔ سُہ یِمن ستن رنٛگن ہنٛز کتھ کران چھُ تِمن ہنٛز کانٛہہ بیوٚن سِرٕ ساوی کیفیت چھےٚ محض محسوساتن ہنٛدِس سطحس پیٹھ تہٕ اچھ سیمابی حرکت چھےٚ اتھ ٹھوس بیانس منٛز انِنس تھوس انان۔ گویا فنچ یہِ رنگہٕ وُزمل چھےٚ ترتھ ہِ اُکس ژھِچہ کیفیٔو زایِن بخشان یوٚسہٕ اکہِ پھرِ زایِن لُبِتھ یادٕ ترِس منٛز گتی تہٕ وِہی چھےٚ کران روزان۔ اِمکی یےٚ وِہی چھِ فنس یوٚہر بخشان۔ فاضل صابنِس مذکورٕ شعرِکس دوٚیِمِس مِصرعس منٛز

موجود نو کتس متعلق ہکو یہ راے تہٕ دِتھ زِ یہ چُھ تہنٛدِ شعورٕ وبوا رُک پزٕ وتہٕ دراصل چُھ سُہ اتھ منٛز پننہِ شاعرِ یہ موضوعی خانہٕ بندی یژھان کرٕنی۔

بہرحال ادبہٕ کِس طالبِ عٔلمس خاطرٕ یژھ ہش خانہٕ بندی شُمارس انٛنہٕ ستی ہیکہِ نہٕ فاضل صأبنہِ تخلیقی شخصیٔژ کانٛہہ بوٚڈ طمار گنٛڈنہٕ یتھ تہٕ بہرحال گژھ یہِ کتھ فی الوقت انفرأدی مانٛنہٕ ینٛی۔ ووٚن گوٚ واتھ راۍیہِ یکسر مُسترد کرنہٕ خاطرٕ چھنہٕ مےٚ کانٛہہ دلیل تہِ وَنہِ یوان۔

فاضل صأبس چُھ زِندگیہِ نِسبت اکھ روٗمان پسند نظریہ۔ لُکہٕ لیہِ ستی تہنٛز ہم آہنگ لےَ تہِ چھےٚ تمن متعلق اتھ پزرس ڈکھ تہٕ پُشنے کران۔ کاینات تہٕ اتھ منٛز موجود مختلف چیزن چھِ تم قو دٕژہُنٛد شاہکار زأنتھ اتھ منٛز حُسن تلاش کران تہٕ اتھ نِسبت معمولی کھوتہٕ ترمیم یا تبدیلیہِ ہُنٛد تصوٗر تہِ چُھ تمن تحریک تلواس ٹُلان۔ تہنٛز ''کژالہِ کوٗر'' نظمہِ ہنٛزِ مقبوٗلیٔژ ہُنٛد اصل راز تہِ چُھ یوٚہے۔ یتھ جایہِ امہِ نظمہِ ہنٛدی فنی محاسن بیان کرٕنی ہیکہِ محض تشنگی ہُنٛد احساس ووتلأوِتھ، تِکیازِ یژھ ہش نظم چھےٚ بیوٚن پأٹھی اکہِ مُدلل لیکھُک تقاضہ کران۔ تہنٛد بن غزلن تہٕ نظمن ہنٛز مُستقل تہٕ زیرٕ بن لہر تہِ چھےٚ ژکہِ سوے، یوسہٕ اسہِ ''کژالہِ کوٗر'' نظمہِ منٛز وَنہِ چھےٚ یوان۔ فرق چھےٚ یہ زِ مذکورٕ نظمہِ ہُنٛد شعری کردار چُھ وُسعٔژ ہُنٛد اکھ پوٚکھ اُستھ تخلیق کارسٕنٛزِ احساسہٕ مرکوٗزیٔژ۔ کٔنی قأری سٕنٛدِس سطحس پیٹھ اکھ سرِ ثوٗت تہٕ حتمی شبیہہ تشکیل دِوان۔ ژٕلہٕ وِنین تہٕ ڈٕلوٚنین عکسن ہُنٛد کانٛہہ اکھا انہار لفظن منٛز قأدکرنُے چُھ فاضل صأبُن فن تہٕ امہِ قبیلکی چھِ سبٹھاہ تعداد س منٛز یہنٛدِس کلامس

خاص کٔرِتھ غزلن منز شعر میلان:

ہٹیٚگ رتھ بہٕ کڈہا، نمن تس بہٕ ملہٕ ہا
ہیکیاہ بار تمہِ کٕے سہٕ نوزُک اتھن پیٹھ

تیٚمِس شعری کردارس نوزکی تہٕ نفاستہٕ ہُند تذکرٕ شاعر کرُن چھُ یِژھان سہٕ چھُ ترٚیٚم شخص۔ درسی حدس تانۍ محدود تخلیقی ادٕچ زان تھاون وول ہرگاہ یہِ ونہِ زِ شاعر چھُ محض اکھ خدشہِ بیان کران اتھ برعکس ہرگاہ یہِ کتھ اَکِس عملی صورژ منز پیش آسہِ ہے سپز مژ سو بنہِ ہے زیادٕ پُرفریب، پُرشکوہ تہٕ پُراثر۔ اصل معاملہٕ چھُ یہِ زِ غأر یقینی تہٕ غأر امکٲنی صورتِ حالے چھُ اتھ شعرٕ باوٕژ امکانہٕ کینہ تمن حدن منز وپر اونچ کوٗشش یم فرضی اُستھ تہٕ اکھ مخصوص وِہی چھِ اَچھن برٛونہہ کُن انان۔ تخلیق کار چھُ اَکِس خأرجی معروضس تمہِ چالہِ تُلہٕ ترٛاوکران زِ اسہِ برٛونہہ کنہٕ چھُ خیالُک دُنیا موجود تہٕ ظأہِرُک باس ہوٗان دِٚین۔

تخلیق ہیکہِ نہٕ فارمولہ اُستھ تہٕ یوٚ دوے کُنہِ صوٗرژ منز کانٛہہ تیٚوٚہ فنکأری اسہِ متأثر کرِتہٕ، یوسہٕ زیادٕ پہن فارمولٲیی آسہِ تتھ ونٕو ہُنر۔ مگر تنقید نگار تہٕ تنقیدی نظریہٕ کھرٕ کرن وٲلی چھِ اکہِ نتہٕ بیٚیہٕ رنگی مفروضن ہندی ڈٔری گنڈِتھ تخلیقن ہندی قبیلہٕ کرٛأنۍ ترتیب دِنچ کوٗشش کران۔ صِنفن تہٕ موضوعن گرٛنڈ کرٕنۍ یا یہندی ڈٔری گنڈٕنۍ چھُے بہرحال ہُنر۔ شعرن ہندین احساسی علاقن تہٕ تخلیقی تجربن ہندی تہٕ تھٕی ہوی خدوخال ؤنۍ راونچہ کوٗششہِ منز چھِ تم شعر اکہِ حسابہٕ کھوٗٹ بنان یم زمأنی تہٕ مکأنی حدبندِ یو نِشہٕ آزاد سپدِتھ انسأنی ذوقِ جمالس تسکین چھِ دِوان،

توَے تہٕ چھُ فاضل صأبُن یُتھ ہیُو شعر تِھے گاچُک تجربہٕ یُس خواجہ حبیب اللہ نوشہری صأبس نشہِ یہٕ باوَتھ چھُ لبان:

ساعتہٕ اکہِ تس تہٕ مےٚ میجایہٕ تن
ہا اموب تھأونم سوے لادن
اُوتُل باسیوس میون زأوتُل بدن
ہا ژٕ نوٚن نو وٕنی زبس بوزٕ عالم

گویا فاضل صأبُن تخلیقی مرتبہٕ بدٕ تہٕ مُتعین کڈنس منز ہیکہِ غالبن یہٕ طریقہٕ تہٕ مدد گرِتھ زِ تہٕندی شعر پران پران کتھ حدس تانی چھےٚ تمہٕ ہوٚت آوازٕ ذہنس منز ٕگنگراونہٕ یوان یم صاحبِ ذوق تہٕ صاحبِ نظر شخصیوٗن پانس کُن کل کڈان چھےٚ آمٕژ۔ یہٕ چھُنہٕ ممکن زِ کانٛہہ اکھا ہیکہِ امہِ طرٛیقٕچ پرکھأے کُنہٕ تِھس پیمانس پٹھ گٔرِتھ یُس سارے ادبی یا تخلیقی دُنیا ہٕنک احاطہٕ ہیکہِ گٔرِتھ۔ توَے رٕنزِ کرواُسی تہٕ پٔتُن توجہ اُرکس لوکٹس دأیرس منز محدوٗد تہٕ کینٛژن شعرن ہنٛزٕ پرنہِ پتہٕ فوری طور ذہنس منز ووتلن واجنِین تمن ٕگنگراین دِموگن یہٕندی سرحد سانین ادبی تہٕ فلسفیانہٕ روایژن ٕستی ہم آہنگ چھِ:

مےٚ دوہ زندگی ہُنٛد گزٕر دون شبن منز
مگر قبرٕ تام واتنس لوٚگ زمانا

فاضل اوساتہِ عملی زندگی منز تصوف تہٕ سلوک رٕکس کُنہٕ خاص سِلسلس ٕستی وابستہٕ تِتھ متعلق کانٛہہ تبصرٕ کرنہٕ ورأے چھُ تسُند کلامہٕ تمہِ فکرٕ ہُنٛد پےٚ دِوان یوسہٕ

سانہِ سماجی تہٕ ثقافتی زندگیہِ ہُنٛد اکھ جُز چھےٚ۔ سانہِ ادبی روایژ منز تہٕ چھ یہِ عنصر نمایان۔ صوفی عقیدٕ کِنۍ چھےٚ دُنیاوی زندگی سبٹھہٕ عارضی تہٕ مختصر منزِل یِیلہِ زن موت حقیقی زندگانیہِ ہُنٛد کانٛہہ اند چھنہٕ، بلکہِ سفرُک سُہ اکھ پڑاو یُیمہِ پتہٕ اتھ کانٛہہ اند چھنہٕ۔ اتھ حقیقژ پیشِ نظر چھ سالِک دُنیاہَچ زندگی محبوب سُنٛد دۄربر تہٕ فراق چھ زانان۔ سُہ یِیلہِ یُیمہِ قاٖدِ نشہِ رِہاییٚ چھ لبان تہٕ پانس برٛونٛہہ کنہِ انسانی تصوٗرٕ سبٹھاہ تھۄد پُرسکوٗن وشال تہٕ بے اند حیاتی ڈیشان چھ تہٕ توٚے چھ زندگیہِ ہنٛدِس آخری ژٕہس پیٹھ بے حس وحرکت آسِتھ تہٕ یِتھ ہیوٚ رمز پیش کران زِ:

نِشانِ مردِ مومن با تو گویم

چوں مرگ آید تبسم برلب اوست

سون یہِ شاعر چھ اکِہ اندٕ زندگیہِ ہُنٛد یہِ سفر سبٹھاہ مختصر آسنُک ذِکر کران مگر قبرِ تانی واتنُک دۄربر چھ یُیمہِ کتھِ ہنٛز دٔلیل زِ ازلی حقیقژ تہٕ مستقل حیاتی واتنُک شوق چھ تس یِتھ حدس تانی غالب زِ پرتھ کانٛہہ تعجلی تہٕ چھےٚ تمس سبٹھہٕ کم رفتار تہٕ سوٚژ باسان۔ معنیہ کِس اتھی پسِ منظرس ہرگاہ یہِ شعر پرون یِیلہِ چھ امکی سرحد کتہٕ کور وسعت لبان:

عُمرِ دراز مانگ کر لائے تھے چار دن

دو آرزو میں کٹ گئے دو انتظار میں

یہِ چھ شکلہِ ہُنٛد اکھ پاس مگر سطحس تانی واتُن یوٚ دوٚے سہل آسِہ ہے یِیلہِ کُس فریب تہٕ امتحانٕ اوس دُنیا۔ کھبلہٕ ؤتھرٕچ زندگی یا آسُن چھ آبس پیٹھہٕ

دارمدار تھاوان مگر آب ہر گاہ لأرِتھ گژھبس سوے چھس فنائی۔ آبس لور روزنہٕ
ورأے تہٕ چھ آبہٕ نِشہٕ دٔو رنگ تصوٗرتِسٕندِ خاطرٕ اذیّت ناک۔ تِکیازِ یوٗہے چھ
تسٕند زٕوَن پاے:

زندگی باپتھ نہٕ گُفتارس کمی

ہاے! موتس نِش چھِ سأری لاجواب

دُنیاچہِ اتھ فریب کارِیہِ منٛز ہینہٕ یُن چھ دراصل تَمہِ ازلی آگاہیہِ ہُند گژھُن
سوٗزنیار یِیمہِ کِنۍ انسان پننہِ عظمت تہٕ پنُن حقیقی ازلی تعلق مُشران چھ۔ یہٕ گژھُن
زانڈ دٔو رکرنس منٛز چھ تس پننۍ وجوٗد ڈھوٗرتہِ تہٕ ذٔریعہِ تہٕ۔ نتہٕ چھ حقیقتُک ہُند اکھ
معموٗلی پرٕ وِتہٕ سأری گٹہ کاسنہٕ خاطرٕ کأفی:

ہنا سیوٗد وُچھ پھٹر پرٕدٕچ روایت

شرط سأری یہٕ پانے مانہٕ لوٗت پأٹھی

فاضل صأبُن یہٕ شعر پران کس پیٖیہِ نہٕ مرزا غالبُن یہٕ شعر ژیتس:

کانٛہہ اکھاہ از ابنِ مریم لأگِتن

میانہِ جگرٕکۍ دأدۍ کینٛہہ بٔلرٲوِتن

باسان چھُ زِ یہِ شعر چھ سیٖدسیوٗد غالب نہِ شعرُک ترجمہٕ:

ابنِ مریم ہُوا کرے کوئی

میرے دُکھ کی دوا کرے کوئی

یتھ کتھِ دِموٲسی بیٚیہِ پھیٚر زِ سون موٗلہٕ مقصد چھنہٕ وُنۍ کیٚن فاضل تہٕ

ماباپتھ شاعرن درمیان مماثلت تہٕ پھیرٕ ژٕراوٕنی بلکہِ تتھ ادبی ریوایژٕ کُن ظوون پھِرُن یو سہٕ تسٕنز تخلیقی شخصیت نیشناوان چھےٚ تہٕ یتھ منز سہٕ پننی انفرأدی شان ہیتھ نوٚن چھ نیران۔ شیخ العالمؒ ہٕنٛدِ شُرکیٚگ اکھ مصرعہٕ چھُ:

آسہِ نیجہِ تھزر تہٕ پھٔلجہِ گوبر

اتھ خوبصورت شعرِ مصرس عام لوٗکن خأطرٕ زیادٕ پہن سہل بناونکہِ غرضہٕ چھ خبر کمی نیک نیتی رکنی متنگ حُلیہ تہِ ڈولمُت تہٕ یہٕ چھ ووٗنی زیادٕ ترلوٗکن یمہِ متنہٕ یادٕ:

آسہِ پھرٕستس تھزر تہٕ پھل لٔنجہِ گوبر

گویا متنگ حُسن کم تہٕ کأشرِ زبأنی ہٕنٛدی زٕ خوبصورت لفظ ترک کرنٕچ یہٕ کوٗشش کأنسہِ ہنٛز سادٕگیہ ہُنٛد نتیجہ زٕ أنتھ تسٕنٛدِس نتیس پیٹھ شک کرنہٕ ورأے امیکٕ یہِ دوٗیم انہار چھُنا فاضل صأبنہِ یمہِ شعرٕچ پوٚت آواز:

چھےٚ پھرٕستس کیچ کمرس پننہِ تھزرٕچ
نمان یون کُن تہٕ یون کُن کُل ثمردار

یتھ نوکتس تہِ چھ پیٚتی مُنأسب واتھ لگان زِ کأشرِس منز موجوٗ دلوتوٚے محاورن ہُنٛد ورتاوتہٕ چھُ فاضل صأبنہِ شأعریہ ہنٛز اکھ نمایاں خصوصیت، یمہِ ستی تِہنٛز شأعرانہِ ظرافژ ہُنٛد رنگ تہِ تیزتہٕ تیکھ چھ سپدان:

انتظارٕ کی دوہ چھہِ زیٹھان عاشقس
کینٛہہ ربتھا منٛزی کُنٛزٕ ہن ترأوی تن

☆

عشقہٕ پینچن بہتھ چھِ یم باز تمو چھِ ہأری ٕمتی

تم چھِ أچھوأ چھوٗ وُچھان کترِ ڈُوان حسأری حسأری

☆

کریما بخشتس سأری بنن رِتی

وٗں کیاہ گوٗ واکھ اتُر زن گوٗ وبچارس

وُنن چھُ یہ زِٕعام کأشرِ پھورِ مطأبق محاورٕ چھِ أمِس شاعرٕ سٕنٛزِ ظرافتُک خاطرٕ

امدأدی وَل نتہٕ چُھ تمی سُند مُشاہدٕ تہٕ تمیک بےٚ پھرٕوک اظہار امہِ خصوصیُک ہُند

بُنیادی سبب:

مےٚ تھأوی پمپوشہِ گوٚندی از آیتَن تس

اما، ژھونڈُن یوأنی یارِ گُلی چھا نگ

☆

کرامن کاتبین کرتوٗت لکھان

اگر نےٚ لیکھِ ہن بس تی گیو جان

خدایس سارِنے بندن چُھ بخشُن

ملک جوراہ پٔنن وق راوِ راوان

ربوأیُک ہِندِس أمِس پاسدار تخلیق کارٕ سٕندی انفرأدی تخلیقی گون چھِ أمی

سٕندِ ژر ژٕونہِ مُشأہدکی نتیجہ، یم أمِس امتیاز چھِ بخشان تہٕ أمی سٕنٛزِ آرِ جٕلٹی

(Originality) ہُنٛز سند چھِ بنان۔ چنانچہِ زندگیہِ ہٕنٛزن وولہٕ ہٕرِشن تہٕ متواُتر

پریشانٕین ہنٛز ذِکر چھےٚ ہر کانٛسہِ شاعرن أکس یا بێیس رنٛگس منٛز ضرور گرٕمُت تہٕ فاضل صاأب یتھ کنٕی دون الگ تہٕ لاتعلق اِکأیین منٛز ہشرٕ کی پہلو بدِ کڈتھ أکی ہیٕ سیاقس منٛز پیش چھ کران تمہِ کنٕی چھُ تیتھ اکھ نوٚ و تشبیہی نظام قأیم سپدان یُس پانسے ہیوٚ آسنہٕ کنٕی تخلیق کارسٕنٛزن انفرأدی صلأحیژن ہُنٛد قأرِیس معترف چھُ بناوان۔ بلکہِ چھُ قاری دون کیفیژن تہٕ صورتِ حالن یکوٹہٕ ڈیشتھ گوڈٕ ووٕتھ ہش کھوٚان تہٕ پتہٕ بدِ کڈنہٕ آمتہِ مماثلت کہِ پہلوٗ نشہِ حظ پرٛاوان:

گردِشس منٛز از دُوٚنزاہ ہفتہٕ گأم

نا قدردانن اتھن منٛز تاس گوم

گوڈنکِس مصرعس منٛز دُوٚنزاہن ہفتن ہنٛز ذِکر چھےٚ أکس پوٚرٕ وٕرِیس یا وٕنوٚ أکِس زندگیہِ ہُنٛد احساس ووتلاوان تہٕ دوٚیمس مِصرعس منٛز چھُ تاسہٕ کِین دُوٚنزاہن پٹٕمین ہُنٛد سُہ اتہٕ گتھ بیان سپدان یُس زینن تہٕ ہارن والین ہنٛدِس تتھ گاٹس کُن اشارٕ کران چھُ یُس تمن محض آوٕرتھاوِتھ وقتہٕ کہِ بےفأیدٕ تہٕ بےٚ مول طریقہٕ ضایہِ کرنک وجہ چھ بنان۔ زأری یا زارٕ ورأے تاس گنٛدن وول چھُ اتھ بے مقصد عملہِ منٛز تیوٚت آوٕر سپدان زِ اصل مقصد پرٛاونس تہٕ تتھ متعلق کوٚشش کرنس نِسبت چھُ سُہ لاتعلق سپدان۔ لل دید اوس پنٕنہِ وقتہٕ تتھس ہِوس صورتِ حالس نِسبت پنٕنہِ وقتہٕ کِین تقاضن تحت ''نابدی بار'' ہیوٚ اصطلاح کھرٕ کوٚرمت، یێلہِ زن فاضل پنٕنہِ زمانٕہ کہِ محاورٕ مطأبق بێیس سطحس پیٹھ محسوٗس چھُ کران۔ فنی تہٕ تخلیقی اعتبارٕ یہنٛدِس معیارس متعلق سارِنٕے ہنٛز رأے ہیکہِ نہٕ ہشی أستھ تہٕ آسنٕ

تہٕ گژھہٕ نہٕ مگر یُس وجٔہ ہی رشتہٕ تلاش کرنچ یمن دوشوٕنی شاعرن کل تہٕ ضرورت محسوس چھےٚ سپدان سو چھےٚ بُنیأدی ماہیوٕ کنہٕ اکھٲ ہ کس ستی رلہٕ وِنی۔ کُنہٕ کُنہٕ چھ سون یہٕ زِیٹھ ہم کال شاعرپننہٕ وقتچہٕ سچویشنہٕ خاطرٕ گوڈے ورتاونہٕ آمتس محاورس مطأبق بیان کُرِتھ نٔوس کُنہٕ تجرُبس زیو بخشان۔ لل دیدِ ہُند "منز باگ بازرس قُلفہٕ رؤس وان گوم" ہیوٕ معاملہٕ اٗسن یا شیخ العالمؒ وأنی گے وانس پھالو دِتھ"۔ دوشوٕ ے چھِ بلکل الگ صورتِ حالن تہٕ تجرُبن ہنز باوتھ کرنہٕ خاطرٕ استعمال کرنہٕ آمتی۔ییٚلہِ زن فاضل تہٕ پتُن یا وَنوپننہٕ زمانک زندگیہِ متعلق نقطۂ نظر باوان باوان پزٲ نِسے استعمال کرنہٕ آمتس محاورس تتھ کُنی ورتاوان چھُ زِ اتھ چھےٚ أزِچی بوٗ ے تہٕ پوان تہٕ اتھ ستی چھ یُتھ ہیوٕ شعر اظہار پتمین اسلافن ہنزِ شعری روایژ ہُند حبس تہٕ رس منس منز شولہٕ ناوان:

ژُ وٚوت ہیوٕ آوریراہ زندگی ہُند

لگان أندی یکھ نہٕ زانہہ پھالو دُکانن

روایژ ہُند یہٕ ورتاو چھُنہٕ صِرف ادبی تہٕ شعری ولن تہٕ ورتاون تانی محدوٗد بلکہِ چھِ فاضل صأبنہٕ شاعریہٕ منز پننس ثقافتی وِرثس متعلق انیکھ خدوخال وَنہٕ پوان۔مثالہِ خاطرٕ یہٕ شعر:

سمکھنکی، کتھ باتھ کرنکی مر چھِ ییم

یارِبل یا راہ گذر یا عیدگاہ

أتھی بحثس اندرین تم تلمیح تہٕ تمثیل تہِ ییم الہٕ پلہٕ تمام مشرقی شاعریہِ

مژٕ ورتاونہٕ چھِ آمتۍ تہٕ یِہِندٕ آگرٕ یِٲ ٹھۍ عربی، فارسی ادب تہٕ اسلامی عقیدٕ تہٕ
توأریخ چھُ۔ یہِ چھ پزر زِ امہِ قبیلکۍ تلمیح تہٕ تمثیل ورتاونی چھنہٕ أمۍ سُند امتیاز مگر
تمہِ باوجود چھُ یہِ وُنُن تہِ ضروری زِ عقیدتی شاعریہِ ہِنٛدِس رنٛگس مژٕ چھِ
فاضلس مختلف ذیلی تہٕ ضمنی رنگ اکہِ انٛدٕ بیٛیہٕ تس نِش اسلامی رنٛچ یِتھ ہشِ
مثال میلان چھےٚ:

کمن چھکھ زٕ ونگ بناوان نیلہِ ہُنٛد آب

کمن چھکھ تازٕ گُل کھاران نارس

یتھ مژٕ حضرت موسیٰؑ پتہٕ دورن والین دریاے نیل کِس ٹھۆرکرنس کُن
تہٕ حضرت ابراہیمسؑ نارس گلزار بنہٕ کِس واقعس کُن اشارٕ چھُ تتہٕ چھِ ستگورو
ہشہِ نظمہِ مژٕ اکہِ تمثیل کہِ ذریعہِ گرونانک جی تہٕ دۆیمس گرو لہنہ یا گُرو انگد
سٕندی وصف تہِ باوان:

بنوٗون قوربہِ ستۍ لہنہ پُنُن انگ

گُرو گُری آیِٔن تھونس بہر رنٛگ

یۆہے انگ سنگ گُرو انگد چھُ نامی

أمِس شُہرت أمِس عرفان دوامی

مناجات، نعت، منقبت تہٕ مرثیہ چھِ فاضل صابنہٕ شاعریہِ ہُنٛد اکھ بۆڈ حصہٕ،
یتھ متعلق بیوٗن بیوٗن مضمونن مژٕ تہِ سام ہینہٕ چھےٚ آمژ تہٕ اوٚکنۍ امہِ قبیلہٕ چہٕ مثالہٕ چھےٚ
پرن والین نظرِ تلے تہٕ دستیاب۔ تتھےٚ پٲٹھۍ چھےٚ کرشن لیلا تہٕ بھجنن مژٕ یِمنے فلسفن

ستۍ وابستہٕ تلمیح، تشبیہہ تہٕ باقٕے مثالہٕ شعری محاسنن ہنٛز شکلہِ منٛز ورتاونہٕ آمٕژ۔

کعبہٕ، اسوَد، مدینہ، شبِ قدر، عید، برات بیترٕ ہوی لفظ چھِ جلال تہٕ جمال چوکیفیژ وسان فاضل صابنہِ شاعریہ بوش کھالان۔ نعتس منٛز آہ وزاری ہر یمانہٕ بیٛنہٕ کیٛنہہ بیان کرنُک چھُ سیٹھاہ کم شاعرن ہُنٛد بتٕر۔ انوارِ محمدیؐ نعتہٕ سوٗمبرنہٕ منٛز گژھن تیٚتھی تہِ نذرانہٕ نظرِ یم جوش جذبچہٕ سرمُستیہٕ کِنی محض دُعائیہ آسنہٕ کھوٚ سرحدو برٛونٛہہ چھِ نیران۔ غزلن منٛز موجود عقیدتی زُمرس منٛز پیٚنہٕ واللین فاضل صابنن شعرن منٛز چھُ سون یہِ فنکار غزلِ کس مزاجس تہٕ سرمُستیہِ منٛز وسنس پیٚتھ بےٚ شوٗنکی پاٗٹھی تیٚتھی ہوی شعرٕ ونتھ گژھان:

اسوَدس نِش دب لوٗگم، وٕسی پیوم دِل
رُم گیس، اَتھی نِش بیگر گوٗو بانہٕ تےٚ

پیٚٹھےٚ وانہِ شعر پرنہٕ وِزِ چھُ زن یوٗہے بدشگوٗنی ہُنٛد ہیوٗ تاثر پاٗدٕ سپدان۔ سُہ پیٚتھ کِنی زِ ذوقہٕ تہٕ شوقہٕ سان اسوَدس نِش وٕ نیتھ دب لگُن زنتہٕ اَمی سِندِس مرنس منظوٗری چھنہٕ تہٕ پتہٕ تیٚتھ دب لگُن یمہِ ستۍ دِلس رُم گژھتھ یہ پھٕٹِہ مَتہٕ باٗنکی پاٗٹھی بےٚ کار چیز اہ چھُ روزان۔ مگر امہِ پتےٚ چھےٚ فکری سطحس پیٚٹھ ساٗنی اجتماعی نفسیاتی تژ اے ذہنس منٛز کاڈ کڑان تہٕ اَکِس عام پرن وٕالِس تہِ چھُ پیٚتھ کتھِ کُن ظون گژھان زِ دِلس چھُ تمہِ پتےٚ مول ہُران ییٚلہِ یہ پھُٹہٕ۔ حالانکہِ صوفی تصورٕ کِنی چھُ قلب (دِل) سُہ نوٗر مسند یتہِ ازلی حقیقت جلوٗ گر چھےٚ مگر یتہِ چھُ دِلہٕ کِس تتھ تصورس متعلق شاعرٕ سُنٛد ظون وُزان یُس سمجھنہٕ خاطرٕ علامہ اقبال سُنٛد یہِ

شعر رہنمائی ہیکہ کٔرِتھ:

تو بچا بچا کے نہ رکھ اسے ترا آئینہ ہو وہ آئینہ
کہ شکستہ ہو تو عزیز تر ہے نگاہ آئینہ ساز میں

عام پأٹھی چھ مُشاہدس منز یِوان زِ پرٛتھ کانٛہہ تخلیق کار یِمن خیالن ہُنٛد قأیِل آسہِ، سُہ چھ یِتھ رٔتھ پنٛنہِ نٔبن تخلیقن منز سہ جواز پیش کران یِیمہِ کِنیٛ سُہ کُنہِ خیالک قأیِل آسہِ تہٕ بسا اوقات چھ سُہ رٔتھ نۆ دٔلیل تہٕ اختراع کران تہٕ تتھ پنٛنہِ کتھِ ہُنٛد جواز بنان۔ تہٕ أستھ تہٕ چھ کانٛہہ جنٛیوٗن تخلیق کُنہِ خاص موڈک یا کُنہِ خاص موقعس پیٹھ کُنہِ خأرجی تجربک تہٕ تمہِ کِس نتیجس منز پأدٕ سپدٕنہٕ واجنہِ کُنہِ نفسیأتی کیفیژٕ ہُنٛد پیداوار آسان۔ گویا امہِ اعتبارٕ چھ پرٛتھ کانٛہہ شعر یا پرٛتھ کانٛہہ تخلیق پنٛنِو زمأنی تہٕ جذبأتی کیٛو احسأسی انسلاکاتو کِنیٛ اکھا الگ وجود تھاوان یُس تٔمی سٕنٛدِس غالب فِکری رُجحانس سٟتی لأزمی طور پرٛتھ وِزِ تہٕ مُتوأتر طور ہم آہنگ چُھنہٕ آسان یا باسان۔ گاہے رسہٕ رسہٕ تہٕ گاہے وُژھِ سان بدلنٔے چھ تخلیقی سفرُک ارتقاء بنان۔ یِم کینٛہہ اشارٕ درج کرنک مُدعا چھ یِتھ نوکتس کُن توجہ پھِرُن زِ فاضل صأبٕنۍ فِکرٕ تہٕ خیال تہٕ چھنہٕ محض أکی سے نوکتس پیٹھ محیطس منز قید و بند۔ دِلہٕ کہِ پھُٹنہٕ پتے ییٚتہٕ سُہ اتھ أ کِس موقعس پیٹھ مولُل چھ زانان۔ بیٚیس جایہِ چھس یِوٚ ہے بَرساوی تہٕ نۆرٕ یِوٚ رُت انگ تیٚوٗت مضبوٗط تہٕ طاقتور باسان زِ:

کیٛاہ چھِ سنگر فأضلا تھٔدی بال کینٛہہ
أسی پھِرٕ ویٚو دٕبرِیہِ دِل تھف دِتھ انکھ

گویا کانٛہہ خاص ماحول، زمانہٕ تہٕ مقام تہٕ چھُ کُنہٕ شیہٕ ہُنٛد مول مُشخص تہٕ مُتعین کرنس منٛز اہمیت تھاوان۔ توٚے تہٕ چھُ اسۆ دس برٛ ونٛہہ کنہٕ اکھ پھٹنہٕ پنہٕ چی صوٗرت سکوٗن بخشان تہٕ اتھ برعکس تھد بن کنہٕ سنگرن مقابلہٕ نوزُک تہٕ موہوٗم نظرِ پنہٕ وول دِل پرٛتھ طاقتُک سرچشمہٕ تہٕ ناگرادونہٕ یوان۔

مختلف موضوعی تقاضن تحت یِوٚ دوٚے فاضل صأبنہٕ شاعریہٕ منٛز بیوٚن بیوٚن فلسفن ہِنٛدی اصطلاح تہٕ موزوٗنیت نظرِ تل تھأوِتھ لفظہٕ ورتاوتہٕ موضوع ہے ستی تأبین چھ وَنہٕ یِوان۔ تاہم چھِ تِمی سُنٛد استعارأتی نظام مُستحکم پأٹھی مشرقی خاص کرِتھ صوفی شاعریہٕ ستی ربط تھاوان۔ یہٕ نظام چھُ یتھ حدس تانی تہنٛدِس سوٗنچس احاطہٕ کرِتھ زِ گنٛڈِتھ موضوعو نبر تِمی سٕنٛدِس کلامس یا وَنو غزلن ہِنٛدی شعر چھِ اصطلاح تہٕ لفظہٕ ورتاوٕ کنی قأری سُنٛد ذہن عقأیدن ہِنٛدِ ہے حدس منٛز کاپہِ رٹان۔ مثالہِ خأطرِ ونوبہٕ زِ غزلس منٛز شأمِل شعرُک یتھ ہیوٚ لفظہٕ ورتاوچھنہٕ قأرِیس ہرگز تہٕ معنہِ مطلب کہِ مخصوص دأیرٕ نبر سوچنٕ اتھ وَتھ دِوان:

یہٕ کتھ پٹھ وُزلن ژاو رعشہِ چشمن
کریوٚن وایلیل مویس شانہٕ لوٚت پأٹھی

تتھے پأٹھی ییلہِ أسی یتھ ہیوٚ شعر پران چھِ:

ژ کتھ پٹھ أنہٕ چھکھ پھری پھری وُچھان از
ژے ماچھی ہوشہِ ڈالنی أسی گونہگار

پوٗرٕ شعرس چھ اکۍ لفظ تھوٚپ کرِتھ أکس مخصوص کیفیژ نِسبت پرن وألی

سُند ظون وُ زناوان تہٕ مناجات کِسے فضاہس منز وُ پھلاوان۔ ممکن چھُ اتھ ہیکہِ پتہِ وجہ اُستھ زِ پرن والین چھےٚ فاضل صأبنٕ شاعری اُتھی تناظرس منز پرنٕچ ہال تہٕ توٗے تہِ چھُ شعر سمجھنہٕ وِزِ غالب توجہ اُتھی سیاقس کُن گژھان نتہٕ چھِ اتھ شعرس نکھٕ تلہِ معنین ہنٛدی بدل امکان تہِ۔ بہر حال تِتھس کُنہِ امکانس کُن توجہ گوٚھن چُھنہٕ زیادٕ مناسب تہِ۔ تکیاز امہِ قبیلکی چھِ فاضل صأبنس کلامس منز بسیار شعر یمن منز توٚن یا گوٚن تِتھے ہیوٚ انہار چھُ میلان:

خطن نامن ہیٚوٚمس یَب اما پوٚز
شہادت دِژ مےٚ پننہٕ نی دستِ راسن
اُکِس غلطی مےٚ دِتی نم ساسہٕ بُدی پھری
تِمس پزٕ ژھنس نہٕ پانس کانٛہہ چھ ساسن

گوڈنکس شعرس منز یَس کردارس متعلق راوی کتھ چھُ کران تس چھےٚ ناراضگی تہٕ سُہ چھُ ژکھِ ہوٚت۔ تس ستی چھُ تہِ کینژھا سپدُمُت یہِ توقعہس خلاف چُھ۔ راوی چھُ دوٚیمس کردارس نزن تِمن مزید کوٗشش اپزٕ مپزٕ انکار کران یم تِمی رأوِیَس پھِری پھِری پانس کُن انہٕ خاطرٕ کریہِ۔ بار بار یاددہأنی پتہٕ تہِ اُمی سُند کنہٕ ڈول دیُن چھُ اُمی سٕندس جُرمس سنگین بناوان۔ لہٰذا چھےٚ اُمس نِش دوٚیمس کردارس نزن شیچھن تہٕ پیغامن ہنٛدِس نہٕ میلنس متعلق کتھ کرنٕچ صورت بچان۔ مگر راوی سٕنز بدنصیبی چھےٚ یہِ زِ اُمس چھُ پننٕے قریب تہٕ نکھٕ پھیوٚک یاوٚنو دوٚ چھن اتھِ یہِ گوأہی تہٕ شہادت دِوان زِ ہتاونان کیاہ ژِ، مےٚ پانہٕ تِم پیغام تہٕ

چِھہِ رچہِ۔ راوی سٕنز موجوٗدِ حالت چھےٚ تٔمی سٕنزِ مجبوری خوف تہٕ ندامتٕ ہُنٛد نوٚن باس دِوان زِ وقتی تہٕ عارضی لسہلاوس تحت سپدِ سہٕ تمس نشہِ لاپرواے یُس تسٕنٛد خیال رۄٚ دتھاوان۔ گویا یہِ ہیکہِ مأ لک تہٕ خداۍ اُستھ۔

دۄیم شعرتہِ چُھ امی انمانہٕ آدمٕ سٕنزِ تتھی لغزشہِ کُن اشارٕ کران یمہِ کِنۍ سہٕ جنتہٕ نِشہِ دۄٚ رآو کرنہٕ تہٕ یمیٚک سزا تٔمی سٕنزٕ زُریات تنہٕ وأ ژتلان تہٕ ہرگاہ گوڈنچ لغزِش سپد ہے نہٕ مزید غلطیٚن تہٕ گونٛہن ہِنٛدی روزٕ ہن نہٕ امکانہٕ۔ دۄیم پہلو چُھ یہِ زِ سزادِنہٕ وول یہِ یٔژھہ تی چھ سپدان تہٕ تی سپدِ تہٕ۔ لفظن سٕتۍ تہٕ یہِ چُھنہٕ شِکوٕ یا شکایت بلکہِ بنی آدم سُنٛد پننس خالق تہٕ مألکس نِسبت لولہِ ہۄٚت توقع۔

فاضل صابنہٕ شأعریہِ خاص کٔرتھ یتھ مضمونس منٛز "دستھ رنٛگ" کتابہِ منٛز شأمل غزلہٕ کین شعرن ہٕنٛز کتھ کران چُھ یہِ تہِ واضح سپدان زِ پننہِ شعری روایہٕ منٛز چُھ باقہٕ شأعرن ہٕتۍ ہٕتۍ خاص پأٹھی اقبال تہٕ علمدارِ کشمیرس نِشہِ مُتأثر باسان۔ یُتھ ہیوٚ اثر چُھ گاہے نمایاں پأٹھی، کُنہٕ کُنہٕ مزاژ برابری لِکھہِ، کیثِو ن جاین بیٚون بیٚون پأٹھی تہٕ واریاہن شعرن منٛز رٔلتھ میلتھ نظرِ گوٚھان:

چشمہٕ بیٚون کُن یُتھ نہٕ تھاوکھ پس گوٚھکھ
تارٕ کن وُچھ وُچھ کرکھ تارکھ بنکھ
یُتھنہٕ کھسنۍ ستھ سمندر ٹارِ زانٛہہ
طشتہٕ ژھیٚٹ وأنِس یِنا ساگر ونکھ

رۄٚ حُک تہٕ جسمُک عارضی رشتہٕ چُھ شیخ العالم نہٕ شأعری منٛز یُوٚ پأٹھی تہٕ

اقبالس نِشہِ تہٕ تخلیقی موضوع بنیٚومُت۔ شیخ العالمؒ چھِ اتھ دوٚن دربن ہُنٛد سوداتہٕ ونان۔ سودا ایام ختم سپدِ اتھ رشتس چھنہٕ اہمیت روزان۔ اگرٕ ؤن کینٛہہ باقےٚ روٗد، سہٕ چھُ شعورِ ذات:

زٕ زٔنۍ بیچھاے سأوۍ دُکانس
سودا سۆر تہٕ پانس پانس گییے
مۆر مورِنٛو زۆ ژۆل کیٛاہ یوٚوے
کنڈیٛو دِژ تھس آسن شَیے

☆

زُو تہٕ مۆر گژھ پانس پانس
کیٛاہ لارِ نادانس مییے

فاضل صابَ تہٕ چھِ پنٕنہٕ وقتہٕ کس تناظرس منٛز یہٕ کتھ ییٚمہِ آیہِ باوان:

رُحس نب لمان تےٚ مِرس ہُنٛز قبر
اویزان تِتھےٚ تالوٗس جار چھُس

تِتھےٚ کُنۍ چھُ نفس شیخ العالمؒ نہٕ شأعری ہُنٛد بیٛاکھ اہم موضوع۔ نفس یُس تسٕند بن لفظن منٛز انسانس ادل تہٕ ودل بیٛیہِ زدل ژھییےٚ چھُ کران۔ نفس یُس وَتک اگہٕ زول تہٕ ژیریوٗ اَگ ہیوٗ پھالہٕ وُن سبٹھاہ مشکل تہٕ استعمالہٕ خأطرٕ سۆد مند چھُنہٕ۔ سہٕ چھُ کاپہٕ رٹُن تیٚتھ مشکل زِ:

نفس چھے مدٕہوٗس ہانٛکل ژٕٹی

نفس تیمی روٗٹ سہ ووت لامکان

بلکُل یہے کتھ چھِ فاضل صأب یمن لفظن منٛز بیان کران زِ یہ، چھُ خأیلص تہٕ خأیلص أمی سٕنٛدٕ ے مُشأہدٕ تہٕ سوچِ باوتھ بنان:

اکے نظرِ کنٛین تام سون بناوکھ

یلی یوٚد منٛگ سیماب مارُن

فاضل صأبنہٕ رٕژِ فنکأرِیہِ ہُنٛد جواز چھُ یہ زِ درس واخلاقی موضوع چھِنہٕ تِم محض بیان کران بلکہِ یِم موضوع چھِ تس نِش سہ باوٕژ انہار پٕراوان یُس گوڑٕ انوارِ فنی تہٕ تخلیقی اہمیت چھُ تھاوان۔ تِمی سٕنٛزِ شأعریہِ منٛز منظر نگأریہِ ہٕنٛزٕ شوٗژ تہٕ سأدروار شبیہہ چھے تیزٕ زوٗدار، زوردار تہٕ پُرکشش زِ فطرٕ ژٕہنٛدی رنگ تہٕ انہار چھِ أچھن برٕ ونٛہہ کنہِ رقص کران باسان۔ یہنٛد بن شعرن منٛز چھِ یمن منظرن ہٕنٛدی تِم پہلوٗ ڈٕلوٕنین لفظہِ تصویرن منٛز دیدٕ مان سپدان یِم کأنٛہہ حبسہٕ ہُشیارٕ حُسن شناس محسوٗس کٔرِتھ تہٕ ہیکہِ مگر پھِرِنی تگہِ نس نہٕ۔ یا کأنٛسہِ وُچھتھ تہٕ توٚت تأنی گأریٕ مٕتی آسن نہٕ یوٚتأنی تِمی تِھس ہِوس شأعرس نِشہِ ہوٗزیٕ مٕتی یا پٕریٕ مٕتی آسن نہٕ تہٕ اچانک ہیٚکہِ پتہٕ یہ سوٗچُن زِ مے کیازِ تٔگی نہٕ ازتأنی وُچھنٛی۔ مضمون اند واتناونہٕ برٕ ونٛہہ فاضل صأبنہٕ "زوٗنہِ منٛزل ڈٕل" نظمہِ ہٕنٛدی یِم کیٛنٛہہ شعر یِم پأنی پانے پیٚٹھ کنہِ درج کتھن ثابت ہیٚکن کٔرِتھ دِتھ:

دۄرِ ڈٲرِ گنڈِ وِیرٕ وارو، جویہِ بارو ہیوٚت گبوٚن

بالہِ داغنی نژنہِ لگی پھژٕبس کیٛو چنار آبس اندر

أنہٕ خانس منٛز سجوو وٲلی حُسنہٕ چھے پٲرِ یہ محل

وٲژھ لیو کنی وُزملو چھوٚک موختہٕ ہار آبس اندر

وۄن نسیمن لوٚنچہٕ تھف دِتھ زۄنہِ وس ازہے گنڈو

رۄف کرو درگاہ ترو، وُنی دیمٕ تار آبس اندر

زۄنہِ وُچھ وُچھ پرٕبتکی سٲری صنم پۄزالہِ وٲتھی

درشنس پراران قطار اندر قطار آبس اندر

کہکشاں ہتھ، راتھ ہتھ، تارکھ تہٕ صبح و شام ہتھ

حُسنِ قدرت ہیٚو نمیٚو پروردِگار آبس اندر

آے تارکھ چاندِ منٛز وُنی گژھن دِوان یٔرایہ سان

زۄنہِ وُچھ وُچھ ژٲنگی زٲلِکھ بےشمار آبس اندر

☆☆

سید رسول پونپرُ

# فاضل کاشمیری تہٕ کأشُر نعت

یارسولِ ہاشمی بادا فِدایت جانِ من

جانِ من، جانانِ من، باجملہ فرزندانِ من

خاکِ راہِ رہبروانِ راہِ عشقت یا رسولؐ

سُرمۂ من دیدۂ من چشمِ من چشمانِ من

چشم دارد جامیؒ مسکین کہ فرمایی قبول

گِریۂ من، نالۂ من، آہ من، افغانِ من

(مولانا جامیؒ)

یا صاحب الجمال ویا سید البشر

من وجهك المنير لقد نُور القمر

لا یمکن الثناء کما کان حقهٗ

بعد از خدا بُزرگ تُوی قصه مختصر

(حافظ شیرازیؒ)

اِنلتِ یاریحَ الصّبَا یوما اِلیٰ اَرضِ الحرَم

بَلِغ سلامی رَوضہ فیھا النبیؐ المُحترم

(امام زین العابدینؓ)

ہاو واو واتکھ نا توتےُ ییتہِ ڈاپھ ترٛ اُوِتھ مصطفیٰ

احوال میٲنی تٔسی ونکھ سٕے ہو کربم دادبن دوا

سُے چھے زُوَن پےَ سون تےَ سُے چھے حمایت سون تےَ

سُے جان سٕے نُندبون تےَ سٕے رہنما سُے پیشوا

غلام احمد فاضل کاشمیری چھُ حُبِ رسولؐ کہِ اَندرِمہِ جوشہِ اللہ تعالیٰ سٕندِس ٹاٹھِس نٔبیٚسؐ وٕژِھ واٗنجہِ میٹھ مۄدرتہِ رحمتہٕ برٛژ روایت پٔنہِ نعتہٕ نِوَکھرِ دردٕ برٛژِ لَیہِ منز اسہِ تام واتناوان، یتھ اۄ تام عبدالاحد نادم، عزیز اللہ حقانی، خاموش کریری، ثناء اللہ کریری، عبدالاحد ناظم، مقبول کرالہ واری بیترِ پٔنن لولہِ بۄ رُت نذرانہِ بصدانکسار پیش کٔرِتھ اٗسی دژٲمتی۔ تِمو وۄن نہٕ بوزوَےنوٚ وَکھٕنۍ۔ موضوع اوس یِی برٛوٚنٹھے سانہِ دِلچہِ مندورِ منز خاصہٕ پٔژھی سٕنز برٛاٗنٹھ بٔستھ۔ قرآن کریم اوس یِی تہٕ چھِیی تہنٛدِ ذاتِ اقدسٕک اٗنہٕ۔ سُہ ہےَ عکساوِ ہے تہٕ کیاہ تہٕ کوتاہ۔ اتھ چھےٚ کمن کمن زبو کلان تہٕ وُپھ سوتان۔

اگر یک سَرِ موئے برتر پرم

فروغِ تجلی بسوزد پرم

اِوَکنۍ اگر فاضل کاشمیری ہٕرٕ رسان، بارگاہِ رسولؐ زُوِ جانہٕ پٔننۍ وِلہِ زار نعتہٕ کہِ ناوٕ واٗنسہِ واتناوٕنی پٔنن وِیوٚ ژگنٛزران رۄد، ہتھ ہتھ مرحباشوٚببس خدایہِ سٕندِس

ٹاٹھی ہندِس ٹوٹھنس تہٕ مہربان گوٚھنس:

رۄکھ سرمایہٕ کمتر دِل نقص زد
قلم بے توژھ، زبان قاصر، عقل رَد
نعت وننگ نہٕ طاقت یا محمدؐ
مےٚ چھُم بس چانہٕ ذاتک شوق بے حد

☆

فاضل ژےٚ یمن دردِ لیَن کُمی سا اثر دِیُت
یم سوزِ بُرِتی نالہٕ گمِتی سوئے محمدؐ
بہٕ وندہےَ زندگی چاِنس وجوٗدس
یوٚہےَ باعث سپُن فاضل سروٗدس
چانہٕ اتھ پوٚت ژھایہٕ تل زُو نیرِ تن
فائضلس قسمت پئن از پھیرِ تن
فاضلا سر تے چھتی، خم تے لگی، زبو تے کلی
زانہہ تہٕ ناسپدن اداتُمی ہندی کمالات وصفات
فراقکی نالہٕ دِتھ فاضِل ندا گوٚو
ژٕ چھُکھ میٚونُے، ژٕ چھکھ میٚونُے، ژٕ میٚونُے
آبہٕ رٕکھ اوسُس رواٚنی کم سنبر اوسُم نہٕ کینٛہہ
ازمےٚ اکھ اکھ قطرٕ بحرِ بے کراں گوٚو چانہٕ ہتی

دِلن فاضلا ٹوٹھ عشقِ نبیؐ زون
دِلس پیٹھ کُمس اختیار اللہ اللہ

فاضلا! اَچھ گاش اوٗنتم، منز دِلس گاہ ترٛوونم
نوٗرٕ تہندے وُچھ منوّر، از سپنٛن گرٕ بارٕ مے

السلام اے جانِ فاضِل السلام
السلام اے غنچۂ دِل السلام

لتس رحمتہٕ وأرِلس نوٗرٕ برٕتس دامانس تأے
فأضل اَچھن ہندی لال جرہَس دامانس تأے

رسول اللہ نبس پیٹھ ماہِ کأمِل
رسول اللہ، درخشاں جانِ فأضل

اللہ تعالیٰ چھ آسمان وزمینک نوٗرتہٕ فخرِ موجودات حضرت محمد مصطفیؐ چھ تُہندی نوٗزُک نوٗرتہٕ فاضل سُند عشقِ رسولُک پیکر بشری پان تہٕ چھ پزنہٕ پأٹھی تُہندی لولکہٕ نارٕ، نوٗزُک جلوٕ گاہ بنیومُت۔ یہٕ کتھ چھےٚ ییٚتھن درج لیکھتھ دارشعرو ستی تہٕ ٹاکارٕ۔ فأضل چھُ نعتن پوٗتُس لیکھُت دِنہٕ وِزٕ ہرٕ رسان عاشقِ رسول آسنک مرُن مُشرِتھ اظہار کران تہٕ خودأے وَتہٕ ہُند سفر سہل بناوِتھ خدا آگاہی ہنز سارِوے کھوتہٕ رٕژِ کامہٕ تہٕ دَس تُلان، تِکیا زِتس چھ پوٗرٕ پزٕ زِ:

کی محمدؐ سے وفا تُو نے تو ہم تیرے ہیں
یہ جہاں چیز ہے کیا لوح و قلم تیرے ہیں

پزرتہٕ چھُ یی زِیوٚ تام نہٕ عشقِ محمدؐ رٕس رمس سرٕ تہٕ ئسٕتھ ووندٕ چشمن ہُنٛد گاش ہُتھ گٔو وچھوٕتہٕ پزٕلاوِتوٚ تام ہیکہِ ہی نہٕ پژھ ہش اثر دار سوزٕ تہٕ دردٕ ہُرٕ ژ شاعٔری باطنکہِ ناگہٕ وُزِتھ۔

پتھ رٕوٚ زتلنگری سوکوٚ تام رٕچھِ عائبس زوم تہٕ کوٚ تام ہیکہِ سرتلہِ سون ہاوِتھ۔

فاضل چھُ ۱۹۳۴ء رِکُیت ییٚلہِ سہ وُنہٕ نصرت الاسلام سکوٗلہٕ پرانہٕ اوس ''گلدستۂ فاضل''، ''ترانۂ فاضل'' ناوی شعرِ سوٚمبرنن منٛز اردوٕ تہٕ کاشرِس دوشوٕنی زبانن منٛز ییٚمہِ ماری منٛدِ انداز اَتھ سٕبتھ ہیٕ رٕژِتہٕ بجہٕ کامہِ دِس تٕلان:

ہوگیا ماہِ عرب جب زینت بزم جہاں
مٹ گیا باطل نمایاں ہوگیا حق کا نشان
فاضلِ خستہ جگر کی یہ دُعا مقبول ہو
برتر و بالا رہے اسلام کا نام و نشان

(گلدستۂ فاضل)

بُلبُل ژٕ نالاں گوٚژھ دَواں شاہِ مدینس کر سلام
وَنتس چُھ بے کس مُبتلا صلوا علیہِ دایما
چانی دِلِس چھم آش تےَ وندٕ ہےَ أچھن ہُنٛد گاش تےَ
کانٛہہ چھم نہٕ یاور ژٕیےٚ سِوا صلوا علیہِ دایما

(ترانۂ فاضل)

یہِ اُس امہِ وقتہٕ ژاٹہٕ شُری سٕنٛز کاینات پیکر موضوع کاپہ اننٛج اکھ ادنیٰ تہٕ

اوّلین کوٗشش، یوسہٕ تمۍ دردٕ سان یژھِتہٕ پژھ کنہٕ ژھبنہٕ روٗستے أکس عاشقِ صادق ہِندی پأٹھی جأری تھاو۔ سُہ روٗدتہٕ کران، قرآنِ مجید بژونٹھ کنہٕ رٲتھ سیرتِ نبویؐ یکی کائنات صِفت انہار، پھِری تہٕ پھِری بدِ کڈان۔ اتھ منز چھ تہٕ تہٕ اوس تہٕ تکرار لأزِم، یُس تمۍ پننہٕ عشقہٕ کہِ سوزتہٕ دردٕ ستی وَیہٕ وُن تہٕ رٔنبہٕ وُن بنوو، نتہٕ چھُ اتھ پایہٕ بڈِس موضوٗعس پٮ۪ٹھ لیکھن وِزِ بے پناہ لغزِش ہُنٛد اندیشہٕ مگر ییٚلہِ پانٕے عشقِ رسولؐ وَتہٕ ہاوُک تہٕ آسہِ تہٕ وتہٕ گژھتہٕ پزٕ بزلوٗنی باوتھ چھےٚ پانٕے دست بستہٕ حأضر سپدتھ حلِ مُشکل تہٕ کران۔ یِتہٕ چھُ اکھ ٹاکارٕ پزرٕ زِ اَتھن چھےٚ کانہہ تہٕ باوتھ اَڈلیچی تہٕ ناتمام:

السلام اے صاحبِ خلقِ عظیم
السلام اے مالکِ عقلِ سلیم
ژٕ چھُکھ شمعِ ہدایت یا محمدؐ
ژٕ چھُکھ نوٗرٕچ حقیقت یا محمدؐ
ژٕ نے پتھ ییم ڈٕرٕ تمو لٔب زندگأنی
بہٕ کرٕہے پوشرٕنی گژھ یا محمدؐ

☆

بہٕ وُچھِ ہتھ رأژ منز زن برقِ سینا
مےٚ ننہٕ ہم پاک ذاتہٕ لن ترأنی
بہٕ وَنہٕ ہے لال اتھ طٕحا جبیٚنس

حُسن ہیتھ، گاش ہیتھ، زیبا قرینس
بِلالَن بانگ پُرٕ اللہ اکبر
سنگر مالو پھِرِنی ہیتی نٔوِ دفتر
صدائے بازگشت دِژ شش جہاتن
محمدؐ چھے رسول اللہ پیمبرؐ

☆

چانہِ وِیرے پانہٕ رب لَم یزل
جرنہِ لوٚگ چانٔس ڈیکس نٔورِ ازل

☆

اَنہر کانٔستھ مےٚ سوٗرے نٔور کوٚرتھم
یہِ کینٛژھا ژھانپہِ لد اوس دوٗر کوٚرتھم
بہ شفقت ژیےٚ گٹن اوٚتھم مےٚ پژاگاش
دِل و جانٔس کلیمن طوٗر کوٚرتھم

☆

کرٕ رے قربان ژیےٚ آسُن نہ آسُن
پئُن وارِیٚو پئُن مالِئُن تہٕ کرِونے

☆

ژٕے طٰحٰہٓ جبینس تہٕ والشّمس رویس
لیکھتھ زن چھ سوٗرے قرآن اللہ اللہ

☆

سِتارَو زوٗل کوٚر باچشمِ پُرنم
اَڈِس یاقوٗت گوٚو اوٚڈ اشک پیہم
مےٚ وُچھ ڈولاں چھِ نٔبیَس مرقدس پیٹھ
پژٕزلوٕنی، پوشوٕنی نوٗرکی زٕ عالم

☆

دپان چھِم لُکھ سگِ کوئے محمدؐ
گوارا یا رسول اللہ گوارا

☆

مدینک ژٕ جانِ بہار اللہ اللہ
ثناء خوان ژٕیےٚ پروردِگار اللہ اللہ
مےٚ ہیوٚت منز مُشکِلن نامِ محمدؐ
مےٚ گٔر آسان ذاتن زندگانی

فاضل صاب چھُ گوڈنیک سہ کاشُر شاعر یس نعتہ سوٚمبرن ''انوارِ محمدیؐ'' ہکی ۱۲/ ایڈیشن جولائی ۲۰۰۴ء تہندِ ییمہِ عالمہِ گرچھنس تام چھپیہ۔ تمو چھِ پنٕنہ لیکھی متۍ نعت حضرت بل تہٕ باقےٚ درگاہن پیٹھ حاضری دِتھ لگٲوی پانے

پُرۍ مێتۍ تہٕ بارگاہِ رسالت مآب وأتتھ ۱۹۵۸ء کیٚت جس دوران گذأرۍ مێتۍ۔

پیٚتمبن یتھ کتھِ پھیٚر دِین گوٚژھ ناشُکری اگر نہٕ گنہِ مزار (جمالٹہ نوٚ وکیٚڈل) کِس الحاج محمد جمال میر صأبُن ذِکرِ خأر کرنہٕ ییہِ نہٕ، تیمۍ سنٛدِ اتھہٕ بندتہٕ ستۍ ''انوارِ محمدیؐ'' لوٚکن تام واتان روٗز۔ اللہ تعالیٰ گرِ یِنس لرِ لرِ جنت نصیب تہٕ تسنٛد بن شُر بن تہٕ یُژھن یہِ ثوابچ کأم جأری تھاوِنۍ۔

فاضل صأبنۍ ژھرأ ونعتیہ وژُن لیکھنچ روایت تہٕ۔ ژاکھ (رُبأعی) تہٕ لیچھکھ تہٕ کامیاب ٹٲٹھ تہٕ۔ تِمو ورتو ونعتہٕ خأطرِ غزلُک کامیاب تہٕ مقبولِ عام طرز تہٕ۔ تِمۍ عکسأو آنحضورنٛ ہنٛز صورت تہٕ تہٕ سیرت تہٕ۔ مگر قرآن وحدیث نبر دژاے نہٕ:

کران لوکٹین بڈٮ۪ن ہنٛز دِل نوأزی
خرابن ناسہٕ تژاسن پیٹھ تہٕ رأضی

☆

یِمو تس کوچہِ کوچے بارٕ گنڈۍ چھکھ
تِمن تِمۍ پوشہِ ورشُن کوٚرتہٕ بزوٗنہ یُکھ

☆

یہٕ وَندہٕ ہے رُم ژٕنے چھی ابروۓ خمدار
پیامِ عید مایوٗسن ژہٕ دِلدار

☆

رسول اللہ سِیاہ کارن رچھن لاج

رسول اللہ رِتمین بندن کلس تاج

رسول اللہ غریبن ہنٛز چھُ دولت

رسول اللہ امیرن ہنٛز چھُ ثروَت

ولادتِ آنسرورؐ چھ انسانی توارٖیخُک سٕہ اہم ترین، انقلاب آفرین عہد ساز واقعہٕ ییمی انسانی تہذیبس اکھ نوٚ ین تہٕ پوشہِ وُن پاراوکوٚر۔ یتھ اللہ تعالیٰ سُنٛد پادِ کوٚرمُت اشرف المخلوق انسان کرِ روٗ زِتھ زِندٕ روزِتہٕ یہٕ کاینات پادٕ کرنُک تھوٚدتہٕ بوٚڈ مقصد پورٕ کرِ۔ امہِ باسعادت ولادچ بشارت اَس بڑ وٚنٛھے سارِنے مقدس کتابن زبوٗر، تورات تہٕ انجیل کہِ واسطہِ دِنہٕ آمٕژ تہٕ آدم زاداوس تتھ پھریٖژ گرِ پژاران یوسہٕ اَخرس اللہ تعالیٰ سٕندِ فضل وکرم سٕتی وأژ تہٕ سارے کھوتہٕ بجہِ ڈٕکہٕ بجہِ ماجہِ آمنہٕ ہنٛز کوچھ آیہِ برنہٕ۔ حضرت محمدؐ پیٚو وتھنہٕ، قریش قبیلُک بختہٕ بوٚڈ اولاد عبداللہ بنیو صاحبِ اولاد یاوٕنوسٕہ مول یُس تا ابد پننِس خوش بخت آسنس پیٹھ ناز کران روزِ۔ گُس کرِ تہنٛدِس بختہٕ بجرس سٕتی ریس تہٕ گُس واتہٕ ارضِ مقدسِ کِس اللہ تعالیٰ سٕندِس پانہٕ لیکھیٚمتِس ازل تا ابد شادمان تقدیرس۔ یہٕ گوٚو تمی سُنٛدے دِیُن یتھ بڑ وٚنٛھ کنہٕ سارِے کاینات سرخم چھے۔ فاضل چھُ یمن کتھن گُن ادبہٕ احترامہٕ سان یتھٕ کنی اشارٕ کران:

خداین مُشتہر کوٚر کایناتس

اَنٛز چھم شوٗب ذرس تےٚ ذراتس

ہیۆن واتنی سو گرنزدیک یتھ مژ
خزانن گنڈ مۆرانکی چھم کرنی سٕنز
کرنی چھم پۆر سارٕی وعدٕ صُحفکی
مے توراتکی تہ انجیلکی زبۆرکی
صدا دِیُت ہاتفن لگو اَسنہِ سنگر
عیاں گوٚو شانِ حق اللہ اکبر
عرش لۆگ نۆر پھٹنی چھکنے زمینس
یکایک لۆگ زمین کھسے ٹلنہِ سینس
ملائیکھ ؤتھی زمینس کرنہِ ورشُن
صبا گوٚو کرنہِ مکس پوشہِ ورشُن
نبس پیٹھ خمہِ دِتھ گوٚو ابرِ رحمت
بہ شفقت گر خداین بڈٕ عنایت
ڈیوازلۆگ پرٕ یٚگ گن حق شنأسی
خدا ترسی، عباڈژ، حق سپأہی
چُھ یُن از رحمتہً للعالمینسؐ
مشرف دِل گژھن دُنیا و دینس
مُبارک آمِنسؓ بُر کوچھ خداین
نوازش گر یہِ ختم المُرسلینؐ

مُبارک از غُلامن تےٚ غریبن

مبارک از چھ مظلوٗمن، یتیمن

شہِ لولاکہٕ! سانے اکھ نظر کر

چھِ أسی حاضرٕ ہاوٕ روےٚ انور

معراجِ نبوی یِک تہِ چھُن ژھوچرِ سانِہ صحیح ذِکر کوٚرمُت:

مدنی لالو ژےٚ تہِ چھے روشن

مےٚ تہِ گوٚو گوشن ژےٚ چھے معراج

دِل چھُم توشن شِل تہِ چھم روشن

مےٚ تہِ گوٚو گوشن ژےٚ چھے معراج

اسرار بۄزی بۄزی دِل چون توشن

ذاتن یِمہِ شبہِ کوٚر یہِ اظہار

اُدنِ منّی وٗن لب خاموشن

مےٚ تہِ گوٚو گوشن ژےٚ چھے معراج

رنگہٕ وأکی رنگہٕ رنگہٕ کوٚرنےٚ روشن

ڈیکہٕ چون روے چون مثلِ آفتاب

ژےٚ وُچھِتھ رنگ ہارٕوٹ أمی اچھِ پوشن

مےٚ تہِ گوٚو گوشن ژےٚ چھے معراج

مُسخر کوٚر یتھمن أکی یہِ عالم
تلُن پوٚز وَننہٕ باپتھ صدمہٕ تےَ غم
بنأوِن نارٕ کھوڈ أخر گلستان
یُہےَ گوٚو ابنِ آدمؑ، جانِ آدمؑ

سُتہٕ اوس وقتاہ بیٚلہٕ عیدن تہٕ باقےٚ بڈبن دوہن پٔتھ سانہٕ ماجہٕ بیٚنہٕ ڈٔرکہ گنڈی گنڈی وَنہٕ وان تہٕ رؤف آسہٕ کران۔ ماہِ رمضانس دوران اوس اکھ بدلے جأدی فِضا وولسنس یِوان۔ کھانْدرن کھنْدرن پٔٹھ تہٕ اوس یہِ شوق شأدِیانن ہُنْد حصہٕ بنان تہٕ ڈسلابہٕ چھ تہِ تہٕ اوس تہِ حمدیہ تہٕ نعتیہ وَنہٕ وُن طرزس پٔٹھ نعتیہ کلامہٕ ہِتی کرنہٕ یِوان۔ یہِ روایت چھےٚ ووٚنی دوہ کھوتہٕ دوہ سوتان۔ توقع چھ زِ انسانہٕ سُنْد ووٚندٕ أندرِم شوق بنہٕ امکہِ زِنْدٕ روزنُک ضمانت۔ یی نظرِ تل تھأوِتھ چھ فاضل صأبن نعتیہ وَنہٕ وُن تہِ سوٚمبرٕ مُت یتھ زن کأشرِ زبأنی، ادبچ تہٕ تہذیبچ یہِ روایت تہِ برقرار روزِتہٕ زیادٕ لوٗکھ ہن کأشرِ شأعری تہٕ ادبس بیٚیہٕ ہن قریب:

اسہِ گنڈی ازلی نوٗرس ڈٔری یے
شوٗب أنی آنسرٔ ڈٔری یے لو
گٹہِ منزی گاہ ترٛوو ماہِ انوٗری یے
شوٗب أنی آنسرٔ ڈٔری یے لو
شاہِ لولاکوٗ روزٕ ڈٔرکہ ڈٔری یے
سبزٔرک پرٛزٔرک ژوٗنگ زألتھ

فاضلؔ اُسی گوٚھو تارٕ ترٕ ترٕیے
شوٚب اَنِی آنسرٕوٚرٕیُیے لو

☆

اولَے پاٗدٕ گوٚو چوٚن نوٗرانَے
جانِ جانانَے ہاو دیدار
نوٗرٕ ستی زندگی شولہٕ مارانَے
جانِ جانانَے ہاو دیدار
سودا میوٚن نا گُنہٕ دُوکانَے
یہٕ فقط میوٚن کرِ پانَے لو
عربِی لالن دِیُت نَم پانَے
جانِ جانانَے ہاو دیدار

☆

چانہٕ ستی روٗحس مےٚ چھےٚ بیدأری
ژٕ ہا چھکھ دِپدن میأنین گاش
مےٚ ہا چھم چأنی لولہٕ بیمأری
معشوقہٕ لگہٕ یوٗ پأری یے

فاضل چُھ خدایس منگ منگ کران، نعت ونٕج وونٕدٕ وُ زِنٕی گوٚھم نہٕ سوٚتی، یُتھ بہٕ جہنمس، جنت بناوان روزٕ ہا۔ امہٕ خاطرٕ گوٚ ژُھم وأنسہٕ تہٕ یُتھےٚ آے تہٕ

پاے اَسُن:

مے گوٚژھ عُمرِ خضر دِیُن ذاتِ بأری
مے منز نعتکی تھوٚنی گوٚژھ چشمہِ جأری
یہِ کرہن آتشین دوزخ غرق آب
بہِشتس پانہٕ کرہا آبیأری

اللہ تعالیٰ ہن تھوٚوُس یہِ دُعاتہِ منظور تہٕ سہ روٗد آخری دَمس تام لافأنی ہدایت ِکس شمعس گتھ گری گری پٔتھ ووندٕ اندرِم سازیومرأ وِتھ ابدی سوزٕ ستی زندگی ہٕندی گٹہٕ کُٹھی گاشراوان ژھوپہٕ دم گٔرتھ عِرفان چہِ زُورِ ہُند جگرُک رتہٕ ژونگ زألِتھ آنحضورنٕ ہٕندِ لامثال صورتکی تہٕ سیرتکی خدوخال أچھن متھان:

شانہٕ کر واللیل مویس، صبح رویس پرِدتُل
یا رسول اللہ یِہے وُچھ وُچھ بنان شام و سحر
مے راتس والضحیٰ پرٕی پرٕی امارکی ژأنگی روشن گری
تُلِتھ واللیل مویکی ٹھری ژٕ آہم یا رسول اللہ

☆

اے بادِ صبا تُلتہٕ یمن پوشہِ تھربن وِیٚور
وُچھ کأنسہِ گُلس نیرِ اگر بوئے محمدؐ
گُفتار شکر آبِ حیاتس تہٕ امیگ لوٚب
وُٹھ میٹھی زبان تر تہٕ موٚدُر خوئے محمدؐ

طٰہٰ جبینس میٹھی کرٕہس فرقانس تےَ

مازاغ چشمن پیالہٕ برٕہس استأے استأے

وُہمہِ صدی ہنٛدِس کأشرِس نعتیہ ادبس منٛز چھُ "فاضل" سارِنے سرس۔ تہنٛدِس عشقِ رسولس چھُنہٕ کُنہِ وۄنتہٕ۔ سہٕ رۄٗ دووندٕ کھوَچہِ پٹھ کاہ دِتھ ژأرِتھ لفظٕ راش کرِتھ تہٕ ژأرِتھ ترکیبہٕ ورتأوِتھ یہِ مُقدس شُغل جأری تھٔوِتھ۔ سہٕ وۄتھے نہٕ معیارٕ یون۔ سہٕ رۄٗ دنعتہٕ رکس مُقدس، پایہٕ بڈس تہٕ عرفان آگاہ موضوٗعس ژھاین تہٕ گژاین وُچھنس ستی آوٗر۔ سہٕ رۄٗ دپاسِ ادب، پاسِ حیات تہٕ پاسِ وفا رٔچھنس پتہٕ موٗت۔ سہٕ چھُ پزی کأشرِ نعتیہ شأعری ہُنٛد مولانا جامی:

ادب چھم پاسِ خأطر کرٕ یکہٕ دِمہٕ ہا

بُنٛن گدرُن پنُن تس ڈالہِ نمہٕ ہا

مگر مجبوٗر چھُس عأجز بہٕ ہرنٛگ

نتےَ تس روٗبرو ہیتھ گژاوٕ نمہٕ ہا

☆☆

غلام نبی خیال

# فاضل کاشمیری سنٛز غزل گویی

غزل چھُ شاعری ہُنٛد سُہ صِنف یُس یِمہٕ کنِہ دون مصرعن منٛز معنی یِک اکھ دُنیاہ بساونہٕ چھُ یِوان۔ نظمہِ نسبت ہیکو یہِ وٕنِتھ زِ سوٗ اُسی تن خبر کاژاہ تہٕ طویل، تمیُک لُبِ لُباب ییہ مختصر پاٹھی کینژن لفظن منٛزے بیان کرنہٕ۔ اتھ برعکس چھِ غزلہٕ کِس کُنہِ شعرس تاویل کرنس بعض اوقات خیالن تہٕ آگاہی واریاہ دَل پیوان دِنی۔ مہابھارت چھُ دُنیاہُک طویل ترین رزمیہ نظم یمیُک ہرتر اُسی مختصر پاٹھی صِرف یمن لفظن منٛز بیان ہیکو کٔرِتھ زِ کورٕون تہٕ پانڈوَن وٕژھ پانہٕ وٲنی لڑاے۔ اکھ دوٕ رگوٗ وغالب تہٕ بیا کھسیُد مغلوٗب۔ اتھ برعکس ییلہِ اُسی یہِ عجیب وغریب شعر بوزو، امہ کہِ معنہِ مطلبہٕ کِس ژٕ کِس تل واتنس پیٚیہ اسہِ فکری استعدادس سبٹھاہ کام ہینٛی۔ سُہ چھُ یہِ شعر:

> مگس کو باغ میں جانے نہ دینا
>
> کہ ناحق خون پروانے کا ہوگا

مشرقی شاعری ہُنٛد ساروِے کھوتہٕ موٗلُل گہنہٕ چھُ اردو غزل۔ اردو اَدبہٕ کِس اتھ مالامال سرمایس کوٗرٕ کتیو گونماتو برژر۔ امہِ برٛونٛہہ اوس فارسی غزلن

برٕ صغیرس تہٕ اتھ أندی پکی مُلک پننہِ سحر انگیزتہٕ میٹھہِ تہٕ مٕد رِ اندازٕ سٟتی ایران چہِ امہِ سُخن گویی ہٕندی دیوانہٕ بنأوِتی۔ حافظ، سعدی، بیدل بیترِ چھہِ فارسی غزلکی بادشاہ تہٕ تہنٛز یہِ محسوٗسأتی سلطنت روزِ زُمرِ وُمران قأیم تہٕ دأیم۔

اردوٗ غزلن تہٕ روٗٹ فارسی غزلُک اثر مگر کأشرِس غزلس کوٚر اردوٗ غزلن یہِ ڈٲلۍ زِتہِ یوٚہے جودہیوٚ۔

میر، غالب تہٕ مومن دِیُت اتھ مندورٕ ٹکن تہٕ جگر، فراق، اقبال، مجاز، ساحر، جذبی، سکندر علی وجد تہٕ بشر بدرن کوٚر اتھ بُنیاد پیٹھ اردوٗ غزلُک شاندار تاج محل تعمیر۔ اتھ سٟتی سٟتی بنیوو کأشرِ غزلُک سرمایہِ پتہِ مِس الہ پلہٕ ڈوڈس ہتس ؤرِیس مولُل تہٕ مولہ وُن۔

کأشرِ زبأنی تہِ چھُ غزلُک اکھ خاص دیُت یتھ محمود گأمی سٕندِ پیٹھٕ برابر ازتام سأنی باشعوٗر تہٕ باصلاحیت گونماتو شیرٕ پأرکران تہٕ محسوٗساتن تہٕ جذبن ہُندرنگ روغن جران روٗدی۔

مرحوم فاضل کاشمیری اوس اکھ بسیار گو، تیٚمی سُند ادبی سفرکم وبیش شیٹھن سٟتھن ؤرِیَن ہُند حاطہٕ چھُ کرِتھ۔ فاضل صأبس پیٹھ یوٚتاہ تہٕ اظہارِ خیال یِیہِ کرنہٕ سہٕ چھُ اوٚ کنی تہِ کم باسان زِتم چھِ شعری ادبہٕ کِس پڑتھ سازس زیرٕ دِژھمٕ تہٕ بعض اوقات چھُ تسنٛزٕ شأعری منز گنہ گنہِ مہجورنہٕ کھوتہٕ زیادٕ معنی آفرینی تہٕ تجربہ کہِ اظہارُک پزرتاکارِ پأٹھی نوٚن نیران۔

فاضل صأب اوس کأشرِ یک سہٕ پُرگو شأعر تیٚمی سٕنٛزٕ الہ پلہٕ ۴۰ رکتابہٕ

گوڈے بازر چھِ دژامژ ۔ تِہندی موضوع تہٕ اُسی رنگارنگ، یمن منز سُہ پننین ہمہ جہت خیالن شعری جامہٕ اوس لاگان ۔ اتھ تقابلی مثال چھنہٕ اسہِ بیٚیہِ کانٛسہِ ہمعصر شاعرس نِش نظرِ گژھان۔

فاضل صابٕنس کلامس منز چھ غزل، نعت، حمد، منقبت، مناجات، لیلا، وژن، ونہٕ وُن، شُری بأتھ، مرثی، نوحہ، سلام، طنزومزاح، قطعات، قصیدٕ تہٕ مقأمی روایتی شعرِ ذات لڑی شاہ شأمل۔

فاضلُن غزل چھ میوٗٹھ تہٕ مۄدُر۔ اتھ منز چھ تٔمۍ کشیرِ ہُند روایتی لُکہٕ رنگ ورتوومُت تہٕ اسلوب تہِ چھ تمو رنگوٕ ستی برٛی برٛی یم پشمینہٕ دُسس رنگارنگ زنجیرِ ستی دِلکش تہٕ دِل نشین بناوان چھِ۔

فاضل صأبن چھ پنُن غزل تتھ عشقس تہٕ لولس ارپن کوٚرمُت یُس بقولِ غالب بدنس لۯرِتھ رگن رگن منز پکہٕ وُنِس خۄنس ریٛہہ دِتھ شولہٕ ناوان تہٕ بعضے شبنٛمی شیٖہلتھ بخشان چھُ:

دِل سے تیری نگاہ جگر تک اُتر گئی
دونوں کو اک نگاہ میں رضامند کرگئی

☆

ماہ رویہِ خوش رفتارٕ ہیو یارٕ پگاہ گژھ
بیٛہنس ژ ے ناچھے چارٕ ہیو یارٕ پگاہ گژھ

☆

وُنی بے خبر پاٹھی آکھ وُلی وُلی حیلہٕ کرِتھ وزا کھ

ووُنی نا یہم دُبارٕ ژٕ لوکچارٕ پگاہ گژھ

فاضل صابنس غزلس منز چھُ پھِری پھِری تس سنیومُت تہٕ گنیومُت یہِ احساس نظرِ گژھان زِ شاعر چھُ وصلچہِ سرمستی برعکس دوٗرِ رُک تہٕ ہجرُک کرٕ تجھر وبتر اوٗنک عاًدی۔ توٚے چھُ تسُند محبوب عام طور پٲنس ستی واپس پھیرنُک سئز کران:

ازمے دِل شیہلا وتم راتھا قدم ٹھہراوتم

یُتھنہٕ ژلِہ ہم کالہٕ کالے کیٚاہ ملالے چھے دِلس

چھاروانتھ فاضلس دِل ژوٗ رِژوٗ رے راوٕ رُن

یارٕ چھُکھ معصُم خیالے کیٚاہ ملالے چھے دِلس

☆

یِوان ژُ ومرِ پتہٕ اما یِوان یِوان گژھان

گرِھتھ ژٕ کرسنا یہم مے ناپیٖی امیٚگ

کران ژٕ وعدٕ چھُکھ پٮ۪نگ مگر پگاہ یِنگ

مے چون وعدٕ کیٚاہ یہم مے ناپیٖی امیٚگ

فاضلُن غزل چھُ اسہِ بعضے الاہیت تہٕ معرفتہٕ کہِ تمہِ منزِ لچ تہٕ ثینہٕ وُنی دِوان یقینن شاعرسُند عشق اکھ صوفیانہٕ لےٚ رٹِتھ دُنیاوی خاہشن تہٕ آلایشن لتھ دِتھ دیٚلس ستی کُن گوٚھنگ آلو چھُ دِوان:

خبر سنگِ مرمرٕ تہٕ أندۍ أندۍ چمن
نێبرۍ تازٕ گُل تے أندرۍ نار چُھس
دپان مُشدٕ مُتۆلی یہٕ فأضل خراب
مگر کیٲہ کرس معرفت شعر چُھس

☆

مجاز کی حد ژھنڈِتھ تے بزٕ وُنٹھ نیرِتھ
چھِ شوقس فاضلاؔ! شام و سحر بیۆن

کأشُر سُخن گو آسہِ غزل خوان تہٕ تس آسہِ نہٕ بالواسطہٕ یا بلا واسطہٕ غالبؔن یا اقبالُن اثر۔ یہِ چھ باسان اکھ ناممکن کتھاہ۔ فاضل صأب تہٕ اوس یمن ووستادن ہُند مدح خوان مگر تہُند اثر وِزِ وِزِ تیتھٕ کنٕ قبول کران زِ تسُند پنُن فن اوس نہٕ ووزِم گاش باسان۔ تیتھےٚ کنٕ اوس فاضل صأبس پنٕنس ہم عصر مہجور صأبس ستی تہِ اکھ خاص فکری رشتہٕ یتھہِ کنٕ تِمی پنٕنی نغمہٕ مہجور نِسے رنگس منز ئنگی متی چھِ۔ مثالے:

روٗشِتھ ژۆلُم سۄ دلبر رودُم سۄ گام أتی یے
یتھِ نامےٚ نیرِ ہمہ شر رودُم سۄ گام أتی یے
ژھانجام صبح تےٚ شام، شہباد، ڈۆرِ، نوگام
کھرٕ وشار، سلرِ کرتام رودُم سۄ گام أتی یے

مرزا غالبؔ چھُ ونان:

نہ تھا کچھ تو خدا تھا کچھ نہ ہوتا تو خدا ہوتا
ڈبویا مجھ کو ہونے نے نہ ہوتا میں تو کیا ہوتا

تہٕ فاضل نِس کلامس منٛز چھ امیُک یہِ صدائے بازگشت:

بہٕ نےٚ آسہٕ ہا کیٛاہ سنا آسہِ ہا
خبر چھم یٖژےٚ بہٕ خدا آسہٕ ہا

اقبالُن اکھ عام شعر چھُ:

ہزاروں سال نرگس اپنی بے نوری پہ روتی ہے
بڑی مشکل سے پیدا ہوتا ہے چمن میں دیدہ ور پیدا

تہٕ فاضلَن چھُ یتھٕ پاٹھی اتھ کاشُر جامہٕ وۅلُمُت:

حسین اُچھ گاشہِ رٕس بےچارٕ ہاوان اوٚش چھُ یمبرزل
سبٹھاہ یژ کالی باغس منٛز گژھان اکھ دیدٕور پیدا

مرزا غالب نِس بیٚیس شعرس تہِ چھُ فاضل صأبن یہِ شکل وصورت
دِژمٕژ۔ اصل شعر چھُ:

ہزاروں خواہشیں ایسی کہ ہر خواہش پہ دم نکلے
بہت نکلے میرے ارمان لیکن پھر بھی کم نکلے

فاضل صأب چھُ یمن ہاوسن اکھ مقامی اصطلاح ''تُلرِ اول'' وَنتھ فرماوان:

ارمان دِلکی پیٚتی مےٚ کٔڈی تیٚتی ہُران گےٚ
یِم تازٕ ہوٕس میٹھی اما پوٚز چھِ تُلرِ اُلی

فاضل صابٕنس نِسبت ییلہِ تہِ مے اظہارِ خیالُک موقعہٕ آو تِمہِ ساتہٕ سپُد میانہٕ کتھِ ہُنٛد اختتام یاتہِ اظہارِ شوقہٕ رٕنگی فاضل مرحومٕنِس تُتھی کٕہنٛتہٕ نماغزلس پیٹھ ییٚمیٚک کینٛہہ شعر یہٕ توہہِ بوزناوِتھ پٔنٛن تہٕ توہہِ سارِنٕے ہُنٛد دل شادتہٕ دماغ آباد کرِ۔ یہِ فن پارٕ چھ بلاشک کاشُرِ شاعری منٛزاکہِ لازوال تہٕ بےمثال تخلیٖق درجہ تھاوان:

بزم دِتھ ساقی نشہِ راوِتھ گوم
چھبہٕ رٕوس پیالہٕ گوم خٔالیے
ہےَ اتھٕ وسہٕ ریٚوم وٕسی ماسہٕ پیٚوم
چھبہٕ رٕوس پیالہٕ گوم خٔالیے

شوقہٕ سان زٕانی ہُنٛد مس بٔگراوم
بے زان چھبتھ گے دِل ہُشیار
لُکھ چاوِناوِم پانس پٕٕر پیٚوم
چھبہٕ رٕوس پیالہٕ گوم خٔالیے

وِدِنا ویٚسی یے تُتھی لایق گوم
مے ہےَ گوٚو پٕزی پٔاٹھی مٕنٛدٕ ہِن شام
معشوق یوٚنے واپس سکھریوٚم
چھبہٕ رٕوس پیالہٕ گوم خٔالیے

تسکینہ فاضل

# فاضل صائب بحیثیتِ نظم گو شاعر

فاضل صائبن چھ کاشرِ شاعری ہِکس قادرُ الکلام شاعرسٕندِ حیثیتہٕ بیٚون بیٚون شعرِ ذاژن پیٹھ طبع آزمائی کرمٕژ۔ یم شعرِ ذاژ چھے غزل، نظم، رباعی، قطعہٕ، مرثیہِ، نعت، منقبت، دُعا، لیلایہِ، رؤف، وَنہٕ وُن بیترِ۔ تاہم فاضل صائبُن میلانِ طبع چھُ نظمس کُن تیوٚت زیادٕ زِ تہٕنٛدبن غزلن منٛز تہٕ چھُ نظمن ہُنٛد رنٛگ تہٕ تسلسل میلان۔ مختلف اصنافِ سوخنن منٛز اکھ وأفر سرمایہ تژٲوِتھ صِنفِ نعتہٕ پتہٕ تہٕنٛد میلان اگر کُنہِ بیٚیس صِنفس کُن زیادٕ باسان چھُ تہٕ سُہ چھُ نظم۔

ربط تہٕ تسلسل چھُ نظمہٕ کہِن بُنیأدی لوأزِماتن منٛز شامل۔ ییٚمیُک خاص خیال فاضل صائبن پننین نظمن منٛز تھوومُت چھُ۔ فاضل صائبس چھُ اکھ خاص امتیاز یہِ حاصل زِ تہٕنٛدبن نظمن منٛز چھُ موضوعاتن ہُنٛد وُژھ جار تہٕ رنگا رنگی میلان ییٚمیُک اعتراف کاشرِ زبأنی تہٕ شاعری ہنٛدو ناقدو وَژھ وأنجہِ کوٚرمُت چھُ۔ غالباً چھُ اوَے کاشرِ زبأنی ہنٛدی بڈی نقاد جناب محمد یوسف ٹینگ صائبن ییٚمن کاشرِ زبأنی ہُنٛد نظیر اکبر آبادی خطاب دِیُتمُت مگر فاضل صائبنین منظوماتن ہُنٛد کینٛواس چھُ نظیر اکبر آبادی سٕندِ کھوتہٕ تہٕ زیادٕ وسیع رنگارنگ تہٕ سوٚن۔ فاضل

صأبُن کمال چُھ یہِ زِ تمو چھ لوکٹین تہٕ بڈٕ بن دوشوٕنی قسمن ہٕنٛد بن موضوعاتن پیٹھ قلم تُلمُت۔ یہِ کتھ چھےٚ ژٕ تبس تھاوٕنی لایق زِ موضوع لوکُٹ یا بوٚڈ آسُن چھنہٕ تیوٚت اہمیت تھاوان یوٚت زن یہِ کتھ اہم چھےٚ زِ فنکارٕ سُنٛد برتاو کیُتھ چھ موضوعاتس ستی۔ فاضل صأبن چھ بعضے لوکٹین لوکٹین موضوعاتن ہُنٛد انتخاب کٔرِتھ تمن پننوٕ فنکارانہٕ صلاحیتو تہٕ تخلیقی ورتاوٕ ستی اکھ خاص انفرادیت قائیم کٔرمٕژ۔ حُسن و عشق، فطرت نگأری، وطنیت، انسان دوستی، مذہب واخلاق، طنز و مزاح، مذہبی روادأری، عوأمی مشاغل، موسمی حالات تہٕ تغیرات، شخصیات، بچن ہٕنٛز تفریح تہٕ دلچسپی چھےٚ یمن منٛز شأمِل حال۔ نگہبان، ساغرِ مستی، شمعِ وطن، جامِ جم چھِ یہنٛد بن نظمن ہٕنٛدی مجموعہٕ۔ فاضل صأبن چھ پننہٕ شأعری ہُنٛد انتخاب "پرتوستان" پانےٚ ترتیب دِیُتمُت۔ اتھ انتخابس منٛز چھِ أہنٛد بن مناجاتن تہٕ مرثین علاوٕ یہنٛزٕ نظمہٕ تہِ درج۔ "نگہبان چھےٚ یہنٛز وطن پرستی تہٕ مذہبی روادأری ہٕنٛز اکھ ٹاکارٕ مثال۔ یہنٛد بن نظمن ہُنٛد اکھ حصہٕ چھ حُسن و عشقس پیٹھ مشتمل۔ تہنٛد جمالیأتی حِس چھ غضبٕک۔ اتھ حِسس چھےٚ تمو نسوأنی حُسنٕچ تہٕ مظاہرِ فطرت کہِ حُسنٕچ تصویرکشی خأطرٕ خاص کأم ہیوٚژمٕژ۔ دوشوٕنی حُسنن ہٕنٛز مُرقع کشی منٛز چھ تہنٛدِ نوٗزُک شعور و احساسٕچ خیال کہِ زأوِجارٕچ، مُشأہدٕچہِ بأریکی، خیالٕچہِ پاکیزگی، خلوصٕ کِس جذبس، اظہارٕ کِس قوٗتس علاوٕ مقاتیب تہٕ ارسٕچ فسیح کارفرمأیی۔ بعضے چھ فطرت پانےٚ لالچہِ جتابندی ہٕنٛز کأم بحُسن وخوبی انجام دِوان۔ "کٔزالہِ کوٗر" تہٕ "پہٕلی کوٗر" چھِ فاضل صأبنہِ تمہِ زٕ ابتدأیی زمانس منٛز لیچھمٕژ نمایند عشقیہ نظمہٕ۔ یمہ

تِمو ایامِ شبابس دوران تخلیق کرِ۔ کُہمہِ جمأژہنزِ طالبِ علمی دوران کُر فاضل صأبن ''کزالہٕ کوٗر'' تخلیق تہٕ یہِ سپز پتہٕ ایس، پی، کالج سرینگرٕکس ''پرتاپ'' میگزینس منز شایع۔ اتھ نظمہِ پیٹھ سپز فاضل صأبنہِ شأعری ہنٛدِ شُہرَچ سحر طلوع۔ اتھ منز چھ اُکس کزالہٕ کورِہنٛدِ حُسن وجمالچ تہٕ سراپانِگاری ہنٛز تصویرکشی کرنہٕ آمٕژ۔ کزالہٕ کورِ ہنٛدِ حُسنُک بیان چھُ فاضل صأبن اُکس پوٗختہٕ کار فنکارٕ سنٛدی پأٹھی کوٗرمُت:

بانہٕ یامتھ حُسنہٕ وانئے چھکھ تھُران
کینٛہہ چھِ سپدان مأرٕ مُنٛدی کینٛہہ ہلان
لولہٕ نارٕ رٕکتھ چھِ زالان سوٗرٕ تن
کزالہٕ کوٗری مالہٕ کرئے کوٗسمن

بِہہ تہٕ واشا کڈ تہٕ نرِ ما چھئے تھکان
آب و خاکس ستی میٖون دِل اُڈران
بأڑی میٖو لاری ینئے مأنٛزے نمن
کزالہٕ کوٗری مالہٕ کرئے کوٗسمن

تخلیقی فنکارٕسنٛزِ شناختُک اکھ پہلو چھُ یہِ تہٕ زِ اتھ دوٚیمہِ زبأنی منز منتقل کرنچ کأژاہ تہِ کوٗشش ییہِ تن کرنہٕ، امیُک جوہر یا لُبِ لباب چھُنہٕ رٕگرفتس منز یِوان۔ فاضل صأبنہِ نازُک خیألی، مُشاہدٕ کہِ زأوِ جارٕ تہٕ نزاکت احساس کہِ اظہارٕ خأطرٕ ییلہِ الفاظ ساتھ چھِنہٕ دِوان تہٕ تِمن اظہارُک جامہٕ ولنہٕ خأطرٕ چھُ

السٹریشنن (illustrations) ہنٛز حاجت پیوان۔ بقولِ اقبالؔ:

پھول کی پتی سے کٹ سکتا ہے ہیرے کا جگر

مردِ ناداں پر کلامِ نرم و نازک بے اثر

مندرجہ بالا سطرن منٛز مذکورٕ "بٲلی میٛژ لٲری یِنۍ مٲژنۍ نمن" چھ شاعرٕ سنٛز Heart Felt sensitivity ہُنٛد پے دِوان۔ یہِ مصرعہٕ پرِتھ چھُ مرزا غالب سُنٛد یہِ شعر ذہنس منٛز یِوان:

خون ہے دِل خاک میں احوالِ تباں پر یعنی

ان کے ناخن ہوئے محتاجِ جنا میرے بعد

"کڑالہِ کورِ" ہِنٛدی پٲٹھۍ لیٛچھ فاضل صٲبن بیاکھ اکھ نظم "پہٲلۍ کوٗر"۔ یتھ منٛز اَکس گڑ پیسی کورِ ہِنٛدِ حُسنٕچ مرقع کشی سبٹھاہ فنکارانہٕ چابُکدستی سان کرنہٕ آیہِ۔ کاشرِ زبٲنۍ ہُنٛد قدآور شاعر تہٕ نقاد پروفیسر رحمان راہی صٲبن چھُ پہٲلۍ کوٗر، کڑالہِ کوٗر کھوتہٕ بہتر نظم قرار دِژمٕژ۔ فٲضل صٲبن گٲرپھنٕس تخلیقی سفرس منٛز یٖیہِ تہٕ نِسوٲنی حُسنکۍ پیکر پیش مگر یوسہٕ شہرت کڑالہٕ کورِ تہٕ پہٲلۍ کورِ حٲصل سپز، سوٗ سپز نہٕ امہِ قبیلہِ کہِن باقٕے نظمن حٲصل۔

فطرت نگٲری چھُ فٲضل صٲبنہِ شاعری ہُنٛد اکھ اہم پہلو۔ امہِ حوالہٕ چھنہٕ تم فطرتکۍ شیدٲیی یٲتی بلکہِ فطرتکۍ حریف تہٕ۔ تہٕ گوٗ وانسان سنٛز تخلیق چھُ آمٕژ یمہِ غرضہٕ کرنہٕ زِ سُہ کرِ فطرتس پیٹھ تصرُف حٲصل۔ فٲضل صٲبنہِ شاعری منٛز چھِ فطرت نِگٲری ہِنٛدی وارِیاہ انداز میلان۔ کینٛژن نظمن منٛز چھِ فطرت کہِ حُسنٕچ

تعریف تہٕ توصیف کرنہٕ آمٕژ تہٕ کیٛژن نظمن منٛز چھ فطرت supporting Element کہِ حیثیتہٕ بروئے کار آمٕژ۔ یمن ہُند مقصد چھ انسانس تام کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ پیغام واتناوُن آسان۔ یعنی فاضل صاب چھ فطری مناظر کُنہِ موضوع کہِ پسِ منظرٕ خاطرٕ استعمال کران۔ مثلن ''مےٚ وۄن شالہٕ مارن''۔ یتھ کین گوڈنکین دون بندن منٛز فطرچ تصویرکشی چھ کرنہٕ آمٕژ تہٕ اچانک تریمس بندس منٛز کشیرِ ہنٛد بن محنت کشن ہُند استحصال وُچھ تمن سرمایہِ دارن خلاف علم بغاوت بُلند کرنہٕ خاطرٕ بیداری ہُند پیغام دِنہٕ آمُت۔ شاعرس چھ کشیرِ ہنٛدِس محنت کش طبقس ستی دِلی ہمدردی۔ تم چھِ یژھان کاشرٕ بن تعلیم یافتہٕ وُچھنس ستی ستی حقیقی معنیَن منٛز انسان آسن۔ شاعر چھُ تمن یہِ پیغام دِوان زِ تِہُ چھِوٕ آدم تخلیق کرنہٕ آمٕتی، اما پوٚز تہنٛد حقیقی انسان ہنٛدِس مرتبس واتُن چھُ ناگزیر۔ خدایِن چھِوٕ توٚہہِ خلیفۃ الرض مقرر کٔری متی۔ مُسلسل کوٚشش کٔرِتھ زندگی ہنٛدی دُشوار گزار مرحلہٕ پژاوتھ پانس اندر عزم واستقلال پاۂد کرُن چھُ لازمی۔

یتھ نظمہِ منٛز چھِ انسانس تمی ہنٛدِ مقامُک احساس دِنہٕ آمُت زِ دُنیہِ پیٚچ بڈٕ کھوتہٕ بڈٕ رُکاوٹ ہیکہِ نہٕ تہنٛز وتھ رُکاوِتھ۔ حکیم الاُمت علامہ اقبال تہٕ چھُ ''پیامِ مشرق'' چہِ اَکِس نظمہِ ''ساقی نامس'' منٛز بہارٕچ منظرکشی کٔرِتھ خدایہِ ہنٛزِ بارگاہِ منٛز کاشرٕ بن ہنٛد بن دِلن منٛز آزادی ہُند جذبہٕ اُبھارنہٕ تہٕ تہنٛدِ عزت وآبرو واجنہِ زندگی خاطرٕ دست بدُعا۔

فاضل صاب چھُ اکھ مُحبِ وطن تہٕ۔ تہنٛد بن نظمن منٛز چھِ کشیرِ ہنٛد بن

خوبصورت مقاماتن، کوہسارن، دٔریاون، مرگ زارن، باغن، کھیتن، کھلیانن، سبزٕ زارن، آبشارن، صُبحن تہٕ شامن، موسمن، پھلن، پوشن، جاناوارن تہٕ کٔشیرِ ہنٛدِس چپس چپس تہٕ ذرس ذرس سٟتی بے پناہ محبت دڑٛینٛٹھی گوٗھان۔ فطرت کِنہِ حسین منأظرن سٟتی چھہِ تِم کأشرِ بن ہنٛدِس بأے چارس تہٕ اتھواسس پوچھر دِوان۔ تِمن چھُنہٕ یہِ ہرگز گوارازِ کانٛہہ تراوِتہٕ ہنٛدِس وطنِ عزیزس دولہٕ نظرِ تہٕ ووٚنی گوٚو اگر کانٛہہ دشمن پٔژھ ہش حرکت کرِتہٕ، تِم چھِ ہتھیارو سٟتی لیس سپدِتھ تمی سُنٛد مردانہٕ وار مقابلہٕ کرنہٕ خأطرِ تیار:

ژٹان بو چھس تڑٹن جگر
بو کر کھٹان یہٕ سینٕہٕ بر
وطن پنُن رچھان چھُس
کٔشیرِ ہُنٛد جوان چھُس

انسانہٕ سُنٛد پننِس مادرِ وطنس سٟتی لگاو چھُ اکھ فطری عمل۔ تاہم کُرٕ ارضس پیٹھ چھَ انسانہٕ سٕنز تخلیق اولادِ آدم سٕندِ رنگہٕ کرنہٕ آمژ۔ چنانچہِ ذات پات، رنگ و نسل، مذہب، زبان تہٕ جغرافیٲیی حدو دَو بالاتر سپدِتھ بنی نوع انسانس سٟتی محبت کرُن چھُ مثبت تہٕ صحیح رٔویہٕ۔ کٔشیر چھَ بأے چارٕ، مذہبی رواداری علاوٕ مہمان نوأزی خأطرٕ پوٚرِ دُنیاہس منز مشہور۔ یہٕ چھُ پڑتھ فرقہٕ کِنہِ تہٕ مذہب کِنہِ لوٗکن ہُنٛد مسکن۔ پننین تہٕ پردین دوشوٕنی مساوی طور اُلفتُک مے بأگراوان چھَ کٔشیر ہنٛز خأصیت۔ پننہٕ کٔشیرِ ہنٛدی سدابہار خصوصیات چھِ فاضل صأب پننِ نظمہِ "کٔشیر"

منز یتھ پاٹھی باوان:

جوش کھسہٕ ؤن، تاپھ خوشوٗن، زوٗن روشن، گاش نوٗن

یم نہٕ لوسن فاضلاؔ تمہٕنے ستارن ہُنٛد وطن

قرآنِ مقدس چھُ علمہٕ کہن ترٕ بن ذٔریَن ہُنٛد ذِکر کران۔ تأریخ، انسأنی نفس تہٕ فطرت۔ فطرتس منز چھِ انسان ہٕنٛدِ مشاہدٕ تہٕ سبق حأصل کرنہٕ باپتھ پانہٕ خدائے تعالیٰ ہن واضح اشارٕ کرِی متہٕ۔ دوہ لوسنہٕ پتہٕ راتھ ہُنٛد پرتو پیوان۔ طلوعِ آفتاب، غروبِ آفتاب، زندگی پتہٕ موت واقع سپدُن، موسمن ہُنٛد تغیر وتبدیل، یتھی ہوی بے شمار واقعات تہٕ حقائق چھِ اکس انسانس دعوتِ غور و فکر دِوان۔ فأضل صاب چھِ فطرتکی بأریک بینی سان مطالعہٕ تہٕ مُشاہدٕ کٔرِتھ امہٕ کہن پوشیدٕ اسرار و رموزن پیٹھ تفکرٗ و تدبرٗ کٔرِتھ انسانس امچہٕ حقیقتچ آگہی دِژمژ۔ نظم ''گلمرگ'' چھِ سواکھ نظم یتھ منز گلمر گہٕ ہٕنٛدِس مُشاہدس چھُ جنتچ سیاحت وٕنتھ ییتہٕ کہن منأظرن منز ہر ساعتہٕ وقوع پذیر سپدن والین تغیراتن ہٕنٛز مرقع کشی کٔرِتھ پہاڑ کہن تیثھالین وُچھتھ وُچھن وألس مقامِ رفعتک پے لگاونہٕ تہٕ شبنہٕ ملنہٕ پٔژ زِھتھ تہٕ تیثھالین افلاکن ہٕنٛدی اسرار و رموزٕ ٕچ تلقین کرنہٕ آمژ:

شبنہٕ تھونگو بے شک چھِ روٗحأنی مقام

گژھ کران تمہٕنے چھِ روزان صُبح و شام

بے نقاب اسرار یزدأنی تمام

نظرِ وألس یتی چھِ یم ہر ساعتہٕ عام

فاضلاۍ ژیۍ نِش سوخن ئنۍ وڑاے کیاہ

گلمرگ گژھ جٹنگ نیری طماہ

حرکت تہٕ سعئ پیہم چھ انسانس تھزر بخشان۔ انسان چھُ اشرف المخلوقات۔ سُہ تخلیق کرنس منز اوس ذاتِ حقس اکھ خاص مُدعاتہٕ مقصد۔ لہذا پنٕ نس تیُتھ فِکر وعمل اختیار کرُن ییمہِ ستی کائینات کِبن تمام مخلوقاتن پٮ۪ٹھ شرف حاصل کرِ۔ سفر چھ وسیلۂ ظفر تہٕ حضر موت۔ انسانس چھُ تیلی شرف ییلہِ سُہ اکھ منزِل پرٛاوِتھ دوٕیمہِ منزلہِ کہِ تلاش باپتھ ہوٗل گنڈِ تہٕ یتھٕ پأٹھی منزلن پٮ۪ٹھ منزل پرٛاوان روزِ۔ فاضل صأب چھِ انسأنی زندگی منز متحرک تہٕ سعئ پیہمکی قأیل۔ تم چھِ انسأنی زندگی اکھ صحیح روخ یا سمت دِنہٕ وألی شاعر۔ تم چھِ زندگی أکِس گانٹہٕ بزارِ ستی تشبیہہ دِوان تہٕ ونان امیُک پن چھُ انسانہٕ سٕندِ منفی فکر وعمل کِس نتیجس یا مشیتِ ایزدی کِنۍ ژھیٚنِتھ انسان سٕندِ اتھٕ منز ژلان تہٕ زمینس تہٕ آسمانس درمیان اکہِ ہیرِ ہنٛز شکل اختیار کران۔ گانٹہٕ بزارِ ستی چھ تھزرُک تصوٗر وابستہٕ۔ فاضل صأب چھِ ونان زِ گانٹہٕ بزأر چھَ تھزرس وأتِتھ آسمانن ہنٛدِ وُسعتُک اکھ حصہٕ بنان۔ اگرچہٕ یہ تھزر پرٛاوِ تیلہِ چھَ یہ فقط اکھ کاغذ ٹکرٕ تہٕ پن۔ دراصل چھَ گانٹہٕ بزأر فاضل صأبنی سوا اکھ نظم یوسہٕ انسأنی زندگی ہنٛز اکھ علامت بنأوِتھ پیش کرنہٕ چھَ آمٕژ۔ فاضل صأب چھِ انسانس گانٹہٕ بزارٕ ہنٛدی پأٹھی تھزر حاصل کرِتھ وُسعت افلاکن پٮ۪ٹھ محیط سپدنٕچ تلقین کران۔ شاہین چھُ بُلند پروأزی ہنٛز پٔنٕژ مثال پانۍ مگر شاہین تہٕ چھُ تھٔکِتھ پیوان، مگر فاضل صأب چھِ انسانس ییمہِ کتھ

ہنٛز تلقین کران زِ ژٕ نیر شاہینس تہٕ بزٕ وٕنٛھ تہٕ پٔنٛنی پرواز تھاو برابر جأری۔ تِکیاز ِ
کائیناتس منٛز چھنہٕ تھز رس کانٛہہ تہٕ حدیا حساب۔ لہٰذا انسانس پزٕ منٛزلس پتہٕ منٛزِل
سرٕ کرنُک سلسلہٕ جأری تھاوُن:

گانٛٹہٕ بیرٔ بن شینہُک اکھ جُز بنکھ
واو بن، طوٗفان بن، بُتراتھ گیر
کاینہاتس منٛز تہٕ تھزرن گرزند یوان
پانہٕ کینٛژون سنگرن پتھ گوٗڈ مہٕ سیر
ڈوٗرِ لاکم ژٕٹھ، دُتارٕچ چھا فکر
کہکشانن پیٹھی ترٕتھ نوٗ اول ییر

معرفتِ حق چھُ معرفتِ ذاتہٕ ستی حأصل سپدان۔ امہِ خأطرٕ چھ تزکیہ
نفس کٔرتھ قانوٗنِ الٰہی یک پابند سپدُن لأزِم۔ انسانس پزٕ پننہِ ضمیر کہِ اَنہٕ رِکس
سنگِ خارا ہس حریرٕچ ہش نرمی عطا کرٕنی۔ زندگی ہنٛدِ طوفانک خاموش تماشأیی
بنہٕ بجایہٕ امیٛگ مردانہٕ وار مقابلہٕ کرُن۔ کمزورن تہٕ ضعیفن چھ یہِ خوف لاحق
آسان زِ واو تہٕ طوٗفان پھاٹو تہٕنٛزِ زندگی ہنٛز ناو۔ مگر زندگی ہُنٛد حقیقی مفہوٗم زانن
والین خأطرٕ چھُ واو تہٕ طوٗفان تِمن تارِ دِنس تہٕ منٛزلِ مقصوٗدس تام واتنس خأطرٕ
وسیلہٕ بنان۔ عام طور چھُ انسان معرفتِ نفس حأصل کرنہٕ خأطرٕ نیبرِمس دُنیاہس
کُن رجوٗع کران، یِیلہِ زن معرفتِ حق معرفتِ ذاتہٕ ستی حأصل چھُ سپدان۔
اوٚے چھُ بندٕ حق دوٗیمین ہنٛدِ تجلی ترٕ اُوِتھ پٔنٛنی میوٗمرٕنش تجلی حأصل کران۔

فأضل صأب چھِ روشنگری ہنٛز عملہٕ منٛز پننہٕ أندرِمہٕ تیمبرٕ ستی تجلی پأدٕ کٕرِتھ معرفتِ ذات حأصل کران:

عشق کی اک جست نے کردیا قصہ تمام

فاضل صأبُن انتہائے شوقٕک عالَم چھُ یہِ زِ تِم چھِ أکِس شخٕصس منٛز پوٗرٕ سوٗ دُرنوش کرنہٕ باوجود سیرٕ ے نہٕ سپدان۔ تِہنٛز نظم ''سنبند'' چھےٚ اکھ علامتی نظم یوسہٕ پاکیزگی تہٕ جوش وحرچ ترجمان چھےٚ۔

فاضل صأبنین منظوٗماتن ہُنٛد ذِکر کران کران چھُ تِہنٛزن منظوم کہأنِین پیٹھ کتھ کرٕنی ضروری۔ یِمن کہأنِین ہٕنٛدِ وساطتہٕ چھُ تِمو پننہٕ زندگی ہُنٛد مُشأہدات، تجرُبات تہٕ حوادثِ روزگارٕکِس تیچس منٛز انسان زمانہٕ کیٚو پیچ وخم تہٕ سَنہٕ وو گنہٕ نِش آگاہ کٔرِ متی۔ پرٛتھ منظوٗم کہأنی منٛز چھُ اکھ فضا تہٕ ماحول تشکیل دِتھ کانٛہہ نہ کانٛہہ تیتھ نوکتہٕ بیان کران یِیمہٕ ستی پرن وول مستفید سپدان چھُ۔ یِمو کہأنِیو ستی چھنہٕ صِرف بچہِ بلکہِ پرٛتھ وأنسہٕ ہٕنٛدی نفر مستفید تہٕ مستفیض سپدان۔ فاضل صأبنِس لیکھس منٛز چھُ وقار، متانت تہٕ سنجیدگی بردجہ اُتم موجود۔ گاڈ، ژونٛگ، روپیہٕ بستوٗر، اوپ، موصُم، ناستہٕ مُشک، مگو، ایم اے پاس، ژرِ بچہِ، پوشرُ، ہہنگ، شی شی، نیلہٕ وٕٹھ، یوٗ گت، گوشٕٹھ، زم زم، مجمہٕ تہٕ گاڈِ ہأنٛز چھےٚ امچہِ ٹاکارٕ مثالہٕ۔ کُنہٕ کُنہٕ چھُ یِمن کہأنِین منٛز اسلأمی تاریخ چین سبٹھاہ بزرگ تہٕ خداترس شخصِیون ہٕنٛدی واقعات نظم کٔرِتھ انسان خیرُک تہٕ نیکی ہُنٛد درس دِنہٕ آمت۔ مثالہٕ پأٹھی ''ژونٛگ'' عنوان چہِ کہأنی منٛز چھُ عمر ابنِ عبدالعزیزٕ سنٛز زندگی ہُنٛد اکھ سہٕ

واقعہٕ درج کرنہٕ آمٕت، یِمہٕ ستی انسانس منٛز دیانتُک پہلو اُجاگر کرُن مقصود چھُ۔

پتھےٚ پأٹھی ''گاڈ'' عنوان چہٕ کہأنی منٛز چھُ انسانس پرٛتھ ساعتہٕ ہُشیار روزنٕچ تہٕ

پرٛتھ قدم احتیاطہٕ سان تُلنٕچ تلقین کرنہٕ آمٕژ تاکہِ سُہ روزِ یتھ دُنیاہس منٛز شرٕ کھو

طاقتوٕ نشہِ محفوٗظ:

غلط اکھ ووٚتھ گیٚس پھٹٕ آنہٕ شیٖشے

وٕں ژِیوٗنٕ شہہ رگو نِش موت نیٖشے

کوٚرُن کأفی منٛز یوٚتاہ ہیوٚکُن تیوٚت

حسر ووٚنی اضطرابس طمطراقس

أتی أچ ٹھول حیاتس تےٚ مماتس

وسان پھیرِتھ نسأ کأنہہ گاڈ ڈلس منٛز

سبٹھاہ سونٛچو تھوٚو باعقلہِ ہُنٛد ژٕنٛز

پننہِ زندگی ہُنٛد بیشتر حصہٕ اکھ مثألی مُدرسٕ سٕنٛدِ حیثیتہٕ گزأرِتھ تہٕ بچن سبٹھاہ

قریب روٗزِتھ تِھند بن نفسیأتی کیفیاتن پیٹھ سٔنٛز نظر تھأوِتھ زندگی ہِندو تلخ و شیرٖین

حقأیقو چھُ فاضل صأبس یِمن کہأنین خأطرٕ مواد فراہم کوٚرمُت۔ یِم کہأنی تخلیق

کٔرِتھ چھُ کأشرِس منٛز بچن ہِنٛدِ ادبٕچ وبۄ ھے دوٗر کرنہٕ آمٕژ۔

''دُعائے صُبح'' ناوٕ چھُ فاضل صأبن بچن خأطرٕ وارِیاہ نظمہٕ لیچھمٕژ۔ یِمن

نظمن منٛز چھُ بچہٕ پننِس پروردِگارس پننٕ زندگی ہر اعتبارٕ مثألی بناونہٕ خأطرٕ دست

بدُعا۔ یِمن نظمن منٛز چھِ بچن ہِنٛدی دِلی آرزو سبٹھاہ خلوصہٕ تہٕ معصومیتہٕ سان

محسوٗس سپدان۔ یمن منز چھِ خدایہٕ سنٛز ربوٗبیت، شانِ الوہیت تہٕ تسنٛدِس قدر المطلق آسنس ستۍ ستۍ شاعر سنٛدِ خدا ترسی تہٕ پاکبأزی ہُنٛد تہٕ پے لگان۔ یمہٕ نظمہٕ پُرِتھ چھُ بچہٕ سنٛدبن ارادن منز پوختگی تہٕ جذبۂ اخلاصک احساس تہٕ گژھان۔ شاعرس چھُ پننہٕ بشر آسنہٕ کِنۍ پننین گونٛہن پیٹھ تہٕ نظر۔ تاہم چھُ سُہ کُنہٕ کُنہٕ خدایس ستۍ شوخی تہٕ ورتاوان:

خدایا اَتُر کوٗر تہٕ مےٚ
تماشا اکھ میٚیے وُچھِتھ ژےٚ
خدایا حاجتھا تہٕ مےٚ
باللہ نعوذ اکھ تہٕ ژےٚ

☆☆

سعد الدین سعدی

# فاضل کاشمیری تہٕ تسنٛز عقیدتی شاعری

الحاج فاضل کاشمیری صاأبن غأیبانہٕ تعارُف چھ مےٚ تمہٕنے دوہن سپد مُت ییلہٕ بہٕ تیلہٕ رٕکس Lower ہائی سکول کرپری ہَس منز مڈل کلاسن ہنٛز تعلیم پرٛاوان اوسُس۔ وُری اوس شاید (١٩٦٠-٦١ء) تہٕ سکول پرٛائرن (دُعاہن) منز علامہ اقبالؒ صاأبن بچن ہنٛدِ خاأطرٕ مشہورِ عالم اردو دُعا ''لب پہ آتی ہے دُعا بن کے تمنا میری'' یِس ستی ستی مہجور صاأبن مقبولِ عام کاشُر دُعا ''صاحبو ستھ چھم مے چأنی وَتھ مےٚ اصلچ ہاوتم''۔ یمہٕنے دُعاہن یا پرٛائرن ستی ستی اُسی اُسی بییہٕ کینٛہہ دُعاتہٕ پران۔ مثلن:

بہٕ چأنس کاپہٕناتس دپان چھس سأر کرٕ ہا
کتابِ زندگی ہُنٛد سبق بے وایہٕ پرٕ ہا

یا

اے مالکِ زمانہ صحرا و کوہ و دٔریا
چوٚنُے بیان چھ ہرجا اے مہربان خدایا

تخلُصہٕ ستی اوس مےٚ فکرِ تران زِیم دوٚنوٚے دعا چھِ کستام فأضل ناوٕ کی

شاعرٕ سندی ۔ پزٕ رچھ یِ زِ یمن دُعاہن ہُندٕ اثر گوٚ وےٚ سنان سنان تہٕ میٛتہِ لیوٚ کھ یمن دوہن شُری پاٹھی اکھ دُعا یُس یتھٕ پاٹھی شروٗع چھ گژھان:

سُلہِ چانہِ ڈیڈ تل آس بر تھاوتم خدایا

شُری پان دُنیاہس منز پھولناوتم خدایا

اُتھی دوران گوٚ وےٚ اکہِ دوہہٕ ریڈیو کشمیر پیٹھٕ اکھ نعتِ شریف کنن یُس یتھٕ پاٹھی چھ:

بُلبُل ژٕ نالان گژھ دوان شاہِ مدینس کر سلام

وٕنتس چھُ بیکس مُبتلا صلوا علیہِ دایما

پھوٚلمُت گلاب باغس اندر وٕلمُت ہیسے عربس اندر

انور چھُ روئے والضحیٰ صلوا علیہِ دایما

یتھین چھےٚ یہِ کتھ پھرٕ نی لایق زٕمےٚ اوس لوکچارٕ پیٹھےٚ پننین اسلافن ہُند نعتیہ کلام گنگراونک عادت۔ یتھ منز میر ثناءاللہ کریریؒ صابُن مشہور و مقبول نعت

ہا واوٕ واتکھ نا توٚتے ییٚتہِ ڈاپھ ترٕ اُتھ مصطفیٰؐ

احوال میأنی تس ونکھ سُے ہو کربم دابن دوا

یا

خونِ دِل کوتاہ بہٕ ہارے یا شفیع المذنبین

اورٕ گرہم چانی گارے یا شفیع المذنبین

یا

امیر شاہ کریری صائبنؒ مقبول و مشہور نعتِ شریف:

چھِم عشقہِ نارن گرٕ ئمتی جگرس کباب اے نازنین

اوُسم تمنا کیٛاہ سنا وُچھِہ ہتھ بخواب اے نازنین

امہِ پتےٚ بوٚزمےٚ ریڈیو کشمیر پیٹھٕ بیا کھا اکھ نعتِ شریف:

بس ژٕ ے شہِ لولاک چھکھ عالی مقام اے نازنین

گتھ چھِی کران شمس و قمر ہر صبح و شام اے نازنین

فائضل صائبُن یہِ مارٕ موٚند نعتِ شریف بوٚزِتھ آومےٚ اکھ الگے روٗحانی سکون تہٕ یہِ ژینتھ زِ یہِ نعتِ شریف تہِ چھُ تِتھی اندازس تہٕ تتھی زمینس منز وَننہٕ آمُت یتھ منز میٛانٕ بڈٕ بڈٕ بابہِ سید امیر شاہ کریری صائبُن ''چھِم عشقہِ نارن گرٕ ئمتی جگرس کباب اے نازنین وَننہٕ آمُت چھُ۔ اتے پیٹھٕ گوٚومےٚ کھٕر کھٕر پاٚدٕ زِ مےٚ گوٚژھ فاضل صائبُن روٗبرو مُلاقات نصیٖبس سپدُن۔ تاہم ارادٕ باوجودتہٕ آونہٕ مےٚ پننو مجبوٗرِیو کِنۍ امیُک موقعہٕ واریاہس کالس۔ امہِ پتےٚ کیٛنہہ ؤری گزرِتھ کوٚر ریاستی کلچرل اکیڈیمی جوٚمہِ کِس گلاب بھوَن کِس ہالس منز اکہِ کل ہند کاشرِ کانفرنسہِ ہُنٛد اہتمام۔ کانفرنس اٚس دون دوہن ہنٛز تہٕ یہِ چھُ سُہ زمانہٕ ییٛلہِ محمد یوسف ٹینگ صاب ریاستی کلچرل اکیڈیمی ہنٛدی سیکریٹری اٚسی تہٕ تہنٛدِ ہے قیادتس منز اوس امہِ کانفرنسہِ ہُنٛد اہتمام سپدان۔ کانفرنسہِ منز شرکت کرنہٕ خاطرٕ اوس اکیڈیمی میٛتہِ دعوت نامہٕ سوٗزمُت۔ مےٚ گر کانفرنسہِ منز شرکت کرنُک فائصلہٕ تہٕ وُوتُس جوٚم۔ مگر بدقسمتی کِنۍ گوٚومےٚ گوڈنِکے دوہہِ صحت ناسازتہٕ مےٚ کوٚر

دۆیمہِ دوہہٕ واپس گرٕ نیرنک فأصلہٕ۔ مرحوم نشاط انصاری، مرحوم رشید نازکی، مرحوم غلام محمد غمگین تہٕ پروفیسر مشعل سلطانپوری أسی میٲنی ہے گروپس ءستۍ۔ ٹینگ صأبس ءستۍ مشوٗرٕ کٔرِتھ کوٗر ریمو دۆیمہِ دوہہٕ صُبحأے مے گرٕ واپس سوزنک فأصلہٕ تہٕ بہٕ واتنوہَس گاڑِ اڈس منٛزٕ تہٕ کھوٗہَس أکِس ڈِلیکس کوچ گاڑِ منٛز۔ خوش قسمتی ءستۍ اوس اَمے دوہہٕ فاضل کاشمیری صأب تہِ پنجاب پٮ۪ٹھٕ واپس ءیتھ گرٕ کُن پکان تہٕ سُہ تہِ کھوٗت أتھی بسہِ منٛز۔

چنانچہِ نشاط انصاری تہٕ غلام محمد غمگین صأبن کوٗر نس بہٕ فاضل صأبس حوالہٕ تہٕ ءستۍ کوٗرہَس تأکید زِ تیمس چھُنہٕ صحت ٹھیک تہٕ کُنہِ وُنہِ پأٹھۍ واتنأوی زبن بہٕ سرینگر۔ مے ییلہِ معلوٗم سپد زِ یہ ہے شخص چھ فاضل کاشمیری صأب زنتہٕ ژۆل اَمے ساعتہٕ مے دودتہٕ یمن ءستۍ ملاقات پٮ۪ٹھے گوٗو زنتہٕ سورٕے تکلیف دوٗرتہٕ مے زن آیہِ اکھ بڈٕ خوشی ہنٛزٕ گراتھِ۔ یہٕ ہے اوس میون تہٕ الحاج فأضل صأبُن گوڈنیک ملاقات۔ یُس دورانِ بس سفر جوٗمہِ پٮ۪ٹھٕ سرینگرتام پوٚش تہٕ ءیتھ منٛز مے فأضل صأبس ءستۍ روٗزِتھ تِہنٛزِ عأِلمانہٕ، ووستادانہٕ تہٕ انسان دوستی ہُندٕ اکھ عکس أچھن منٛز ءیتھ میٲنس دِلس تام ووت تہٕ تیمہِ ءستۍ مے یہندِ شخصیتُک اکھ مولہٕ وُن انہارٕ ازتام میٲنبن أچھن تہٕ میٲنس دِلس منٛز جاے گٔرِتھ چھُ۔ مُلاقاتس دوران سپد مے معلوٗم زِ یمے أسی تم دوہ ییلہِ فاضل صأب "گرٕشتھ صحب" کِس کأشرس منٛز ترجمہٕ کِس سِلسِلس منٛز پنجاب گمتۍ أسۍ تہٕ امے دوہہٕ أسی پنجاب پٮ۪ٹھٕ کٔشیرِ کُن واپس یِوان۔ فاضل صأبس ییلہِ میون معلوم سپد زِ میون تعلق چھُ دراصل ثناءاللہ

کریری تہٕ امیر شاہ کریری صابٕنس خاندانس ستی ، یہِ بوٗ زِتھ سپز کھ سٮ۪ٹھاہ خوشی تہٕ مےٚ کوٗرُکھ ووٚنی زیادٕ عزت تہٕ احترام۔

جوٗمہِ پیٹھٕ سرینگر سفرٕکس اتھ قلیل وقتس منز گےٚ مےٚ فاضل صابنہِ نجی زندگی ہٕندی کیٚنہہ دلچسپ تہٕ انسان دوستی تہٕ أکس اولوالعزم بندۂ خداے سٕندی کیٚنہہ انہار عکس تہٕ تجربہٕ مُشاہدس منز ، یِم ازتہٕ میٲنس دِل وٕ دماغس اکھ جوش، جذبہٕ تہٕ ولولہٕ بخشان چھِ۔ گاڑِ ہُند سفر شروٗع سپدنہٕ برٛونٹھے آسہٕ فاضل صابن جوٗمہِ پیٹھٕ زٕ ژور ڈبل ژوچہٕ ستی تجھٕ تہٕ یِم سہ پانس کھیوان مےٚ کُن تہٕ پیسا پیسا پلناوان روٗد۔ أتھی دوران آے حسبِ عادت ڈٕچھنۍ کھوٗرۍ جتلگو منز تھیلو کھیلو پٔژی نیرِتھ تہٕ جوٗم سرینگر سڑکہِ ڈٕچھنۍ کھوٗرۍ روٗ زِتھ تہٕ مُدٕ گنڈِتھ گاڑِ سوار بن کُن وُچھان زِ یِم ترٛاون کیٚنہہ نتہٕ کیٚنہہ یِمن کھینہٕ خاطرٕ گاڑِ داریوٕ کنہِ۔ مےٚ وُچھ فاضل صاب سٮ۪ٹھاہ ژکہِ سان یِمن بوچھِ ہتین پٔژبن کُن ڈبل ژوچن ہٕندی پیس دٲری دٲری دِوان تہٕ زنتہٕ اکھ خوشی محسوٗس کران تہٕ بوچھِ ہتین پٔژبن ژوچہٕ کھیاونچ یہِ عمل تھاو فاضل صابن برابر توٚتام جٲری یوٚتام تِمس یِمو ڈبل ژوچہٕ پیسو ساتھ دِیُت۔ صلہ رحمی ہُند فاضل صابُن جذبہٕ وُچھِتھ گوس بہٕ سٮ۪ٹھاہ مُتاثر۔ کوج کھٮ۪نگ وق ییلہِ ووت بہٕ ووٚتھس فاضل صابس کُن "بس حض رُکیایہِ۔ کوج حض چھ کھیوٗن، وُتھو"۔ یہِ بوٗ زِتھ کُملاوی فاضل صابن پٔنۍ وُٹھ تہٕ مےٚ کُن وُچھِتھ ووٚنُن أکس بامعنی اندازس منز "بہٕ نخص چھسے کھوان یِمن ہوٹلن ہُند بتہٕ۔ میوٚن کوج گوٚو سفرس منز یِمے ڈبل ژوچہٕ پیس"۔ پٔنۍ کنہِ

کریہِ مےٚ فاضل صأب مجبور بتہٕ کھٔنہٕ خأطرٕ مگر تمو مون نہٕ ہرگز تہٕ۔ مےٚ باسیوو وونی پزٕنہٕ مےٚ یِمن زیادٕ زور کرُن۔

کتھن کتھن منٛز ووٗن مےٚ فاضل صأبن ''بہٕ کیاہ حض اوسسےٚ گوٚمت پنجاب۔ مےٚ چھی ارادٕ زِ بہٕ کرٕ گرُنتھ صٲحبس کأشُر ترجمہٕ'' تہٕ أتھی ستی ستی پوٚرُ کھ کیٛژون بھجنن ہُنٛد کأشُر ترجمہٕ یُس یِمن دوہن یِمو أتھ دَس تلُمت اوس۔ مےٚ وۄنمس واپس زِ یہِ روزِ تِہنٛد کأشرِ زبأنی تہٕ ادبہٕ خأطرٕ پزی پأٹھی اکھ بوٚڈ کارنامہٕ۔ فاضل صأبن دوٚپ بہٕ کیاہ حض چھسےٚ گورونانک جی ینٛس توحیدِ کِس عقیدٕ نِشہٕ متأثر تہٕ گورونانک جی یُن یہِ توحیدُک معاملہٕ چھ مےٚ اسلامی توحیدی نکتۂ نظریہ ہس قریب قریب باسان۔ أتھی ستی ستی بوزنووُس بہٕ فأضل صأبن پنٕنی تم کیٛنٛہہ شعر تہٕ یِمن منٛز آفأقی پزر، انسان دوستی تہٕ دوٚیِمین مذہبن ہنٛدِ احترامٕچ ژینہٕ ون میلان چھےٚ۔ یِمہِ ستی مےٚ ژیٛون زِ فأضل صأب چھِ ژکہِ اکھ انسان دوست تہٕ اکھ صحیح مسلمان یُس مذہبی تعصب چوٚ آلایشو نِشہِ صاف و پاک چُھ۔ تِتھی بنٛدٕ چھِ خدایَ تعالیٰ ہس تہِ پسند۔ یوٚ دوَے امہِ پتہٕ تہٕ منٛزی منٛزی فأضل صأبس ستی ملاقاتُک موقعہٕ میوٗل تاہم رُو دیہِ کیٛژون مُشأعرٕنے تام محدوٗد۔ سرکأری نوکری تہٕ گرِ کِین لانجن آس بہٕ امہِ پتہٕ تِتھ کٔنی ولنہٕ زِ مےٚ آونہٕ فأضل صأبنس یِمہِ دُنیا نیرنس تام دُبارٕ سمکھنُک موقعہٕ میسر۔ یِمیُک مےٚ ازتہٕ افسوس چُھ۔ فأضل صأبنہِ وفاتُچ خبر یِلہِ ریڈیو تہٕ اخبارکہِ وساطتہٕ مےٚ نِش وأژ مےٚ ووت سخ صدمہٕ تہٕ مےٚ لیچھ یہنٛدِس خراجِ عقیدتس منٛز اکھ نظم تہِ۔ بلکہِ تعزیت کرنہِ ووٗتس بہٕ اتھ

دوران گلشن نگر بائی پاس تہٕ یتہٕ فاضل صابن پننہٕ گرِ کیسے صحنس منز تہندِ وصیتہٕ مطابق تہُند مقبرٕ تہٕ تعمیر تہٕ کرنہٕ یوان اوس تہٕ مے کوٚر امہٕ وِزِ سید ذی شان فاضل یعنی فاضل صابنس فرزندس ستۍ تہٕ ملاقات تہٕ فاضل صابنس مقبرس پیٹھ پوٚرُم فاتحہ تہٕ دُعائے مغفرت تہٕ موٚنگم۔ اَنّا لِلّٰہِ وَاِنّا اِلَیہِ راجِعُون۔

الحاج فاضل کاشمیری صابنہٕ عقیدتی شاعری پیٹھ کتھ کرنہٕ برٛونہہ چھُنا صلاح زِ أسی کرو عقیدتی شاعری یاؤنی توٚ عقیدتی ادبس پیٹھ تہٕ کتھ تہٕ کوٗشش کروز عقیدتی ادب کیاہ گوٚو۔ ادبس منز عقیدتی ادبُک اہمیت تہٕ افادیت کیاہ چھےٚ، چھ ادب زانن والین عالمن یا نقادن درمیان اکھ بحث طلب مسلہٕ تہٕ امہٕ کِس حقس تہٕ ناحقس منز بحث چھ پتہٕ پیٹھہٕ جاری تہٕ یہِ روزِ برٛونہہ کُن تہٕ جاری۔ بہر حال ادبچہِ باگنے منز چھےٚ مذہبی یا عقیدتی ادبس پنُن اکھ الگ مقام تہٕ اہمیت۔ یہِ کتھ چھےٚ طے زِ دُنیاہچہِ کُنہِ تہٕ زبأنی ہندِ ادبُک کُنہٕ کُنی یا بُنیاد چھےٚ عام طور مذہبس یا مذہبی عقیدتس پیٹھے دَرراونہٕ آمُت۔ علامہ شبلی مرحوم سُند یہِ تحقیقی منقولہٕ زِ:

اول آنکہِ شعر گفت آدم صفی اللہ بود
شعر گفتن حجتِ فرزندئے آدم بود

اگرٚ اکھ حقیقت مانوتہٕ چھُ اتھ خیالس تصدیق تہٕ تائید سپدان۔ یلہِ قرآنِ کریمس منز باری تعالیٰ فرماوان چھ زِ حضرت آدمؑ چھُ یمہِ دُنی یہُک گوڈنیُک انسان تہٕ گوڈنیُک پیغمبر تہٕ، یُس باری تعالیٰ ہن میٖہِ پیٹھ پأدٕ کوٚر تہٕ اشرف المخلوقات تہٕ پنُن خلیفہ بنأوِتھ دُنیاہس کُن سوزُن۔ دوٚ یمن لفظن منز وَنو امہٕ منقولہٕ کہِ حوالہٕ زِ

حضرت آدمؑ چھ گوڈنیُک گونماتھ یاشاعر یا ادب تھرن وول۔ تاہم گلس پێٹھ چھ مانُن پیوان زِ عالمی ادبس پێٹھ چھ عقیدتی ادبُک اثر پرٕتھ زمانس منز غالب روٗدمُت تہٕ عقیدتی ادبہٕ بغٲر ہیکہِ نہٕ ادب انسانی سماجس زیادٕ خٲر واتناوِتھ تہٕ ادبچہِ طرحدٲری تہٕ وُسجارٕ خاطرٕ چھ عقیدتی ادبُک تصوٗر تہٕ وجوٗد ناگزیر۔

ادب برائے زندگی نظریہٕ ہِکی قٲیِل نقادن تہٕ عالمن ہُند دعویٰ چھ زِ دینیٲتی ادب یا عقیدتی ادب چھ کُنہِ قومُک یا کُنہِ تہِ سماجُک تقدیر بدلاونک تہٕ یہٕ انسانیتُک لگہٕ ہار بناونہٕ خاطرٕ سبٹھاہ اہم۔ مولانا حالی چھِ توٚے پننہِ معرکتہ الآرا کتابہِ منز ''مقدمہ شعروشاعری''، تصنیفس منز شعر تہٕ شاعری متعلق بحثس منز مختلف مثالوٚ ستی ثابت دِوان کرتھ زِ شعر وادب یا شاعری، کتھٕ پاٹھی چھ وقتہٕ وقتہٕ انسانی تاریخن ہند بن موقعن پێٹھ قومن یا سماجن منز حسبِ محل انقلاب اوٚنمُت تہٕ یتھٕ پاٹھی کُنہِ قومُک یا سماجُک مستقبل شیرنس تہٕ سنبھالنس منز پنُن رول ادا کوٚرمُت۔ شاعرِ مشرق علامہ اقبال چھ امے عقیدٕ کس ادبی تفریکہٕ حوالہٕ شعر تہٕ شاعری متعلق پنُن یہِ مشہور فتویٰ جٲری کران:

قوم گویا جسم ہے افراد ہیں اجزائے قوم
شاعر رنگین نوا ہے دیدۂ بینائے قوم
مُبتلائے درد کوئی عضو ہو روتی ہے آنکھ
کس قدر ہمدرد سارے جسم کو ہوتی ہے آنکھ

امہِ حوالہٕ چھ ادبس منز عقیدتی شاعری ہُند رول اہم تہٕ ناگزیر عقیدتی

شاعری ہنٛدِس تأرٟخَس منٛز چھِ أسؠ وُچھان زِ ییٚتہِ مولانا رومی تہٕ مولانا جامی ین
فارسی یَس منٛز، مولانا حالی تہٕ ڈاکٹر اقبالن اردوٗ ہس منٛز تہٕ سانہِ کأشرِ شأعری منٛز
کِتھٕ پأٹھی اوٚن حضرت شیخ العالمؒ قومس منٛز پننٮ۪و تخلیقاتو سٟتؠ اخلأقی تہٕ انسأنی
قدرن اکھ بہارتہٕ اکھ سدابہار انقلاب۔

سُورہٕ فاتحہ چھُ قرآنِ کریمُک ڈٕسلابُک سُورہٕ شریف۔ توٚے چھ فاتحہ ناو
دِنہٕ آمُت تہٕ مُفسرین کرام چھِ لیکھان زِ پرٛتھ کُنہِ چیزُس تام واتنہٕ خأطرٕ چھُ درواز
یا وَتھ آسان تہٕ قرآنِ کریم کِس جوہرس یا گوجہِ تام واتنہٕ خأطرٕ چھُ توٚے اتھ
فاتحہ یعنی مُوراوُن یا کھوٗلُن ناو دِنہٕ آمُت۔ سُورہٕ فاتحہ چھُ دراصل اکھ دُعا۔ یُس
باری تعالیٰ بزبانِ قدرت بندن ہیچھناوان چھُ۔ سُورہٕ فاتحہ چھُ نمازِ خأطرٕ ضروٗری
قرار دِنہٕ آمُت تہٕ امہِ بغأر چھُنہٕ کانٛہہ فرض یا نفل نماز جأیز۔ دیٖنی عألمو یا وَنو
قرآنِ شریفُک ترجمہٕ تہٕ تفسیر کرن والیو چھُ سُورہٕ فاتحہ ہَس واریاہ ناو دِتؠ مَتؠ۔
مثالے اُمُ القرآن، سبع مثانی بیترِ۔ سُورہٕ فاتحہ کِس تشریح وتفسیر کہِ حوالہٕ ییلہِ أسؠ
غور وفکر کرو یُس قرآنِ کریمُک تہٕ امہِ حکُم چھُ۔ أسؠ چھِ بخوبی زانان زِ اتھ منٛز
چھےٚ امہِ دُعاہس سٟتؠ توحید، رسالت، امامت تہٕ ولایت ہوٚبن مذہبی عقیدتن
ہنٛز تہٕ ثٕمنہٕ وَن میلان۔ تیٚیہ تشریح وتفسیرہٕ تہٕ قرآنِ کریم کٮ۪ن باقٕے سُورہٕ شریفن
یا آیاتِ کریمن منٛز دِنہٕ آمٕژ چھےٚ۔ قرآنِ کریم چھےٚ اکھ سو کتاب ییٚتھ منٛز انسان سٕندِ
خأطرٕ اکھ مکمل دستورِ حیات پیش کرنہٕ آمُت چھُ تہٕ اللہ تعالیٰ چھُ توٚے پننہِ زبأنی منٛز
ونان زِ ذَالِكَ الْكِتَابُ لَا رَيْبَ فِيهِ۔ گویا اللہ تعالیٰ چھُ بزبانِ قدرت ونان زِ

یتھ کتابہ یعنی قرآنِ کریمس پیٹھ چھنہٕ شک وشبہہ کرنچ کانٛہہ گنجٲیش۔ ھُدًی لِلمُتَقِین تہٕ یہ چھے مُتقین یعنی خدالیس کھوژن والین ہٕندِ خاطرٕ ہدایت۔

حضرت امیرِ کبیر میر سید علی ہمدانیؒ چھِ پننہٕ مشہورِ عالم تصنیف اَورادِ فتحیس منٛز قرآن وحدیث رٕکس تنوظرٕس منٛز اَکس صحیح تہٕ پزٕس مسلمان تہٕ مومن سُنٛد تصوٗر تہٕ شبیہہ یتھہٕ پاٹھۍ فرماوان زِ:

(ترجمہٕ) اَسۍ سپدۍ راضی اللہ تعالیٰ سٕندِس یتھ فٲصلس پیٹھ زِ اَسۍ بنٲوِن مسلمان۔ حضرت محمد صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم بنٲوِن سٲنۍ نبی تہٕ پیغمبر۔ قرآن بنوٗن سون رہبر تہٕ وتہٕ ہاوُک۔ نماز گرٕن اسہِ پیٹھ فرض، کعبہٕ شریف بنوٗن سون قبلہٕ تہٕ سٲری مومن بنٲوِن اکھ اَکۍ سٕندۍ بأے بأے۔ حضرت صدیقِ اکبرؓ، حضرت عمر فاروقؓ، حضرت عثمانِ غنیؓ تہٕ حضرتِ علی مرتضیٰؑ بنٲوِن حضور پاکن ہٕندۍ ژور یار تہٕ امام تہٕ اہلِ بیت سۆزِن اسہِ گُن۔ یِمن سارِنے پیٹھ چھُ اللہ تعالیٰ راضی۔ اَکِس صحیح مسلمان تہٕ اعتقاد مند مومن سُنٛد تصوٗر تہٕ شبیہہ چھے توٚے یتھ مشہور فارسی رُباعی منٛز ژھرولنہٕ آمُت:

بندۂ پروردگار اُمتِ احمد نبیؐ

دوستدارِ چار یارم تابہ اولادِ علیؓ

مذہب حنف دارم مِلت حضرتِ خلیلؑ

خاکپائے غوث الاعظمؒ زیرِ سائے ہر ولی

کاشُرِ شاعری منٛز چھِ ازتام حضرت شیخ العالمؒ سٕندِ پیٹھے لگ بھگ پرٛتھ

کائنسہِ لوٕکٹ کیو بڈٕی شاعرن دُعا یا مناجات رٔنگی کینْہہ نتہٕ کینْہہ لیوٗکھمُت تہٕ فاضل صأبن تہِ چھُ ''دُعائے معصوم'' ناوٕ کتابہِ منز باضأبطہٕ پأٹھی موضوٗع تہٕ ہیّتہٕ لحاظہٕ رتی تہٕ معیأری دُعاتہٕ مناجات لیکھۍٕمتی یِمیُک فاضل ازتہِ اطاعت گزار بندن حأصل چھُ۔ یِم دُعاتہٕ مناجات چھِ گژھان بچن ہِندٕ بن دُعاہن پٹھ شروٗع تہٕ پرٕتھ عُمرِ ہِند بن لوٕکن ہِندٕ بن دُعاہن ہٕستی اند واتان:

ژٕیے کُن نمان چھِ سأری نوٗری بشر تہٕ نأری
لگہٕ یوٗ ژٕے پأرٕ پأری اے مہربان خدایا

یا

کھوچر کاسُم خدایا سوٗن بناوُم
دِتم یِم کاہ تِمن منز لاج تھاوُم
پزٕ ئیک رٕژرُک خلوصُک پیالہِ چوٗن دِم
قصورُک وٕیہہ مہٕ ہرگز کھیٚاوِناوُم

سید ذی شان فاضل چھِ پننس بابہٕ صأب معروف بہٕ فاضل کاشمیری صأبنہِ حوالہٕ لیکھان زِ مرحوم فاضل صأب اُسی اسلامیہ ہائی سکول راجوری کٕنڈلس منز اوٗتھمہِ جمأژ پران یِیلہِ تِمو پنٕن مشہور و معروف نعتِ شریف لیوٗکھ یُس یتہٕ پأٹھی چھُ شروٗع گژھان:

بُلبُل ژٕ نالان گوٗژھ دَوان شاہِ مدینس کرسلام
وٕنتس چھُ بے کس مُبتلا صلوا علیہِ دایما

دۄیمبن لفظن منز وَنوِ یِ زِ فاضل کاشمیری صأبن چھ پننہٕ شأعری ہُند آغازٕ ے نعت ٕستی کۆرمُت ۔ تہٕ ابتداہس منز یُتھ معیأری تہٕ بااثر کلام تخلیق کۆرمُت ، تیچ مقبوٗلیت ازتہٕ کأشرِس عام وخاص لُکن منز مُسلم چھےٚ ۔امہٕ ٕستی چھےٚ یہِ ٹاکارٕ ژینہٕ وِن تہٕ میلان زِ فاضل صأبس چھ گوڈٕ پیٹھےٚ شأعری خصوصاً نعتس ٕستی عشقہٕ یِکس حدس تام لوٗے خوٗے اوسمُت تہٕ توٚے چھِ أ یِکس جایہٕ پنٕنس نعتس متعلق اِلہأمی آسنک اشارٕ تہٕ یمن لفظن منز کران:

فأضل یہِ نعتُک پوشہٕ پھۆت
اورَ ے مےٚ پیٹھ زن عرشہٕ وۄتھ
میأنس شہس تام ٹارِ کھۆت
صُلو اعلیہِ دایما

حدچھ یہِ زِنعت یِکس تعشوقس منز چھ پنٕنس پننہٕ وصیّت کہِ توسُلہٕ ''انوارِ محمدیؐ'' تیچ ڈألی ہیتھ لتس کُن نیران تہٕ تِتھ پأٹھی دِلس منز اکھ سکوٗن حأصل کران۔

نعت چھ دینیأتی یا عقیدتی شأعری ہُند اکھ اہم صِنف خیال یِوان کرنہٕ تہٕ امِچ تأریخ تہٕ چھےٚ تیژٕ ے پرٕأنی یۄتاہ پرٕون دِین اسلام چھ ۔نعتُک تصوٗر یِوٚ دوَ ے اسلامہٕ برٕونٹھ تہٕ قدیم عالمی مذہبی کتابن منز مثالے تورات، انجیل، زبوٗر تہٕ قدیم ہند ومذہب چین کتابن منز تہٕ نظرِ گوھان چھ تاہم چھ نعتُک باضأبطہٕ آغاز قرآنِ کریم ٕستی شروٗع سپدان۔

اسلامس ستی ستی ووت نعت تہٕ دُنیاچین زبانن منز، یمن منز فارسی زبان
بڑ وِتھہ بڑ وِتھہ روٗز۔ مولانا عبدالرحمان جامی ین کوٗر فارسی نعتک دامن مالامال تہٕ
یہٕ بنوٗون سدا بہار۔ کاشرِ شاعری منز یِو دوٚے نعتکی بزٲنتی حضرت شیخ العالمؒ
صابنہٕ کلامہٕ پیٹھے گوٚہان چھِ تاہم سانہِ شاعری ہِندبن اکثر صنفن ہِندی پٲٹھی
چھُ سانہِ نعتُک ژوٗک تہٕ مزاژ تہٕ فارسی نعت کِسے اثرس تل گرنہٕ آمُت۔ محمود گامی،
ولی اللہ موٗت، قطب الدین واعظ، فاخر عبدالاحد ناظم، ثناءاللہ کریری، مقبول شاہ
کرالہ واری، سید امیر شاہ کریری، خاموش کریری بیترِ چھِ کاشری شاعریمو کاشرِ
نعتُک دامن مالامال کوٗر۔ نعت گوشاعرن ہِندِس اَتھی کاروانس پتہٕ آو فاضل
کاشمیری صاب، یمی اتھ منز روایت باجوٗ دتہٕ اَچھِہ زبانی تہٕ اسلوٗبس منز تھکبن لایق
انقلاب اوٗن۔ یتھِ کنی محمود گامی ین، رسول میرن، غلام احمد مہجورن تہٕ عبدالاحد
آزادن لولہٕ شاعری منز اکھ نوبر تہٕ اکھ انقلاب اوٗن تہٕ یہ عوامس نزدیک بلکل
تِتھے پٲٹھی روٗٹ فاضل صابن نعتُک دامن تہٕ اتھ پھولرٲوِن تم گل یہنز خوشبو
وُنی کین تہٕ عقیدت مند کاشرِ بن ہُند دِل و دماغ مُعطر تہٕ مُنور کران چھُ۔

الحاج فاضل صابنہٕ عقیدتی شاعری پیٹھ چھُ کاشرِ زبٲنی ہُند نامور شاعر تہٕ
تنقید نگار رفیق راز صاب لیکھان:

''فاضل چھُ سانیو Front Line نعت گوشاعرن منز ممتاز تہٕ
قد اوار۔ تمی سنز رثٲیی شاعری تہٕ کرشنہٕ لیلایہ پرتھ چھُ باسان زِ سہ
اوس اکھ باہنر فنکار یمِس انسان ہِندی اُولی تہٕ زاوِلی جذبات

وُتشاوِنی أسی تگان تہٕ تہنٛدِ تسکینُک سامانہٕ فراہم کرُن تہٕ اوس تگان"۔

پزر چھُ یہِ زِ فأضل صابُن نعتیہ کلام چھُ زبأنی تہٕ اسلوبہٕ حوالہٕ اکھ امتیأزی رنگ تہٕ شان ہیتھ اسہِ برٛونٛٹھ کُن واتان۔ تہٕ ازتہِ چھُ یہِ پننہِ مُنفرد غنأیتہٕ موجوب عام وخاصس منٛز مقبول ومشہور تہٕ پننہِ سہل زبأنی ورتاوُن چھُ اتھ کأشرِ بن ہنٛد بن دِلن منٛز جاے رٕٹۍ ہٕژ۔ امیُک بوٚڈ وجہ چھُ میانہِ خیالہٕ پی زِ فأضل چھُ اکھ صوفی، اکھ مُنش تہٕ اکھ انسان دوست شخص۔ عِلمِ دینس پیٹھ تہِ چھُس سرٕ ینٛز نظر أسمٕژ۔ توٚے چھُ تمی ہندِس نعتس منٛز قرآن وحدیث کین اصطلاحن تہٕ استعارن ہُنٛد تہِ أکِس قادرُ الکلام شأعرٕ ہنٛدی پأٹھی ورتاوٕ نظرِ گژھان تہٕ نعت لیکھنہٕ وِزِ چھُ تمِس بہرحال پاسِ ادبُک خیال روزان تہٕ سُہ چھُنہٕ کُنہٕ تہِ مقامس پیٹھ جذبات تہٕ عشقِ رسولس منٛز جذباتن منٛز یتھ حدٕ نبر نیران۔

یوٚتام فأضل صأبنہِ شأعرانہٕ شخصیتُک تعلق چھُ سُہ چھےٚ وارِیاہ پاسہٕ، دلچسپ تہٕ مکمل تہِ۔ تہنٛزِ شأعرانہٕ زندگی ہُنٛد اکھ بوٚڈ رنگ تہٕ انہار چھُ تہنٛز عقیدتی شأعری یتھ منٛز تمو پنُن اکھ الگ تہٕ مُنفرد مقام حأصل چھُ کوٚرمُت۔ تہنٛزِ عقیدتی شأعری ہُنٛد دفتر چھُ زیوٚٹھ تہِ تہٕ میوٚٹھ تہِ۔ اتھ منٛز چھُ حمد، دُعا، مناجات، نعت، منقبت، مرثیہ، رُبأعی، لیلا، بھجن بیترٕ شأمل۔ تاہم چھُ صِنفِ نعت فأضل صأبُن یمن تمام صِنفن زیادٕ ممتاز، یتھ منٛز فاضل صأبن سبٹھاہ تھوٚد مقام حأصل چھُ کوٚرمُت تہٕ یمہِ حوالہٕ کأشرِ زبأنی ہنٛدی وارِیاہ نقاد یمن کأشرِ شأعری ہُنٛد جامی

تہٕ ونان چھِ۔ پنٕنس نعتیہ کلامس چھ یمو "انوارِ محمدیؐ" ناو تھووُمت تہٕ تہنٛزِ اتھ نعتہٕ سۆمبرنہِ گیہِ تیٚژٕہ مقبوٗلیت حأصل زِ از تام چھِ امہِ شۆبہٕ دارسۆمبرنہٕ ہٕنٛدی باہ ایڈیشن چھاپنہٕ آمٕتۍ تہٕ فأضل صأبنہِ وصیت مطأبق چھَ کتاب تہنٛدِس یٚیمہِ دُنیا منٛزٕ نیرنہٕ ؠکس موقعس پتہٕ تمن ستۍ ازروئے عشقِ رسول تہنٛزِ قبرِ منٛز تہنٛدِس سینٕس پٮ۪ٹھ تھأوِتھ دفن کرنہٕ آمٕژ۔ توٚے اوسُن بڑٕ وٕنٛتھے وۆنمُت:

مےٚ گۆژھہ عُمرِ خضر دِیُن ذاتِ بأری
مےٚ منٛز نعتکۍ تھوٗنۍ گۆژھہ چشمہٕ جأری
بہٕ کرٕہن آتشین دوزخ غرقِ آب
بہِشتس پانٕہٕ کرٕہا آبیأری

نعتس منٛز چھُ سہ ربُّ العالمین تہٕ رحمتہٕ للعالمینٛک پنٕن پنٕن بجر تہٕ عظمتُک معیار تہِ رٕژھراوان یٚیلہِ سہ ونان چھُ:

خدالیس ہیٚوٗ نہٕ کانٛہہ اکھ قدرتس منٛز
رسولس ہیٚوٗ نہٕ کانٛہہ اکھ عظمتس منٛز
چھِ دۆشوٗے لاشریک اندر صفاتن
معصوم رووُمت اتھ وحدتس منٛز

فأضل صأبُن نعت پٔرِتھ چھُ پتہٕ انسان ژھینان زِ تمن چھُ علمِ تصوٗف تہٕ علمِ دِین علاوٕ حضورِ اکرمنٛ ہٕنٛدِ صورت وسیرتُک صحیح مطالعہٕ تہِ اوسمُت تہٕ یوٚہے وجہ

چُھ زِ تِہنٛد بن نعتن منٛز چھ نبی پاکٕ ہُنٛدی شکل وشمائلکی انہار شکلاونس ستی تِہنٛدِ سیرٕ تکی انہار تہٕ قرآن تہٕ حدیثِ پاکن ہنٛدِ حوالہٕ شارٕ ناونہٕ وِزِتہٕ امیُک پاس تہٕ ادب رچھان۔ پننس ابدی معشوقس لولہٕ برٕژ سلامہٕ سوزان تہٕ چھ فاضل شرعی حدوٗ دن تہٕ قدرن ہُنٛد تہٕ پاس رچھان:

السلام اے صاحبِ خُلقِ عظیم

السلام اے مالکِ عقلِ سلیم

السلام اے ذاتِ پاکِ بے نظیر

السلام اے نُورِ حق روشن ضمیر

یتھ کتھِ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ فاضل صابن چھُ نعتس منٛز نعتکی لگ بھگ سأری لوازِمات شعوٗری طور ورتأوی متی تہٕ یمن منٛز اکھ نوبرتہٕ اکھ نٔو لےٚ عطا کٔرمٕژ۔ یہنٛد بن نعتن ہٕنٛز نغمگی تہٕ سوز و گداز چھ یمن پننین ہمکال نعت گو شأعرن منٛز اکھ ممتاز درجہٕ دِوان۔ نعتس منٛز وَنہٕ وَنک اندازیٚ دوٚے کأشرِ نعتیہ شأعری منٛز ثناء اللہ کریری لیس تہٕ عبدالاحد نادم سُنٛد دِیُت چھُ تاہم وٕژن چالہٕ فاضل صابنین نعتن منٛز چھ یہٕ انہار تہٕ لےٚ زیادٕ زیادٕ کاڈ کڈان تہٕ نسوأنی لہجہٕ دلچسپ تہٕ تأثیر بخشہٕ وُن بنان۔ یمن نعتن منٛز چھ فاضل صابن ادب رٕ چھرٕ چھ تہٕ سیرت پاک کین گوشن تام پنٛنہٕ تخلیقچ وٕ پھوٗ پھنأومٕژ:

اسہٕ گنڈی ازلی نٔورس ڈٔری یے

شوٗب أنی آنسرٕ وٗریے لو

گٹہِ منز گاہ ژۄو ماہِ انۆرِ یے

شۆب أنی آنسرٕ یے لو

☆

شاہِ لولاکوٗ روزٕ ڈٕرِ ڈٕرِ یے

سبزِ رُک پزٕرُک ژونگ زأ لِتھ

فأضل أسی گژھو تارٕ تٕرِ یے

شۆب أنی آنسرٕ یے لو

یا

اَولے پأدٕ گۆو چون نۆرانے

جانِ جانانے ہاو دیدار

نۆرٕ ستی زندگی شولہٕ مارانے

جانِ جانانے ہاو دیدار

یا

نُندٕ بانہٕ مدنی لالہٕ گُلن مالہٕ کرأیو

گرٕمیون ژٕ یکھنا سالہٕ أچھن پیالہٕ برأیو

والصبح رولیس رُوٗبرو قرآن تہٕ مشن چھم

مےٚ دُوچشمہٕ لوسم ژٕیےٚ وچھتھ سپارٕ پرأیو

مرثی چھےٚ عقیدتی شأعری ہنٛز اکھ باگہٕ بُرژ صِنف تہٕ سانہٕ کأشرِ شأعری

منزٕ تہٕ چھُ امیُک خاطر خواہ سرمایہِ موجود۔ یتھین چھےٚ یہِ کتھ تہٕ پھِرٕنی لایق زِ نعت پتہٕ چھُ عقیدتی شاعری منز رثائی شاعری ہُندا اکھ جان خزانہٕ موجود۔ عربی تہٕ فارسی زبانٕ نو پتہٕ ووت رثائی ادب اردوٗ زبانٕ منز تہٕ مرزا دبیر تہٕ میر انیسن پڑ وواتھ منز تھکُن لایق مقام۔ تاریخِ اسلامُک ناقابلِ فراموش واقعہٕ، واقعۂ کربلا کہِ حوالہٕ چھُ سانہِ رثائی شاعری ہُندا اکھ مولُل خزانہٕ جمع گومُت۔ فاضل کاشمیری صاٸبن چھُ ''تصویرِ غم'' تصنیف کہِ حوالہِ اتھ منز تہِ پنُن زورِ قلم ہوومُت تہٕ واریاہ تھکنٕ لایق تہٕ معیاری مرثیہِ، نوحہ تہٕ وبدا اکھ لیکھِتھ مرثی رِکس مادانس منز تہِ پننٕ شاعرانہٕ حیثیت تسلیم کرناوِمٕژ۔ مثلن یمن شعرن منز وُچھتو فاضل صاب رِکتھٕ گٔنی چھُ کربلاکین واقعن پننہِ وبدا اکھکی جامہٕ لاگان:

حُسینسؑ کربلا گزریوٗم کیاہ گوم

مےٚ زخمن نوٗن تیلیوٗم کیاہ گوم

گُلابن کاژٕ رنگ پھیُر تاپہٕ کزایو

نبیؐ سُند تازٕ گُل ژمتیوٗم کیاہ گوم

شُربن پیٹھ ظالمو کوٚر تیرٕ باران

علی اکبرؑ پتھر ہا پیوٗم کیاہ گوم

☆

وا دریغا جانِ زہرا پوٚترٕ گاشس اوٚش ہران

اصغرؑ ہے اصغرؑ، ہے اصغرؑ عالم ودان

چُھکھ منزٕ لۍ مہرازٕ چھوٚت چھوٚتے پوٗلٕر زن شینہٕ تھوٚس

محشرو ہے محشرو محشرو عالم وَدان

مشہورِ زمانہ سوامی، سوامی لکشمن جون چھ فاضل صأبنہٕ حوالہٕ لکھان زِ:

"میانہٕ سرنہٕ سوٗنچنہٕ حسابہٕ چھ فاضل صأب اکھ لاجواب کرٛشن

بھگت۔ یِمن نِش رنگ، ذات تہٕ مِلّت کانٛہہ تفاوت چُھنہٕ بُتھِ انان"

مذہبی رواداری، بأے بندٕت، اخلاص تہٕ مِلہٕ ارتہٕ ایثار انسأنی رواری تہٕ اتحاد تہٕ اتفاق تہٕ اکھ أکِس ستی ماے محبت بأگراوُن تہٕ وسیع القلبی ہُنٛد ثبوت دِیُن تہٕ پرٛتھ کانٛہہ انسان خداے تعالیٰ سُنٛد عیال گنٛزرُن چھ اسلامُک تمام بنی نوع انسان سِنٛدِ خاطرٕ اکھ آفأقی پیغام تہٕ یِہے ہِشہٕ انسأنی تہٕ اخلأقی قدرن ہُنٛد لحاظ چھ فاضل تِھٕہن ہوٚبن شعرن منٛزٕ اسہِ تام واتناوُن یژھان:

مندرُک ناقوس سحرٕچ بانگ زن زن کل گنن

یم چھِ یزٕ آلو چھِ وُزناوان دِلن تن بدن

مقصدس منٛز أسی چھِ یکسان

چھلان ہیٛنٛدِس مُسلمانس وِینٛکی مَل

تِتھے پأٹھی چھ فأضل صأبن سِکھ مذہبکی بأنی بابا گورو نانک سِنٛدِس رۄحأنی بجرس پٮ۪ٹھ خراجِ عقیدت پیش کران لکھان:

ست گورو اے مردِ درویش ست گورو

چھی دِوان نذرانہٕ گُل دیش چار سُو

چھکھ زمانُک گاشہٕ تارُکھ نیک سیرت پاکباز

اے دِل بے امتیاز ست گورو

☆

وحدتُک پیغام صلحُک آفتاب

دِل تہٕ شِل چھی وُسعتن منز لاجواب

چون سرگم میوٹھ آلو خوشوُن تےَ دِلنواز

اے دِل بے امتیاز ست گورو

کأشرِ زبأنۍ ہُند پایہٕ بوٚڈ ادیب، محقق، نقاد تہٕ تہذیب شناس محمد یوسف ٹینگ چھ فأضل صأبنہٕ شأعری ہِندِ حوالہٕ ونان:

''فأضل کاشمیری چھ کأشرِ شأعری ہُند سہ پایہٕ بوٚڈ رُکن ییمۍ مہجور صأبس لرِ لوٚر رٹنہٕ فنُک ژونگ زول۔ ییٚچ رنگٕلی ریٚہہ ازتہٕ پوٚرِ شانہٕ سان چھےٚ تابان۔ سانہٕ ادبہٕ کیو بٔنڈ تو چھنہٕ فأضل صأبنہٕ بجرُک انداز ہیوٚ کمٕت گرِتھ۔ اتھ منز چھنہٕ تہٕ تہٕ نیوٚ ہُند قصورٕ ے یوت، تہنزِ بصارژ ہُند فتور تہٕ۔ أسی چھنہٕ ادب زانٕہہ روایتی معیارو پرکھأوِتھ ہبکان۔ فأضل صأب چُھنہٕ سون روایتی شأعرٕ ے یوت، بلکہٕ چھ سہ ادبی فرہاد، ییمۍ کأشرِ شأعری ہِندِس ہم رنگ چمنس منز رنگا برنگی دودِ کول أنۍ ہو چھےٚ۔ اِہو کہٕ چھےٚ کأشر بولُکو فأضل صأبنس کلاس سپنس منز جاے شیر ہو۔ فأضل صأبنہٕ شأعری ہُند چھ پانہٕ زندگی

ہندی پأٹھی بے آنت تہٕ وِشال۔ سُہ چھ واریاہن ذہنن تہٕ رۄحن

ہُند شاعریُس یمن تسکین بخشان چھ"

یِتھے پأٹھی چھ مرحوم محمد سلطان وانٹ فاضل صابنہٕ شاعری پیٹھ تبصرٕ

کران لکھان:

"فاضل صابنہٕ شاعری ہُند بۆڈ وصف چھ اِچ حد درجہٕ سہل

زبان تہٕ یم چھہ عالمی اَنٛوٕتکی نغمہٕ خواں"

فاضل کاشمیری صابنہٕ عقیدتی شاعری ہُند اکھ بۆڈ تہٕ باگہٕ بۆرُت حصہٕ

یۆدوے نعت ہسے پیٹھ مشتمل چھ تہٕ "انوارِ محمدیؐ" ہنزِ شکلہِ منزٕ اسہِ تام ووتمت چھ

تہٕ تیمی یمن قبولِ عامُک درجہِ بخشُمت چھ۔ تاہم چھ یمو اولیاء کرامن تہٕ غأر معمولی

شخصِیتن ہِندِس شانس منزٕ تہٕ خراجِ عقیدتکی شعرتہٕ قلمبند کری متی۔ حضرت سلطان

شیخ حمزہ مخدومؒ سِندِس شانس منزٕ یمو اَکِس منقبتس منزٕ یِمہٕ انمانہٕ پنٕنی ڈالی پیش

گرٕمٕژ:

نجاتُک وۄژ چھ وقتُک واصل کار
مگر زانُن بے پیرن رٕکیٛت چھ دشوار
تھزر سلطانہٕ سُند ایمانِ کاملِ
چھ ژینان سے خدالیس یُس چھ واصِل
شعورِچ آگہی اللہ اکبر
شعورس واتی متی منزل کران سر

چُھ سلطان پوشہِ وُن تھوٚد پیر میٚونے
وَندس زُو جان پوتھر شُری بأژ کرٕونے

فأضل صأبنہِ عقیدتی شأعری ہُند دامن چُھ وسیع۔ سُہ چُھ اتھ رنگس منٛز تہٕ اکھ سیکولر کردار پیش کران۔ ییٚلہِ سُہ نعت و منقبتس ستی کرٛشنہٕ لیلایہٕ، بھجن بیترِ ست گوروِ یا گرٛنتھ صحب کین ترجموٕ ستی کٲشرِ ہنٛدِس مِلوارس تہٕ بأے بنٛدتس سگوان چُھ تہٕ لیس نِش رنگ ذات تہٕ مِلت کانٛہہ ٹھوٚر چُھنہٕ بنان۔ توٚے چُھ ڈاکٹر کرن سنگھ فأضل صأبس متعلق لکھان:

"لل دید تہٕ نُندرٟشی ہنٛزن روایٲژن ہنٛز آبیأری کران چُھ
فاضل صأبن مِلوارُک موٚدُر مَس جأری کوٚرمُت۔ تیمہِ ستی کُنہِ تہٕ
مذہبک یا مِلتُک انسان شاداب سپدان چُھ"

الحاج فاضل کاشمیری چُھ کٲشرِ ادبُک اکھ رنگہٕ بختاور شأعر، تیٚمی کٲشرِ شأعری ہنٛدِس باغس رنگا برنگ پوشہ پھولنأوی، یُہنٛز خوشبو از تہٕ پرٛتھ کانٛسہِ کٲشری سُنٛد دماغ معطر تہٕ دِل منور کران چُھ۔ سُہ چُھ تموٚ خوش نصیب شأعرو منٛزٕ یِم پننہِ حیأتی منٛزٕ پننوٕ اچھو پننِس کلامس قبولِ عام حأصل سپدان وُچھ۔ تِمی سُنٛد حوصلہٕ بڑیاوأ اکھ رٗوحأنی خوشی، اکھ سکوٗن تہٕ اکھ تسکین گوٚس حأصل۔

فأضل صأبن یِوٚ دوٚے شأعری ہنٛزن لگ بھگ تمام ذاژن منٛز طبع آزمأیی کرٕمٕژ چھےٚ تاہم یِہنٛدِس سأرِسے کلامس پیٚٹھ نظر ترٛاوِتھ چھےٚ یِہ کتھ ٹاکارٕ پأٹھی محسوس گژھان زِ یِہنٛزِ عقیدتی شأعری ہُنٛد پوٚترُ چُھ گوٚب تہٕ تہٕ معیأری تہٕ، تہٕ

کلہم پاٹھی چھےٚ اتھ منٛز شاعرانہٕ پوختگی تہٕ فنی اعتبارٕ خوبصورت تہٕ تہٕ مولُل تہٕ۔

فاضل صابُن غزل اُسِتن یا نظم، نعت اُسِتن یا منقبت، تٔمی سنٛز مۆ درلِیہٕ تہٕ سہل زبٲنی ورتاون دِژتتھ کاشُر بن ہٕنٛدِس دِلس منٛز جاے۔ تِمس آو پیکرتراشی یا مُصوری خاطرٕ گنہٕ انگریزی زبٲنی ہُند ورڈس وَرتھ تہٕ گُنہٕ اردو زبٲنی ہُند نظیر اکبرآبادی ناو دِنہٕ تہٕ بعضے بے مثال نعت نِگٲری خاطرٕ فارسی زبٲنی ہُند جامی تہٕ قرار دِنہٕ۔ پزر چھُ یہِ زِ شاعری ہُند کانٛہہ تہِ صنف اُسِتن فاضل صاب چھُ اتھ منٛز پننہٕ انفرادیت ثابت کرِتھ پرٕتھ رنگہٕ اکھ پُرگوتہٕ ممتاز شاعر دِژیٹھی یوان۔

☆☆

سید ذی شان فاضل
اردو پیٹھ ترجمہٕ: رشید کانسپوری

# مراۃ الفاضل

مُمبیہ ہٕنٛدِ سٕدرٕ پیٹھٕ دوٗر سبٹھاہ دوٗر اکھ بوٚڈ بارٕ سمندری جہاز کتھ تام نامعلوم منزلس کُن چکہٕ چاوٕ سان پکان۔ شام وق اوس سپدن وول۔ جہازٕکس أکِس بڈِس تختس پیٹھ اکہِ اندٕ بہٕ تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ میأنی موج سوار۔ ترٕیمہِ پاسہٕ أکِس تھدِس ہیرٕ پأوِس پیٹھ میون والد بزرگوار الحاج فاضل کاشمیری ووٚدنی پٕٹھن روایتی پوشاک لأگِتھ آسمان کِس کھُلہٕ ڈُلہٕ تھزرس دوٗر دوٗر تام واش کڈِتھ ستہٕ رٕنگی نبہٕ سٕنزس وٕنی دِلس منز روومُت۔ سمندرُک کشادٕ سینہٕ ژٹان اوس سون جہاز پنٕنی پوٗرٕ شان وشوکت ہیتھ بڑونہہ بڑونہہ پکان۔ بڑونٹھی کنہٕ آسی رنگ بٕرنگی اوبٕر لنگ اسمانس اورٕ یور گتھ کران۔ اکھ تھدِ پایہٕ عظمت تہٕ استقلال وول سرٕ یہِ اوس سٕدرٕ سٕنزِس تھاہ لاینہٕ باپتھ ہوٗل گنڈِتھ۔ نبہٕ نبہٕ کرونو سرٕ یہِ زٕژوٕ ژٕتی اوس سٕدرُک آب موللہِ موٚختیٕ پأٹھی أکِس کھُلہٕ تہٕ بےٚ ووٗنت مأدانکی پأٹھی شولان۔ یہٕ گوس یہِ نظارٕ وُچھتھ ہےٚ بنگہٕ۔ مےٚ کوٗر سبٹھاہ ادبہٕ سان وٕژھ وأنٛجہِ خداتعالیٰ سٕنٛزِ بارگاہِ منز عرض زِ یا اللہ مےٚ چھُنہٕ پنٕنہِ وأنٛسہِ تہٕ پیٚشس دوران از تام

یُتھ ہیوٚ دِلکش، دِل مُہتھ تہٕ تھف ژٕ ھننٕ وول نظارہ اوٚ چھمُت ۔ییلہٕ زن بہٕ لوٚ کہٕ پانہٕ پیٹھے قدرت کہٕ حُسنُک قٲیِل چھس تہٕ پتہٕ موٚ ۳۰ ر ہوٚ رِیوٚ پیٹھ کیمرہ ہتھ حسیٖن کھوتہٕ حسیٖن شئے عکس بند کرنٕچ بھرپوٗر کوٗشش چھس کران۔

یہٕ وُچھتھ گوس بہٕ صُبحس بیدار۔ دوہ دِرٕشکی پاٗٹھی آیہٕ میانٕی کوٗر زینت مے چاے ہیتھ۔ چایہٕ پیالہٕ رٹان کوٗر مے تس پانس برٛوٗنہہ کنہٕ بیہنک اشارٕ۔ سوسپز ہنا حاٗران تہٕ پیٹھی مے برٛوٗنہہ کنہٕ۔ زینت اُس میانہٕ بُتھِ پیٹھ وٚتلن واٗلی تاثُرات ژیٖننس اہباز گمٕژ۔ تمہٕ کوٗر اوٚے عادتہٕ مطابِق سوال۔ درجواب وٚنُس مے سوٗرے خواب۔ خواب بوٗزِتھ گُر تمہٕ ژھوپہٕ۔ یہٕ خواب اوس دراصل پننہٕ والِنس دوہن منز کانٛہہ خاص تہٕ اہم واقعہٕ بُتھِ تِنٛچ ژینہٕ ون۔

یہٕ واقعہٕ چھُ ۴ ر جُلاے ۲۰۰۴ء آتھوارِ صُبحُک۔ محترم فاضل صابٕ بس اوس پتہٕ موٚ کینٛژو دوہو پیٹھ صحت خراب۔ پوٗر اکہٕ ہفتہٕ یعنے ۱۱ ر جُلاے ۲۰۰۴ء آتھوارِ دوپہچہ ساڑِ ترٕیہٕ بجہٕ سپُد تسُند روح عالمِ برزخس کُن روانہٕ۔ یتھٕ پاٗٹھی گوٚو ۸۸ ر وٚری واٗنسہٕ ہُند زیوٚٹھ سفر پزٕ اُتھ یہٕ تابہٕ وُن سرٕ یہٕ پننہٕ اگر ژٕ یادٕ ہیتھ بے وٚونٛت سمندرٕکس سنٛرس اندرٕ ڈُنگ دِتھ۔

حضرت الحاج غلام احمد فاضل کاشمیریؒ سٕنٛز ذات چھنہٕ محتاجِ تعارُف۔ سُہ اوس اکھ تھدِ پایہٕ عاٗلم باوٕ ستادشاعرتہٕ تھدِ درجُک نعت گو۔ تسُند ادبی سفر چھُ ۷۰ ر وٚری زٕ ٹھِس وقتس پیٹھ واش کڈِتھ۔ ۱۹۲۸ء پیٹھٕ ۲۰۰۴ء تام لیچھِ تمی بیوٚن بیوٚن موضوٗعن پیٹھ الہٕ پلہٕ ۴۰ ر کتابہٕ۔ یہٕ چھنہٕ گفہٕ کتھ۔ کٔشیرِ ہُند حُسن چھُ تمی

پننِن شعرن منٛز صبح کہِ نوٚر کی پأٹھی لوٗکن ہِنٛد بن دِلن تام واتنوومُت ۔ لفظ، ژأر، تشبیہہ، اصطلاح تہٕ ترکیبہٕ ورتاوس چھُس نہٕ جورٕ ے۔ تمۍ ہٕنٛزِ شأعری ہٕنٛز بڈ خصوصیت چھےٚ یہِ زِ تتھ چھِ لوٗکہ پننۍ نمایندگی زانان۔ تمۍ دِژ نہٕ پننِن لیکھن منٛز وُٹھتھ تہٕ وُرپہٕ پأٹھی خیالات باونس جاے۔ یہِ کینٛژھا تہِ لیوٗکھُن تہٕ لیوٗکھُن وٕژِھ وأنٛجہِ۔ تیٚتھ تحریک تس روٗحأنی طور نصیب سپز۔ یوٗہے وجہ چھُ زِ تمۍ سُنٛد نعتیہ مجموعہٕ ''انوارِ محمدی'' آواز تام ۱۲ ربہِ لٹہِ چھاپنہٕ۔ اتھ مجموٗعس منٛز شأمل نعت چھِ مسجدن، خانقاہن، مولوٗد محفلن تہٕ اہم اسلأمی تقریباً پٮ۪ٹھ سبٹھاہ احترامہٕ سان پرنہٕ یِوان۔ تمۍ لیوٗکھ اسلامیہ ہائی سکول رازے کدلہٕ تمہِ وقتہٕ مشہور نعت ''صلو علیہِ دائما'' ییٚلہِ سُہ أٹھمہِ جمأژ پران اوس۔ اتھ کتھِ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ سُہ اوس خداداد صلأحیژن ہُنٛد مألِک۔

مرحوم فاضل صأب اوس انتہأیی ساد طبیعت۔ ہاوٕ باوٕچ أسس سخ نفرت۔ ساد کھین چین اوس پسند کران۔ یتھ منٛز ہاکھ، بتہٕ تہٕ دوٗدٕ ے یوت شأمل چھُ۔ عام طور اوس شیروأنی تہٕ پتلون لاگان تہٕ ووڈِ قراقلی دِوان۔ پوٚرٕ وأنسہِ کوٚر نہٕ تمۍ شیو کرنہٕ باپتھ زانٛہہ بُلیڈ استعمال۔ بُلیڈٕچ کأم اوس سُہ کلس مس کاسنچہِ زیٖرٕ و ڈِگری مشینہٕ ہوان۔ شاہنامۂ اسلام، مُسدسِ حالی، بانگِ درا، دیوانِ غالب آسہٕ تسنٛز پسندیدٕ کتابہٕ۔ رنگ برنگی پوش أسس سخ ٹأٹھی۔ مُغل باغن ہِنٛدِ حُسن و خوبصورتی تہٕ پُراسرار مناظرن ہُنٛد حظ اوس تمہِ وِزِ تُلان ییٚلہِ نہٕ تتہٕ پٮ۪ر بارٕ ے آسہِ ہے۔ اکثر اوس صبح نماز پٮ۪رتھ سکوٗٹرس پٮ۪ٹھ نشاط باغ گژھان۔

مولانا غلام نبی مبارکی مرحوم سنز وعظ خوآنی تہٕ بیان کرنک انہار اوسُس بے حد پسند۔ مولانا مرحوم چھ اوسمت سکوٗلس منز فاضل صأبس طالبِ علمی ہنٛدِس زمانس منز اردو پرناوان۔ ڈب تل عالی کدل سرینگرِ سکوٗنت کرنس دوران اوس فاضل صأب مولانا مبارکی صأبس سمکھنہٕ تہٕنٛد گرِ گرگڈی محلہٕ اکثر یوان گوٚھان۔ تمی ہنٛدی کنی اوس وۄستادس اکھ تھوٚد تہٕ اہم درجہٕ۔ مولانا عتیق اللہ صأب مرحوم، مولانا محمد یوسف شاہ مرحوم تہٕ غلام نبی مبارکی صأب چھ فاضل صأبنی آیڈیل روٗدی متی۔ مدینہ منوٗرک اکھ خدا دوس بزرگ شیخ احمد مدنی اوس فاضل صأبس روٗحانی پیشوا۔ یتھے پأٹھی أسی مولانا شمس الدین حیرت کاملی، جیا لال ناظر، سید مبارک شاہ فطرت، سوامی لکھمن جو، شمبو ناتھ الکوثر، خواجہ غلام سیدالدین، محمد حسن وفائی، مولانا محمد فاروق۔ پروفیسر رئیس احمد، بھگت سردار مہتاب سنگھ، گیانی کرتار سنگھ کومل تہٕ محمد سلطان وانٹ صأبس نشہٕ سیٹھاہ متأثر۔ حبیب پینٹر، ملکہ پکھراج، نوٗر جہاں، محمد رفیع، راج بیگم، غلام نبی شیخ فنکارن ہنٛز آواز أسکھ خوش کران۔ شاعری منز اوسُس شاعرِ مشرق علامہ اقبال، ابوالاثر حفیظ جالندھری، غالب، حالی، بکل اُتساہی، رسول میر، محمود گامی شاعرن ہنٛد کلام تہٕ اندازِ بیان پسند۔ شاعری ہنٛدِس فنس منز اوس تمِس اردوٗ زبأنی ہنٛد معروف شاعر سید مہربان حسین مہر شکوہ آبادی وۄستاد۔ خوش نویسی منز اوسُس مرحوم حسن وفائی وَتہٕ ہاوُک۔ لاہور کِس معروف خوش نویس عبدالمجید پروین رقم، تیمی بانگِ درا کتابہٕ ہنٛز کتابت چھے گرہمٕ، سُنٛد لِکھ اوس فاضل صأبس بے

حد پسند (بانگِ دراچھ گوڈنچہٕ پھرِ ۱۹۲۴ءمنز چھاپ سپز مٕژ)۔ حافظ محمد اسماعیل ،سیف الدین قاضی مرحوم، قاضی غلام رسول (ریٹائرڈ چیف انجینئر) خوشدِل کاشمیری، سید غلام احمد قادری منطقی ،سید قاسم شاہ بخاری، مولانا سلیم جاوید غزالی خانپوری، مولانا محمد سید مسعودی، آغا سید یوسف الموسوی، مولانا سید جلال الدین غازی ہوبن تھدِ پایہٕ صاحبِ فہم تہٕ جلیل القدر شخصیاتن ہٕتی اوٗسُس والہانہٕ لگاو۔

فاضل صأب اوس خوش لحن۔ مشاعرن منز اوس مخصوص ترنمس منز کلام پران۔ مےٚ چھُ سُہ وارِیاہن لٹہِ سرینگرِ کس ٹوُرِسٹ ریسپشن سنٹرٕکس مرکزی ہالس منز ریاستی تہٕ مُلکی سۄتھرٕ کین منعقد سپدن والین عظیم الشان مُشاعرن منز شرکت کران وُچھمُت ،یتہِ شعر و شأعری ہنٛدی عاشق نِصف راتھ تام شأعرن ہُنٛد کلام أسی بوزان تہٕ پتہٕ راتھ کُیت وۄتھلی پٔتن پٔتن گرٕ گژھان۔ تَمہِ وقتکی وزیرِ اعظم جموں وکشمیر مرحوم بخشی غلام محمد، وزیرِ تعلیم ہربنس سنگھ آزاد تہٕ ناماوار صحافی شمیم احمد شمیم أسی یِوٚھن محفلن ہُنٛد سٕنز کرٕناونس اندر پانہٕ برٛونٛہہ برٛونٛہہ آسان۔

فاضل صأبنین رُت کانچھن والین ہُنٛد دأیرٕ اوس وسیع۔ میانہٕ لوکچارٕ ییٚلہِ أسی ڈب تل روزان أسی، فاضل صأب اوس پننہِ مکانہٕ کِس ہیٚری مِس پورس پیٹھ راتس ژ۪یرٕ تام ہارموٗنیم وایان تہٕ انتہأیی مۄدرِ آوازِ منز أسی گیوان۔ محلکی شوقین أسی دارِ بن پیٹھ ہیتھ بوزان تہٕ محظوٗظ سپدان۔

فاضل صأبن پٔرٕ وارِیاہن پھرِ جامع مسجد تہٕ بازار مسجد سرینگرِ خصوصی اجتماعن منز لچھِ بدٕبن مسلمانن ہٕنزِ موجودگی منز پٔننی نعت۔ شبِ قدر تہٕ شبِ برأژ

ہنٛد بن مُتبرک شبن منٛز اُسی تس لۄکھ نعت پرنہٕ باپتھ خصوصی طور سالہٕ نوان۔

تۄ ے ووت تٔمی سُنٛد کلام کٲشرِ ہنٛدِس پژتھ گرس تام تہٕ سُہ بنیو وپژتھ گرُک گرقلی

ناو۔ سرکٲرۍ ژاٹہٕ ہالن منٛز تعلیم تہٕ علم وادبس کُن شُر بن ہُنٛد ظوُن پھِرنس منٛز رُوٗد

جناب فاضل کاشمیری سُنٛد اکھ اہم حصہٕ۔ تٔمی بنوو پژتھ اکھ سُہ ژاٹہٕ ہال تہٕ تعلیمی ادارٕ

اکھ مثٲلی Institution،ییٚتہٕ تٔمی پانہٕ بحیثیتِ ووستاد کٲم کٔر۔ یہٕ کتھ چھےٚ قٲبلِ ذکر

زِ تٔمسُنٛد گہٕ منٛز تٔمی سنٛز بے مثال تعلیمی خدمات نظرِ تل تھاوِتھ آو تٔمن ''سرسید'' لقب

دِنہٕ۔ عٔلمہٕ کِس معاملس اوسنہٕ سُہ زانٛہہ اندازٕ تہٕ قیاس کرنس ستی اتفاق کران بلکہٕ

اوس معتبر تہٕ قٲبلِ اعتماد حوالہٕ جات ژھانٛڈان روزان۔

مرحوم فاضل صاب اوس اصولک پابند۔ تٔمس اوس ہمیشہٕ پۄز وننٕک

عادت۔ تٔمس اوس پژتھ کانٛہہ کٲم ایمانداری تہٕ ہۄل گنٛڈِتھ کرنٕک وصف۔ تٔمی

تُلِ ۵۲ رۄ ری وأنسہِ منٛز سری گورو گرنتھ صأبس ترجمہٕ کرنٕچ کامہِ دٔس۔ امہِ باپتھ

گٔر تٔمی گوڈٕ پنجأبۍ زبان تہٕ سِکھ مذہب تہٕ ادبہٕ کین معتبر ووستادن تہٕ عالمن نِشہٕ

زانکٲری حاصل۔ اِدٕ نٮ۪ن یہٕ نوزُک کٲم دردٔس۔ یہٕ عظیم کٲم واتناوِ تٔمی پۄرٕ کامیأبی

سان اند۔ زندگی ہنٛدی تمام آرام تہٕ آسأیشہٕ ہنٛدی چیز آسِتھ اُستھ تہٕ مشرأونہٕ تٔمی

پنٕنی رہت۔ ترِ امۄ ترامہِ منٛز بتہٕ کھیۄن، سائیکلس پیٹھ میلہٕ وادن پکُن (پتہٕ پہن

اوس سکوٹر تہٕ چلاوان)۔ گرچہٕ موٹر کارِ منٛز سفر کرنہٕ نِشہٕ پتھ ہیۄن، پنٕنی پژتھ کانٛہہ

ضرۄرت حلال چہ کمایہٕ ستی پۄرٕ کرٕنی، فضول نہٕ وانس پیٹھ بہُن تہٕ وق ضایہٕ کرُن

اوس نہٕ تس گٔلیتأ تہٕ پسند۔ جاناوارٕ و منٛزٕ اُسس کُکل سخ ٹأٹھ۔ دیان اوس کُکل

چھِ ہمیشہِ خدایس یاد کران روزان۔ ڈب تل عالٕی کڈلہٕ روزنس دوران اوس پننہِ مکانہٕ کِس پتس پیٹھ گانٹہٕ بزارِ گنڈان۔ لوکچارس اوسُس نہٕ گانٹہٕ بزارِ گنڈنک وق میوٚلمُت۔ اوٚے اوس پننہِ نین شُر بن ہنزِ موجوٗدگی منز یہِ شوق پوٗرٕ کران۔ سُہ اوس ناماوار نعت گو ابوالحسن فاروقی سنزِ آوازِ ہُنٛد عاشق۔ دپان اوس یہِ چھےٚ مےٚ پننِ آوازِ یوسہٕ اثرٕ برٕ ژھچھَ۔ فاضل صابن ووٹ نہٕ زانٛہہ پنُن پان کُنہِ جماعژ، سیاسی تنظیم یا کُنہِ خاص نظریہِ ہَس پیروی کرن واجنہِ جماعژ ستی۔ تمہٕ ہوٚز ہمیشہِ پننہِ دِلچ آوازِ تہٕ یہِ کینژھا وٲرِ دسپدُس تہِ لیوٚکھُن لفظن ہنٛدی جامہٕ وٲلتھ۔ سُہ روٗد پانس حُسن تہٕ قبح کڈن والین نِشہِ تہٕ بیوٚن۔ اکہِ لٹہِ لیوٚکھ ییٚتیکہٕ اکی سرکردٕ لِکھاریٚ اکہِ رسالہٕ باپتھ ''کشمیر میں نعتیہ شاعری'' موضوٗعس پیٹھ اکھ مضمون یتھ منز نہٕ فاضل صابُن ناو اوس ہینہٕ آمُت۔ مضموٗنس متعلق ووٗنُس اکی یارن، اما تمِس کھوٚت نہٕ اکھ رژھ تہِ مضمون نِگارس پیٹھ شرارت بلکہِ تژووٗن اکھ پُرمعنی اُسناہ تہٕ بدلوٗون موضوٗع۔

وٕری ۱۹۹۰ءمنز آو تمِس ساہتیہ اکادمی ایوارڈ دِنہٕ۔ تمہٕ کوٚر گوڈٕ یہِ ایوارڈ رٹنہٕ نِشہِ انکار۔ سُہ اوس ونان ''ایوارڈ میلنہٕ ستی چھنہٕ شاعرٕ سنز پرٕزنتھ بنان۔ شاعر سنز شناخت چھِ لوٗکو ستی بنان۔ انسان ییلہِ دوٚہس ژھییتھ تھٔکِتھ گرٕ واتان چُھ، شامس ریڈیو پیٹھ کانٛہہ نعت، نظم یا غزل بوٗزتھ چھُس روٗحس سکوٗن یِوان۔ عوٲمی مقبوٗلیت چھَ شاعرٕ تہٕ فنکارٕ سنٛدِ باپتھ بوٚڈ ایوارڈ''۔

فاضل صاب ییٚمہِ قسمچ شاعری کران اوس تمہِ واتنوو سُہ شُہرت کِین

تھزرن تام۔ تِمس ووت بے مثال شُہرت تہٕ ہریمانہٕ جان ماٗلی فأیدٕ تہٕ، تِکیازِ تِمی
سٕنزٕ کتابہٕ آسہٕ اتھواَتھو کنہٕ یِوان۔ سُہ روٗد تِمن کتابن ہنٛدی ایڈیشنن ہنٛدی
ایڈیشن چھاپان۔ دراصل چھےٚ تسنٛز شاعری سُہ اَنہٕ یتھ اندر کاشُر بوٚپُن پان تہٕ
پنٕنہٕ تہذیب وتمدنک اکھ ماٗری موٚند عکس لوٚبمُت اوس۔ اوے بنیہ تِمی سٕنٛز شاعری
ہنٛدی عاشق۔

فاضل کاشمیری سٕنٛزِ زندگیہٕ، شاعری تہٕ فنس متعلق بناونہٕ آمٕژن فلمن منٛز
چھُ دوٗردرشن کیندر سرینگر، پُونا فلم انسٹیٹوٹ تہٕ پرائیویٹ پروڈیوسرن ہنٛدِ حوالہٕ
کینٛہہ معتبر ناو۔ جناب غلام نبی خیال تہٕ جناب شاہد بڈگامی صاٮ۪بن کرِ فاضل
صاٮ۪بس پیٹھ زٕ قابلِ تعریف فلمہٕ تیار۔ یِمہٕ وارِیاہہٕ لٹہٕ دوٗردرشن پیٹھٕ ہاونہٕ آیہٕ۔
امہٕ علاوٕ چھےٚ ریان فاضلن تہٕ ۲۰۰۳ ٕ منٛز فاضل صاٮ۪بس پیٹھ اکھ دستاویزی فلم
بناٗومٕژ، یوسہٕ وُنی کتیس مُلکس تہٕ دُنیاہ کیٚن وارِیاہن مُکن ہٕنٛزن لائبریرین منٛز
محفوٗظ چھےٚ۔ کاشرِ شاعری، ادب تہٕ فنس سٟتی دلچسپی تھاون واٚلین عاشقن ہنٛدِ
باپتھ چھنہٕ یہٕ فلم اکہٕ دستاویزٕ کھوتہٕ کم۔ جناب غلام نبی خیال تہٕ جناب
شاہد بڈگامی صاٮ۪بس چھ فاضل صاٮ۪بس سٟتی جان عقیدت روٗزمٕژ۔ اوے کَنی روٗد
فاضل صاٮ۪ب پنٕنہٕ زندگی ہنٛدن اَخری دوہن ناساز صحت آسنہٕ باوجود تہٕ یِمن
دوشونی سرکردادیٚن یِم فلمہٕ مکمل کرنس تام پنُن اتھ بندٕت آیٕت تھاوِتھ۔

فاضل صاٮ۪ب اوس خداوندِ کریم سٕنٛدِ عظمت تہٕ رحمتک دِلہٕ سٟتی قایل۔ تس
اوس نہٕ خدالیس ورأے بیٚیہ کانٛسہٕ ہُنٛد خوف۔ پوٗرٕ زندگیہ روٗد دیندأری،

ایماندٲری، خلوص تہٕ ایثار کِین اصولن پیٹھ ڈٲٹھ۔ ٲخرتس پیٹھ ٲسُس پوٗرٕ پژھ۔ قرآنِ شریف پرُن تہٕ سمجھُن اوسُس دِلی شوق۔ امہِ علاوٕ ٲسُس وظیفہٕ زبٲنی یاد۔ وٲنسہِ ہِنٛدٕ بن ٲخری دہ ہن اوس زیادٕ پہن خدایہٕ سُنٛدِس عبادتس منٛز آوُر روزان۔ اتھ دوران گٔرنہٕ تِمو خاص کانٛہہ ادبی کٲم۔ پنٛداہ ؤری برٛونٛہہ ٲسن پنٕنۍ ٲخری آرام پیٛنڈ پنٕنہِ مکانہٕ کِس آنٛگنس منٛز تھٲوِمٕژ مقرر کٔرِتھ۔ اتھ ٲسن ''مقبرہٕ فاضل کاشمیری'' ٲکِس کنہِ لیکھِتھ لاگنٲوِمژ۔ مےٚ چھُ سہٕ دوہ یہِ لٹہِ انتہٲیی خوشی ہِنٛدِس عالمس منٛز وُچھمُت۔ اکھ ۱۹۵۸ء (یہِ گوٚو ۱۹۸۵ء آسُن، ترجمہٕ کار) یِیلہِ سہٕ زیارتِ بیت اللّٰہ شریف باپتھ روانہٕ سپُد۔ دوٚییم یِیلہِ تس ٲخری غسل اوس دِنہٕ یِوان۔ تس ٲس بُتھس پیٹھ اکھ عجیب بشاشت۔ سکوٗن تہٕ خوشی۔ تِمو سُنٛدِ وصیت مطابق آو تس غسل دِنہٕ پتہٕ سپٕنس پیٹھ نعتیہ مجموعہ ''انوارِ محمدیؐ'' تھاونہٕ۔ دوشوٚے اتھ آس اتھ عظیم المرتبت کتابہِ پیٹھ تھٲوِتھ کفن ولنہٕ۔ نمازِ جنازٕ آو گلشن نگر بائی پاس مسجدِ نیٚبر کنہِ شام نمازِ پتےٚ ادا کرنہٕ۔ پتہٕ آو واپس پنٕنِس ٲخری آرام گاہ گرانہٕ نہٕ۔ یِیتہِ شامچہِ دٔہنہٕ ٲٹھِ بجہِ وصیت مطابق مکان کِس آنٛگنس منٛز دفن کرنہٕ آو۔

قومی تہٕ ریاستی اخبار، آل انڈیا ریڈیو تہٕ دوردرشنن واتنووٕ تِمہٕ سُنٛد انتقال پُرملالہِ خبر کوٗنس کوٗنس تام۔ خصوصی پروگرام، دستاویزی فلمہٕ تہٕ تعزیتی پروگرامن ہِنٛدِ ذریعہٕ آے تِمو سٕنٛزِ زندگی تہٕ کارنامہٕ کٲتیہن دہ ہن گاشراونہٕ۔ تِمہٕ سُنٛد بن مداحن ہُنٛد کاروان رُو دوارِیا ہن دہ ہن تِمہٕ سُنٛدِس مقبرس پیٹھ فاتحہ خوٲنی

باپتھ یوان گژھان۔ فاضل صأب وژاو ییمہٕ عالمہٕ، اماتمی ہنٛز یاد، تمی ہنٛز کأم، تمی سُند وکھرٕ اسلوب خصوصن روزن تمی ہنٛدی نعت أخری دوہس تام قأیم تہٕ دأیم۔ بہٕ چھُس پرٛتھ صُبح خدایس تمی ہنٛدِ مغفرتہٕ باپتھ منگہٕ منگ کران تہٕ ہلم دأرِتھ زارٕ پار کران زِ خدایا اَسہٕ دِی تمی ہنٛدِس نقشِ قدمس پیٹھ پکنُک توفیق۔

جموں وکشمیرٕ کی مقتدر عالم، شاعر، دانشور، صحافی حضرات تہٕ پرٛتھ مکتبۂ فکر کین لوٗکن ہُنٛد اکھ بوٚڈ تعداد روٗ دتھہنٛدِس دوکھہ لدخاندانس تعزیت کران ییمہٕ باپتھ مرحوم فاضل کاشمیری سُند سورُے کنبہٕ تمام کرم فرماہن ہُنٛد احسان مند چھُ۔

☆☆☆

سید رسول پونپر

# فاضلس ستھ رنگ کلامس ہتھ حُسن

بہٕ چھس راوان زِ بہٕ ,کتھٕ کُنہٕ تہٕ کمہٕ انمانہٕ تُلہٕ أ ,کس انیکھ پاسل طرحدار شعرٕ سوٗزل، فکرتہٕ عمل پیکر شاعر، نعت گو، مرثیہٕ گو، شیشہٕ گر، مُصور، ووستاد تہٕ خوشنویس غلام احمد فاضل نہٕ معنہٕ ساوی تہٕ سر ساوی زندگی ہٕنز توسہٕ پنہٕ کتھ۔ سبٹھاہ کم لۆکھ یا لیکھن والی چھِ تہندی پاٹھی زندگی ہٕندِ اکہٕ ہارٕ چھکرنہٕ یتھ تہٕ سۆمبرتھ روزان تہٕ باز زیٔنتھ گڑھان۔ فاضل گوٚ وُنہٕ ہاوٕ بھاوٕ ورأے پننہٕ آیہٕ تہٕ جایہٕ پُروقار پاٹھی کُنہٕ شورٕشرٕ ورأیی تھزِ کارِ ژھوپہٕ دَم گرِتھ آتھوارِ دوہہٕ ۴/ جُلئے ۲۰۰۴ء (م: ۱۵/ جمادی الاول ۱۴۲۵ھ) ۸۸/ وٕری وأنسہٕ وأتِتھ اسہٕ نِشہٕ ہمیشہٕ پاپتھ ژھبنہٕ۔ گُلشن نگر بائی پاس سرینگرٕ چھ پنہٕ نِسے گرآنگنس منز گُلی شہلس تہٕ پوشہٕ گہلس تل اوسۆدٕ زنتہٕ ژٕتبس پاوان:

توشہٕ وُن یاوُن پوشہٕ وُن گُنزریٔوم
اسہٕ وُن لسہٕ وُن سفرُک یار
غاأرزان لاأ ,گتھ اڈٕ وتہٕ ژھبنہٕ گوم
چبنہٕ روٗس پیالہٕ گوم خالی یے

تِہندِ مرنٕچ گوڈنٕچ خبر آیہِ آل انڈیا ریڈیو دِلہِ پیٹھٕ، سرینگر دُوردرشن، ریڈیو کشمیر تہٕ پتہٕ دُوردرشن چہِ نیشنل چَتلہِ پیٹھٕ، یِمو اِدارو کوٚرتس خراجِ عقیدت تہٕ نذر۔ تِمہِ پتہٕ دوٚیِمہِ دوٚہہ وولکھ ریڈیو والوٚ یہِ ونِتھ پشہٕ پیٹھی شِین زِ اظہارِ عقیدت پُٹھی خط پٔتر چھہِ تیتی واتی مُتی تہٕ زِ تِہندنشر کرُن چُھنہٕ ساںہِ باپتھ ممکن۔ یِمہِ باپتھ أسی بوزن والین نِش معذرت خواہ چھہِ۔ یہِ چھےٚ میانہِ زٕبتہٕ وٕترِ مطأبق أکِس کأشرِس پایہِ بڈِس شاعرسٕندِس مرنس پیٹھ سرزدسپز مُژ گوڈنٕچ ثقافتی تہٕ ادبی بے ادبی یوسہٕ شایانِ شان أس نہٕ۔ کأشرو ادبی حلقو زَن نہٕ بوٚزِتھ بوٚزٕ ے نہٕ۔ خبر اسہِ کیاز ِچھےٚ ثقافتی تہٕ تہذیبی بے حسی وُٹکری پأٹھی پزِ گوٚژھ آمُژ۔

مےٚ چھ وارٕ ژٕبتس زِ تژے وٕری بروٚنٹھ یِیلہِ تِہندِس اعزازس منٛزٕ ریاستی کلچرل اکیڈیمی لال منڈی تس ستی ملاقاتٕچ اکھ شاندار تقریب لٔج یِیتہِ تِمی پتہٕ وٚن زِ ووٚنی پزِ مےٚ مرُن یُس زندگی ہُند اکھ حسابہٕ انجام چُھ، تِکیاز ِتس نِش تہِ اوس رضائے مولیٰ از ہمہ اُولیٰ:

مےٚ ژٕ ے مارتم زالتم سوٚر کرتم
بہٕ ما اُف کرَ ے ژٕ وُچھتم نظارا پروردِگارا
ژٕ ے پتھ گُل جہاناہ مےٚ ہارُن چُھ زیٖنُن
ژٕ ے پتھ ہارنس منٛز ژٕ وتم بہٕ ہارا پروردِگارا

کوتاہ اندیش لوٗکن پزِ یہِ پزر ماننُن زِ شاعر تہٕ فنکار یا تخلیق کار یُس کأینات چہٕ ژٕکھرِ ووجہِ پیٹھ ناو کھٔنِتھ چُھ نیران سُہ کتہِ مرزانہہ۔ حافظ نے زِنوٚ:

ہرگز نہ مرد آنکہ دِلش زندہ شُد زِ عشق

ثبت است بر جریدۂ عالم دوام ما

مےٚ چھ فاضل پرٛتھ وِزِ کلس قراقلی ٹوٗپۍ دِتھ وُچھمُت۔ چاہے ونۍ اوس یا ربتہٕ کول، لوکچار چھ روٗمی ٹوٗپۍ دِوان اوسمُت۔ خوش شکل، مِیانہٕ قد، شیٖر وأنۍ تہٕ پتلوٗن لاَرِ گتھ، ڈوٗ گر ڈوٗ گر، گیٚنُدوم، بُتھ کُشادٕ ڈبکہٕ، گنہٕ گنہٕ بمہٕ، ژٕرٕ ژوٗنہٕ سورمٔلۍ أچھ، تھزٕ تھزٕ نس، ووزٕ لی ووزٕ لی وٕٹھی وُٹھ، ژھوٚٹ ژھوٚٹ ہوٚنگنۍ، ژھوٚٹۍ ژھوٚٹۍ ٹوٗکہٕ ٹوٗکہٕ انگ، گوڈٕ گوڈٕ زیٖرو ڈِگری شیوتہٕ پتہٕ خشخاش تہٕ زیوٚٹھ ریش گرِتھ ۂچھِنس اتھس کیتھ دالوٗ بیگ ہتھ لوٚتی لوٚتی تہٕ ژھوٚٹۍ ژھوٚٹۍ پرٛتژ اوٗن، تسبیح پھِروٗن، نرم گفتار فکر مست، ختدٕ جبین پیکر چھ مےٚ وُنہٕ تہٕ أچھِنے تل۔ مےٚ چھ واریاہس پھِرسہٕ کلچرل اکیڈیمی دفترِ مشاعرن، کانفرنسن تہٕ سیمینارن منٛز وُچھمُت۔ سبٹھاہ کم گواوس۔ ہاو بھاو اوسُس نہٕ۔ سہٕ اوس پرٛتھ وِزِ تخلیقی سوچہٕ سٕدرس منٛز بوٚڈِتھ آسان۔ یتھِ پأٹھی تہٕ زنتہٕ زانٛہے نہٕ کِہیں، مگر أکی زیٖرٕ اوس شعرٕ سمندر شولان تہٕ اپھرِ گلشن جیلان۔ فاضل صأبن ووٗن پننس أکِس ملاقاتس منٛز یتہٕ زِ تس کھوٗتہٕ مجبورٕ نٔ شأعری ٹارِ زانٛہہ۔ پزٕرتہٕ چھ یی زِ فاضل چھ سون ہمکال ووٗنُت شأعر، تیٚمی شأعری پیشہٕ رٕنگی پٕتن وُرن ووتھرُن بنأو، نتہٕ نہٕ أس تمہٕ دوہہٕ کأشرِ زبأنۍ تہٕ ادبہ باپتھ ماحول حوصلہٕ افزا تہٕ نہٕ چھ از۔ تمہٕ باجود گرٕ تمی لوٗکہٕ ہٕند بن دِلن منٛز پایہٕ بڈِس شأعرٕ سٕندِ حیثیتہٕ جاے۔

غلام احمد زاو ۳/اگست ۱۹۱۶ء، ڈب تل عألی کٔدل سرینگرٕ أکِس عام

کاشُری سٕندِ گرِ۔ تِمی سُندٕ مول عبدالعزیز اوس اکھ سادٕ مَنُش تہٕ نیک انسان، یُس محنت موٗزوٗری گرِتھ تہٕ نم ژٕم گاٹلتھ دٕہن گُزاری کران، خدایہٕ سُند شُکر بجا اوس انان۔ صوفیانہٕ شاعری ہنز اَسس جان لَے۔ تِمی سُند (غلام احمد) بُڈ بب محمد طاہر اوس پَے ووٗنی۔ تِتھین تاجرن اَسی تِمن دوہن تبت بقال ونان۔ فاضل صاٲبنس مالِس عبدالعزیزس اوس ملارٹہٕ میر محلہٕ پنُن آبایی مکانہٕ ییٚتہٕ سُہ پننین تِژٕ بن بینیٚن سان روزان اوس، تِکیازِ سُہ اوس لوکچِہ واٲنسہٕ منزٕ ے مالی یتیم تہٕ گوٚمت، تیمی کٔرتس گرِ کِس وولہٕ باریس نوژُک شانہٕ دارنہٕ پیٚیہٕ۔ حوصلہٕ تہٕ ہمّتہٕ سان واجِن ترٕیشوٚ ے بیٚنہٕ نکھہ۔ تِم آیہٕ آسن بسن والین گرن منز باٗ گنی۔ ملارٹیک آبایی مکان کِنتھ ہیوٚت غلام احمد سٕندی مالی عبدالعزیزن ڈب تل مہاراج گنج سرینگرٕ پُرنہٕ وارتہٕ بنووٗن اوٚک پور جایہ پاوٗر۔ عبدالعزیزٕنی آشِنی اَس نیک سیرت تہٕ سادٕ دِل خاتون۔ تیمی سٕندِ ڈمبہٕ لَس خدایَن ترٕ ے اولاد سوٗزی۔ زٕ نیچوٚ تہٕ اکھ کوٗر۔ آدنک نیچُو غلام محمد ٹوٹھیو خدایس دٕہہ بہہ وٲہرے کِنتھ تام لاگدار بیمارِ منز۔ دوٚیم غلام احمد تہٕ ترٕیم کوٗر جانہٕ یوسہٕ اَکِس اوسٕ وٕ حال گرس باٗ گنی آ ے۔ غلام احمد یتھ ماحولس منز زاو، پرٛتھیو تہٕ فکرِ پوٚتتھ منز اَس نہٕ شاعری تہٕ علم وادپچ کانہہ تہٕ روایت موجود۔ سُہ آوٕ اکِس عام شُری سٕندی پاٹھی رٹِھنہٕ۔ سُہ اوس لوکچارٕ پیٹھے خداترس تہٕ پاکیزٕ مزاز۔ سُہ اوس نہٕ وقت ضایہٕ کران تہٕ نہٕ اوس ناشایستہٕ وطیٚرس لوٗر۔

ییٚلہِ نہٕ گرس منز لِکھہٕ پرِہنز کانہہ راوِتھے اَس، غلام احمد کِتھ گٔنی ییہٕ ہے

کُنہِ ژاڈِہ ہالس پرنہٕ باپتھ تژ اونہٕ، یوٗ تام سُہ ۹/ وۄہُرتہِ ووت۔ یوٗت زِتس پیوٚو پٔژن مول تہِ پانئے، سُہ (غلام احمد) سکوٗل تژ اونہٕ خاطرٕ آمادٕ کرُن۔ داہ وُہُر غلام احمد آو انجمن نصرۃ الاسلام یتھ تتھ اوٗلس منٛز درج کرنہٕ۔ کتابہٕ مُلی اننہٕ چی یٔژ اُس تٲر زِ غلام احمد لوٗگ دٔنہٕ پننہٕ پرنس کُن، تِکیازِ تس اوس پےٚ زِ گٹہِ منٛز گاشس کُن نیرنٕچ چھےٚ اکے وَتھ تہِ سُہ گوٚو عٔلمک نوٗر ژھاٗرِتھ پرٛاوُن۔ یہِ چھےٚ تسنٛز خوش بختی زِ تس سپدی محمد عاصم سیالکوٹی، مولوی محمد حسن، مولوی غلام نبی مُبارکی تہٕ پنڈت ارجن ناتھ ہوی صاحبِ بصیرت عالم، فاضل تہٕ پایہِ بڑی دَگدار ووستاد پرناونہٕ باپتھ نصیب۔ ۱۹۳۵ء منٛز کوٚر غلام احمدن دٔہمہِ جماژ ہُند امتحان، انجمن نصرۃ الاسلام کہِ ذریعہِ پنجاب یونیورسٹی لاہورٕ پیٹھٕ امتیاز سان پاس۔ میرواعظ مولانا محمد یوسف شاہ صابن گرٕس اُکس بارٕ شاندار تقریبہ پیٹھ دستار بندی۔ اکھ ہتھ تہٕ اکھ روپیہ آس انعامہٕ رٔنگی نقدتہِ دِنہٕ۔ افسوٗس چھ یمہِ کتھِ ہُند زِیہ سون قدیم روایتی تعلیمی ادارٕ تہٕ کُتب خانہٕ سپُد جلےٚ ۲۰۰۴ء یس اندر پُراسرار طور نارٕ بُزی۔ ۳۶-۱۹۳۵ء گوٚو غلام احمد شہرٕ سرینگرِ کس ایس پی کالجس منٛز درج۔ یتہٕ پیٹھٕ پنجاب یونیورسٹی ہُند ایف اے امتحان پاس کوٚرُن۔ تمہِ پتہٕ کوٚرُن ووستاٚدی ہُند بی ای سی تربیتی کورس تہِ۔ غلام احمد آو وِلگام ہندوارِ کس بیسِک سکوٗلک ووستاد لاگنہٕ۔ ۱۹۴۲ء منٛز بنوٚو کھ باضابطہٕ کشمیر سرکل بیسِک ایجوکیشنک سُپر وائزر، تیمی ہندِس حدِ اختیارس منٛز کرگل، لداخ، اسکردُو، گلگت تہِ مظفرآباد تہِ اُسی یِوان سُہ گاہ بےٚ گاہ دورس گژھان اوس۔ امہِ پتہٕ آو سلر (اننت ناگ)

کہٕ سکوٗلک صدر مُدرِس بناونہٕ۔ ۱۹۴۶ء منٛز آو کہٕ ڈٔری یہ کہٕ بی ٹی تربیتی کورسہٕ باپتھ ژارنہٕ یُس جۆمہٕ مکمل کرنہٕ پتہٕ ۱۹۴۷ء منٛز انسپکٹر آف سکوٗلز فرنٹیر اَسکردو بناونہٕ۔ ۱۹۵۰ء منٛز پیوٚو تِمس اسکردو پیٹھٕ راولپنڈی مِیر پور لاہورٕ کِنی شہرِ سرینگر واتُن۔ یور وأتِتھ بنوٗ کھ ٹیچرس ٹریننگ سکول سرینگرُک سیکنڈ ماسٹر۔ تمہِ پتہٕ بنیوٗ گزیٹِڈ تہٕ سوگام لولاب کہٕ ہائی سکوٗلک ہیڈ ماسٹر۔

باغِ دلاور خان، ڈنگی وَچھ رفیع آباد پتہٕ ووت غلام احمد فاضل ہائی سول چندی لورہ ٹنگمرگ، یتہٕ نہٕ شُربن سکوٗل عمارت تہِ میسر أس۔ سرکارن دِتکھ کُل ساڈٔ اٹھ ساس روپیہ زمین مٔلی ہننہٕ باپتھ تہٕ سکوٗل عمارت بناونہٕ موکھ۔ باقے پوٚنسہٕ أسی ہل شری گرِتھ سوٚ مبراوٕنی۔ نوزُک مٲلی حالاتن منٛز دِتُن پانے سکوٗل عمارژ گٔن تہٕ کنہٕ کنہٕ کھنہٕ نوونس قرآنِ کریمک یہِ ارشاد ''السعی منی واتمام من اللہ'' یعنے مے تام چھے کوٗشش کرٕنی، اللہ تعالیٰ ہَس اتھِ چھ اندواتناوُن۔ یہِ اوس ۳ر نومبر ۱۹۶۱ء تہٕ ۲۱ر نومبر ۱۹۶۱ء آیہٕ اتھ نوِ بناوِمژ اڈلیچی سکوٗل عمارژ منٛز پڑھأے شروٗع کرنہٕ۔ ترقی دِتھ آو فاضل صأب رازویر جۆمہِ کہٕ ہائر سیکنڈری سکوٗلک پرنسپل بناونہٕ۔ سٹیٹ انسٹچوٗٹ آف ایجوکیشن سرینگرِ کأم کران گوٚو ۱۹۷۰ء منٛز فیلڈ ایڈوائزر رٕنٛدِ حیثیتہٕ ۵۵ ؤری وأنسہِ وأتِتھ ریٹائر تہٕ روٗ دتمہِ پتہٕ تہٕ کأشرِ شأعری ہُنٛد چمن وِژھ وأنجہِ شیران تہٕ پأرانٕ:

سن مسأ متانہِ سادگی، اتھ اندر چھم آرامِ جان
ہیوٚ مے گُلس گُلس خبرٔ نٛڈی تہٕ دوہے مے گأری مے گأری

وُنہِ اوس نہٕ غلام احمد میٹرک پاس تہٕ ییلہِ سُہ فاضل بنیوو تہٕ شعروٕنٛ ییتٕ تہٕ سُہ شاعرٕ سنٛدِ حیثیتہٕ مشہوٗر تہٕ گوٚو تہٕ صاحبِ کتاب تہٕ بنیوو۔ یہٕ لولُک شعرٕ سفر روٗد ۱۹۳۴ءٕ پیٹھٕ ۱۹۹۸ء تام تقریباً ۵۰ رٕہَن وٕرِین جأری۔ اتھ دوران یم شعرٕ سوٚمبرنہٕ تمٕ چھاپ کرِ، تِمن ہنٛز تفصیل چھےٚ یتھٕ کنٛز:

(۱): گلدستۂ فاضل (اردو) ۱۹۳۵ء

(۲): ترانۂ فاضل (کأشُر) ۱۹۳۵ء

(۳): سروٗد (کأشُر) ۱۹۳۹ء

(۴): کوکری کا پکھ ۱۹۳۸ء

(۵): شیرین فرہاد (ڈراما) ۱۹۳۸ء

کأشرِس معروف شاعر، صحافی، دأنشور، ترجمہٕ کار، نقادہ تہٕ محقق غلام نبی خیال نہٕ وَننہٕ آے یم تخلیقہٕ ڈراما شیرین فرہاد تہٕ کوکری کا پکھ۔ ایچ ایم وِی ریکارڈ کمپنی ہنٛدِ حُسنِ اہتمامہٕ ۱۹۳۸ء ہس منٛز صدابند کرنہٕ۔ تہٕ ذی شان فاضل نہٕ لیکھِتھ شہادٕ ژٕ کنٛ تھاوِ راج پال کمپنی لاہور، یم تخلیقہٕ گرامافون ریکارڈن منٛز بٕرتھ تہٕ محفوٗظ۔

(۶): اپنے وطن میں ۱۹۴۷ء

(۷): انوارِ محمدیؐ، باہ ایڈیشن: گوڈنیُک ایڈیشن ۱۹۵۸ء تہٕ اٚخری ایڈیشن ۲۰۱۶ء

(۸): تصویرِ حج ہکمل گائڈ، گوڈنیُک چھاپ ۱۹۵۸ء، اردو نثر

(۹): ساغرِ مستی، ۱۹۵۸ء

(۱۰): نگہبان، ۱۹۶۳ء

(۱۱): پرپچ گنگ، ۱۹۷۱ء

(۱۲): تصویرِ غم (مرثی) ۱۹۶۵ء

(۱۳): شری جپ جی صاحب (ترجمہ اردو)، ۱۹۷۲ء

(۱۴): کرشنہ لیلا، ۱۹۷۴ء

(۱۵): اسن کھنگالہٕ، ۱۹۷۵ء

(۱۶): میراث، ۱۹۷۵ء

(۱۷): ستھ رنگ، ۱۹۸۳ء

(۱۸): شری مکھ منی صاحب، ترجمہ (رونمائی) صدرِ جمہوریہ ہند ۱۹۸۶ء

(۱۹): پارِ دِ سر، ۱۹۸۶ء

(۲۰): جامِ جم، ۱۹۸۸ء

(۲۱): کاشُر سرمایہٕ، ۱۹۸۹ء

(۲۲): غزل (۱)، ۱۹۹۰ء

(۲۳): غزل (۲)، ۱۹۹۱ء

(۲۴): ستھ کورِ، ۱۹۹۲ء

(۲۵): پمپوشہِ سر، ۱۹۹۳ء

(۲۶): دُعائے معصوم (دُعا، مناجات بیترِ) ۱۹۹۳ء

(۲۷): پرتوِ ستان، ۱۹۹۴ء

(۲۸): سون وطن، ۱۹۹۵ء

(۲۹): ستھ سمندر، ۱۹۹۸ء

## اعزازتہٕ ایوارڈ:

(۱) نگہبان: بہترین کتاب ایوارڈ، ۱۹۶۴ء، وزارتِ تعلیم حکومتِ ہند

(۲) پرچھ گنگ: بہترین کتاب ایوارڈ، ۱۹۷۱ء، وزارتِ تعلیم حکومتِ ہند

(۳) ستھ رنگ، بہترین کتاب ایوارڈ، ۱۹۸۵ء، ریاستی کلچرل اکیڈیمی

(۴) خلعتِ اعزازی، ریاستی کلچرل اکیڈیمی، ۱۹۸۹ء

(۵) ساہتیہ اکادمی ایوارڈ، کأشُر سرملیہ، ۱۹۹۰ء

(۶) خلعتِ اعزازی تہٕ سروپا، ایس جی سی امرتسر، ۱۹۸۶ء

(۷) قومی یکجہتی تہٕ ایکتا ایوارڈ، کرشنہ لیلا باپتھ، راشٹریہ پرچار بھاشا سمتی،

۱۹۷۵ء

(۸) قومی یکجہتی ایوارڈ، وزیرِ اعظم ہند، ۱۹۹۳ء

(۹) شیخ العالمؒ ایوارڈ، ۲۰۰۱ء

(۱۰) خلعتِ حاجنی، حلقہ ادب حاجن، سوناواری، ۱۹۹۷ء

(۱۱) بخشی میموریل ایوارڈ، ۲۰۰۳ء

امہِ علاوٕ چھُ فاضل صأبس گراں قدر ادبی خدماتن ہندِس اعترافس منز حکومتِ جموں و کشمیرُک ۲۰۰۴ء یک خصوصی ایوارڈ تہٕ تو رمُت۔ گُردوارہ چھٹی

پادشاہی، شہید بنگا سرینگر، سیس گنج تہٕ رکاب گنج دِلہِ ہِنٛدِ طرفہٕ تہٕ چھکھ اعزٲزی
خلعت تہٕ سروپا پیش کرنہٕ آمٕت۔ شری جپ جی صاحب، شری سُکھمنی صاحب تہٕ
نُوِمس گوروسٕنزِ بانی ہُنٛد اردو تہٕ کأشُر ترجمہٕ کرنہٕ خٲطرٕ۔

شُبن کاچہ وُسُند فاضل نبن کہن کأشرِ بن نظمن ہُنٛد Eleven Horizons
ناؤوٕ، کٔشیر، وبتھ تہٕ گنگا، سوندر شام، یکسان، دوٚبی بابے، ون ژٕر، زان، ہرُد،
پمپوش، کرٛالہِ کوٚرتہٕ زوٚنہِ منز ڈل نظمن ہُنٛد انگریزی ترجمہٕ چھاپتھ چھ فاضل
صأبنی فرزندِ ارجمند ذیشان فاضل صأبن اکھ بوٚڈ کارنامہٕ انجام دیُت مُت، یُتھ
غأر کأشرِ بن تام تہِ کأشرِ شاعر سُند لولُک لافأنی پیغام واتہِ۔

مے ووت پٔتم کینژہ وٕری ہیتھٕ گیان پیٹھ تہٕ باقٕے ایوارڈن باپتھ فاضل
صأبن ناو تجویز کران، مگر کتہِ سون تجویز کرُن تہٕ کتہِ یمن قومی ادران ہٕنز محدُود
مصلحژہ۔ تس اوسکھ نہٕ یہ ایوارڈ دِنے تہٕ دیُت ہیے نہٕ۔ ووٚنی تہٕ ووٚمے کأنسہِ ہُنٛد
ناو تجویز کرٕنے۔

فاضل دژاو گوڈٕ پانہٕ پٔنُن پیتھ گُن تہٕ وومُت شعری سرملیہ تہِ رٔژھراوِتھ
چھاپمُون کتابن ہنٛدِس صورتس منز پانے تمن کتابت کٔرِتھ۔ فاضل صأبنی ڈکہٕ بٔڈ
کوٚرِ تسکینہ فاضل تہِ شوٚبہِ ہتھ ہتھ شابش زِ تمہِ لیچھِ پننس ماٗلس کاشرِس پایہٕ
بڑِس شاعرسٕند بن شعری کارنامن تہٕ ذاتی زندگی متعلق ''فاضل کاشمیری...... شخص
اور شاعر'' ناوٕ ڈوڈ ہتھ صفن ہٕنز اردوٕ ہس منزٕ صحیح اکھ ماٗری منز کتاب۔ یہ چھ
سبتھاہ غنیمت کاشرِ ادبہٕ رٕکس شہرِ ناپرسانس ییتہِ نہٕ یُوٚپاٗٹھی پنُنہِ محدُود مٕزکہِ دلتہٕ

ورأے بیٚا کھ کاںٛہہ بارَستہٕ دیو وَتہِ بوزنےَ چھُ یوان۔ میٲنؠ خیال چھُ زِ وُنیکتام چھُنہٕ یُتھ زبرپأٹھی کتابورٕنگی، ترجمہٕ تہٕ تصویرٕ رٕنگی کاںٛہہ تہِ کأشُر شأعر پیش گرِتھ رٕژھناونہٕ آمُت۔ امہِ لحاظہٕ چھُ فاضل صأب سبٹھاہ نیک بخت۔ تس اوس آگاہ موٗکُل تہٕ بنوٗن شعروٕنن تہٕ بأگرُن پٔنُن مقدس شغُل۔ شُری دزٕ ایس بیٚیہٕ ہن بزٕ وٕنٛتھ تہٕ تِموٕ یوٚ رُس نوٕ ہن کمپیوٹر تکنیک ورتأوِتھ بیٚیہٕ ہن لول، سی ڈی تیار گرِتھ تہٕ کیسٹن منٛز تِہنٛزٕ ے شأعری تہنٛز ے پننہِ خاص لیہٕ تہٕ آوازِ منٛز ریکارڈ گرِتھ۔

یہِ کتھ ییٚمہِ بزٕ وٕنٛہہ دٔرراوٕنی گیہٕ مُشتھے زِ اسکرٕ دُوہس منٛز قیامس دوران گے فاضل صأبس ڈکہٕ بڈٕ موج رحمتِ حق تہٕ تس سپُد نہٕ تٔمی سُنٛد اخری دیدارٕ ے نصیب۔ فاضل صأبنہِ گوڈنچہِ آشنہِ اوس خدیجہ بیگم ناو، یس ستی نہٕ تس نبارٕ ے آو تہٕ أخرٕ دیُت نس ووندٕ نہ ییتھ تہِ طلاق۔ تہنٛدِ ڈٕمبہِ تہِ أسس ترٕ ے شُری، زٕ کورِ فاطمہ تہٕ کلثوم۔ اکھ نیٚچو احسان۔ بڈٕ کوٗر فاطمی وأجتی نکھٕ یوسہٕ ۴۰/وٕرِش وأتتھ ییٚمہِ عالمہٕ گے۔ دوٗیِم کوٗر کلثوم کرنأوِن دٔہم جماتھ پاس تہٕ ٲج ووستاد۔ احسان اوس طلاقہٕ پتہٕ کیٛنہہ وٕری ماجہِ نِش گوٚمُت۔ بیٚیہٕ مأیِلس نِش پھیرِتھ ییٚنہٕ پتہٕ ہیوٚت نہٕ تٔمی سکوٗل گژھن مَٹی۔ شُری أسی بڈٕی وأتتھ تہٕ فکرِ پیتھ تہِ یِی زانان زِ تہنٛدی مأںٛلی فاضل صأبن چھُنہٕ تسنٛزِ ماجہِ ستی انصاف کوٚرمُت۔ تِکیاز شُر بن چھےٚ پزٕی پأٹھی ماجہِ ہنٛزٕ ے ماے آسان۔ دوٗیِم نیٚتھر کوٚرُن ۱۹۵۱ء یس کٔیت ملارٹ چہِ أکِس اندرأبی سادات خاندان چہِ کورِ سعیدہ بانویہِ ستی، یوسہٕ مأںٛلی یتیم أس تہٕ أٹھمہِ جمأژ پران أس۔ سو أس ۱۹/وٕرِشی تہٕ فاضل اوس ۳۵/وُہر۔ امہِ تا حیات

رٕشتہٕ تارٕ کانٛہ گرٕتھٕنٛدی اَکی ذاتی دوست شعبان شیر صاب ین۔ ۱۹۵۸ء کیٛت کوٚر کھ
حج تہٕ تہٕ سپٕدی زیارتِ حرمین ستی فیضیاب۔ امہِ وِزِ آسس دۆیمہِ آشنہِ ہِنٛدِ ڈمبہ
ژور معصوٗم شُری تہٕ پیٛترٕنی۔ وأنس آسس ۴۲ ؤری مَلکَو ٹاٹھو مدنی لالن
سوزُس نادتہٕ ووت تھٕنٛدِس دربارس منٛز بےپناہ لولہٕ تہٕ احترامہٕ سان:

ژٕ ے چھکھ مددگار میٛون تےٚ سردار غمخوار میٛون تےٚ

سر بو کرٕ ے پادن فدا صلو علیہٕ دایما

''تصویرِ حج'' حج گائڈ چھُ امی سفرِ محموٗدُک رُت ثمر، تیٚتھ بٔڈ خصوصیت یہِ چھےٚ
زِ کتھ فکرِ تارنہٕ تہٕ وَتھ ہاونہٕ باپتھ چھُ فاضل صاب ین امکو مناسب لأزمی تہٕ سوندر
خاکہٕ پانےٚ بناوی متی۔ لرِ لرِ آسی نس جنت نصیب کم کم تہٕ کأتیاہ گون آسس اللہ
تعالیٰ ہِن دِتی متی۔

امہِ اردۆ نثری توٚبرُکہِ وراے چھُنہٕ کأشرِس منٛز تِمی سُند نثر ناوی بیٛیہِ کینٛہہ تہٕ
بدس۔ مرزا عارف نہٕ ''آدمی موٗر'' کتابہِ وراے ییمیٛگ خوشنویس تہٕ آرٹسٹ
فاضل صابٕ اوس، مرزا عارف چھُ امچہِ گوڈٕ کتھِ منٛز یہِ کتھ مانان زِ تِمی ہیوٚ چھُ فاضل
صابس نثرِ واریاہ کینٛہہ۔ یوٚت زِ فاضل صابنِس کُنہِ تہِ شعری مجموٗعس چھُنہٕ تھٕنٛدِ
قلمہٕ نثرس منٛز ژور لفظہٕ تہٕ لیکھتھ گوڈٕ کتھ، پنٕنہٕ کتھِ یا میانہِ رٕنگی۔ خط پتر لیکھنک تہٕ
چھُہ تِمی سُند کہےٚ پہن بۆزمت۔ شعروٗنٛ اوس امہِ تلہٕ تِمی سُند اول تہٕ ابد عشق۔ فاضل
صابس چھُ لوٗکہِ پانہٕ پیٚٹھےٚ شأعری ہِنٛدی کیرن آسی متی۔ غالب نے کتھِ:

میں نے مجنوں پہ لڑکپن میں اسدؔ

سنگ اٹھایا تھا کہ سر یاد آیا

سُہ اوس اُتھمہٕ جمأژے پران ییٚلہٕ تٔمۍ اردوٗ تہٕ کأشرِس منٛز شعروٗنۍ تہٕ ژھمہٕ جمأژ تام واتان واتان آسہٕ اردوٗ کأشرۍ پأٹھۍ ژور کتابہٕ نغمۂ زار، سازِ چمن، ترانۂ فاضل تہٕ گلدستۂ فاضل چھاپ گمژ۔ کانہہ تہٕ بوٚڈ شاعر چھُ پننۍ اکھ وکھرٕ مزاز بنہٕ بڑوٚنٛتھ پننہٕ ہمکال شعرِ روایژ بڑوٚنٛتھ کنہٕ رٔٹتھ پننۍ تخلیقی سفر شروٗع کران۔ تی چھُ غلام احمد فاضل صأبن تہٕ کوٚر مُت۔

غلام احمد فاضل زاو گوڈنکس عالمی جنگس دوران ییٚلہٕ رُوس لِنن نہٕ رہنمأیی منٛز ۱۹۱۷ء کیٚت اشترأکی گوٚو تہٕ دوٚیمس عالمی جنگس منٛز اوس شابس ووتمُت، ییٚلہٕ ۱۹۴۷ء منٛز برطانوی سامراج نِشہٕ آزاد سپدتھ بھارت، ہندوستان تہٕ پاکستان بنیہٕ تہٕ ۱۹۴۹ء منٛز چین ہیوٚ بوٚڈ مُلک ماوزی تنگ نہٕ رہنمأیی منٛز اشترأکی بنیو۔ ظأہر چھُ زِ یہٕ زمانہٕ اوس عالمی بیدأرین بالادستی پزاونہٕ باپتھ قومی تحریکن ہُند زمانہٕ ییمیُک اژھن اَنگ سأنۍ جموں و کشمیر ریاست تہٕ اُس۔ غلام احمد فاضل چھُ مہجورن، عبدالاحد آزادن، شمس فقیرن، صمد میرن تہٕ احد زرگرن کونٛتھ ہمکال۔ سُہ گوٚو نہٕ وُڑتھ وار بدلونو سیأسی، سمأجی تہٕ تأریخی واقعاتو نِشہٕ تیوٚت تہٕ تتھ پأٹھۍ متأثر یوٚت غلام احمد مہجور، عبدالاحد آزاد تہٕ تہندی باقی ہمکال شاعر گے۔ علامہ اقبالؒ، یُس اُسی بلاشک وُہم صدی تہٕ وُنتھ ہکو روٗدنہٕ تس نظرٕ وڈٕلتھ تِکیاز تس ستی اُسِس نظریأتی برابری یتھ تحت زمانے یأژ زندگی ہُند محترک بزر آسنہٕ باوجود

ساڑے زندگی چھنہٕ۔

گوڈ پیٹھہٕ اندس یا تیٚمبرس تام چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ فنکار، شہکار پیکر آسان مگر یتھ مؤلہٕ پزرس نکار کرُن چھنہٕ ممکنے زِ فاضل چھُ نہٕ صِرف کاشرِ علاوٕ اردوٗ، فارسی، عربی تہٕ انگریزی زبانٕی زانان اوسمُت بلکہِ اوس پوٗرٕ پوٗرٕ فنکی زانٛ وِچار، تھز ر، سَنبر تہٕ زانان۔ سادگی، شائستگی، پاسِ حیا، پاسِ ادب، نظرٕ سَنبر تہٕ وُسجار، لفظہٕ ژٲر تہٕ تجرُ بن ہٕنز رنگینی چھےٚ تہنٛزِ شاعری منٛز ہاوٕنی باوٕنی لایق۔ یِیمہِ ہِتہِ یتھ کتھہِ پوشنۍ چھےٚ گرٛھان زِتس نِش اُس نہٕ شاعری اکھ شُری گَندُن بلکہِ اکھ سنجید مقدس شغُل۔

گژبزاں چھم شاعری ہٕنز سبٕند گژبزاں چھم
ڈٕہتھ نی میٲنی شوقن تار تےٚ سُم

☆

بُلبُل ژٕ نالاں گوٗھ دَوان شاہِ مدینس کر سلام
وٕنِتس چھُ بے کس مُبتلا، صلّو علیہِ دائما
زبہ تہٕ پیٛوم جگرس دوٗ رِرُک رحمت بٕنِتھ آمُت ژٕ چھکھ
ؤلی ؤلی گریٛوم دادبن دوا، صلّو علیہِ دائما

☆

چھُکھ پانہٕ غافل درسفر گرٕ کونہٕ چھےٚ پیشِ نظر
پھیوٗرکھ ژٕ ازتام دربدر آرامِ جاں نشہِ بے خبر

☆

بۍ رٔٹنس زالہٕ شکار زن

مےٚ کرتل وأتِنم شامن

گٔرِس بِسمل بۍ بے عارن

توٚے چھس خونِ دِل ہارن

(گلدستۂ فاضل)

کشمیر یونیورسٹی ہُنٛد اردوٗ شعبُک سابق سربراہ تہٕ اردو زبانٛی تہٕ ادبُک پایہٕ بوٚڈ محقق تہٕ نقاد پروفیسر عبدالقادر سروری مرحوم چھُ فاضل صابنہٕ اردو شاعری پیٹھ تبصرٕ کران لِکھان زِ:

''غلام احمد فاضل کاشمیری چھُ وادی ہِنٛد بن اردوٗ لیکھن والین منٛز اکھ وکھرٕ مقام تھاوان۔ فاضلس چھُ اردوٗ غزلہٕ تہٕ نظمہِ دوشونی پیٹھ ہوٚے دسگاہ۔ سُہ چھُ شعرچہِ تکنیکہِ تہٕ عروض چہِ پابندی تہٕ باقے لوازِماتن ہُنٛد پوٚرٕ پوٚرٕ ردھیان تھوان۔ اوٚے تہٕ چھےٚ تٔہنٛدِس کلامس منٛز ووستادن برابر پوختگی دٔژھ گوڑھان۔ تٔہنٛدِ غزلکی یم نموٗنہٕ موجوٗد چھِ تِم چھِ تٔہنٛزِ ابتدأیی فکرِ ہنٛز ثبینہٕ وَن دِوان۔ تہٕ اُستھ تہٕ چھُ تِمن منٛز سَنبر تہٕ زوردار اسلوٗب تہٕ'' (کشمیر میں اردو، ص: ۵۵-۵۰)

ہوگیا ماہِ عرب جب زینتِ بزمِ جہاں

مٹ گیا باطل نمایاں ہوگیا حق کا نشان

☆

جب نہ ساتھی ہو کوئی بگڑی ہوئی تقدیر کا

اے دِل مایوس دامن تھام لے تدبیر کا

☆

مجھے بس دیکھ لو تم میں زباں سے کچھ نہیں کہتا

میرے دل کی جو حالت ہے میری صورت بتادی گے

☆

روح پرور نغمہ وہ پیدا دم تحریر ہے

عالم امکاں کے لب پر نعرۂ تکبیر ہے

محمدؐ راز ہے صبح و مسا کا

محمدؐ نُور ہے نُورِ تجلی

☆

خامہ اقبال نازاں تجھ پہ ہے سارا جہاں

فطرتِ انسان کا ہے تُو سراسر ترجمان

تو جہانِ رنگ و بُو کا ہے حقیقت آشنا

فیض سے تیرے یہ فاضل شاہد قدرت بنا

اب یہی دل کی تمنا ہے یہی دل کی لگن

پنجۂ اغیار سے آزاد ہو میرا وطن

(خامۂ اقبال: گلدستۂ فاضل)

دیکھ اے مست غلامی دیدۂ ہندوستان
پاک روحوں کا سفر ہوتا ہے سوئے آسماں
اٹھ گئے وہ جن سے حاصل تھا تجھے اک امتیاز
اور دب جاتا تھا جن سے تیری بُردباری کا راز
دیکھ تیری ہستی اقبالِ زیب دوش ہے
عالم اسلام کا ہر ذرّہ حسرت پوش ہے

(خامۂ اقبال: گلدستۂ فاضل)

یہی ذکر دنیا میں ب چارسُو ہے
چمن ہو کہ بن ہو یہی گفتگو ہے
بتایا کہ حق کیا ہے باپ اور ماں کا
دِکھایا جو نقشہ ہے بزمِ جہاں کا
بسایا بن و باس گھر بار چھوڑا
مگر باپ کے حکُم سے مُنہ نہ موڑا

(رام: گلدستۂ فاضل)

آگرہ شہرُک روزن وول معروف شاعر مہر رضوی (مہر شکوہ آبادی چُھ فاضل صابُن ووستادرؤ دمُت) اوس یور کشیرِ یوان گوھان۔ ڈِکسن شوٗر کمپنی ءستی اوس وابستہٕ۔ مائسمہِ رِکس گلہٕ بٹ ناوی بڈِس بوٗتہٕ باپارس ءستی اُ ءسس جائی یارٕ ز تہٕ۔ شاعری ہندی فنی زاوِجار اوس زانان تہٕ فنِ عروض تہٕ اوُسس ویوٗد۔ فاضل

صائبس نٕش تہٕ اوٗسس یُن گژھن۔ سہٕ چھ کیٚنژوس کلاس تہنٛدِ گرِ تہٕ روٗ دمُت۔ یہٕ أستھ تہٕ زِ فاضل صاب چھ تورے شعرٕ مزاز ہیتھ آمُت، چھ سہٕ یہٕ کتھ مانان زِ تمۍ چھ تہنٛزن شاعرانہٕ، اُستادانہٕ تہٕ ماہرانہٕ صلاحیژن ہُنٛد بھرپوٗر فائید تُلمُت۔ امہِ کتھِ ہُنٛد ٹاکارٕ ثبوٗت چھ اَولہٕ پیٹھٕ أخرس تہنٛزٕ شاعری ہنٛدِ فنکاری حسنہٕ تلہٕ میلان۔

غلام احمد فاضل چھ کاشرِ زبانۍ ہُنٛد وُہمہِ صدی ہُنٛد تیٚوٗت ووٚنت شاعر زِ أکِس مختصر مضموٗنس منٛز تہنٛدِ قدٕ کۍ بیٚون بیٚون خولہٕ خط، پُراسرار رنٛبہٕ ؤنۍ تہٕ لٔوبہٕ ؤنۍ رنٛگ بدکڈٕنۍ چھنہٕ سہل۔ یہٕ گۓ وشال سٕدرٕ زندگی سرسری نظراہ دِنۍ تہٕ کلُن:

سرسری ہم جہان سے گزرے

ورنہ ہرجا جہانِ دیگر تھا

تمۍ چھِ سبٹھے کامیاب تہٕ مقبولِ عام نعت لیٚکھمٕتۍ تہٕ منقبت تہٕ، دُعا تہٕ لیٚکھمٕتۍ تہٕ مناجات تہٕ۔ وژن تہِ لیٚکھمٕتۍ تہٕ گیت تہٕ ژاکھ (رباعی) تہِ ؤنۍ مٕتۍ تہٕ ٹُکھ تہٕ کرشنہٕ لیلایہِ تہٕ وَنہٕ مژٕ تہٕ کامیاب ترجمہٕ تہِ کرۍ مٕتۍ۔ غزل تہِ شوٗبرأ و مژٕ تہٕ نظمہِ تہٕ بوش کھورمُت۔ منظر نگأری تہِ کرٕ مژٕ تہٕ حُبِ وطن تہٕ رتھِ کھورمُت۔ تہنٛزِ شاعری ہنٛدۍ رنٛگ چھِ بے شمار، بے مثال تہٕ طِلسمأتی، تِتھے کٕنۍ یِتھ کٕنۍ زندگی وشال، وسیع تہٕ رنٛگہٕ ؤلۍ چھےٚ۔ تمۍ چھ حُبِ خداے تہٕ منہٕ منٛزٕ وپرُمت تہٕ تہنٛدِس حبیب سُنٛد دامنہٕ تہِ چیرٕ تھف گرِتھ روٗژمُت۔ سہٕ چھ وُڈوکران مگر کھور چھِس پیٚتھِ زمینس پیٹھ ٹھیکرأوِتھ۔ وُڈن تہٕ اسُن چھ زندگی ہنٛدۍ اژھِین رنٛگ۔ تمۍ چھےٚ

دوشونی ماے برٕمژ۔ سُہ اوس ووستاد، تہٕ تس کتہِ گژھ ہن شُری مُشتھ۔ تٔمی چُھ تہنٛدِ باپت تہِ لیوٗ کھمُت۔ سُہ چُھ ایمانس پیٹھ دٔرِتھ عملہِ ہُنٛد قایِل۔ سُہ چُھ ادبہٕ کہِ سماجی، اخلاقی تہٕ انسانی آدرشہِ نِشہٕ آگاہ نہٕ زِ تمیُک بے دام غلام۔ سُہ روٗ دو اٗنسہِ شاعری باپتھ وقف تہٕ شاعری تہنٛدِ باپتھ۔ تٔمی سٕنٛز شعرٕ روٲنی چھےٚ بے مثال۔ آزاد تہٕ نثری نظم چھنہٕ تس کٕنی پٕچھ ژٕے۔ تہنٛز یکسوٗ سپدتھ شعر گوٗیی چھےٚ سٕننٛی لایق۔ سُہ روٗد مُرن مُشرِھ شعرچہِ تخلیقی عملہِ منٛز لگتھ۔ سُہ اوس نیٛبرٕ اسہِ ستی کتھٕ کران تہٕ أندرٕ آٹنہٕ رٕسی تنن ژہتہٕ بھونن ساٗر کران۔ بقول احد زرگر:

نیٛبرٕ کھاران ہِندرس ستہٕ سأسی پن

أندرٕ پھیران سوندراہ ژون بھونن

فاضل صأب اوس یہِ کتھ پانہٕ تہٕ زانان زِ:

مےٚ وٕنی ژتی کینہہ غزل تم بس غزل ہِوی

نرم ہوی تم پشلی ہوی تم سہل ہوی

کرن اندازٕ شاعر کٕتھی سنا ییم

وٕنن أڈی پوٗختہٕ ہوی أڈی بے محل ہوی

سو کتہِ چھنہٕ اللہ تعالیٰ ہن فطرت لوٗبہٕ وٕنی، جمیل، رٕنٛبہٕ وٕنی تہٕ پُر اسرار بناوٕمژ۔ ووٕنی گوٚو کٔشیرٕ چُھنہٕ مہرینہٕ ہِنٛدِ کھوتہٕ تہِ زیادے پأراو کوٚرمُت، ییٚمہِ کٕنی شہنشاہ جہانگیرس ہکہٕ وٕنن ہیوٗ زِ اگر زمینہِ پیٹھ کُنہِ جنت چُھ، سُہ چُھ ییٚتی تہٕ یوٚہے۔ سُہ ییٚتی تہٕ سُہ چُھ ییٚتی (یعنی کٔشیرے):

اگر فردوس بروئے زمین است
ہمیں است وہمیں است وہمیں است

فاضل صابن چھےٚ وژھِ وأنٛجہِ اتھ پوشنےٚ کرہٕ ش:

مس پریشان دژلیہِ ہیتھ لیلاے شام
ژلیہِ ووٚنی لٔلی لٔلی تہٕ ؤلی ؤلی خوش خرام
تارکو کوٚر خامشی ہُند انتظار
خامشی بٔری راأژ ہٕندی تاریک جام
لیلہِ وُچھ آوارِ مستس گژاے کیاہ
گلمرگ گوٚھ جنتک نیری طمع
(گلمرگ: جامِ جم)

سنہٕ نٛد، سونہٕ مرگ، وَن ژٔر، ڈل سأر، زوٗنہِ منٛز ڈل، سوندرشام، بلبلو بیترِ نظمہٕ پٔرتھ چھ انسان ضروٗر پننہِ ماجہِ کشیرِ آے کانٛچھان، یتھ سانہِ دُشمنو ووٚنی ژہ پور کرِژٕ ے یوت موٗ ژروو۔ ''کشیر'' نظمہِ منٛز یم شعر تہٕ پٔروتہٕ وولِسو:

سبزٕ زارن، کوہسارن، شالمارن ہُند وطن
گُلعزارن، ماہ پارن بالہٕ یارن ہُند وطن
سبزٕ زارن پیٹھ رنگین دُنیا بساواں چھے ژہ پأری
سُنبلن تےٚ، نرگسن تےِ لالہٕ زارن ہُند وطن
(جامِ جم)

اللہ تعالیٰ ہن کُر کاینات حسن و جمال دِتھ مالا مال تہٕ فاضل صأبن کوٚر کاشُرِ شأعری ہُنٛد گلشن آباد۔ مناجات تہٕ نعت وَنہٕ نِس تہٕ چُھنہٕ سہٕ پتھ کینٛہہ۔ انوارِ محمدیؐ نعتیہ سوٚمبرنی ہنٛز بڈ خصوصیت چھےٚ یہٕ زِ اکھ چھےٚ اتھ کتابت فاضل صأبن پانٕے گرٕمژ تہٕ بێیہٕ چھنٕس حاشیَن پێٹھ مولانا جامی، سعدی، اقبال تہٕ ووستادن ہنٛدو نعتِ شریفو علاوٕ قرآنی اسمائے محمدؐ، اورادِ فتیحہ، مُسدس حالی تہٕ شکوہ جواب شکوہ علامہ اقبالؒ، حضرت بابا داوٗد خاکی تہٕ میر غلام رسول نازکی بیترِ تہٕ پننہٕ قلمہٕ ژرٕمتۍ۔ ''انوارِ محمدیؐ'' چھےٚ کاشرِس ہمکال نعتیہ ادبس بے مثال تہٕ تھکُن لایق دِیُت۔ سہٕ کیاہ ہاوٕ تہٕ باوٕ یا وہنٕے کرٕ۔ فاضل صأبن چھےٚ حُبِ رسولؐ کہٕ آبِ حیاتہٕ تن من نأوِتھ، گٹہٕ پچھِ رأژ تھنٛدِ نورٕ ستۍ منوٚر کرمژ:

ژٕ چھکھ شمعِ ہدایت یا مُزمّلؐ
ژٕ چھکھ نوٗرٕچ حقیقت یا مُزمّلؐ
ژےٚ پتھ یم ذٕدٕ، تمو لٔب زندگأنی
بہٕ کرٕہے پوٚشرٕ گژھ یامُزمّل

خدأیی بزٕ وٕنہہ سو اللہ کیاہ سنا اوس؟
امیٚک چھے باشعوٗرن از تہٕ ہمسوس

گٔنٕے پتھ شُنیٚہس منٛز گوٚو بُستھ کُن
یکایک از مشیّت گوٚو وٕنتھ کُن

خدایس برتر و بالا تہٕ امجد
تٔمی دسلابہٕ کوٗر نوٗرِ محمدؐ

☆

از چھُ آمُت سالہٕ مدنی لالہٕ سون
ڈٔری گنڈِتھ صلِ علیٰ تس گوٗژھ پرٛاوُن
ٔسدرٕ منٛزٕ ما آسہِ تس درگاہ تراوُن
تہنٛدِ باپتھ ناوِہن جگرس گراوُن
ٔسدرٕ کین پمپوشہِ زارن گوٗژھ وناوُن
چھکنہٕ باپتھ موختہٕ گوٗژھ کابن براوُن

☆

مےٚ ہیوٚت منٛز مُشکلن نامِ محمدؐ
مےٚ ٔگر آسان ذاتن زِندگانی

☆

برتل چھُ وَنُن از تہِ گزل وقتہٕ یہِ فاضل
یتھ کھوژٕوِنس کالہٕ شبس از تہِ سحر کر

☆

مدینگ ژٕ جانِ بہار اللہ اللہ
ثناء خوان ژٕے پروردِگار اللہ اللہ

دِلن فأضلا ٹوٹھ عشقِ نبی زون
دِلس پیٹھ کُمِس اختیار اللہ اللہ

دُعا چھُ عبادژ گوٗج یاوس مانن آمُت ۔ فاضل صأب چھُ اتھ تہٕ وأتتھ ۔ خدائے وَتھ سرٕنی چھن ڈاین دوہن ہنٛز اورٕ ے بخشنہٕ یِہ لۆبہٕ وِنی زندگی ڈنٛجہِ تھاونہٕ باپتھ کھٔمن (اَن) چھپن جائے تہٕ تن ولنس ستی ستی کارِتھٕز رسان زوٗنہٕ باپتھ لأزِم ۔ یہِ چھُ اکھ سہ بے پناہ بأطنی طاقت، ییٚتھ نہٕ اَند کُنہِ چھُ تہٕ نہٕ أنٛتھ یُس نہٕ پیٚتھن وبڑھناوُک موقعے چھُ مگر تیٚیچ برپوٗر آگأہی اللہ تعالیٰ ہن فاضل صأبس دِژمٕژ أس:

چارٕ سازِ غم پُشری تھَم، یم تہٕ ہا آسان گے
اتھ مہربأنی لگأیو توتہٕ کم نقصان گے
یم پنٕن آسُن نہٕ آسُن دِتھ کران سودا ژٕ ے ستی
تم اگر سوٗرٕ ے پنٕن ہارن تمےٚ زینان گے

☆

شُرِل ترٛأوِم خدایا، ووٚنی بجر دِم
مےٚ علمُک ٹاٹھر چھم سنبر دِم
خدایا از مےٚ پیٚٹھ اکھ بوٚڈ کرم کر
مُنوٗر تم علمہٕ ایوانن پٔنٕنی بر
یہٕ چھُس ییٚتھ بوٗسرس مٔنز سنگِ مرمر

بناؤم گوہرن ہُند اکھ سمندر

یمن منز مُشکلاتن پلزٕ یارب

پنا تہندبو اتھو واتم شرٕ ے شر

☆

رٔچھ رٔچھ خزانہٕ یم چھی پروردِگارٕ دِکھنا

ہلمس برٔتھ زٕ عالم دپہٕ ہےٚ سِتارٕ دِکھنا

آفتابہٕ پیٹھی تہٕ کھالن یوٚدوٚے ژٕ ڈورٕ سوزکھ

یتھ علمہٕ رکس پتنگس کر دُتارٕ دِکھنا

اے لیلُ الحائرین اے ذاتِ ربُ العالمین

انت واحد، انت شاہد، انت خیرالحافظین

لسہِ پتہٕ یِی تَو فاضل صابنہِ مرثی گوٚیِی کُن تہٕ پرٔی تو "تصویرِ غم" ناوٕی تہنز وَنہٕ مرٕ مرثی، یمن منز شہیدِ اعظم حضرت امام حُسینؑ سٕنز اسلام چہٕ سربُلندی تہٕ خدائے وَتہٕ تہنز بےٚ مثال شہادژ ہُند بجر، صبر وجمیلک تھز رتہٕ انسانٔی جذباتن ہُند تُند وتیزتہٕ سوز عکسأوِتھ کاشُرِ شاعری ہُند داملہٕ وسیع چُھ کوٚرمُت۔ یم مرثی پٔرِتھ کُس ونہِ زِ کتہٕ شاعر گوٚو مرثی گو۔ فاضل صاب چُھ اتھن تہِ ہتھ ہتھ انکسار ہیتھ تہٕ کارِ تھوٚ دتہٕ ووٚنُت:

مےٚ نوٚحن دِلگُدازی دِژ حُسینؑ

أشِس منز پھلٕتہٕ نوٚوم اکھ جہاناہ

☆

معصُمن پٹھ گۆو فراتُک آب بند

کوٗژکی پمپوش چھی یم خوش پسند

تاپہٕ کژاین تل بڑژھاں یم ارجمند

یم چھِ ازلےٚ پاُدٕ گاٗمتۍ سربُلند

☆

پٹھ زوالس لۄس زن شمسُ الضحیٰ

کۆر حُسینؑ زندگی ہُند حق ادا

یم بیابانکی نبیؐ ہٕندی شاہباز

قبلہ رو شمشیرِ تل لاگاں نماز

یم اصوٗلن پانہٕ نشہِ گری بے نیاز

مُرسلن ہٕتھِ نےٚ دلیرن پٹھ چھُ ناز

پانہٕ حق یمنے پراں صلِّ علیٰ

کۆر حُسینؑ زندگی ہُند حق ادا

☆

شاعری تہٕ ادبک ماحول چھُ ساری کاینات ییمیُک پُراسرار خودکار آدٕمی موٗرتہِ اکھ اژھبن انگ چھُ۔ پہلی کۆر، کژالہٕ کۆر، دۄہِ باے چھےٚ یا غزل، فاضل صابنہِ نظرِ چھےٚ ہیوٚ رہیوٚ تھزرس گنٕے لمانٕ۔ ییٚہ چھُ زندگی ہُند ینہِ سون ہِسر تہٕ ننہِ نوٗن پژزلہٕ وٗن ہِسر یہٕ پژرتہٕ گارن۔ تمی سُند لول چھُ ارضی تہٕ تہٕ ماورا

تہٕ ۔ سُہ چھُ مجاز کہِ حأرتی اَنہٕ مٲژی حقیقت تہٕ ساران ۔ تٔمی سُنٛد معشوق چھُ تیٚمی بُتراَژہُنٛد مگر تٔمی سُنٛد لول چھُ ابدی پٔزرس ستی اتھہٕ واس کرِتھ پکان ۔ تس نش چھنہٕ لولُک اندٕ میٚلِ تہٕ بدنن ہُنٛد سنگ بلکہِ دوٗر بر ۔ تٔمی سٕنٛدِ لولُک جذبہٕ چھُ بشری آسِتھ پأکیزٕ، پابندٕ تہٕ پایہٕ بوٚڈ تہِ ۔ تٔمی سٕنٛزٕ عام ورتاوٕ زبأنی ہُنٛز رأژ چھےٚ نبرل تہٕ رٔنبہٕ وِنی ۔ تہٕنزٕ فنی سادگی چھےٚ معنہِ ساو ۔ تٔمی سُنٛد استعارٕ تہٕ ابہام چھُ دوٗر آسِتھ اسہِ سبٹھاہ نکھہِ ۔ تٔمی سُنٛد باوٕژبل چھُنہٕ پہہ، بلکہِ ووندٕ وُزنہِ ہُنٛد پکہٕ اظہار ۔ سُہ چھُنہٕ شعرکہِ ابہامُک منکر بلکہِ پاسدار ۔ تٔمی سٕنٛدی تجربہٕ چھِ تِتھےٚ کٔنی رنگابرنگی یِتھٕ کٔنی انسأنی زندگی چھےٚ، سون اَوٕندپوٚک چھُ تہٕ سون تہذیب تہٕ کلچر چھُ :

شالمارن چانہِ آشے گُل پھولن
کژالہٕ کوٚری مالہٕ کریےٚ کوسمن

چون قد شمشاد یا سروے رواں
یا مگر گلدستۂ باغِ جناں
پانہٕ شیرِتھ تھووُمت کاری گرن
کژالہٕ کوٚری مالہٕ کریےٚ کوسمن

کاژٕ دوٗرو، ہارٕ مالو تےٚ لرٕو
کاژٕ زوٗنے آرٕ کوٚرمُت تارٕ کو

نالہٕ وُزمل زن لولے مژ دون گٹن
کرٛالہٕ کوٗری مالہٕ کریئے کوٗسمن

بانہٕ یامتھ حُسنہٕ وانئے چھکبھ تھُران
کیٚنژھہ چھہِ سپدان مأری مُندی تےٚ کیٚنژھہ ہلان
لولہٕ نارے کیٚنژھہ چھہِ زالان صوٗرِتن
کرٛالہٕ کوٗری مالہٕ کریئے کوٗسمن

(کرٛالہٕ کوٗر)

حُسنٕچ ڈألی سورٕچ ألی
ہاپُہلی کوٗری ہی مألی یے
جوشدار اوٚبرٕچ نوٗرٕ وُزمألی
ہاپُہلی کوٗری ہی مألی یے

نہٕ ہٹس چٚکل نہٕ ژٕے کنہٕ وألی
نہٕ زری تنہٕ پٹھ خاصہٕ کمخاب
زوٗنہٕ زن اوٚبرکی جامہٕ چھی نألی
ہاپُہلی کوٗری ہی مألی یے

مستس ژھایہِ چھے فوتہٕ انزألی

ظُلماتہٕ منٛزٕ زن لال تابان

زوٗنہٕ چھی ستہٕ ریٚنش پتہٕ اردألی

ہاپہلی کوٗری ہی مأکی یے

☆

یہٕ ناچیز چھُس کرٛالہِ کوٗر یا پہلی کوٗر چھپنہٕ پتہٕ تہٕ ژورِوٕہری زامُت۔ امہِ حسابہٕ ووت یمہٕ نظمہٕ مےٚ لوکچارٕ پیٹھے غلام محمد ڈارتہٕ تہند بن ساتھیَن ہنٛزِ آوازِ منٛز یہِ چھکر للوی للوی بوزان۔

غلام احمد فاضل چھُ پٔزی پأٹھی مہجورس تہٕ آزادس لرِ لوٚر ریٚتھ قداوار کوٗشہ ہمکال شأعر یمی کأشرِ شعرِ رِوایژ تہٕ تخلیقی اندازٕ ژھروو تہٕ کأشرِ نوِ غزلک معنہٕ سوو فن تہٕ نیچھِ نووتہٕ پننہٕ بھرپوٗر فطری تخلیقی گونوٚ کِنی کأشرِ بن لوٗکن منٛز ناوتہٕ پرٛوو:

بزم دِتھ ساقی نٔشرأوِتھ گوم

چھنہٕ روٗس پیالہِ گوم خأکی یے

ہےٚ اتھِ وبسرِیوم شاید ژٔسی پیوم

چھنہٕ روٗس پیالہِ گوم خأکی یے

شوقہٕ سان زأنی ہُند مس بأگراوِیوم

بے زان چیتھ گےٚ دِل ہُشیار

لُکھ چاؤ ناوِم پانس پرٕ پیٚوم
چھِنہٕ رۆس پیالہٕ گوم خالی یے

☆

وُمرِ ازتامتھ خسارُک مالٕ کنیٚ کنیٚ گاٹہٕ پیٚوم
فاضلاتس رٕکیٚت نسارٕ دُم کھنی وانس اندر

☆

ازتہِ ما آہم پگاہ تامتھ ژٕ ے پیارُن مُشکِلا
لااُبالا میٚون آسُن پانہٕ آسُن مُشکِلا
زانہِ میٚونے دِل رِکرامن کاتبین چھا خبر
اکھ خدا ژھارُن دوٚیم دُنیا بساوُن مُشکلا
گزل وقتن مےٚ نِش آو خوبصورت
مےٚ ظون گوٚو آیہِ مانُوٕچ قیامت

☆

چھُ شینس مل مگر چانین اتھن ما
مہٕ تھوٚیم ژٕنی خبر عاشق متن ما

☆

غزل میٲنی غمگین دِلن دِن ہا تسکین
امی آیہِ لوکن یہِ فاضل بکار آو

وزلیہِ پأرِتھ آفتاباہ کأژاہ شکیل

لولہٕ والٕنہٕ چھا خلأصی ہٕژ سبیل

اکھا آسہِ ہے یا لچھا آسہٕ ہن شوق

اتھ اندر سورُے چھُ نأدر پیؤنت پیؤنت

یمن بے حسابن شمار بے شمار آو

فأضِلس ستھ رنگ کلامس ہتھ حُسن

☆

وٕتھو شبنما تارٕکن ون ؤسِو ووٕنی

چراغاں کرو لالہٕ میؤن لالہٕ زار آو

بہٕ وڈٕنا مدن روٗٹھ میأنین کتھن پیٹھ

گُرِتھ رام أنی تون از دعوٕتن پیٹھ

ہٕژیگ رتھ بہٕ کڈٕہا نمن تس بہٕ ملہٕ ہا

تمیُک بار ژالیا سٕہ نوژُک اتھن پیٹھ

پانس پیٹھ تہِ اُسن تگُن چھُنہٕ سہل۔ زندگی ہُنٛد ووٕلہٕ بور گاٹھس تام واتناوان چھِ کأتیاہ مشکل مرحلہٕ یِوان ییلہِ مَنُش دیان چھُ بور دأرِتھ دِنہٕ پتہٕ دِمہٕ ہاہأر گرِس یا خرٕ ہٕندِ پأٹھی تازٕ دم سپدَنہٕ باپتھ ہٕرنگی جوراہ تہٕ پکہٕ ہا۔ دیان فاضل صأبس اوس سخ کانہِ تل روزان۔ ییمیُک اظہار تمی مٕژی مٕژی گرِتھ بوس چھُ ژھانٛڈٕ ہ نو وُمت۔ مُتوٗلی نامہٕ، ہٕسی کوکُر، مچامُن موٹر، ٹھاٹھِری باے، نٔچ، آپہٕ

ٹاٹھ تہٕ نوشہِ نامہٕ بیترٕ چھِ اتھ مثال:

یہِ بجلی محکمُچ روشن امانت

کراں چُھے مُشدِ متٔولی اتھ خیانت

دِپان صوفس تہِ گوٚشی کینٛہہ ژٲنگی زالنٛ

دِمو دوٚن فیس زالو اَٹھ تامت

☆

کأنٛسہِ آسان باگہِ آمِژ ہأر ہش

کأنٛسہِ ہأپِژ کأنٛسہِ آسان بیٲر ہش

کأنٛسہِ آسان نس قبیلچ شوٗب زن

کأنٛسہِ آسان گوشہِ بوٚب یا اَر ہش

کأنٛسہِ آسان وُٹھ چھِ زن کوسم ہران

کأنٛسہِ آسان پژاژِ وانگن وٲر ہش

کأنٛسہِ آسان چھےَ مُوہج تےَ ہم خیال

کأنٛسہِ بیچارِس چھےٚ آسان گٲر ہش

☆

کرامن کأتبین کرتوٗت لیکھان

اگر نےَ لیکھِ ہن بس تی گوٚو جان

خدا لیس سارِنے بندن چھُ بخشُن

مَلک جوراہ پٔتِن وِق راوِ راوُن

اردوٗ ادبہٕ کِس تنقیدی ووٚژراٹھس منٛز اوس نہٕ ہندوستانٛی تہذیبُک نمایندٕ تہٕ انسانی فطرٕژ تہٕ سماجی زندگی ہُنٛد پایہِ بوٚڈ شاعر نظیر اکبرآبادی مُجرٕ ہے مگر اردو ادبکیٚ بٔتھی پھِری نقاد کلیم الدین احمدن مون سُہ اردو شاعری ہُنٛد موٗلہِ پایہِ بوٚڈ شاعر یُس شاعری ہُنٛد مقصد لول فقط لول تہٕ انسانی سماج ڈٔنجہِ تھاوُن زانان اوس۔ تِتھےٚ کٔنی اگر عام لۆکو فاضل صابنِس کلامس منٛز جاے گرمگر کاشرِ بن مصلحت پسند ادبی حلقن گوٚو ژِ پری یہِمہٕ کتھِ ہُنٛد احساس زِ فاضل صاب چھُ سون رائیل قد شاعر یمی سٕنٛدِس ووہٕ ژارس اسہِ وُنہٕ تہٕ پلن کرنے چھےٚ۔ ڈاکٹر نظام الدین چھُ فاضل صاب کرٕ شنہٕ کاویہٕ کٔنی کاشرِ نٛک رسہ خان مونمت۔

کاشُر پایہِ بوٚڈ ادیب، محقق، نقاد تہٕ تہذیب شناس محمد یوسف ٹینگ چھُ بجا طور غلام احمد فاضل صابس کاشرِ نٛک نظیر اکبرآبادی مانان۔ پننہِ کتھِ ڈکھ کران ونان زِ:

> ''فاضل کاشمیری چھُ کاشرِ شاعری ہُنٛد سُہ پایہِ بوٚڈ رُکن یمی
> مہجور صابس لرِ لوٚ رِپننہِ فنُک ژونگ زول۔ تیٚچ رنگہٕ ڈلی ریہہ ازتہِ پوٗرٕ
> شانہٕ سان چھےٚ تابان۔ سانہِ ادبہٕ کیو پنڈِتو چھُنہٕ فاضل صابنہِ بجرُک
> اندازٕ ہیوٚ کمُت گرِتھ۔ اتھ منٛز چھُنہٕ تہنٛزِ نیو ہُنٛد قصور، یوٗت تِہنٛز
> بصارٕژ ہُنٛد فتور چھُ۔ اَسی چھُنہٕ زانہہ ادب روایتی معیارو نبر

پر کھاُوِتھ ہبکان۔ فاضل صاب چھنہٕ سون روایتی شاعرٕ ے یوت بلکہِ سُہ چھُ ادبی فرہادتہٕ تیمی کاشُر شاعری ہنٛدِس ہم رنگ چمنس منٛز رنگا برنگی دوٕدٕ کولہٕ اَنہِ موٚ چھے۔ اِو موکھ چھےٚ کاشُر بولٕکو فاضل صابنس کلامس سیٛن منٛز جاے شپر موٚ۔ فاضل صابنہٕ شاعری ہُند کینواس چھُ پانہٕ زندگی ہنٛدی پاٹھی بے انت تہٕ وِشال۔ سُہ چھُ واریاہن ذِہنن تہٕ روٗحن ہُند شاعر، یُس یمن تسکین بخشان چھُ"

ضرورت چھےٚ یمہِ کتھِ ہنٛز زِ غلام احمد فاضل صابس متعلق تہٕ تہنٛدِس پتھ کُن تژاوی مٕتِس شعرِ سرمایس پیٹھ ییہِ ژٕکہِ سان چھل دِتھ تہٕ وبوٗھناوِتھ لیکھنہٕ:

زندگی منٛز گری مےٚ تخلیقات کیٛنہہ
کیٛنہہ گبر، کیٛنہہ کورِ مطبوٗعات کیٛنہہ
عمرِ منٛز وُٹھ کُملنٛکی یم موقعہٕ آے
فاضلا! گزریہِ تم اُسی ساعت کیٛنہہ

تہٕ پتہٕ زِ:

مےٚ قلمس چھم فِنکی ستھ رنگ نبٛٹھس تل
مےٚ نِش چھا شاعری ہُند اکھ خزاناہ

☆☆

فاروق فیاض

# فاضل نہِ شاعری ہنٛد لُکہٕ طرز تہٕ طرح

تازٕ تحقیقن چھےٚ لُکہٕ شاعری نِسبت اجتماعی تخلیق کأری ہنٛز روایتی دلیل یہِ وٕنتھ یہِ ڈٲپِ زِ تہِ ردٕ گرٕ ہٕٛز زِ ''کانٛہہ تہِ ذأتی تخلیق یوسہٕ أکِس تخلیقی فنکارٕ سٕنٛدِ قلمہٕ لیکھنہٕ آسہِ آمٕژ تہِ ہیکہِ لُکہٕ شاعری ہنٛدِس زُمرس منٛز گٔنٛزرنہٕ یتھ۔ ہرگاہ اتھ عوأمی سنٛدٕ تہٕ مقبولیت آسہِ حأصل سپزٕ مٕژ۔ تہِ گۆویہِ زِ ہرگاہ لۆکو آسہِ یہِ اجتماعی میراث زأنتھ پننِس وٕچھس منٛز محفوظ تھأوِمٕژ تہٕ سکوٚن تہٕ حض پرٛاونہٕ خأطرٕ آسن اتھ بوقتِ ضرورت بےوایہٕ گنٛگراوان''!

أسی ییٚلہِ یِم سأری ربوایتی میزان تہٕ معیار فاضل صأبنہِ شأعری پیٹھ بالعموم تہٕ ''کرٛالہٕ کور''، ''پہلی کوٚر'' تہٕ ''دۆبِ بابے'' بیترِ بأتن پیٹھ بالخصوص لاگوٗ چھِ کران، یِم سارے نظمہٕ چھےٚ شأعرٕ سٕنٛدِ ذأتی کوٗششہِ أستھ تہِ لُکہٕ مزازٕ کی بےٚ رُمل أنہٕ باسان۔

گوڈٕ لوکچارٕ پیٹھے تہٕ پتہٕ سرکأری مُلازمتس دوران میلیٚ فاضل صأبس واریاہ موقعہٕ قُدرت کِبن حُسنہٕ انبارن وۄن تہٕ زول دِنکی۔ تِموراوٕر نہٕ سو کانٛہہ تہِ حسین وِزییٚلہِ تس حُسنہٕ مۄرژن چشمن قرُل ملنٛگ تہٕ موین شانہٕ کرنک موقعہٕ بدس آو۔

""پہلی کوٗر"، "کزالہ کوٗر" تہٕ "دوٗلی بائے" نظمہٕ چھےٚ یِمنے حسین لحاتن ہٕندی شاعرانہٕ یادگار۔ نغماتی سازٕت، وِگنہِ لےٚ، وٕنہٕ وٕنی ووج، ناگہٕ وُزمل، بیرِ شیہلتھ، پاٹھی نرمی، زبانی ہُند بےٚ پھرُوک تہٕ غارٕ مُبہم ورتاو، عوامی آرزوٕہن ہُند پاس، اجتماعی ژیٖنٕن ترٕ ایہِ، تہنز ترجمانی تہٕ وطن دٲری ہُند احساس چھِ تِتھی اوصاف یِم لُکہٕ باوٕ ژہندی بنیادی تہٕ اہم لوازِمات یا عنصر گنزرنہٕ یوان چھِ۔[۲]

یوٗ تام زن فاضل صابنہِ شاعری ہُند تعلق چُھ، تتھ منز چھِ لُکہٕ شاعری ہٕندی یِم تمام سوٗنزلہِ ژھاییٚ نظرِ گژھان۔ لُکہٕ موضوعن سٟتی چُھ فاضلن پننہٕ شاعری اظہارٕ باپتھ لگ بھگ تِم تمام شاعری صِنفہٕ ورتاومٕژ یِمن منز رٲو، وٕنہٕ وُن، لڈی شاہ، منزلی باتھ، شُری باتھ بیترِ چھِ۔ یِمن لُکہٕ شاعری ہٕنزن ہیٖوٕن (Forms) ہُند استعمال چُھ کانٛہہ اُمِس طرحدار شاعرس لُکہٕ شاعروٕنہٕ خاطرٕ۔ مگر ییٚتہِ نس کرٕ بہٕ صرف تِمن شاہکار نظمن ہٕنز ذِکر یِم ذاتی تخلیق کاری ہٕندی نمونہٕ اٟستھ تہِ کاشرِ لُکہٕ میراثکی اہم انگ بنیٚمٕتی چھِ۔ ضروری چُھنہٕ زِ یِمن باتن ہٕندِ اظہارٕ باپتھ آسہِ شاعرن روایتی لُکہٕ شاعری قالبن ہُندُے استعمال کوٚرمُت، مگر یہُند موضوع تہٕ موضوعن نِسبت شاعرٕ سُند Treatment چُھ واقعی لُکہٕ طرزٕ چی ترجمانی کران۔

کانٛسہِ فنکار سٕندن تخلیقی فن پارن Public Approval تہٕ عوامی مقبولیت میلٕنی چھنہٕ پزتھ فنکارس نصیب آسان۔ امہِ باپتھ چُھ شاعرٕ سٕندِ خاطرٕ گہرٕ تواریخی تہٕ تمدنی شعور آسُن ضروری تہٕ سماجی وعدٕ بندی Social

Committmentہُنٛد احساس آسُن تہٕ۔ عوٲمی نفسیات سمجھنُک وَل بدس آسُن تہٕ لُکہٕ سأیکی ہُنٛد مطالعہٕ آسُن چُھ سٮ۪ٹھاہ ضروری۔ فاضل اوس لگ بھگ یِم تمام شرأیط پوٗرٕ کران۔

فاضل صأبن یتھ وقتس منٛز أچھ مُوراوِسٕہ اوس کٲشیرِ منٛز سیأسی، سمأجی تہٕ ثقافتی لحاظٕ سٮ۪ٹھاہ نوزُک یاSensitised دور۔ یہٕ اوس توأریخی اعتبارٕ بدلاوُک دور۔ ہتہٕ وادٕ رِین پٮ۪ٹھ پھٔہلتھ یتھ جأگیردارانہٕ نظامس منٛز کأشر بولٕکو پنٕنین آرِزوٕیَن تہٕ ارمانن ہنٛدی ژأنگی ؤ جارٕ گرٕھان ؤچھٕمتی أسی تِمن اوس اکہٕ نوِسرٕ یہٕ گاشہٕ کہٕ تلاشُک ظون ہیوٗ تمُت گرٕھن۔ جابر حکمرانن ہنٛز ناز بردأری تہٕ تہنٛدبن مقأمی تہٕ غأرمقأمی حاشیہٕ بردارن ہنٛدی نخرٕ برداشت کران کران اوس کأشربن قومی کیٛاہ بلکہٕ پننہٕ ذاتٕچ زان تہٕ مشیٛمٕژ۳۔ یٮ۪نہٕ کٮ۪ن کُمللین تہٕ کأری گرن ہتی اوس بے زبان چاروائن ہنٛدِ کھوتہٕ تہٕ بدتر سلوٗک یِوان کرنہٕ۔ سیأسی بیدأری ہنٛز یوسہٕ منظّم تحریک وُہمہٕ صدی ہنٛدِس دوٕیمس تہٕ ترٕیمس دٕہی لِس منٛز شروع أس سپزٕمٕژ، فاضل اوس یِمن سار، نے تبدیلیَن ہُنٛد چشم دید گواہ۔

۱۹۲۴ءمنٛز ییٛلہٕ وایسرائے ہنٛدِس دورس دوران کینٛہہ وطن پرست کأشریو کأشربن ہنٛز معأشی بدحألی تہٕ قومی بدقسمتی ہنٛز تحریری دلیل پیش کٔر، تمہٕ ساتہٕ اوس فاضل صأب صِرف أٹھٕ وُہرٕ تہٕ ییٛلہٕ ۱۹۳۱ءمنٛز ۱۳رجولائی دوہکہٕ توأریخی واقعہٕ رونماسپُد تمہٕ ساتہٕ أسی فاضل صأبن زندگی ہنٛدی فقط پنداہ بہارچھأوی مٕتی۔ عوٲمی تحریک أس شدید پأٹھی یہٕ تقاضہٕ کران زِ جأگیردأری نظامکی تہٕ استحصٲلی قوّتن

ہندِ وضع دأری، ہاو بھاوتہٕ خاندأنی بجرُک تہٕ سمأجی منصب دأری ہُنڈ پرٛتھ کانہہ آثار گژھِ یُن نابوٗد کرنہٕ تہٕ اتھ برعکس گژھِ سماج کین تِمن وٕسی پایہٕ طبقن ہٕنٛدٕ وابستہٕ لوٗکن بوش یُن کھالنہٕ یمٕ ازتام مکمل پأٹھی نظر انداز أسی آمتی کرنہٕ۔ چنانچہٕ چھےٚ مہجورٕنی ''گرٕیسی کوٗر'' آزادٕنی ''پہٕلی کوٗر'' تہٕ فاضلنی ''کرٛالہٕ کوٗر'' بہتر نظمہٕ امی عوأمی تہٕ قومی تحریکہٕ ہٕنٛدی دأنشورانہٕ نتیجہٕ۔

فاضلُن مقصد اوس نہٕ ''پہٕلی کوٗر''، ''دوٗبٕ بائے'' تہٕ ''کرٛالہٕ کوٗر'' موضوعن پٮ۪ٹھ نظمہٕ تخلیق کرنہٕ سٟتی محض شخصی نظامس تحت پسنہٕ آمتین بے وسیلہٕ کأشرٕ بن ہٕنٛدٕ بن چھوکن مہلامہٕ کرُن تہٕ تہٕنٛدی خستہٕ دِل محض رٛنزناونی بلکہِ اوس غأر کأشرٕ بن حکمرانن ہٕنٛدِس پھٔرِس تل پھبن والین اِدارن مثلن جأگیردأری، ضألدأری، شہری خوجن ہٕنٛز وضع دأری تہٕ مذہب کِس ناوس پٮ۪ٹھ سادٕ لوٗکن استحصال کرن والین طبقن سٟتی وابستہٕ فردن تہٕ افسر شأہی خلاف عوأمی ردِعملُک اکھ باوقار شأعرانہٕ اظہار تہٕ اجتمأعی تہٕ أکِس مخصوص سأسی منظرنامس منٛز أکِس سنجیدٕ تہٕ شعوری دأنشورانہٕ کوشش، یمیُک مدعا تہٕ مقصد یہٕ اوس زِ رنگہٕ منٛدورٕ بن ہٕنٛدٕ بن زأنٛلی پنجرن پٮ۪ٹھ بخت آوری ہٕنٛدی دم دِنہٕ واجنین خوجہِ باین نِسبت یارِ وٕنن، یارٕ بلن تہٕ بالہٕ دامنن تل کأم کرن واجنین سِیو دٕ سادٕ عام زنانن ہٕنٛدِس حُسنس، سادگی، شرٛ وژرٕس تہٕ تہٕنٛز حیاء دأری تہٕ وفادأری شأعری تخلیقاتن ہُنٛد محور تہٕ مرکز بناوُن۔ یہٕ أس ثقافتی سوتھرِس پٮ۪ٹھ عوأمی بیدأری ہٕنٛز تحریک عام لوٗکن نکھہٕ اننٛچ اکھ سنجیدٕ تخلیقی کوشش۔

## نظم......"کرٛالہِ کوٗر"

انسانی تہذیبی توارٟیخ ہِکس وۄتلنس تہٕ پوٚتھنس منٛز ییٚتہِ زندگی ہٕنٛدبن مختلف شعبن ستۍ وابستہٕ کارکسبن ہُنٛد تھکُن لایق رول روٗدمُت چھُ، تتہِ چھُ سماجی تہٕ معاشی لون شیرنس منٛز کرٛالہِ کامہِ یا کرٛالہِ پیشُک اکھ زبردست کردار روٗدمُت۔ روٗحانی تہٕ صوفیانہِ سلطنژِ منٛز چھُ کرٛالہِ کونٛدِ منٛز تھٲرنہٕ آمتین رنٛگہٕ رنٛگہٕ بانن اعلیٰ تخلیق کارٕسنٛدِ صورت گری ہٕنٛدِس صنعتس ستۍ تشبیہہ دِنہٕ یِوان۔ تمدنی تہٕ توارٟیخی سوٗتھرِس پیٹھ تہِ چھُ قومن ہُنٛد مؤلہٕ آگُر پرٛزناونہٕ تہٕ دریافت کرنہٕ خاطرٕ کرٛالہِ کُملوٕ ہٕنٛدِ ڈۍسی گرنہٕ آمتین بانن بُنیادی شواہد دورٕنگی تسلیم یِوان کرنہٕ۔ سماجی سطحس پیٹھ ییمہٕ Well Knit خاندٲنی کارس ستۍ وابستہٕ شعبس منٛز مشاہد کران چھِ تمہِ یکجہتی تہٕ اشتراکچ دۄیم مثال زندگی ہٕنٛدبن دۄیمین شعبن منٛز میلِ اگر ناممکن چھنہٕ مگر مشکل چھُ ضرور نفسیٲتی سطحس پیٹھ یُس نِسوانی وقار، غٲرت مندی، خوداعتمادی تہٕ حُسن کٲری ہٕنٛز ییم مثالہٕ اسہِ کرٛالہِ کارس ستۍ وابستہٕ زنانن منٛز میلان چھےٚ، تمیُک Perception چھُ سٲنِس لُکہٕ شاعر فاضل صابس پرٛنہٕ پٲٹھی ویوٚ داوسمُت۔

وۄنی گۄو یہٕ کتھ تہٕ چھےٚ پننہِ جایہِ شبقہٕ زِ کرٛالہِ کورِ ہُنٛد حُسن چھُ شاعر سٕنٛدِس برٛبکہٕ بدنس ژنٛدنی ریٚہہ تہٕ شورِتی ریٚہہ تہٕ بخشان۔ تُسنٛد شعری وجود چھُ خوابن ہٕنٛدِ تمہِ طِلسماتی زۄنیک سارٕ کران، ییٚتہِ کتھن جودہران چھُ تہٕ خیالن ہُنٛد

ساپیبان شہجارسرنہٕ بدلہٕ نارسران چھ۔ ''کڑالہٕ کوٗر'' چھےٚ امی طِلسماٗتی زُوِچ اکھ زِندٕ زُوپرٕی۔

بانہٕ یامتھ حُسنہٕ وانے چھکبھ تھُران
کینٛہہ چھِ سپدان ماٗرٕ مُنٛدی کینٛہہ ہلان
لولہٕ نارے کتھِ چھِ زالان صوٗرتن
کڑالہٕ کوٗری مالہٕ کریٖےٚ کوٗسمن

☆

بیٚیہٕ تہٕ واشا کڈتہٕ نرِ ما چھےٚ تھکان
آب و خاکس ستیٚ دِل میٛون اۭڈران
باٗلی میٛو لاٗری یمن ماٗنزے نمن
کڑالہٕ کوٗری مالہٕ کریٖےٚ کوٗسمن

بقولِ غلام نبی فراقؔ:

امہٕ نظمہٕ ہٕنٛز موٗدرلےٚ، دِلس سنہٕ وٗن سازٕت، نغماٗتی لہجہ، لوٗکہٕ ہمزازتہٕ زیر و بم چھُ ازتہٕ کاشرِ بن ہنٛدی دِل نغماونس پیٹھ وٗتشاوان۔ امہٕ نظمہٕ ہُنٛد نغماٗتی سروٗرتہٕ شاعرانہٕ حُسن چھُ ازتہٕ پرٛانی آیہٕ قاٗیم تہٕ داٗیم'' ۵

''کڑالہٕ کوٗر'' نظمہٕ ہنٛد بن یمن شعرن منٛز وٗچھتوٗ زِنغماٗتی لجس ستیٚ کوٗسہٕ حبساٗوی کیفیت چھےٚ پاٗدٕ گوٗھان، یوٗسہٕ عملہٕ تہٕ تاثرٕس درمیان ژھٕنن نہٕ بلکہٕ اکھ یکٕت پاٗدٕ کران چھےٚ۔ ترکیبن ہُنٛد نہٕ ناوبر چھُ معنے لیس منٛز لطیف جمالیاٗتی زیریں

لہر پأد کران:

کاژ دورو ہارٕ مالو تے لرو

کاژ زۄنے آرٕ کۆرمُت تارٕکو

نارٕ وُزمل زن لوٗلے منز دون گٹن

کرٛالہٕ کۆری مالہٕ کریےٚ کوسمن

غلام نبی خیال چُھ "کرٛالہٕ کۆر" نظمہِ ہنز لکہٕ لیہٕ متعلق پننین تاثُراتن ہُند اظہار ییٚمہِ آیہٕ کران:

"فاضل صأبُن ناو دزاو سأرِسے کٔشیرِ منز شہر و گام تِمہِ ساتہٕ ییٚلہٕ ۱۹۳۶ءمنز تِمی "کرٛالہٕ کۆر" لیچھ یہِ اوس تُسنٛد سہٕ فن پارٕ یُس محمود گأمی، رسول میر تہٕ مہجور نوٗ بأتو پتہٕ سارِوے کھوتہٕ زیادٕ مقبولِ عام رٕکس مرتبس ووت۔ اَمِچ مۆدٕرلےٚ تہٕ سنہٕ وُن ساز چُھ ازتہِ کأشرِن گرن منز امہِ چہِ لُکہٕ رنٛگہٕ چہٕ شأعری ہُند زیر و بم دِلہٕ چین تارن مضراب دِوان۔ امیُک نغمأتی سرُودتہٕ شأعرانہٕ لطف چُھ ازتہٕ قأیم تہٕ دأیم"[6]

رفیق راز چُھ "کرٛالہٕ کۆر" نظمہِ متعلق ییٚمہِ آیہٕ پننہِ رایہِ ہُند اظہار کران:

"اتھ نظمہِ (کرٛالہٕ کۆر) منز چھِ فاضل سٕنز Originality پھٕٹٕر پھٕٹٕر نیران۔ اتھ نظمہِ منز یم تشبیہہ تہٕ استعارٕ ورتاونہٕ آمٕتی چھِ، تِمہِ تلہٕ تہِ چُھ نَنان زِ فاضل چُھ نظم تخلیق کرنہٕ باپتھ پننِس مشأہدس تہٕ پننین ژینن ترٛاین پیٹھے زیادٕ بھروسہٕ کران تہٕ یم چیز چھِ فاضلس

Originalبناوان'' ے

## نظم ......''پہٕلی کوٗر''

خالے آسہٕ کانٛہہ سو زبان یوسہٕ یتھ خطس منٛز بولان آسن یُس
ؤنی کوچھِ ہنٛدِس طلسماتی فضہس منٛز پاں ژادرن ہنٛدِس سنطوٗری سازس نکھہ آباد
آسہٕ تہٕ یتھ قُمر بن تہٕ گُگلین ہُنٛد سازٕ تی سرٕ ودٕ کھس آسہٕ، یتھ منٛز نہٕ شہری
ہنگامہٕ خیز زندگی نِش دوٗر کانٛسہٕ Tribal دوشیزایہٕ ہنٛدِ سادٕ مگر جود کرن واجنہٕ
نِسوانی حُسنٛک شاعرانہٕ اظہار کرنہٕ آسہٕ نہٕ آمُت۔ سہٕ یورپی زبانٕن ہُنٛد ادب
اُسی تن یا افریقی قبیلن ہُنٛد زبانی سرمایہٕ اُسی تن، ہمالیُٕی بالہٕ دامنس تل آباد مُلکن
ہُنٛد ادبی میراث اُسی تن یا عرب جزیرٕ نماہکی صحرأوی لُکہٕ بأتھ اُسی تن یا منٛز
ایشیاہس منٛز واقع مرگن تہٕ بالن منٛز بسن والین لۄکن ہُنٛد ادبی ذخیرٕ اُسی تن۔
غرض پرٛتھ زبانی منٛز چھ اسہٕ ''پہٕلی کوٗر'' ہِو بن قبایٔلی، موصوم، شُرٕ ؤژل، سادٕ تہٕ
حسین قبیلہٕ چین کوٗر بن ہُنٛد شعری نقش ضرور ووتلان۔ سوال چھُ ووتلان کیازِ؟

شہری زندگی ہنٛدِ ووسہٕ دزٕ وسہٕ نِشہٕ دوٗر قدرت چہ کوچھِ منٛز پرٛتھن والین
سادٕ مگر حسین تہٕ ماری مُندی کردارن ہُنٛد فنی عکس چھُ دراصل غاٗر فطری، بناوٹی تہٕ
بے بُنیاد شہری وضعدأری تہٕ صنعتی تہٕ شہری کلچر کہِ مُہم جوٗیی ہنٛدِس پھٔہلاوِکس نتیجس
منٛز انسانی قدرن ہنٛدِ لتہٕ مونٛجہٕ گرٛھنہٕ کِس ردِ عملس منٛز شاعرانہٕ احتجاج۔

کاشُرِ لُکہٕ شاعری منٛز تہٕ چھِ ''پہٕلی کوٗر'' موضوعس پیٹھ اکھ سبٹھہٕ

خوبصورت بأتھ موجود، یتھ منز افسانہ تہٕ ڈراماہکی تمام بنیأدی عنصر مثلن کردار نگأری، مکالمہٕ، تسلسُل، پلاٹ تہٕ منظر نِگأری بیتر موجود چھِ تہٕ عبدالاحد آزادن تہٕ چھےٚ أتھی موضوعس تحت اکھ دِلکش نظم تخلیق کٔرمٕژ تہٕ یتھ کٔنی اوس فاضل کاشمیری یَس بڑ وٚنہہ کنہٕ اکھ معتبر تہٕ مُستند شأعری راویت بدس۔ چونکہِ فاضلس اوس شأعری ہُند فطری گون ازلےٚ ڈیکس نصیب تہٕ قُدرتن اوسکھ حُسنٕ پرٔزناونک تہٕ مولہٕ ناوُنک اکھ سنجیدٕ فنکارانہٕ حِس تہٕ عطا کوٗرمُت۔ پننس أندی پکھِس منز حُسنہٕ کولہِ ہنٛز پرٔتھ وَل گتہٕ اُس أمِس یہٕ ڈٔلِ زِ تہٕ ڈٔہتھ نوان۔ سُہ ییٚلہِ تہِ تصوٗرس تہٕ حقیقتس منز حُسنہٕ صدرٕ کبن خابہٕ زُوبن منز وُچھان اوس۔ تِسندِس شأعرانہٕ تخیُلس اُس زبر لگان تہٕ نغمأتی لولہٕ اظہارس اوس شعرن ہُند رٗوپ اختیار کران:

نہٕ ژٕےٚ ہٹہٕ چِکل نہٕ ژٕےٚ کنہٕ وألی
نہٕ زٔری تنہٕ پٹھ جامہٕ کمخاب
زٕوٗنہِ زن اوٗبرٕکی جامہٕ چھی نألی
ہا پہٕلو کوٗری ہی مأژی یے

حُسنٕچ ڈألی سورٕچ عألی
ہا پہٕلو کوٗری ہی مأژی یے
جوش دار اوٗبرٕچ نوٗرٕ وُزمألی
ہا پہٕلو کوٗری ہی مأژی یے

## نظم......''دۄبٕ بائے''

''دۄبٕ بائے'' نظمہِ منز تہٕ چھُ لگہٕ شاعری ہٕندِس دلیلہٕ طرزس پیٹھ نہٕ صِرف أکِس عام کأم کرن واجنہٕ کأشرِ زنانہٕ یعنے ''دۄبٕ بائے'' ہٕندِ شاعرانہٕ نقش وۄتلاونہٕ آمُت بلکہِ چھُ فاضل صأبن ''دۄبٕ بائے'' ہٕندِ سادٕ کردارٕ کی مختلف دأخلی انہار تہٕ سماج تہٕ ماحول کہِ حوالہٕ تمہِ ہٕندبن ذأتی محسوٗساتن تہٕ جذباتن تہٕ زیو دِژمژ۔ شأعرسُند عوأمی اظہار چُھنہٕ کُنہِ تہٕ جایہِ نفاستک دامن تراوِتھ بازأری یاوۄلگرٹی (Valgarity) ہُند باس دِوان أکِس مخصوص سمأجی فِضہس یا پوٚت منظرس منز چھُ شأعر أکِس ترٛتھِ Working Lady ہُند سوٗرے خأرجی تہٕ دأخلی وجود وۄکھناوان زِ پرن وألِس پیٹھ یا نظم بوزن وألِس پیٹھ چھُ اکھ پوشہٕ وُن جودطأری سپدان۔ قأری سُندظون چھُ کردارٕ ہٕندبن تمن گۄتھ انہارن تلاش کرنہٕ خأطرٕ بیتاب سپدان، یِمہٕ وۄکھنے شأعر ہنا پتھ پٹھ نظمہِ منز کران چھُ۔ زبأنی ہٕنز نغمأتی لیہٕ ستی چھُ أکِس ترٛتھِ Ideal مِثأ لی کأشرِ زنانہٕ ہٕنز شبیہہ دیدن برٛونٛہہ کنہِ یوان، یوس سأری ذأتی دوکھ تہٕ چھوکھ وِتراوِتھ پننہٕ آرزو تہٕ ارمان مُشراوِتھ فقط پننس ستی بأج ہٕندِ خوٚشی تہٕ مسرت خأطرِ تمس شانہٕ بشانہٕ کامہِ کارس منز برابر شریک روزان تہٕ پلزان چھے۔

چھلی چھلی ململ ہا دۄبٕ بأیی

چھلی چھلی ململ ہا دۄبٕ بأیی

یارٕ بلہٕ بٔتھس پیٹھ لۄکن ہٕندبن مالہٕ پلوٚن تہٕ پوشاکن چھلنہٕ چھوکنہٕ ستی

چُھ باسان زِ تمی سُند أندرِم مل تہٕ چُھ چھلنہٕ تہٕ چھو کنہٕ یوان۔ زمانس ستی ستی چُھ ذات تہٕ تس پاکیزگی تہٕ طہارت پزاوان باسان۔ مخصوص شعری ورتاوٕ ستی چُھ شاعرن تتھ اکھ کیفیت پاؤدہ کران زِ باسان چھ زِ دوٗبِ بارے پچھےٚ پلو چھلان چھلان انسانی ماحول بدی تہٕ اہنکار ہنز بدخصلژ و نشہٕ پاک کرِتھ لولُک، صداقتُک تہٕ شوٗ ژرُک وردن پاؤراوان:

بہہ تلہٕ وس چھا اکہِ ڈنجہِ روزان

نہ کُنہِ داغ نیران، کُنہِ داغ لاران

ملہٕ وۄتھ یُس تسی کنہِ پیٹھ چھاوان

کنہِ پیٹھ چھاوی چھاوی منہٕ پزِ زلاوان

آبِ زُلالہٕ ہاے دوٗبِ بائی

چھلی چھلی ململ ہا دوٗبِ بائی

لکہٕ طرحس پیٹھ مبنی یمن ترٕبن اہم نظمن علاوٕ چھ فاضل صابن واریاہ وَنہٕ وِنی تہٕ روٗفی باتھ تہٕ مختلف شعری فارمن منز لیکھی متی۔ یمن تہٕ واریاہ عوامی مقبوٗلیت حاصل سپز تہٕ یم باتھ أسی اوترٕ اوترٕ تام مختلف مذہبی تہٕ سماجی موقعن مثلن عیدن پیٹھ، بڈٕبن دوہن پیٹھ، خاندرن پیٹھ لولہٕ تہٕ شوقہٕ سان گیوٗنہٕ یوان۔

''یخو'' نظم چھےٚ بیاکھا اکھ عوامی شاعری ہُند نموٗنہٕ، یُس فاضل صابنہٕ قلمہٕ تھنہٕ چھےٚ پیمو۔ وژن فارمس منز یہِ نظم تہِ گیہ پنٕنہٕ وقتہٕ واریاہ مشہوٗر۔ اتھ نظمہِ منز چھ شاعرن کشیرِ ہندِس مخصوص سماجی تہٕ جغرافیائی پسٕ منظرس منز کاشرِ بن ہندِ اجتماعی

بیکسی، لاچأری تہٕ بے سروسامأنی ہنٛزا کھ علاقأیی تصویر کشی پیش کرنٕچ کوشش کرمٕژ۔ ونٛدٕ گٹہٕ کارس منٛز۔ کتھٕ پأٹھی چھ کأشُر اکہِ طرفہٕ شیٖنہٕ خزانن ہنٛدِس موجود آسنہٕ کِس صورتس منٛز پننہِ لاچأری ہُنٛد تخلیقی اظہار کران تہٕ دوٗیمہِ طرفہٕ۔ کتھٕ چھ یوٗہے شیٖن سوٗنٛتس تہٕ ہارس منٛز کأشرِ بن گرٛ بشمہٕ ژٕنجہِ نِشہٕ راحت تہٕ فراغت تہٕ عطا کران:

| | |
|---|---|
| کمہِ وَنہٕ وولہٕ مکھو یخو | أندری دوٗد کھو یخو |
| چلہٕ بچہِ ییٛلہِ اوس وق | پشہٕ پٹھٕ دِیُت مےٚ دکہٕ |
| یوٗنہِ کنہِ گیہِ یو بنہٕ | کمہِ وَنہٕ وولہٕ مکھو یخو |
| یہِ وُچھان آو انسان | یہِ گلان مُہہ چھ شیٛہلان |
| یمہٕ کتھٕ نوِ کتھٕ چھنہٕ | کمہِ وَنہٕ وولہٕ مکھو یخو |

بقولِ رفیق راز:

"ییم موضوعات چھِ بظأہر بڑٕ وٕنہہ کنٛکی، یمن پٹھ نہٕ اوٚ تام کأنٛسہِ ہنٛز نظر پیٛمٕژ أس۔ فاضل سُنٛد کمال چھ زِ ییم موضوعات کرِن تِتھین لفظن تہٕ تِتھِس پُرکشش آہنگس منٛز پیش زِ ییم چھِ لگہٕ شأعری ہنٛدی اعلیٰ ترین نموٗنہٕ باسان۔ بلکہِ یِتھ شأعری چھنہٕ رہتہٕ وادن منٛز بارسس یوان بلکہِ اتھ پتہٕ کنہِ چھ ہتہٕ وادن وُریَن ہنٛدی اجتمأعی دِماغ تہٕ دِل آسان تہٕ پرٛتھ زمانہٕ چھ اتھ پننہِ پننہِ مزاژٕ مطأبق شیرٕ پأر کران۔ ہرگاہ فاضل سٕنٛزن نظمن بغور مطالعہ یِیہ کرنہٕ، اسہِ باسہِ زِ فاضل چھ پننہِ دورٕکہِ کلہم اجتمأعی دماغٕچ تہٕ مزاژٕچ نمایندگی کران" ۸

یِمن نظمن یاوژن نُماغزلن منز لگہِ طرزُک مأری موٚند انہارتہٕ غأرمبہم انداز چُھنہٕ کُنہ تہِ رٔنگی بازأری ستگی چھپہِ لوٚ گمُت، بلکہِ چُھ فاضلن أکِس کہنہٕ مشق مأہرِ نفسیات تہٕ پیشہِ ور دلیلہٕ گو شأعرٕ ہٕندی پأٹھی عوأمی کردارن ہٕندِ شبیہہ کأری خأطرٕ سوزبان تخلیق کٔرمٕژ، یوسہٕ سادٕ أستھ تہِ شأعرانہٕ حُسن کأری ہٕندی سأری لوأزِمات پوٗرٕ پچھےٚ کران۔ موزوٗن تشبیہات، منہٕ پڑٕ یہٕ وٕنہِ ترکیبہٕ، فطری حسنُک اچھرٕ نقشاوتہٕ سراپا نِگأری ہٕندی مأری مٔندی نموٗنہٕ چھِ پرن وألس جمالیأتی حظ بخشن ستی ستی نوبن شعری تہِ لِسأنی امکاناتن ہُندتہِ نیب دِوان:

چوٗن قد شمشاد یا سروے رواں
یا مگر گلدستۂ باغِ جناں
پانہٕ شیرِتھ تھووٗمُت کأری گرن
سراپا نِگأری

(کرٛالہِ کوٗر)

مستس ژھایہِ چُھے فوتہٕ انزٕ ألی
ظُلماتہٕ منزٕ یہِ زن لال تابان
زوٗنہِ چھی ستہٕ ریٖشی پتہٕ اردألی
ہا پٔہلی کوٗری ہی مألی یے
تشبیہہ

(پٔہلی کوٗر)

''حُسنٕہ وان، اوٗ بٔری جامہٕ، بالہٕ، میٖوٕ'' بیترِ ترکیبہٕ چھ تمہٕ اندازٕ استعمال آمٕژ کرنہٕ زِ کردارن ہنٛز حُسن کأری ستیٚ ستی چھُ تہندِ شخصیتٕکی واریاہ دأخلی تہٕ خأرجی پہلوٗ تہِ دیدن بزٕ وٕنہہ کنہِ یوان:

پیالہٕ دِلہٕ کی عاشقن ہنٛدی چھکِھ ٹُلان

یا ژٕ پھُٹراوان یا غأرن کنان

یا ژٕ زالان کوٚنٛدِ منٛز پیٹھ تیوٗنگلن

کژالہٕ کوٗری مالہٕ کریئے کوسمن

(کژالہٕ کوٗر)

لُکہٕ شأعری ہُنٛد اکھ نوٚ وصف چھُ انسان دوستی، سمأجی بأے بنٛدُت تہٕ مذہبی روادأری۔ کانٛہہ تہِ لُکہٕ شأعری ہُنٛد نمونہٕ چھُنہٕ انسانس تہٕ انسانس درمیان زبأنی ہنٛدِس بُنیادس پیٹھ، عقیدت کِس بُنیادس پیٹھ، رنگ ونسل کِس بُنیادس پیٹھ قومی یا سمأجی منصب دأری ہنٛدِس بُنیادس پیٹھ بٔبن پأدٕ کرنٕچ وکالت کران تہٕ نہٕ چھےٚ یتھ شأعری انسأنی سماجس منٛز نفرت پأدٕ کرنس روادار آسان۔ 9

فاضل سُنٛد کلٲم شأعری سرمایہٕ چھُ یِموٗ اوصافوٕ ستی بٔرتھ۔ تِمۍ ہٕنٛدی لیٚکھۍ متیٚ دُعا، مناجات، مرثیہٕ، کرٛشن لیلاتہٕ گوٚرُوبأتھ چھِ تہندِ شوٗژ وبٔوارکی، شوٗدِ منٛج تہٕ انسأنی مِلہٕ ژارکہٕ سنجیدٕ احساسٕک پوٗشہٕ وُن اظہار۔

## حوالہٕ تہٕ حاشیہٕ

ا: John Vincina, Oral Tradition as History, P:111

۲: فاروق فیاض: زبان ادب تہٕ توارٟیخ، ص: ۶۰-۵۵

۳: تفصیلہٕ باپتھ وُچھِو رابرٹ تھورپ سنز ''کشمیر مِس گورنمنٹ''۔ فاروق فیاض سُنٛد مضمون ''کاشُر بن لگہٕ پاٹھرن منٛز سماجی بغاوت''۔ رسالہ: انہار، کشمیر یونیورسٹی

۴: وُہمہِ صدی ہِنٛد، س دوٚیمس تہٕ ترٛیمس دہس منٛز یٚیتہٕ گاندھی جی نِس قیادتس منٛز انڈین نیشنل کانگریس اکھ نوٚو جہت رٲژھو اُس تہٕ انگریز سامراج وادس خلاف اُس تحریکن عوٲمی موٲل رٲژ متی، کشیرِ منٛز تہٕ اوس شخصی راجس خلاف ۱۹۳۱ء پتہٕ اکھ نوٚو جوش تہٕ ولولہٕ وزٕنٛتھ گوٚمت۔ وطن دٲری تہٕ قومی تحریکہٕ پتہٕ کنہٕ اوس شخصی راجس خلاف بغاوت تہٕ قومی شناختُک بوٚڈ مُدعا تہٕ مقصد کارفرما۔

۵: ''بیادِ فاضل'' کتابہِ منٛز شایع غلام نبی خیال صابُن مضمون ''فاضل کاشمیری''۔ ص: ۳۹-۴۵

۶: ''فاضل اکھ مکمل شاعر''، رفیق راز ''بیادِ فاضل''۔ ص: ۸۷

۷: رفیق رازُن مضمون ''فاضل اکھ مکمل شاعر''۔ ص: ۸۹

۸: Folk Lore, Pulse of Prople, Mazhar-ul-Islam,P: 383

۹: فاضل صابٕنس ''دستھ سمندر'' شعرٕ سوٚمبرنہِ ہِنٛدِس دیباچس منٛز ٹینگ صاب یمن کتھن ہُنٛد اظہار کران۔ ص: ۴

۱۰: ''فاضل کاشمیری تہٕ کاشُر نعت''...... سید رسول پونپُر، ''بیادِ فاضل''۔ ص: ۵-۱۰

۱۱: Greater Kashmir, Article, Published

ملک بشیر اطہر

# فاضل تہٕ پیکر تراشی

پتھ کالچہِ شاعری ہُند رجحان رؤد ہمیشہِ روایتی یا یہِ وٕنی توٗ زِ تقلیدی۔ یہِ روٗز پرٛتھ رنگہِ مذہبی عقیدن، روٗحانی قدرن، تصوف تہٕ تِتھین ہوبن باقے موضوعن تابٕین تہٕ ییلہِ یہِ ترقی پسند دورس منز دٲخل سپز، امہِ کِس دامنس ہناوسعت لگتھ ژایہِ اتھ منز سمٲجی تہٕ سیاسی موضوع، حُب الوطنی، انقلاب تہٕ تِتھی ہوی باقے موضوع۔ اردوغزلہِ ہنزن ژھاین تہٕ گرٛاین وُچھان کاشر غزل یوسہٕ عام طورٕ پٲٹھۍ کینٛہ شاعرن ہنز امتیاز اُس، روٗز روحانی پوشاکس منز پھاپھلان۔ امیُک مطلب گوٚو نہٕ یہِ زِ کاشرِ شاعری یا ادبس منز آو نہٕ نوٚو بر تہٕ یہِ روٗز یسلہٕ پاٹھی نو بن نبجن کُن اچھ وٹتھ یا امیُک باڈ واوس نہٕ تیوٗت زِ یہِ ہیکہِ ہے رِوایژ پھٹرٲوِتھ۔ مگر عام طور روٗز یہِ اردوٗ تہٕ فارسی شاعری ہنٛد بن پدبن پتھ پوٚد ترٛاوان تہٕ یوٚہے وجہِ چھ زِ اتھ منز آیہِ نہٕ انفرادیت تہٕ آفاقیت تہٕ اکثر شاعرن ہُند کلام رؤد صرف کینٛژن روایتی تجربن تہٕ روایتی نبجن ہُند تابٕین۔ اگر ٲسی انگریزی تہٕ دُنیا کین باقے اوسوٕ حال ادبن کُن نظر ترٛاووٚ تہٕ تِہُند مطالعہٕ کرو، اسہِ باسہِ پنٕن ادب تہٕ شاعری واریاہ پسماند۔ شاعری چھنہٕ روایژ ونبر۔ مگر یہِ چھنہٕ روایژن ہنز غلام تہٕ

یِہ مےٚ برٚونٹھے وۄن زِیہِ ۄنتھ ہکوٚنہٕ اٚسی یِہ تہٕ مانٛتھ زِ کاشُر شاعری روٗزٕ صرف مذہب، سماج، عقیدٕ، حُسن و عشق تہٕ بیٚتھِ نےٚ موضوٗعن تام محدوٗد بلکہِ وِزِ وِزٕ آیہِ تمہ ادب پارٕ تہٕ تخلیق کرنہٕ یِم روایٔژ وٕنِشہِ بدوٗن چھِ۔ یِم مُنفرد چھِ تہٕ یِم اسلوب، آہنگ تہٕ موضوٗع رٔنگی تمام شعری تقاضہٕ پوٗرٕ چھِ کران تہٕ پرن وٲلی سٕنز ترٛیش چھِ ہُمراوان۔

فاضل کاشمیری یتھ دورس منٛز بارسس آے سُہ اوس نہٕ سمٲجی بیدأری، انقلاب، وطن پرستی یا حُب الوطنی یُنٛد پُر جوش تہٕ پُر تفسیر ماحولہٕ منٛز تازٕ تازٕے وۄتلیومُت۔ یِہ اوس سُہ دور یتھ منٛز عبدالاحد آزاد تہٕ غلام احمد مہجورن پننہٕ نوٕ انقلأبی تخلیقوٕ ستی پزٕ ژکنی کاشرِ شاعری تہٕ موسیقی ہُنٛد روٗخے بدلوومُت اوس۔ تہٕ یِمن ستی اٚسی ہتہٕ بٔدی شاعر تہٕ ادیب اٚتھی سٕہلابس منٛز ییرٕ گأمٕتی تہٕ شاعری ہُنٛد یِہ معنہِ مطلبے زن اوس بدلیومُت۔ صمد میر، وہاب کھار، رحیم صأبِ سوپوری تہٕ بیٚتھین واریاہن شاعرن ہنٛز حقیقی تہٕ صوفی تہٕ محمود گأمی، رسول میر تہٕ اسد میرنہٕ روٗحأنی شأعری نِشہِ دوٗرِتھ اٚس یِہ ووٚنی سمأجی انقلابہٕ کِس لوہ لنگرس منٛز ہینہٕ آمٕژ۔ اوٚ تام اٚس خالے کُنہِ جایہِ سو پیکر ترأشی نظرِ گژھان یمیٚک اگرچہِ فاضل بأنی چھنہٕ مگر اکھ تیٚتھ باغوان چھُ یمی یِہ سگہٕ نأو، اتھ زوٗزبتہٕ دِیُت تہٕ یِہ پزٕ ژکنی بوٚنہِ ہنٛدی پأٹھی اکھ تیٚتھ مضبوٗط گُل بنوو یمیٚک شہجارو أنٛسہٕ وادن کاشرِ شاعری پیٚٹھ روزِ۔ فاضل چھُ اکھ مُصور، اکھ مُرٛژگوٚر تہٕ اکھ فوٹوگرافر، یُس پننہِ شاعری ہنٛدِس

کینٕواسس منٛز تمہٕ تصویرٕ چھُ بران یم کُنہٕ صِرف تہٕ صِرف اکھ کردار چھِ باسان تہٕ کُنہٕ اسہِ ڈٲچھِنہٕ کھوٗرِ پکان ژکان زِندٕ صوٗرژ چھےٚ باسان:

چشمہٕ چھےٚ لعلِ بدخشاں سورمہٕ دار
آرِ گرٕ گرٕ چھِ یمن نقش و نِگار
عنبری، خاکستری، نیلوفری
میٲنٛی سپدٕکھ نا بہٕ کرٕہےٚ دِلبری

کژالہٕ کوٗر، پہلٕی کوٗر، دوٗبِ باے، شینہٕ پی یاپٕژھ واریاہ دوٗیمہٕ نظمہٕ چھِ تہنٛزِ پیکر تراشی ہنٛدی شہکار۔ سونہٕ مرگ، ڈل سارٕ تہٕ زوٗنہٕ منٛز ڈل نظمہٕ چھےٚ حُسن فطرت چہٕ عکاس تہٕ گانٛٹہٕ بزٲر، تاج محل تہٕ گاڈ چھِ تہنٛدِ تخیُل کہِ تھز رِچ باوتھ کران۔ فاضل اوس شہرٕ پاٲدٕ سپدمُت مگر تس اوس تیوٗت سرٕ ژوٗن مطالعہٕ زِ کُنہِ چھُنہٕ باسان زِ سہٕ چھُ ہوٗہس منٛز تیرٕ ماران:

نرگسن تےٚ سُنبلن منٛز باحساب
چھِی ڈٲچھِنہٕ کھوٗرِ زِ کشمیرٕکی گولاب
گُل وُچھِتھ ڈٲلی ہوش پانےٚ بُلبُلن
کژالہٕ کوٗری مالہٕ کریےٚ کوٗسمن

یا

نہٕ ہٕٹس چمکل نہٕ ژنے کنہٕ وٲلی
نہٕ زٔری تنہٕ پٹھ خاصہٕ کمخاب

زۄنہِ زن اۄبرِکۍ جامہٕ چھی نائلی

ہا پھلی کۄرۍ ہی مائلی یے

یتھی ہوی شعر تہٕ نظمہٕ چھہِ تہِندِ مُنفرد اسلوبچ ، پیکر ترأشی ، استعارأتی اظہار، فِکر و احساس کہِ تھزِ رِچ پوٚختہٕ صاف تہٕ شۄزُ زبأنی پیٹھ دسترس تہٕ موضوٗعن ہِنٛزِ Variety تہٕ تہِندِ سرٕ ۄن مطالعہٕ آسنٕچ باوتھ کران۔ فاضل صأب چھہِ کردارن پننہِ لفظن ہِندِس سانٛچس منٛز ترأوِتھ تتھی شعر تھران یِم پزٕ کِنۍ پرن وألِس سٔنتھ چھہِ گژھان۔ یوٚہے وجہ چھُ زِ تہِنٛز نظمہٕ کرٛالہ کۄرتہٕ پھٔلی کۄرچھ وٚری وادو پیٹھ زبان زدتہٕ سُہ تھٔج کادأسی تن ، ننٛدٕ أسی تن ، وورُس أسی تن یاماٚلہ یا نٛجی محفلہٕ أسی تن ، یِم چھ وُنہِ تہِ گیونہٕ یِوان۔ تہِنٛزِ شأعری منٛز یُس ساز و سوٚز چھ پزٕ کِنۍ تہِند بن ہم عصرن منٛز سبٹھاہ کم نظرِ گژھان۔ فاضل چھُ رسول میرُن دِل ہیتھ، اسد میرٕنی زبان تہٕ مطالعہٕ ہیتھ ، محمود گأمی سِندۍ شأعرانہٕ تھز رہیتھ تہٕ پننہِ تجرُ بن ہُند وسیع پوٚت منظر ہیتھ شأعری ہِندِس سمندرس منٛز ژھانٛٹہٕ ژھانٛٹھ کران۔ تس چھُ پوٚت کال تہٕ سٔرِتھ ، از کال تہِ پرِتھ تہٕ بڑۄنہہ کال تہٕ پننہِ صلأحیژن ہِندِ خزانہٕ ستۍ بٔرِتھ۔ لُکہٕ آہنگن ہُند لامثال ورتاو چھُ تہِند بن شعرن سُہ اثر دِوان زِ تِم چھہِ دِلہٕ چِن تارن ضرب دِوان تہٕ بوزن والین زن جود کران:

برتل چھُ ونن از تہِ گزل وقتہٕ یہِ فأضل

یتھ کھوژِ ونس کلاہِ شبس از ووٚنی سحر کر

فاضل سنز کلٲم شاعری چھ پیکر تراشی ہنز اکھ بےوۄنت خزانہٕ پننہٕ کوچھ منز للہٕ وان۔ یِیتہٕ تمو پہلی کۄر، کزالہٕ کۄر، دوٚبی باے، گلمر گ، شینہٕ پی نظمن منز پیکر تراشی ہنٛدی نادر تہٕ موٚللی نموٗنہٕ تخلیق کٔری، تتہٕ کٔر تمو نعت تہٕ منقبتن منز پٔزی کٔنی سو پیکر تراشی زِ انسان چھ رٔہتھ گوٚھان۔ تم چھِ واوس ونان زِ فریاد ہیتھ گژھ سرورِ لولاکسؐ تہٕ باسان چھ زِ واوچھ پکان تہٕ تتھ چھ اکھ صورت۔ تم چھِ مدینہ منورہ یا مکہ معظّمہ ہِکی تعریف کران تہٕ پرن وأل س چھِ یِم دوشوٚے عظیم تہٕ پاک جایہِ اچھن تل یوان۔ تم چھِ گیسوئے پاک تہٕ روئے محمدؐ بیان کران تہٕ انسان چھ وجدس یِوان تہٕ دیدارِ حضورؐ ستی زن تہٕ فیضیاب سپدان:

ژٕے طٰحٰہ جبینس تہٕ والشّمس رویس
لیکھِتھ زن چھ سوٗرے قرآن اللہ اللہ
شانہٕ کر وَالیل مویس صبح رویس پردٕ تُل
یارسولؐ اللہ یےٚ وُچھ وُچھ بنان شام وسحر

علامژن ہُند ورتاو، تشبیہاتن ہُند تِتھ کٔنی استعمال زِ زن تہٕ واجہِ اندر نگینہٕ ژٕرِتھ چھ تہٕ پتہٕ بشریت کہِ احترامکی تمام حد نظرِ تل تھٲوِتھ رسول پاکنؐ ہندِس ذاتِ اقدس نعتِ پاکن ہنٛدِس صوٗرتس منز اَنِتھ چھِ فاضل ثابت دِوان کٔرِتھ زِ تم چھِ اکھ بےمثال مُصور تہٕ پیکر تراش نعت گو۔ رسولِ پاکنؐ ہنٛدِس رویہٕ پاکس قرآنی آین ستی تشبیہہ تہٕ رویہِ پاکس وُچھِتھ شام وسحر بنہٕ نچ تشبیہہ نہ چھ خاکم

بدٕہن مبالغہٕ آمیزی باسان تہٕ نہ چھ کُنہ تہٕ رنگہٕ شرک باسان۔ اکہٕ طرفہٕ یہ تہٕ دوٚیمہٕ طرفہٕ پننس محبوب سنزٕ مایہ پننس اوٚشس پانٛژادرن تہٕ آبشارن ستی تشبیہہ چھ کمال ووستادی:

چانہٕ مایے اوٚش ہران چھس ژھایہٕ ژھایے
صاحبا! پانٛژادرن تےَ آبشارن کُن تہٕ وُچھ

فاضل صابُن کلام، سُہ نظمن ہنٛدِس رنگس منٛز آسی تن، سُہ نعتہٕ کِس رنگس منٛز آسی تن یا سُہ غزلہٕ ہنٛدِس رنگس منٛز آسی تن، چُھ وُنی کئنبس تہٕ مقبولِ عام۔ تہنٛدی نعت شریف چھِ لکھنہٕ پتھٕ ازتام پرٛتھ مشیِد اندر وَرُدکرنہٕ یِوان۔ تہنٛدی دُعا چھِ سکوٗلن اندر پرٛیر زٕنگی پرنہٕ یِوان تہٕ تہنٛز باقٕے شاعری چھ پرٛتھ موقعس پتھ گیونہٕ یِوان۔ فاضل چُھ لُکہٕ شاعر، تہنٛدِس کلامس منٛز چھِ عام لوٗکن پننی صورت، پنٛن بنٛن گدرُن تہٕ پنٛن اوٚندپوٚک بوزنہٕ یِوان۔ یہ مےٚ گوڈٕے ووٚن زِ تہنٛد کلام چھ مُصوری ہُنٛد لفظی روٗپ۔ تم چھِ پیکرتراش تہٕ تہنٛد پرٛتھ کانٛہہ لفظ چھ اکھ تصویر پیش کران۔ شاید ما آسہِ یہ مبالغہٕ اگر تمن کاشُر Wordsworth (ورڈس ورتھ) وَنو، مگر یہ آسہِ نہٕ مبالغہٕ اگر یہِ وَنو زِ اگر کاشُر زبان انگریزی زبانٕیٔ ہنٛدی پأٹھی عالمی زبان آسہِ ہے تم آسہٕ ہن نہٕ ورڈس ورتھس پتھ کینٛہہ۔

☆☆

رویندر روی

# فاضل کاشمیری......پننہِ مُنفرد پرٛزنٛژ ہُنٛد ڈٔکہِ ٹِکہٕ

غلام احمد فاضل چھِ اکھ تِتھ شخصیتکی پیکر یِمیُک پرٛزٕ بِسیار شیٚیہن الگ الگ خاصیژ بخشِتھ ہیکہِ تہٕ یِمہٕ خاصیژ چھِ مختلف رؠ پن منز پٔنن تعارُف پانہٕ پیش کران۔ أنگوٕنی ہاباسن یِم تجریدی مگر دیٖد مان تہٕ چھنہٕ یِمہٕ مصوری زٕژ بلکہِ اکھ عملی وضع۔ گھریاہن پاسن ہُنٛد مألِک اکھ گونہٕ وان یِمہٕ وِزِ پٔننہن گونن ہنٛزٕ وکھنہِ ستی پرن، بوزن تہٕ وُچھن وأسس پزی آورِونس منز کامیاب چھُ سپدان۔ یِمن گونن ہُنٛد موجوٗ دأسُن چھنہٕ تیٚلہِ ہرگز تہٕ عبث آسان۔ بلکہِ چھُ یہِ اکھ ازلی عمل آسان۔ غلام احمد فاضل سنٛزٕ فِکر تہٕ متکلم چھنہٕ کُنہِ مخصوص یا مرکزی خیالس تابع تہٕ لوٚنچہِ گٔنڈِتھ۔ یِم چھِ وُسعتن پرواز کٔرِتھ یِوان۔ یہنٛزِ فکرِ تہٕ اظہارس چھُنہٕ کانٛہہ بنہٕ تہٕ نَہ کانٛہہ ماتال۔ توٚے تہِ چھِ یِمن نِش واریاہ اصنافِ سُخن کنن گوٚھان تہٕ ءکتی ہَن کینواسن پیٹھ یہنٛدِ جمالیأتی شعورُک جلال درٛینٹھی یِوان۔ غزل، نظم، وژن، نعت، مرثیہِ، مزاحیہ، ونہٕ وُن تہٕ بھجن کیٛر تن تخلیق کرن وول فاضل چھنہٕ تِتھے پٔتھن اصنافن پیٹھ قُدرت تھاوان، تہٕ نَہ چھُ یہِ تِہنٛد کانٛہہ تسخیری بل بلکہِ بأطن پزٕ کاشُک پزٕ ژٔنڈ تہٕ ظأہری Situation نن پیٹھ تھف۔ فاضل سُند بیٚاکھ

وصف چھُ Patience۔ یہِ صبر تہٕ یہِ تحمل چھُ تمن زمان ومکان چوپیرٕ وورأے اکھ شانٹ ساعت فراہم کران ۔ زنتہٕ مس ہند رِ نحرِ بیکراں۔ تتھس سٹیٹس منز چھُنہٕ تہندِ قلمُک کش کانٛہہ فنتاسی درشاوان بلکہِ من وعن تی آفرید کران یہِ اثبات چھُ۔ اوَے تہِ چھُنہٕ یہنٛد آرٹ کانٛہہ مجرد بلکہِ اکھ پزٕ کھُٹ پزٕ مان۔ خوش خطی یا خوش نویسی چھِ فاضل سندِس اختراعیس اکھ جلا بخشان ییٚمہ کہِ برکتہٕ یہنٛدِ قلیچ وُپھ عروٗجس کُن کُنی ژٕکھ نوان چھےٚ۔ اگر یہنٛز خطاطی منتہائے عروجس واتان چھَ تہٕ فن ارضی رموٗز ونشہِ آشکار کران چھُ۔ یہِ چھُ من تہٕ پوٚنُک سنگھاٹھ۔ یم چھِ باتنفّس تہٕ تہِ Respiration چھَ کُنہِ زرہس أندرٕ ڈی ورأے تازٕ دم بنان تہٕ یم چھِ جہاتن کوم کرنس منز کامیاب سپدان۔ فاضل چھِ موٗل پزٕ زناونس تہٕ اتھ گوڈ برنس منز تازٕ ترٕ ءتی۔ ہنگہٕ منگہٕ اُوِ جارٕ زأوِ جارٕ نشہِ گریزتہٕ غأرضروری فلسفہٕ نشہِ اجتناب چھُ یمن زہینی صداقتوٗن ہنٛز أینہٕ دأری کرن وول بناوان۔ یوٚہے چھُ وجہ زِ یمن ہنٛدِس ووندٕ باوتس منز چھنہٕ کانٛہہ پیچیدگی تہٕ نہٕ کانٛہہ ابہام۔ ءستی چھُ یتھ کتھِ تہِ گیٚنی کڈٕنی موزوٗن باسان زِ فاضل چھنہٕ عصری تقاضن لتھ دِتھ زانٛہہ پوٚ دترٕ اوان مگر بزٕ وٕنہہ پکان پکان چھنہٕ تم پتھ کُن تہٕ نظرٕ ترٕ اونس منز کانٛہہ قباحت محسوٗس کران۔ گوٚ ویم چھِ پتٕ مس تہٕ بزٕ وٕنہہ مس درمیان اکھ پاید ارسُمہٕ سوٗتھ تعمیر کرٕنکی مُتمنی روزان۔ فاضل چھنہٕ یتھِ فاضل بنیٚمتی۔ بالہٕ پانہٕ پیٚٹھ میلی یمن پننس بابہٕ صأبس نشہِ رتی سنسکار تہٕ یمن سنسکارن سپزٕ نصرتُ الاسلامیہ کِس ژاٹہٕ

ہالس تہٕ بڑوٚنہہ کُن اسلامیہ سکول تہٕ پتہٕ ایس پی کالجس منز آبیارٕی۔ یہنٛدِس بابہٕ صابنہٕ گنگراونہٕ ستی یوسہٕ گنگراے نوجوان غلام احمد سنٛدِس دِل و دماغس محفوٗظ کران روٗز "سو" تہٕ پٔتِن "شوٗنٛد" گوٚو بڑوٚنہہ کُن یہنٛدِس فہم و فراستس پوٚٹھ تہٕ زرخیز بناوان۔ فاضل چھِ پانہٕ تیٚمہِ کتھِ ہُنٛد اعتراف کران زِ "میانہٕ زبنہٕ وقتہٕ اوس نہٕ سائنس گرس أندی پکھس منز کُنہٕ قسمُک علمی یا ادبی ہوا نوا"۔ گوٚو یہُنٛد زنم دھارن کرُن دژاونہٕ یہنٛدی یوت گرٕ خاطرٕ پھرٛؤژ بلکہِ سأٔلِم ہمسایہ گری خاطرٕ تہِ۔ ڈٔہم جماعت امتیازٕ سان پاس کرٕنی تہٕ سکوٗلس منزٕ ے زِ منظوٗم کتابہٕ اجراء کرنہِ چھُ یہِ ثبوٗت زِ اکہِ پایدار بُنیادٕ کٔنی چھَ ذہنی نشو نما ہس افزودگی عطا کران۔ فاضل صأبُن لوکچار یا بالہٕ پان چھُ سازگار گھریلو ماحولس، گرِ تہٕ سکوٗل رِکس دیٖنی و دُنیأوی سبقس تہٕ پٔتہِ ذہنی تہٕ علمی بالیدگی ہنٛدِس فِضہس منز پرٕتھان تہٕ پھبان۔ یتھ کٔنی چھُ یہنٛزِ تخلیقی پروازٕ خاطرٕ اکھ صحیح تہٕ ٹھوٚس Launching Pad میلان۔

فاضل سُنٛد Unique قوسِ قزحی کردار چھُ امہِ سببہٕ مُنفرد، تِکیاز یہِ چھُ اکھ Balance Strike کرنس منز ہر ہمیشہِ کامیاب روزان۔ نتہٕ چھَ پرٛتھ کأنسہِ پٔنٛنی اکھ خاص لأن آسان یوسہٕ سُہ ہر حالتس منز پانہٕ ناوان چھُ۔ چاہے ردِ عمل کُناہ تہِ أسی تن۔ مگر یتہٕ نٔس چھِ فاضل اکھ تیتھ Treatment ورتاوس انان یتھ ہمہ گیریت چھَ تہٕ یتھ آفاقیت چھَ۔ غرض فاضل چھِ Inclusive نظریہ

ہکہٕ پاسبان نظرِ گژھان۔ یتھبن حالاتن منز چھنہٕ پتہٕ کانْہہ Myopic وژشٹی آسان۔ فاضل چھِ یقیناً سِری تہٕ یوٚہے سِرٕ ساوبر چھُ یہنٛدِس ہمہ گیر یتِس آشکار کران تہٕ یہنٛز آبہ جوے چھےٚ اَکِس وسیع سمندرس منز تبدیل گژھان۔ شاید چھِ فاضل ''کتھ'' تہٕ ''وَتھ'' زٕ اَنتھ گمتی تہٕ سِرس وأقف گمتی۔ فاضل سُند بصر چھ پرٛتھ کُنہِ چیزس فوقیت تہٕ اہمیت دِوان تہٕ یہِ بصر چھُ نہ اِدراک یُس یمن آدنے باگہِ چھُ آمت۔ لہذا چھِ یم Dichotomy نفی کران تہٕ پرٛتھ موجوداتن کیو غأر موجوداتن قدر تہٕ احترام کران۔ کانْہہ تہِ شۓ چھنہٕ یم متروک قرار دِوان۔ فاضل چھِ مانان زِ ''کاینالس منز یم تہِ چیز چھِ تِم چھِ سأری کینْہہ نتہٕ کینْہہ معنہٕ تھاوان''۔ ماخلقتَ ھٰذٰ باطِلا (کانْہہ چیز چُھنہٕ بے معنی)۔

یِمس برٛونٛہہ کنہٕ پرٛتھ کُنہِ چیزس قدر و منزلت تہٕ اہمیت آسہِ تس شخصس چُھیی نہٕ زانْہہ دُیی باو آسان۔ بلکہِ چھُ سُہ پنٕنِس صد یقس پیٹھ برقرار روٗزِتھ باقیس تہِ ستکار کران۔ لِسٲنی تہٕ عقیدتی تعصب نِشہِ آزاد فاضل چھُ پننہِ فکرٕ، اظہارٕ تہٕ ووہارٕ ستی اکھ میوٚٹھ تہٕ موٗدُر مُرکب بناوان۔ امی چھ یہنٛز زبان تہٕ تحریر پیٹھ وَیہٕ ؤنی، پرٛیِیہٕ ؤنی تہٕ خوش نُما۔ ''دراصل چھےٚ یہِ اورٕچ دین آسان''۔ یتھ ہیوٚ دوٚپ استعمال کرنہٕ ستی چھُ رب المعبودس پیٹھ یہنٛد راسخ عقیدٕ گاشراونہٕ یِوان تہٕ یکسوٗیی سان چھِ پننِس پرٛوس خُدا یِس ژھاران تہٕ گاران۔ بقولِ ڈاکٹر مرغوب بانہالی:

''اکھ صحیح دیندار تہٕ دیانتدار استاد چھنہٕ کُنہِ تعصبک روادار آسان''۔

اکھ قابل، ذہین تہٕ قابلِ قدر استاد آسنہٕ کہِ مصداق تہٕ علوٗمن ہنٛدِس گہرٲیی سان تہٕ تجزیٲتی مطالعس نظرِ ژٹتھ چھِ الحاج فاضل کاشمیری تنگ، حقیر تہٕ ژھوٹہِ سوچہِ تہٕ نظریہِ نِشہِ آزاد۔ علمس پیٹھ پزی عبوٗر تہٕ دسترس آسُن چھُ کُشادٕ ذہن تہٕ کُشادٕ دِل بناوان۔ کانٛہہ ماوَنہٕ زِ اتھ حالتس منٛز ہیکہِ نہٕ سمجھوتہٕ کرُن ناگزیر اٰسِتھ مگر میوٗن چھُ یہِ یقین زِ اکھ ''وٲتتھ'' تہٕ ''وٲقف کار'' چھُنہٕ زانٛہہ تہٕ پننہِ جُرأت نِشہِ ڈلان، سُہ کوتاہ تہٕ عرشس وٲتی تن۔ مردِ مومن چھُنہٕ پننہِ ایمانہٕ نِشہِ ڈلان، بیاکھ کیاہ تہٕ گری تن۔ پانہٕ اکھ لایق ووستاد آسنہٕ کنٛی چھ یمن تہٕ پننس رہبرس پیٹھ کاٗفی یَژھ تہٕ پژھ۔ ونان چھِ ''بے پیر نہٕ تہٕ حاٗران''۔ مزید چھِ ونان ''گیان تہٕ عرفان چہِ وتہِ ہنٛدی چھم حضرت شیخ احمد صاب مدنی پیر''۔ شاعری منٛز چھِ یمن حضرت مولانا مولوی غلام نبی مبارکیؒ تہٕ حضرت سید مہربان حُسین مہر رضوی شکوہ آبادی، کتابتس منٛز حضرت محمد حسن وفائی نقشبندی تہٕ گوربانی ترجمہٕ کرنس منٛز گیان کرتار سنگھ کومل جی وتہٕ ہاوُک''۔ یمن چھِ شومت کس نامی عالم تہٕ سادسوٲمی لکھمن جو مہاراجس سِتی تہٕ سبٹھاہ وابستگی روٗزمٕژ۔ فاضل چھُنہٕ کانٛہہ اتفاقاً اشعار تخلیق کرن وٲلی۔ یِم چھِ ژکہِ اکھ Born Poet۔ یہنٛز شاعری چھ واقعی ریاضت کہِ زیر و بم تھنہٕ پیوان۔ یمن چھُ پزٕ پاٹھی ''دے کھوٗری''۔ یہنٛز شاعری منٛز ماگژھ سادگی نظرِ مگر یہِ چھِ پرن وٲلس ضروٗر وجدس تہٕ اتان تہٕ تِمس پیٹھ اکھ اثر دار کیفیت طاری کران۔ اگرچہِ فاضل بڈتھ یٔلتھ ونان چھِ ''میانٛی تخلیقات چھنہٕ مُبہم آسان'' یہِ چھُ یہنٛد خلوص ونہٕ ناوان مگر سِتی چھِ یہِ

اعتراف تہٕ کران زِ ''یہٕ چھس نوِ زمانچ آزاد شاعری کرنس منز پنُن پان پھۄال زانان مگر لوٗب تہٕ چھس نہٕ بیٚہان''۔ گوٚ وشعوٗری طور چھنہٕ یم عصری میلاناتن بیزار، مگر لاشعوٗری طور چھ یِہُند شعر ''ذہنی تہٕ روٗحانی کیفیتُک (Inclination) اکھ پیغام۔

''یہٕ تہٕ میانٕی شاعری'' عنوانس تحت پننِس مضموٗنس منز چھِ فاضل رقم طراز ''ہر گاہ کانٛہہ پھیری پھیری پرٛژھم، تس ونہٕ زِ شاعری کرنہٕ وِزِ ییلہِ یہٕ ذہنی تہٕ روٗحانی آوٕلنس منز پوان چھس اِدٕ چھ اورٕ گُستام دِوان تہٕ فاضل چھ ہلم بران۔ اتھ کاٗفس تہٕ سروٗرس منز شعر لیکھنہٕ یا پتھ نہٕ چھُ مےٚ وقت گنڈتھ تہٕ نہٕ کانٛہہ خاص جاے۔ مےٚ چھےٚ نعت لیکھنہٕ وِزِ بیٚیہِ قسمچ۔ مناجات لیکھنہٕ وِزِ چھس یہٕ تہٕ سہٕ کنٕے آسان۔ دوٗر برنہٕ کینٛہہ۔ غزل لیکھنہٕ وِزِ چھُ میوٗن جذبہٕ جواں آسان''۔

زمان و مکان کہِ گیٚچہِ گنڈِ نِشہِ موکھاں فاضل سُنٛد موکھٕ واکھ چھُ بے ساختہ۔ یہِ بے ساختگی تہٕ آمد چھےٚ یمہِ حقیقتُک غماز زِ یِہُند کلام چھُ رمزِ یتھ جامہٕ تہٕ وٗلتھ باسان۔ کھوٚ کھلِتھ ہر گاہ وۄنو رمز چھُ کلامُک زینت آسان۔ شعرُک مفہوم گژھنہٕ Narrative، تیلہِ چھےٚ یہِ کتھ صاف سپدان زِ یمن چھُ پنُن اکھ آہنگ، مزاز تہٕ لےٚ۔ یہِ آہنگ تہٕ لےٚ چھےٚ صِرف فاضل صابٕنس Patent رٕنگی باگہِ آمژ:

پتےٚ چھُ قُلزمُک ہوا ہے ہے ژٕبتس ناپیوٗم

یا یہِ شعر:

یہ اوس مؤہہے اَکی زٕژے بیہوش کوٚر

مےٚ نارٕ دزاوخوے چھنا ہے ہے ژٕتبس ناپیٚوم

تہٕ بیٚا کھ شعر:

عبادتُک قدم تُلُم تہٕ وُمر مُشکلات

مےٚ فکرِ تورٕژ کیُتھ خدا ہے ہے ژٕتبس ناپیٚوم

یِمن شعرن ہنٛز تقطیع کران چُھ فاضل سٕندِ غزلُک اکھ تیُتھ انہار بڑٕونہہ کُن یِوان یُس خوش نما چُھ۔ شعرن ہُند آہنگ تہٕ فکرِ ہُند سطحی نہٕ آسُن چُھ یِہندِ زمیٖنچ اصلیت بڑٕونہہ کُن انان۔ ترێشوٚے شعر چھِنہٕ قطعاً تہٕ سادٕ بلکہِ معیارٕی غزلٕکی وزن دار شعر۔ یُتھ یم پیچیدٕ چھِنہٕ تیُوتے چھِ مگر سِر ساوی۔ شاعرٕ سٕندِ اظہارُک جُرأت تہٕ خلوص چُھ یِمن شعرن وونِہ باوٕژہنٛز اکھ کامیاب سعی بناوان۔

فاضل سُند Archetypal اپروچ چُھ یِہندِ بن شعرن اکھ تِتھ نظیر بناوان یوسہٕ تحریک دِنہٕ واجی چھےٚ تہٕ یوسہٕ نہٕ ہرگز تہٕ پھیرٕ ہو باسہٕ۔ کأنسہٕ ماباسہٕ یِہندِس کلامس منٛز کولرِج سُند ہیُو فوق الفطری انہار مگر تِتھ پھیرٕ ہاو Statement ہُک احترام کران ہیکہِ یی وننہٕ یِتھ زِ فاضل چھِ تیُتھ شعر تھُرنس منٛز کامیاب سپدان یُس Deconstract کرِتھ بلکُل تہٕ لوٚت باسہِ نہٕ بلکہِ آسہٕ یِہنٛز معنویت حسبِ توقع۔ فاضل سٕندِ شعرٕچ خصوصیت چھَ امیُک ترکیبی شعور۔ کانٛہہ

تہِ ''سوچہِ وُپھ'' تہٕ ''شبدٕ ژارٕ'' چھنہٕ Situation اکھ سوٗت تہٕ ڈٔلتھ۔ یہِ
Composition چھُ قاری تہٕ سامع دوشونٕی پٔرِیٛہِ وٗنی باسان۔ مثلن فاضل
چھِ أکِس شعرس منٛز یِم الفاظ استعمال کران ''وومید، ساحِل، زوٗبرٕمُن، قلزُم،
ہوا''۔ یِم الفاظ چھِ اکھأکِس ستۍ تِتھےٚ کٕنہِ پیوٚست یِتھٕ کٕنہِ نم تہٕ ماز چھُ۔ سٔدرس
ستۍ وومید جُڑِتھ۔ زوٗبرٕمُن چھُ بوٚٹھ کھسُن۔ سٔدرس، واوس تہٕ بارانس چھُ
واٹھ۔ اکہِ طرفہٕ چھُ بوٚٹھ لگنُک طماہ مگر بیٚیہِ طرفہٕ چھُ سٔدرُک طوٗفان۔ یِمن
دوشونٕی Situation نن ستۍ چھُ بیٚاکھ کتھ، سو گٔیہِ یادٕ ووٗترٕ (روٗح) نشہِ
Slip۔ تہٕ أتھی منٛز اکھ Balance پاُدٕ کرٕنی چھُ فنکاری۔ بیٚیِس شعرس منٛز چھُ
فاضل Nagative (نفی) یِس کأم ہیٚتھ اثباتی بنان۔ یہِ چھِ بیٚاکھ فنکارانہٕ تہٕ
تخلیقی صلاحیت۔ یِم چھِ ''لا'' پٔرزناوان، ''کینٛہہ نہٕ'' سَران تہٕ پتولاکن چھِ امی
(Void) منٛزٕ لال وگوہر کھاران۔ فاضل صاب چھِ پانٕے وَنان:

> ''شاعری ہٕندِس ابتدأیی زمینس پیٹھ چھُ اکھ شاعر مجأزی رنٛگکی
> غزل بیتر لکھان۔ اتھ رنٛگس منٛز چھُ مےٚ رسُل میر ٹارِ کھسان۔ تِتھےٚ
> پأٹھی صوفیانہ رنٛگس منٛز حضرت شمس فقیر تہٕ نعتہٕ کِس مقامس پیٹھ
> حضرت عبدالاحد نادم''

ہیٚرِم بیان پٔرِتھ چھُ ازخود یہِ احساس گنان زِ فاضل چھِ عشقکی، تصوٗفکی تہٕ
شریعتکی تِتھی کوثر بناوان یِم شیٚہلتھ تہٕ تراوتھ بخشان چھِ۔ تہٕ اکھ خاص

Expericence چھ دیدٕ مان یوان۔ گوڈنچ نظر باسہٕ أکس عام قارِیَس
فاضل سُند شعر کُنہِ تلنگری نشہِ آزاد، سہل تہٕ سلیس۔ مگر اتھ شعرس منز آسہِ تیُتھ اکھ
لفظ تہٕ یُس پرن وألِس پننٕز راے بدلاونس مجبور چھُ کران۔ فاضل صأبنٕ شعر چھِ
بعضے دُل مُلِس منز تہِ تراوان، مگر اکھ لفظ چھُ شعرس رُمہٕ ریشن آے بخشان۔
یم چھِ ربوایتس تہِ سگ دِوان تہٕ عصرس تہِ ماپھٕ ت کران۔ مےٚ چھُ پانہٕ پتہ کتھِ
ستی اتفاق زِ شعرُک فقط اکھ لفظ ہیکہِ اتھ آے بخشتھ تہٕ واریاہو سٕنٛو الفاظو پتہٕ تہِ
روزِنہٕ شعر کُنہِ حالُک۔ فنی چابُکدستی تہٕ فکری حیثیت ہکن رٕلتھ، بأطنی زیر و بم
حقیقی وونہٕ باوتھ کٔرِتھ:

میۆن دِلبر کیاہ ونےٚ کوتاہ بےٚ زان
داہ جہاتس چھم ونان بس شش جہات

فاضل چھِ زیرٕ بن سر کران۔ دأخلِیتس چھِ پۆرٕ وۆنٛت دِوان۔ یہِ چھُ
رۆمأنی زأوِجارن أنزٕ منزٕ پنُن تہُند ذاتھ بزوٚنہہ کُن انان۔ یہُند دِلبر
(معشوق) چھُ بےٚ زان۔ مگر یہےٚ بےٚ زأنی چھ رازِ مخفی نشہِ آشکار کرناوان۔ تہٕ
شبن جہتن ہندِس Esoteric Doctrine نس پرٕ دتھو دتلان۔ یہِ شش جہات
چھُ شش رنگ، شش کل، شٹھ کون، شٹھ زٕ کھر، یُس زاگرتھ چھ کران معرفتس تہٕ
نۆرٕچ کتاب چھ چشمن سِند ان یوان۔ "لن ترأنی" چھنہٕ کانٛہہ خودستأیش بلکہِ
اکھ افتخار، یُس عظمتُک غماز چھُ تہٕ امی عظمتچ نۆرٕ زٕ تٕ چھ مخلوقس منور کران:

کأنسہِ باوان لن ترانی پاک ذات

کأنسہِ پُشران اورِ چھے نۄرِچ کتاب

فاضل چھنہٕ رِوایتی تہٕ پرٛمپرایہِ ہٕنٛدِس مزازس انحراف کٔرتھ کانٛہہ اغیار بنان بلکہِ چھِ ساعت چن ہٕوٚنمن تہِ نظر تڑاوان تہٕ گرِ ہٕنٛدِس صداہس تہِ کن دِوان۔ یہنٛزِ غزلہِ ہُنٛد شعر چُھ پنٛنِ موروٗثی Sublime تہٕ ماہیت برقرار تھاوان، اکھ تنوع تہِ پأدٕ کران۔ أوٚلِین زأوٚلِین احساس تہٕ جذبن ہٕتی ہٕتی چھِنہٕ پنٛنی کتھ تہِ ونہٕ بغأر روزان۔ جذبٕچ تیٖہہ تہٕ قوتٕچ متانت چھےٚ یہنٛدِ باوٕ ژٕلچ بیا کھ اکھ خأصیت:

میخانہٕ شرٛ ۆپرٛم تژیشہِ بدل گوس چھوان گوس

ئلہٕ توبہ کرٕنکی کھٕتی مےٚ سبٹھاہ قسم دوہےٚ دوہے

فاضل صأبنس کلامس منٛز ماگٕژھ بقول راہؔی صأب ''سادٕ نغمچ لےٚ'' کنٛن، اما پوٚز یہِ لےٚ چھےٚ فاضل سٕنٛز پنٛنی اکھ منفرد لےٚ یوسہٕ یہنٛدِ فطری آہنگ، دأخلی بصیرت تہٕ فکری ارتقاچ اُپج چھےٚ:

پنٛکی پاپکی زِ پأتری یۆد ہوی لگی

مےٚ ناخبرٕ ے مےٚ ہٕتی کیاہ آسہِ ورتاو

فاضل سٕنٛزِ شأعری ہٕنٛدِس پسِ منظرس منٛز چُھ اکھ رِوایتی، رۄمأنی تہٕ عشقیہ موضوع تہٕ اسلوب پرٛتھیوٗمت آسان تہٕ یۆہےٚ ہوا نوا یکسر نظر انداز کرُن چُھنہٕ سہل کتھا۔ وونی گۄو یہِ زن مےٚ وۄن زِ تِم چھِ رِوایتس تہٕ عصری تقاضن

درمیان توازن پأدِ کرِتھ اکھ نۆ وتاثُرتہٕ دِوان:

تم تہٕ شہرس منز نہٕ زانہٕ یم گنڈرٕ دڑاے

تم تہٕ آدم زبانہٕ تام ماران چھِ ڈھال

ڈاکٹر حامدی کاشمیری چھِ جدید کأشرِ شأعری ہنٛدِ حوالہٕ کتھ کران رقمطراز:

''فاضل چھُ پرٛگوشأعر تہٕ بعضے چھِ تٔمۍ سندۍ غزلن ہنٛدۍ غزل

لۆژھۍ تہٕ ژھۆژۍ باسان، اما پوٚز کلہٕم پأٹھۍ چھ تٔمس بێین شأعرن

نِش اکھ بیوٚن لۍ''

مگر فاضل صأبنۍ کتی شعر چھِ تِتھۍ تہٕ یمن ہنٛز مطابقت تہٕ ماسیت زمان و

مکان کیو حدٕ دٔ دٔ ونبر چھے۔ یم پرٛتھ ساتہٕ تحریک چھِ دِوان تہٕ شعرٕ کہوٚچہٕ بٔتھ نیران چھِ:

فراقُک شب ہِندر دٔزہوٚ مےٚ فأضل

ذہن آوٚر، دِلس اندیشہٕ گٔنی کتی

یا

فأضلا! یُتھنا مٔہی دِل کا صنم

یم صنم ڈالاں چھِ اصٕلچ تژاے ہش

یم زٕ مختلف شعر چھِ فاضل سند بن تخلیقی گونن ہُند بھکھان کران۔ ستی چھےٚ

یہِ کتھ تہٕ بڑٕ ونٕہہ گن یوان زِ شأعر چھنہٕ کُنہٕ ہاوٕ باوس یا مقابلہٕ بأزی منز یقین

تھاوان۔ یہندِس شعرٕ بِترس چھےٚ جدید شعرٕ چ تہٕ دار، نیرٕنچ توژھ تہٕ باتھ۔ یہِ دار

آسہِ نہٕ یقیناً گہلہٕ دار بلکہِ بوزن وول تہٕ پرن وول گژھ ششدر روٗ زِتھ۔ فاضل چھِنہٕ ہنگہٕ منگہٕ تہٕ ئلی جدید بنن یژھان۔ فاضل سُنٛد مُتکلم چھُ سپاٹ تہٕ سلیس مگر یمنے سہل تہٕ شودبن شعرن چھُ پنن اکھ جمالیاتی شعوٗر تہٕ مفہوم تہٕ معنویتُک وزن تہٕ سنبر۔ یمہِ ساتہٕ یم ''فراق کس شبس اندیشن'' ستی رلاوان چھِ یہِ چھُ اکھ خاص تہٕ حقیقی تاثُر ووتلاوان۔ یمن بژونہہ کنہِ چھُ صنم زن تہٕ Mannequin یُس دِلس مؤہت کران چھُ۔ مگر آسان چھُ ژ کہِ یہِ اصلُک نقل۔ صنم ہیکہِ مؤہ مایایہٕ ہنٛز تہٕ علامت بنِتھ یُس تنبلاوان چھُ، بدس کینہہ نہٕ لگان۔ مختلف عصری سوچن تراین تہٕ آگہی ہُنٛد حسین امتزاج چھُ فاضل سُنٛد میؤٹھ تہٕ مؤدُر باؤژ بل۔ فاضل چھِنہٕ کُنہِ سالیس تحت پکان تہٕ نےٚ کُنہِ نہجہِ یائرِ وِشہِ مازانے، بلکہِ چھِ پانہٕ زبن تیار کران۔ پیڈٕ بناوان، پانےٚ ڈگس کبتھ نوان تہٕ پننہِ اتھٕ قالبہٕ منٛزٕ تھُران۔ یہنٛزٕ غزل گوٗیی ہُنٛد وصف چھُ یہنٛزٕ فراخ ذہنی تہٕ بِسری کیفیژ تہٕ مخصوص Styleتہٕ فنی چابُکدستی ستی گاشراونہٕ یوان:

بے خودی منٛز تارِ کن ہُنٛد زگ چھُ باسان زِتنہِ زوٗل
عید چھا، دیوٲلی چھا، بیسٲکھی اسمانس اندر

سید رسول پونپرُ چھِ غلام احمد فاضل صٲبس سنجیدٕ، انیکھ پاسل، طرحدار، شعرٕ سوٗزول، فکرتہٕ عمل پیکر شاعر مانان تہٕ ونان زِ:

''غلام احمد فاضل چھُ یژی پاٹھی مہجورس تہٕ آزادس لرِ لور رٹتھ

قداور کونٛھ ہمکال شاعرٕ یمی کأشر شعرٕ روایَتہٕ تہٕ تخلیقی اندازٕ رژھراوِ

کأشرِ نوِ غزلُک معنہٕ سوونن تہٕ نچھِ نووتہٕ پننوٕ فطری تخلیقی گونوٕ کنہٕ

کأشر بن لۆکن منٛز ناوتہٕ پرٛووٕ"

فاضل چھِنہٕ فقط مہجور تہٕ آزادٕ سنٛز لےٚ سرتازٕ یوت کران تہٕ ورڈس ورتھ سُند ہیوٚ فطری ژُکھ دٔرراوان بلکہٕ چھِ اتھ اندازس پنہٕ واجنبن واوِ رِنگن ہنٛدِ تراوتھ تہٕ تازگی ہتی سدابہار بناوان۔ شعر روایتی انہارُک أسِن یا جدید تجریدی نوعیتُک أسی تن، وُچھن چھُ یہٕ زِ یہٕ کوتاہ پُرتاثیر چھُ تہٕ کیاہ کانٛہہ تہٕ وَق چھا اتھ نالہٕ متہٕ رٹنس رضامند تہٕ ییلہِ یہٕ شعر کُنہٕ تہٕ وقتس منٛز لگہٕ ہار چھُ روزان، یہٕ چھُ تتھ وقتس منٛز تمی عصرُک Prism رٔنگی وُچھنہٕ یوان۔ شعر زمینی أسِن یا مفروضہٕ۔ سو چھنہٕ کتھ، بلکہٕ گژھ شعر پننہٕ تکنیک، عروض تہٕ فنی اہمیژ ہُنٛد تہٕ لحاظ کرُن۔ یوٚ تام کأشرِ غزلہِ ہُنٛد تعلق چھُ امکی بُنیأدی ارکان تہٕ النکار چھِ امیُک وردن تہٕ پرٛزنتھ:

طٰحٰہ تہٕ وصفِ یاسین فُرقان بدستِ طاسین

لتس آفرین و تحسین رۆدُم سُہ گام اُتی یے

ڈاکٹر حسرت حُسین سُند یہٕ مُشاہدٕ چھُ بلکل صحیح زِ:

"تمی بخش پننہٕ شاعری موضوعی رنگارنگی۔ شایدٕ ے آسہٕ کانٛہہ سُہ موضوع ییتھ پیٹھ نہٕ فاضلن قلم تُل...... اُمس صاحبِ اسرارس نشہٕ

چھِ فکرِ ہندی ستہٕ ساسی پن پۆرِ پۆرذوقِ جمالہٕ سان اِسن وَرپرٛاوان"

غلام نبی ناظر چھِ یہِ کتھ مانان تہٕ رقمطراز:

"آزادس تہٕ مہجورس لرِلۆریا پتہٕ پتےٚ اُسی یم زٕ شاعر مرزا عارف

تہٕ فاضل کاشمیری سرگرم عمل، یِموٚ پننہِ نظم نِگاری ستی روایتس ترقی دِتھ

نوبر تہٕ جِدت پٲدٕ کرنٕکی سامنہٕ گرِی۔ یِم چھِ دۆنوے روایت

رٕژھراوان۔ نوٚرس سگ دِوان"

غلام نبی ناظر چھِ مزید کتھِ واش کڈان:

"عارف تہٕ فاضل دۆنوے چھِ روایتس تہٕ نوبرَس درمیان اکہِ

رٲبطُک کٲم دِتھ روایت رٕژھراوان تہٕ نوٚرس بُنیادتیار کران"

یِمہِ بیانہٕ تلہٕ چھَ یہِ کتھ صاف سپدان زِ فاضل چھنہٕ روایتس تہِ انحراف

کران تہٕ بڑِتھ تہٕ بۆلِتھ جدیدیتس تہِ تِتھٕ گٔنی مازان، البتہٕ چھَ یہِ حقیقت عیاں

سپدان زِ فاضل چھِ روایتس پکھ رچھان تہٕ نوٚرَس تہِ نہٕ غاٗفل روزان۔

ہرگاہ وسیع Perspectiv ہَس منٛز وُچھو یُتھ گون آسُن چھُنہٕ کانٛہہ

Aberration۔ یُتھ واتناوبر تہٕ ورتاو چھُ ناگزیر۔الحاج فاضل کاشمیری چھِ

پانہٕ اعتراف کران زِ:

"کٲشرِ شاعری منٛز یۆ تام میانہِ دِتیٚک تعلق چھُ سُہ چھُ یہِ زِ

مےٚ دِژٕ کٲشرِ شاعری نظمٕچ نہج"۔

فاضل صایٔبنس اتھ دعویٰ ہس چھ پزٕ پأٹھۍ دَم۔ سُہ گۆو یہِ زِ عام طور چھ لۄکن یہِ پتاہ زِ شاعرِ کشمیر مہجور سٕنز نظم ''گرٛیٖسی کوٗر'' آیہِ گوڈٕ تہٕ اِڈ آیہِ ''کرٛالہِ کوٗر'' وننہٕ، یتھ پتھ تِمن (مہجورس) Appellation تہِ میوٗل مگر فاضل صأبن کوٗریہِ Confusion پتہٕ پانٕے دوٗر ییٚلہِ تِمو ووٗن زِ نوِ کأشرِ نظمہِ ہٕندِ حوالہٕ چھ تِموے گوڈٕ کرٛالہِ کوٗر لیچھمٕژ، یوسہٕ پرتاپ میگزینس منز شایع سپدیہِ۔ امِیُک ذِکر حسرت حُسین صأبن فأضل صایٔبنس یادس منز کوٗر مُت۔

بہر حال فاضل چھِ کأشرِ نظمہِ پٕنہٕ گراں قدر سرمایہٕ سٟتۍ ڈیکہٕ بجر تہٕ بختہٕ بجر عطا کران تہٕ اتھ پٕنٕنۍ لَے تہٕ آہنگ عطا کران۔ پانٕے چھِ ونان:

> ''تہٕ ژھس ییٚمہِ کتھِ ہُنٛد قأیل زِ شأعری منز گژھِ فنی لحاظٕ آزاد نظموٕ سٟتۍ ہُر برسپدُن''۔

یہِ مأنِن ''زوٗنہٕ منز ڈل'' فاضل صأنٕنۍ اکھ کامیاب تہٕ سیر نظم۔ اتھ منز چھِ تِم سأری وَس ییم اَکِس مہرٟینہِ پزٕ پأٹھۍ سوندرٕ رِپتھ تہٕ Graceful بناوان چھِ۔ عنوانہٕ سٟتۍ چھ ننان زِ یہِ رٕژھ سٕنٛز، تٕنۍ، پرٛیٚنۍ، رُمہٕ تٕرٛ تہٕ منہٕ مُنٛگ گژھ آسٕنۍ۔ فطرتس تہٕ مخلوقاتن سٟتۍ شأعرسُنٛد والہانہٕ عقیدت تہٕ لگاو چھ فاضل سُنٛد شعار۔ ڈلس پتھ زوٗنہٕ ہُنٛد گاہ تہٕ پزٕ اگاش چھ أندرِ مَن حُبابن تہٕ جذبن وولسنس انان اکھ ترٛوٗہ شبیہہ تہٕ دیدمان تھاوان یوسہٕ سدا فرحت تہٕ تسکینکی سامانہٕ پأدٕ کران چھ۔ نظمہِ ہٕندِ تکنیک، عروض و آہنگ تہٕ بارٟیوٗلوٗ زِ ماتونشہِ پوٗرٕ پأٹھۍ واقف شأعر چھِ

خیالاتن ہٕنز برجستگی ہِستی تہٕ اتھ نظمہِ رُمہٕ ریٚشن آے عطا کران۔ ''آبس اشتہار لگنٕ'' ہوٚی Archetype تہٕ Metaphor چھِ زوٗنہٕ ہنٛز ڈلس جمالیاٲتی تھزر عطا کران۔ یہِ نظم چھِ شاعر سٕندِ فکری کمالک تہٕ جمالیاٲتی شعورُک تیٚتھ شعری اظہار یُس مِن وعن تی چھ، یہِ پھل ژٔندر زوٗنہٕ گاشس ڈٕلیچ مۄیت کرن واجینٛو صوٗرت آسہِ۔ طلسمی ژھاین ہُند پرتَو یٚیمہِ ساتہٕ صاف شیشہِ ہوس آبس پٹھ پیٚیہٕ، اچ پارٕ دی تن کاٲژاہ وو لسنس پیہ تہٕ رقص کرنہِ لگہِ، تہٕ باس لگہِ فاضل صابنہِ شعری تہٕ روٗمانی حِسیٖ ہُند پوٗر ووٗنت لگاونہٕ ہِستی:

زوٗنہٕ گاشُک ساز بے آواز آٔبک جل ترنگ

لی کنو یوٗز ہندرِ ہوٚت ووٗتھ شار آبس اندر

فاضل سٕنز شعری Craftsmanship چھُ کُنہِ مبالغہٕ ورأے Unique Situation نہِ ہُند مکمل احساس تہٕ باٲریک بینی چھِ تہٕ ہنٛز Native وُ زِنی۔ یٚیمہِ ساتہٕ یم زوٗنہٕ گاشُک ساز چھِ بوزان سُہ چھُ بے آواز۔ یہِ بے آواز چھُ آٔبچ تہٕ یہِ بے آواز ساز چھُ ووتھان ترنگوٚ ہِستی۔ یہنٛز شوشرا ے تہٕ ہو ہراے صِرف تہٕ صِرف یمنے لہرن کنن چھُ گژھان۔ ''بے آواز ساز'' ہیوٚ Narative چھُ فاضل سُند شعرِ گنجینس اکھ اضافہٕ وَس۔

محی الدین ریشی چھِ کاشُرِ زبانٕ ہٕندِس شعرٕ ادبس لول برن والس شاعرس پٹھ گوڈٕ کتھ کران ونان:

''فاضل صأبس چھُ یہِ اعزاز حأصل زِ تموٚ گٔر شعرٕ ادبٕچ کٔمن

سارِنٕے صِنفن پٮ۪ٹھ سبٹھاہ رٕژ شأعری تہٕ بنیہٕ لوٗکن ہٕندی ٹاٹھۍ شأعر''

ریشی صأب چھِ مزید پٮ۪نہٕ کتھہِ وبستار دِوان:

''یوٗہ شہکار نظم لیکھِتھ کوٚر تموٚ ثابت زِ تم اُسی ازلے مقبوٗل۔

یوٗہ شأعری شُری پانہٕ کرٕنی اُس نہٕ سہلے کتھاہ''

عام طور چھُ وُچھنہٕ یِوان زِ اکھ قلم کار چھُ مشکِلن اُکِس دوٚن یا ترٕ ین اصنافن منٛز قلم آزماوان، تتھ پٮ۪ٹھ تہٕ چھِ کینٛہہ ناقد ین پنٛنۍ آراء ظأہر کران زِ اکھ شأعر ہیٚکہِ شأعری یِتھ کٔرِتھ یا کہأنی کار ہیٚکہِ صِرف پلاٹ یوت گٔرِتھ۔ قلم کار یُس دوٚ ے وار یاہن اصنافن منٛز طبع آزمأیی کرِ تہٕ سُہ چھُنہٕ ڈٕنجہ ہیٚکان روٗزِتھ تہٕ کُنہ تہٕ صِنفہِ منٛز پنٛنُن مقام سرٕ کھٔرٕ گٔرِتھ ہیٚکان، کیازِ سُہ چھُ دوٚن کٔنٛین پٮ۪ٹھ لتہ تھأوِتھ آسان۔

ہرگاہ اُسی ٹیگور وُچھو ہوٚن، سُہ کمن نہٕ اصنافن منٛز پنٛنۍ شخصیت گاشراوان چھُ۔ یُوتاہ سُہ بوٚڈ شأعر چھُ تیوٗتے بوٚڈ چھُ سُہ مُصورتہٕ تہٕ سنگیت کار تہٕ۔ تِتھے کٕنۍ چھِ فاضل خداداد صلاحیتن ہٕندی مألِک یِمن پٔرتھ کُنہِ صِنفہِ پٮ۪ٹھ یہِ ڈٕلۍ زِ تہٕ ہٕشی دسترس چھےٚ۔ سرکردٕ کأشُر زبان دان، نقاد تہٕ محقق محمد یوسف ٹینگ صأب چھِ اعتراف کران رقمطراز:

''فاضل چھُنہٕ سون روایت پسند شأعرٕے یوت بلکہِ سُہ چھُ

ادبی فرہادتہٕ تیمی کاشرِ شاعری ہنٛدِس ہم رنگ چمنس منٛز رنگا برنگی دوہٕ

کولہٕ اَنہٕ موٕ چھے"

فاضل سٕنٛز Multifaceted تہٕ Multifarrious سٕنٛز ذات چھےٚ قوسِ قزٕحکی پاٚٹھی ستہٕ ساسی گاہ تہٕ پرٛکاش ژھنٛڈان۔ یہٕنٛد لہجہِ چھُ میوٚٹھ، موٚدُر قندتہٕ گُنہٕ گُنہِ چھُ اتھ منٛز طنٛزتہٕ دزٕ پنٛٹھی گرٛہان تہٕ ظرافت تہٕ۔ تتھٕ گٔنی چھنہٕ خطیب بنان مگر پند و نصائح نشہِ تہِ چھِنہٕ انحراف کران:

فٲضلہٕ ٹھہراو کر دم شیٛہلاو

یارٕ سُنٛد دوٗر بر وارٕ پہبتراو

عشقُک دود نو بلہٕ وُن بلہٕ وُن

دِیہٕ نا درشُن اندِ میٛون نیاے

فاضل چھِ انتہائی حساس تہٕ سُخن سنج آسنس ستی ستی برٛلہٕ سنٛج تہٕ۔ خود اعتمادی چھےٚ یہٕنٛد Brand۔ تہٕ یہِ چھُ امی خود اعتمادی تہٕ خردمندی ہُنٛد نتیجہِ زِ یم چھنہٕ گُنہٕ تہٕ موضوٗعس پٮ۪ٹھ پٔنُن عارٕق پتھ دوان۔ بیٛیہِ یہِ زن مےٚ باسان چھُ زِ فاضل روٗدی گُنہِ تہِ ادبی دھرٕڑ بندی تہٕ گرٛوہ بندی نشہِ بدوٗن۔ لہٰذا اتھونہٕ یمو کیٛنہہ تہِ تل نم پٮ۪ٹھ نم۔

ڈاکٹر شفیع شوق چھِ کاشرِ ادبہٕ کِس تواریخس منٛز ونان زِ:

"فاضل روٗدی تحریکو تہٕ طبقہٕ بندی نبر"

کُنہِ تہِ مصلحتٕ نِشہِ صاف و پاک فأضل چھِ بتھِس پتھ کتھ ونن وأنی، سو چاہے رکوھ تہِ ٹیٹھ اُسی تن، دۄ پکھ ''مےٚ وۄن بیگ صأبن:

دۄپُن گۆژھ یہِ کأشُر تہِ آزاد آسُن
یہِ دِلشاد آسُن یہِ آباد آسُن
نِکلُن بُلبُلن گۆژھ نہٕ صیاد آسُن
لوٗکُٹ شُر تہِ گۆژھ مِثلِ فرہاد آسُن
لُکن گۆژھ یہِ باسُن مےٚ وۄن بیگ صأبن

بہٕ ذٕرراوٕ یہِ کتھ زِ فاضل چھُ تِژھہ لفظٕ چۄنہِ جران زِ یِم لفظ پیٚننگہٕ چھِ وُچھان وُچھان دِل و دماغس سٔنِتھ گوھان۔ یِہُنٛز حسبہٕ آگہی چھےٚ پیٚشتبن تہِ سنان تہٕ وِشال نظرِ یَن تہِ خبر ہوان۔ یہِ چُھنہٕ کانٛہہ عأب بلکہِ بالغ نظری۔ یِہنٛدِس کلامس منٛز چھِ تِم سأری سورِ سامان یِم اتھ ئِلی عام چِھنہٕ کران۔

''سوندرشام'' چھےٚ فاضل صأبنٕ الگ انہار واجینٛ نظم۔ اتھ زِ یچھِ نظمہِ منٛز پیٚتی فطرتچ بھرپوٗر عکأسی چھےٚ تِتی چھےٚ عصری حقیقوٗن ہُنٛز تہِ غمأزی۔ اتھ منٛز تہِ چھ طنٛز، ظرافت تہٕ علامتی اظہار دزٕ پیٚٹھی گوھان۔

یِمن چھےٚ Situation پیٚتھ پوٗرٕ پأٹھی تھف۔ یِمن Situation نن پیٚنِس قلمس حوالہِ کرنس دوران چھنہٕ یِمن سۄلتس تہِ فرق گوھان۔ ''سوندرشام'' یِیمہِ انمانہٕ Treat چھےٚ کرنہٕ آمٕژ تِمہِ تلہٕ چُھ فاضل سُنٛد پنُن مُنفرد اسلوب تہٕ

تکنیک تہٕ بژ وٕنہہ کُن یوان:

پُڈ موج نالان: کوکرانِہہ ہم

ذأژل ژھوٚٹ

اٗڈ دارأسِم بختاوار

سٚند یاوقتن تیمی موٚرتژ ووٗس

تس خانس لبلام

سوندر شام سوندر شام

"اوحال نامہٕ" مطأبق چھِ فاضل تموکینٛہ وخوش قسمت شأعر ومنٛز یہنٛدی بأتھ تہنٛزی حیأتی منٛزے عام گییہ۔ یمن کم کم نہٕ گون چھِ۔ یہنٛز وکھنَے کرنس اکھ زمانہٕ گژھِ آسُن۔ قُدرتن چھِ فاضل خوش نویسی ہنٛدِ النکارٕ ستی النکرٛت کٔریمتی۔ لہٰذا اپٕنِس کلامس کتأبی شکل دِنی بنییہ نہٕ تتھٕ گنٛی کانٛہہ مُشکل کأم۔ یہنٛدی بییہٕ زٕ اہم وصف چھِ یہنٛز زبان تہٕ یہنٛز سلاست و بلاغت۔ یہنٛزِ زبأنی تہٕ سلاست و بلاغتس چُھ اکھ اژھین رشتہٕ۔ یہنٛز زبان چھَ اکھ تتھ Rosary تسبیح یتھ رنگ دار تہٕ موٚللی مالہِ پھٔلی لگتھ چھِ تہٕ یہنٛز سلاست تہٕ بلاغت چھَ یہنٛدِس بیانس ہَس منٛز مقناطیسی کشش پأدِ کران۔ پوٚزے مانویم چھِ تم زٕ خصوصیژ یم اکھ فاضل پأدٕ کرنس منٛز حمد ثأبت چھَ سپدان:

نعت لیکھنُک سلیقٕے چھُم نہٕ حأصل
پٔنٛز کم مایہِ گی قلمس مے حأصل

نےٚ زأنِس چھُم نبی عرفان بخشان

یہِ بخشِتھ چھُم بناوان عاۂن فاۂضل

فاضل صاٚبنِس کلامس منٛز چھُ سازٕت۔ یہِ سازٕت چھُ تہنٛدِ حقیقی عروض و آہنگُک ماحصل۔ کانٛہہ لفظ، کانٛہہ اصطلاح تہٕ کانٛہہ خیال چھُنہٕ چھٕکیمی گوٚھان۔ یِم چھِنہٕ ردیفس یا قافیس کِنہِ لحاظہٕ تابع نظرِ گوٚھان۔ پنٕنہِ فنی کمال تہٕ رواۂنی ہُنٛد برکتہٕ چھُ یِہُنٛد شعر میٛلِتھ توٗلِتھ تہٕ سوز و ساز کہِ رَسہٕ سٟتی بٕرِتھ۔ کُنہِ چھُنہٕ باسان زِ یِمن کیٛاہ آسہِ مجبوراً کانٛہہ لفظ طلبس انُن پیٚوٚمُت یا وزُم انُن پیٚوٚمُت، نہ لفظس سٟتی سمجھوتہٕ کرُن پیٚوٚمُت، ہرگز نہٕ۔ ہرگاہ یِم شاعرِ کشمیر مہجور ہٕندی کٔنٛہی صحیح ہمعصر مانوکھ، وٕنٛیتھ کتھ یا ہٹہِ یون نہ وَن واجینۍ کتھ ہیٚکہِ نہٕ اۭسِتھ۔ پانہٕ یٟمہِ ساتہٕ مہجور صاٚب "کرٛالہ کوٗر" ہِشہِ نظمہِ ہُنٛد تخلیقی بجر تسلیم کرن یہِ چھُ فاضل صاٚب اکھ باکمال شاعر مانٕنہٕ خاطرٕ کاۂفی۔ مہجور صاٚبس خراجِ عقیدت ادا کران چھِ فاضل صاٚب یِتھہٕ کٕنۍ ونان:

گنان یس کل سہ پرٛاوان زندگاۂنی

مران یُس کل گٕرِتھ زانٛہہ نا مرأنی

مےٚ ناکاۂمی تہٕ منٛزی منٛزی چھُم گوٚھاۂنی

مگر آسان مےٚ تتھ منٛز کامرأنی

مےٚ قلمس لےٚ چھُ نوٗرٕچ ترجماۂنی

## خیالن منز اثر چھم کہکشأنی

یم شعراء رِوایتی انہارس مازان رٕ دی مگر نوبن نوبن موضوعن تہِ خوش آوے کران رٕ دی تِمن اندر چھِ فاضل صأب غلام نبی ناظر سٕندِ ونن مطأبق اکھ خاص مقام تھاون وألی شأعر یمو "پارٕ دی سر" کتابہِ ہنزٕ و نظموٕ ستی کأشر ادب مُرقع کوٚر۔

پروفیسر بھوشن لال کول چھِ لکھان:

"فاضل چُھ شأعرآسنس ستی ستی پزٕ ی پأٹھی اکھ نیک خیال تہٕ نیک صفت انسان۔ یُس انسان دوستی تہٕ خدادوستی پانہٕ وأنی مِیٖل کٔرِتھ اُکس رٕتس بھگوت بکھتی سُند ثبوت دِوان چُھ"

یہ کتھ ونس گژھہ نہٕ کانٛہہ ہرجہ آسُن زِ فاضل صأب چھِ وُہمہِ صدی ہٕندِ کأشرِ ادبُک اکھ پُرجلال وباجمال شأعر، یمو کأشرِ شأعری بالخصوص کأشرِ نظمہِ اکھ نوٚ وردن لوگ۔ تہٕ یہ کمخابہ کھوتہٕ تہِ کھٔستھ شعری صِنف بنأوِ کھ۔ فأضل چھنہٕ سراپا بیأنی منز رُسل میرس کم کینٛہہ

چھی رٔیتھ ابروٗ زٕ دامن پیٹھ ڈبکس
زن زٕ محراب عاشقن أکِی سے صفس
ساسہٕ بدٕ نے دِل چُھ یِمنے کُن نمن
کرٔالہٕ کوٗری مالہٕ کریۓ کوسمن

☆☆

## کتاب نامہٕ

ا: سون ادب، ۱۹۶۰ تا ۱۹۶۲ء

۲: شیراز، وُ ری مئی تا اگست ۱۹۷۲ء

۳: شیراز، وُ ری دسمبر ۱۹۷۳ء

۴: شیراز، وُ ری مارچ تا جون ۱۹۷۵ء

۵: شیراز، وُ ری ۱۹۸۰ء

۶: شیراز، وُ ری ۱۹۸۳ء

۷: شیراز، وُ ری ۱۹۸۵ء

۸: شیراز، ستمبر تا اکتوبر ۱۹۸۵ء

۹: شیراز، مئی تا جون، ۱۹۸۷ء

۱۰: شیراز، ستمبر تا اکتوبر ۱۹۸۸ء

۱۱: شیراز، جنوری تا فروری ۱۹۸۹ء

۱۲: شیراز، جلد ۱۹، شمارٕ ۴

۱۳: اوحال نامہٕ، کشمیر یونیورسٹی، ۱۹۷۹ء

۱۴: نُوشعرٕ سوٚمبرن، کشمیر یونیورسٹی، ۱۹۸۱ء

۱۵: جدید کاشُر شاعری، کشمیر یونیورسٹی، ۱۹۸۲ء

۱۶: سنگلاب، کشمیر یونیورسٹی، ۱۹۸۳ء

۱۷: آلو، مختصر کوشُر نظم نمبر، محکمہ اطلاعات، ۱۹۹۹ء

۱۸: آلو، ستمبر۔ اکتوبر، محکمہ اطلاعات، ۲۰۰۴ء

۱۹: بے رنٛگ، سید رسول پوٚمپُر

۲۰: ارزتھ، پروفیسر بھوشن لال کول

۲۱: نغماتی باتھ، ڈاکٹر آفاق عزیز

غلام نبی حلیم

# فاضل کاشمیری......رنگا برنگی تجرُ بن ہُنٛد گونماتھ

أکِس تِتھ شخصیژ پېٹھ قلم تُلن وِزِیوسہٕ شخصیت کٔشیرِ ہِنٛدبن کوٗنن کوٗنن، گامن گُٹھن تہٕ اطراف واکنافن منٛز موجوٗد تمام کأشرٕ بن ہِنٛزن رگن رگن منٛز بٔستھ آسہِ چھُ مے آنجہانی پنڈت جواہرلال نہروسُنٛد قول یاد پاوان:

"کسی قوم کا تہذیبی معیار دراصل اُس قوم کے فلسفی، شاعر اور ادیب قائم کرتے ہیں، سیاست دان نہیں"

امہِ بیانہٕ کِس تنوظرس منٛز ہرگاہ وُچھو تہٕ یہِ وَنٛنس چھُنہٕ کانٛہہ چارٕ زِ الحاج فاضل کاشمیری چھُ کأشرِ ثقافتُک، تہذیبُک، عقیدتُک تہٕ بأے بندتیُک اکھ سنگِ میل۔ تیمی اَندٕ وَندٕ نہایت شوٗزِ شانہِ تہٕ منہٕ شوٗزرٕ پٔژن حبساوی ذہن تہٕ أنہٕ ہیوٗ صاف تہٕ شفاف نظریہِ کاپہِ أنتھ سأرِ ہے وأنسہِ ملوٗارٕ کی نغمہٕ گیوی۔ عالمی اُخوت چِھن انسأنی قدرن پېٹھ ڈٔرِتھ حضرتِ نُندٕ ریشؒ تہٕ لل عارفہٕ ہِنٛزن سوکھ شیٚہجِن روایژن رٔچھِتھ تہٕ ہِنٛزن انسأنی تہٕ پأکیزٕ تعلیماتن ہنٛز آبیأری کٔرِتھ کلھم انسأنیت باپتھ مِلوٗارُک تہٕ بأے بندِتیُک موٗدُرمس کھاسِمن بوٚر، یمہِ ستی کأشُر قوم خاصہٕ پأٹھی مستفید سپدان روزِ۔

عالمی سوٗتھرِس پېٹھ اَسی حالات نہایت پُر آشوب۔ یہِ اوس سُہ وَق زِ
عالمی جنگِ اول رُکیٖت اَس روٗسس لینن سنز رہنمایی بدس تہٕ مُلکِ روٗس بنیاو
اشتراکی تہٕ فاضل کاشمیری پیوٚ وتھنہٕ۔ تہٕ یہِ حُسنہٕ موٚت تہٕ قدرت کین نظارن
ہُند دِلدادٕ لولہٕ شہن ہُند لولہٕ کھوٚل کرن وول لولہٕ شاہ اوس دوٚیمہِ عالمی جنگ وِزِ،
ییٚلہِ برطانوی سامراج نِشہِ آزادی پراوِتھ بھارتس لرکانہِ تلہٕ پاکستان زاو جوانی
ہِندِس دہلیزس پېٹھ ووتمُت۔ فاضل صاب اوس امہِ وِزِ ترٛہہ (۳۰) ؤہرِ تہٕ یپارِ
اوس وق عالمی بیدار اَرِیَن ہُند، سماجی بیدار اَرِین ہُند تہٕ کھسہٕ وُنہِ وَسوُن اَسی
تمام ادیب، شاعر تہٕ گونماتھ انقلابی تہٕ وطنس ستی حُب تہٕ لول آسنکی غمازتہٕ جوشہِ
ہٕتی نغمہِ گیوان۔ حُب الوطنی، وطن پرستی تہٕ انقلابکی نعرٕ اَسی تیتھی عام زِ باسان اوس زِ
مُنُش چھُ اوے موکھ یتھ زمینس کُن سوزنہٕ آمُت تہٕ یی چھُ باری تعالیٰ سُندِ یہِ
رنگین تہٕ رنگہٕ رِوُن دُنیا تخلیق کرنُک موٚلہٕ مقصد تہٕ مُدعا اوسمُت۔ کاشُر شاعری
تہٕ موسیقی ہُند روح اوس شاعرِ کشمیر تہٕ شاعرِ وطن غلام احمد مہجور تہٕ عبدالاحد آزاد
سُندِ بوٗرِسی لبوٚ پۄز انقلابی نغموٚ تہٕ بأتو ستی کتہِ کور بدلیومُت۔ یمن دون رہنماہن
سُندِس اتھ مُنفرد گژھس ستی اَسی قطار در قطار کاشُر شاعر، ادیب تہٕ گونماتھ
أہندی مطیع تہٕ ستی بأج آسنک دعویٰ کرِتھ أہنژ ے بوٗلی بولان۔ کاشُر شاعری
أس شمس فقیر، شاہ غفور، وہاب کھار، رحیم صاأب، صمد میر، احد زرگر تہٕ محمدی کھار
ہوبن صوفی شاعرن ہنژ بنی بر حقیقی تہٕ صوفی شاعری نِشہِ کتہِ کور دوٗرہموٚ تہٕ ستی
أسن محمودؒ گامی، رسول میر تہٕ اسد میر ہوبن روٗحانی تجرُبن پېٹھ بنی شاعری نِشہِ

دوٚر بر اختیار کوٚرمُت تہٕ یِتھٕ اُس سماجی انقلاب یِکس دوٚلابس منز کاشُر شاعری ہنہٕ آمژ۔ ژواپاری اُس انقلابی ہوٚلہٕ بانگے۔ تہٕ یِتہٕ چھُ وَننہٕ یِوان بلکہٕ حق تہِ چھ یِ زِ سن ۱۹۴۰ء تا ۱۹۶۰ء تام آیہِ خاصہٕ سیاسی تہٕ معاشی نظریہِ ہَس تحت محنت کش طبقس، کاشتکارس تہٕ بڈٕ پایہِ موٚزوٗرس اہمیت دِنہٕ تہٕ یِتھٕ کھاج ادیبو، شاعروتہٕ گونماتو یسلہٕ پاٹھی استحصالہٕ بُزی گژھنہٕ یِنہٕ والین طبقن تھر تہٕ استحصالی عنصرن تہٕ طاقتن لجبھ یہِ ڈیٚرِ زِتہِ کھچھہ۔ اتھ دورس منز سپُد کاشرِ زبانۍ تہِ دوٚیمین مُلکی تہٕ عالمی زبانین ہندی پاٹھی ادبی تہٕ شعرٕ سرمایہ رٔنگی برژر۔ پوٚز اتھ برژرس منز اُس موضوعچ یک رنگی۔ یوٚ دوٚے سون یہِ قداوار تہٕ دوٚر اندیش گونماتھ تہِ عالمی سوٚتھرِ یِکس اتھ نظریاتی انقلابہٕ ستی مُتاثر گوٚوتا ہم نیوٚنہٕ سُہ اُمی سُہلابن یِر بلکہِ روٗ دسُہ پہیم پاٹھِ شاعری ہندٕ بن موٚلہٕ مقصدن للہٕ کھول کران:

گژ بزان چھم شاعری ہنژ سبند گژ بزان چھَم

ڈٔہتھ نی میأنی شوقن تار تےَ سُم

فاضل روٗ داتھ انقلابی دورس منز تہِ شاعری ہندی رنگا برنگی تہٕ نٔوی نٔوی تجرٕبہ کران۔ اُہنزِ شاعری ہندی موضوع اُسی متنوع۔ سُہ اوس روٗمانیٹک اکھ پزٕ بزلوٗن شاعر۔ اکھ سُہ شاعریُس بالہٕ پانہٕ پیٹھے قدرت چہٕ کاریگری پانس کُن مایِل گرِتھ نےٚ سنگاہ اندرِم حُباب اکی آنہٕ نبر ژھٹہٕ نوو۔ تہِ زن گوٚوزِ قُدرت چہٕ حسین تہٕ جمیل کتابہٕ ہنژ ورق گردانی کرن وول یہِ حُسن وماری منظرٕک آکاش طالبِ علم تہٕ قاری یِیمہِ وِزِ کھٔ مہِ جماژے پران اوس تہٕ "کژالہٕ کوٗر" ؤنتھ

کوٗرُن روٗمأنی طرزِ اظہارُک سٕہ شہکار تخلیق۔ یتھ پیٹھ کأشرِ زبٲنۍ پڑتھ دورس منٛز نازچھُ:

نرگسن تےٚ سُمبلن منٛز باحساب
چھی دٕچھِنۍ کھوٚوۍ زِ کشمیرٕکۍ گُلاب
گُل وُچھِتھ ڈٕلی ہوش پانےِ بُلبُلن
کرٛالہٕ کوٗرۍ مالہٕ کرِیےٚ کوسمن

''کرٛالہٕ کوٗر'' ناوٕ یہٕ وکھرٕ اسلوبٕچ نظم یوسٕہ اکھ دلفریب تہٕ دِلنشین روٗمانوی ساپچ، روٗمأنی قدرن تہٕ حبسأوۍ علامژن ہُند تشکیک تہٕ حُسن ومأرۍ منظرُک اکھ جُداگانہٕ طرزِ فکر تہٕ اکھ نوٚو تہٕ چھرانوٚنہٕ نوقطہٕ نظرأس، چھےٚ کأشرِ روٗمأنی شأعری ہنٛز ہنرمندانہٕ تہٕ فنکارانہٕ اعلیٰ نموٗنہٕ۔ یوٚ دوٚے امہِ خوبصورت نظمہِ بژونہہ تہِ کأشرٕ شأعروا کہِ کھوتہٕ اکھ نظم تخلیق کرٕتھ کأشرِ زبٲنۍ شعرٕ سرمایہٕ رٕنگی بختاور بناونٕچ بےلوث کوٗشش کرٕمژ أس تہٕ کینہہ اہم تہٕ انتہأیی تھدِ معیارچہٕ نظمہٕ آسہٕ تھنہٕ پیمٕژ، پوٚز فاضل سنٛز ''کرٛالہٕ کوٗر'' یتھےٚ بارسس آیہٕ تمہِ دیٚت شہروگام حُسنہٕ خریدارن تہٕ روٗمأنی مزاژ تھاون والین لولہٕ گرٛاکن جلوٕ تہٕ یتھٕ لُجِ کُشیرِ ہنٛدبن طرفاتن منٛز کرٛالہٕ کوٗرگوٚبن محفلن، کھاندرن کھُنٛدرن تہٕ وَندٕ رأژن تام رأژہنٛدبن وأناکھ گوٚتمن سینہٕ چاک کرٕتھ مجلسن ہنٛز زینت بٔنِتھ عاشقن ہنٛدی دِل رٕنٛزناونہٕ۔

فاضل سنٛدبن نغمن منٛز چھےٚ جذباتن تہٕ احساساتن لرٕلوٚر فنکارانہٕ تہٕ

ہُنر مندانہٕ نغمگی شفقہٕ ماران۔ سہ چُھ پننہِ ژینہٕ تہٕ ژبتر نہٕ مطابق شاعری ہٕنڈِس فنس ہٕتی پنُن سرٕ نہِ کھوتہٕ سرؤن مطالعہٕ تہٕ پنُن مزاز جُرتھ یسلہٕ پاٹھی خوبصورت تشبیہہ تہٕ استعارٕ ورتاوِتھ سادگی مگر نپہٕ نپہٕ کرٕونی لفظٕ دُردانہٕ استعمال کران، ییمہِ ہٕتی اُہنٕز نظمہٕ نُندبانہِ باسان چھےٚ۔ فاضل صاٮ۪نٕ یم جوہر کاشرِس زبٲنی ہٕنڈِس ڈیکس جُری تموٕ ہٕتی چھےٚ تسنٕز اصلیت نٔی گژھان تہٕ تہنٛد Genuine آسُن ننان:

چُھے ژٕے غارت چھکھ دِلس غارت کران

غمز گری گری وُچھتہٕ چھکھ جانس پھران

سحر برٕی برٕی زن ژٕے چُھے موصُم کتھن

کرٕالہٕ کوٗری مالہٕ کریےٚ لوسمن

بانہٕ یامتھ حُسنہٕ وانےٚ چھکھ تھُران

کینٛہہ چھِ سپدان ماری مُندی تےٚ کینٛہہ ہلان

لولہٕ نارےٚ کینٛہہ چھِ زالان سوٗرتن

کرٕالہٕ کوٗری مالہٕ کریےٚ لوسمن

کرٕالہٕ کوٗر ناوٕی نظمہِ واتنوو فاضل کاشمیری ناماوٲری ہٕنڈبن کوہ تیٚتھالین۔ یہِ نظم تخلیق کرِتھ میج تس تیٚژ شُہرت زِ دوٚیم تہنٛدی ہمکال بامے تم تس زِٹھی اُسی، ووستاد اُسی یا تِہنٛدی ہٕتی بٲج اُسی لگی تس پیٹھ رشک کرنہِ۔ فاضل اوس پزی اکھ بوٚڈ فنکار تہٕ تخلیق کار، تیمی بحیثیتِ شاعر رنگا برنگی تجربہٕ کری تہٕ تسنٛد کوٗرمُت پرٕتھ کانٛہہ تجرُبہٕ روٗد کامیاب۔ تسنٕز ن نظمن ہٕنٛدی موضوٗع تہٕ عنوان

یۆ دوَے عام فہم أسی مگر درحقیقت رۆد فاضل یمو نظمو ڈٕسی زندگی ہٕنزن تلخ تہٕ شیرٕین حقیقژن ہُند برملا اظہار کران۔ تس أس پےٚ زِ تخلیق کار چھ أکس وتہٕ ہاوِ کِ سٕنز حیثیت تھاوان تہٕ اوَے چھ تخلیق کارسُند فرض بنان زِ سُہ کرِ تہٕ تخلیق ییمہِ سٟتی پرن وول مستفید تہِ گژھ تہٕ کینژھا پلہٕ تہٕ پیٚیس۔ اوَے کٔنی ییم تہِ نظمہٕ تہٕ دۆیم فن پارٕ فاضلن تخلیق کٔرۍ تِمن اندر اوس کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ اخلاقی تہٕ انسانی قدرن پیٹھ ڈٕ رِتھ پیغام موجود۔ سُہ اوس پیشہِ کٔنی ووستاد تہٕ اوَے رۆز نازُک تہٕ لو ہتین گُلن تہٕ تِمن شُر بن آبیاری کرنچ فکر تس ہر وِزِ دامن گیر ییم سانہِ مستقبلکۍ ضأمن مانہٕ یوان چھِ۔ یۆ ہےٚ اوس سُہ خاصہٕ محرک ییمی فاضل سٕندِس فأضل تخیٚلس جلا دِتھ اکھ تربیتی تہٕ تعمیری شعر سرمایہ سُہ معرضِ وجوٗدس انہٕ نوو:

ژےٚ نا زانٛہہ مرُن چھے | ژےٚ پیدا کرُن چھے
سُہ دُنیا ییٚمیٚک گاش | نِوان آسہِ آکاش
کران آسہِ روشن | سُہ پتّین سار بن
پتّو آسہِ شولاں | ہسا أسی چھِ یکساں
چھِ ہندو مسلمان | زِ قالِب گنٛڑ جاں

ژریو تام ٹٕز کوٗر | وَندُک پۆرٕ سٕنز کوٗر
ریٚیو تےٚ جمع کوٗر | ریٚیو تے جمع کوٗر
ژےٚ دامانہٕ خأ لی | ژےٚ چھُے بانہٕ خأ لی

ژٕ چھکھ پانہٕ خاًلی پکان زِمستان چھے

ژٔے تے امتحان چھُے

فاضل صأبنی لیکھی مِتی سکوٗل شُر بن ہنٛدِ باپتھ پزائرچھِ از تہٕ کٔشیرِ ہنٛد بن مکتبن، مدرسن، سکوٗلن تہٕ تعلیمی ادارن منٛز سکوٗل شُری تہٕ شینہٕ کھوتہٕ پڑٖنٛی۔ منہٕ شوٗدی سأنی پگہکی خواب پننین معصوم لہجن تہٕ مُترنم دِلس تھف لاین واجنین آوازن منٛز نہایت شوٗ ژِ شانہِ پران تہٕ یتھ پننہِ دوہک دسلابہٕ کران:

بہٕ چأنس کاینٲتس دیان چھُس سیر کرِہا

کتابِ زندگی ہُنٛد سبق بے وایہِ پرِہا

خضر چھُس، چھُس سکندر زمانٕک تازٕ رہبر

اگر ین ستھ سُمندر تمن تے تارِ ترِہا

فاضل چھُ روٗمانی مزاژک اکھ پُر مایہِ حُسن کار، یُس ساد لفظو مأری مُندی استعارہ تہٕ ترکیبہٕ نٔتھی کٔرِتھ روٗحانی تجرُبچ کتھ سٔبٹھے کم لفظن منٛزٕ ونتھ أکِس قأری تہٕ پرن بوزن وألِس أکِس تِتھِس سوٗ درس تہٕ بحرِ بے کراں نٔس کُن وُتشاوبر دِوان یوٗت ؤستھ پرن بوزن وول حظہ تہٕ ٹلان چھُ تہٕ غوطہٕ زن تہٕ سپدان چھُ:

منس منٛز زُو بسوٗوم چھُس منس دوٗر

کنس نِش دوٗرِ کن روٗوم کنس دوٗر

پنُن گوٗٹ آسہِ نے انسانہٕ أنٛزی منٛزی

منے موسیٰؑ، منے سینا، منے طوٗر

یتھ ساد مگر معنہٕ ساٲوی سخنس منز چھُ فاضل صابن اکھ تلخ تہٕ مبنی بر حقیقت تجرُبہ بوومُت، یُس روٗحانیت کس سفرس پیٹھ کمر بند گسِتھ مُسافرس پھیکہٕ پھیکہٕ دواچھُ۔ فاضل سُند کانٛہہ تہٕ شاعرانہٕ تجرُبہ چھُ پننہٕ مثال آسنس ستی ستی اکھ پُرکشش تہٕ فریوٗژ آہنگ ہیتھ کاشُر زبٲنۍ ہنٛدِس شعروشاعری ہنٛدِس دامنس مالامال کران۔ کرٛالہ کوٗر نظمہِ پتہٕ چھُ فاضل صابنہٕ پٔہلی کوٗر، دوٗبۍ بابے، شینہٕ پی، ونہٕ ژٔر، سونہٕ مرگ، زوٗنہِ منز ڈل، گانٹہٕ بزٲر، یخو، تاج محل، گُلمرگ، پمپوش، گاڈ، زان، ہرُدہشہِ کھریا نظمہٕ چھےٚ پیکر تراشی تہٕ حُسن کٲری ہنٛدی موٗللی، نادر تہٕ اعلیٰ پایکی نموٗنہٕ:

چشمہٕ چھےٚ لعلِ بدخشاں سورمہٕ دار
آرٕ گری گری چھِ یمن نقش و نِگار
عنبری خاکستری نیلوفری
میأنٛز سپدَکھ نا بہٕ کرٕ ہےٚ دلبری

☆

نہ ہٲس چیکل نہ ژٔے کنہٕ وأنلی
نہ زٔری تنہِ پیٹھ خاصہٕ کمخاب
زوٗنہِ زن اوٚبرکی جامہٕ چھی نأنلی
ہا پٔہلی کوٗری ہی مأنلی یے

☆

اگر چون ننگہٕ پربتھ بالن نیَن کوہن پتھ
تھدِ تھدِ چونٔے بنہٕ کمہِ وَنہٕ وولکھ یخو

☆

گُل تہٕ بُلبُل کوہسارن کُن وُچھان کوہسارن سبزٕ زارن کُن وُچھان
جنگلن بالن تہٕ نارن کُن وُچھان بے شمار رأیل قطارن کُن وُچھان
قدرتکۍ منظر تہٕ وُچھ خدائے کیٛاہ گُلمرگ گرٛھ جنٛگ نیری طمع

امہِ قسمہِ چہِ نظمہٕ پرٛتھ چھ قارٔیس فاضل سُند منفرد اسلوب، اندازِ بیان تہٕ فکر واحساس علاوٕ تسنٛز سو خاصہِ لۍ تہِ ننان ییٚمی سٕہ فاضل بنوو۔ تسُند باوٕ ژبل تہٕ اظہارِ ترسیل یوٚ دوَے صاف تہٕ شوٚ دچھُ مگر تیوٗت سادِ زِ پرٛتھ کانٛہہ پرن وول یازِ بوزن وول چھ تسندی شعر ونغمہٕ گنگرأ وِتھ ہبکان تہٕ زبانِ خاموشی منٛز گوئٲیِ ونان:

میں نے یہ جانا کہ گویا یہ بھی میرے دل میں تھا

فاضل سنٛز غزل گوٗیی تہِ چھے تسند بو دوٚ ییمو رنگا برنگی تجرٕ بن ہندی پاٹھی سادٕ مگر سحر انگیز یوسہٕ بوزن والین موسیقی تہٕ غنائیت چہِ جأدی ہانکلہِ گگوٗس تژ اونس محبوٗر کران چھے تہٕ بعض شعر چھِ پرن وألس شش وپنجس منٛز تژ اوان تہٕ سُہ چھ اکی ساعتہٕ ییمن غزلہٕ کین شعرن رٗ مانوی، روٗحانی تہٕ تصوفی انہارن ستی واٹان تہٕ ییم شعر چھِ پرٛتھ جایہِ پأنی پانے رِفٹ گوٚھان:

برزم دِتھ ساقی نشہِ راُوتھ گوم

چھنہٕ روٗس پیالہٕ گوم خالی یے

ہے اتھ وبسہٕ ریٛوم شاید ؤسی پیٛوم

چھنہٕ روٗس پیالہٕ گوم خالی یے

وِدٕ نا ویٛسی یے تتھی لایق گوم

مےٚ ہے گوٚو پزٕی پاٹھی منڈِنبن شام

ییٚونےٚ شوق واپس سکھریوٗم

چھنہٕ روٗس پیالہٕ گوم خالی یے

پتمِبن ہم کال گونماتن تہٕ شاعرن اندر چھےٚ فاضل کاشمیری یس بیا کھا کھ پرٛزنتھ تہٕ۔ تہٕ دٕیتھ چھ میٛون مطلب تسنٛزِ عقیدتی شاعری ہُنٛد وتھ واشر۔ یہ عقیدِ بوٚرُت شاعر چھُ پرٛتھِ ہنٛدِس آنتہٕ رٕسی تس سوٚ درس منٛز تمہِ انمانہٕ وسان زِیہ چھُ امی مکتبک اکھ دیدٕ دوٗرفر دباسان۔ اوٚ ہُنٛد عقیدتی شعر وشاعری ہُنٛد کینواس چھُ وسیع تہٕ گُشادٕ تہٕ، یتھ اندرسہٕ عقیدٕتکی کتی گولاب شیرٕ لاگان چھ۔ تسنٛز دردٕ بٕرٕژلےٚ چھےٚ سیوٚ دساد کاشرین ہنٛز نےٚ بُنتھ تمن دِلن کھےٚ کاسان۔ ییمہِ وِزِ کاشرِن عقیدتی شاعری منٛز خاصہٕ صِنف نعت گوٚیی پیٹھ نظر پوان چھےٚ تمن چھ تھکُن زِحض شیخ کامِلؒ، حُبیؒ، نادم، ناظم، حقانی، خاموش کریری، مسکین ثناءاللہ، محمود گامی تہٕ تِتھی ہوی کھریا، ییمو شاعری ہنٛدِ اکہِ پاسہٕ نعت ہِنِس موضوعی صِنفس لول بوٚرتہٕ نعت خوانن ہنٛدِس اتھ درِ دٕرِس پوٚختہٕ کار کاروانس منٛز چھ فاضل

کاشمیری تہٕ نہایت شوٗژِ شانہٕ، یژھ تہٕ پژھ ہیتھ، لولہٕ تہٕ عشقہٕ سٟتی بٔرِتھ پوٚز ہژرٕ
سان بارگاہِ نبوٚتس منز پننی لولہٕ آلو دِوان:

طٰہٰ جیبنس میٹھی کرٕہَس فُرقانس تےٚ
مازاغ چشمن پیالہٕ برٕہَس استأے استأے

☆

مےٚ ہیوٚت منز مُشکلن نامِ محمدؐ
مےٚ گٔر آسان ذاتن زِندگأنی

☆

از چھ آمُت سالہٕ مدنی لالہٕ سون
ڈٔرِ گنڈِتھ صلِ علیٰ تس گوٚژھ پرٛوٗن
شُدرٕ منٛزی ما آسہِ تس درگاہ ترٛوٗن
تہنٛدِ باپتھ ناوِ ہَن جگرس گرٛوٗن
شُدرٕ کنٛین پمپوش زارن گوٚژھ ونٛوٗن
چھکنہٕ باپتھ موختہٕ گوٚژھ کابن برٛوٗن

☆

فاٗضل یہٕ نعتک پوشہٕ پھوٚت
اورٕ ےمےٚ پیٚٹھ زن عرشہٕ وۄتھ

میأنِس شہس تام ٹارِ کھوٚت

صلو علیہِ دایما

فاضل ہٕنٛدی لیکھۍ متۍ نعت گَے تیتۍ مقبول زِ یم آے بلکہ چھِ از تہٕ کٲشِرِ ہٕنٛزن مسجدن، درگاہن، بُقہٕ جاتن، آستانن تہٕ سیرتی کنٛیو میلاد محفلن منٛز بلکل تمی احترامہٕ پرنہٕ یِوان ییٚمہِ احترامہٕ یتہٕ چھِن مسجدن ہٕنٛز زینت میر سید علی ہمدانیؒ سٕنٛز تحریر کرمٕژ اورادِ فتیحہ پرنہٕ یِوان چھےٚ۔ فاضل سٕنٛد لیوٚکھمُت سدا بہار نعت چُھ:

بُلبُل ژٕ نالان گوٚژھ دوان

شاہِ مدینس کر سلام

وٕنِس چُھ بے کس مُبتلا

صلو علیہِ دایما

یہٕ نعت چُھ برابر پٔرتھ جمعہ دوہہٕ کہِ خُطبہٕ تہٕ تقریرِ بڈٕ ونہٕ اکثر مسجدن ہٕنٛدی مقتدی تہٕ امام وخطیب پٔنٛنہٕ ووند آواز زأتتھ گلی بُری بُری نہایت احترامہٕ سان پران۔

فاضل کاشمیری اوس اکھ پُرمایہِ سُخن شناس تہٕ سُخن گو، تیمی درجن واد کتابہٕ لیچھِ تہٕ کٲشِرِ ہٕنٛدی اُمی حِسابُو تہٕ منظر نگارن ٹُل نعت، حمد، مناجات، منقبت، لیلا، نظمن، وژنن، غزلن، قطعن، منزلی باتن، شُری باتن، رؤفین، ونہٕ وُن ہُربن، مدحن، مرثیٔن تہٕ نوحن ہوبن صِنفن پیٹھ قلم تہٕ پٔرتھ ماٗدانس منٛز کوٚرُن خلوصہٕ سان پٔنُن جذبہٕ تہٕ فنکاری بلکہِ ہُنر مندی ہاوِتھ پٔنُن کاشُر قوم مستفید۔ فاضل نوحہ گری اندر تہٕ یکتاۓ روزگار:

حُسینسٕ کربلا گُدرِثوم کیٛاہ گوم

مےٚ زخمن نۄن ہیۆ تیلیٛوم کیٛاہ گوم

گُلابن کاژ رنگ پھیٚر تاپہٕ کرٛایو

نبیٛ سُنٛد تازٕ گُل ژمٹیوم کیٛاہ گوم

فاضل کاشمیری چُھ اکھ بسیار گوتہٕ بسیار جہتول شخصیت یُس اَکِس منفرد اندازس منٛز شاعری ہُنٛد بن بیۆن بیۆن رنگن منٛز رنگا رنگی تجرُبہٕ کران رُود دتہٕ یِم تِہنٛدی رنگین تجرُبہٕ چھِ تِس تِھدِ درجک گونماتھ مانان تہٕ مانہٕ ناوان:

تمنا چھم گوٚژھس آسُن بہٕ دریاو

بہٕ کرٕہکھ آبہٕ سیتی سأراب صحراو

گُلن ہُنٛد رنگ برٕ ہا سنگریزن

رنگو سیتی دِ دوٚنن کرٕہا پأراو

☆☆

رشید کانسپوری

# فاضلنٕ مزاحیہ شاعری

فاضل صابن کوٚر مقدار تہٕ معیارٕ رٔنگی کاشرِ شاعری منز زبردس اضافہٕ۔ تمۍ کٔر مختلف صنفن منز طبع آزمائی۔ گٕلہم پٲٹھۍ چھےٚ تہنز سنجیدٕ شاعری منز موضوعن تہٕ خیالن ہُند تنوع۔ تسنز شاعری چھےٚ عوامس منز مقبول۔ طنز و مزاح چھُ تہنزِ شاعری ہُند اکھ دلچسپ نمایاں رنگ۔

''اَسن کھنگالہٕ'' ناوٕ کتاب چھِ فاضل صابنبن طنزیہِ تہٕ مزاحیہ لفظن ہنز سوٚمبرَن۔ سُہ یہِ کینٛہہ پانس اَندۍ پٔکۍ سماجس اَندر رُت تہٕ ناکارٕ ژینان یا ژیتران چھُ، تتھ چھِ شاعری ہنٛدۍ جامہٕ وٚلِتھ سبٕٹھے ظرافتہٕ سان بیان کرانٕ۔ قٲری یس اَسناوان تہٕ سوچنس پیٹھ تہِ مجبور کران۔ یوٚ تام نہٕ شاعرٕ سُند خیال تمۍ سُندبن احساساتن، محسوساتن تہٕ جذباتن پننس تخیلس اَندر شٕرٛ وپراوِ توٚ تام چھےٚ نہٕ رٔژ تہٕ زوردار شاعری تھٔنہٕ پیوان۔ بامے سوٚ سنجیدٕ شاعری آسہِ یا مزاحیہ، ڈرامہ آسہِ یا افسانہٕ بیٚترِ۔ نتہٕ گوٚو لفظن ہتۍ گندُن۔ لفظ ورتاو تہٕ اظہارٕ وطیر چھُ شعرس بیٚیہٕ ہُن چاسنی تہٕ میچھر بخشان۔ وُچھ توٚ فاضل صاب، کتھٕ کٔنۍ چھُ کینٛہہ بجہٕ کتھٕ کم شبدن منز وٚنِتھ لفظن ہُند مناسب ورتاو کران تہٕ قٲری یس یا بوزَن والِس وُٹھ

کُملاونس پٹھ مجبور کران:

یم نہٕ زانان رِستہٕ، روغن جوش، میتھی
تم یئڈل لٲگتھ کھوان ژۆر بُم وُچھِتھ
فاضلا ! یۆد پۆز وَنُن وۄنٹھ نے گوھم
تژوومُت اکھ اکھ سخنور چھُم وُچھِتھ

دَپان زنانن چھِ کیٚنہہ خودساختہٕ درویش تہٕ پیر ٹھگِل کرِتھ نُنہٕ گرِ تہٕ تلہٕ تلاوہٲوِتھ لوٗٹان۔ کاشرِ زنانہٕ چھِ یِہنزٕ مکرٕ تہٕ فریب وُچھِتھ یکدم یِہندِس زالس منز یوان تہٕ یِمنے ٹھگن ہندِس ڈیٚپس پیٹھ گرِچ گرویٚٹھ تام یِمن حوالہٕ کران۔ فاضل صاٲب چھُ یِمہِ انمانہٕ یِمن خودساختہٕ تہٕ نام نہاد پیرَن ٹاٹنہٕ ژٹان:

زَنانن پیرٕ صاٲب پیرِل کران اوس
دوہیٚو ڈاٗنو سہ رۆٹ ہے تژلیش اٲنی تو
تکن گرِ کیٚنہہ کران پیرِل زَنانن
یِہے فاضل چھِ نامی پارسا اَز

پزِ بتھ کانہہ مزاح نگار چھُ پننی تجربہٕ تہٕ ژیٚنن ترٲلیہِ کامہِ لٲگتھ خیالہٕ باوَتھ وَیہِ وُنہِ تہٕ دلچسپ انمانہٕ پیش کرنک خواہاں آسان۔ سہٕ چھُ معاشرس منز پھٔہلیٚامو نازیباتہٕ ناکارٕگیہ بداخلاقی تہٕ بدکردٲری، زیٚٹھ کوٚنس نہٕ مانُن زانُن، ملاوَٹھ کرِنی، چھوٚن تولُن بیترِ وُچھِتھ سینہٕ کوبی کرِنس واتان۔ پتہٕ سیدِ سیدٕ دیا ورگہٕ پاٹھی یِمن ناسہٕ تژاسہٕ حرکُوٗتسنہٕ کران۔ فاضل صاٲبس ہیٚو وحساس تہٕ ہُشارٕ

شخص کتہٕ روزِ ہے ژھوپہٕ گرِتھ یا نَرِ وٕٹتھ۔ تٔمی کڈٕ تتھین لوٗکن پننہِ قلمہٕ ستی یِمہِ آیہِ پٔٹھ۔

چھوٚن کٔژن والبو یژھان چھکھ بٲژ ہیتھ نیرُن جس
تولہٕ ئکی پرمانہٕ بدلاو کوٗٹلس کر خام مَن
سبکھ تہٕ میٚو دانبس رَلٲوِتھ، اوٕر افسر آو
ناوِ دیاوان زول ہسا، لول ہسا ہے

زَنانہٕ چھےٚ مردَس وٕمبرِ ہنٛز ستی بٲج۔ پژ بتھ صورتحالس منٛز پھیکس ستی پھیوٚک رَلٲوِتھ نکھہٕ ڈَکھِ چھَس یوان۔ یہٕے چھبس سرَن سرِ پوٚش تہِ تہٕ ہمدردتہٕ مشیر تہِ۔ ہرگاہ زٕ بٲژ ہم خیال تہٕ پژ بتھ معاملس پیٹھ بوزٕ شوز کرَن وٲلی آسن۔ تہنٛز زِندگی چھےٚ خوش اسلوبی سان اَسان تہٕ رِگندان گذران۔ زَنانن کٲتیاہ قسم چھِ فاضلؔ چھُ تمچ وضاحت "ہٲرہش" نظمہِ منٛز تتھٕ پٲٹھی کران۔

کٲنٛسہِ آسان باگہِ آہو ہٲر ہش
کٲنٛسہِ ہاپو کٲنٛسہِ آسان ہٲر ہش
کٲنٛسہِ آسان پوشہِ نولاہ نازنین
کٲنٛسہِ آسان چھےٚ ڈیکس ٹیٹھ ٲر ہش
کٲنٛسہِ آسان سروِ قد شمشاد زَن
کٲنٛسہِ آسان تھنٛز سہٕ گاچ یٲر ہش
کٲنٛسہِ آسان دون أچھن وزمل جُرتھ

کأنسہِ آسان کھانکربن منز ٹآر ہش

سماجُک خالٕے کأنہہ طبقہٕ آسہِ یَتھ نہٕ فأضلؔ صأبن طنز آسہِ کوٚرمُت۔

أزی کین سڑک چھاپ مجنونن چھُ ییٚمہِ آیہِ دستار گنڈان۔

منز سڑکہِ گوٚمُت پیار ہسا نار ہسا ہے

بم چوکہِ والین لار ہسا نار ہسا ہے

پرٕ بار سڑکن پیٹھ آسان کوچہِ سمکھن جاے

چوکس چھےٚ مشکٕنٕ دار ہسا نار ہسا ہے

فأضلؔ صأب چھُ اکھ کوہنہٕ مشق تہٕ باہونر شأعر۔ یَس شبدٕ سوٚ دُر آیتن چھُ۔ یہنز سنجیدٕ شأعری ہندی پأٹھی چھےٚ یہنز مزاحیہ شأعری تہِ روان، آسان تہٕ زوردار۔ ابہامُک چھُنہٕ قأیل۔ بلکہ چھُ سہَل تہٕ آسان اچھر ورتاو، یہنزِ شأعری بیٚیہِ ہُن تہِ بوش کھالان۔ أمی سٕندِس کلامس منز چھےٚ رنگأرنگی تہٕ قسمہٕ قسمہٕ پوشن ہنز خوشبوے چھےٚ سورٕے اوند پوٚکھ مُشکاوان۔ یہِ چھُ اِہندِ مقبولیژُک اکھ اہم وجہ تہِ۔ سُہ چھُ حقیقت پسند۔ یو سہٕ تمی سٕنزِ سنجید شأعری منز تہِ چھےٚ درینٹھی گژھان تہٕ مزاحیہ کلامس منز تہِ۔

گرِوفیشن تہٕ کل ڈأرِلو بچارَن

یہِ کروٚن آپہ صأبن پاپہ جانن

کنزٕلی أچھ وُٹھ ووزٕلی پوڈر مٕلتھ بُتھ

عطر شولان تہٕ ولسان مشکہٕ صابَن

یِتھۍ کنٛہ گوڈے وَننہٕ آو فاضلؔ صابن چھِہ پزٕ بتھ طبقس پننہِ آیہِ ٹانٛہ ژٔڈی متۍ تہٕ ٹسنہٕ کٔری متۍ۔ مثالے:

کورِ ہنٛز چھُم کامٕ وٕلی وٕلی نیری تو — سالرٕ بن گوٚو ژیری نادس پھیری تو

رِستہٕ روغن جوش سردیو آیہٕ گوش — احمقن گوٚو ژیری نادس پھیری تو

اشناون چونچہِ گوٚمت پرٲری پزٲری — نزکلن گوٚو ژیری نادس پھیری تو

(نظم......کورِ موج)

یہٕ گوٚو عابد یہٕ گوٚو زاہد یہٕ واعظ — یہٕ چھا یَتھ عالمس منٛز عاشقے یچھ

شراب لیس آسہِ ساری دادی کاسان — لگیا دِنی تس مریضس قوٚلیچ دچھ

(نظم......قوٚلیچ دچھ)

سوٚٹھ ژھینٛہ ژھینٛہ بازرن منٛز وق پٔتن ضایہ کران

اَل مجنون زَن پزٕ گوٚو ژامتۍ چھِہ ازی کبن پٔری متین

عُمرِ منٛز روزُن ژے یُو دوے چھے گرس منٛز کامیاب

ہیچھ ڈُون، شیرُن، رَنُن تے ستۍ ستۍ پکھ لٔڑکین

توس ژٔلنٛگ شوق یُو دوے چھے یمن سادن سیٛد بن

فاشنی بن ، طوطہِ ہش بن، جامہٕ کر تنگ زیب تن

(نظم......ووکھ ہدایت)

سانٮ۪ن ادبٮ۪ن تہٕ شاعرن ہُنٛد اکھ دوٚر چھُ دعوی کران زِ فاضلؔ چھُ نعتُک شاعر، بیاکھ حلقہٕ چھُ تس نعت علاوٕ غزل تہٕ نظمُک شاعر مانان۔ تِکیازِ تٔمی لیکھی نعتو

ہُر یمانہٕ بہترین غزل تہٕ تہٕ ''کڑالہِ کوٗر'' تہٕ ''پھلی کوٗر'' ہشہِ شہرہ آفاق نظمہٕ تہٕ۔
میٲنی ذأتی خیال چھُ زِ فأضل چھُ اکھ بسیار پاسل ادبی شخصیت۔ سُہ چھُ تمام شعرٕ
ذأژن ہُند قداوار شأعر۔ یِمن شعرٕ ذأژن اَندر تہِنز طنزیہ تہٕ مزاحیہ لہجہ قأرِیس
تہٕ بوزن وأرِلس تفریحی ژِہی فراہم کران چھُ تہٕ پانس أندۍ پٔکی کلہٕ کڈِونی تہٕ
وو ٹٔلیمتی تہٕ ووتلن وألی مسلن کُن ژینہٕ وَن دِتھ تِمن پیٹھ طنز کٔرِتھ تِمو نِشہِ دامن
رٹنگ باند باند کران چھُ۔

فأضل صأبس چھُ مزاحیہ شأعری اَندر اکھ منفرد تہٕ وَکھرٕ مقام۔ تٔمی تھأو
سأرے وأنس کأشرِ زبوٚ آیتن۔ تیچ لس ژ کھ تہٕ دَگ أس۔

☆☆

سید اختر حسین منصور

# فاضلؔ صابُن پیغام شُرٕ ن ہنٛدِ ناو

فاضلؔ کشمیری۔ آ! یہِ ناوٕ زِتھ چھُ یکدم دِل وذہنکِس اَنہٕ پٔٹس پیٹھ نعتِ نبیؐ یک مدماتی تہٕ گونہٕ ساوی عکس رقصاں سپدان۔ سپد بنہٕ کیٛاز! فاضلؔ صابن یُس رنگہٕ ہأری جہار نعتیہ صنفہِ عطا کوٚر تمہِ دیُت عاشقن ہنٛدِس لولس بہار۔ تہنٛدی لولن لوٚب اظہار۔ فاضلؔ صابنین نعتن اَندر چھُ حیاتُک ساز تہٕ عشقُک سوز گژھان۔ اَوٕ کنی پژ ویمو نعتو گام وشہرٕ وُسجار تہٕ مقبولیت۔ فاضلؔ صابٕنی نعت ییٚتہٕ لوٕلکی شہلی تہٕ سرٕ یہلی نغمہٕ وَزٕ ناوان چھِ تتہٕ چھِ تم سانہِ باپتھ انسانٔی تھزرُک، تہٕ خدأیی حکمن ہنٛدِ تعمیلُک پأغام تہِ پیش کران۔ پزر چھُ یِی زِ فاضلؔ صابن چھِ کُہٕ یا تتھی نعتیہ مصرعہٕ تہِ تخلیق کٔری مِتی یِمن اَندر پژ بتھ کأنسہِ ہنٛدِ باپت خدایہٕ سٕنزِ بندگی ہُنٛد پأغام چھُ تہٕ یہِ پأغام چھُ لولہٕ پأراوَس اَندر جذباتن ہنٛدِس ڈلی نِس اَندر درٕ ینٛتھی گژھان:

یہٕ وٕنٛدٕ ہے لال اَتھ طٰہٰ جبینس — حُسن ہتھ گاش ہتھ زیبا قرینس
یہٕ وَنٛدٕ ہے سَر یِمن دون پایہِ نازَن — یِمَے مٔنزِل سجوٗدَن تے نمازن

فاضلؔ صابٕ چھِ پننو نعتوٗ ذریعہِ اَسہِ تام یہِ پأغام واتناوان زِ رسولِ خدا راضی آسُن گوٚو خدا راضی آسُن۔ تیٚمِس تم پزنہٕ پأٹھی مہربان آسن سُہ چھُ

حیاتُک گاہ پزٕ اوان تہٕ پایہِ بوٚڈ مقام لبان۔

یوٚد ژٕ روز کھ مہربان عرش برین روزہم مقام
یا رسول اللہؐ مے روزِیا کہکشاں با لائے سَر

فاضل صابنہٕ شاعری چھے ورگہٕ پاٚغامن ہنٛز سوٚمبرٕن۔ تمو چھنہٕ صرف عام ادبس تہٕ رِثائی ادبس اَندر انسانٔیتہٕ باپتھ پاٚغام پیش کوٚرمُت بَلکہ چھُ تمو شُری ادبہٕ کہِ حوالہٕ شُربن تہٕ نونہالن حسین پاٚراوس اَندر منہٕ مانٛی تہٕ مارٛی مُنٛدی پاٚغام دِتی مِتی۔ فاضل صابن چھُ شُربن ہنٛزِ رایہِ کہِ یا موضوعن پیٹھ قلم تُلمُت تہٕ شُربن ہنٛز خوشی تہٕ مسرٕتکی شوٚبہِ دار سامانہٕ گٔری مِتی۔ فاضل صابن ییتہٕ اکہِ طرفہٕ سماجی، علمی، عملی، فکری، مذہبی تہٕ ادبی اہمیتُک پُروقار ادب تخلیق چھُ کوٚرمُت تَتہِ چھُ تمو شُربن ہنٛدِ ذوقُک تہٕ شوقُک خیال گٔرِتھ تِہنٛدِ خاطرٕ کینٛہہ رٔسیل تہٕ مُوٚہل شُری ادب نظمن ہنٛدِس روٗپس اَندر تمن ارپن کوٚرمُت تہٕ اَتھ تخلیقس اَندر تہٕ چھُ فکری سرفرأزی ہُنٛد شُربن ہنٛدِ سوچہِ تہٕ معیارٕ مطأبق ورتاولنہٕ یوان۔ فاضل صابنہٕ شُری ادبکی یم کم کاسہٕ نمونہٕ میانہِ نظرٕ تلی گزریاے تمن اَندر چھُ علمُک، ادبُک، زبأنی ہنٛدِ ورتاوُک تہٕ فکری سطحُک خاص خیال تھونہٕ آمُت۔ فاضل صائب چھِ یمن تخلیقن اَندر احساس تہٕ جذبن شُری خیالن ہنٛز زیوٚ بخشان۔ پوٚز ہے بوزو تم چھِ شُربن ہٕتی شُرٕ لأگِتھ تمن تام پٔنُن پاٚغام واتناونٕچ کامیاب کوٚشش کران۔ اَتھ کلامس اَندر چھُ سیٚز رتہٕ شوٚژرٕ مشکہٕ دار واوٕ کی پاٚٹھی شُربن ہُنٛد ذہن مُشکہٕ ناوان۔ یِہنٛدِس شُری ادبس اَندر چھِ منزلی بأتھ، شُری بأتھ تہٕ معلوماتی

نظمہ تہٕ منظوم ڈلیلہٕ نظرِ گژھان۔ یمن اندر شُرِ بن ہنٛدِ باپتھ لولُک، ہمتُک، علمُک، عملہٕ ہُنٛد، کردار سازی تہٕ حوصلہٕ افزائی ہُنٛد پأغام گاشہٕ زٕ ژٔن ہنٛدی پأٹھی نوٚن تہٕ پرٛون چھُ۔ یمن تخلیقن اندر موجود پأغام چھُ عقلہٕ ہنٛدِ وسجارُک تہٕ پھانپھلاونُک ذٔریعہٕ ییٚمہٕ ستی عقلہٕ ہُنٛد گٹُل گاشہٕ سٔری سپدتھ ہیکہٕ۔ یمن نظمن ہنٛز زبان چھےٚ سادٕ تہٕ سہَل ییٚمہٕ کِنی شُرِ بن یمہٕ نظمہٕ پھرنہٕ تہٕ پرنہٕ کٲڈٕ رتہٕ کرٛوٹھ چھُنہٕ باسان۔ معنہٕ تہٕ مطلب چھُ ڈلی ڈلی فکرِ تران۔ لفظن ہنٛز ژأر چھِ شُرِ بن وٲنٛسہٕ تہٕ پرٛینٛی لایق اَمہٕ علاوٕ چھِ سیٚود سادٕ تہٕ عام فہم ڈلٕی، محاورٕ یا ترکیبہٕ تہٕ مُنٛزی مُنٛزی نظرِ گژھان ییٚمہٕ ستی پرٛن تہٕ بوزن والین شُرِ بن کاشرِ زبانی ہنٛز ماے چھِ گنان تہٕ یم جملہٕ چھِ بار بار دوہراون۔ اَمہٕ قسمکی جملہٕ یا الفاظ چھِ ییٚمہٕ انماینکی۔ کاوٕ گاٹُل، ڈبکس نوٗر، عقلہٕ ہنٛز ستھ، لگےپأرِی، ٹھُسرہیٚو، ماتامال سالس ٹنٛز کرُن۔ ہُنٛد ریٚو وواو، کامٕبن دَس، شہلی کُل، بلندی پرٛأونی، باغ پھولنی، بیترِ۔

پٔتُن پأغام شُرِ بن تام واتناونہٕ باپتھ یمن کردارن ہُنٛد ورتاو کرنہٕ چھُ آمُت تِم چھِ شُرِ بن ہنٛدی من پسند کردار۔ مثالے: بیٲرِ بوکُت، ژھاوُل، شُر، موج، ریٚنہٕ، وَندٕ بب وغارٕ۔ خیالاتن ہنٛدِ ترسیلہٕ باپتھ احساسات تہٕ چھِ علمی تہٕ ادبی لحاظہٕ کھٔی یا معتبر تہٕ معنہٕ سأوی الفاظ ناوتہٕ جملہٕ موأفق تہٕ مناسب انداز س اندر ورتاونہٕ آمتی۔ مثالے: قلزم، سونتہٕ بہار، نوٗرِ نظر، چلن، زیرک، سکندر، یمبر زَل، ٹائم ٹیبل، گاٹہٕ جار، کردار، بیٲلی پھول۔

ظرافت چھُ شُرِ بن ہُنٛد گہنہٕ تہٕ اَمے گہنُک سنگھار کٔرِتھ چھُ فأضل

صائب پٔنٕنؠ خیالات شُر بن بڑ وٕنٹھ کُن واتناوان۔ اَسہِ وُنہٕ ہونچہِ بیاکھ تشہیر چھِ اثر آفرینی ہُند خوشوُن تہٕ لگہٕ ہارٕ ذریعہِ۔ وُ چھتو نومن مصرن اَندر کمہِ آیہِ تہٕ ترٛایہِ چھُ ظرافتُک عنصر پٲدٕ کرنٕچ کامیاب کوٗشش کرنہٕ آمٕژ:

ٹھُسر ہیوٗ و پاٹھ پیٚند ہیوٗ و بیٲرِی یوکتا
کران اوس ہوکچہِ کیرس نِش بے پروا

☆

اَپٲرِی پوٗکھ ژھاولا ویوٗٹھ پوٗٹھ ہیرِی کنٕز
وساں لَس لال اُسس نِستہٕ کنٕز کھنٕز

فاضل صائب چھِ شُری نظمن منٛز علمہٕ کہٕ بجرُک تہٕ اہمیتُک پاس عام پیش کران۔ علمچ اِفادیت تہٕ وقعت نظرِ تل تھاوِتھ چھِ تم شُر بن ہندِ باپتھ علمُک حصول سبٹھاہ ضروٗری قرار دِوان تہٕ اَمہِ باپتھ جاکھ تہٕ جتَن کرنُک باند باند کران۔ اَتھ سِلسِلس اَندر چھِ تم موٗللِہ تہٕ مارِی ہندی مشورٕ تہٕ آیتن تھاوان:

گنڈُن گوٗو پوٗز، درہٕ گُن گوٗو پوٗز، اَما پوٗز
پرُن لیکھُن دوہے تھوٗ سہٕ جارِی
پگاہ یُتھ پاس نیرِو یار سارِی
ہونر لیکھنٕچ، ہونر پرنٕچ چھے دولت
گرِو دوسلاب اُزی مضمون نگارِی
پگاہ یُتھ پاس نیرِو یار سارِی

علمچ وُسعت تہٕ وُقعت بیان کران چھُ فاضلؔ صأب اَکس منزِلی بأتس اَندر ییمہِ انمانہٕ شُربن کُن مخاطب:

علمہِ چہِ نوٗرٕ مشعلہٕ لگہِ آفتابک آے
گٹہٕ ژٔلہِ پیٚیہِ چھلہِ چھلہِ ہتہٕ میانہٕ کلیووے

فاضلؔ صأب چھُ شُری نظمن اَندر ہمتُک تہٕ جراَتُک پأغام دِتھ شُربن اَندر حوصلہٕ تہٕ جرات ووتلاوٕنچ کوٗشش یتھ شوبہٕ دار انداز َس منز کران۔

توفیق دِم یہِ کھسہٕ وُنی کم مایہٕ زندگأنی
سنگرَن کوہن پلَن پیٹھ کرٕ ہا بسَر خدایا

☆

ژٕے گنڈِی شمشیر ہلہِ وقتُک بوٚڈ سُلطان
تہِ وُچھتھ رُستم ہلہِ ہتہٕ میانہٕ کلیووے

جان کردار تہٕ رُت وِہٕار چھُ علمُک ہرتر۔ تمے چھِ دُنیاہس اَندر شہرت تہٕ عزت پرأوِتھ قومن تہٕ خاندانن ہندی ناو دُہکی گاشکی پأٹھی پزٕ بزلاوان ییم ییمن صنفن زِندگی ہُند اَژھیٚن حصہٕ بناوَن۔ فاضلؔ صأب چھِ ییٚمنے کتھن ہنزٕ دِلکش باوتھ کٔرِتھ شُربن تام یہِ پأغام واتناوان زِ پزٕ بتھ حالس اَندر پزٕ اَسہٕ تھدِ کردارٕ چ تہٕ رِتہٕ وِہٕارٕچ خاہش کرٕنی تہٕ پنٕن پان اَتھ رنگس اَندر رنگُن۔ تم چھِ فرماوان:

پزٕ بتھ حالہٕ میون کردار دِل، زبو، چلن تہٕ گُفتار
شوزرَس، صداقتس پیٹھ تھوو منحصر خدایا

مےٚ وتس پتھ بناوم بوٚڈ شِہلہِ کُل

خدایا بیٲلہِ پھوٚل خاکس اَندر چھس

گاٹہٕ جار چھُ انسانس رٕژِ وَتہٕ کُن رہنمأیی کران تہٕ زندگی ہُنٛد معنہ مقدار پراوٕنۍ سَتھ تہٕ وَتھ عطا کران۔ فأضل صاب چھُ عقلہِ ہٕنٛدِ بالادستی ہٕنٛدی گون گنوان تہٕ گاٹہٕ جار پزٕ اوٚنک شُر بن پأغام دِوان:

دوٚپُن ہیوٚر واتنۍ چھُم بس کُنی وَتھ

خدایا گاٹہٕ جار دِم عقلہِ ہٕنٛز سَتھ

☆

شَر روزِ ہا ہمالس قُلزم تہٕ روزِ حأران

دِتہٕ تیُتھ سنبر خدایا دِتہٕ تیُتھ تھزر خدایا

دُعا چھُ انسان ہٕنٛدِس اَتھس منٛز پوشہِ وُن ہتھیار۔ تکبُرک سَر نوٚ مراوَن وول۔ انکسٲری ووتلاوَن وول تہٕ وَچھس اَندر نرمی عطا کرَن وول۔ فأضل صابنِن نظمن اَندر چھُ خدایس بزٕ ونٛتھ کنہِ کأرنوٚ مرأوِتھ منگہِ منگہٕ کرنک پأغام دیدمان گژھان۔ تِم چھِ شُر بن دست بدعا سپدنہٕ باپتھ تلقین کران:

بہٕ چھس نادان ، پگاہ ما آسہِ زیرک

خدایا حبس دِتم کامِن تلُم دَس

☆

روزانہٕ ڈےٚ ژٕ گوٚ ھتَم ہرجایہٕ باغ پھولنم

میانین کنڈ بن کنڈ بن کرگل ہاٚے تر خدایا

فاضل صابن چھِ شُری نظمن اَندر شُر بن پٔتنن صلاحیتن ہُند پوٚرِ پوٚر ورتاو کٔرِتھ کٹھن تہٕ مشکِل منزل پار کٔرِتھ کامیابی ہندِس اُفقس پیٹھ پژ بولنگ سونہٕ ہارُ پٲغام دیتُمت بلکل تِتھے پٲٹھی یِتھٕ پٲٹھی علامہ اقبالؒ قومکین نوجوانن پٔنِس یَتھ شعرس منز چھُ دیتُمُت:

محبت مجھے ان جوانوں سے ہے
ستاروں پہ جو ڈالتے ہیں کمند

(اقبالؒ)

اَمےٚ قسمہٕ کین جذباتن ہنز خٲہش چھِ فاضل صابن شُری ہِنزٕ زبٲنی کٔرمٕژ:

بڈِتھ اُچھ میانہٕ ڈیشن تارِ کو پیٹھی
خدایا اَز نظر چھُم ژھوٚٹ تہٕ محدوٗر

یِتھٕ کنی چھُ باوَر سپدان زِ فاضل کشمیری ہِندِس اَتھ کلامس اَندر چھُ شُر بن ہِندِ باپتھ سبٹھاہ موٗلُلِ تہٕ لگہٕ ہارُ پٲغام موجوٗد۔ یِم شُر بن ہِندِ باپتھ وَتہٕ ہاوُکھ چھِ۔ یِمن پیٹھ عمل آوری سِتی سپدِ زندگی خوش تہٕ خوشحال تہٕ دُنیا بَنہٕ جنتک نمونہٕ۔

جموں وکشمیر کلچرل اکادمی یوسہٕ کتاب ''کاشُرِ شُری ادبٕچ سوٗمبرٕن'' ناوٕ مےٚ نظرٕ وتلی گُزریاے تہٕ یوسہٕ جناب آتش صابن جگروٗک رَتھ ژانگہٕ زاٗلتھ ترتیب چھےٚ دِژمٕژ تتھ اَندر چھُ فاضل صابنِ بیٚون بیٚون عنوانن تحت کینہہ نظمہٕ درٕج یِمن

نظمن اَندر چھِ شُر بن بجأیی ، پاپرجأیی تہٕ رہنمأیی ہٕندی مناسب تہٕ سودٕ مند پأغام سبٕٹھاہ اعلیٰ تہٕ بہترین وطیرس تہٕ اندازس منز پیش کرنہٕ آمتی خاصکر کوٗشش گٔرِو۔ دعا، خدایا، ہرُ د، یو گٔت ہو بن عنوانن تحت۔

اَمے سوٗمبرَنہِ منزٕ وُ چھتو "ہرُد" نظمہِ ہُنٛد یہ بند یتھ اَندر سبٕٹھاہ سوٗن تہٕ گوٗن پأغام چھُ خوبصورت الفاظن ہٕندی جامہٕ وٕلتھ پأراونہٕ آمُت۔ اَتھ اَندر چھِ شُر بن جاناوارَن، ریٖیٖن تہٕ بیٖیٖن ہُنٛد حوالہٕ دِتھ پأغام دِنہٕ آمُت زِیمنے گٔن نظر ترٲوِتھ پزٕ شُر بن تہِ اَز کالس اَندر پننہِ مستقبلچ کامیأبی ہُنٛد سنٛز کرُن۔ تِمن پزِ پنٕن خأیی دامن یتھے کنٕ عملہِ تہٕ حکمتہٕ ستی برُن یتھ کنٕ یم جاناوارتہٕ کیٛمی مُشکل وقتہٕ تہٕ سختی خأطرٕ برِتھ چھُ تھاوان دانہٕ ستی۔ زندگی چھےٚ اکھ امتحان تہٕ یہ امتحان پاس کرنہٕ باپتھ چھُ ضروٗری زِ اَمہِ امتحانہٕ باپتھ گژھِ وق درِدس آسنہٕ وِزے تیأری کرنہٕ یِنۍ۔ نتہٕ روزِ زندگی ہُنٛد دامانہٕ نوٗن تہٕ چھوٗن۔ وُچھتو اَتھ پأغامس کمہِ آیہِ تہٕ مایہِ چھُ فأضل صأبن شعری اظہار عطا کوٗرمُت:

ربتھا گوٗ وہرُ د ژاو

| | |
|---|---|
| وندُک پوٚہرٕ سنٛز کوٚر | ژَربو تام ٹنٛز کوٚر |
| بیٖیٖو تے جمع کوٚر | ریٖیٖو تے جمع کوٚر |
| ژےٚ چھےٚ بانہٕ خأیی | ژےٚ دامانہٕ خأیی |

☆☆

مقبول ساجد

# فاضل کاشمیری تہٕ جدید کاشُر مرثیہٕ

فأضل کاشمیری چھُ کأشرِ زبأنؠ ہنٛد بن تِمن قداوارتہٕ مقبولِ عام شأعرن منٛز سارِنٕے سرس یم وُہمہِ صدی ہنٛدِ ترٛیمہِ دٔہلہِ پیٹھہِ عام کأشرن ہنٛد بن دِلن پیٹھ راجت چھِ کران۔ ۱۹۳۴ء أندی پکھی ییلہِ یہنٛز "کرٛالہِ کوٗر" تہٕ "پہٕلؠ کوٗر" مثنوؠ یہِ تھنہٕ پیٚیہِ، یہنٛز بے پناہ مقبولیت تہٕ ہردِلعزیزی ہُنٛد دور گوٚو شروٗع، یتھ وقتس ستؠ مزید ہُر برسپدان روٗد۔ یہنٛزِ شأعری آو عوأمی سطحس پیٹھ ہر ہمیشہِ لول برنہٕ تہٕ یہنٛدی تخلیقات آے چشمن متھنہٕ۔

فأضل صأبن چھُ کأشرِ زبأنؠ منٛز رأیج پرٛتھ کُنہِ صِنفہِ پیٹھ قلم تُلمُت تہٕ اکثر صِنفن چھُن تمہِ آیہِ آے بخشمُت زِ سہٕ چھُ تِمن صِنفن ہُنٛد پزٕ زنتھ بنیوٗمُت۔ ییٚتیہِ فاضِل نہِ قلمہِ آنتھٕ رٕسؠ شاہکار غزل تھنہٕ پیٚیہِ تہٕ سہٕ چھُ اکھ بہترین غزل گو تصوٗر کرنہٕ یوان تتہِ چھِ تمؠ سٕندِ ذہنہٕ تھؠ گرٛزٕ رٛوٗسؠ بہلہِ پایہِ نعت دزٕ امتؠ یم عام کأشرن زیوٗ پیٚتیس پیٹھ چھِ۔ یہنٛد بن نعتِ شریفن ہنٛدِ مقبولیژ چھُ یہِ عالم زِ سو چھنہٕ کانٛہہ میلادٕچ محفل یا سیرتی مجلس یوسہٕ نہٕ یہنٛد بو نعتو ستؠ مُشکان چھِ

آسان۔

یۄ تام زن مثنوی صِنفہِ ہُند تعلق چُھ وندراٰ ژن منز چھ، فاضل صابنہِ "دستھ کورِ" خاص کر "کرٛالہِ کوٗر" کاشرٕ بن ہندٕ بن رٕنزٕ وِتھ جذباتن تہٕ احساساتن وُشنیر بخشان تہٕ یِہنٛدی وژن، نظمہٕ، ونہٕ وِنی، مزاحیہ باتھ، رؤفی، ٹٕھ تہٕ ژُمصراے روٗحس سکوٗن بخشان۔

فاضل صابنی کرٛشنہٕ لیلا، بھجن تہٕ گرٛنت شلوک چھِ بٹن تہٕ سِکھن منز تِتھی مقبول یِتھی تِمی ہِندی نعت مسلمانن منز قبولِ عام چھِ پرٛاوِتھ گاہتی۔

فاضل صابنی اکھ اکھ تخلیق چھےٚ لوٗکن ہِندٕ بن زیوِ پیٚٹھن پیٹھ اکِہ طرفہٕ اُمِس عظیم شاعرس بے پناہ لول ارپن کران تہٕ بیٚیہِ پاسہٕ تِمی ہِندِ بے پناہ مقبولیتُک راز باوان۔ فاضلنٕ شاعری چھےٚ لُکہٕ لِہِ نزدین تہٕ عوامی جذباتن تہٕ احساساتن ہِنٛز ترجمانی کران۔ یۄہے چُھ دراصل تِمی ہِندِ بے پناہ مقبولیت، شُہرت تہٕ ہرد لِعزیزی ہُند راز۔ فاضل صابن چھےٚ اَکِس اَکِس صِنفہِ منز اکھ بدوٗن پرٛزنتھ تہٕ شناخت پرٛاوموٗس تِمی ہِندِ کامیابی ہُند معراج چُھ۔

یۄ تام زن کاشرِ جدید مرثیُک تعلق چُھ فاضل صاب چُھ امہِ کِبن باٰنی کارن منز تصوٗر یِوان کرنہٕ۔ اتھ بارس منز چھےٚ فاضلنہٕ جدید مرثیہِ اکِہ میٖلہٕ کنہٕ ہِنٛز حیثیت تھاوان۔ فاضل صابن چھ مرثی گوٗیی منز تیٚتھ اکھ ممتاز مقام پرٛوومُت تہٕ عوامی سطحس پیٹھ تیٚژ مقبولیت تہٕ شہرت حاصل گرٛموٗ زِ تِمی ہِندی اکثر

نوحہ اُسی حُسینی جلوسن تہٕ ماتمی مجلسن منٛز تِمی ہٕند بن نعتن ہٕندی پأٹھی سٲنٛبھے پٔرِتھ تہٕ پٔرِتھ سان وو کھناونہٕ یِوان۔

فأضل صأبن چھےٚ تقریباً ۴۴/ جدید مرثیہ، نوحہ تہٕ حُسینی نظمہٕ تہٕ داہ رُباعیہ تہٕ لیٚکھی مٕتی یِم گوڈنچہِ لٹہِ ۱۹۶۵ء منٛز ''تصویرِ غم'' کتابہِ منٛز شایع سپدی۔۱۹۹۴ء تام چھےٚ اتھ کتابہِ ژور ایڈیشن، یِم امہِ کتابہِ تہٕ فاضل صأبنہِ مرثیہ نِگأری ہٕندِ عوأمی سطحس پٮ۪ٹھ بے پناہ مقبولیتکی باس چُھ دِوان۔ بہٕ ہیکہٕ یہِ کتھ وثوقہٕ سان وٕنِتھ زِ از تام چُھنہٕ کأنٛسہِ جدید مرثیہ گو شاعرٕ سٕندِ کُنہِ شعرٕ سۆمبرنہِ ہُنٛد دۆیِم ایڈیشن تہِ شایع سپدِتھ ہیٚوٚ کمُت یِیلہِ زن فاضل صأبنہِ مقبولیت تہٕ مرثی گوٚیی ہُنٛد یہِ عالم چُھ زِ اہلِ سُنت مسلکس سٟتی تعلق آسنہٕ باوجود سپدی تِمی سٕنٛز مرثیہ سۆمبرنہِ ''تصویرِ غم'' کتابہِ ہٕندی ژور ایڈیشن شایع تہٕ یٮ۪یہِ چھکھ بازرس منٛز برابر تِژھے منگ یِتھ ازبرٕ وٕنہِہ پنٛژاہ وٕری اُسکھ۔

یٮ۪تھین چھےٚ یہِ کتھ باوٕنی ضروری زِ فأضل صأبنہِ نعتہٕ سۆمبرن ''انوارِ محمدیؐ'' ہٕندی چھِ از تام ژۆداہ ایڈیشن شایع سپدی مٕتی تہٕ از تام چُھنہٕ کأنٛسہِ کأشرِ زبأنی ہٕندِس کأنٛسہِ تہِ شاعرٕ سٕنٛزِ کتابہِ ہٕندی، بامے سُہ کوتاہ تہٕ مقبولِ عام شاعر اُسی تن، یٮ۪تی زیادٕ ایڈیشن شایع سپدِتھ ہیکی مٕتی۔ کلیاتِ شیخ العالمؒ، لل دید، حبہٕ خوتون، کلیاتِ رسول میر، کلیاتِ محمود گأمی، کلیاتِ مہجور، کلیاتِ آزاد تہٕ باقٕے مشہور صوفی شاعرن ہٕند بن شعرٕ مجموعن تہٕ دیوانن تہِ چُھنہٕ یُتھ اعزاز حأصل سپدِتھ ہیٚوٚ کمُت۔ یہِ چُھ

چھُ افاضل صابنہِ مقبولیتُک تہٕ ہردِلعزیزی ہُنٛد اعجازتہٕ تِمی سٕتۍ شاعری ہُنٛد معراج تہٕ قبولِ عام۔

یِہ دوٚے شہیری دورٕ پیٹھٕ کاشُرِ زبانۍ منٛز مرثیہِ نِگاری ہنٛز اکھ باگہٕ بۄڈ رِوایت چلہٕ وٕنی چھِ، اما پوٚز ۱۹۳۱ء پتہٕ ییلہِ کشیرِ ہنٛد بن کوچن، سڑکن تہٕ شاہراہن پیٹھ ماتمی جلوسہٕ پکنہِ لگی، امہِ سٕتۍ پیٚیہ نوحن تہٕ روانن ہنٛز ضرورت، یِم یِمن جلوسن منٛز عزادار ووکھناوان آسی۔ امہِ کنۍ آیہ جدید کاشُر مرثیہِ بارسس تہٕ محمد سکندر کاغذگر، غلام حسین مخمور بیترِ ہوی شاعر لگی نوحہ لیکھنہِ۔ ۱۹۸۴ء منٛز ییلہِ ریڈیو کشمیر بارسس آو تہٕ کشیرِ منٛز گیہِ حُسینی مشاعرن ہنٛز اکھ روایت شروع تہٕ عام شاعر لگی بلا لحاظِ مذہب وملت حضرت امام حُسینؑ تہٕ کربلاکین باقٕے شہیدن منظوم خراجِ عقیدت پیش کرنہِ تہٕ ۱۹۵۰ء تہٕ ۱۹۶۰ء کین دٔہلین منٛز ییلہِ سرینگرٕ پیٹھ ماہنامہٕ ''الارشاد''، ''سفینہ''، ''عقیدت'' بیترِ جاری سپدی کاشُرِ جدید مرثیَن کوٚڈ کاڈ تہٕ عام شاعرو پھیُر مرثیہِ صِنفہِ کُن ظون۔ اتھ تناظرس منٛز چھُ فاضل صابس یِہ اکھ بوٚڈ امتیاز حاصل زِ تِمی پانہٕ ناووٕٹھ وانٛجہِ یِہ صِنف تہٕ تِمی سٕنٛد قلمہٕ پیٚیہ تِتھی شاہکار نوحہ تہٕ لافانی حُسینی نظمہٕ تھنہٕ یِم کاشُرِ جدید رثائی ادبکۍ ڈیکہٕ ٹِکہٕ گنٛزرنہٕ چھِ یِوان۔ فاضل صابس چھُ یِہ اکھ مُنفرد اعزاز حاصل زِ تِمی کر کاشُرس جدید مرثیس اکھ نٔو جہت عطا، نٔوی نٔوی طرز تہٕ انہار بخشنس بلکہِ یِہ دوٚے یِہ ونو زِ فاضل چھُ جدید مرثیک تعمیرکار کینٛہہ غلط چھُنہٕ۔

فاضل صاب چھ اہلِ سُنت فرقس سِتی تعلق تھاون وول سُہ گوڈنیک بلکہِ وأحد مرثیہِ نگار ییمی ہِندی نوحہ ماتمی جلوسن تہٕ حُسینی مجلسن منز پرنہٕ أسی یِوان۔ امیُک وجہ چُھ تمی ہِنز بے پناہ مقبولیت تہٕ تمی ہِند بن نوحن ہُند لکہٕ لیہِ قریب آسُن۔ تمی ہِند بن نوحن منز چُھ یِتھ زبردست سوز و گداز تہٕ درددٕ ژینٹھی گوھان زِ بوزن وول چُھ وچھ ژٹنس پیٹھ واتان تہٕ چشمہٕ چھےٚ یکدم اشکبار سپدان۔ فاضلن چھ لوتہٕ وَے لوتہٕ وَے بحرن تہٕ سیوٚد ساد تہٕ عام فہم لفظن منز کربلا۔کس ماٗدانس منز سپدیمتہٕ واقعہٕ دِلدوز تصویر بڑ وٚنہہ کُن أنی مٕژ:

حُسینہؑ سُند سر کُلِس اویزان
یہِ کیاژِ کھوژکھ اور
بے عار ظُلمُک یہِ تیز خنجر
کوو چلاوِتھ گوکھ
یہِ بے کسی ہُند چھ کریوٚٹھ منزِل
یہِ جان و مالُک لوٗٹھ

☆

گُلاب ہوی شُری چھِ سوسہٕ نیمتی
تموزٕ تاپن کھور!
ونان چھِ زینبؑ ژٕ بأے جانو
کوو مےٚ ترٲوِتھ گوکھ

فاضل چھُ کاشرِ زبانٕی ہُند ساروِے کھوتہٕ بوٚڈ نوحہ نِگار۔ اُمۍ سٕندِ بن نوحن منز چھِ تم تمام گون، فنی زانٕو جارتہٕ لوانٕ زِمات سولبہٕ سولبہٕ میلان یم اکہِ کامیاب تہٕ بہلہِ پایہٕ نوحہ باپتھ لازمی چھِ۔ مثالے سوز و گداز، اثر آفرینی، جدّت، موضوعی رنگارنگی، نُدرت، بے پناہ درد، جذبات نگأری، لُکہٕ مزازِ تہٕ لُکہٕ لۍ بیترِ۔ یِہے عُنصر تہٕ خصوصیت چھِ اسہِ مشہور اردو نوحہ نگار آلِ رضا، نجم آفندی، جمیل مظہری تہٕ شفیق شادانی بیترِ ہوبن شاعرن تہٕ فارسی زبانٕی منز یغمای جندقی سٕندِس کلامس منز میلان۔ کاشرِ زبانٕی منز چھِ فاضل صابس علاوٕ یِم خصوصیات اکبر ہاشمی، پتمبر ناتھ درفانی، پریم ناتھ شاد تہٕ پروفیسر سید رضا تہٕ طاہر صفوی سٕندِ بن نوحن منز درٕ ییٚتھی گوھان۔ اماپوٚز فاضل چھُ پزٕ پأٹھی سارِنے سرس۔ ''نالۂ فراق'' ناوی نظمہِ منز چھ فاضل صأب شہ موس حضرت علی اصغرؑ حُرملن سٕندِ ڈسی حلقۂ مُبارکس تٕرِ شاخل تیر تِتھ شہادت پزٕاونہٕ پتہٕ تمۍ سٕنزِ ماجہِ حضرت اُمِ ربابؑ سٕندِ بن جذباتن یِیمہِ آیہ پننہِ وکھرِ اندازٕ زیو بخشان:

دودٕ جو یہ ہو چھم تریشہِ ہتیو ہاے متیو وے
ژٕ گژھتھ کسہ کرٕ بوسہٕ ہیو رِندرِ ہتیو وے
مگ خونہٕ ہرِتھ، زُلفِ خمن موٚرٕ، ذرن خاک
چھی جامہٕ گمتی خونہٕ ووزٕلی، زخمہٕ ہتیو وَے
فأضلؔ ژٕنے دِپی تریشہِ کنے ہاے رُخک سرٕ یہہ
دُبارٕ نظر تُلتہٕ، ہیو! آرٕ کتیو وَے

فاضل صابن چھِ کاشرِ جدید مرثیہِ کبن تمام بیۆن بیۆن انہارن تہٕ اقسامن پېٹھ قلم تُلمُت۔ تٔمۍ چھِ نوحہ تہِ لیکھۍ مٕتۍ تہٕ وان تہِ۔ تمو چھِ سلام تہِ پیچھٕ تہٕ وداع تہِ تخلیق کٔری مٕتۍ۔ تہندِ قلمہٕ ییٚتہِ ماتمی ونہٕ وِنی چھِ تھنہٕ پیمتۍ، تتۍ چھِ تمو رؤف تہٕ منٛزلی بٲتھ تہِ وٕنی مٕتۍ۔ یہِ گۆناگۆنیت تہٕ موضوعی رنگارنگی چھےٚ کلہم جدید مرثیہِ نگٲری تہٕ نوحہ نویسن منٛز صرف فٲضل صٲب سےٚ نِشہِ میلان۔

حضرت قاسمؑ یُس حضرت امام حسنِ مجتبیٰؑ سُنٛد دِلبند تہٕ مہرازٕ پوٚتر اوس، فٲضل چُھ تٔمِس ییٚمہِ انمانہٕ حنابندی پېٹھ مائنٛزلاگنہٕ وِزِ ''ونہٕ وُن'' ووکھناوان تہٕ اکھ دلدوز منظر اُچھن برٛونٛہہ کنہِ ووتلاوان:

ویٚسی یے یِکھنا، یِکھنا سالس
قاسمؑ لالس مائنٛزے رات
قاسمؑ لالس ماہِ مِثالس
قاسمؑ لالس مائنٛزے رات
پمپوش گوٚنٛدی بو رویس ڈالس
معصوم پادن میٹھی کرٕہس
سر آلوٚس تےٚ اِسبند زالس
قاسمؑ لالس مائنٛزے رات
جبرائیلؑ سوزس پانہٕ ساوالس

فاضلؔ کرِہس چشمن جاے

خان پأراوس، نعمؤ کھالس

قاسمؑ لالس مائنزے رات

یتھےٚ کنیٚ چھ حضرت امام حُسینؑ نہِ مہرٚینی کورِ حضرت فاطمہؑ ہس یتھ کنیٚ وَنہٕ

وان:

فاطمہؑ کوٗری! شاہ پینایے

ژےٚ گمیؤ داے دوٗ پو یو

مائنز لاگ گلو مگر ضایے ضایے

ژےٚ گمیؤ داے دوٗ پو یو

ٹاکأنی تھوٗتھم معصوم آیے

بے کس أستھ گاہ ترٛاوان

وایل مولیس ژھایے ژھایے

ژےٚ گمیؤ داے دوٗ پو یو

فاطموٗ! اوٗش ہار ووٚنی دورایے

چھکراو آبدار موختےٚ ہار

شاہ چھے ماہ زن اوٗ برس ژھایے

ژےٚ گمیؤ داے دوٗ پو یو

''تصویرِ غم'' کِبن مختلف ایڈیشنن منز چھِ امہِ قسمکی ترٛے ماتمی ونہٕ وِنی تہٕ اکھ رٔوف نظرِ گژھان۔ یِمو مثالو ورٲے چھِنہٕ اسہِ کلہم رثائی ادبس منز بامے سہٕ کلاسیکی مقام بند مرثیہِ اُسی تن یا جدید مرثیہِ، کأنسہِ شاعرٕ سُند مرثین منز کانٛہہ ونہٕ وُن یا رٔوف نظرِ گژھان۔ گوکہِ یہِ منفرد اعزاز چھ فقط فاضل صأب سہِ یوت۔ کوربن ہندِ خاطرٕ چھُن لوتہٕ وَے لوتہٕ وَے لفظن اندر کاشرِ لکہِ لیہِ منز یتھ گنٛ دِلس پرٛیٛن کرن وول ''رٔوف'' لیٛو کھمُت:

شہزادٕ مأرکھ تریشہِ پأوِکھ تل شرٛاکن تأے
بُلبُل چھُ رِوان، کربلا گوٚو معصومن تأے
واہ شاہ حُسینؑ کوچھِ منز کھیوٚو تیر اصغرؑ تأے
صحراوٕ پیٛٹھی دیُت چاک جامن گلالن تأے
اُمی فوجہِ شامن کیٛنہہ نہٕ وایاوُ چھ خاصن تأے
ہرجایہِ ماتم ہیوٚت زمینن اسمانن تأے

''سلام'' چھِ جدید مرثیُک اکھ اہم ہیّت۔ فاضل صأبن تہِ چھُ اتھ ہیٚوٗ لول بوٚرمُت تہٕ حضرت امام عالی مقامؑ سٕنٛدِ یتھ گنٛ سلام سوٗزمٕژ:

السلام اے شاہ سوارِ کربلا
السلام اے تاجدارِ کربلا
چون روے چھُم بوسہِ گاہِ مصطفیٰؐ

مہر و ماہ چھی اتھ پران صلِ علیٰ

السلام اے آرزوئے انبیاء

السلام اے آبروئے انبیاء

تِتھےَ کنۍ ییلہِ حضرت امام حُسینؑ یزیدی لشکرس ستۍ جنگ کرنہٕ باپتھ میدانِ کارزارس منز واَرِد چھ سپدان ، فاَضل صاَب چھِ صحرائے کربلاچہِ زباَنۍ تِمن ییمہِ انمانہٕ سلام تہٕ درۄد سوزان:

اے صاحبِ دِلاوری

سبحان شانِ برتری

صلِ علیٰ صلِ علیٰ

شمیرِ چانہٕ مرحبا

دشمن ونن چھی آو ہا

کس آسہِ چاَنۍ ہمسری

اے صاحبِ دِلاوری

''وداع'' چھُ مرثیہِ ہُنٛد اکھ اہم جز۔ ییلہ کربلا ہک کانٛہہ جانثار میدانِ کارزارس منز یزیدی لشکرس خلاف لڑنہِ اوس گژھان، تِمس اوس امام عالی مقامؑ، پننۍ موج، پنٕنہِ بینہِ دبہٕ تہٕ باقۍ انگ اَشناو رخصت کران۔ امہِ ساتہٕ چہٕ منظر کشی چھِ وداع ونان۔ ییلہِ امام حُسینؑ پانہٕ میدانِ کارزارس کُن دژاو تمہِ وِزِ یُس

منظر میدانِ کربلاہس منز وۄتلیو وتہٕ سُہ کمہِ انمانہٕ آورخصت کرنہٕ، فائضل صأبن تہِ چھےٚ تتھ پسِ منظرس منز کینٛہہ کامیاب الودأعی مرثیہِ لیچھمٕژ۔ کینٛہہ مثالہٕ چھےٚ پیش:

| | |
|---|---|
| یاحُسینؑ الوداع | یاحُسینؑ الوداع |
| الوداع الوداع | یاحُسینؑ الوداع |
| موصمن آوغش | العطش العطش |
| محشراگوٚ وبپا | یاحُسینؑ الوداع |
| غم چُھ لالہٕ زارٕ نے | تَم چھِ خون ہارٕنے |
| تَم ودان بارہا | یاحُسینؑ الوداع |

☆

الوداع اے جانِ زہراؑ الوداع

الوداع اے شانِ مولا الوداع

الوداع اے سربلند و سرفروش

الوداع اے قلزمِ غیرت بجوش

الوداع اے آفتابِ اولیاء

الوداع اے ماہتابِ انبیاء

یتھٕ کٕنۍ زن گوڈےٚ ذِکر سپُز، فأضل صأبن چھِ کینٛہہ شاہکار ماتمی منز لہ

بأتھ تخلیق کٔرۍ مٕتۍ، یِیلہِ حضرت امام حُسینؑ سُند شیٖن رتٕس ہُند فرزند حضرت علی اصغرؑ شہید سپُد، تمۍ سٕنز مادرِ گرامی حضرت اُمِ ربابؓ چھےٚ تمۍ سُند خأ لی منزٕل اُلران اُلران پننس لولہِ گۄ برس یِمن پُر دردتہٕ جگر سوز مصرن ٕ گنگراے کٔرۍ کٔرۍ تمس سُلہٕ وان:

وا دریغا! جانِ زہراؓ پوترٕ گاشس اوٚش ہران
اصغروٚ! ہے اصغروٚ! ہے اصغروٚ! عالم ودان
ژھکھ منزٕلی مہرازٕ چھوٚت چھوٚت تےٚ پوٚلر، زن ٕشینہٕ تھوٚس
محشرو! ہے محشرو! ہے محشرو! عالم ودان
سانہِ اسمانک چراغاں چانہِ ٕستی زینت لبان
اخترو! ہے اخترو! ہےٚ اخترو! عالم ودان

تہٕ گاہے چھےٚ پوترٕ موج یِمہِ انمانہٕ وبدا کھ ژھٹان پننس لولہِ گۄ برس وان تراوان:

پوترٕ گاشہِ اصغروٚ معصومہٕ دِلبرو
چأنۍ چشمِ بادام یاد آم یاد آم
کالہِ کالہِ زوٚنہِ تل پیٚیہِ یوٚ ٕنندرِ زول
مےٚ بٔرۍ دوٕدٕ جام یاد آم یاد آم
چانہِ خوٚنہٕ رنگنہٕ آو دریاو صحراو
فأضلس گُلِ اندام یاد آم یاد آم

چنانچہِ فأضل چھ ہٕذ اُتی اکھ روٗمان پرور غزل گوشأعر، تمیُک عکس چھُ

تمہ سٕنزن مرثیٖن تہٕ نوحن منز تہٕ جایہِ جایہِ دِژٕ پنٕنؠ گوہان۔ گُلن، پوشن، بُلبُلن، صحراون، بیابانن، گلستانن تہٕ پۆت ونن ہُنٛد ذِکر چھُ تمہ سٕنزن تخلیقاتن منز پھِری پھِری ووتلان تہٕ فاضل صأب چھِ اکثر پننین مرثیٖن منز یِموے پیکرو ستی شہدائے کربلاہن وِدناوان:

بُلبُل چھُ گُلن ژھایہِ ونن ہایہ شہیدو
از پوشہِ تھربن ڈوٗٹھ بے وایہِ شہیدو
غربت تہٕ بیابان تہٕ سفر زیوٗٹھ تہٕ پنٕنؠ دوٗر
یتھ جایہِ اوٗبر ہایہِ نہٕ کینٛہہ سایہِ شہیدو

☆

پیوٚ وسوٗنہِ سُلی تازٕ گُلن ہاے غمک روٗد
گلشن چھُ رِوَن دِل چھُ سِیاہ خانہٕ حسینؑ
اتھ پوشہِ ونس نوٗرِ حقس پتھ مے دِژُن چھے
افتابہٕ رویس لاگہٕ ہے پروانہٕ حُسینؑ

☆

ماتم گُلس گُلس از خوش گُلستان آسیا
چمنن چھِ دیدٕ گریان، بُلبُل اسان آسیا

☆

محبوب مہر و ماہس گُل روحسین شبہیہ ہس

صحراوٕ کین پلن تل زہرا وٕدان آسیا

☆

جنگل چھِ ودان ازتہٕ غزالن چھُ یوٚہے بژم

شہزادٕ شہ ریوٚت باغِ اِرم آہوٗ رمن گوم

پیاران چھِ تِمس لالہٕ سُنبل ہی تہٕ یمبرزل

زن بادِ صباوٕ چھہٕ یمن طرفِ چمن گوم

فائضل صابن چھےٚ پئنن مرثین تہٕ نوحن منٛز سبٹھے شُستہٕ تہٕ سلیس زبان ورتاوٕمژٕ تہٕ لوتوٕ لوتوٕ لفظن چھِن استعمال گرٕی مٕژ۔ أمی چھِ سہل تہٕ لگہٕ لیہٕ قریب بحرِ ورتاوِمژٕ تہٕ کأشر ماحول تہٕ مزازٕ چھُن پرٛتھ ساتہٕ نظرِ تل تھوومُت۔ یوٚہے وجہ چھُ زِ أمی سنٛز مرثیہٕ سپٕز پیٛٹ مقبوٗل تہٕ مشہوٗر زِ تِمن سپُد کأشرِس رثأیی ادبس منٛز اکھ تھوٚد مرتبہٕ حأصل، خاص کر نوحہ نِگأری منٛز چھُنہٕ تِمن کانٛہہ جورٕ ے۔

☆☆

فاروق شاہین

# فاضل کاشمیری......اکھ نٲدر شاعر

کاشرِ زبٲنۍ ہندس ادبی تواٗرتخس منز چھُ فاضل کشمیری سُند ناو پننہ تابنا کی ستۍ کشیرِ ہندبن سنگر مالن پھولراوان تہٕ شولہٕ ناوان۔ فاضل کشمیری چھُ سبٹھاہ رُت شاعر اوسمُت۔ بسیار پاسل شخصیتک مالک یہِ شاعر چھُ زندگی ہندس ژِیہس ژِیہس کامہِ لاگتھ کشیرِ ہنز تہٕ کاشر زبٲنۍ ہنز پاپرجاۓی خاطر دوہ راتھ محنت کران اوسمُت۔ کشیرِ ہندبن طرفاتن منز ڈیوٹی دِتھ تہٕ تمن علاقن منز یِمہ کارکردگی ہند مظاہرٕ فاضل کشمیرین کوٚرمُت چھُ سُہ چھُ قابلِ دید تہِ تہٕ قابلِ داد تہِ۔ تعلیمہ ہندس محکمس منز پننہِ شاندار کارکردگی ستۍ بنیاو قومُک وتہٕ ہاوکھ۔ اُمس کوٚر کھ سرسید احمد خان تہِ ناو۔

شاعری ہندیُس ناگہٕ راداللہ تعالیٰ ہن فاضلس شُری پانۓ عطا کوٚرمُت اوس۔ تتھ تُل یِمو برپوٗر رفاٸید تہٕ لوکچارسے منز لیچھکھ زٕ کتابہٕ گلدستہ فاضل تہٕ ترانہ فاضل۔ یِموتھاو مشق جاری تہٕ غزل، نظم، مرثیہ، رباعی، وژن، نعت تہٕ منقبت لیکھتھ دیُتکھ پُرگوشاعر آسنُک ثبوت۔ اِوکنِہ چھُ یہ ونن مناسب زِ فاضل کشمیری چھا اکھ عہد ساز شاعر۔ یِہنز شاعری چھےٚ اَکس ہتۍ لِس پیٹھ منحصر تہٕ اکہِ دورٕچ

نمایندگی کران ۔ یہِ دور چھ کُل عالمہٕ خأطر انقلابن تہٕ وولہرِ شن ہند دور ۔ گوڈنیک عالمی جنگس دوران یہند زاین تہٕ دۏیمس عالمی جنگس دوران چھُ یہند شباب عروجس اوسمت ییلہِ ہندوستان تہٕ پأکستان زٕ الگ الگ مملکت بنیایہِ تہٕ أتھی دوران چین ہیوٚ بوٚڈ ملک اشتراکی بنن ۔

اتھ سیأسی تہٕ عالمی سطحس پیٹھ قومی بیدأری ہندس دورس منز اوس فأضل کشمیری سُند مشأہد کاڈکڈان یتھ دوران ریاست جموں وکشمیر ہش ریاست بارسس ینز اوس فاضل صأبس خأطر نوِ عرفانچ تہٕ آگہی ہنز شیٖنہٕ وَن ۔ یمن حالاتن تہٕ واقعاتن چشم دید گواہ آسنہٕ چھُ بڈ کتھ ۔ پتہٕ ییلہِ انسان شأعر تہٕ آسہِ ۔ تمی ہنز ذہنی سطح کیاہ ہیکہِ تیلہِ أستھ؟ تکیازِ شأعری ییمہِ ذہنچ تقاضہ چھےٚ کران سُہ ذہن تہٕ دماغ اوس اللہ تعالی ہن فأضل صأبس وِدیعت کوٚرمُت ۔ امہِ خأطر اوس فأضل مناسب شخص ۔ یہۍ وجہ چھُ زِ فأضل صأبن لاجہ پننہٕ بےٚ پناہ صلاحیژ کامہِ تہٕ پنُن Talent کوٚرن مختلف سطحن پیٹھ استعمال ۔ فأضل صأب لوٚگ شأعری ہندی زُلف تتھ دورس منز شیرنہٕ ییلہِ مہجورنی تہٕ آزادنی نغمہٕ کشیرِ ہندہن گرن گرن منز گوبنہٕ تہٕ بوزنہٕ یوان أسی ۔ مہجورنی وطنی بأتھ تہٕ اتھ ہتی حدز رگر ، رحیم صأب سوپوری ، احمد بٹہٕ وأری ، سوچھ کرال ، نعمہٕ صأب ، شیخ العالمؒ ، لل دید ، رسول میر ، محمود گأمی ، حبہٕ خوتون وغارٕ صوفی شأعرو کأشرِ شأعری ہنز اکھ روایت قأیم أس گرمژ ۔ أمی روایتگ ڈکھ اوس فأضل کشمیری لیس ۔ یہنز شأعری روٗز گوڈ گوڈ اتھ روایتس لأرتہٕ وارٕ وارٕ ہیوٚت یمو پتہٕ پننہٕ منفرد شخصیتکی خدوخال شیرٕنی ۔ کأشرِ

گرِ پہنز شاعری پسند تہٕ بنیاد یہ امکی دِلداد۔ ''کرالہٕ کوٗر'' یمہٕ ساتہٕ ریڈیوٗہس پیٹھ گیونہٕ آے، کشیرِ ہند بن طرفاتن منز گئے اکھٕ نوٗ آواز نمودار تہٕ اتھ آوازِ گئے لوٗکھ فدا۔ اَمِچ لَے تہٕ موسیقی گئے لوٗکن تیوٗ خوش زِ تم اُسی یہ باتھ بوٗزِتھ ترٛ ہران تہٕ وولسان۔

نرگسن تےٚ سُنبلن منز باحساب
چھی ژِھچھنِی کھوٗرِ زِ کشیرِ کی گولاب
گُل وُچھتھ ڈُلی ہوش پانئے بلبُلَن
کرالہٕ کوٗری مالہٕ کریۓ کوسمن

☆

چون قد شمشاد یا سروِ رواں
یا مگر گلدستہٕ باغِ جناں
پان شیرِتھ تھوٗمُت کاٗریگرن
کرالہٕ کوٗری مالہٕ کریۓ کوسمن

☆

کاڑِ دوٗرو ہارِ مالو تےٚ لرو
کاڑِ زوٗنے آرِ کوٗرمتٕ تارِ کو
نارِ وُزمل زن لولے منز دون گٹن
کرالہٕ کوٗری مالہٕ کریۓ کوسمن

بانہٕ یامتھ حُسنہٕ وانے چھکبھ ترٛان

کیٚنٛہہ چھہِ سپدان ماٚرۍ مٔندۍ تےٚ کیٚنٛہہ ہلان

لولہٕ نارے کیٚنٛہہ چھہِ زالان جوٗرتن

کژالہٕ کوٗرۍ مالہٕ کریےٚ کوسمن

تموچھےٚ ''پہلی کوٗر'' تہٕ لیچھ ہمٕ، تیٚچ موسیقی تہٕ گنائیت محفوظ کران چھےٚ:

نہٕ ہٕنس چِکل نہٕ ژٔٹے کنہٕ واٚلی

نہٕ زری تنہٕ پیٹھ خاصہٕ کمخاب

زوٗنہٕ زن اوٚبرکی جامہٕ چھےٚ ناٚلی

ہا پہٕلی کوٗرۍ ہی ماٚلی یے

☆

حُسنٕچ ڈاٚلی سورٕچ عاٚلی

ہا پہٕلی کوٗری ہی ماٚلی یے

جوشدار اوٚبرٕچ نوٗرٕ وُزماٚلی

ہا پہٕلی کوٗرۍ ہی ماٚلی یے

☆

مستس ژھایہٕ چھی فوتہٕ انزاٚلی

ظلماتہٕ مٔنزۍ زن لال تابان

زٕونہِ چھی ستہٕ ریشن پتہٕ اردائلی

ہا پہلی کوٗرک ہی مائلی یے

یمن دوشوٗنی کوربن متعلق یمہٕ نظمہٕ چھےٚ تمہِ دوٗرک کلچر درشاونس ستی ستی موسیقی ہُند پھرِ پھِہ، لفظن ہنٛز مرٛژگری، استعارٲتی ورتاوتہٕ تشبیہن ہُند اظہار بڑونہہ کُن انان۔ تمو چھےٚ شعرن منٛز مارٕ مٕنٛز ترکیبہٕ ورتاوتھ یمن نظمن اوبر گوبر عطاکرِتھ رٕژِ شاعری ہُند باس دیُتمُت۔ کشمیرٕ کی گلاب، قدِ شمشاد، سرِ رواں، کاژ زٕون، حُسنہٕ وان، اوٗبرٕ کی جامہٕ وغارٕ ترکیبہٕ چھےٚ شعرِ مصرعن مارٕ منٛز رتہٕ ورگہٕ اظہار عطا کران۔

فاضل کشمیری سُند غزل چھ پننہِ لسانی ورتاوٕ کنی پتمن دورِ کمن شاعرن منٛز پننی منفرد اہمیت تھاوان۔ اگرچہٕ سُہ رِوایتس ستی ہم آہنگ تہٕ روٗزتھ چھ مگر سُہ رٕودغزلس منٛز نوی نوی تجربہٕ لگاتار کران روزان۔

| | |
|---|---|
| از وُچھم جانانہٕ قسمت چھُم سعید | رات معراجچ تہٕ دوہ چھُم روزِ عید |
| حسن تقویم آیہِ آیے پوٗر پوٗر | عرشہِ وُوٗتھمُت زن سُہ قرآن مجید |
| نورِ یزدانی جہانس باگرِو | لولہٕ والین ازدیوٗ صبحچ نوید |
| رنگ جہانک دل پسند قوس قزح | ہاونس تے باونس لایق چھُ دید |

یمن شعرن ہُند آہنگ، معنے آفرینی، معتبر لہجہٕ تہٕ لفظن ہُند انتخاب چھ ذہنس شوٗژر، چشمن تراوتھ تہٕ دماغس میچھر عطا کران۔ راتھ معراجِ تہٕ دوہ روزِ عید آسُن تہٕ پتہٕ محبوب سُند دیدار میلُن چھےٚ بڑی سعادت مندی۔ یتھ شعرس منٛز

چھےٚ ہر کانٛہہ حرکت صحی سِمتس (Right direction) کُن پکان تہٕ مثبت پہلو درشاوان۔ امہِ پتہٕ دۄیمس شعرس منٛز چھُ محبوب سُنٛد سراپا تتھ پأٹھی پیش کرنہٕ آمُت زِ چارٕ ے چھنہٕ لگان پرن وألِس یہِ سمجھنس زِ اتھ شعرس منٛز چھُ رحمتہ للعالمین ٕکُن براہِ راست اشارٕ۔ حُسنِ تقویم، تہنٛد بجرٕ تہٕ تھزر تہٕ زن سہٕ قرآنِ مجید وُنن، سہٕ تہِ عرشہِ ۄژھمِہ ہش لفظٕ ژأر چھےٚ فأضلٓ سنٛز پُرخلوص جذبٕچ عکأسی کران۔ یہِ جذبہٕ چھُ شو دِمنہٕ دِلہٕ وُزنیامُت۔ پتہٕ چھُ محبوبِ سرورِ کایناتؐ تہٕ مکمل تہٕ کأمل انسان۔ تہنٛز شخصیت سہٕ تہٕ پکوُن ٹِکوُن قرآن۔ اکھ آفتاب تہٕ سراپا نۆر، یعنی نۆرِ یزداں۔ یۆہے نۆر جہانس بأگرُن چھُ پزٕی پأٹھی لولہٕ والین خأطرٕ صیحچ نوید۔ امی نۆرٕ ستی یُس رنٛگ جہانس تہٕ زندگأنی عطا سپد، تتھ کاٗژاہ سونزلہٕ پھوجہٕ تہٕ تموسوٗ ژلوٗ ستی کوتاہ رنٛگین، خوبصورت تہٕ مأری مۆنٛد سپُد جہان، تہِ چھُ واقعی قأبلِ دید نظارٕ تہٕ تتھ چھِ أسی سأری وأقف تہِ۔ اتھ جذبس چھِ بیٚیہِ اکہِ غزلکِ یمہٕ زٕ شعر ڈکھ کران:

دۄپُن لولس تہٕ عشقس آے ہُری نے
یمن دوشوٕنی اندر چھے ٔنژٕ بشارت

وۄنن :ڈکھ چھے ژٕ ے انوارے محمدؐ
ژٕ ے پوشی تا ابد نعتُک رعایت

دراصل لول یا عشق اَسُن تہٕ حقیقی تہٕ پُرخلوص لول یا عشق کس تارِنہٕ تارٕ۔ یہِ

عشق چھُ نیک نیتی پیٹھ منی تہٕ اتھ عشقس چھُ بقاے دوام تورے حاصل پتہٕ تھیٚ سپدِ عشقس آے ہُرنُک دعا یتھ آسن اکھ واہ بڈ کتھ چھےٚ ۔ یمہٕ زٕ شعر چھ Dialogue کتھ باتھِ ہندس صورتس منز دون فردن درمیان چلان یعنے اتھ منز چھ زٕ کردار پنُن رول ادا کران اکھ چھُ عاشق تہٕ بیاکھ محبوب یُس عاشقہٕ سند جنوٗن تہٕ پُرخلوص عشق وُچھتھ متاثر چھُ سپدان اوے چھُس دعا تہِ کران تہٕ یتہٕ ونان زِ ژٕے چھےٚ انوارِ محمدؐ ڈکھس تہٕ نعت لیکھنچ یہ رعایت چھےٚ ژٕے تا ابد حاصل۔

فاضل سند غزل چھُ پننہِ منز رلیہ تہٕ زیر و بم کنی سبٹھے وتشاول ۔ یتھ منز محبوب سنز سراپا نگاری ، نخرٕ تہٕ ناز ، وفا تہٕ بے رخی سورے کینٛہہ دیدمان چھ یوان ۔ غزلس یتہ کوٚر تموپننہِ باوٕ ژ خاطر وژنُک استعمال تہٕ ۔ چونکہ وژنس چھےٚ پننی لکہٕ لے تیمی یتی فاضلس کشیرِ منز ہمہ گیر شہرت حاصل گیہ ۔ امیک نتیجہ دراو یہ زِ کاشرِ زبانٕ ہُر یوو وقار تہٕ لکن گیہ اتھ زبانٕ نیسبت دلچسپی ہُران ۔ فاضل بنیاو عوامی شاعر تہٕ یہ لوٗگ لوکن ہند بن دلن پیٹھ راج کرنہِ ۔ اُمی سندی نغمہٕ تہٕ گیت گیہ شہر و گام مشہوٗر ۔ یہ وقت اوس یژھے شاعری ہند تقاضا کران ۔ تکیا زِ فاضلس اُس شہرت تہٕ ضرورت تہٕ کاشرِ زبانٕ فاضلس ہیو شاعر ۔ یہِ شہرت اُس نہٕ صرف ہاوباوِ خاطر بلکہ پننہِ وطنُک بے پناہ لول ، کاشرِ زبانٕ پنُن جایز مقام دِنُک جزبہٕ تہٕ اعلیٰ اسطحس پیٹھ ۔ یہے کاروانِ سالار بنتھ برونہہ برونٛہہ نیرُن۔

گولابن منز پھٔلے چانس موکھس پیٹھ
ینا گلچیں وُچھی ژٕلی ٹارِ کینٛہہ کالی

مےٚ دۄپ نارس گژھم گلزار ظاہر
یہِ ما زوٗنم خلیلس کیٛتھ بجر اوس

☆

عاشقس کیٛتھ یُن گژھن گوو لازمی
از یہکھ نے توتہِ آسی یُن پگاہ

☆

سفرٕ باپتھ لکھ وتھن دامن ڈٕنتھ
یتھ مقامس پٮ۪ٹھ اگر پرارن ہناہ

☆

الغفس منز وُچھ مےٚ بس ستےٚ ستم
چھس اوے گوٗمت بٔنتھ تصویرِ غم

☆

ژےٚ دوپتھم از یمے پۄت زوٗنہِ سالس
بہِ پیارے ژانگی زالتھ راتی راتس

یمہٕ شعر چھ فاضلؔ سنز تمہ شعری باوٕ ژھنزٕ دلیل یتھ منز اکھ خوشبوے پوشیدٕ چھ تہٕ رُت شاعر آسنکی گون دیدمان یوان چھ۔

نعت چھ سٮ۪ٹھاہے نوزُک صنف۔ اتھ صنفہِ منز شعر لکھُن چھُ اکھ حساس معاملہ بنان یتھ منز احساسِ ندامت آسنس ستی ستی زبردس احتیاط ورتاوُن لازمی بنان

چھُ ۔فاضلؔ کشمیرین چھُ اتھ صنفہِ برپوٗرلول بوٗرمُت تہٕ اکھ زبر عاشقِ رسوٗلؐ آسنُک ثبوٗت دِیتمُت ۔تمہٕ سندی نعت پران پران چھُ یہِ احساس گنان زِ عشقِ رسوٗل ﷺ آسنچ قربت چھےٚ تس جؠوٗن کس حدس تام اُس ہیٚو۔اوے کٔنہٕ چھ تمو نعتن منٛز اکھ سوٗ مبرن تیار کٔرمٕژ ۔ نبی اکرمؐ ہند لول، شکل وشمایل، تہندِ شخصیتکی انہار تہٕ اظہار چھ تمو فطرت کین نظارن منٛز ہاونٕچ تہٕ باونٕچ ازحد کوٗشش کٔرمٕژ ۔بلکہ چھےٚ تمو نعتیہ شعرِ مصرعن منٛز یہِ وننٕچ تہِ کوٗشش کٔرمٕژ زِ کائیناتچ یہِ جلونگاری، دوہ کھسنکی تہٕ لوسنکی واقاتھ، تارکن ہند زوٗل، آفتابچ روشنی، سرسبز نظارن ہندِ منأظر تہٕ شینہٕ وٕلتھ پہاڑن ہندی مأری مندی منظر چھ تہندِ جلوٕکی تہٕ نوٗرٕکی پرتو۔تمہٕ سندی نعت پراں پراں چھ حسانٕ بن ثابتؓ تہٕ علامہ ابوصیریؒ یاد پیوان۔

ژٕ ے ما تمہِ سندِس نُندِ بون آسنس پیٹھ گوٗمُت چھےٚ تعجب ہیوٗ لایزالہٕ
سُہ عقلِ مسلم، سُہ عشقِ مکمل تمِس ہیوٗ دوٗیُم کانہہ چھُ آسُن محالہٕ

نظرِ نظرے چانہِ غش ییٚن وزملن
گاشہِ تارکھ مرنہٕ ییٚن تأریکین

☆

| | |
|---|---|
| یتھ جایہِ چونٕے جلوٕ پیوٗو | تتھ جایہِ رشکِ طوٗر گوٗو |
| ژٕ ے مصدرِ نوٗرِ ہدیٰ | صلوٗ علیہِ دایما |
| کیا زوٗن تارکھ کہکشاں | نوٗرٕکی چھ یمہٕ ادنیٰ نشاں |
| افتاب چون اکھ نقشِ پا | صلوٗ علیہِ دایما |

چون پرتو شش جہاتس کایناتس گاش چون
یارسوٗل اللہؐ ژےٚ أندٕ أندٕ گتھ کراں شمس وقمر
شانہٕ کر والّیل مویس صبح رویس پرٕ تل
یارسوٗل اللہؐ یمے وُچھ وُچھ بناں شام وسحر

☆

خدایس ہیٚوٗ نہٕ کانژھا قدرتس منٛز
رسولسؐ ہیٚوٗ نہٕ کانژھا عظمتس منٛز
چھ دوشوے لاشریک اندر صفاتن
موجد رووُمت اتھ وحدتس منٛز

یہٕ جنٛوٗن یہ لول تہٕ عشق چھُ قدر کرُن لایق۔ عاشق چھ تھے لوٗلکی علمبردار۔ قرآن تہٕ احادیثن ہنٛدس اثرس تل یمہٕ نعتِ شریف چھ بےٚ مثال۔ فاٗضلؔ چھُ پٔتمین نعتن منٛز اکھ برپوٗر نعت گووشاعرووتلان تہٕ اُبران تہٕ گُنہِ جایہِ چھُنہٕ سُہ پنٛنہِ معیارٕ یون وسان۔ یمہٕ نعت پران پران چھ قاری واہ تہٕ واہ کران۔ تہٕ واہ چھُ براہ راست دلہٕ پیٹھ کھٔسِتھ زبأنی پیٹھ یوان۔

فاٗضلؔ اوس پزے کاشُرِ زبأنی ہُنٛد بیباک ترجمان۔ یم گیہ نہٕ گُنہِ تحریکِ ہُنٛزی۔ بلکہ رُوٗدی اَکس مردِمجأہد سنٛدی پأٹھی پنٛنہِ زبأنی ہنٛز آبیأری کران۔

☆☆

عادل محی الدین

# بسیار پاسل شاعر......فاضلؔ کاشمیری

فاضلؔ کشمیری سُند شمار چھُ کأشرِ زبأنی ہند بن تِمن کیٚنژن شأعرن تہٕ قلمکارن منز سپدان، یِمن پننہِ حیأتی منز ے شُہرت تہٕ مقبولیت نصیب سپز۔ شأعر آسنہٕ علاوٕ چھُ یِمن یہِ اعزاز تہٕ حأصل زِ یِم چھِ کأشر زبأنی ہنٛدی شاید گوڈنکی شأعریم طألبِ علمی ہنٛدس زمانس منز ے صاحبِ کتاب بنے۔ سرینگرٕ کِس ایس ، پی سکولس منز تألیم حأصل کرنس دوران سپز یِہنٛزٕ زٕ لوکچہٕ لوکچہٕ کتابہٕ ،گلدستہٕ فأضل تہٕ ترانۂ فأضل چھاپ۔ فأضلن کوٚر پننہِ شأعری ہنٛد آغاز ۱۹۳۴ ءیس أندۍ پکھی یُس ۱۹۹۸ ءیس تام شدومد سان جأری روٗد۔ یتھ دوران یِہنٛزٕ ۳۷ کتابہٕ بازر آیہٕ ، یِمن منز شأعری علاوٕ ڈراماتہٕ کیٚنہہ ترجمہٕ تہٕ شأمل چھِ۔ امہٕ علاوٕ سپُد یِہنٛزن ۱۱ رہن نمایندٕ نظمن ہُند انگریزی ترجمہٕ Eleven Horizons of Fazil Kashmiri ناوِ چھاپ یُس شیٖنٛ کاچروٗن ذیشان فاضل سٕندس ونٕہ نَس پیٹھ کوٚر رُمت چھُ۔ فاضل صأبس متعلق چھےٚ یہِ کتھ اسہِ سارِنٕے خبر زِ تِموٚ یتھ ماحولس منز زنم لوٚب، پزٕ یتھے تہٕ واش کوڈ تتھ منز اُس نہٕ علم وادبُک کانٛہہ روایت موجود۔ ووں گوٚو فاضل اوس ازلے شأعر پأدٕ گوٚمت، تہٕ تس اوس آگاہ موٗکل۔ ڈہمہِ جماژ ہنٛزِ وأنسہ منز کرالہٕ کوٚر، ہش نظم لیکھتھ چھُ فاضلؔ پننی شأعرانہٕ

صلاحیت مائنی راونس منز کامیاب سپدان ۔ فاضل اوس مہجور، آزاد، صمد میرتہٕ احد زرگرُن کوٗنس ہمکال تہٕ یمن شاعرن ہنٛدِ کلامُک اثر چھُ فاضلنس کلامس پیٹھ نمایاں ۔ امہِ علاوٕ چھُ یہنٛدس کلامس پیٹھ علامہ اقبال، حفیظ جلندھری، احسان دانش تہٕ علامہ حالی سٕنٛدِ کلامک تہِ اثر نظرِ گژھان ۔ اگرچہٕ فاضلن سبٹھاہ جلد پٔنُن اکھ الگ تہٕ وکھرِ مزاز تہِ پاناونچ کوٗشش کٔر یتھ منز تم واریاہس حدس تام کامیاب تہِ سپدی مگر تہنٛد کُلہم کلام پٔرتھ چھےٚ یہِ کتھ ننان زِ تمو کوٚر نہٕ پننہِ روایژ نشہٕ موٗلے انحراف بلکہِ روٗدی تم نوٚبن تہٕ نوٚین خیالن ہنٛز باوتھ تہٕ پرانہِ اندازٕ کران۔ یٚیمہِ کٔنی تمن فرسودٕ شاعرتہِ وننہٕ آو ۔ روایتی اندازٕ یا نو لُکہٕ لیہِ یا لکہٕ طرزٕ چ شاعری لکھنہٕ باپتھ ہرگاہ تمن فرسودٕ شاعرتہِ وننہٕ آو تاہم چھُنہٕ یتھ کتھِ منز کانٛہہ شک زِ لُکہٕ طرزُک مأری موٗند اَنٛہارتہٕ غار مبہم اندازٕ آسنہٕ باوجود چھُنہٕ تہنٛزِ شاعری ہنٛد کانٛہہ انگ کٔنہہ تہِ اعتبارٕ بازٲری سستگی ہنٛزِ چھپہٕ لوٚگمت ۔ بلکہِ چھِ تم أکس ماہرِ نفسیات تہٕ پوٚختہٕ کارشاعرسنٛدی پأٹھی عوٲمی کردارن ہنٛز شبہہ کٲری خاطرِ امہِ قسمچ زبان تخلیق کران ۔ یُس عام فہم أستھ تہِ شاعرانہٕ ہونر منٛدی ہنٛدی لگ بھگ سٲری تقاضہٕ پوٗرٕ کٔرتھ چھےٚ ہبکان۔

فاضل سنٛزِ شاعری منز تشبیہن، استعارن، علامژن تہٕ دوٚیمین شعری ژھلن تہٕ ولن ہُنٛد باوقار، برمحل تہٕ ہونر منٛد ورتاو، فطری حُسن نقشاونہٕ باپتھ سراپا نِگٲری تہٕ منظر کشی ہُنٛد التزام چھُ یرن وٲلس جمالیٲتی سطحس پیٹھ نہ صرف حظ تہٕ مسرت دِوان بلکہِ چھُ نوٚبن شعری تہِ لِسانٔی امکانن ہُنٛد تہٕ پے دِوان:

چون قد شمشاد یا سروے رواں
یا مگر گلدستۂ باغ جناں
پانہٕ شہر تھ تھووُمت کأریگرن
کرالہٕ کوٗری مالہٕ کریٔے کوسمن

(کرالہٕ کوٗر)

''لکہٕ شأعری ہُندا کھ وصف چھُ اِنسان دوستی، سمأجی بأے بندُت تہٕ مذہبی روادأری۔ کانہہ تہٕ لکہٕ شأعری ہُند نمونہٕ چھُنہٕ انسانس تہٕ انسانس درمیان زبانن ہندس بُنیادس پٹھ، عقیدت کس بُنیادس پٹھ، رنگ ونسل کس بُنیادس پٹھ قومی یا سمأجی منصب دأری ہندس بُنیادس پٹھ پأدٕ کرنچ وکالت کران، تہٕ نہ چھ پرٕتھ شأعری انسأنی سماجس منز نفرت پأدٕ کرنس روا دار آسان''۔ وُچھوے تہٕ فاضل سُند کُلہم شعری سرمایہٕ چھُ یمو اوصافو سٕتی بَرتھ۔

ستم کوٗر نم ستم گارن
توے چھس خونِ دل ہارن
مے دل دیوانہٕ کوٗر یارن
توے چھس خونِ دل ہارن

☆

جسبہٕ وبسہٕ رأوتھ گو کھ بالہٕ ترأوِتھ
در لحد سأوِتھ کور چھُکھ ژلان

مورِ‍ٕ چھُس در لحد چائنس اِنتظارس

کتہِ بو پژارس لوٗسم دوہ

فاضل کشمیری نہِ شاعری ہُنٛد کنواس چھُ کُشادٕ تہٕ تموچھےٚ پنٛنین شعری تجرُ بن ہنٛز باوتھ لگ بھگ شاعری ہنٛزن سارنے صنفن منٛز کر مٕژ۔ تاہم چھِ میعار تہٕ مقدار لحاظ یہنٛدس شعرسرمایس منٛز نظمن ہُنٛد پوٗترٕ سرس۔ یٖمہِ باپتھ تمن نظمہِ ہُنٛد شاعرتہِ ؤنتھ ہیکو۔ یٖمہِ ستی یہِ کتھ تہِ ثابت چھےٚ سپدان زِ فاضل اوس طبیعتاََ اَکس خودداری تہٕ خودمختار شاعرٕ سنٛدس حیثیتس منٛز ووتلان۔ وُچھوے تہٕ فاضل سُنٛد شعری اظہار چھُ داخلی تجرُ بن، جذبن تہٕ محسوساتن ہُنٛد اکھ اچھر عکس۔ یم بذاتِ خود کانٛہہ ہیتی نظام مشخص کران چھِنہٕ بلکہِ چھُ تخیلک داخلی شعری ہوانوا باونہٕ آمتین تجرُ بن تہٕ محسوساتن اَنہٕ ہاوان۔ تاہم یوسہٕ کتھ فاضل صابنہِ شاعری متعلق یاِ یہنٛدس شعرِ سرمایس متعلق اہم چھےٚ سو گیہ یہِ زِ نغماتی لے، سنہٕ وُن سازٕت تہٕ بے پھرٕک اظہار چھُ اتھ منٛز یژھٕ پاٹھی لبنہٕ یوان، موسیقیت تہٕ تغزل چھُ اَمِ سنٛزِ شاعری ہنٛز منفرد خصوصیت بنان۔ میانہِ خیالہٕ چھُنہٕ یہِ ضروری زِ شعری تجرُ بن کتھ ہیتس ''form'' تہٕ رنگس منٛز چھُ اظہار پرومت بلکہِ یہِ زِ اتھ منٛز چھا شارٕت تہٕ معنہِ آفرینی ہنٛز ہم آہنگی پاٛدٕ سپدتھ ہیچھٕ کنہٕ نہٕ۔ شاعری ہُنٛد حُسن فنی نزاکژٕ کتھ حدس تام چھےٚ اتھ اندرووتلتھ ہیچھٕ تہٕ چھُ فن پارچہِ کامیابی باپتھ سیٹھاہے اہم۔ اَمہِ حوالہٕ ہرگاہ فاضلنٛز شاعری مولناووتیلہِ سپدِ یہِ کتھ ثابت زِ فاضل نِس کلامس منٛز چھُ فنی اوبر گوبر، تخلیقی تہٕ تخیلی سنبر، زبانی ہنٛد منظم شعور تہٕ معنہِ

آفرینی ہنز فراوٗنی پریڈان۔ زوٗنہٕ ہنز ڈل، کرالہٕ کوٗر، گُلمرگ، پہلی کوٗر، کشیرِ تہٕ تاج محل چھےٚ امہِ حوالہٕ کینٛہہ اہم نظمہٕ۔

درایہِ مسول انہرش ازیتھ گٔرِتھ
کالہِ اوبرٕچ ریشمی تخلاے دِتھ
دوٗن أچھن وِزمل تمن تارکھ جُرتھ
شینہٕ بدنس جامہٕ زن چھٲتی چھٲتی وٲلتھ

زنٛہِ برفٕہہ برفٕہہ ژٕوٗچھ پوٚت ژھاے کیاہ؟
گلمرگ گژھ جنتک نیری طمع

(گلمرگ)

شالمٲرن چانہِ آشے گُل پھولن
کرالہ کوٗری مالہِ کریۓ کوٗسمن
پیالہِ بریے لال جریے ہیرٕ یون
کرالہ کوٗری مالہِ کریۓ کوٗسمن

(کرالہِ کوٗر)

رنگ دار حُسنٕک رنگ برو
ووٚلہِ ساٖلہِ ڈل کرو
باغس اندر گل سربہ سر
أڈی کالہِ پھٔلی أڈی تازٕ تر (ڈل سٲر)

اَنہٕ خانن منٛز سجووٕلی حُسنچے پٔرٕ یے محل

وژھ لیو کٔنی وٕزملو چھکو

موختہٕ ہار آبس اندر

(زونہٕ منٛز ڈل)

یتھ پأٹھی گوڈے اشارٕ سپد زِ فاضلنۍ چھے لگ بھگ شأعری ہنٛزن تمام صنفن منٛز قلم آزمأیی کٔرمٕژ تہٕ یمن صنفن منٛز چھے نعت اکھ اہم صنف یُس فاضلن اہتمام سان ورتأومٕژ چھے۔ چونکہِ نعت چھُ اکھ محترم، متبرک تہٕ نازُک شعرٕ صنف یتھ منٛز رسول رحمت ﷺ سندی تعریف سپدان چھِ، ییمہِ کٔنی نعت لکھن وألس قرآنِ کریمک تہٕ احادیث نبوی ﷺ ہُند تہٕ بر پوٗر مطالعہٕ تہٕ ستی گژھن تہذیب وشایستگی، طہارت، پاکیزگی، ادب و عشقکی سأری میزان تہٕ معیار ویدی آسنی۔ بہر حال فاضل چھُ سُہ خوش بخت شأعر یُس نہٕ صرف پوٗز عاشقِ رسول اوس بلکہِ چھِن دربارِ رسالتس منٛز تتھی مأری مندی تہٕ خوش یوٗنی نعت نذرانہٕ رنگی پیش کٔرمٕتی یم سارنے کأشرِ بن زبِوِ پیٹھ چھ تہٕ اکثر چھِ پننی حاجت روأیی خأطرٕ حضورنۍ ہندس دربارس منٛز احترام تہٕ عقیدت سان بطورِ ڈألی سوزان:

بُلبُل ژٕ نالان گژھ دواں

شاہ مدینس کر سلام

ونُس چھِ بے کس مُبتلا

صلو علیہِ دائما

پھوٗلمُت گُلاب باغس اندر

وۆلمُت ہیے عربس اندر

عنبر چھُ روئے والضحیٰ

صلو علیہِ دائما

فاضل صأبنٛ ہمہ جہت شأعرانہٕ شخصیت نظرِ تل تھأوتھ چھُ یمن کأشرِ زبأنۍ ہندیو مختلف نقادو دوییمن کہِ یا شأعرن ستۍ مقابل کرتھ یہنٛز شأعرانہٕ شخصیت گاشراونچ کوٗشش کرمٕژ۔ محمد یوسف ٹینگ چھُس نظیر اکبر آبادی، کینہہ چھِس واڈس وٕرتھ تہٕ کینہہ نقاد چھِس ہندی زبأنۍ ہندس اہم تہٕ مشہور شأعرس خانس ستۍ مشابہت دِوان۔ محمد یوسف ٹینگ صأبن یہ بیان چھُ لمہِ حوالہٕ سبٹھے اہم۔

"فاضل صاحب کشمیری شاعری کے وہ قد اور رُکن ہیں جنہوں نے مہجور صاحب کے دوش بدوش اپنے فن کا چراغ روشن کیا جس کی رنگین لو آج بھی پوری آب و تاب کے ساتھ فروزاں ہے ہمارے ادب کے پنڈت ابھی فاضل صاحب کی عظمت کا صحیح اندازہ نہ کر پائے ہیں، وہ ادب کے اس فرہاد کی حیثیت رکھتے ہیں جنہوں نے کشمیری شاعری کے ہمرنگ بیابان میں طرح طرح کے پھول اُگائے ہیں۔ اُنکی آواز میں یک رنگی نہیں ملتی۔ اسکا سبب یہ ہے کہ اُن کی شاعری کا کینوا اس زندگی کی طرح خاصا وسیع ہے۔ کشمیری شاعری کو اس رنگ میں کسی نے نہیں برتا ہے۔ چنانچہ میں نے اُنہیں نظیر اکبر آبادی سے متشابہ کیا ہے"۔

تخلیقی ادبک دوٚیمین زبانٕن ہتیٚ تقابل کرنہٕ ہتیٚ چھُنہٕ صرف شاعر
سُندی شاعرانہٕ قدرٕ مشخص کرنس منٛز مدد میلان بلکہٕ چھُ پرن وول دوٚیمین زبانٕن
اندر لکھنہٕ ینہٕ وألس ادبس تہٕ انٛزی منٛزی گوٚھتھ ہیٚکان۔ مگر اتھ ہتیٚ ہتیٚ چھےٚ یہٕ
کتھ تہٕ اہم زِ تقابل کرن وألس گژھ نہ صرف دوشونی زبانٕن پیٹھ قأبلِ قدر عبور
آسُن بلکہٕ گژھ زبانٕن ہنٛزن نزاکژن تہٕ اَمِکس محاورس تہٕ وأقف آسُن تہٕ
گژھ نہ صرف شأعرن ہتیٚ ناانصأفی بلکہٕ زبأنی ہنٛدس کلھم معیارس تہٕ واتہٕ
ددارٕ۔ تہٕ یتھےٚ ہیو وقانہٕ چھُ فاضل صأبس ہتیٚ تہٕ گومُت۔ مثالے فاضل صأبس
انگریزی زبأنی ہنٛدس رومأنی شأعر وأڈس وٕرتھس ہتیٚ ہشر دیُن چھُنہٕ میأنی کِنہٕ
دُرست تِکیازِ وأڈس وٕرتھ اوس نہٕ صرف فطرتس مُتیٚ مُتیٚ گوٚمُت بلکہٕ اوس اتھ پنُن
دوست، ووستاد تہٕ رہبر مانان۔ اگرچہِ فاضل نہٕ شأعری منٛز تہٕ فطرتک تہٕ حُسنکین
متنوع پاسن ہنٛز رنگینی نظرِ گژھان چھےٚ تاہم چھُ یہٕ فاضل نہٕ شأعری ہنٛد اکھ پاس
نہ زِ غألب تہٕ بُنیأدی موضوع۔

امہٕ علاوٕ چھُ کینٛژن نقادن ہُنٛد یہٕ دعواتہٕ کمزور تہٕ کھوکھر باسان زِ فاضل
اوس اکھ صوفی شأعر۔ أسی سأری چھِ یہٕ کتھ زانان زِ مذہبی، نعتیہ تہٕ صوفی شأعری
منٛز چھےٚ واضح فرق۔ محض مذہبی شأعری یا نعت لکھنہٕ کِس بُنیادس پیٹھ کأنسہٕ
روایت پرست شأعرس صوفی شأعروٚن چھُنہٕ گُنہٕ تہٕ قیمتس پیٹھ دانأیی یا ادب شناس
آسنچ ضمانت۔ فاضل صأبنہٕ شأعری پیٹھ بحث کران چھِ عبدالاحد فرہادؔ لیکھان:

''فاضل أسی رکھ رکھاوٕ کِنہٕ تہٕ صوفی آیہٕ تہٕ صوفی مزازے چھُ وجہ زِ

فاضل صائبن کۆر رسکھ فنی صاحبک ترجمہ"۔

عبدالاحد فرہاد چھُ "چینہ رۆس پیالہٕ گوم خالی یے" وژن نما نظمہٕ ہُنْد حوالہٕ دِتھ پننس جوازس دربر بخشنچ کوشش کران یتھ ستۍ نہٕ شاید میانۍ کنۍ کانٛہہ ادب شناس تہٕ تنقیدُک سنجیدٕ طالب علم اتفاق کرِ۔ لیکھان چھِ:

"صوفی شاعرن ہُنْد کلام پرن زانن والین آسہِ معلوم زِ اتھ غزلس منز چھے سو گرفت زِ صوفی منوش نہٕ آسنس چھنہٕ کانٛہہ گنجایش"۔

فرہادنس بیانس منز چھے گوڈنچ خامی یہِ زِ تمو چھُ اتھ وژن نما نظمہٕ غزل وونمت یُس زن ہیتی اعتبارٕ درُست چھنہٕ۔ دوییم کتھ چھے یہِ زِ فاضل صائبن کلہم کلام پرٕتھ چھُ فاضل صوفی شاعرن ہنْدس کھاتس تراوُن گوبے پہن باسان تہٕ محض اکہِ بأتچہِ بنیأد پٹھ یُتھ ہیو فأصلہٕ کرُن چھے جلد بأزی۔ وونۍ گوامہِ نظمہِ ہنْد حوالہٕ چھے اکھ کتھ اہم زِ یہِ چھے فاضلنۍ اکھ نمایند نظم۔ فأضل صأبنۍ نۆم کینٛہہ شعرُ چھویم پرٕتھ رسول میرنۍ "کونگ" یاد چھے پوان:۔

یہٕ ودنا مدن رۆٹھ میانین کتھن پیٹھ  
گوھتھ رام ییہِ نا بییہِ دعوتن پیٹھ  
کھٔنتھ بر جگر فاضلس چانۍ صورت  
لگیا وونۍ تمس دل بیین صورتن پیٹھ

☆

گراہ چھم ودناوان

گراہ چھُم اسناوان

گراہ چھُم آزماوان

بہٕ کِتس واتہٕ ویسی یے

☆

گُلِ نرگس برٕ گرتھس در گلستان چھا روا

شر ماوتھس مستور در سنبلستان چھا روا

☆

ہٹیک رتھ بہٕ کڈہا نمن تس بہٕ ملہٕ ہا

ہیکیا بار ژالتھ سُہ نازک اتھن پیٹھ

بہر حال فاضل چھ کاشرِ زبانی ہندی پُر گو شاعر تہٕ یموکاشرس شعر وادبس پننہِ تمام زندگی خدمت کٔر مگر ازتام چھنہٕ فاضل صابن کلامہٕ تنقیدی اعتبارٕ مولہٕ ونچ سنجیدٕ کوشش سپز ہمٕژ۔ یتھ کُن سانین نقادن ظون پھرُن پزِ۔ بقول فاضلؔ

مےٚ پیٹھ کاتیاہ قلم فاضل ووتھان گٔے

صحیح سورخی نہ لُج میانس فسانس

☆☆

منظور ہاشمی

# تصویرِ غم ......اکھ سدابہار نوحہ سۆمبرن

الحاج فأضل کاشمیری چھنہٕ کُنہِ تعارفکۍ محتاج۔ از بڑ وٚنہہ ۳۰/ وری اُسی یمن ہنٛدی بأتھ گامہٕ گامہٕ تہٕ سریہٕ سریہٕ عام لُکن ہنٛزِ زیوٚ پیٹھ۔ پرٛتھ وأنسہِ تہٕ پرٛتھ مذاقک انسان اوس، یمن ہنٛد بو نغمو نِشہِ بقدرِ فہم و استعداد لُطف اندوز ہیکان سپدِتھ، یمن ہنٛزِ شاہکار نظمہِ ''کرٛالہ کورِ'' سپُد اکہِ وقتہٕ تیُتھ قبولِ عام حأصل زِ واریاہن شوقہٕ متین دزٕلیہِ فاضل صأبس ستی رٕ و برو ملاقات کرٕنچ کل۔ وُنی کینہ ییلہِ زن آدم انتشارن تہٕ پراکنٛدگی زیادٕے پہن آو رُمت چھ، واریاہن غأرِ شأعرن چھِ فأضل صأبنۍ واریاہ شعر زیوٚ پیٹھس پیٹھ۔

فأضل صأبن چھےٚ محکمہٕ تعلیمس منٛز اَکس کامیاب ووستاد، اَکس تجربہٕ کار ہائی سکول ہیڈ ماسٹر تہٕ پرنسپل ہائر سیکنڈری سکول ہنٛدِ حیثیتہٕ تہٕ کأم کٔرمٕژ تہٕ یم محکمہٕ تعلیمہٕ منٛز فیلڈ ایڈوائزر ہنٛدِ حیثیتہٕ ریٹائر سپدی۔

غزل گو، نظم نگار تہٕ نعت گو شأعر آسنس ستی ستی چھِ فأضل صأب جان پایکۍ خوشنویس تہِ، یمو چھےٚ پننین اکثر تصنیفن ہنٛز کتابت پانہٕ کٔرمٕژ تہٕ یہِ چھےٚ

یِمن پاک پروردگارٕ سٕندِ طرفہٕ بیٚا کھ عنایت۔ کیٛنہہ وقت بڑوٚنہہ اُسی فأضل صأب مشأعرن منٛز تہٕ یوان۔ کُنہِ تہٕ مُشأعرس منٛز خواہ سُہ ریڈیو مشأعرٕ آسہِ ہے، ٹی وی مُشأعرٕ آسہِ ہے یا بیٚیہِ کُنہِ اِدارٕ یا تنظیمہ ہٕندِ طرفہٕ تہٕ اگر فاضل صأب آسہٕ ہن تتھ منٛز، تٔمن ہٕنٛز شعر خوأنی ہُنٛد اندازٕ، یٚیمیٚک نقل سپدِ تھے ہیکہِ نہٕ، اوس مُنفرد تہٕ بدون۔

فأضل صأبُن تعلق چُھ کأشرِ زبأنی ہٕند بن گوڈٕ دٕرِکین شأعرن سٕتی۔ کأشرِ زبأنی تہٕ امہِ کہِ ادبٕچ جان زبر خدمت کرنہٕ موکھ چھےٚ انعام واکرام دِتھ یِمن ہٕنٛز عزت افزأیی تہٕ کرنہٕ آمٕژ۔

ازتام چھےٚ فأضل صأبنہِ تقریباًزٕ درجن لوکچہٕ بجہٕ کتابہٕ چھاپ سپدِتھ بازر یٚیمٕژ تہٕ یِم تصنیفہٕ چھےٚ بیٚون بیٚون تہٕ رنگارنگ موضوعن پٮ۪ٹھ لیکھنہٕ آمٕژ تہٕ یتھ کنۍ چھِ یِمن تصانیفن ہٕندِ أنہٕ منٛزٕ شأعرٕ سٕنٛز تہٕ دارتہٕ ذِمہٕ دار شخصیژ ہٕندی عکس قأری سٕندِ ذہنہٕ رکس پرٕدس پٮ۪ٹھ پیوان۔

فأضل کاشمیری سٕندٚن تصنیفاتن ہٕندی ناو ''ساغر مستی، کارواں، نگہبان، تصویرِ حج، تصویرِ غم، انوارِ محمدیؐ، گُلدستۂ فأضل، بالک اوستھا، اسن کھنگالہٕ، ست گُرو، پرٕچھ کنگ، کوکری کا پکھ، شری جپ جہ، میراث، سرٕ ریٚترِ چھِ یِمن ہٕنٛز انسان دوستی، وُسعتِ قلبی، یِمن ہٕنٛزِ دل و دماغٕچہِ شگفتگی ہٕنٛز باوتھ کران۔

مے بڑ وٕنہہ کنہِ چھےٚ وُنی کِبن فاضل صابنہٕ منظوم کلامچ سوٚمبرن ''تصویرِ غم'' یتھ منز مرثی، وداع تہٕ نوحہ چھِ۔ یہِ چھُ امہِ کتابہِ ہُند تریٚیم ایڈیشن، یُس ۱۹۸۶ء منز چھاپ سپدمُت چھ۔ امیُک دوٚیُم ایڈیشن چھ ۱۹۴۷ء منز تہٕ گوڈنیک ایڈیشن چھُ ۲۷/فروری ۱۹۶۶ء منز چھاپ سپدِتھ بازر پیوٚمُت تہٕ کتابہِ ہُند باڈو چھُ ۱۲۸/صفحہٕ تام۔ امہِ کتابہِ ہِندِس گوڈٕ حصس منز چھ واقعۂ کربلاہس متعلق مرحوم غازی جلال الدین میٖشم سُندا کھ مضمون تہٕ شأمل۔

''تصویرِ غم'' چھےٚ پننوٕ موضوعوتہٕ موادٕ کہِ لحاظہٕ حُسینی ادبس منزا کھ قابلِ قدر شعرٕ سوٚمبرن تہٕ میانہِ خیالہٕ چھُ الحاج فاضل صاب تہٕ گوڈٕ درِکھوٕ شاعرو منزٕ کأشرِ زبأنی ہِندی تمِ گوڈنکی شاعر، یِمو کربلاہٕچ شِدتہٕ سان محسوس کٔرِتھ کأشرِ زبأنی منز شعر کربلا کِبن المناک واقعاتن پیٹھ گوڈنچہِ لٹہِ ودن باکھ ترٲوِنی ہیچھِ نو وُمت چھ۔

حُسینس کربلا گدرٕ ووم کیٛاہ گوم
مے زخمن نوٚن ہیوٕ تیلیوٚم کیٛاہ گوم
یزیدَو زینبنٚ کوٚر خانہٕ برباد
مے مُندِنبن شام ہیوٕ باسیوٚم کیٛاہ گوم
گُلابن کاژ رنگ پھیُر تاپہ کٕرٕایو
نبیؑ سُند تازٕ گُل ژِمتیوٚم کیٛاہ گوم
شُربن پیٹھ ظالمو کوٚر تیرٕ باراں

علی اکبرؑ پتھر ہا پیوم کیاہ گوم

چھُ افسوس لوٗٹھ گرِ گرِ خمہٕ زاٗلِکھ

یہِ بوٗزِتھ فاٗضلا ویٚہہ کھیوم کیاہ گوم

بیٚیہٕ اکہِ نظمہِ ہند بن یمن شعرن ہنٛدِس لہجس سٕنٛ تو:

پاٗرِ پاٗرِ لگہٕ یو حُسینوٗ دِلبرو

سر وَندَے سردارِ میانے سرورو

ژٕہ فراقن چاٗنی کوٚرنم سینہٕ چاک

چشمہٕ وندیو میانہِ دِلہٕ کے گاشرو

زوٗنہٕ افتابس تہٕ چھُم چونے امار

تارِکن منٛز ژھارٕہَتھ خوش اخترو

وِداع یا رخصت چھُ اردو مرثیَن ہُنٛد اکھ اژھیوٚن حصہٕ۔ کاشرِ بن قدیم مقام بند کلاسیکی مرثیَن منٛز تہٕ چھِ وِداعکی سینہٕ زلہٕ وِنی منظر بیان کرنہٕ آمٕتی تہٕ سامعن منٛز تہٕ چھُ الوداعی انہارُک منظوم کلامہٕ بڑ وٚتھہ کالہِ لیکھنہٕ آمُت۔ مگر ۱۹۴۷ء پتہٕ یمو شاعرو حُسینی ادبس لول بوٚرمُت چھُ۔ اتھ عنوانس تحت تہٕ امہِ انہارُک منظوم کلامہٕ چھُنہٕ قریبن قریبن کاٗنسے تہٕ لیوٚکھمُت سِوایہِ فاٗضل کاشمیری۔ یمو زیرِ نظر شعرٕ سوٚمبرنہٕ منٛز ''وِداع'' عنوانس تحت زِ نظمہٕ لیچھِمو چھے:

الوداع اے سربُلند و سرفروش

الوداع اے قُلزمِ غیرت بجوش

الوداع اے جانِ زہراؑ الوداع

الوداع اے شانِ مولاؑ الوداع

یا

غم چُھ لالہٕ زارٕنے، تم چھِ خوٗن ہارٕنے

تم ودان بارہا، یا حُسینؑ الوداع

کأشرِ زبأنی ہنٛدِس شعرِ ادبس منٛز چھ سلامن ہنٛدِ رنگہٕ تہٕ سرمایہ وٗنہٕ نہ آسنس برابر۔ وٕں گوٚ وامہِ رنگہٕ اگرکم کینٛہہ ہا لیکھنہٕ تہٕ آمُت چُھ، تتھ منٛز چھےٚ خیال وبیانٕچ سوزناکت وٗنہٕ تہٕ مفقود یمیٚک تقاضہٕ سلام کران چھےٚ۔

سلام چُھ عربی زبأنی ہُنٛد لفظ یمیٚک معنے سلامتی، امان، دُعا، رخصت بیترِ چُھ مگر اردو شأعری ہنٛدِس اصطلاحس منٛز چھےٚ سلام سو مرثی یوسہٕ رُبأعی، قصیدٕ، قطعہٕ یا غزلہٕ ہیٚوٗ منٛز آسہِ۔ امیٚک مزاز چھ سُے یُس غزلُک چھ۔ امیٚک لباس تہٕ چُھ سادٕ، شُستہٕ تہٕ لطیف تہٕ اتھ منٛز تہٕ چھِ عقیدت تہٕ محبتٕکی جذبات اظہار لبان تہٕ الحاج فأضل کاشمیری چھِ امام عالی مقام حُسینؑ ابنِ علی علیہِ السلامن ہنٛدِس حضورس منٛز پننہِ محبت تہٕ عقیدتُک اظہار یمہِ انمانہٕ کران:

السلام اے شہسوارِ کربلا

السلام اے تاجدارِ کربلا

چون روے چھم بوسہ گاہِ مصطفیٰؐ

مہر و ماہ چھی اتھ پران صلِّ علیٰ

چون سر رُود لااُبالس آیتَن

رُوز قائیم کُل کلاہی غازِیَن

سائِلکن ہُنْد بحرِ عرفان موجزن

عابدن ہُنْد دینِ ایماں جان و تن

چانْیہ خوٗنن از حیاتی جام بُری

جام کیاہ میخانہ صبح و شام بُری

السلام اے آرزوئے انبیاء

السلام اے آبروئے اولیاء

السلام اے پیکرِ غم ارجمند

السلام اے جانِ فاضل بہرہ مند

نوحہ تہٕ کربلاچھِ لٲزم وملزوٗم ۔ امام عالی مقام علیہِ السلام تہٕ تہنٛد بن عزیزن تہٕ انصارن ، جگر گوشن تہٕ دگدارن ہنٛد بو اَلمناک واقعاتو ستی چھِ دفترن ہنٛدی دفتر لکھنہٕ آمتی تہٕ کاشُر زبانْیہ ہنٛدی شعروادب کتہٕ ہیکہ ہے امہِ سعادتہٕ نِشہِ محروٗم روٗزِتھ ۔ اوے کنی چھُ کٲشیرِ منز عزداری ہنٛز روایت شروع سپدنس ستی ستی امہِ شہادتُک فلسفہٕ تہٕ امچ عظمت زِندٕ تھاونہٕ تہٕ بڑونہہ پکناونہٕ خاطرِ رثائی ادب تخلیق

کرنہٕ آمٕت یُس خاص پأٹھۍ واقعہٕ کربلاہس سٕتۍ تعلق تھاوان چھ۔ ازبٕ وٕنہٕ زٕ ڈاے ہتھ وٕری یُس مواد مرثی رٕنگۍ کٔشیرِ منٛز مُحرم کین ایامن دوران پرنہٕ یوان اوس سُہ اوس وان تہٕ رَوان طرزُک تیٚمی ارتقاء پژاوان پژاوان کأشُر مقام بند کلاسیکی مرثی ہنٛز صورت لٔب تہٕ یوسہٕ از جایہٕ جایہٕ، گامن گُٹھن، سرینٛن تہٕ شہرن ہنٛدین امام باڑن تہٕ مارکن منٛز اجتمأعی طور پرنہٕ یوان چھےٚ۔ یِمن کلاسیکی مرثیٚن لرِ لوٚر أسی بٕ وٕنہٕ کالہِ رثأیی یا دردٕ شعر تہٕ وکھناونہٕ یوان، یِمن سماع ونان أسی۔ کأشرِ زبأنی منٛز تِمن دوہن امہِ قسمہٕ کہِ موادٕ چ وبٕھ ےٚ آسنہٕ کِنۍ أسی یِم دردٕ شعر فارسی پیٹھٕ تہِ پہہِ اننہٕ یوان تہٕ پتہٕ حُسینی مجلسن تہٕ جلوسن منٛز ووکھناونہٕ یوان۔ مثلن:

چہ کنم چرا ننالم کہ حُسینؑ کفن ندارد

یا

اے گُلِ گُلزار علی اکبرم

بیکس و ناچار علی اکبرم

یتھہِ وٕے دردٕ شعر و مطابق آے پتہٕ کأشرِ زبأنی منٛز تہِ مبکی شعر ونہٕ، یِم محرم کین دوہن اندر امام باڑن منٛز تہٕ حُسینی مجلسن سٕتۍ سٕتۍ ووکھناونہٕ یوان أسی۔ یِمن مبکی شعرن یا سماعن چھےٚ سوٕے اہمیت یوسہٕ کأشرِ زبأنی منٛز لکہٕ ادبس چھےٚ، تِکیازِ یِمن سماعن ہنٛدی ونن وألی چھنہٕ معلومے بلکہِ چھِ یِم دردٕ شعر وٕری وادو پیٹھٕ

سینہٕ بہ سینہٕ پکان آمتی۔ عروض تہٕ وزنہٕ چُو خٲمیو باوجود چھ یہٕ کلامہٕ سہل تہٕ سادٕ لفظن ہنٛد بن جامن منٛز آسنہٕ کِنی دردانگیز تہٕ پُر اثر تہِ۔ مثلن:

گاش یِنہٕ بایو گٹہٕ گیہِ مو کونہٕ اُچھن میٛے میٛو پیٚیہِ مو

صُبحہِ کِس نوٗرس سوٗر پھولمو کونہٕ اُچھن میٛے میٛو پیٚیہِ مو

☆

شُمر لوٗگ خنجرس تیز کرِنے

مظلوٗم دژاو نماز پرٕنے

۱۹۴۷ء پتہٕ سپد کٲشرِ زبٲنۍ ہنٛدِ ووتھہٕ بوٚ خٲطرٕ سازگار ماحول پٲدٕ۔ نظم تہٕ نثر بارسس ینس ہتی ہیوٚت مختلف اصنافوتہِ کاڈ کڈٕن تہٕ جہارلبٕن تہٕ یمن اصنافن ہنٛزن مختلف ہیٚوٚن منٛز آیہٕ طبع آزمٲیی کرنہٕ تہٕ یتھہٕ کٔنۍ لب مختلف اصنافو حُسینی ادبس منٛز تہِ جاے۔ مثنوی، وژن، قطعہٕ، رُبٲعی، سانیٹ، آزاد نظم تہٕ نثری نظم ہنٛدِس فارمس منٛز تہِ آو حُسینی ادب تخلیق کرنہٕ۔ نوحہ یُس کربلا کہِ واقعُک اکھ لٲزمی جُز چھ، کتہِ ہیکہِ ہے نظرانداز سپدتھ۔ نوحن منٛز کربلائُک دود دَگ بیان کرنس کُن تہٕ دیُت کٲشرِ زبٲنۍ ہنٛد بو شاعرو پوٚرٕ توجہ مگر نوحن ہُنٛد مواد بہتر پٲٹھۍ پیش کرنس کُن اگر کانٛسہٕ شاعرن گوڈنی توجہ دیُت تم چھِ فاضل کاشمیری۔ یمن ہنٛدی ؤنۍ مٕتی نوحہ فصیح، بلیغ، رواں تہٕ پُر اثر چھِ۔ میانہِ خیالہٕ چھ فاضل صٲبس شاعرِ اہل بیت آسنُک فخر حٲصل آسنس ہتی ہتی یہٕ فخر تہِ حٲصل زِ یمو چھ گوڈنچہِ

لٹہٕ نوحن ہنٛدِس مواد س تہٕ نوحن ہنٛزِ ہیٔژ منٛز تہٕ تجربہٕ گرِ یٖمتی تہٕ ازبزٕ وٕنٛہہ ۳۵ روری چھکھ أکِس منصوبہٕ بند پروگرامس تحت کاشرِس مزازس راس یِوٚن نوحہ گوٚیی ہُنٛد اکھ سہٕ طرح ترٛ وومُت یُس ازتہٕ مقبولِ عام چھ تہٕ ازچھِ امی طرزٕ کی نوحہ حُسینی جلوسن ستی ستی بڈٕ ذوقہٕ تہٕ شوقہٕ سان ووکھناونہٕ یِوان۔

فاضل صابنین نوحن ہنٛدی کینٛہہ نمونہٕ چھِ پیش:

خنجر خنجر...... ژھٹہٕ وُن ژھٹہٕ وُن

تیرن ہُنٛد باران...... تیرن ہُنٛد باران

شیرِ خوار اصغرؑ

کوچھِ منٛز...... کوچھِ منٛز

ترٛیشہِ ہوٚت سوٗ کھوا ے!

موصوم پاکن...... موصوم پاکن

کیٛاہ گدروٗ کھوا ے...... کیٛاہ گدروٗ کھوا ے

شہزادٕ اکبر...... اسہٕ وُن لسہٕ وُن

کوٗژی پمپوش اوس...... کوٗژی پمپوش اوس

گُل روے گُل روے

موصوم پاکن...... موصوم پاکن

کیاہ گڈ روو کھوا ے...... کیاہ گڈ ووٗ کھوا ے

''ونان چھے زینب'' عنوانس تحت اکھ بیٚیہِ نوحُک اکھ بند چھُ پیش:

حُسینہٕ سُند سر کُلس اویزان

یہِ کیاہ زِ کھورُ کھاور

بے عارٕ! ظٲلمک یہِ تیز خنجر...... کووچلاوِ تھ گوکھ

یہِ بے کسی ہُند چھُ کرٕ وُٹھ منزل

یہِ جان و مالُک لوُٹھ

ونان چھے زینبؑ ژٕ بأے جانو...... کووچلاوِ تھ گوکھ

نوحو علاوٕ چھُ ''تصویرِ غم'' شعرٕ سوٚمبرنہِ منز حُسین ابنِ علیؑ، حضرتِ قاسمؑ، حضرت علی اکبرؑ، معصوم اصغرؑ، علمدارِ کربلا حضرت عباسؑ، یم خاندانِ رسالتکی سدا بہار گُل چھِ، یمن ہنٛز صورت تہٕ سیرت تہِ شعراوٕنہٕ آمٕژ۔ شبیہہِ پیغمبر حضرت علی اکبرؑ سٕندِس شانس منز چھِ فاضل صاب تہٕ گنٛز گُل افشأنی کران:

اے علی اکبر ژٕ ژُل رویس نقاب

چُھکھ بلاشک سورۂ نورُک جواب

سُورٕ پرہےٚ لالہٕ رویس بار بار

بعدِ آں حضرت ژٕ ڈیشُن چھکھ ثواب

وُسعتِ دِل، جوہرِ حُسن و کمال

ییتھ سِنس منز ییتھ جوانی ہُند شباب

فاضل صابنیو ییتھو شعرو سِتی چھےٚ کربلاہچ عظمت تہٕ حُسینی شہادتُک فِکری پہلوٗ تہِ بڑ وٚنہہ گٔن یوان:

صداقت زِندٕ گر مرگِ حُسینؑ
امی سٟتی واش کوٚڑ دِینِ مُبینؑ

☆

مظلومیت چھےٚ فاضلاہ رازِ شہنشہی
بیمارِ کربلا سہی تس ہیوٚ کفیل انا!
یِم بیابانکی نبیؐ سٕندی شاہباز
قبلہٕ رو شمشیرِ تل لاگان نماز
یِم اصولن پانہٕ نِشہِ گری بے نیاز
مُرسلن ییتھِ نےٚ دِلیرن پیٹھ چھ ناز
پانہٕ حق یمنے پران صلِ علیٰ

فاضل صابٕنی سادٕ مگر بُلند خیالی ہنٛز شان ہیتھ یِم شعر ییلہِ پران چھِ اردوٗ زبانی ہٕنٛدی مشہور تہٕ مقبول شاعر میر تقی میر چھِ یاد پیوان:

یمن موصمن چھا خبر دشمنی ہنٛز
یمن تیر لاینٛ حماقت حماقت

کرُن آب بند نہرِ پٔٹھ پہرِ تھاوُن
ضلالت ضلالت، شقاوت شقاوت
سخن چون فاضل رواں آبِ کوثر
نزاکت نزاکت، سلالت سلالت

''تصویرِ غم'' کتاب چھےٚ اکھ قابلِ قدر شعرِ سۆمبرن، یتھ منٛز شاعر سٕندٕ بن سَنٛنٕ تہٕ درتہٕ جذبن تہٕ اہلِ بیت اطہارن سٟتۍ تٔمۍ سٕندِ محبت تہٕ عقیدتُک اظہار چھُ۔ اتھ سۆمبرنہِ منٛز شامِل منظومات چھِ روح پرور تہٕ ایمان افروز۔ کربلا ہِکس بےآب وگیاہ ریگستانس منٛز امام حُسین علیہِ السلام تہٕ تٔمۍ سٕندۍ بن عزیزن تہٕ یارن ہُنٛد بےدردی سان قتل کرنہٕ پیٚنٛگ کوتاہ سۆن اثر چھُ شاعرِ سٕندۍ دِلن قبول کۆرمُت، تمۍ سُنٛد اندازٕ ہیکہٕ ''تصویرِ غم'' پٔرِتھے سپدِتھ۔ البتہٕ کیٛنٛہہ شعر چھِ ییٚتہٕ نس پیش یِوان کرنہٕ:

خداوندا مےٚ از قُلزم دِلس بر
چھُ از محرم مےٚ پٔٹھ اکھ بۆڑ کرم کر
وۆدُن چھُم خون چھُم ہارُن رۆن چھُم
یمن یہوٗنۍ رتن تھوٚی زٕبم مےٚ اُچھ تر

☆

حُسینٔس ہوٚل گنڈِتھ ود، نۆر سپدَکھ

گٹن منز دِل اگر چھے ٹھۄر سپدکھ

ژےٚ گوٚژھ حأصل گوٚھن ایمانِ کأمل

کمی یوٚد چھےٚ امی ہتی پۄر سپدکھ

☆

نار چُھم سینس حُسینُن داغ پیوٚم

ہاے أندری وس دٔزِم تےٚ سۄر گوم

غم ہیوٚتُم ہےٚ ہےٚ سہٕ غم روٗحس سفیوٚم

فأضلا دِل چھنڈریوٚم تےٚ سوسہٕ ٹیوٚم

پتہٕ مقاچ باوتھ کران کران چھہٕ فرماوان:

خون ہارن یم زمین و آسمان

چاک دِن جامن کرن آہ و فغان

یم شفق وۄشلن سیاہ خانن اندر

رات دوہ ماتم کرن شام و سحر

ولتہٕ وقتاہ فأضل کشمیر ہتین

یترہ یتھ مقامس پتھ رِوَن تےٚ کرٚبکہٕ دِن

☆☆

شاد رمضان

# چھنہٕ رٕوس پیالہٕ گوم خالی یے

بزٕم دِتھ ساقی نشرٕاُوِتھ گوم
چھنہٕ رٕوس پیالہٕ گوم خالی یے
ہے اتھہٕ وبسریوم شاید ؤسی پیوم
چھنہٕ رٕوس پیالہٕ گوم خالی یے

لولُک سودا درو گہِ کھوتہٕ دروٗگ پیوم
سرٕوگ پیوم زانُن پننے پان
زیوٗٹھ زندگی ہُند دوہ ئیو کریوٗٹھ پیوم
چھنہٕ رٕوس پیالہٕ گوم خالی یے

لنجہِ لنجہِ باغس منز یِی باوٕنوم
سارنے وزِ وزِ بنٔی بنٔی آو

ونہٕ کس پانس کیاہ کیاہ گدر یوم
چھنہٕ رۆس پیالہٕ گوم خالی یے

توشہِ وُن یاوُن پوشہِ وُن گنزر یوم
اسہٕ وُن، لسہٕ وُن، سفرُک یار
غارٕ زان لاگتھ اڈٕ وتہِ ژھبنہٕ گوم
چھنہٕ رۆس پیالہٕ گوم خالی یے

ودِنا ویسی یے تتھی لایق گوم
مےٚ ہے گوو پژی پاٹھی مند نمن شام
ماشوق یِوٗنے واپس سکھر یوم
چھنہٕ رۆس پیالہٕ گوم خالی یے

شِلہٕ کس سۆ درس ھوٗ کھنہٕ ناو یوم
رُح پرِ ناو یوم اللہ ھوٗ
فاضلہٕ أتھی حالس اکھ سنہٕ گوم
چھنہٕ رۆس پیالہٕ گوم خالی یے

غلام احمد فاضل کشمیری سُند مذکوٗرٕ وژُن پیٚیہ پٔژنہِ معنے مفہومہٕ تہٕ پٔژنہِ تخلیقی ہٕنی اظہارٕ کنۍ کأنسہِ تہٕ سنجیدٕ ترتیب کارس اعلیٰ کأشرِ بٲتن ہُند انتخاب کرنہٕ وِزِ پٔژنس انتخابس منٛز ضرور شأمل کرن۔ درِ دس وژُن چھُ فاضل کشمیری سنٛزِ تخیٖلی آگہی تہٕ تخلیقی جوہرُک اکھ تیٚتھ خوبصورت مۄل یُس شأعرٕ سٕندِ فنی عروجک نوٗن نیب چھُ۔ موضوعی اعتبارٕ چھُ مذکوٗرٕ وژنہٕ کِس فکری پوٚت منظرس منٛز سے ازلی آدمی وبد اکھ باوتھ پراوان یُس اندٕ وندٕ چہِ اعلیٰ تہٕ آفاقی شأعری ہُند بُنیأدی موضوع روٗدمُت چھُ۔ یعنے آدم سُند پٔژنہِ اصلی وجوٗدٕ نشِ ژھینہٕ گوٚھتھ زندگی ہُند زیٚوٗٹھ تہٕ کریوٗٹھ سفر وبتراوُن تہٕ پبتراوُن۔ زندگی ہُند یُہے گدرن حال چھُ شأعری منٛز باضے سیٚدٕ سیوٚد تہٕ باضے ورگہ پأٹھی باونہٕ آمُت۔ تخلیقی ہٕنی اعتبارٕ چھُ شأعرن اتھ موضوعس اکھ تیٚتھ لِسأنی صورت دِژمو زِ مذکوٗرٕ موضوع چھُ بیٚون بیٚون شعرن منٛز بیٚون بیٚون اظہار پرأوِتھ انسأنی تجربن ہُند گدرن حال بنان۔ بظأہر چھُ ظہورِ آدم اکھ معنے سووتہٕ اکھ خوبصورت عمل زِ آدمس آو اشرفُ المخلوقات لقب دِنہٕ تہٕ دپان خُدأیس ییلہِ پٔنُن ظہور وُچھنُک شوق گنیوو تہٕ تمۍ کوٚر پٔنۍ نورٕ پیٹھ تخلیقِ آدم۔ تووے چھِ خُداے گارن وألی زأنکار مانان زِ خُداے زاننہٕ باپتھ چھُ پٔنُن ذات زانُن ضروری تہٕ یوہے عمل گوٚو صوفی عقیدٕ مطأبق خود آگأہی تہٕ خود شِنأسی۔ اما پوٚز اتھ سأرسے معنہِ ساوبرس تہٕ مأری منزرس درمیان چھُ انسأنی صورتحالُک سہٕ چھوکل تہٕ دوٚکھل احساس شأمل یُس انسانس پٔژنہِ ازلہٕ کالہٕ پیٹھ پٔژنہِ بے بسی، بے کسی تہٕ لاچأری ہُند ژالن دود چھُ۔ تووے پیٚو شأعرن

باربار احتجاج تہٕ فریاد کرُن بقولِ شاد عظیم آبادی:

تمناوں میں اُلجھایا گیا ہوں
کھلونے دے کے بہلایا گیا ہوں

☆

دلِ مُضطر سے پوچھ اے رونقِ بزم
میں خود آیا نہیں لایا گیا ہوں

(شاد عظیم آبادی)

قیا مژ دُہے سمکھِنم سێو دِ ونس
زۄرے چون یۄتاہ ؤں کۄتاہ زرو

(راہی)

فاضل کشمیری ہِندِ یِمہِ وژنُک ووج تہِ چھُ ورگہ پأٹھی امی لاچار صورتحالُک شعرِ اظہار۔

چھِنہٕ رۄس پیالہٕ گوم خألی ییے

یعنے زندگی چھےٚ لاحأصل۔ چھِنہٕ رۄس پیالہٕ خألی گوٚڈھن چھُ اکھ اضطرأبی عمل، پیٹھِ پیٚلہِ چاون وألی ساقی ین چھِنہٕ وول مس پیالہٕ اتھس منز دِتھ چھو رومُت تہٕ نشر ومُت آسہِ ہمتہٕ چھِنہٕ رۄس پیالہٕ خألی گوٚڈھُن چھُ اکھ لڈر احسأسی عمل

بزم دِتھ ساقی نشراُوِتھ گوم
چھِنہٕ رۄس پیالہٕ گوم خألی ییے

اتھ کڈرس احساسأتی صورتحالس منز چھُ تس یہٕ بأسیتھ ییہٕ ہن اضطراب

ہُران زِ خبر میونٔے اتھ ماوبسر یوتہٕ مس پیٚو پیالہٕ منز پتھر۔

ہے اتھٕ وبسر یوم شاید ؤسی پیوم

چینہٕ رۆس پیالہٕ گوم خالی یے

یعنے خبر مےٚ ماتوگ نہٕ زندگی ہُند یہٕ سرساوبر زانٕن یاتہٕ ماڈول سفرس

دوران ڈول مےٚ پانہٕسے کھورتہٕ زندگی گیم لاحاصل۔ دوشوٕنی صورتن منز چھُ

انسان بے بس تہٕ لاچار۔ فاضل کشمیری ین چھُ انسأنی زندگی ہُند یہٕ ازلی چھوکل

احساس شعرُک تجرُبہٕ بناوِتھ خوبصورت لسأنی اظہارس منز پیش کوٚرمُت:

بزم دِتھ ساقی نشرأوِتھ گوم

چینہٕ رۆس پیالہٕ گوم خالی یے

ہے اتھٕ وبسر یوم شاید ؤسی پیوم

چینہٕ رۆس پیالہٕ گوم خالی یے

ظہور پراونہٕ پتہٕ آو آدم جنتس منز سوزنہٕ تہٕ کینٛہہ خاص چیزن ہُند آس

ٹھاکھ کرنہٕ مگر حضرتِ حواتہٕ حضرتِ آدم سُند مُلاقات بنیو آدمس جنتہٕ منز نبر

کڈنک سبب تہٕ زندگی ہنٛدس انتم کالس تام چھُس امیک گوٚب باروبتٕرن تہٕ

پیترُن۔ اوے چھُ حضرتِ علامہ اقبالٕ سٕنزٕ زبوِ آدم سُند یہٕ احتجاج وأجب باسان

باغِ بہشت سے مجھے حکم سفر دیا تھا کیوں

کارِ جہاں دراز ہے اب میرا انتظار کر

بظاہر اوس حض حواتہ حضرت آدم سُند مُلاقات اکھ لولُک سودا۔ مگر یہِ لولُک سودا بنیو آدم سِندِ باپتھ اکھ تیُتھ گوٗب باریُس بقولِ غالبؔ ٹلان ٹلان تہِ وتھان چھُنہٕ۔

بوجھ وہ سر پہ گرا ہے کہ اُٹھائے نہ اُٹھے

کام وہ آن پڑا ہے کہ بنائے نہ بنے

فاضل کشمیری چھُ اَتھی صورتحالس پننہِ مخصوص اندازٕ اکھ خوبصورت لسانی اظہار دِتھ تتھ کُنی شعرِ تجرٕب بناوان زِ پران پران چھُ امہِ صورتحالُک عمل دید مان سپدان

لولُک سودا دزٕ وگہِ کھوتہٕ دزٕوگ پیوم

لولُک یہِ میوٗٹھ سودا پیوو انسانس بقولِ احد زرگر جانہٕ مولس۔

یِی پانہٕ ہیوٗتُم جانہٕ مولس تی تھوٗم ارزان

اتھ جایہِ تہِ چھُ انسانس پننہِ لاچاری تہٕ بےبسی ہُند احساس سپدان تہٕ پانٕی پانس چھُ سزٕ وگہِ مول زانان

سزٕوگ پیوم زانُن پننٕے پان

یتھ دُنیاہس منز چھُ تس زیچھِ زندگی ہُند اکھا کھٕ دوہ کریوٗٹھ باسان تہٕ یہِ احساس سپدِتھ چھُس زندگی لاحاصل باسان۔

زیوٗٹھ زندگی ہُند دوہ یُو کریوٗٹھ پیوم

چینہٕ روٗس پیالہِ گوم خالی یے

وُچھتو یہِ مکمل بند۔ کتھ کُنی چھُ موضوعس تابع روٗزِتھ اکھ تیُتھ شاعرانہٕ فضا

ووتلاوان زِ اکہِ پاسہِ چھُ دِپدن تل ڈراما سٹیج سپدان تہٕ بیٚیہ پاسہِ چھ امہِ ڈرامہٕک المیہ پرن وأ رلس پیٚنہِ کرب ناک زندگی ہنٛدِ دادِ چ دگ محسوس کرناوان۔ فاضل کشمیری چھُ اتھ انسأنی صورتحالس تخلیقی زبأنی ہُند اظہار دِتھ اکھ مکمل شعرٕ تجرُبہ بناوان تہٕ یہے چھُ شأعرٕ سُند کمال تہٕ زِ سہ کرناوِ پرن وأ رلس سوے کیفیت محسوس یس کیفیت یا تہٕ تمی پانہٕ محسوس گرِ ہو آسہِ یا یوس کیفیت اتھ تجرُبس منز پوشید آسہِ۔ فاضِل چھُ امہِ اعتبارٕ حبسہٕ ہُشیار تہٕ کامیاب تخلیقکار۔ حبسہٕ ہُشیار اوٚ کِنی زِ باسان چھُ تس چھُ مشرقی شعرِ یاتک مُطالعہ تہِ اوسمُت تہٕ تمہِ نِش چھُن بھرپوٗر استفادٕ تہٕ حأصل کوٚرمُت بلکہِ چھُ یتہٕ باسان زِ تس چھُ مذہبی تہٕ علمی شعورُک حبس تہٕ بیدار اوسمُت۔ کامیاب تخلیقکار اوٚ کِنی زِ پیٚنس اتھ مُطالعس تہٕ شعورس چُھس لِسأنی تہٕ تخلیقی باوتھ دِنک ہونرتہٕ ول بدس اوسمُت۔

لولک سودا دژ وگہِ کھو تہٕ دژ ؤگ ہیوم

سژ ؤگ ہیوم زانٔن پیٚنیٚ پان

زیٚو ٹھ زندگی ہُند دوہ یٔو کریٚوٹھ ہیوم

چینہٕ روٗس پیالہ گوم خالی ییے

فاضل چھُ یٔو ہے تجرُبہ مختلف شعرن منز مختلف اندازٕ باوان۔ باسان چھُ شأعر چھُ شعوری طورا الگ الگ صورتحالن زایِن دِوان۔ لفظن ہُند انتخاب کران چھُ پیٚنن تخلیقی ول ورتأوِتھ پڑتھ صورتحالس تجرُبہ بنأوِتھ حسب حال بناوان۔ یٔوہے چھُ شأعرانہٕ فن تہٕ زِ واقعس آسہِ موزون تہٕ برمحل زبان تہٕ لفظن پیٚنن

مخصوص تخلیقی ورتاو۔ مثلن شاعر چھُ باغس منز أتہٕ پرٕ بتھ گُلس نِش گژھتھ أ کِس أکِس لنجہِ کُن مخاطب سپدِتھ پنُن دود باوان تہٕ دود چھُ سے انسانی وجوٗدٕچ دگ یوس تس پننہِ آگرٕ نِش جُدا سپدن وِزِ نصیب سپز۔ یہِ دود تہٕ امہِ دادِچ دگ کس پیٚیہِ نہٕ وتراوٕنی تہٕ سو کوس لٔنڈ چھِ یتھ نہٕ واو پھٲر مُت آسہِ۔ پرٕ بتھ لنجہِ چھےٚ دود باون والی سٕنز دگ محسوس گرِتھ پنُن گدرُن حال باسان۔ یتھے پأٹھی یتھ پأٹھی رسول میرن پنُن دود عشقہٕ پیچانس پرٕ ژھان چھُ تہٕ عشقہٕ پیچان چھُ بوزِ تھے رزِ پان کھلان تہٕ ابساونہٕ یوان۔

یار اکھ ارمانہٕ روٗدُم عشقہٕ پیچانس پرٕ ژھوم
بوزِ تھے رزِ پان کھوٗلن آوزن ابساونے

بقولِ رحمان ڈار۔ یہِ دود چھُنہٕ کانٔسہِ مخصوص فردس بلکہِ چھُ پرٕ بتھ نرس تہٕ مادس یعنے کاینا تک زرٕ زرٕ امی دادِچ دگ للوان۔

یہِ دود نرن مادن تے
چھِم گژھان براٗنتی نادن تے

فاضل کشمیری چھُ أتھی تجربس پنُن تخلیقی اظہار دِتھ یتھ پأٹھی باوان۔

لنجہِ لنجہِ باغس منزٕ یی بایوم
سارنے وزِ وزِ بنٕ بنٕ آو
ونہٕ کس پانس کیاہ کیاہ گدریوم
چینہٕ روٗس پیالہٕ گوم خالی یے

شعرِ بندس منز پیش کرنہٕ آمُت منظر چھُ تِتھ کُنی ہاونہٕ باونہٕ آمُت زباغ تہٕ باغن منز گُلی لُنجن پٮ۪ٹھ دود باون وول فرد چھُ اُچھن بروٚنٛہہ گژھن یوان۔ لفظ چھِ تِتھ کٔنی گرنہٕ تہٕ ژارنہٕ آمٕتی زِ نتہٕ کانٛسہِ مُصورن پٮ۪ٹھ مؤقلمہٕ لفظن ہُند تصویر جوٗ رُمت چھُ تہٕ یوٚہے چھُ فنکار سُند فنکارانہٕ ول۔

کس انسانس آسہِ نہٕ پُٹھ یاوُن ٹوٹھ تہٕ خوش کران۔ مگر زندگی ہُند اٹل پزر چھُ یہِ زِ یاوُن چھُ بہر حال سوران۔ گُل چھُ سونتہٕ پھولان تہٕ ہرُدِ بر گژھن چھُ تُسند ازل لون۔ یہِ دود کس چھُنہٕ دگ تُلان بقولِ شاعر:

یم گُل پھولان چھِ سونتس برٕ تم گژھان چھِ ہر دس
سُے دود چھُم مے جگرس سُے چھُم ازار وٕنی زبس

(شادرمضان)

تہٕ امی دادِ چ دگ چھُ سو چھِ کرال تِتھ کٔنی للوان:

سُے دود چھُم جگرس

فاضل چھُ یوٚہے تجربہ پٮ۪ٹھہٕ خاص اندازِ باوِتھ انسٲنی زندگی ہُند سہٕ پزر باوان یُس اٹل تہٕ لا علاج چھُ۔ سہٕ چھُ شعرس منز ''توشہِ وُن یاوُن'' ہیوٚ خوبصورت لسٲنی اظہار ورتاوِتھ اتھ احساس بیٚیہٕ ہن برجستہٕ تہٕ معنے سوو بناوان۔ یعنے ''گندِ باشہِ'' کروُن خوشبوٗن تہٕ خوش رفتار یاوُن وٕنتھ چھُ شاعر اتھ میٹھس احساس بیٚیہٕ ہن حُسن تہٕ میچھر عطا کران۔ پٮ۪ٹھ چھُ انسانس یہٕ خوشبوٗن احساس تتھ برزِس زیادے پٮ۪ہن وولساوان ییلہِ تس یہِ توشہِ وُن یاوُن

ہمیشہِ باپتھ پوشہِ وُن باسان چھُ ۔ یتھ ژٕ کِس تل کانٛہہ حقیقت موجوٗد چھنہٕ تہٕ یاوُن مولِکلتھ چھُ انسانس امیک احساس داوس لاگان تہٕ ٹاوس تلان ۔ شاعر چھُ شعرِ مصرس منٛز 'توشہِ وُن' تہٕ 'پوشہِ وُن' ہشہِ ہم وزن ، ہم آوازتہٕ ہم آہنگ ترکیب ورتاوِتھ نہٕ صرف شعرِ مصرس حُسن تہٕ معنے بخشان بلکہِ پنٕنہِ زبان دأنی تہٕ تخلیقی ورتاوُک نیب تہٕ دِوان۔

شعرِ کس دوٚیمس مصرس منٛز چھُ تمہِ ساتہٕ امہِ یاون سفرُک خمار بیٚیہِ ہن وولسان ییلہِ شاعراتھ اسہٕ وُن ،لسہٕ وُن سفرُک یارؤنتھ پنٕنہِ خوبصورت لِسأنی ورتاوٕ ستی حُسن تہٕ روأنی عطا کران چھُ ۔ اماپوٚ زالمیہ چھُ یہِ زِ امہِ یاون سفرُک یار چھُ اڈوتی تہٕ انزان بے مُروتھ لأ رِگتھ ترأوِتھ ژلان ۔ یہِ سورُے صورتحال چھُ شعرِ بندس منٛز تجربہٕ بنٛتھ تخلیقی باوتھ پراوان۔

توشہِ وُن یاوُن پوشہِ وُن گنٛز ریوم
اسہٕ وُن، لسہٕ وُن، سفرُک یار
غاأر زان لأ رِگتھ اڈٕ وتہِ ژھبنہٕ گوم
چھنہٕ رؤس پیالہٕ گوم خالی یے

یہِ سورُے حال وُچھتھ دأ چھتھ تہٕ سرِتھ ژینٛتھ نے انسان باکھ ژھٹہٕ تہٕ وبدا کھدیہ تہٕ کرِتہٕ کیاہ۔ بقولِ غالب:

دِل ہی تو ہے نہ سنگ وخشت ،درد سے بھر نہ آے کیوں
روئیں گے ہم ہزار بار کویی ہمیں ستاییں کیوں!

فاضل کشمیری چھُ یتھ وژن بندس منز یہ ہے گدرن حال باوان باوان

ژکہِ انسانی زندگی ہندِ کلھم سفرنامک اَنہٕ ہاوان۔

وِدنا وٕیسی یے تتھی لایق گوم

شعرٕ بندٕ کس تریمس حصس منز چھُ بظاہر شاعر معشوقس کُن مخاطب

سپدِتھ ونان۔

ما شوق پوٗنے واپس سکھریوم

سرسری پأٹھی نیرِ یلی معنے زِ عاشقس چھُ یہ ہے غم وچھ کوران زِ تسُند معشوق

چھُ تس نشہٕ ینہٕ بروٗنہہ نیر ننک سکھر کران۔ مگر ہنا ژیتھ دِتھ ییلہِ کلھم وژن بندن

ہُند سنجید مطالعہٕ کرو تیلہِ چھُ 'معشوق' زندگی ہندس معنہٕ یس منز ورتاونہٕ آمت۔

یُس مذکورٕ وژنہٕ کین معنوی امکانن جھول بناوان چھُ تہٕ کلھم وژنک وحدت تاثر

تہٕ رچھان چھُ۔ تکیازِ زندگی چھےٚ ژھوٹ تہٕ بے پژھ۔ یس ہتل تہٕ ہانٛول چھےٚ

تہٕ اکھ نتہٕ بیاکھ بہانہٕ گرِتھ اڈوتی تراوِتھ ژلان چھےٚ۔ مگر تہٕ گرِتھ تہٕ چھےٚ انسانس

زندگی ٹاٹھ تہٕ سہ چھُ زوٗن تہٕ زندٕ روزُن یژھان تہٕ توے چھُ شاعر اتھ معشوق

ہٕنتھ خوبصورتی ہُند معنے بخشان۔ اما پوٗز خوبصورتی چھےٚ بہر حال ہردٕ پوشکی پأٹھی

برٕ گوھان۔ وُچھتو اتھ پوٗت منظرس منز فاضل سُند یہِ وژن بند۔

وِدنا وٕیسی یے تتھی لایق گوم

مےٚ ہے گوٗو پزی پأٹھی مند نین شام

ما شوق یُونے واپس سکھر یوم
چھنہٕ رٕوس پیالہٕ گوم خالی یے

کانٛہہ ہیکہِ یہِ سوال تہٕ تُلتھ زِ مذکوٗرٕ وژنُک ظأہری خدوخال چھُ مجأزی تہٕ شأعر چھُ کانٛسہِ زمینی معشوق سٟتۍ کتھ کران۔ مگر پزر چھُ یہِ زِ پزٕ بتھ بأطنی خیال باوُنہٕ باپتھ چھُ ظأہری اظہار لأزمی۔ تہٕ کانٛہہ تہِ تصوٗر یا خیال پیش کرنہٕ خأطرٕ چھِ موروضی پیکر ورتاوُنی ضروری کتھا۔ یِمہِ وژنہٕ کِس لکھٕتی شعرس منٛز (آخری شعر) چھُ فاضِل سٟدِ سیٚودا کھ روحأنی تجرُبہٕ بیان کران۔ یِمہِ کٕنٛژ گُلھم وژنُک معنہِ مفہوم تہٕ صورتحال صوفیانہٕ مزاج، لہجہِ تہٕ آہنگ پراوان چھُ۔ یہِ سوال ووٗتھ رحمان ڈارنہِ شش رنگ نظمہِ مُتعلق تہٕ۔ سوال ٹُل محمد امین کأمل صأبن زِ شش رنگ نظمہِ ہُند گُلھم فضا چھُ زمینی تہٕ نظمہِ ہُند لکھٕتی شعر:

حأرتن چھُ رحمان وول معرِفتن تے
شش رنگ وُنن دفتن

چھُ رحمان ڈارس زنتہٕ گُلی تہِر پیٹھ دأرِتھ دِوان۔ اکثر نقادن چھُنہٕ کأمل صأبنس اتھ بیانس سٟتۍ اتفاق تہٕ تِم چھِ شش رنگ نظمہِ ہیرِ پیٹھ بۆن تام اکھ روحأنی تجرُبہٕ مانان۔ فاضل چھُ وژنہٕ کِس آخری شعرِ بندس منٛز شِلہٕ کِس سۆدرس منٛز ہُو کھنہِ ناوان تہٕ روحس اللہ ہُو پرنأوِتھ سٟدِ سیٚود روحأنی تجرُبُک حال باوان۔ تجرُبہٕ چھُ تِمہِ ساتہٕ پۆرٕ پأٹھی فردِ سٟندِ پیٹھ وُڈوگرِتھ گُلھم انسأنی صورتحالس تام واتناوان یِیلہِ شأعر وژن بندٕ کِس ترِیمس مصرس منٛز حالس محدوٗد کرنہٕ

بجاے وأنسہٕ وادن ہُند آدمی وبد اکھ بناوان چھُ۔

فأضلہٕ أتھی حالس اکھ سنہٕ گوم

پُری تون وژنُک یہٕ أخری بند یتھ منز فردٕ سُند تجرُبہٕ کُلہم انسأنی تجرُبہٕ بُنتھ آفأقی صورت پراوان چھُ۔ تہٕ یہے چھے اعلیٰ تہٕ آفأقی شأعری ہنز پژٕ زنتھ تہٕ۔

شِلہٕ رِکس سودرس ھوٚ کھنہٕ ناوٕثوم

رُوح پر ناوٕثوم اللہ ھوٚ

فأضلہٕ أتھی حالس اکھ سنہٕ گوم

چھنہٕ روٗس پیالہٕ گوم خالی یے

---

ا غالب سٕندِ امہِ شعرُک کأشُر ترجمہٕ

آوزن اشوانہ یوٚ ڈُمت دل تہٕ پھٹس گری زِ کیاہ

باکھ ژھٹہِ دِیہِ چاکھ جامن دل چُھ دل گُنی سپر چھا

(شادرمضان)

محمد شفیع سمبلی

# پہلی کوٗر......اکھ مولانکون

پہلی کوٗر نظم چھےٚ فاضل کاشمیرین عہد شبابس اندر کھورتۍ انس ستی قلمبند گرٕمٕژ۔ پننہِ مزاجہِ ، لیہ تہٕ موسیقی کِنۍ گیہ یہِ نظم مجبوٗر ہنزِ گرٕیسی کوٗر نظمہِ ہندی پأٹھی سبتھاہ مشہور تہٕ زبان زدِ عام ۔ یہِ نظم چھےٚ فاضل صأبنہِ پننہِ ونہٕ مطابق ۱۹۳۶ءَ منز تخلیق سپزٕمٕژ۔

نظم پٔرتھ چھُ ییمہِ کتھہِ ہُند گمانہٕ گژھان زِ کستام پری روجوان سال کورِ ہندِ حُسن تہٕ جمالہٕ نشہِ متأثر سپد تھ چھےٚ یہِ نظم تخلیق گرنہٕ آمٕژ۔ یتھ پأٹھی ہکوٚ ؤنتھ زِ اَمہِ نظہِ ہندِ تخلیق کأری خاطرٕ چھِ بیرونی حالات ذمہٕ دار مگر پننہِ تخیل کہِ آمیزشہِ ستۍ چھےٚ شأعرن اکھ لافأنی شہکار تخلیق گرٕمٕژ۔

۱۹۳۶ءَ چھُ سُہ ؤری ییلہِ ہندوستأنی ادبس منز ترقی پسند تحریکہِ ہُند باضأبطہ پأٹھۍ دس تُلنہٕ آو تہٕ ییلہِ اَمہِ خأطرٕ اکھ آٔیین تہِ مرتب کرنہٕ آو تہٕ اَتھی ؤرِیس منز لیچھی فاضل صأبن پہلی کوٗر۔ وِچھوٕ ہے تہٕ فاضل اوس نہٕ وِنہِ ترقی پسند خیالاتو نشہِ باضأبطہ پأٹھۍ مُتأثر سپد مُت بلکہ اوس سُہ وُنہِ رۄمانی نغمے گوان ییمن منز حسن و عشق تہٕ فطرتچہِ خوبصورتی ہندۍ موضوٗعات زِ بولبان آٔسۍ ۔ یوٚدوے فاضل

مزاجن اکھ رومان پرور شاعر اوس مگر ستی اوس تِمس انسأنی سماجچ دگ تہٕ وسہٕ تہٕ غریبن تہٕ نادارن ہنز کسمپُرسی پیٹھ اوس سُہ واویلاتہٕ کران۔ اوے اوس سُہ کنہٕ کُنہٕ غأر محسوس طریقس منز یمن خیالن تہٕ زبو دِوان۔ سماجی دَگدأری ہندی اثرات چھِ پہلی کوٗرِ ہشہٕ خألص رۄمانی نظمہِ منز تہٕ کُنہٕ کُنہٕ نظرِ گژھان۔ مگر یہ کتھ چھےٚ محسوس کرنس لایق زِ پیغام دنس دوران چھنہٕ فأضل فنکی زأوی جار مُشراوان۔ اوے تہٕ چھُ یہ وُنی صحیح زِ اعلیٰ فنکار چھُ اکھ خألص پیغام تہٕ تمہِ آیہٕ پیش کران زِ اعلیٰ شأعری ہندی نمونہٕ چھِ تھنہٕ پیوان۔ ترقی پسندی ہندس دورس منز تہٕ یم شأعر جذبأتیت کہِ اثرِ نش مُچھ رۄدی تہندِ ڈسی آیہٕ سبٹھاہ اعلیٰ فن پارٕ بارسس۔ اردو ہس منز فیض احمد فیض تہٕ کأشرِس منز مہجورس ہوی شأعر چھِ اتھ سلسلس منز ناوہنس لایق۔

ہٕ ہُٹس چیکل نہٕ ژٕے کنہٕ وأ لی
ہٕ زری تنہِ پیٹھ خاصہٕ کمخاب
زۄنہِ زن اۄبرکی جامہٕ چھی نأ لی
ہا پہلی کوٗری ہی مأ لی یے

تتھی شعر یوٗ دوے پہلی کورہندِ غربتک اکھ ٹاکار اظہار چھِ مگر شعر چھُنہٕ جذبأتیتک شکار سپدان بلکہ چھُ پرن وول صوٗرتحال محسوس کرتھ اَمہِ نشہِ محظوٗظ تہِ سپدان۔ تتھی ہوی شعر چھِ اسہِ گریسی کوٗرِ نظمہِ منز تہِ نظرِ گژھان یُیلہ چھُرا موضوٗعی شعرفنی اندازٕ اظہار لبتھ آفأقی بنان چھِ۔ ورگہٕ اظہار بیان ورتأوِتھ چھُ فأضل

بلیغ پأٹھی أکِس پسماندٕ طبقٕہ چہِ نازلہِ تہٕ أکِس سرمایہِ دار سوندرِ ہنز تفاوت بڑونہہ کُن انان۔ یتھِ طرزِ اظہار کنی چھِ شاعرانہٕ تجربہ موضوعی آسنہٕ باوجوٗ داعلیٰ بنان۔

پہلی کوٗرِ نظمہِ منز چھ شاعر سُند اظہار نبرل تہٕ بدوٗن، ییتہِ شاعری منز معشوقہِ سندِ حُسنچ تہٕ خوٗبصوٗتی ہُند تقابل وُزملہِ ہندس بڑہہ ژھٹنس ستی کرنہٕ یوان چُھ تتہٕ چھ فاضل ییمہِ قسمک اظہارِ بیان ورتأوِتھ پننی انفرأدیت نٔنی کران تہٕ مأنی راوان۔

"زوٗنہِ زَن اوٗبرکی جامہٕ چھی نألی"

یُتھ ہیوٗ شعرِ اظہار چھ میأنی کنی منفرد تہٕ لطیف ییمک اظہار اکثر و بیشتر فأضلس نشہِ میلان چھ "زوٗن" ییمس اکثر شاعر پننس محبوبس ستی مشابہت دِوان چھِ تہِ کیازِ سہ چھے حسنک، شرمہِ ہُند، حیادأری تہٕ شرافتُک اکھ پیکر مگرا وٚبریُس یتھ شعرس منز پہلی کوٗرِ رہندِ لباسہٕ کہِ استعار کنی استعمال کرنہٕ آمت چھ، یُس سبٹھاہ وٚسی پایہِ تہٕ مالٕہ چھ، چھ أمی سُند حسن کم کرنک جتن کران مگر یہِ غربت تہٕ أمی سُند وٚسی پایہِ لباس چھنہٕ کُنہٕ تہِ طریقہٕ پہلی کورِ رہندِس حُسنس کم کران تِکیازِ یہ حُسن چھ لازوال اوٗبر یعنی لباس یوٚ دوے پہلی کوٗرِ رہندِس حُسنس تہٕ شرم و حیاحس ستی ژھیپہٕ ژھور گندان چھ مگر أخرس چھ زوٗنہِ ہُند حسن ییمہِ اردومصرٕ کی پأٹھی مُری مُری تہِ زندٕ جاوید سپدان۔

اِدھر ڈوبے اُدھر نکلے اُدھر ڈوبے اِدھر نکلے

پہلی کوٗر چھےٚ مۆلہٕ تلہٕ اکھ رۄمانی نظم یوسہٕ پرٛتھ لطیف جذباتن ہس لگان چُھ۔ یہٕ چھےٚ عاشقن تنبلاوان تہٕ تمن پننہٕ نازک مزاجی تہٕ شرم وحیاسٟتی رنزناوان تہٕ۔ ووٚنی گوٚو گُنہٕ گُنہٕ چھِ تِتھی شعر تہٕ یمن منٛز شہوانیت ٹۄٹہٕ تہٕ ٹاکارٕ چھےٚ۔

معشوقہٕ سُند وچھ یُس تمۍ ہٕندس حُسنس منٛز سبٹھا اضافہ کران چُھ تہٕ یتھۍ سأری شاعراول کالہٕ پیٹھے تنبلاوی ہٕتی چھِ، چھ تمۍ ہٕندِ حُسن و جمالک اکھ فطری انگ تہٕ چُھ عاشقن ووٚندٕ منٛز ترٛلان۔ یُتھ ہیوٚ توٚت تہٕ نوٚن شعر تہٕ چُھنہٕ تمہِ اندازٕ شہوانی جذبات ووتلاوان یمیک اظہار گُنہٕ گُنہٕ یتھ نظمہِ منٛز سپدان چُھ۔

یم قُبہٕ سینکۍ ڈیشہٕ وِنن دُبہٕ پھران دِل
انارِ شیرین کونہٕ دُپستان دپان چھی

مگر یلہِ فاضل صاب یتھی ہوی شعروتان چُھ پہلی کورِ ہندِس اچھوٚ حسنس تہٕ حسین بدنس پیٹھ چھےٚ ووشلنی کھار کھسان:

یوسمن تھرِ یم گُل گُمۍ کھألی
ہا پہٕلی کوٗری ہی مألی یے

یا

سروے قدٕسے موٚ ووزألی
چھی رٕسِلی شرٛبتی مُیٹھی انار
تازٕ سوتٕتے یتھی موٚ گُمۍ کھألی
ہا پہٕلی کوٗری ہی مألی یے

کاتھہ ہیکہِ وٕنِتھ زِ ''کمی کھاُلی'' چھُ سوالیہ استفہامیہ تہٕ اوٚ کنی چھ شاعر سُند اشار خدایہ سنزِ کارٕ گری کُن یُس ہرگاہ اَکس خوبصورت سوندر مالہِ اَمہِ آیہِ وچھ بناوِ ہے نہٕ سَہ ماباسہِ ہے پیٚو خوبصورت تہٕ دل آویز۔ مگر اظہار بیان تہٕ لفظن ہندِ استعمالہِ تلہٕ چُھ یتھو شعروتلہٕ شہوانیت کُے اندیشہٕ سپدان یا ماہیکہِ ییتہٕ اَستھ زِ چونکہِ نظم چھےٚ فاٗضل صابن پننہِ شاعری ہندس ابتداہس منز تخلیق کرٕ مٕژ اَمہِ کنی ما آسن نہٕ تمس اظہارِ خاطرٕ معقول الفاظ میلےٚ مٕتی نتہٕ چھُ یہِ ممکن زِ ییتھ زمانس منز یہِ نظم لیکھنہٕ آمٕژ چھےٚ سَہ چھ فاٗضل سنزِ کھسہٕ وِنہِ جوانی ہُند گوڈٕ کال تہٕ اَتھ منز چھےٚ یِژھ ہش جوان جاہلی جاٗیز تو کنی ما آسہِ یتھ ہیوٚ اظہار زاٗنتھ ماٗنتھ۔

بہرحال الفاظن ہنز کمی یا تجربٕچ کمی اَستن یا اَمہِ قسمُک زاٗنتھ ماٗنتھ اظہار یُس شہواٗنیتس کُن ظون پھران چھ اَستن، یہِ شعرِ اظہار چھ سبٹھاہ حسین، نبرل، جاندار تہٕ منس وِیہٕ وُن اَمہ اظہارِ بیانہٕ ستی چھ رُومان تہٕ شہواٗنیتُک اکھ میوٗٹھ، موٗدُر تہٕ پرکیف سنگم سپدان۔

اَمہِ قسمکی شعر پٔرتھ گژھنہٕ کاٗنسہِ تہٕ گمانہٕ گوڈھن زِ یتھ نظمہِ منز کیاہ چھِ یکرنگی بلکہِ چھِ تتھی شعر تہٕ تخلیق سپدٕ مٕتی یموٚ ستی نہ صرف پہلی کورِ تہٕ اَمی سندس حُسنس تقدس حاٗصل سپدان چھُ بلکہِ چھُ حُسن تہٕ عشق تہٕ مقدس سپدان۔ شاعر چھ حُسنس مجاٗزس تہٕ نشہِ مُچھ کرِتھ اتھ عاشقِ حقیقیس قریب واتناوان تہٕ حُسن چھ تیوت ساد تہٕ معصوم بنان زِ عابد، زاٗہد تہٕ تپہٕ ریشی تہٕ چھِ اتھ پٔتھ فدا سپدان۔ تو

کِنی ونو زِ پہلی کورِ ہُند حُسن چھُنہٕ فنا گژھہ وُن یِیمیُک تعلق عاشق تہٕ معشوقہٕ سندس جسمٲنی سنگس سٟتی یوت چھُ بلکہ چھُ یتھ ہیوٗ حُسن ابدیُک پیکر۔ یتھ منٛز عاشق تہٕ معشوق اکھاَکِس سٟتی رٕلتھ فنا چھنہٕ گژھان بلکہ چھ لافٲنی سپدان، یہ گوٚ مِثیل سپدنُک سُے تصور یُس وحدۃ الوجوٗد فلسفس یا ہمہ اوست فلسفس منٛز قطرٕ سمندرس سٟتی رٕلتھ ابدی تہٕ Eternal سپدنُک تصور چھُ۔ پرن وول ہیکہ محسوس کٔرِتھ زِ یِیمِہٕ قسمک شعر اظہار کِتھہٕ کٔنی چھُ پہلی کورِ ہندس حُسنس تہٕ معصومیتس نہٕ صرف تقدس عطا کران بلکہ اتھ لافٲنی تہٕ بناوان۔

عٲبدن ژٕے وُچھتھ میچ ابدٲلی
زٲہدن انکار کوٗر ہوسس
عاشقن نفسکی تیر گۓ خٲلی
ہا پہٲلی کوٗری ہی مالی یے

مجبوٗر چھُ گژھیسی کوٗر نظمہِ ہُند آغاز یِیمہ اندازٕ کران۔

سورٕگچ ہی مالی قاپٕچ پٔری یے
گژھیسی کوٗری نازنین سوندری یے

تہٕ فٲضل کاشمیری تہٕ چھُ اَمے آیہ سورگ تہٕ ہی مالہِ ہندی بییُن دی لفظ ورتاوتھ پہلی کور نظمہِ ہُند آغاز یتھ پٲٹھی کران:

حُسنٕچ ڈٲلی سورٕگچ اٲلی
ہا پہٲلی کوٗری ہی مالی یے

یتھ پأٹھی ''سور ژگ ہی مال'' میأنی ـکنی اکھ ٹنی بر حقیقت اظہار چھنہٕ تکیازِ ہی مال أسی بلہٕ پورِ روزان یوسہٕ تل پاتال ـکس نأ گی راے ہندس عشقس منز گرفتار أس تہٕ سُہ أس نہٕ کانہہ تہٕ سور ژگ اپسرا۔ یتھے پأٹھی چھ سور ژگ ألی تہٕ میأنی ـکنی حقیقتہٕ نشہِ دور اکھ اظہارِ بیان۔ دوشونی نظمن منز یوٚ دوے زن یہ اکھ مشترک قبوح چھُ مگر چھُ دلچسپ۔ یہ ہشر چھا محض اتفاقی کنہٕ بیہٕ کینہہ، تتھ پیٹھ چھےٚ شاید سرٕنچ سوٚنچنٕچ ضرورت۔

پہلی کوٗر نظم چھےٚ دوٗر گامچہ أکس غریب طبقہٕ ـکس کردارٕ ہنز نمایندگی کران تیمی ہندی حُسن، شرافتن، سادگی تہٕ معصومیتن شأعر متأثر کوٗر۔ یوٚ دوے یہ کردار دُنیأوی دولتہٕ تہٕ ثروتہٕ نشہِ محروم چھُ مگر یُس حُسن أمس خدا تعالیٰ ہن عطا کوٗرمُت چھُ سُہ چھُ لاثأنی یتھ پیٹھ عاشق مزاج، رند، عأبد تہٕ زأہد ہوی فریفتہٕ تہٕ فداسپدان چھِ۔ یہِ نظم چھےٚ گُلریز مثنوی ہندی پأٹھی سراپا بیان کرنُک اکھ اعلیٰ نموٗنہٕ پیش کران۔ یتھ منز شأعر دلفریب تہٕ پُر معنیٰ استعارٕ تہٕ تشبیہٕ استعمال کٔرِتھ پہلی کورِ ہندِس حُسنس ابدی تہٕ لازوال بناوان چھُ۔

زُلفو نالہٕ رٔٹی روخ وزألی
سُنبلو نال وژل گولابن
یوسمن تھرِ یم گُل کُمی کھألی
ہا پہٕلی کوٗری ہی مأٹی یے

اَمہِ آیہٕ سراپا بیان کرنُک امتیاز چھُ فأضل کاشمیرلیس باگہِ آمُت زُلفن تہٕ

روخسارن، تہٕ کاکلن تہٕ بتھی لبن ہُند رشتہٕ چھ تمام رومانی شاعری منز موجوٗد تہٕ یہٕ ہشر یار رشتہٕ چھ اٹل مگر یِیمہِ اندازٕ فاضل صابن یہ رشتہٕ بوومت چھ سُہ چھ سپنٛھ منفرد تہٕ یتھ ہیوٗ اظہار چھ خالے بیہٕ کُنہِ جایہِ لبنہٕ یوان۔ یہٕ چھ اظہارِ بیانٕک اکھ قابلِ تقلید وصف یُس یتھ نظمہِ منز فاضل صابن امتیاز چھ۔ سراپا نگاری ہندی یتھی ہوی شعر چھِ محسوس کرتھ یمن داد دیُن پیوان۔

مستس ژھایہِ چھی فوتہٕ انزٲلی

ظُلماتہٕ منٛزٕ زن لال تابان

زوٗنہِ چھی ستہٕ ریٛشی پتہٕ اردٲلی

ہا پہلی کوٗری ہی مالٕکی یے

نادر استعارٕ تہٕ تشبیہ استعمال کٔرتھ چھ فاضل پہلی کور نظمہِ نہٕ صرف معنین ہنز تہداری عطا کران بلکہِ چھِ یہِ اعلیٰ فنکاری ہنز اکھ جان مثال تہٕ بنان۔ ژھوٚٹ بحر استعمال کرنہٕ کِنی چھِ اَتھ منز روانی تہٕ کنن خوش کرٕونی موسیقی تہٕ پاٲدٕ گامٕژ۔ پہلی کوٗر نظم چھےٛ تمو کینٛہہ وکاشرو نظمو منزٕ اکھ یمن کاشرِس ادبس تہٕ شاعری منز اکھ منفرد تہٕ ممتاز مقام حاصل چھُ۔

☆☆

منشور بانہالی

# فاضل کاشمیری......انوارِ محمدیؐ کس پناہ گاہس منز

''انوارِ محمدیؐ'' چھےٚ الحاج فاضل کاشمیری صأب نین کأشرِ نعتِ شریفن، حمد و مناجاتن تہٕ کینژن اردو نعتِ شریفن ہنٛز شۄژ سۄمبرن۔ یوسہٕ ۱۹۵۸ء منز گوڈنکہِ پھِر اشاعت پذیر سپز۔ قریباً ژ بن ہتن صفن پیٹھ مشتمل چھےٚ یہٕ مِن جُملہٕ اکھ شۄژ تہٕ عطر بیز پوشہٕ برات، یمہٕ کہٕ قبولِ عام آسنک اندازٕ یمہٕ کتھِ تلہٕ چُھ سپدان زِ یہٕ چھِ تقریباً واحد کأشر نعتہٕ سۄمبرن یمکی ۲۰۰۹ء تام تقریباً ژ اواہ ایڈیشن شایع سپدی، یمن منز باہ ایڈیشن تہنزِ حیأتی دورانٕے شایع سپدی تہٕ اکھ ایڈیشن سپدِ ۲۰۰۹ء منز تہندِ رحلت سپدنہٕ پتہٕ شایع۔ یم سأری ایڈیشن ہیہٕ عاشقانِ رسولوٚ اتھو پیٹھی تہٕ رۄدی دِلہٕ چنٕ أچھن ہُند سرمایہ زأنتھ، یمن حظ تُلان تہٕ رۄحأنی بشاشت تہٕ سرۄر حأصل کران، یمیُک سلسلہٕ ازتہٕ جأری چُھ۔

فاضل کاشمیری صأب چھِ کأشر زبأنی ہِندی اکھ فأضل مُستند، معتبر تہٕ قادر الکلام سُخنور، یمن کلاسیکل ادبُک تہٕ پاسہٕ مطالعہٕ چھُ۔ تم چھِ اکھ زۄ دگو، بسیار گو تہٕ مختلف الجہات قلم کار، یہنٛز شعری تصنیفات، لوکچہ کیٚو بجہ قریباً ۲/ درجن چھ۔ غزل، وژن، نظمہٕ، ژ مِصرأے، قطعہٕ تہٕ ٹۄکھ چھِ تہنزِ شعر گذأری ہِندی

تجربات۔ تِمو چھِ حمد و مناجات تہٕ نعتِ شریفو علاوٕ مرثی، لیلایہ تہٕ بھجن بیترٕ وٕنی متی۔ کاشُرِ علاوٕ چھ اردوٗ پأٹھی تہِ تِہنٛزٕ شعری تخلیقہٕ دستیاب۔ فاضل صأب اوس ڈب تل عالی کدل سرینگر روزن وول۔ لوکچہِ وأنسہِ پیٹھے ہیٚژ کھ قلم آزمائی کرٕنی تہٕ سکوٗلس پران دورانے کوٚرُکھ پنُن ابتدأیی کلامہٕ شایع۔ سارِےسے وأنسہِ رؤد درس و تدریس ستی وابستہٕ۔ تِم أسی اکھ دیدٕ ور شأعر، شیرٕ پس قلم خطاط، مُعلمِ زبان۔ عربی، فارسی، اردو تہٕ انگریزی زبانن پیٹھ تہِ اوسُکھ دسترس۔ وُہمہٕ صدی دوارٕنے آے ادبس منٛز موضوعی اعتبارٕ مختلف تبدیلی مگر فاضل صأب رؤد مجموعی طور لمہِ اثر پذیٖری نِشہِ لوٚب رؤ زِتھ پننِس روایتی رنگ و آہنگس منٛز پننِس تخلیقی ذوق و شوقس منٛز پیہم آوُر رؤ زِتھ زبان و ادبس آبیأری کران۔ تِہنٛدِس کلامس منٛز چھِ مختلف رنگ گاہ ژھٹان۔ شوٗژ اخلأقی تہٕ روٗحأنی قدرن ہنٛز بیدأری تہِ تہٕ روٗمأنی دلاویزی تہٕ جمال آفرینی تہِ۔ تِہنٛزٕ واریاہ نظمہٕ تہٕ وژن بیترِ سپدی عوامس منٛز مشہوٗر۔ فاضل صأبس آو ساہتیہ اکادمی ہنٛدِ طرفہٕ تہِ اعزاز دِنہٕ تہٕ ریاستی کلچرل اکیڈیمی تہٕ دوٗیمو رضاکار تنظیمو طرفہٕ آیکھ عزت افزأیی کرنہٕ۔ ۱۹۵۸ء منٛز کوٚرُکھ زیارتِ بیت اللہ شریف۔

یوٚ تام کأشرِس منٛز نعتیہ شأعری ہُنٛد تعلق چھُ، فاضل صأبس چھُ کأشرِ نعتیہ شأعری منٛز پنُن اکھ خاص مقام حأصل۔ سُہ رؤد گوڈٕ کالہٕ پیٹھے نعت کِس ادب گاہس منٛز پننی والہانہٕ جذبات تہٕ عقیدت عرض گذار کران تہٕ أخرس تام رؤد بارگاہِ رسالت مآبس منٛز پننہِ شفاعت چہِ باریأبی ہنٛز خواستگأری کران۔ تِم أسی

پانہٕ تہٕ دٲنی تہٕ روٗحانی مجلس منز ذوق شوقہٕ سان نعت پران۔ فاضل صأب اوس اکھ بے مثال عاشقِ رسولؐ، یُسند جذبہٕ ایثار بوٗ رُت تہٕ سپاس گذارتہٕ اوس۔ سُہ چُھ نعتکِس پوٗرلوازمات ملحوظ تھٲوتھ امیٚک معیار رٕژھران تہٕ آنحضورنؐ ہنٛدِ سیرتُک تہٕ صورتِ فدأیی بَنتھ تمن پیٹھ پٔنن زوٗ تہٕ جان آلوان تہٕ دِلس سپدٕ بیٚہن وول شعر اسلوٗب ورتاوِتھ پٔنن یہٕ شوٗژ تہٕ روٗح پرور شغل جأری تھٲوِتھ باسان۔ وُہمہٕ تہٕ اکوٗہمہِ صدی ہنٛدِس ابتداہس تام چُھ کاشرِس نعتیہ ادبس منز فاضل کاشمیری نمایندٕ تہٕ نمایاں باسان۔ بقولِ سید رسول پوٗنپرؔ:

"فاضل صأب روٗد نعت ،کس پایہٕ بڑس تہٕ عرفان آگاہ موضوٗعس ژھاین تہٕ گژاین وُچھنس ،ستی آوٗرتہٕ پاسِ ادب تہٕ پاسِ وقار رچھنس ،ستی موٗت۔ سُہ چُھ پزٕ ،کنی کاشرِ شأعری ہُند مولانا جامیؔ"!

کاشرِس نعتیہ ادبس منز چھےٚ تہنز "انوارِ محمدیؐ" نعت سوٗمبرن اکھ شوٗژ، پزٕیہ وُنی تہٕ وُسہٕ وار ہر بر۔ تمی چُھ بے ریا پاٹھی تہٕ اَ،کس عاشقِ صادق سنٛدی پاٹھی شمعِ رسالتس گتھ دِوان تہٕ پننہِ بے لوث تعشقُک تہٕ خودسپردگی ہُند اظہار کران۔ تہنٛدِ عشقِ رسالتُک جذبہٕ چُھ سون تہٕ گون، یُس اَ،کس قأرِیَس تہٕ وولسنس چُھانان تہٕ تسنٛدِس ایمان وایقانس تہٕ چُھ وُتش دِوان۔

"انوارِ محمدیؐ" یُک یُس شمارٕ سر دست راقم الحروفس بز وٕنہہ کنہٕ چُھ، یہٕ چُھ ۲۰۰۹ء منز شایع سپدٕمُت، یُس سید ذیشان فاضل تہٕ پروفیسر تسکینہ فاضل سنٛزِ

نگرأنی منز شایع چھ گومُت تہٕ عبدالرشید خان چھِ امکی مُرتّب۔ امہِ نعتہٕ سوٚمبرنہٕ ہنز کتابت چھےٚ مرحوم فاضل صأبن پانہٕ کٔرمٕژ تہٕ اچھ حأشیہِ آرأیی تہِ چھےٚ تمو پننے اتھٕ شیر مٕژ۔ یہِ حأشیہِ آرأیی چھےٚ تمو اول تاأخر، زأوِلس خطس منز عربی، فارسی، اردو تہٕ کُنہِ کُنہِ ہندی عبارژ ستی مُزیّن کٔرمٕژ۔ یتھ منز درۄد وصلواۃ، اسمائے حُسنہ، اسمائے محمدؐ، سرکردٕ عربی، فارسی تہٕ اردۄ شأعرن ہنٛدی منتخب اشعار۔ اورادِ فتحیہ، شکوہ جواب شکوہ (اقبال) تہٕ کُنہِ کُنہِ ہندی اشلوک بیترِ عبارت تہٕ درج کٔرمٕژ۔ یوسہٕ تٔسنٛدِ وسیع ذوقِ مطالعُک، محنت و ریاضتُک، خوشنویسی، ذوقِ جمالُک تہٕ دلچسپی ہُنٛد تہِ پے چھ دِوان۔ سوٚمبرنہٕ ہنٛدِس ابتداہس منز چھُ "بعداز خدا بزرگ تُوی" انمانہٕ حضورِ رسالت مآبؐ ہنٛدِ بابرکت سوانح حیات تٔہنٛدِ شان و عظمتُک تہٕ فنِ نعت کہِ بارسس پٮ۪نہٕ کہِ حوالہٕ اکھ مختصر جأیزٕ یُس تٔہنٛد لایق فرزند تہٕ کتابہِ ہنٛدی ایڈیٹر تہٕ پبلشر جناب ذی شان فاضل صأبن رقم چھُ کوٚرمُت۔ امہِ پتہٕ چھُ تمہِ مکتوبُک اکھ عکس شأملِ قرطاس یُس پیغمبرِ رسالت مآبؐ پننہِ وزِ بادشاہ کسریٰ سٔنٛدِ ناوٕ ارسال چھُ کوٚرمُت تہٕ حأشیس منز چھُ زأوِلس خطس منز امیُک اردۄ ترجمہٕ تہِ۔ امہِ پتہٕ چھُ شأعرن "صاحب جلال و جمال" عنوانس تحت حضورِ رسالت مآبؐ ہُنٛد شکل وشمأیلُک کأشرس نثرس منز اکھ مختصر تہٕ جامع الفاظن منز یوٚر تُلمُت تہٕ مولانا جامیؒ سُنٛد اکھ شعر تہٕ پیش کوٚرمُت۔ دوٚیمس صفس پٮ۪ٹھ چھُ آنحضورنؐ ہُنٛد ولادت باسعادتُک تہٕ یومِ وصالُک تأریخ درج کرنہٕ آمٕژ۔

''انوارِ محمدیؐ'' نعتہٕ سۆمبرنہِ ہنٛز باگنۍ چھےٚ مختلف عنوانن منٛز بأگرِتھ۔ یِمن منٛز پیغمبرِ رسالت مآبنٛ ہنٛد ولادتِ باسعادت، سیرتِ طیّبہ تہٕ منصبِ رسالت کہِ حوالہِ نعتیہ منظومات، گُلدستہٕ سلام، نعتیہ وَنہٕ وُن علاوٕ معراج، شبِ قدر، زیارتِ حرمین ہِوۍ موضوعات تہٕ قطعات شأمِل چھِ۔ امہِ علاوٕ چھِ تہنٛدۍ کینٛہہ ابتدأیی اردو نعت تہٕ أخرس پێٹھ چھُ ''دعاۓ معصوم'' عنوانس تحت قریباً ۴۰ رکأشری نعت ومناجات شأمِل۔ سۆمبرنہِ منٛز چھُ حرم کعبہ، مسجدِ نبویؐ، روضہ اطہر نبیؐ تہٕ غارِ حراہو بن مُقاماتِ مقدسہ ہَن ہنٛدۍ عکس تہٕ مختلف جاین شأملِ کتاب۔ سۆمبرنہِ ہنٛدِس ابتداہس منٛز چھُ سورۃ والقلم کہِ ژۆرمہِ آیت ''انک لعلیٰ خلق عظیم'' عنوانس تحت پیغمبرِ رسالت مآبن ہنٛدِ درسی عالمس منٛز نمونہٕ اخلاق آسنٕک اعتراف تہٕ امہِ آیتِ پأنٛچ منظوم ترجمأنی۔ امہِ پتہٕ چھُ میلادالنبیؐ یعنے ''ولادتِ باسعادت'' آنحضورؐ عنوانس تحت قریباً شیٹھن شعرن پێٹھ مشتمل اکھ منظوم، یتھ منٛز عالمی توأریخ کہِ تمہِ شۆژتہٕ عہدساز، ساعتِ سعیدُک ذِکر چھُ یێلہِ پیغمبرِ رسالت مآبنٛ ہُنٛد دُنیاہس منٛز ظہور سپد یم دُرٛسۍ انسأنیت باپتھ امن و سلامتی، خیر و برکت تہٕ فلاحِ عاجِ نوید ہێتھ آے۔ فاضل صأب چھِ کاینات کہِ تخلیقُک مقصدِ بعثت رسالت مآبنٛ ہنٛز دُنیاہس منٛز تشریف آوری ستی منسوب کران، یم دُرٛس کاینات باپتھ مُجسمہٕ ہدایت و رحمت بنأوِتھ سوزنہٕ آے تہٕ تمام انبیاۓ کرامو کۆر تہنٛدِ دیدار کرنٕک تمنّا۔ امہِ نظمہِ ہنٛدۍ سأری بند چھِ اکھ وُسوار زنجیرِ ہنٛدِ انمانہٕ باہم جۆڑتھ یِمن منٛز اکھ مربوط تسلسُل تہٕ فنی پوچھر درٛێنٛٹھی چھُ

گژھان۔ تمو چھِ جابجا قرآنی آیات تہٕ پننہٕ موقفکی معاون بناوِتھ تہٕ تشریح طلب الفاظن تہٕ چھکھ فُٹ نوٹن منز وضاحت کرمٕژ۔ پرٛتھ شعرس چھُ پٔنن فنی پوٗرُت حُسن یتھ منز عشقس ستی ستی تہنزٕ عقیدت مندی تہٕ چھےٚ خوشبوےٚ پرٛاوان۔

نظمہٕ ہٕندی کینہہ شعر چھِ:

خدایس برٛونٛہہ سوا اللہ کیاہ سنا اوس
امیک چھےٚ باشعورن از تہٕ ہمسوس
بحرف کُن تصور روٗٹ وجوٗدن
اچھ صورت گری گر ہست و بوٗدن
خدایس برتر و بالا تہٕ امجد
تمیٚ دسلابہٕ کوٚر نوٗرِ محمدؐ
خداین مُشتہر کوٚر کاینالس
اتھیٚ چھُم شوٗب ذرّس تےٚ زَرالس
سلامی ہُند مبارک شُہرٕ وٕلی پیوٚ و
یہٕ گوشن گوٚو یہٕ گوشن آمنس گوٚو
منور گوٚو سراپا کوہِ فاران
پوٚرُن صلِ علیٰ اے فخرِ دوران

''حضرت اُمی یتیمؐ'' چھِ فاضل کاشمیری سنٛز بیا کھ زاٹھی نظم یتھ منز تمو پیغمبرِ رسالت مآبنٛ ہٕندِ شانِ نبوتٕک، تہنٛدِ اولوالعزم رُتبک تہٕ اُمی آسنہٕ باوصف

اللہ تعالیٰ سندِ طرفہ تمن پیٹھ علمِ لُدنہٕ کہِ اکرامُک ذکر چھ کران تہٕ تہندِ مُبارک نقش، قدمن پیٹھ پٔنن زُو تہٕ جان فدا کرنُک تمنا چھِ کران۔ تم چھِ تہندِ دیدارٕ چ پڑھ ڈرراوان تہٕ حُبِ رسولؐ پننہِ نجاتُک وأحد ذریعہِ زانان۔ پرٛتھ شعر چھُ ایثار ونیاز مندی ہُند شاہد باسان۔ مثلن:

| | |
|---|---|
| سینہٕ مُژرِتھ علمِ لُدن چیتھ نوان | جبرایٖلؑ یُس گاشہِ کوٚنڈ ہیتھ پڑھ بران |
| پُر جمال و پُرجلال و پُر خصال | اکھ مُزمِل صوٗرتھا حُسنِ کمال |
| یا محمدؐ کتھ یِہے اکھ صاف کتھ | کاینا تہٕ آگہی قربان ژیٚنؐ پتھ |
| ڈرِ گندِتھ صلِ علیٰ تس گوٚژھ پرون | از چھ آمت سالہِ مدنی لالہٕ سون |
| فأضلا دیدو تہٕ لالو أسی جرون | تہندِ نعلینُک تصوٗر یوٚد لبو |

فاضل صاب چھُ آنجنابنؐ ہندِ اسوۂ حسنُک اتباع کرنس منز تمام مشکلن ہُند حل موجوٗد آسنس پیٹھ پڑھ تھاوان۔ تم چھِ پیغمبرِ رسالت مآبنؐ ہُند بے مثال سیرت وصورتکی تہٕ جلال و جمالکی فدأیی تہٕ شیدأیی۔ امہِ قبیلکی چھ اتھ عنوانس تحت تہٕ دوٚیمین ذیلی عنواناتن تحت قریباً ڈاے درجن وژن نماتہٕ غزل نما نعت و منظومات، یِمن منز تم آنجنابنؐ، آفتابِ نبوّت، رحمۃٌ للعالمین، شہِ لولاک، فخرِ کاینات، اَیُّھا الـمُزمِّل، فخرِ روزگار تہٕ مہرِ درخشاں ہیوٚ انقلابوٚ ستی مخاطب چھِ کران تہٕ طرح بدلأوی بدلأوی دربارِ رسالت مآبسؐ منز پٔننی گُلھائے عقیدت عرض گذارِتھ پٔنن ووند أندرِم سازیوٚ مبراوان۔ مثالہِ پأٹھی یِم کینہہ شعر:

مےٚ یتھ کارس اندر تھو مصلحت چأنی

مےٚ پڑوٗوم تتھ اندر رُت فال شاہا

مےٚ ہیوٚت مشکلن منز نامِ محمدؐ

مےٚ گر آسان ذاتن زِندگأنی

آبہٕ رِکھاوسُس، دوانی کم، سنبراوسُم نہٕ کینٛہہ

ووٚنی یہٕ اکھا کھ قطرٕ بحرِ بےکراں گوس چانہٕ ستیٚ

صاحبِ قرآن سُہ تفسیرِ قرآن

رمزِ وولاہ، نکتہٕ داناہ، نوکتہٕ بین

جمال خُدا چُھے جمالِ محمدؐ

جلالِ خُدا چُھے جلالِ محمدؐ

تمنا قاب وقوسین، ژٕ یِکھنا کھےٚ ژٕلبم اُنس

فدا چھی گردِ نعلینس ژےٚ کم کم یا رسول اللہؐ

خُدا کُن، محمدؐ چھِ وصفن اندر کُن

یہٕ کُن لا زوالا، ہُہ کُن ذُوالجلا

گُفتار شکر، آبِ حیاتس تہٕ امیٚک لوٚب

وُٹھ میٹھی، زبان ترتہٕ موٗدُر خویے محمدؐ

چنانچہٕ ارشادِ باری تعالیٰ چُھ زِ اللہ تعالیٰ تہٕ تٔسندی فرشتہٕ چھِ پننس ٹاٹھس نبی لیس پیٹھ دروٗد و سلام سوزان۔ اے ایمان والو تُہۍ تہٕ سوٗزِو تمن پیٹھ دروٗد و سلام۔ فاضل صأب چُھ اتھ سوٗمبرنہٕ منز گلدستہٕ نعتس تحت وِژھ وأنجہٕ تہٕ

جسارت آمیز زبانٕی بحضورِ خیرالانام درؤ دوسلام پیش کران، یتھ منز تہنٛد جوش، عقیدت تہٕ علمی تجربہٕ ٹاکارپأٹھی دزٛینٹھی چھ گژھان۔ وُچھتو یم شعر:

السلام اے صاحبِ خُلقِ عظیم
السلام اے مالکِ عقلِ سلیم

السلام اے تاجدارِ انبیاء
السلام اے جلوہٕ نُورِ ہُدیٰ

السلام اے وارثِ لاوارثان
السلام اے دلنوازِ دوستان

شرحِ دِین، یاسین لقب، اقراء صفت
ذکرِ حق تفسیرِ قرآن السلام

اُدن مِنی، اُدن مِنی امتیاز
چھے کران رَبّ پانہٕ مہمانس سلام

نعت گوٚیی ہنٛز روایت چھےٚ عالمی ادبس منٛز موجوٗد۔ البتہٕ چھ کینٛژون جاین پتہٕ وُچھنہٕ آمت زِ کینٛہہ شاعر چھنہٕ کُنہِ کُنہِ جایہِ جوش وعقیدتس منٛز نعتکہ تہٕ مناجاتکہ حدِ فاصل رٕژھرِتھ ہیکان، ییمہِ کِنٛہ امہِ کِس مقصدس تہٕ تقدُسس ستی انصاف چھنہٕ گوٚژھان۔ نعت چھ اکھ اوٚیُل تہٕ محتاط موضوعِ سُخن۔ فاضل کاشمیری چھ نعت گوٚیی ہنٛد بن لوأزِماتن تہٕ معیارُک صحیح خیال تھاوان۔ تِم چھِ اتھ منٛز پنٛن پوٚرٕ زورِ قلم تہٕ پاسِ ادب رچھان۔ مثالہِ پأٹھی یم کینٛہہ نعتیہ شعر:

عالمُک مہرِ درخشاں رحمتہً للعالمینؐ
کاینا تک ماہِ تابان رحمتہً للعالمینؐ

☆

کیاہ زوٗن تارکھ کہکشاں
نوٗرکی چھِ یم ادنیٰ نشان
آفتاب چون اکھ نقش پا
اے محرمِ اسرارِ حق
محمدؐ گنج اسرارِ حقیقت
تہنز کتھ سارِنے عقدن کُشائی

☆

ظأہر ژِ انسان پوٗرِ پوٗر
باطن خدا صأبُن ظہوٗر
ظأہر تہٕ بأطن عأنِ نُور
اے رحمتہً للعالمین

☆

فاضل صأب ییتہٕ قرآنِ حکمتچ، عظمت تہٕ شان چھِ بیان کران، تتہٕ چھِ خود احتسأبی تہٕ پننہٕ ذأتی تہٕ قومی غفلت شعأری پیٹھ تہٕ ندامت وافسردگی ہُند اظہار تہٕ کران:

تلاوت کرٕنی طفلِ مکتب تہٕ زانن

رموزِ معانی تہٕ زانی محمدؐ

قرآنٕچ وتھ، حدیٖچ وتھ چھِ روشن

مگر کوٚر نفسِ امارن کتھن رَل

قیاسن لوگنم یامتھ تگن گوٚر

ژٕ چھکھ فرقان صفتِ تفسیرِ قرآن

تہٕ چھُس آدم پرست قرآنہٕ نِشہِ دوٗر

فاضل کاشمیری سنٛز پُر گوٚیی ہُنٛد انداز چھُ یِیمہِ کتھِ تل تہٕ ننان زِ سُہ چھُ أکی سے زمینس منٛز، ہزار رنگ گُل ہائے مُشکین وو پداوٕنک ہُنر تہٕ بِترٕ تھاوان۔ مثالہِ پأٹھی:

محمدؐ چھُ خیر الانام اللہ اللہ

چھُ سُے مُرسلیٖن امام اللہ اللہ

مدینٕک ژٕ جانِ بہار اللہ اللہ

ثناء خوان ژینٕے پروردِگار اللہ اللہ

مہربانہٕ کوتاہ ژٕ جان اللہ اللہ

ژٕ جانِ جہاں مہربان اللہ اللہ

حبیبِ خدا لاجواب اللہ اللہ

سُہ زیبِ جہاں آفتاب اللہ اللہ

دِینِ اسلامس منٛز چھِ نسوأنی تعلیمہِ ہُندِ تہٕ خاص خیال آمُت تھاونہٕ، یتھ زن زنانہٕ تہٕ أکِس صالح معاشرٕکِس تعمیرس تہٕ تربیتس منٛز برابرُک حصہٕ ہیکن ادا کٔرِتھ۔ فاضل کاشمیری ین چھِ وارِیاہ نعتیہ وَنہٕ وُن تہٕ وٕنی متی۔ یِمن منٛز تِمو نسوأنی جذباتن ہٕنز ترجمأنی کٔرِتھ اکھ تحریک چھےٚ پیش کٔرمٕژ تہٕ حضورِ رسالت مآبن ٛ ہٕندِس ذاتِ اقدسس تہٕ تِہٕندِ نسوأنی طبقس جأیز مقام دِنہٕ کہِ حوالہٕ تِہٕنز قدم بوسی ہُند شرف پرٛاوُنک تمنا چھِ کوٚرمُت، ییمُک اظہار یِمہِ آیہِ چھُ کرنہٕ آمُت:

اسہِ گنٛڈی ازلےٚ نٔورس ڈٔری یے شوٚب أنی آنسرٕوٚری یے لو
گٔٹہِ منٛز گاہ ترٛوو نٔورٕ پیکرٕری یے شوٚب أنی آنسرٕوٚری یے لو

اوٚل پأدٕ گوٚو چون نٔورانےٚ جانٕ جانانےٚ ہاو دیدار
نٔورٕ ستی زندگی شولہِ مارانےٚ جانٕ جانانےٚ ہاو دیدار

گرِ سون یِیہِ نا ٹلہِ ہے ٹھٔری یے کلہٕ پان ترٛاوس پادن تل
وتہٕ وتہِ تھوٚہس دیدٕ جٔری جٔری یے آنسرٕوٚری یے کٔری بیدار

معراجِ عالمُک واقعہٕ چھُ انسأنی توأریخس منٛز اکھ بڈٕ وُن تہٕ محیر العقول واقعہٕ۔ دُنیاہ چین مختلف زبانن منٛز چھِ امہِ حوالہٕ بہلہِ پایہِ قلم کارو معراج نامہٕ تہٕ منظومات قلم بند کٔری متی۔ تِتھےٚ پأٹھی چھِ شبِ قدرٕچ فضیلت تہٕ مُسلم۔ فاضل صأبن چھُ یِمن دوشوٕنی موضوعن ہٕندِ حوالہٕ پنٛنِس خاص اندازس منٛز منظومات تہٕ

قطعات قلمبند کرِی مِتی تہٕ یِہُند تقدُس مولنو وُمت :

گٔے رحمتکی درواز وُتھی گو فیضِ قُدرت عام
از لالہٕ سوئے بخسنٕکی سامانہٕ گرِ ناوان
(معراج)

أز یُک شب یِم لبان تِم عین مقبول
چُھ مقبوٗل دِلن اندر گوٗہان زوٗل
(لیلتہُ القدر)

سوٗ مبر نہٕ منٛز چھِ مختلف عنواناتن تحت یِیہٕ تہٕ گل ہائے عقیدت موجوٗد۔ یِمن منٛز شاعرٕ سنٛدِ جذبک سنر، شفاعژ خواستگاری، دیدارِ چ طلب تہٕ رسالت مآبن ہنٛدی اُمتس پیٹھ أنتھ اسہِ احسان واِکرامک ذِکر چُھ میلان۔ مثالہٕ پأٹھی یِم شعر:

یہٕ وَندٕ زو پنٕن چأنس وجوٗدس
یوٗ ہے باعث سپُن فاضل سرٕوٗدس
یہٕ وُچھ ہتھ بار بار والصبح رویا
مے ہُرہم شأعری گوہر فشأنی

ژُمصر اُ ے، تِکھ تہٕ قطعات چھِ شأعری ہنٛدی تِم اصناف یِمن اکھ آزموٗدٕ کار شأعرٕ ے یوت بوٗرچُھ ہبکان دِتھ۔ تہٕ یُس قأفیِچ تنگ دامأنی باوجوٗد تہٕ فنی مہارژ تہٕ فکری زاٗوِجارٕکی گُلاب چھِ وو پداٗوِتھ ہبکان۔ ''انوارِ محمدیؐ'' سوٗ مبرنہٕ منٛز چھِ قریباً ۶۰ رپیٹھی نعتیہ قطعات، یِمن منٛز رسالت مآبن ہُنٛد خاتم الانبیاءٕ تہٕ

سرچشمہ ہدایت آسُن ،تہنٛدِ معجزات وکمالات تہٕ عالمِ انسانٔس پیٹھ تہنٛدی احسان واکرامنک ذِکر ہوی موضوعات دأپراونہٕ چھِ آمتی:

بہٕ اوسُس کُنی تمی انسان کوٗرنس
بہٕ اوسُس ہارٕ پھوٗل یا قوٗت کوٗرنس
چمک دی دی بہٕ کوٗرنس گاشہِ مرکز
ستو رنگو بہٕ زن آفتاب جوٗرنس

☆

خلپلن آرِزو کوٗر چانہِ روئیک
کلیمن جستجو کوٗر گفتگوئیک
گُرِتھ گوٗو ہم نفس دِل ابنِ مریم
ژٕیے وُچھ وُچھ یوٗسفن چھوٗل آب روئیک

فاضل کاشمیری اُسی ابتدا ہس منٛز اردوٗ پأٹھی قلم آزمأیی کران تہٕ ابتدأیی کلامہٕ کوٗرُکھ ''گلسدتہٕ فاضل'' ناوٕ شایع۔ یہِ اردو کلامہٕ چھُ ییمہِ سوٗ مبرنہِ ہنٛدِس اٰخری حصس منٛز شامل۔ یمن ابتدأیی نعتن ہُنٛد مطالعہٕ تلہٕ چھُ نَنان زِ یمن چھ گوڈٕ کالہٕ پیٹھے اکھ موزوٗن طبیعت اوسُمت تہٕ حفیظ جالندھری ہوبن سر کرہٕ اردوٗ شاعرن ہُنٛد چھُ تمن پیٹھ اثر روٗدمُت۔ یہنٛدِ امہِ اردو نعتیہ کلامُکی کینٛژھہ نموٗنہٕ:

وہ جس کے نام کا شہرہ زمیں سے آسماں تک ہے
زمیں سے آسماں تک ہی نہیں ہے لامکاں تک ہے

قرارِ عرش کا باعث ہوا ہے نقشِ پا جس کا
بنائے عالمِ ایجاد ہے حُسنِ عطا جس کا

☆

سرنگوں بُت ہوگئے اور قصرِ کسریٰ گر گیا
بُجھ گئے آتشکدے روشن ہوا سارا جہاں

کیٖژون صاحبِ رائے سُخن شناسن ہُنْد وُنُن چھُ زِ بسیار گوٚیی واتنوو فاضل صائبنس پٔرٛزنٔو دَوارٕ تہٕ۔ اتھ کتھِ منٛز کوتاہ وزن چھُ، تہٕ چھُنہٕ سردست سون موضوٗع۔ فاضل صائبس چھُ دیٖنِ اسلامُک سوٚن مطالعہٕ۔ تِمو چھِ نعتِ شریفو علاوٕ تِھدِ پایہٕ حمد ومناجات تہٕ وٕنی مِتۍ۔ ''انوارِ محمدیؐ''سوٚمبرنہٕ ہِندِس اٰخرس پٔتھ چھُ ''دعائے معصوم'' ناوٕ امہِ قبیلکۍ قریباً ۴۰ ر کاشُری حمد ومناجات شامِل۔ یِمن منٛز خالقِ کائینات ہِندِ شانِ ربوٗبیتُک، تِسُند قادرالمطلق آسنُک تہٕ توحیدِ الٰہی یُک ذِکر کرنس ستۍ ستۍ شاعرِ سُند بارگاہِ الٰہی یس منٛز پننہِ بے بھاعتی تہٕ کوتاہ عملی ہُند اعتراف تہٕ دُنیاہچ تہٕ عقبیٰ ہچ سُرخ رویی حاصل کرنچ نیازمندانہٕ جسارت پیش چھِ آمٕژ کرنہٕ۔ چنانچہ سانہِ حمدیہ تہٕ نعتیہ شاعری پٔتھ تہٕ چھُ فارسی شاعری ہُند وِیٛو داثر مگر فاضل صائب چھُ پننِن حمد وُنعتن حتی الامکان پنُن اکھ کاشُر مزاز تہٕ رنگ وآہنگ عطا کران۔ زبانی ہُند بےٚ پھٕروک اظہار تہٕ تسلسُل، استعارٕ تہٕ علامتن ہُند ورتاو تہٕ نزاکتِ بیانی چھِ یِہندِس اتھ کلامس اکھ پٔزۍ یہِ وُن اسلوٗب بخشان۔ وُچھو تویم کینٛہہ شعر:

رحیم ژٕ ے چھکھ کریم ژٕ ے چھکھ

خدا تہٕ اللہ چُھ ناو چونٔے

ژٕ خالقِ کُل ژٕ مالکِ کُل

چُھ کاپِناتس نظام چونٔے

☆

تُکھم فقط مے ہار پھٔلو یہٕ نظرِ ہُنٛد فریب

کم گوٚھی نہٕ کیٚنٛہہ اگر دوٚژھو گوہر دِہم

☆

ژیٚے کُن نمان سأری

نٔوری بشر تہٕ نأری

لگیو ژٕ ے پأرٕ پأری

اے مہربان خُدایا

☆

بے نیاز ورٕ ژنہٕ زد میٲنین امارن کُن تہٕ وُچھ

اکھ دما کم جاےٚ میٲنین راز یارن کُن تہٕ وُچھ

بطورِ مجموعی چُھ فاضل صأب "انوارِ محمدیؐ" ناوٕ نعت وحمد سوٚمبرنہٕ منٛز أکِس صاحبِ ووستاد سُخنور تہٕ أکِس بے لوث تہٕ پُر جسارت عاشقِ نبیؐ سٕنٛدِ حیثیتہٕ بارگاہِ رسالت مآبسؐ منٛز ہدیہِ خلوص ہیتھ زمزمہ سنج تہٕ وجد کُنان باسان۔ سُہ ییٚتہٕ

آنجنابن ہُندِس سیرت وصوٗرتس تہٕ جلال و جمالس دِل تہٕ چشمہٕ آلوان چھ، تتہٕ چھُ پننٕز تہٕ پننہِ قومِچ بے کسی تہٕ کم مایگی ہُند فریاد ہیتھ خیردارینچ تہٕ شفاعتچ سپاس گذٲری تہٕ خواستگٲری تہٕ کران۔ تم دزایہِ ۱۱ر جُلایہ ۲۰۰۴ ءمنز یتیمہِ عالمہٕ۔

''انوارِ محمدیؐ'' ناوٕ نعت ومناجاتن ہنز یہِ ڈالی چھِ أکس شایانِ شان گیٹ اَپس منز شایع سپز ءمژ۔ البتہٕ گوڈٕ دسلابس منز یُس ''یا ایُّہَل المُدثرّ'' عنوانس تحت سوٗمبرنہٕ ہنز باگنۍ شمٲری چھ، تتھ منز چھنہٕ نمبر شُمار دِنہٕ آمُت، یُس قریباً ۹۶ ر تام واتان چھُ تہٕ نہٕ چھِ تم ذیلی عنوانات دِنہٕ آمتی یمن تحت یم ہدیہٕ تبریک شأمِل کتاب چھِ۔ مثالہِ پأٹھی فخرِ روزگار، شہِ لولاک، والصبح رویا، جانِ تمنا، جمالِ محمدؐ تہٕ دُرِ بے بہا بیترِ بیترِ۔ فاضل مُرتب نِگران حضراتن تہٕ چھُنہٕ اوٚکُن ظون پیوٚمُت۔

بہر حال کأشرِس ادبس منز روزِ یہِ نعت و مناجات سوٗمبرن ہمیشہِ نوٗر افشأنی کران تہٕ دِلن تہٕ روٗحن ایمان افروزی بخشان۔ اللہ تعالیٰ کرِنی فاضل کاشمیری صابس امہِ کس اجرس وومیدوار۔ یہِ مختصر کتھ واتناوٕ تہُنْدِ یتھ شعرس پیٹھ اند

فأضلا جذبس اثر ہولس کشش لولس اثر
یوٚرِ یُس گاران چھُہَن سُے اوٚر گاران آسہِ ما

☆☆

# حوالہ جات


۱) انوارِ محمدیؐ۔ الحاج فاضل کاشمیری، ۲۰۰۹ء ایڈیشن

۲) کاشُر ادبُک توٲریخ، مُرتبہ: ناجی منور، شفیع شوق، ص: ۲۳۹

۳) سون ادب، سرینگرٕ کی شاعر، پروفیسر شاد رمضان، ص: ۱۷۳

۴) بےرنگ، سید رسول پونپُر، ص: ۱۵۱-۱۶۸

ایس راضی

# زوٗنہِ منز ڈٲل

یہِ عنوان ہیتھ نظم چھےٚ فاضل صابنہِ ''دستھ کورِ'' کتابہِ منز چھپیمٕژ۔ یہِ چھےٚ بندن ہنٛزِ شکلہِ منز چھاپ کرنہٕ آمٕژ۔ کتابہِ منز چھس کہہ بند۔ طریقہٕ چھس یہِ تھاونہٕ آمُت زِ گوڈٕ نِکہ مصرعہ چھِ پوٗرٕ پوٗر دِنہٕ آمٕتۍ تہٕ دوٚیمین مصرعن چھےٚ ژٕ ژٕ چھلہِ کرنہٕ آمٕژ۔ مثلاً گوڈنیک بند چھُ یتھہٕ پأٹھی:

بالہٕ پٮ۪تھ زوٗن وۄژھ بے اختیار آبس أندر
پی ڈلس منز عام گوٚو
لگۍ اشتہار آبس أندر

ہنا سٲنتھ چھُ پرٕن وول یتھ نتیجس واتان زِ یہِ نظم چھےٚ

غزلی ہیئتس (Forms) منز لیکھنہٕ آمٕژ۔ نظمہِ چھُ باضابطہٕ گوڈُت (مطلع) تہٕ اندُت (مقطع) اگر لیکھتِس (تخلّص) تابع تھاوون تیلہِ چھسنہٕ اندُت۔ نظمہِ ہُند ردیف چھُ ''آبس أندر'' تہٕ (بے) اختیار، اشتہار، لارِ لار، بیدار، شالمار، چنار، (موختہٕ) ہار، آبشار، پروردِگار، ہمکنار، بے قرار تہٕ بے شمار چھِس قافیہ۔ یہِ نظم چھےٚ کاشُر ڈپارٹمینٹ، یونیورسٹی آف کشمیر حضرت بل، سرینگر

کہِ طرفہٕ "علم تہٕ ادب" جلدأ رکس منزٕ تہِ چھاپنہٕ آمژ تہٕ اَمہِ کیو ترتیب کاروچھےٚ یہِ غزلی رپس منزٕ ے چھاپمژ ، ووٚنی گوٚ وودون نظمن چھُ پانہٕ وأنی پھیر تہِ ، تہِ زن گوٚ وتمو چھِس دَہ شعر چھاپأوی متی ییلہِ زَن فأضلؔ صأبن" کہہ چھاپأوی متی چھِ - یہِ تفصیل دِتھ تہِ چھےٚ یہِ کتھ مزید وضاحت منگان - اَوے چھُ یہِ وٕنن ضروٗری زِ فأضلؔ صأبنہِ کتابہِ ہُنٛد دوٕیم شعر چھُ:

ڈُنگ دواں وٕلی وٕلی کھساں، یتھ پأٹھی کالے آمژن

مہرنین آساں چھےٚ سحرس لارٕ لار آبس اَندر

ژوٚم شعر کوہ چھِ خاموش، آب مدہوش، دوٚروٗ نزدیک زَن بےٚ ہوش

سرد و گرہٕکی نیاے گأمتی ہمکنار آبس اَندر

ژٕہم شعر زوٚنہِ کُن پمپوش، زأوِلی ساد نیلأنی ڈُپٹہٕ دِتھ

منتظر روٗدی، زاگ ہیتھ روٗدی بے قرار آبس اَندر

اَتھ برعکس چھِ "علم تہٕ ادب" کتابہِ ہِنٛدِس ترتیبس منز نوم

زِ شعر:

شٔیم شعر ووٚن نسیمن لونچہٕ تھھ دِتھ زوٚنہِ وَس اَز ہے رِگندو

روٗف کرو، درگاہ ترو، وٕنی دی مےٚ تار آبس اَندر

نٔوم شعر زوٚنہِ وٕچھی وٕچھی پرٕتکی سأری صنم پوٚزلیہِ وٕتھی

درشنس پزاراں قطار اَندر قطار آبس اَندر

تہِ نُتھی کرنہٕ آمتی - یِم زِ شعر کتہِ أنی تمو، چھُ تحقیق طلب مسلہٕ بنان - بد

قسمتی کنی چھنہ فاضل صابنہ نظمہ لکھن تارٖیخ درج تہٕ نہ کتابیے چھپن وٕری دِتھ،
ووٗنی گوٚو یہٕ نظم گوٚڈے وارِیاہ پرانی آسنی تکیاہ زِ مے چھُ امیک یہٕ شعر۔

کہکشاں ہیتھ، راتھ ہیتھ، تارکھ تہٕ صبح وشام ہیتھ

حُسنِ قُدرت ہیتھ نمیٚو پروردِگار آبس اَندر

۱۹۶۲ عیسویس اَندر، اَمے آیہ، بوٗزمُت۔ بہرحال، دون کتابن سمکھ
گرِتھ تہٕ ساری شعر یکوٹہٕ گرِتھ چھُ پرَن وول یتھ نتیجس واتان زِ نظم چھےٚ تُرٕ وہَن
شعرَن ہنز۔ اَمہِ علاوٕ چھُ شعرن ہُنٛد تقابلی مطالعہ گرِتھ لفظی پھیرِ تہٕ بُتھِ پیوان مثلاً
فاضل صابنہِ ترٛیمہِ شعرُک قافیہ چھُ ''بیدار'' یُس ''علم وادب'' کتابہِ ہُنٛد دوٚیم
شعر چھُ مگر تتہِ چھُ ''ہُشیار'' قافیہ ہیتھ۔ یےٚ چھنہٕ ترتیب کارِ وما بدلوو یہٕ لفظ پانے،
یہٕ زانِتھ زِ ''بیدار'' لفظ چھُ نبتہٕ سوٚتھ تہٕ اَتھ مقابلہٕ ''ہُشیار'' لفظ متحرک، یُس
شعرس زوٗ بخشہِ۔ فاضل صابنہِ کتابہِ ہنٛدِس شیٚمس شعرس، یُس یتھٕ کنی چھُ۔

اَنہِ خانس منز سجوو وٕلی حُسنچے پرٕی یے محل

وٕژھ لیو کنی وُزملو چھیٚکو موختہٕ ہار آبس اَندر

منز چھُ دوٚیمس مصرعس منز ''چھیٚکو'' (جمع) لفظ استعمال کرنہٕ آمُت تہٕ ''علم تہٕ
ادب'' کتابہِ منز چھوٚک (واحد) حال آں کہِ ''چھیٚکو لفظے چھُ شعرِ چہِ شعریٚتہٕ
سادان نہ زِ ''چھوٚک'' مگر دوشوٚنی صورتَن منز چھُ شعر خام روٗ دمُت۔ اَتھ خامی
ہیٚمو ہنا سام تہٕ۔ گوڈٕ نکہِ مصرعُک نثری ترتیب گوٚو: ''حُسنچہٕ پرٕی یہٕ سجوو، وٕلی، اَنہِ
خانس منز، محل''۔ نظمی ترتیب لگِتھ چھُ اَتھ مصرعس وزن کم گوٚھان تہٕ چھُ

پھٹان۔عاجز گژھتھ چھُ شاعر ''حُسنچ'' تہٕ ''پرٕ یہ'' لفظن ''اَے'' پوٚت لوٚگ

(Suffix) واٲٹھتھ وزن برابری کران تہٕ مصرٕعک حسُن چھُ، اَتی نےٚ وٕسی

پیوان۔اَمہٕ پتہٕ چھُ قٲری امیک دوٚیم مصرعہ:

وٕژھ لیٚو کٔنی وُزملو چھکیٚو موختہٕ ہار آبس اَندر

پرٕتھ (گوڈنیک ہیتھ) یتھ نتیجس واتان زِ ''حُسنچ پرٕی'' یوسہٕ اَنہٕ خانس

سجاوان چھےٚ تہٕ وُزملہٕ، یمو آبس اَندر موختہٕ ہار چھکیٚو، چھِ کارکنن ہنٛدی زٕ ژٕری

(Parties) یہٕ نہٕ بظاہر شاعرِ سُند مدعا چھُ تکیاِ زِ تمی چھُ ''پرٕی محل''، شالمارٕ کرتہٕ

نشاطکی پاٹھی پننہٕ فکرِ ہُند مرکز بنوومُت مگر تہٕ چھُنہٕ کانٛہہ آمُت یلہِ زن بڈٕ شاعر

بجرس پیٹھ قدرت لبنچ توژھ تہٕ تھاوان چھِ:

اک پھول کا مضموں ہو تو سو رنگ سے باندھوں

(میر انیسؔ)

فاضلؔ صاٮ۪بن دوٚیم شعر یُس یتھٕ کٔنی چھُ:

ڈنگ دواں وٕلی وٕلی کھساں یتھٕ پاٹھی کالے آمژن

مہرٕنین آساں چھےٚ سحرن لارٕ لار آبس اَندر

چھُنہٕ ''علم ادب'' کتابہٕ منز درٕج کرنہٕ آمُت۔میوٚن قیاس چھُ یی زِ یہِ

چھُ کاشرِس مروجہ اخلاق وادبس مخالف شعر تہٕ یُتھ شعر کورُن بزوٚنتھ کنہٕ۔ پرٕنچ

چھُنہٕ اَسہِ بتھی لب۔مشہور امریکی شاعرس (Walt Whitman) تہٕ کرِیاو

ایمرسنن (E.W.Emesson) کینٛہہ نظمہٕ پننہٕ (Leaves of Grass

کتابہِ منز چھاپنس منع تِکیازِ تمن منز اوس ہم جنسی (Homo Sexualty)
بارسس انگ جوش تہِ موٗجودتہٕ عُریانی ہُنٛد نقص تہٕ مگر والٹ وِٹمینن چھاپہِ تمہٕ نظمہٕ
ایمرسن سنٛزِ خواہشہِ برخلاف۔ چھاپ گژھتھ آو تمن نظمن وحشت ناک تہٕ غارٕ
شائستہٕ (Beastly and Indecent) وننہٕ۔

یتھے پاٹھی چھےٚ مذہبس تہٕ شاعری تہِ پانہٕ وانی، کُنہِ ساعتہٕ، بُتھی لاگے
گژھان تہٕ یتھین موقعن پیٹھ چھُ شاعر معاشرُک خیال تھاوِتھ یتھی شعر یاتہٕ
ضایہ کران نتہٕ پانسے نِشہِ تلِتھ تھاوان مگر کُنہِ وقتہٕ چھُ زانتھ مانتھ یا ان زانی منز
یتھی ہوی شعر چھاپان۔ یوہے صورتِ حال چھُ فاضل صابس تہِ یتھ شعرس
باگہِ آمت۔

کہکشاں ہیتھ، راتھ ہیتھ، تارکھ تہٕ صبح و شام ہیتھ
حُسنِ قُدرت ہیتھ نمیوو پروردِگار آبس اندر

مطلب زِ دوٚیمس مصرعس منز اوس فاضل صابن ''وُچھان'' بجایہٕ
''نمو'' لفظ ورتو مُت مگر پتہٕ چھُن پننہِ چھاپہٕ کتابہِ منز، شاید یہِ زانتھ زِ اتھ ما
کرن دین پسندلوکھ اعتراض، ''نمو'' بجایہٕ ''وُچھان'' لیوٚکھمُت تہٕ حقیقت چھےٚ زِ
اَمہٕ معمولی پھیرٕ ستی چھُ شعر اسمانہٕ وٕستھ زمینس وو تمت۔ میانی رٕنۍ اوسنہٕ ''نمو''
لفظ قابلِ اعتراض تِکیازِ الفاظ چھِ گواہ زِ شاعرس چھنہٕ نیت خراب تہٕ شعر چھنہٕ اللہ
تعالیٰ سنٛدس شانس خلاف گژھان۔ بوٚز ہے بوزو تہٕ ساری سے نظمہِ منز چھنہٕ
یُتھ ہیوٚ حرارت انگیز شعر یتہٕ بوٚرُت کانہہ تہِ شعر۔ باسان چھُ اوسے چھُ ''علم تہٕ

ادب'' کتابہِ منز ''نمو'' لفظِچ پنہٕ دشایہِ تھاونہٕ آمُت، وونی گوٚو بُتھِ چھُس فاضل صابُن ''ہیتھ'' لفظ بجا تھاوُن نہٕ زِ ''علم تہٕ ادب'' کتابہِ ہُنٛد ''ہیو'' تِتھے پاٚٹھی چھُ یتھ شعرس:

''زوٗنہٕ گاشُک ساز بے آواز آبُک جل ترنگ''

تہِ قافیہ بدلی کرنہٕ آمُت۔ ''علم تہٕ ادب'' کتابہِ منز چھُ ''شالمار'' بجایہ ''آبشار'' دِنہٕ آمُت، یہِ شاعرسٕندِس مدعا و مقصدس برخلاف چھُ۔ نِوم تہٕ دٕہم شعر کیا زِ چھِنہٕ ''علم تہٕ ادب'' کتابہِ منز درج، چھُ اکھ سوال، یُس اَز تہِ پرٛژھ گاٚرہُنٛد مسلہٕ چھُ تہٕ بہ آسانی اَندتھ ہیکہِ مگر یِہ کال پٔتھ ترٛاوِتھ بنہِ تحقیقُک کھٕری دار مسلہٕ۔ نُوِمس شعرس منز چھِ متضاد علامژن ہنٛدی جورٕ ورتاوِتھ قولِ محالُک (Paradox) طریقہِ اختیار کرنہٕ آمُت، سُہ گوٚو ''کوہ'' بمقابلہ ''آب'' ''دوٗر''، بمقابلہ ''نزدیک'' ''سرد''، بمقابلہ ''گرم''، مگر شعر چھِنہٕ وضاحتی تہٕ شعرُک وضاحتی نہٕ آسنے چھُ بار ہا شعرُک حُسن ژھٹان۔ زیرِ بحث شعرس منز ''گرم و سردٕکی نیاے آبس منز ہمکنار گژھُن'' تہِ چھُ معنیکی پاس (Shades) ہیتھ ظہوٗرٕ پژاوان۔ تِتھے پاٚٹھی دٕہم شعر...... زوٗنہِ ہنٛدِ باپتھ پمپوشن ہُنٛد زاوِلی سادٕ نیلائی۔ ڈٕپٕہ بیقراری ہنٛدِس حالس منز زاگ ہیتھ روزُن تہِ چھُ معنہٕ ساوبر ہیتھ منظرکشی ہنٛز اعلا مثال۔

وونی یِم زٕ شعر فاضل صابنہِ کتابہِ منز درج چھِنہٕ تہٕ ''علم و ادب'' کیو محترم ترتیب کاروٕ ژھراوی یتی چھِ، تِم چھِ پزی پاٚٹھی اَتھ لایق زِ تِم یِن نہٕ

منساونہٕ لہٰذا چھُ تمن کُن اِشارٕ کرُن ضرۆری۔ ''علم تہٕ ادب'' کِس ترتیبس منٛز چھُ شیٚیم شعر یہِ۔

وۄن نسیمن لونچہٕ تھپھ دِتھ زۄنہِ وَس اَز ہے گنٛڈو
رۄف کرَو درگاہ ترو، وُنی دی مے تار آبس اَندر

اَتھ شعرس منٛز چھُ نسیم (باغ) تہٕ زۄن شخصاونہٕ (Persoanify کرنہٕ) آمٕتی۔ ''نسیم'' چھُ شُرتہٕ ''زۄن'' چھےٚ مائج۔ ''اَز'' لفظہِ چھُ معنی خاۓز تہٕ اَتھ ہکو ''دَرٕ زۄنہٕ ہنٛز راتھ'' تہِ مطلب ننتھ تہٕ ''ژلہِ وُن بڑۄ تٕز'' تہِ۔ بہر حال ''شُر متٕن چھُ ہوٚس متٕن'' کاشُر دۄپ مدِ نظر تھاۓوِتھ چھُ نیٚچو پنہٕ ماجہِ لونچہٕ تھپھ دِتھ فوراً (وُنی) آبس منٛز تار دِنہٕ خاطرٕ مجبور کران تاکہِ تم کرَن حضرت بل (عبادتا) رۄپھ (گامی لفظ ''رۄ'' رۄف اِملا چھُ غلط)۔ یہِ شعر چھُ بصری (Visual) پیکر ساۓزی ہیتھ لمسی (Tictile) پیکر ساۓزی ہنٛز تہٕ اعلا مثال۔ نی تون نِوم شعر:

زۄنہِ وُچھ وُچھ پرٕتکی ساۓری صنم پۄزابہِ ؤتھی
درشنس پڑاراں قطار اَندر قطار آبس اَندر

یتھ منٛز زَن (ہارٕ) پرٕتکی موجۄد (تہٕ تخیلی) ساۓری صنم (مۄرژ) زۄنہِ ہنٛدِس درشنس صف بندی کرِتھ منتظر چھِ، چھُ اکھ اۄچھ منظر وُچھن لایق بناۓوِتھ سون اۄندرون وُزناوان۔ اَمِچ پیش کشی (Presentation) چھےٚ لۄبہٕ وُنی تہٕ

یہِ چھُ امہِ نظمہِ ہُنٛد دوٚیم زوردار شعر :

آیہِ تارکھ چانٛدِ منٛز وُنی گربکھ دِواں یُرلیہِ کھٔتی
زوٗنہِ وُچھی وُچھی ژاٗنگی زاٗلِکھ بے شمار آبس اَندر

چھُ دوشوٗنی کتابن ہُنٛد اَخری شعرتہٕ دِنہٕ آمتہِ طریقہٕ چھُ یہِ "علم تہٕ ادب" کتابہِ منٛز درج مگر امیک گوڈنیک مصرعہ چھُ فاٗضِل صاٗبنہِ کتابہِ منٛز یِمہِ آیہِ درج۔

آے تارکھ چانٛدِ منٛز گربکھ دِتھ ہَنہٕ یُرلیہِ کھٔتی

فاٗضِل صاٗبنس مصرعس منٛز گوٚتھ "ہَنہٕ"، "ہنا" تہٕ مصرعس منٛز "گربکھ دِتھ ہنا"، لیکھِتھ آسُن۔ یِیلہِ زَن "علم تہٕ ادب" کتابہِ منٛز "گربکھ دِوان"، لیکھِتھ چھُ "ہنا" تہٕ "وونی" الفاظ منساوِتھ چھِ دوشوٗنی کتابن منٛز محاورٕ "گربکھ دِتھ" تہٕ گربکھ دِوان" بچان، یِمن ہنٛدِ ورتاوٕ شعرس بیوٚن بیوٚن معنہِ ووتلان چھِ۔ اَمہِ لِکھِ چھُ فاٗضِل صاٗبُن شعر بامعنی تہٕ "علم تہٕ ادب" کتابہِ ہُنٛد شعر بے معنی بنان تِکیازِ "گربکھ دِتھ" محاورٕ چھُ حالتِ مغعولی کُن اشارٕ کران، یہِ شاعرسُنٛد مقصد چھُ تہٕ یُس دوٚیمس مصرعس سادانٕ تہٕ چھُ۔ اَتھ برعکس چھُ "گربکھ دِوان" حالتِ فاعلی ہاوان تہٕ دوٚیمس مصرعس بُتھی پھیری گوٚھان۔

یوٚدوَے اَتھ نظمہِ منٛز کینٛہہ خاٗمیہِ تہٕ چھےٚ، یِمن کُن اِشارٕ تہٕ کرنہٕ آو، تیٚلہِ تہٕ چھےٚ اَتھ غزلی ہیت اکھ مکمل نظم بناونس منٛز اَتھہٕ روٗٹ کران، نتہٕ زَن چھےٚ اکھ رٕژ نظم محض اکہِ ڈیٚلہِ لفظ کہِ وجوٗدٕ سِتی تباہ وبرباد گوٚھان۔

اَخرس پیٹھ وَنہٕ یہِ زِ یہِ نظم چھےٚ منظرنگاٗری ہنٛز رٕژ مثال یوٚسہٕ پرٕن

وأرلس مشہور انگریزی رومانی شاعر (William Wordsworth) سنٛز منظر نگاری یاد پاوان چھےٚ۔ نظم چھےٚ پانے گواہ زِ یہِ چھُنہٕ فرأری یت (Escapism) کہِ وُتشاوچہِ مجبوری تحت لکھنہٕ آمٕژ۔ بلکہ چھُ شاعر سنٛدِ خلوٗصُک وُشنیر اَتھ وجوٗد بخشنک ذمہ وار، تیمی اَتھ یِتھ ہش فضاحت عطا کرمٕژ چھےٚ۔ نظم چھےٚ رواں آبکی پأٹھی روٗ زِتھ گوٗھنکہِ (Fixity) ہنٛدِ) نوقصہٕ نِشہِ پاک۔ مے کرنہٕ سارِنے شعرن ستی چھیٚر خأنی یہِ مأنِتھ زِ جان شاعری چھُنہٕ معنہ مفہومس تابع آسان بلکہ چھِ معنہِ مفہومٕ شاعری تابع آسان۔ جان تہٕ زبَر شاعری چھےٚ شبنم۔ شبنم چھُ نظارُک چیز نہ زِ چھیٚر خألی کرنُک۔ ہرگاہ اَتھ لأگ زبس امیک سوٗرے حُسن و جمال یِیہِ چھکرنہٕ تہٕ حأصل یِیہِ نہٕ کہنی تِہ۔ اوے چھس بہٕ یہِ منتشر نظم یکوٹہٕ کرِنی پنٕنی ذمہ دأری زأنِتھ پیش کران۔

# زوٗنہِ منٛز ڈل

بالہٕ پتٔ کھۄت زوٗن وۄتھ بے اختیار آبس اَندر
یِی ڈلس منٛز عام گوٚو لگو اشتہار آبس اَندر
ڈُنگ دِواں، وۄلی وۄلی کھساں، یتھٕ پأٹھی کالے آمژن
مہرِنٕن آساں چھےٚ سحرَن لارِ لار آبس اَندر
نِندرِ وۄتھ راتچ جوأنی، گاہ ہُریوو، روتُل چھونیوو

زۆنہِ وُلی مہرازٕ شۆنگمت کۆر ہُشیار آبس اَندر

زۆنہِ گاشُک سازِ بے آواز، آبُک جل ترنگ

یِ کنو ہُز ہِندرِ ہۆت وۆتھ شالمار آبس اَندر

دۆرِ دٕری گنٛڈۍ ویرِ وارٕو، حوٚبارو ہیۆت گیوٚن

بالہٕ داٛمنٕ نۆنہِ لگی پھربس کیوٚ تے چنار آبس اَندر

اُنہٕ خانس منٛز سجوو وُلی حُسنہٕ چے پٕرٕیے محل

وُٹھ لیِو رکنۍ، وُزملو چھکیٚی موختہٕ ہار آبس اَندر

بالہٕ پیٚٹھی ہر جایہٕ استقبالہٕ باپتھ لالہٕ دزٕاے

بزوٚنٛتھ وُتھی باغِ نشاطکو آبشار آبس اَندر

کہکشاں ہیتھ، راتھ ہیتھ، تارٕکھ تہٕ صبح و شام ہیتھ

حُسنِ قدرت ہیتھ نموٚ پروردگار آبس اَندر

کوہ چھِ خاموش، آب مدہوش، دۆرونزدیک زن بےٚ ہوش

سرد و گرمکی نیاے گاٛمتی ہمکنار آبس اندر

زۆنہِ کُن پمپوش زاُولی ساذِ نیلانٕی ڈُپٹہٕ دِتھ

منتظر رۆدی، زاگ ہیتھ رۆدی بے قرار آبس اَندر

آیہِ تارٕکھ چاندِ منٛز گربکھ دِتھ ہنا بُرلیہٕ کھٕتی

زۆنہِ وُچھی وُچھی ژاُنگی زاُلکھ بے شمار آبس اَندر

وۆن نسیمن لونچہِ تھپھ دِتھ زۆنہِ اوس اَز ہےٚ گنٛدو

رۄ پھ کرٕو، درگاہ ترٕو، از دی مےٚ تار آبس اَندر

زۄنہِ وچھی وُچھی پرٕتکی ساری صنم پۆزایہِ وٕتھی

درشنس پڑاراں قطار اَندر قطار آبس اَندر

یتھٕ پاٹھی گیہ یہ نظم (۱۴۳ہن شعرن ہنٛز) مکمل۔ تم زٕ شعریم فاضل صابن ترٲوِ ہتی اَسی تہٕ ''علم تہٕ ادب'' کتابہِ منٛز موجوٗد اَسی، آیس پۆتُس واتنہٕ۔ ہرگاہ دوشوٗنی کتابن ہُنٛد اَخری شعر نظمہِ پننے دَشایہِ تھاوِ زبن تیٚلہِ تہٕ چھُ ''زۄنہِ منٛز ڈل'' نظارٕ، چھاوِتھ تہٕ اڈلیوٗ گے روزان تہٕ یہٕے چھےٚ امہِ نظمہِ ہنٛز کامیابی۔

☆☆

ابس راضی

# پروڈی

## فاضل صابنہِ ''زٕو نہِ منز ڈل'' نظمہِ

''یِی کنو یوٗز ہِندرِ ہوٗت وۄتھ آبشار آبس اندر''
آبہٕ قطرن گیہِ وُکرٕنۍ بے قرار آبس اندر

''سرد و گرمکۍ نیاے گاٹتی ہمکنار آبس اندر''
چرسیٚن ہشرِ چلمہِ قائض بادہ خوار آبس اندر

''دوٗر ڈرۍ گنڈۍ ویرِوارو، جوٗبارو ہیوٚت گوٚن''
ییٚلہِ پسند آکھ ڈلکۍ رنگۍ رنگۍ چبارہ آبس اندر

وائے بہٕ تہِ کھمہِ ہاہنامے تہِ آب چھُم اُسس یِواں
محترم عبدالغنی، عبدالغفار آبس اندر

''بالہٕ پیٹھٕ ہرجایہِ استقبالہٕ باپتھ لالہٕ وژاے''
لالہٕ بایَو چھوٚک تمن واپس پھُکار آبس اندر

اوس باواں سِر ژٕجس نیرِتھ کتھاہ نمتن اندر
پانہٕ ڈیوٚٹھم بانہٕ محلُک تھانہٕ دار آبس اندر

''وۄن نسیمن لوٚنچہِ تھف دِتھ زوٗنہِ وس از ہےٚ رِگندٕ''
ؤتھی سلامت یوٗرِ پیٚیہِ دوشوٚے بےٚ مار آبس اندر

لٗالہِ دوٚپنس میانہِ وصلک جھیلِ ڈل روٗدے شرط
چانہِ موکھہِ آسم وندس منز انتظار آبس اندر

تٔرِ زِ ییٚتہِ تھوومُت نشاطُک باغ چھکھ بالس الوند
بٔلگٔلے تٔرِ ییٚتہِ پٔتھرٕ وٲنی شالمار آبس اندر

کھبتھ چُھ نیران پٔندٕ خدایا وۄنی مہٕ پرٕسک روٗدلاگ
وبتھ چھےٚ ماراں گژلیہِ اسی چھس ٕکنکہٕ ڈار آبس اندر

گوس کنیاہتام پھیرٕ یکدم آو نیرِتھ گۆو ڈلس
سخت پشتاواں چھُ خر گۆو داغدار آبس اندر

ڈل ڈٔہس پٮ۪ٹھ کر نظارا بالہٕ یارا میٚون بوز
ناوِ ہانٛزٕ خشکس چھُ کھۆتمُت گٔری سوار آبس اندر

کۆٹھ مے پھُٹٕنم پٕزٕ مے نے وٕنی مے یہِ کتھ الیس راٗضیا
بۆٹھ وۄتھُس منٛز راوِروم اختیار آبس اندر

☆☆

عبدالغنی بیگ اطہرؔ

## ستھ کورِ

سبٹھاہ کم چھِ تِم گونماتھ یِمن پننہِ حیاتی منٛزٕ ے عام و خاصس منٛز شوہرت تٕہ قبولیتُک درجہِ چھُ میلان۔ یِمو خوش نصیبو منٛزٕ چھُ الحاج فاضل کشمیریؔ تِہ اکھ، تیمی پننہِ حیاتی منٛزٕ ے نہٕ بلکہِ اَمہِ پتہٕ تہِ واریاہس کالس بلالحاظ مذہب و مِلت شوقہٕ وٲلین ہٕندبن دِلن پیٹھ حکمرٲنی کٔر تہٕ خبر وُنہٕ تہِ کِتیس کالس روزِ یہِ سِلسِلہٕ جٲری۔ تیٚہندی بٲتھ:

کرالہِ کوٗری مالہٕ کرٕ ہے کوسَمن

☆

ہا پٔہلو کوٗرے ہیمٲلی یے

☆

میٲنی سپدَ کھنا بہٕ کرٕ ہے دِلبٔری

☆

چھلہِ چھلہِ ملالہٕ ہٲے دوٗبی بٲے

☆

کابن موختہٕ برناوِیو

☆

سبزٕ زارَن کوہسارَن ہُنٛد وطن

☆

نو بہار نے لوکچار نا پایدار

☆

زانٛہہ تہٕ غارَس چھاتہٕ باوان رحمۃ للعالمین

☆

چھنہٕ روٗس پیالہٕ گوم خالی یے

☆

بیٚترِ بأتھ گتھ کھہ ڈوٗرِس منٛز۔ خاندرٕ دروسمَن تہٕ ہُر بن منٛز۔ گیوٚن محفلَن منٛز۔ ریڈیو تہٕ ٹی۔ وِی۔ پرٛوگرامَن منٛز چھنہٕ گیوٚنہٕ یوان تہٕ پسند نہ کرنہٕ یوان۔ اَمہِ ہُر یمانہٕ اوس فأضل صأبس خدایہٕ تعالیٰ ہن اکھ سکیولر ذہن تہٕ وسیع القلبی تہٕ عطا کٔرمُت۔ تِمس اُس پرٛبتھ سو کتھ خوش یوان یوس بأے بٔندی، لول، مارے تہٕ یکٔت ہیچھناوان چھے، چاہے سو کتھ پیغمبر اسلامؐ چھِ ہیچھناوان۔ گرونانک یا گروارجن دیو جی چھِ باوان۔ حضرت عیسیٰؑ چھِ سمجھاوان یا کرشن جی چھِ باوان۔ یوہَے وجہ چھُ تہنٛزِ شأعری منٛز گۓ رنگارنگی پأدٕ۔ یِیٚتہِ تِمو پنٛنہٕ اردو شأعری ہُنٛد مجموعہ "گلاستہ فأضل" تہٕ کأشرِ شأعری ہُنٛد مجموعہ "ترانہ فأضل" ۱۹۳۴ء منٛز تِمہِ وِزِ

چھوو ییلہِ تم وُنہ اسلامیہ ہائی سکوٗلس منز مڈل کلاسکی طالب علم اُسی تہٕ یمن کتابن منز شامِل غزلیا توتہٕ منظوما توگرعوامی سطحس پیٹھ زبردست مقبولیت حاصل تھمنز۔

بہٕ چانس کائیناتس دِپان چھس سال کرِ ہا
کتابہِ زندگی ہُند سبق بے وایہٕ پرِ ہا

پرائرتہٕ شامِل اُس یوسہٕ جایہِ جایہِ مدرسن منز پرنہٕ اُس یوان۔ تتہِ کرِ یمو ایس۔ پی۔ کالج وأتھے ''پہلی کوٗر''۔ ''کرالہ کوٗر''، سازِ چمن تہٕ نغمہ زار ہشہِ لافانی نظمہ تہٕ تخلیق یمہٕ زبانِ زدگیہ۔ وَق گزرنس ستی گوٚو یہندِ ذہنک کنواس کھجر لبان تہٕ یمن باسیو وزِ ساری مذہب چھِ ژکہِ ہوٗے انسان دوستی۔ باہمی ہمدردی، میل ومحبت تہٕ بائے برادری ہُند سبق دِوان۔ یمو کوٚر گرو گرنتھ صابُن تہٕ ہندو دھرمک تہٕ مطالعہٕ۔ یمہٕ ستی یہندِس سوچس تقویت لیج۔ یمو کوٚر سِکھ دھرمچین مستند کتابن جپ جی، شری سکھ منی، گرو تیغ بہادر سنز بانین تہٕ شلوٚک مہلا ہک کاشُر تہٕ اُردو منظوم ترجمہ۔ یمو ترجمو واتناو یہنز شوہرت کشیرِ پیٹھ سارِسے ہندوستانس تِلکیا زِ یہ اُس اَتھ معاملس منز گوڈنچ کوٗشش۔ یمن ترجمن پیٹھ میلیٖ یمن سِکھو دٔسی ہندوستان کین مختلف گردوارن منز توصیفی اسناد، خِلعت تہٕ انعام تہٕ صدرِ ہند گیانی ذیل سنگھ سنز تہٕ شاباشی۔ اَتھی ستی کوٚر کھ کرشنہٕ لیلاین تہٕ کاشُر ترجمہ تہٕ پرأو کھ ہندبن منز تہٕ مقبولیت۔ طنز وظرافتس پیٹھ مشتمل کتاب ''اَسن کھنگالہٕ'' ییٖہ بازرس تہٕ فاضل بنیاو خوش مزاجن ہُندتہٕ محبوب۔ کتابہ ''یاردی سرٕ'' تہٕ کتاب

''ہمپوش سر'' یِم شُری باتَن پیٹھ مشتمل آسہٕ آیہ چھپھٕتھ تہٕ فاضل بنیایہٕ شُر بن ہنٛدی تہٕ ٹاٹھی شاعر۔ اَمہٕ پتہٕ ییلہٕ ''پرٕچھ گنگ''، ''دستہٕ رنگ''، ''نگہبان'' کتابہٕ بازر ترٲوکھ فاضل صاب بنیایہٕ وطن پرستی ہنٛدی تہٕ قومی شاعرتہٕ تکیاز یِم کتابہٕ آسہٕ حُبِ وطنس تہٕ مناظر فطرت کِبن موضوعن تہٕ نظمن پیٹھ مشتمل۔ ؤں اوس سماجُک نِسوانی گروہ پتھ تہٕ تہنٛدِ خاطرِ لیوٗ کھُکھ رؤف، ونٕون تہٕ ہوہو۔ مُسلمان بٲے ما گژھہن ناراض یا تمن ما گژھہِ ہے یمن متعلق بے دینی ہُنٛد شک۔ اسلئے لیچھکھ ''انوارِ محمدیؐ'' تہٕ ''تصویرِ حج'' ہِشہٕ بہترین کتابہٕ تہٕ۔ ''انوارِ محمدیؐ'' گیہٕ تمام کتابن پیٹھ شوہرتس منٛز پیٹھ اہ سرس زِیٛمکی پتہٕ بییہٕ دٕہ ایڈیشن چھاپنہٕ پییہٕ، یمہٕ دست بدستی بازرٕ کِنہٕ آیہٕ۔

غرض فاضل صابن لیچھہِ ہر کُنہِ موضوعس پیٹھ اکہٕ پلہٕ زٕ درجن کتابہٕ یمو منٛزٕ اَکس کتابہِ ''ستھ کورِ'' تہٕ چھُ ناو۔ یوسہٕ تقریباً شیٹھَن صفن پیٹھ مشتمل چھےٚ۔ یتھہٕ ستی یہنٛزن کتابن پیٹھ مختلف ہستین تہٕ ادیبن ہنٛدی تبصرٕ تہٕ ترجمن ہنٛدی نمونہٕ تہٕ اَرتاجی صفن پیٹھ مشتمل نِتھی چھہِ آمتی کرنہٕ۔ یتھہٕ کنی چھہِ یہ کتاب ۱۲۸ صفن ہنٛز تیار گامٕژ۔

کتاب چھےٚ ستَن کورن ہنٛدن عنوانن ستَن نظمن پیٹھ مشتمل۔ نمبر اکھ ''نۄرٕ''، تیمِس متعلق لالن مٔلی ے میلکھنا وۄچ نظم لیکھنہٕ چھےٚ آمٕژ۔ یوسہٕ ستَن ژاکن پیٹھ مشتمل چھےٚ۔ نمبر زٕ ''پہلی کوٗر'' یوسہٕ ۱۹۳۶ء منٛز

ہا پہلی کوٗرِ ہیمالی یے

وۄ جس پیٹھ ترٛ وٕہَن ژاکن پیٹھ مشتمل نظم چھےٚ۔ نمبر ترٛےٚ، ''کرٛالہٕ کوٗر'':

کرٛالہٕ کوٗری مالہٕ کرَے کوسمن

وۄ جس پیٹھ ژوٗدٕہن ژاکن پیٹھ مشتمل نظم چھےٚ۔ نمبر ژور، ''نیلوفری''

یوسہٕ ہے دِلبری نیلوفری

وۄ جس پیٹھ ترٛ وٕہَن ژاکن پیٹھ مشتمل نظم چھےٚ۔ نمبر پانژ، ''وَنہٕ ژٕر'' یوسہٕ ۱۹۶۳ء منز لیکھنہٕ آمٕژ:

میٲنی سپدٕ کھنا بہٕ کرٕ ہے دِلبری

وۄ جس پیٹھ ۲۳ ہن ژاکن پیٹھ مشتمل نظم چھےٚ۔ نمبر شےٚ۔ ''جگری یادوٗبی باےٚ۔''

یوسہٕ چھلہِ چھلہِ ملالہٕ ہےَ دوٗبی باےٚ

وۄ جس پیٹھ ژوٗدٕہن شُہ مصرعی ین پیٹھ مشتمل نظم چھےٚ۔ نمبر ستھ۔ ''گاڈ'' یوسہٕ اَکوٕہَن شعرَن پیٹھ مشتمل چھےٚ۔

اَمہِ ہُریمانہٕ چھےٚ کتابہِ منز سنبد، ممتاز، نوشہِ لالہٕ، گُلمرگ، پمپوش، زوٗنہٕ منز ڈٕل، کٔشیر، شامِ رنگین، گانٹہٕ بیر، لوکچارتہِ من نظمہِ تہِ شامل۔ یتھ گنٕز چھےٚ کتاب ''ستھ کورِ'' دراصل فاضل صابنِن تِمن نظمن ہنٛز کُلیات یمہٕ تِموٕ اَتھ وقس تام تخلیق آسہٕ کرمٕژ۔ کتابہِ منز چھنہٕ گُنہٕ تہِ یہِ درج زِ یہِ کتاب کر چھےٚ تِمو لیچھمٕژ، اَماپوٚز باس چھُ لگان زِ یہِ چھےٚ تِہندِ اَخری دورٕچ کتاب تِکیٛازِ اَتھ منز چھےٚ تِہنٛز کالج دورچہن نظمن علاوٕ تِمن گرنتھ شلوکن۔ گربانٔین۔ کرشنہٕ لیلاین تہٕ انجیل کین آین ہندِ ترجمک نمونہٕ تہِ شامل یمہٕ تِموٕ اَخری دورس منز کٔری۔ یتھ گنٕز چھُ

باسان زِ کتاب "دستھ کورِ" چھےٚ ۱۹۹۰ء پتہٕ کرتام ترتیب دِنہٕ آمٕژ۔ تیمیک ثبوت گُربائنن ہندِس ترجمس پیٹھ تمہِ وقتہٕ کِس وزیراعظم گیانی ذیل سنگھ سُند تبصرٕ تہٕ شامِل کتاب اَسُن چھُ۔

نظمن تہٕ ترجمن پیٹھ الگ الگ تبصرٕ کرنچہِ طوالتہٕ نِشہِ لوٗب ہتھ ییلہِ اَسی بحیثیت مجموعی شامِل کتاب تخلیقن پیٹھ نظر چھِ ترٛاوان اَسہِ چھُ صاف دریٹھ گژھان زِ فاضل صابن چھُ زانتھ مانتھ مُبہم ناقابل فہم تہٕ گُھری دار شاعری نِشہِ اعراض کُرتھ عام لوٗکن ہندِ فہمہٕ مزاجہِ تہٕ پسندیدگی ہنٛز زبان ورتاوِمٕژ۔ یوسہٕ سبٹھاہ عام فہم۔ جذبل۔ تاثیرل تہٕ ترنم آمیز چھےٚ۔ یمٕ دوٚے نظم کرالہٕ کوٗرٕ تمن دوہن زیادٕے زبان زدٕ گییہِ اماپوٚز رحمان راہی صابُن یہِ گَف چھُ وَزندار باسان زِ پٕہلی کوٗر نظم چھےٚ فنی لحاظہٕ زیادٕے کامیاب تہٕ اَتھ نظمہِ چھُ فاضل صابنس ساری ہے کلامس منٛز تھوٚد درجہِ حاصل۔ "دستھ کورِ" کتابہِ منٛز شامِل سارے نظمہٕ چھےٚ رومانی شاعری ہندی رِتی نمونہٕ تہٕ نسوانی جذباتن ہندی مظہر۔ سراپا نگاری تہٕ چھےٚ یمن منٛز غضبٕچ۔

مستس ژھایہِ چھی پھوتہٕ انزالی
ظُلماتہٕ منٛزی زَن لال تابان
زوٗنہِ چھی ستہٕ ریٚشی پتہٕ اَردالی
ہا پٕہلی کوٗری ہیمالیہ یے (نظم پٕہلی کوٗر)

حُسنکہِ طوٗرٕچ نوٗرٕ مشألی

ژٕے وُچھتھ دِل نے ڈٔنجہِ روزان

أسۍتن زأہد أسۍتن وٕلیِ یے

لالن مٕلیِ یے میلکھنا نظم نوٗرٕ

زٲلی وانکن بٲلی یام حرکت لگان

پوٚژِ ٹلی ہَتھ نالہٕ عطرے ہٕندی پکان

نافہ تا تار یا مُشکِ ختن

کرٛالہ کوٗرِی مالہٕ کرٕ ہے کوسمن نظم کرٛالہٕ کوٗر

تاہم فٲضل صأبنۍ شأعری ہُند چھُنہٕ اکُے پہلو۔ اَتھ اَندر چھےٚ رنگ بہ رٔنگی کتابہِ منز شأمل نظم ''سنہد'' چھےٚ بدل صورت حال پیش کران یوسہٕ شأعرٕ سٕندِ اندرٕ ٹیچ آوازتہٕ احساسٕچ چیخ چھےٚ:

ضمیرُک أنہٕ اوسُم سنگ خارا | پرٛوٗتھوسُم اما پوٚز از گیس رُم

گرٛبوان چھُم شأعری ہنز سنہد گرٛبوان چھُم | ڈٕنتھ نیہ میأنی شوقن تار تےٚ سُم

نظم ''گاڈ'' چھےٚ امہ بدٕل اکھ تمثیلی صورتِ حال پیش کرِتھ یہ سبق دِیُن یژھان زِ انسانس پزِ نہٕ جذباتن منز یتھ اُچھ وٕٹتھ سوچنہٕ سمجھنہٕ ورأے کانٛہہ کأم کرٕنی ییلہِ زِن نظم ''ممتاز'' انسأنی ذہنٕچ یہ صورتِ حال چھےٚ پیش کران۔

پیکرِ انسان فنأیی ٹھوٗر تھاوان | ناو روشن کرنہٕ باپتھ کیاہ کران

تتھے کنی چھےٚ نوشہِ لالہٕ خاوندس تہٕ زنانہِ درمیان اکھ ڈائلاگ۔ یتھ منز خاندار ینٛز فندتہٕ فریب ؤنتھ تہٕ تھنہِ فش کرِتھ مول موج ترأوِتھ مالنی بسنہٕ خأطرٕ آمادٕ کرنچ کوٗشش کران مگر داناہ خاوند چھُس سورے کیٛنہہ بوٗزِتھ جواب دِوان:

شانٛدٕ گنٛدی طوطا یہِ سورے ہا فضول
مول موج تراوُن مےٚ نا ہرِ گز قبوٗل
تور وأنتھ واوِ ہالٕبن ہا لگو
پیٚتی بسو ہا پیٚتی بسو ہا پیٚتی ہا لبو

گُلمرگ نظمہِ منز چھُ گُلمرگُک اُوندپوٚک خوبصورت استعارو تہٕ تلمیحو ستی نقشاونہٕ آمُت۔

''پمپوش'' نظم چھےٚ لُکہٕ شأعری ہنٛدِس مہراز وَنوُن کہِ آیہِ زنانن ہنٛزِ زبأنی لیکھنہٕ آمٕژ۔

آبکہِ رازٕ تہٕ ڈلکے یاوَے کابن موختہٕ برٕ نأوِو
کھِلہِ ؤتھرَ وٕستی سےٚ ہا چھلناوَے کابن موختہٕ برنأوِو

''زوٗنہِ منز ڈَل'' چھےٚ مناظرِ فطرت کہِ اظہارٕچ اکھ بہترین کوٗشش تہٕ تتھے ئنی چھےٚ ''کشیر'' نظم تہٕ کشیرِ ہنٛد بن نظارن ہنٛز جان منظر کشی تہٕ شامِ ''رنگین'' نظم چھےٚ سہٕ منظر پیش کران یُس ڈَل بُٹھِس پیٹھ نسیم باغہٕ کنی دوہ لوسنہٕ وِزِ عاشقِ فطرتس درٛیٹھی چھُ یِوان۔ ''لوکچار'' نظم چھےٚ انسأنی زندگی ہنٛد بن فریبن تہٕ ڈلہٕ وٕنبن مرحلن ہنٛد منظر پیش کران۔

وُچھتہٕ وۄنسی یے میٚون یاوُن پوشہٕ گُل
بُلبُلو ییتھ کُن وُچھتھ سٕنز شور تُل
گُل ہرَن تےَ چھا گُلن پیٹھ اعتبار
نوٗ بہار تےَ لوکچار نا پائندار

یمو کتھو ستی چھُ واضح گژھان زِ فاضؔل ییٚتہٕ رومان پسند شاعر اوس تتہٕ اوس فطرت پسند تہٕ۔ وطن پسند تہٕ تہٕ دین پسند تہٕ۔ اما پوٚز دینس متعلق اوسُکھ نہٕ نظریہٕ تنگ تہٕ سارِنے دینن منز اوسُکھ رٕژرٕ یے رٕژر در ینٛٹھی گژھان۔ اوے چھُ یمن کٔشیرِ ہُندر سکھان تہٕ نظیر اکبر آبادی تہٕ وننہٕ یوان۔

☆☆

گلزار احمد راتھر

# کرالہٕ کوٗر ...... اکھ کردارٕ تہٕ زٕ نظمہٕ

''کرالہٕ کوٗر'' چھےٚ پیر محی الدین مسکین سٕنزٕ ''سوٗہنی مینوال'' (یتھ باقے زبانن منٛز سوٗہنی میہنوال لکھان چھےٚ) مثنوی ہُنٛد مرکزی کردارٕ تہٕ کرالہٕ کوٗر عنوانہ چھےٚ فاضل کاشمیری ین تہٕ اکھ نظم تخلیق کٔرمٕژ یوسہٕ تٔمو اکشیتھ (۸۱) وٕرِیو پتھ کٔشیرِ اندر وننہٕ، ورتاونہٕ تہٕ گیونہٕ یوان چھِ۔ یہٕ نظم چھےٚ فاضل صابن ۱۹۳۶ء کیٛت تمہٕ وِزِ لیچھمٕژ۔ ییلہٕ تِم ایس پی کالج سرینگرٕ کِہ جماژ پران اٌسی۔ تِمو چھےٚ اکھ ہُتے ''دستھ کورِ'' عنوانہٕ اکھ کتاب تہِ شایع کٔرمٕژ یتھ منٛز کرالہٕ کوٗرِ علاوٕ نوٗرِ، پہٕلی کوٗر، نیلوفری، وَن ژٔر، جگر تہٕ گاڈٕ ہشہِ رومانوی نظمہِ شٲمِل کرنہٕ آمٕژ چھِ۔ وونی گوٚ ویمو منٛز سپز کرالہٕ کوٗر نظمہِ سارِوے کھوتہٕ زیادٕ مقبولیت حاصِل۔

کأشرِ زبأنی منٛز چھےٚ پور کھوشیورِ کی محی الدین مسکین زیبا نگار تہٕ سوٗہنی مینوال زٕ مشہوٗر مقبول مثنویہِ لیچھمٕژ۔ تِمٕ چھ سوٗہنی مینوال مثنوی ہُنٛد قصہٕ پنجأبی زبأنی پیٹھ یہِ اوٚنمُت۔ باسان چھ تِمٕس چھ پنجأبی زبأنی تہٕ ہندی زبأنی منٛز فرق کرنہٕ کِس سلسلس منٛز دُژیوٚت سپُد مُت۔ گوڈٕ چھِن وونمُت:

یہ کوٗر مُت اہلِ دردن أکی چھ تصنیف

بہ پنجأبی زبان اوٚنمُت بہ تألیف

یعنے یہِ قصّہٕ چُھ أکِ اہلِ دردن پنجأبؠ زبأنؠ منٛز لیوٗکھمُت تہٕ مثنوی ہنٛدِس اندس پیٹھ چُھن لیوٗکھمُت:

یہِ کوٗرمُت صاحبن أکِ قصّہٕ مرقوم
چُھ در ''ہندی'' زبان درسِلکِ منظوم

بُنیأدی طور چُھ أمِ قصن پنجابس منٛز زاینٛن لوٗبمُت تہٕ لیٖکھنہٕ تہٕ چُھ پنجأبؠ زبأنؠ منٛزٕ ے آمُت۔ اَمہِ کِس مولہٕ پنجأبؠ أسنس متعلق چُھ گوپی چند نارنگ رقم طراز:

''سوہنی میہنوال کے قصے کا تعلق بھی پنجاب کی سرزمین سے ہے اور ہیر رانجھا اور سسی پنوں کی طرح یہ بھی ایک مقبولِ عام قصہ ہے''۔

(ہندوستان قصوں سے ماخوذ اُردو مثنویاں، ص:۲۳۴)

اَمہِ مثنوٕی ہنٛز ہیروین چھےٚ کرالہِ کوٗر چونکہِ سأرٕے مثنوی تہٕ اَمکی ضمنی واقعات چھ أمِ ہے کرالہِ کورِ أندی وونہٕ تہٕ واٹنہٕ آمٕتی، لہٰذا چُھ مسکین اتھ مثنوٕیہِ ''کأشُر کرالہِ کوٗر'' ناو دیٖتمُت۔ توے چُھ اَمہِ شایع شُدہِ مثنوی ہنٛدِس سرورقس پیٹھ اَمیُک پوٗرناو تتھہٕ پأٹھی لیکھنہٕ آمُت:

قصّہٕ سوہنی مینوال
یعنی کأشُر کرالہِ کوٗر

فأضل صأبنہٕ کرالہِ کوٗر نظمہِ متعلق ہیکہِ یہ گُمانہٕ تہٕ کرنہٕ یتھ زِ فأضل

صأب آسہِ مسکین سنٛزِ کرالہِ کورِ ستی مُتأثر سپُد مُت تہٕ یہِ تہٕ چُھ ممکن زِ یہِ ہیٚکہِ محض انداز ے یوت اُستھ۔ ضرٗوری چُھنہٕ زِ فاضل صأب آسہِ مسکین سنٛزِ مثنوی ہنٛدی ''سوہنی'' کردارٕ ہنٛدی سراپا ہن، یُس ۸۲ شعرن پیٹھ مشتمل چُھ، متأثر کوٚرمُت۔ مگر دونوٚنی ہنٛدی تعریف چھِ أکی سے حسین پیکرس یعنے کرالہِ کورِ متعلق۔ مسکین یوٚ دوٚے پنجأبی کرالہِ کورِ ہُنٛد حُسن تہٕ قصّہٕ نظماوان اوس مگر تظرِ تل تہٕ لاشعورس منٛز اُسس کأشرِ ے کرالہِ کوٗر۔ حالانکہِ مشہوٗر پنجأبی ادیب سیوا سنگھ تہٕ چُھ میانہِ خیالہِ اندازٕ لگاوان لِکھان:

> ''مذکورہ شاعر (مسکین) کا لکھا ہوا یہ قصہ کشمیر میں کافی مشہور ہو چُکا ہے۔ اس میں کُمہار کی لڑکی کی خوبصورتی کے اثر سے اس عنوان سے ایک اور نظم بھی لکھی گئی ہے۔ کشمیری کے موجودہ شاعر فاضل کاشمیری کی ''کرالہِ کوٗر'' اس طرح کے قصہ کی مشہوری کا ہی نتیجہ ہوسکتی ہے۔ اس نظم میں فاضل صاحب نے ''کرالہِ کوٗر'' یعنی کمہار کی لڑکی کو بے حد خوبصورت پیرایہ میں بیان کیا ہے اور فارسی شاعری کی تشبیہات سہارا لے کر اس کے خدوخال کو دِلچسپ اور پُرکشش بنا کر پیش کیا ہے''۔
>
> (شیرازہ: اُردو، نومبر ۱۹۶۵ء، ص: ۳۶)

اماپوٚز مسکین سنٛزِ مثنوی تہٕ فاضل صأبٕنۍ نظم چھِ موٗلہٕ تلہٕ زٕ مختلف چیز۔ مسکین سنٛزِ مثنوی منٛز چھِ ۱۲۷۶ شعر ییلہِ زَن فاضل صأبنہِ نظمہِ منٛز کُل ۲۸ شعر

چھِ ۔ بیٚیہِ چھےٚ فاضل صابٕنیٚ نظم کرالہٕ کورِ ہٕنٛدِ حُسنکی تعریف تہٕ سیرٕ ٹکی توصیف ۔ امیُک تقوبل چھُ مسکین سٕنٛزِ کرالہٕ کورِ ہٕنٛدِس سراپا ہس سٟتی یوت کرُن مُناسب، یُس روایتی طریقہٕ لیٚکھنہٕ آمُت چھُ ۔ بیٚلہِ زَن فاضل صابٕنیٚ نظم تیٚلہِ تہٕ سرتازٕ اُس تہٕ ازتہٕ چھےٚ ۔ اَتھ منٛز چھُنہٕ کرالہٕ کوٗرِ سٟتی کانٛہہ واقعہ واٹنہٕ آمُت، سو چھےٚ اکھ شاہکار نظم ۔ یتھ منٛز نِ تشبیہہ تہٕ استعارٕ ورتاونہٕ آمتی چھِ تہٕ مسکین یوسہٕ سراپا نگأری مثنوی منٛز کرہٕ چھےٚ تمکی آرأیشی ول تہٕ ورتاو، لفظہٕ تشبیہہ اُسی پرانہِ وقتہٕ پیٹھٕ ورتاونس روزنہٕ کٔنی گہہٕ آمتی ۔ بہرحال یہِ مُتأثر سپدنُک معاملہٕ اُسی تن یا حُسنِ اتفاق، کرالہٕ کوٗرِ چھےٚ دونٕونی ہُنٛد موضوع ۔

سراپا نگأری چھُ مثنوی ہُنٛد اکھ گون ۔ مسکین چھُ سوٗہنی ہُنٛد سراپا، یہِ زَن مےٚ گوڈٕ تہٕ وٗون ۸۲ تہٕ مینوال سُنٛد ۸ شعرن اندر بوومُت ۔ سوٗہنی ہُنٛد سراپا پٕرتھ چھُ باسان زِ یُس مقصد فقط کینٛہہ شعر سٟتی پوٗرٕ ہیکہِ ہاسپدتھ تمہِ خأطرٕ دوٗن ہتھ پیٹھی شعرٕ لیٚکھنیٚ گوٚو ٹھیٚوق راہٕ راوُن ۔ بیٚیہِ چھُ کُنہِ تہٕ موضوعس زیٚچھر دِنہٕ سٟتی نقصان واتان ۔ یہِ کتھ محسوس کٔرِتھ چھُ پروفیسر رحمٰن راہی لیکھان:

"مسکین سٕنٛدِ لیٚکھی متہِ سراپا ہُک لفظ لفظ چھُ بارو دِوان زِ اُسی چھِ رسمی تہٕ روأتی تہٕ پیٹھہٕ چھُ امیُک بیان تیوٗت زیٚوٗٹھ زِ پران پران چھُ جیرٕ یوان ۔ یہِ چھُنہٕ مسکینی ہے یوت قصوٗر بلکہِ الہٕ پلہٕ سارِنے کأشرِ بن کیو اُردو مثنوی نگارن تہٕ"

(شیرازٕ: لولہٕ مثنوی نمبر، ص ۱۸۸)

وونی گوٚو مسکینن چھ سوٚہنی ہُند سراپا لکھان لکھان کیٛنہہ تِتھی لۆبہٕ وِنی تہٕ خوبصورت شعر تہٕ لیٚکھی ییٚمی سیم پرن وأل پزی متأثر کران چھِ۔

تسُند قامت چھ از نیکو سرشتی | بلا تشبیہہ شمشاد بہشتی
سُہ قد ڈیشتھ الف زن دال ہیوٚ گوٚو | وُچھتھ تتھ از خیالِ راستی پیوٚو
جبیٖن تمۍ سُند عجب خورشید رخشاں | دُہفتیٖ زوٗن تابان نوٗر بخشاں
ڈیکس پیٹھ ٹکہٕ تس کیا چشم بدوٗر | سُہیل یُتھ برجبین صُبحِ پُر نوٗر
چھُ حسنک کعبہ تمۍ سُند روے خوشتاب | دُو ابرو تتھ مُناسب ہمچو محراب
ہلالِ عید با دلکش کمانے | بلأیی از کاکش جانستانے
برٕ گُمشٕ وُچھتھ نرگس زٕ چشمہٕ | ہرہ بُری ییٚمی لبالب زن زٕ چشمہٕ
بمن منز کیا شُبن تس خال تھو گوش | چُھ زنگی زادہ ہتھ زَن تیغ بردوش
وُچھکھ یامت سوناژک سُرمہٕ کأری | گلبن پیٹھ باوموٕ ژہنی پانہٕ مأری
کمر زأ ویٚل تِمس از موے وارا | مصفّا تژوومُت زَن پأٹی تارا

سوٚہنی ہِندِس سراپاہس ییٚلہِ فأضل کاشمیری سنز کرالہِ کورِ ہِندِس سراپاہس سٟتی مقابلہٕ کرنہٕ یوان چُھ۔ یہِ کتھ چھےٚ عیان سپدان زِ دوشوٕ یو چھ خیال آفرینی ہنز زوردار کوٗشش کٔرمٕژ۔

چون قد شمشاد پأسروے رِوان | یا مگر گُل دستۂ باغِ جنان
پانہٕ شیرٕ تھ تھوو تمۍ کأری گرن | کرالہٕ کوٗری مالہٕ کرییے کوسمن

☆

چھیٔ رٔٹتھ اَبروٗزٕ دامن پیٹھ ڈبکس    زن زٕ محراب عاشقن أکِسے صفس
ساسہٕ بدٕنے دِل چھِ یمنے کُن نیمن    کرالہٕ کوٗری مالہٕ کرییے کوسمن

☆

کارِ أندی أندی چھی ژٕنے کاکُل بیشمار    باغِ حُسنس ناگہٕ سبزارُک بہار
مارِ پیچان مارٕ گائتی پتھ گُلن    کرالہٕ کوٗری مالہٕ کرییے کوسمن

☆

مَہہ جبینس پیٹھ چھِ منزٕ نوزُک خطن    مایہٕ چانے آیہٕ لیکھ ٕمتی قُدرتن
لایزالن ژھایہِ تھوٕ انسان أچھن    کرالہٕ کوٗری مالہٕ کرییے کوسمن

☆

چشمِ مخموٗر زن چھ مستِ کاینات    یا چُھ برٕ برٕ کھاسِنے آبِ حیات
ڈیشہِ وِنی ہے تزیشہِ ہندِ سریہہ چھایمن    کرالہٕ کوٗری مالہٕ کرییے کوسمن

☆

کاژ دُورو ہارٕ مالو تے لرو    کاژ زونے آرٕ کوٚرمُت تارکو
نارٕ وُزمل زن لویے منزٕ دون گٹن    کرالہٕ کوٗری مالہٕ کرییے کوسمن

☆

زالی وأنکن بالی یام حرکت لگان    پوٗزِ ژٕلی ہتھ نالہٕ عطرے ہندی پکان
نافٕے تاتار یا مُشکے خوتن    کرالہٕ کوٗری مالہٕ کرے کوسمن

محی الدین مسکین چھنے مثنوی ''سوہنی مینوال'' ۱۳۰۵ھ مطابق ۱۸۸۷ء

کیٚت مکمل کرٕمٕژ۔

ترُوا شتھ پانٛژ پیٚٹھی سنہٕ اوس تو تام

سپُن ایں قصّہٕ تصنیف اِتمام

اتھ زمانس منٛز اُس فارسی کٲشیرِ ہنٛز سرکٲری زبان تہٕ لۆکھ اُسی یہٕ زبان آسٲنی سان بۆلِتھ تہٕ سمجتھ ہبکان۔ اَکھِتُے اُس فارسی ژاٹہٕ ہالن تہٕ مکتبن منٛز تہٕ پرناونہٕ یوان۔ یوٚہے وجہ چھُ زِ مسکین چھےٚ کرٛالہٕ کورِ مثنوی منٛز فارسی آمیز زبان ورتاوِمٕژ۔ ونہٕ چھُ یوان زِ اگر کانٛہہ شاعر اَتھ وقتس منٛز فارسی آمیز زبان ورتاوِہے نہٕ سہٕ یِیہٕ ہے کم پایہٕ مانٛنہٕ۔ ووٕنی گوٚو ازکل یِیلہِ کٲشیرِ منٛز فارسی زبٲنی ہُنٛد چلے جاویہٕ ڈٲلِ زِتہٕ سوریوٗمت چھُ باسن یِم شعرو بٕھتی تہٕ فِکرِ نہٕ ترٕونی۔

| | |
|---|---|
| بحُسن و طلعتِ زیبا در آفاق | سوٚ چھےٚ بے جفت چوں ابروے خود طاق |
| سُہی سروِ ریاض خوبی و ناز | صنوبر در تھے پایش سر انداز |
| بدامِ زُلف مُشکین خام او رام | گوٚمت سوٗرے جبش تا کشورِ شام |
| زِسحرش جادوے بنگال فرتوت | بلالی خاطرِ ہاروت و ماروت |
| وُچھِتھ حُسنِ روخِ آں یارِ دلخواہ | دِلش از دست شُد شیدا اسپُن کیاہ |
| چو زُلفِ تا بدارت بے قرارم | چو چشمِ نیم مستت پُر خُمارم |
| بدیں خوٗبی دِل و جانم فدایت | بایں خوبی سرِ من خاک بایت |
| بہ کج بٲزی سپُن دورِ فلک راست | زِ دٔریا موج طوٗفانِ بلا خاست |

کرالہ کوٗرنظمہِ منٛز چھنہٕ فٲضل صابن فارسی آمیز زبان ورتاوِمٕژ بلکہِ

چھِن عام ورتاوِک کینٛہہ فارسی لفظ پنٛنِین شعرن منٛز یِہ ڈٖلِ زِ تہٕ واجن زَن نگینہٕ سِپٕد لاگتھ تھاوِ ءمتی۔ فاضل صابُن ڈکشن چھُ سلیس، عام فہم تہٕ لوٚیہِ وُن۔ بوزوے تہٕ فارسی مِلہٕ مِشہٕ وٲلی شعرتہٕ مصرعہٕ چھِ کلھم نظمہٕ منٛز شوٗب تہٕ شان ہُر راوان۔ ییٚتہٕ ثقیل تہٕ مُشکل فارسی لفظہٕ وٚرتٕری مسکین سٕندی شعرأز کُس قاری سٕندِ باپتھ نا قابلِ فہم بنیمتی چھِ تتہِ چھےٚ فاضل صابٕنی سلاست خوش یوٚنی تہٕ قابلِ فہم۔ تاہم چھُ یِہ وُچھن تہِ ضروٗری زِ مسکین تہٕ فاضل صابنِن نظمن منٛز چھُ وارِیاہ زمانی دوٗربر، مسکین سٕنز مثنوی چھےٚ یِہ زَن مےٚ گوڈٕ تہٕ وٚون ۱۸۸۷ء منٛز مکمل سپز ہُوتہٕ فاضل صابٕنی ۱۹۳۶ء منٛز، دوٚنوٚنی منٛز چھُ الہٕ پلہٕ پانٛژہن (۵۰) ؤرین ہُنٛد دوٗربر تہٕ قدرتی کتھا چھےٚ زِ یمن ؤرین منٛز آسہِ ہے زبان ورتاونس تہٕ اَمہِ رُکس لفظ وٚرتٕرس منٛز وارِیاہ فرق آمِت۔ توے چھِ فاضل صابٕنس ڈکشنس منٛز فارسی آمیزش اَستھ تہِ سلاست تہٕ خوبصوٗرتی موجوٗد:

| | |
|---|---|
| زٲلی وانکن بالی یام حرکت لگان | پوٚژِ تِلی ہتھ نالہٕ عطرے ہٕنٛدی پکان |
| نافِ تاتار یا مُشکے خوتن | کرالہٕ کوری مالہٕ کریے کوسمن |

☆

| | |
|---|---|
| چھُےٚ ژےٚ غیرت چھکھ دِلس غارت کران | غمزٕ گرٕ گری وُچھتہٕ چھکھ جانس پھیران |
| سیچٕر ہٕدی ہٕدی زَن ژےٚ چھےٚ موصوم کتھن | کرالہٕ کوری مالہٕ کریے کوسمن |

☆

# کتاب نامہ:


۱۔ستھ کورِ:فاضِل کاشمیری

۲۔مثنوی سوہنی مینوال: پیرمحی الدین مسکین۔غلام محمد نور محمد تاجران کُتب مہاراج رنبیر گنج بازارسرینگر۔

۳۔اُردو مثنویاں ہندوستانی قصوں سے ماخوذ (۲۰۰۱ء) گوپی چند نارنگ۔قومی کونسل برائے فروغِ اُردوزبان دہلی۔

۴۔شیرازہ،اُردو: نومبر ۱۹۶۵ء،جموں اینڈ کشمیر کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

۵۔شیرازِ لولِ مثنوی نمبر،ترتیب:امین کامل، جموں اینڈ کشمیر کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

ریحانہ شاہ

# تاج محل ......اکھ تنقیدی جائزٕ

فاضل کاشمیری لیس چھُ وُہمہِ صدی ہندِ بن شاعرن منز پننٕ اکھ ممتاز تہٕ بدٕون مقام ۔شاید اوٚ کنہ تہٕ تکیازِ فاضل کوٚر نہٕ پننہِ دورٕ کہِ ترقی پسندی ہندی عالمن پانس کُن مُتأثر تہٕ نیوٚ جدید یتکی تازٕ رُجحانن پانس کُن ڈٕہتھ ۔فاضل روٚد پننس رِوایتس لور روٗزِتھ شاعری ہندی خوبصورت تجرُبہٕ کران ۔سہٕ چھُ ژکہِ لولہٕ شاعر مگر لولہِ کس اتھ سمندرس منز واتان واتان چھیٖن مختلف کولن تہٕ ناگہٕ رادن ہنز ترٛیش ۔مثلن تمیٚ لیچھ مہجورسنٛز گریسی کورِ نظمہِ لرِ لوٚر کرالہٕ کوٗر عنوانہٕ اکھ ترتھٕ نظم یتھ منز نہ صرف لوٗلُک پیغام چھُ بلکہِ چھُ سانہِ سماجی زندگی ہُند وِہوٚد عکس تہٕ دیِد مان سپدان ۔تکیازِ کرالہٕ کوٗر چھےٚ سماج کس لوکٹس طبقس ستی وابستہٕ تہٕ فاضل چھُ صرف اوہُند حُسن نیچھناوان بلکہِ امِس اکھ سماجی وقار بخشان ۔یتھے کٔنی چھےٚ اُہنز مشہور نظم ''تاج محل'' ۔یوس کرالہٕ کورِ نظمہِ ہندی پأٹھی عام موضوعس باوٕتھ دِوان چھِہ ۔تاج محل چھُ دُنیا کین ستن عجوبن منز اکھ ۔یُس ناماوار مغل بادشاہ شاہ جہانن پننہِ ٹاٹھِ آشنہِ ممتازِ ہندِس یادس منز تعمیر کوٚر ۔اتھ عجوبس مُتعلق چھےٚ اُردو زبأنی ہندی مشہور شاعر ساحر لُدھیانوی ین تاج محل عنوانہٕ

نظم لیچھمژ۔ یتھ منز سہ تاج محلک حُسن بیان کران کران تمن موٗزوٗرن ہُندتہٕ تہنٛدِ استحصالک عکاسی کران چھُ۔ یمو تاج محل بناوان بناوان کاٗم گرٕمژ چھےٚ۔ سہ چھُ ونان زِ یتھ تاج محلس لوٗکھ حُسنٛچ علامت مانان چھِ تتھ چھُ تمن غریبن ہُند خون لوٗگمت یمو پٔتھن رتھ چھیٚپہٕ دِتھ یہِ خوبصورت محل بنوو۔ اتھ برعکس چھُ فاضل کشمیری تاج محل نظمہِ منز امیک حُسن تتھ کٔنہ نیچھناوان زنتہٕ عالمک حُسن امی تاج محل پیٹھ رنگ ژھٹان چھُ۔ مثلن:

ازلہٕ اکی کاریگرن تدبیر کوٚر<br>
موختہٕ دانس منز حسین تصویر یوٚر<br>
دو کرِ ستیٚ امی سنگتراشن موختہٕ تژوش<br>
موختہٕ تژاشن وول تژاشن حبس تہٕ ہوش

☆

تاج محلچ ژھاے فردوسِ بریٚس<br>
زن چھےٚ لرتراٗوِتھ یہِ دوشیزہ حسیٖن<br>
چاندِ منز گربکھ دِتھ اٗنزِنی واشا کڈاں<br>
کژالہِ کوٚر جمنایہِ منز سژانس وساں

تاج محلس جلنچ ژھاے، حسین دوشیزہ، چاندِ منز گربکھ دِتھ اٗنزِنی یا کژالہِ کوٚر جمنایہِ منز سژان کرنس ستیٚ تشبیہہ دِتھ چھُ تاج محل کس حُسنس الگ الگ پیکرن منز باوتھ شاعرنہٕ تخلیقی باوٕ ژھُند پے دِوان۔ چاندِ منز گربکھ دِتھ انزنی لر

ترأوِتھ حسین دوشیزٕ تہٕ جمنایہِ منٛز کرالہٕ کورِ ہُند سرٛان کرُن ہیوٚ پیکر چھُ پرن وألِس أچھن تل اکھ تیُتھ نظارٕ ووتلاوان یُس معنے آفرین تہٕ چھُ تہٕ بسیار جھول تہٕ۔ فاضِل چھُ نظمہِ ہنٛدِس پرٛتھ مصرِس منٛز الگ الگ علامژن ،استعارن تہٕ تشبیہن تمہِ اندازٕ ورتاوان زِ نظمہِ ہنٛدی تخلیقی امکان چھِ بار بار روشن سپدان۔ بعضے چھُ فاضِل اسطورن ،علامژن تہٕ مذہبی عقیدس ستی وابستہٕ واقعہن تہٕ چیزن ستی تِتھن تِتھ کٔنی مُشابہت دِوان زِ پرن وول چھُ تاج محل کیٛن حسین انہارن تہٕ آکارن ہُند دیدار کران کران اساطیری عقیدتی تہٕ توٲریخی واقعن تہٕ وأقف گژھان۔

کامہِ دیوُن میوٚٹھ یوٚژھ دِیُن اتھ کھورن
ووٚتھ بٹھس جمنایہِ منٛز گوداوری زن
سنگِ خارا عجبدس منٛز رل گوٚمُت
یا تہٕ اسود مر مرس ستی حل گوٚ مُت

کامہ دیو چھُ ہندو دیو مالایک اکھ اہم دیوتا یُس ہندو اسطورس منٛز حسنٛک دیوتا مانہٕ یوان چھُ تہٕ حُسنٛک دیوتا تِتھ چیزس کھورن میوٚٹھ کرِ سہٕ کوٚتاہ خوبصورت گژھِ آسُن تہٕ فاضِل چھُ شعرٕ مصرِس منٛز کامہ دیوس تاج محلس کھورن میوٚٹھ دیاوان تہٕ ستی تس جمنایہِ منٛز سرٛان کرناوان ۔یہٕ چھُ حُسنٛک تہٕ حسین پیکرُک اکھ اہم مثال۔ دوٚیمہِ پاسہٕ سنگِ خارا ابجدس منٛز رل گژھُن یا سنگِ اسود سنگِ مرمرس ستی حل گژھُن تہٕ چھُ حُسنٛک خوبصورت پیکر ووتلاوان ۔یِیے

شاعرانہ گون چھہٕ یتھ نظمہِ اکھ اہم تخلیقی فن پارٕ بناوان۔

نظمہِ منز چھُ فاضل بعضے طنزیہ اندازتہِ تاج محل بناون وألِس بادشاہس ٹأنہٕ ژٹان۔ یمی سبٹھاہ کم قیمتس وٕتھی بڈٕ کأری گر مٔلی ہیتی۔ یمو کأری گرو پننو ہونر منداتھو ستی تاج محل تعمیر کوٚر۔ یمن آو نہٕ سہٕ معاوضہِ دِنہٕ یُس تمن شوبہِ ہا۔ سنگِ مرمرٕکی مینار گرن والین آیہ مُجہِ پتھ مِلون دنہٕ۔ یہِ طنزیہ اندازتہِ چھُ نظمہِ ہنٛدس حُسنس اضافہِ کران تہٕ ستی شاعر سنٛدس ترقی پسند خیالس تہِ پیش کران۔ تِکیازِ فنکار سُند فن چھُنہٕ پزنہٕ پأٹھی مولونہٕ یوان۔ وُچھن وألی چھہٕ نبرم حُسن وُچھان مگر اتھ حُسنس منز یُس مُزورن تہٕ کأری گرن ہنز دگ بستھ چھےٚ تتھ چھِنہٕ وُچھن وألی وُچھان۔ مثلن نظمہِ ہُندیہ شعر:

چانِدِ میحرابن جرِتھ ما آسہِ آش
ووستہٕ کارن آسہِ تو رُمت بَس معاش
تورکہِ چھانو مر مرٕکی مینار ڈٔلی
ہارٕ ٹٔلو دِتھ ہیٚتی شہو فنکار مٔلی

اتھ ستی ستی چھُ شاعر تاج محل کِبن سنگِ مرمری دیوارن تہٕ تالہٕ ون ہُند حُسن تِتھ کٔنی بیان کران زِ پرن وول چھُ پران پران زنتہٕ چشمو فنکأری ہُند کمال وُچھان۔ سنگِ مرمرس منز یم قرآنکی آیت کھٔنہٕ آمتی چھِ تہٕ سیاہ میلہِ ستی جرنہٕ آمتی چھِ شاعر چھُ تمن اٚچھن ہُند سورمہٕ وٕنتھ پٔنہٕ تخلیقی کمالک نیب دِوان۔ یہِ چھُ تمہِ اندازٕ باونہٕ آمُت زِ اٚچھن تل چھُ سوٗرے حال دیٚد مان سپدان۔

کیا چھِ تالو مر مرٕ ین بے حد جمیل

چھا ضروری یم ونن لوٕلچ دلیل

آیہ کھٔنٔ کھٔنٔ وَحی جگرن منز قرآن

زنتہٕ محبوبس اُچھن سور مکٕ نِشان

یا یتھ شعرس منز یژھ ہٕش خوبصورت پیکر تراٗشی یوس حُسنٕک خوبصورت

عجوبہٕ بروٚنٹھ کُن انان چھِ:

شوبہٕ وِنٔ دیوار منز سپنِس یمن

آسہِ ماخوٗن ِ غریباں مو جزن

ٔکتی تارَکھ نظرِ نِشے دور گے

یام یتھ بُتراٗژ پیٹھ بِری یہٕ ڈٔے

شعرن منز باونہٕ آمُت حسُن چھُ شاعرن تمہٕ اندازٕ لفظن، ترکیبن تہٕ تشبیہن منز بوومُت زِ باسان چھُ فاضلس چھُ زبانٔ ہندس تخلیقی وو ہارس پیٹھ دسترس اوسمُت۔ یمن لفظن ہُند ماٗری منظر۔ معنہِ مفہوم ورتاون ول چھُ نہ صرف فاضل کشمیری سُنٕز تخلیقی جو ہرُک بلکہِ زبانٔ ہندِ بہترین ورتاوُک نیب دِوان۔ تِکیازِ شعرن منز ورتاونہٕ آمٕز زبانے چھےٚ شاعرسندِ شاعرانہٕ بجرُک نوٗن اظہارتہٕ۔ ٔستی باونہٕ آمتِس خیالس پرن والین تام واتناوُنک اہم وسیلہٕ۔ اِوٚکنٔ چھُ ضروری زِ شعرس منز ورتاونہٕ آمٕز زبان گوژھِ تجربس خوبصورت تہٕ معنے داربناوٕنی۔

لو لہٕ واللہن عشقہٕ واللہن چھا شمار
چوٚنہِ سیمٹھ آکھ مالو لس بکار
داسہٕ الماسوی بلو ری سادٕ تھم
اَڈٕ چھِ یاقوتی ژُکوٚنجل اَڈٕ پشم

☆

پوٚختہٕ ڈاُٹھن منٛز زبر جد کاُرۍ کاُرۍ
ترٛوومُت کاُری گرن روپھ ماُرۍ ماُرۍ
دوٗرِ باسان پیٚٹھ مُنارن آسمان
رنگِ ابیض نیٖلگون سا ین ڈلان

اَخرس پیٚٹھ چھُ شاعر یہِ ژینہٕ ون دِوان زِ شہنشاہی منٛز ہرگاہ بادشاہ پنُن ناو روشن کرنہٕ باپتھ کانٛہہ جان کاُم کران چھُ۔ سو چھےٚ واَنسہٕ وادن زندٕ روزان تہٕ پرٛتھ زمانہٕ باپتھ مِثال بنان۔ شاہ جہان سُند بنوومُت تاج محل تہٕ چھُ یِوٚہے ہش اکھ مثال۔ یُس تا ابد بادشاہس تہٕ بادشاہ سندس لولہٕ داستانس لوکن منٛز زندٕ تھاوِ۔

شمع صورت اُلفتچ روشن دلیل
تابہٕ وِنی شہنشہی دورٕچ دلیل
پیکرِ انسان فنایی ٹھوٚر تھوان
ناو روشن کرنہٕ باپتھ کیا کران

☆☆

رحمان راہی

# فاضل کاشمیری تہٕ ابہام

فاضل کاشمیری چھُ موجودٕ دورٕکبن تمن کیٚنژون خوش نصیب کأشرٕ بن شأعرن ہٕنٛزٕ شمار سپدان یمن زندٕ پانٕے شہروگام شُہرت حأصل سپز۔ خالے آسہِ کانٛہہ کأشُر یمی نہٕ فاضل صأبنٕ ''کرٛالہِ کوٗر'' بوٗزمُت آسہِ۔ یہِ چھُ عام تجربہ تہٕ یٖیلہِ یٖیلہِ ریڈیو کشمیر پیٹھٕ یہِ نظم چھکرِ چھہٕ کھسان ژوپأرۍ چھُ گرٛزٕ ووتھان تہٕ کأتیٛاہن شوقہٕ والین چھُ دار بن پیٹھٕ ہیتھ یا بازرن منٛز وانن برٛونٛہہ کنہِ استادٕ سپدِتھ سرٛوٗدٕ بوان۔ یہِ چھُ فاضل صأبنہِ اکہِ نظمہِ ہُنٛد حال۔ یُس تمو ۱۹۳۶ءمنٛزٕ وٕنی ہیو چھےٚ۔ أتھی وٕریٚس منٛز چھےٚ ''پہٕلۍ کوٗر'' تہِ تخلیق سپزٕ مٕژ تہٕ میأنۍ ذأتی راے چھےٚ زِ یہِ تخلیق چھےٚ ''کرٛالہِ کورِ'' کھوتہٕ بہتر تہٕ اتھ چھہٕ فاضل صأبنِس سأرِسٕے کلامس منٛز اکھ تھٔزٕ جاے حأصل۔

''دستہ کورِ'' شعری مجموعہٕ چھُ فاضل صأبنہِ تمہِ سارے کلامُک انتخاب یُس تمۍ پٕتِمین ۲۶ رٕہن وٕرِین وٕنمُت چھُ۔ انتخاب چھُ تمو پانٕے کوٗرمُت تہٕ امہِ لحاظہٕ چھےٚ یتھ کتابہِ تہنٛزن باقٕے سارِنٕے تصنیفن پیٹھٕ فوقیت۔ تکیازِ امہِ تلہٕ چھُ اسہِ تہنٛزٕ تخلیقی فنکأری علاوٕ تہنٛدِ تنقیدی معیارُک تہِ پےٚ لگان۔ یمنِس کلامس

پانٕہ ژٲر کرٕنی کوتاہ کرٕ یوٚٹھ چھُ، زانہِ سُے ییٚس تہٕ کرُن پییہِ۔ یہِ چھنہٕ بڈٕ کتھ اگر اتھ انتخابس کینٛہہ پرٕن والین کینٛژن کینٛژن نظمن یا غزلن ہنٛز کمی باسہِ، یا اگر تمن اتھ منٛز شامل کرنہٕ آمٕتی کینٛہہ نعت یا شعر تژاوُن لایق باسہِ۔ اہم کتھ چھےٚ یہِ زِ فاضل صابن چھِ پننِس ساریٚسے سرمایس شیرِ ژٲرٕ گٔرِتھ پرٕن والین برٛونٛہہ کنہِ جوہر پیش کرنٕچ قابلِ قدر کوٗشش گٔرمٕژ۔

اَکِس فنکارٕ سُنٛد مرتبہٕ گژھ ہمیشہٕ تسٕنٛز وکوتاہیو بجایہٕ تٔمۍ سنٛدی کارنامہٕ نظرِ تل اَنتھ معین کرنہٕ یُن تہٕ مےٚ چھُ پننہِ جایہِ احساس زِ یہِ مجموعہٕ پٔرِتھ ہیٚکن فاضل صابنۍ مداح تہنٛدِ ادبی مرتبک زیادٕ جان تہٕ صحیح پٲٹھۍ انداز گٔرِتھ۔

فاضل صابُن شاعرانہٕ دُنیا چھُ رنگ برنگی۔ اتھ منٛز چھ اکہِ طرفہٕ "پہلی کوٗر" نظمہِ ہنٛز روٗمانی مستی تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ "بزم دِتھ ساقی نشہٕ راوِتھ گوم" غزلک دزُن تہٕ وبگلُن۔ اکہِ پاسہٕ "زوٗنہِ منٛز ڈل" رٲژہنٛز جوٲنی ہنٛد رِتلان تہٕ بیٚیہِ پاسہٕ "ہرُدٕ" زندگی ہنٛزِ رنگ بستہٕ حقیقتٕ ہنٛدی نظارٕ ہاوان۔ اَکتھ کنۍ چھِ شُری باشن منٛز گوٗر گوٗرٕچ موصم لۓ ووتلان تہٕ بیٚیٕتھی کنۍ لوکچار موٗرِنار للہٕ وآن۔

فاضل صابنۍ لۓ چھُ محمود گامینۍ لۓ۔ کُنہِ کُنہِ چھُ اتھ لیہِ کاشرٕن صوفی شاعرن ہُنٛد کاف رلان۔ فاضل صابُن سِٹایل چھُ تیوٗت سیوٚد تہٕ سہل زِ مےٚ چھُ بارہا ترٛٹ دسپدان، خبر تم ماچھِ شاعری منٛز ابہام چہ اہمیتو مُلۓ منکر۔

☆☆

محمد یوسف ٹینگ

# کأشرِ نظیر اکبر آبادی

فاضل کاشمیری چُھ کأشرِ شاعری ہُند سُہ پایہِ بۄڈ رُکن یُس مہجور صأبس لرِ لۄر پتہٕ فنُگ ژوٗنگ زوٗل۔ ییمہِ چہِ رنگہٕ ڈٔلی ریٛہہ ازتہِ پۄرٕ شانہٕ سان چھَ تابان۔ سانہِ ادبہٕ کیو پنڈِتو چُھنہٕ فاضل صأبنہِ بجرُک اندازٕ ہیوٗ کُمت گرِتھ۔ اتھ چُھنہٕ تہنزِ نیٚرٕ ہُند قصورٕ ےیوٗت تہنزِ بصارٕ ژہُند قُصور تہِ چُھ۔

أسی چھِنہٕ زانہہ ادب روایتی معیارو نبر پرکھاوِتھ ہبکان۔ فاضل صأب چُھنہٕ صِرف روایتی شاعرٕ ےیوت بلکہِ سُہ چُھ ادبی فرہاد تہِ یُس کأشرِ شاعری ہُندِس ہم رنگ چمنس منز رنگارنگ دودٕ کولہٕ لنہِ مژٕ چھےٚ۔ اِمو کِھ چھَ کأشر بولٕو فأضل صأبنس کلامس سیٛن منز جاے شیٚر ہٕو۔ امیُک ٹاکارٕ ثبوت چُھ یہِ زِ یتہِ سأری کأشری ادیب چھِ عام لۄکن ہنزِ بے مۄلی ہنڈی بارو دِوان۔ تِکیازِ تِمن چُھنہٕ کأشرِس ادبس کُن رغبتھے پھیران، تتہِ چُھ فاضل صأب لگ بھگ پرٛتھ ؤریہِ پنٕنی کانہہ نتہٕ کانہہ سۄمبرن گأشراوان۔ تہٕ تتھ چھِ یِیتکی عام لۄکھ زلوٕنن بأرکہ خانن ہنڈی پأٹھی مٔلی ہوان۔ مہجور صأبس پتہٕ اگر کأنسہِ کأشر ادب لۄکن تام واتنوو سُہ چُھ فأضل صأبے۔ باقے شاعر تہِ ادیب ہیکن امہِ نِشہِ واریاہ ہیچھِتھ۔ فاضل

صأبنہِ شأعری ہُند کینواس چُھ پانہٕ زندگی ہٕندی پأٹھی بے آنٛتھ تہٕ وِشال۔ أزیُک تام چھنہٕ کأنٛسہِ شأعرن امہِ رنگہٕ کأشُر شأعری ورتأومُژ۔ توٚے چُھ فاضل کاشمیری صأبس کأشُر نظیر اکبرآبادی ناو پیوٚمُت۔

کأشرِ شأعری ہُند ژھوٚٹ تہٕ چھوٚن دامانہٕ ہتہٕ بدو پوشہٕ ستی مالامال کرنہٕ باپتھ چُھ فاضل صأب پأدٕ گومُت۔ سُہ چُھ واریاہن ذہنن تہٕ روٗحن ہُند شأعر۔ یُس یمن تسکین بخشان چُھ۔ تٔمۍ ہٕنزِ آوازِ ہُند موٚدریر، تٔمۍ ہٕندِ اسلوبٕک مانٛچھ تہٕ اندازِ بیانٕک ترنُم چھ پرٛتھ وِزِ برقرار روزان تہٕ غزل ہِوس کأفرِ صِنفِ سوخنس منٛز تہِ چُھ تٔمۍ سُندیٚو ت دِیت معتبر تہٕ پاسہٕ۔

سانہٕ شأعری ہُند یہِ کوثر ناگ چُھ وُنہٕ تہِ پکہٕ ماران تہٕ سانہِ ادبہٕ چہٕ وُڈرِ نٔوۍ نٔوۍ گُل تہٕ گُلزار پھلراوان۔

☆☆☆

عبدالاحد فرہاد

# فاضل کاشمیری......اکھ صوفی مَنُش

الحاج فاضل کاشمیری ہنٛز کتھ کرنہٕ وِزِ چھ ژھتہٕ وٕترِس حسبہٕ روزنُک ضرٗورت زِ تِہنٛزِ زندگی ہنٛدِ کمہٕ گوشہٕ چھےٚ کتھ کرٕنی تِکیازِ فاضل کاشمیری چھِ اکھ تھٕکنٛز لایق شخصیت، اکھ دور، اکھ Legend۔ یہِ شخصیت چھےٚ واریاہ جہول تہٕ یہِ شخصیت رٗوز زِندٕ زٕو ٗہمہِ صدی ہنٛدِ نصفہٕ کھوتہٕ زیادٕ وقتس کشیرِ ہنٛدِس ادبی نبہٕ ئٗندِس پیٹھ سنگرٕ فی صوٗرت ہتھ نبہٕ کران۔

مےٚ چھُ کالُک بتہٕ یاد۔ بہٕ اوٗسس ۱۹۶۲ءمنٛز صورہ کس سنٹرل سکوٗلس منٛز سٔتمہِ جماعژ پران۔ تِمن ایامن منٛز اوس پرٛتھ سکوٗلس منٛز پرٛتھ وٕرِیہِ ''صفائی کا ہفتہٕ'' مناونہٕ یوان تہٕ اتھ دوران اٗسی مُدرِس شُرین علاقچ صفائی تہٕ صفائی نِسبت عام لُکن زانکاری دِنہٕ خاطرٕ مأدانن، کوچن تہٕ وانہٕ پینٛچن پیٹھ صفائی نِسبت ونان تہٕ امہِ وٕرِیہِ صفائی ہنٛدِس ہفتس دوران یِمےٚ کیاہتام اڈٕ گر مڈٕ گر نظم۔ اتھ سپٕز کأفی شُہرت۔ امہِ پتہٕ زٕ ژور دوہ گوٚھتھ چھُس بہٕ صوٗری بازرٕ منٛزٕ پکان۔

(تِمن دوہن اٗسی گُل بازرس منٛز دوٚیہِ ہِیہ وانو تہٕ دوٚیہِ کاندروانو سان گُل بل نو دُکان)۔ ہِیہ وانس نِش وأتِتھ کوٗرمےٚ علاقکی اٗکی بُزرگن آلو، یِمن حاجی محمد

رمضان لون ناواوس تہٕ یمو لاوارِث آسنہٕ سببہٕ پننی سارِے منقولہٕ تہٕ غارٕ منقولہٕ وراثت جماعتِ اسلامی یَس حوالہٕ کٔر۔ مےٚ باسیوٚ وکیاہتام ڈلیل چھےٚ۔ ادبہٕ سان کٔر سلام تہٕ وۄنُن ''بچہ! چانٛی نظم بوٗزمےٚ اوترٕ، بہٕ گوس خوش زِ سانہِ کولہِ تہٕ پھیوٚرآب، تِکیازِ چون بڑی بب تہٕ اوس پننہِ وقتہٕ شعر وَنان۔ خٲر، بچہ میٛون! مشورٕ چھُ یِی زِ یتہٕ چھ وُنی کینہہ فاضل کاشمیری سبٹھاہ تھوٚدشاعر تمن ستی گژھ رأبطہٕ تھاوُن''۔

یہِ کتھ روٗزمےٚ ہمیشہِ ذہنس منٛز مگر فاضل صأب اٚسی ملازمتہٕ کِس سِلسِلس منٛز دوٗر علاقن منٛز آسان۔ چونکہِ کالج وأتِتھ ہیوٚتُن میٛون ادبی ذوق زیادٕ وۄتلُن، اوٚموکھ سپدٕ مشاعرن منٛز فاضل صأبُن دیدار تہٕ پتہٕ ییلہِ بہٕ کشیر یونیورسٹی ہِندِس انگریزی شعبس منٛز پران اوسُس بہٕ اوسُس یونیورسٹی بزمِ ادبُک صدر تہٕ فاضل صأبنہِ ملاقاتہٕ باپتھ کوٚر مےٚ اکہِ مشاعرُک اہتمام۔ امہِ پتہٕ روٗد مےٚ یمن ستی تۄ تام تعلق یوٚ تام فاضل صأب یہِ دنیا ترٛاوِتھ گیہِ۔

فاضل صأب اٚسی اکھ تھدِ پایکی شاعر، بہلہِ پایہ ماہرِ تعلیم تہٕ کٲشرِ ہندی سبٹھاہ معروف شخص۔ جامع الصفات تہٕ اعلیٰ تعلیم یافتہٕ۔ مگر امہِ باوجوٗد اٚسی سبٹھاہ حلیم، نرم مزاج، خوش اخلاق، خندٕ پیشاں تہٕ لوکٹین ستی لوٚکٹ تہٕ بڈبن ستی بڈی۔ یمتیاہ مےٚ اصل صوٗفین ہندی صفت معلوٗم چھِ تم ساری اٚسی فاضل صأبنس ذاتس منٛز موجود۔ تمن اوس نہٕ زانہہ پننہِ بجرُک تہٕ تھزرُک گمان۔ مگر تہندِ وۄتھنہٕ بیہنہٕ تہٕ حرکات وسکنا تۄ مطابق ونہٕ بہٕ بلا خوفِ تردیدزِ فاضل صأبنی ذاتھ اٚس کُنہِ کافہٕ

تہٕ اہنکارٕ ورأے۔ تِم أسی پٔنٕن پان ہیچ دریچھ زانان۔ تہنٛدِ صوفی مزازُک چھس بہٕ قایٕل، تِکیازِ ژٕ ہمہِ صدی ہنٛدِ آخری ژٕ باگہٕ بلکہِ تمہِ برٕ ونٛہہ پیٹھٕ ادبی حلقن منٛز ژٕ یہِ مجٕلسن تہٕ کافی ہاؤسن منٛز پانس تیس مارخان ونن وألی أسی غأر حأضرن پلو کڈان۔ اما پوٗز فاضل صأب أسی یِتھن مجٕلسن بدوٗن۔ مےٚ چھُنہٕ زانٛہہ یہنٛدِ دٲہلہٕ کأنٛسہِ تہٕ ہمکال شأعرس نِسبت کُنہِ قسمٕچ کانٛہہ برخلأفی یا ناسہٕ ترٲسہٕ بوٗزمُت۔ فاضل صأب أسی عملأ تہٕ عادتاً صوفی مِنٛش۔

۱۹۷۲ء منٛز لوٗگُس بہٕ ریڈیو کشمیرس منٛز ملأزم۔ فاضل صأب گٔیہِ سخٕت خوش۔ زن نہٕ بہٕ بلکہِ ''ذیشان'' (تہنٛد فرزند) اتھ جایہِ لوٗگمُت اوس۔ بلکہِ آے اکہِ دوہہٕ میوٚن دفتر کمہِ تام پروگرامہٕ کِس سلسلس منٛز۔ آنجہانی مکھن لال محو (بہلہِ پایہِ مزاحیہ شأعر تہٕ صحافی) أسِکھ ستی۔ مےٚ اَنہٕ نوو مکھ چایہِ پیالا، محو صأب وۄتھُس ''وونی کیاہ دِیُت فرہادن۔ یہِ چھا نوکری بنہٕ نٕچہِ خوشی منٛز چایے۔ وونی گوٚو اسہِ چھُھ تسلیم''۔ فأضل وۄتھُس ''محو صأبا! أمی چاؤوی چایے۔ بہٕ چھس أمِس أزی دعوت دِوان پگاہ شامن، دفترٕ ستھ کھییہِ میانہِ گرِ بتہٕ، تِکیازِ تِتھن اِدارن منٛز چھُھ تِتھن نوجوانن ہُنٛد ضرورت''۔ غالباً آسہِ ذیشان صأبس تہٕ یاد زِ بَتہٕ کھیتھ تراوِ یوٗنس بہٕ تمی سکوٹرس پیٹھ صورِ۔ بہرکیف! شاید مامنہٕ ہانہٕ بہٕ فاضل صأبنہٕ گرِ بتہٕ کھیوٚن مگر یہِ ظون پتھ زِ فاضل کمہِ آیہِ چھِ گرِ ووتھان بیہان، دِیُت مےٚ آنکار...... مےٚ وُچھ تیتھِ گٔنی فاضل صأبُن قول تہٕ فعل یکسان اوس تِتھےٚ گٔنی أس یمن مزاجس منٛز نیزمی تہٕ پھولہِ وُن آکار۔ فاضل صأب یتھ جایہِ بیہان أسی

اتھ جایہِ اوس اکہِ طرفہٕ ریحلہِ پٮ۪ٹھ کلامِ پاک تہٕ بیٚیہ کیٚنہہ لوکچہ لوکچہ مذہبی کتابہٕ۔ بیٚیہِ طرفہٕ شمع دان، یتھ منز مُشکہ تُجہ تھاوِنچ تہٕ باتھ اُس تہٕ اتھ شمع دان کِس پوترِس منز تومُل ...... برٛونٹھ کنہِ بچوٗ صندوٗق۔ یتھ منز کتابہٕ آسہٕ ...... فاضل صاب اُسی قلم تُلان تہٕ باسان اوس سوٗنچہِ کہوٗ سرحدو اپور ترٛتھ چھِ سوٗنچِک راش انان۔ یُتھ پرٛتھ کانہہ چیز تہٕ انگ مُشک ژھٹان چھُ تہٕ شاعرس چھِ شانہٕ وٗگنان تہٕ ناگہٕ رادس چھےٚ وُزنی لگان:

بہارا از سمکھی نےٚ میوٗن دِلبر

نشاطس منز گلو پھیُر حُسنہٕ دفتر

وُنی چھُم یہِ زِ فاضل صاٮ۪ٝنی زندگی اُس اُکِس پزِس صوفی سٕنز زندگی نہ کانٛہہ تکن گری، نہ کانہہ مُلہِ مایہِ۔ یہِ چھُ پوٚز زِ تِہند بن غزلیاتن تہٕ نظمن منز چھُ روٗمانی طرز پرٛیڈان مگر تمہِ باوجوٗد چھےٚ اتھ منز پٔنی پاکیزگی۔ فاضل صاب چھِ عام سوٗتھرکی موضوٗع ترٛاوان تہٕ کوٗہن ہنٛزِ کو چھِ منز پروردٕ پھٔلی کوٗرِ تہٕ کرٛالہٕ کورِ دٔیہ سٕنٛد دِیتمت حُسن وُچھتھ بےٚ شوٗنکی پاٹھی وَنان:

کرٛالہٕ کوٗری مالہٕ کرییےٚ کوسمن

وَن ژرِ چھِ ونہٕ ناوان تہٕ اُمس رنگہِ بُلبُلہٕ سٕنٛدِ کھوتہٕ زیادٕ یرٛھان کانٛچھان۔ فاضل صاب چھِ عوٲمی شاعر تہٕ عوٲمی شاعرٕ سٕنٛد طرح چھُ عامن راس یِوان۔ عوٲمی شاعر آسنہٕ سببہٕ تہٕ فاضل صاٮ۪ٝنی لُکہٕ لےٚ نظرِ تل تھاوِتھ چھنہٕ از تام کانہہ اکھ تہٕ شاعریمن ہم پلہٕ۔ برابر اُکِس صوٗفی سٕنٛدی پاٹھی چھِ منزی لاگتھ تہٕ

ژھو پرٕتھ۔ کانٛہہ تیٚتھ موضوٗع نوان یُس علامت بٔنِتھ ووتلان چُھ تہٕ اتھ علامژ تحت چھِ یِم سُہ شٔچھ باوان یوسہٕ انسانٔی فلسفہٕ کہِ معرفتہٕ ستی سرشار آسان چھےٚ:

چھلہِ چھلہِ ملالہٕ ہا دوٗبٕ بأیی

چونکہِ چھِ فاضل صأب کھہو، بیرٕو، دوٗبٕ داتھُر بو تہٕ نیو نیرٕ بو منٛزٕ موضوٗع انان، اوٚے چھِ زبان تہِ سوے ورتاوان یوسہٕ موضوٗعن ستی ہم آہنگ چھےٚ۔ بیک وقت کٔون زبانن پٹھ دسترس تھاون وألی فاضل صأب چھِ تِتھےٚ کٔنی لفظ ورتاوان یِتھ کٔنی پشمینہٕ کارخانس منٛزٕ کأم کرن وول معموٗلی پنٛو ستی تیٚتھ رنگ بستہٕ تیار کران چُھ زِپانہٕ تہِ چھ حأرتن گوٚھان۔ پٔنن اکھ لولہٕ غزل باوان باوان چھ یہِ سبنٛدِ نالہٕ مردِ درویش تٔہند کیفیت پأدٕ کران زٕزانن وألی چھِ دم بخود گٔوھتھ عش عش کران۔ امہٕ غزلُک اکھ شعر یُس دوٚے فراق یا لولہٕ آیاتن منٛزٕ چھ مگر یُس ہےٚ ہرگاہ فاضل صأبنہِ ناوٕ ورأے وبٕھناونہٕ ییہ۔ یہِ چُھ صوفی صحنُک سرتازٕ گُل باسان تہٕ اکھ اکھ شعر چُھ عاشقس اکھ اکھ قیامت کران:

بزٕم دِتھ ساقی نٔشرأوِتھ گوم
چھنہٕ روٗس پیٛالہٕ گوم خألی یے
ہےٚ اتھِ وبسہٕ رٕیوم شاید وٚسی پیوم
چھنہٕ روٗس پیٛالہٕ گوم خألی یے
وڈٕنا ویٚسی یے تٔھی لایق گوم
مےٚ ہےٚ گوٚو پزٕی پأٹھی منٛدِنٛبن شام

یِونےٚ شوق واپس سکھر ژوم

چینہٕ رۄس پیالہٕ گوم خالی یے

صوفی شاعرن ہُند کلامہٕ پرُن زانن والین آسہٕ معلوٗم زِ اتھ غزلس منٛز چھےٚ سو گرفت زِ صوفی مُنش نہٕ آسنس چھنہٕ کانٛہہ گنجایش۔ کتھ نہٕ جایہٕ چھےٚ کلامس اندر تِتھ آواز تہٕ معنہٕ مفہومن ہنٛز شہادت، یمہٕ ستی فاضل کاشمیری سنٛز صوفی مُنش آسنٕچ زانکاری چھنہٕ سپدان۔ بچن ہنٛدِ باتھ دُعا لکھان لکھان چھ ونان:

خضر چھس، چھس سکندر زمانک تاز رہبر

اگر ہن ستھ سمندر تمن تے تارٕ ترٕہا

بہر کیف فاضل صاب چھِ امی تنوظرٕ زانہٕ پزٕ زناونہٕ یِوان۔ تہٕ یِہےٚ وصف نظرِ تل تھاوِتھ آوٕ یہنٛزِ حیاتی منٛزٕ یمن رس خان، نظیر اکبر آبادی تہٕ ورڈس ورتھ وننہٕ۔ نیہ تون ورڈس ورتھس (Words worth) ستی مُشابہت۔ یہِ انگریزی شاعر چھ "The Reaper" لیکھِتھ گاسہٕ لونن واجنہٕ گامی کورِ ہنٛدی گون گنٛزراوان۔ فاضل صاب چھِ کنٛزالہٕ کورِ لال جران تہٕ پہلی کورِ پوشہٕ وَن ارپن کران۔ نظیر اکبر آبادی چھ فوٹو گرافر ہنٛدی پأٹھی تقریباتن تہٕ کیفیاتن ہنٛز عکاسی کران تہٕ ونان:

رنگ ہے روپ ہے جھمیلہ ہے

اور بلدیو جی کا میلہ ہے

یا

اللہ کی بھی یاد دلاتی ہیں روٹیاں

تہٕ فاضل صأب کتھ جایہِ چھُنہٕ سہل پسند۔ فاضل صأب چھُنہٕ سرینگر شہرٕ کین خوجہِ گرن ہنٛد بن دیوان خانن ہنٛز بلکہِ شاٹھن بٹھن تہٕ بیرن پکن والین کُملین ہنٛز زبان بولان، یم کأشرِ ثقافت، روایت تہٕ میراث رٕژھراوان تہٕ کُل ملتن ہنٛدِ باپتھ غذا وہ پدا وان چھِ۔

فاضل صأب اُسی رکھ رکھاوٕ کِنہ تہِ صوفی آیہ۔ دفتری وقتس دوران کلس پیٹھ قراقلی۔ نأمی پلوٚن پیٹھی اکثر بند گلہِ زیوٗٹھ کوٹھ تہٕ کھُلہٕ ڈُلہٕ پتلوٗن تہٕ گرس منٛز عام کأشر رخت۔

صوفی مزازٕ ے چھُ وجہ زِ فاضل صأبن کوٚر "جپ جی" تہٕ "سکھ منی صاحب" ترجمہٕ۔ تمو لیچھِ کرشن لیلایہِ تہٕ حضرت عیسیٰ علیہِ السلام منٛز نسبت نظم۔ یہِ کأم ہیکہِ نہٕ ہرگز سُہ انسان کٔرِتھ یس نہٕ اسلام کِس آفأقی پیغامس تہٕ ٹأٹھِس نبیؐ صأبنس حیاتِ مبارکس پیٹھ نظر آسہِ۔ یوٚہے چھُ صوٗفین ہنٛز پرٛزنتھ زِ تم چھِ پرٛ تہٕ پٔنُن اکُے وہندان۔ دٕ ے تہٕ دوٗ گنیار ختم کران تہٕ پوٚرٕ عالمہٕ چہ آبأدی اَکُے ٹبر مانان۔ فاضل صأبن یوٚہے مزازٕ زیرِ نظر اَنتھ وۄن مشہورِ زمان سوامی لکھشمن جوٗن زِ:

"میانہِ سرنہٕ سوٗنچنہٕ حسابہٕ چھِ فاضل صأب لاجواب کرشن بھگت، یمن نِش رنگ، ذاتھ تہٕ مِلت کانٛہہ تفاوت چھِنہٕ بتھِ انان"

انگریزی زبانٕ منز کشیرِ ہندی گوڈنکہِ پی ایچ ڈی مرحوم ڈاکٹر محمد سلطان وانٹ صابن لیوٚکھ "فاضل صابنہِ شاعری ہُند بوٚڈ وصف چھُ اچھ حد درجہِ سہل زبان تہٕ یم چھِ عالمی اُخوتُک نغمہِ خواں"۔

ڈاکٹر کرن سنگھن لیوٚکھ زِ:

"لل دید تہٕ نُند ریش سٕنزٕن روایوٚن ہنٕز آبیاری کران چھُ
فاضل صابن مِلہٕ وارُک موٚدرمَس جارٕی کوٚرمُت یمہِ سٟتی کُنہ تہٕ
مذہبُک یا مِلتُک انسان شاداب سپدِ"۔

غرض، الحاج فاضل کاشمیری صابنہِ کلامٕ، یہنٛدِ سوٚنچہِ، عملہِ تہٕ عادتٕ تلہٕ چھُ صاف زِ یم آسی صوفی مَنُش۔ فطرتٕکی شیرٕین بیان نغمہِ خواں تہٕ پانس منٛز اکھ انجمن۔ کامل صوفی سٕندی پاٹھی آسی تِم توکّل پسند تہٕ دُنیا کہِ حقیقتہٕ نِشہِ واقف تہٕ اوٚے ییتہٕ تِمو پننین سدا بہار نعتن اندر سیٚدِ سیوٚد تہٕ اشارٕو سی اظہارِ حقیقت کوٚر، تہٕ آسی تِم پننس حالس نِسبت مطمئن تہٕ وٚنکھ:

دمِ مرگ نزدیک ووٚنی فاضلا آم
پنٛنس تام تتھ چھُ کوٚت کال اللہ اللہ

تہٕ اتھی جذبس تحت تھوٚوکھ ظاہری حیاتی منٛزٕے وفات بزٕ وٕنہہ کینٛہہ وٕری پننہِ خاطرٕ سرتابہٕ کھنہٕ ناوِتھ۔ اللہ تعالیٰ کرِی نکھ درجات بُلند:

شاعرن اکھ اکِس پتھ ناد آو
میر گوٚو محمود گوٚو فاضل تہٕ گوٚو

عبدالجبار

# فاضل کاشمیری

## کٲشیرِ ہنٛز اکھ ہمہ جہت شخصیت

فاضل کاشمیری چُھ ڈب تل عالی کدٕل سرینگرٕ تھنہٕ پیٚمتٕ ۔ یہندِ زبنہٕ گرِ تھوُو کھ یمن غلام احمد ناو۔ اما پۆز کٲشرِ اندرٕ تہٕ کٲشرِ نبر چھِ تم صِرف فاضل صأب ناوٕ سٟتی مشہور۔ تم اٟسی بی اے، بی ایڈ کرِتھ محکمۂ تعلیمس سٟتی وابستہٕ گٔمتی۔ کٲشرِ پٮ۪ٹھ اسکردٕ تانی رٕؤدی أتھی مأدانس علم تہٕ ادبہٕ کہِ گاشہِ سٟتی گأشراوان۔

۱۹۶۱ءمنٛز اوُسُس بہٕ نٔوی مہِ جمأژ چندی لور ٹنگمرگ سکولس منٛز پران یٮ۪لہِ یم اورٕ بحیثیتِ ہیڈ ماسٹر ہائی سکول تعینات سپدی ۔ یمن لولہٕ تہٕ مایہٕ سان استقبال کرنہٕ خأطرٕ گٔے سأری شُری تہٕ ووستاد سکوٗل گرٛاونڈس منٛز جمع تہٕ تم آے أکِس مأری منٛزِ کُرسی پٮ۪ٹھ بیٚہناونہٕ ۔ یٮ۪لہِ ووستادَو تہٕنٛز شخصیت اسہِ شُربن برٛونٛٹھہٕ کنہِ وبۄھنأو، تمہِ وِزِ گیہِ ژرِپپوٕ سٟتی أندی پٔکی پکن وألی تہٕ سأری گامہٕ وألی تانی فاضل صأبُن ناو بۄزِتھ شادمان۔ أمِس خوش شکل، مِیان قد، گلو بند کوٹ تہٕ پتلون وألِس أسی لۆکھ برٛونٛہہٕ زانان۔ تِکیازِ تٔمی ہٕنٛز شأعری خاص کر مشہور نظمہٕ "کرالہٕ کۆر، پہٲلی کۆر" بیترِ چھِ برٛونٛٹھے خلقن زبان زدِ ۔ خاندرن کھُندرن تہٕ تھج

ڈور بن منز چھِ کأشری فأضل تہٕ شأعرِ للہٕ کھول کران۔ علاقہٕ بأنِگل کِس
پڑتھ گامس أنِج زن تہٕ پارَے تہٕ لۄکھ لگی پڑتھ دوہہٕ أمِس ووستادن ہنٛدِس
ووستادس، شأعرن ہنٛدِس شأعرس، گونماتن ہنٛدِس گونماتس نِشہٕ شرفِ ملاقات
خأطرٕ تہٕ دعوتہٕ دِنہٕ باپتھ گرٕ ژرٕ وۄس یوان تہٕ گھنٹہٕ وادن ساران، تِکیازِ تِم أسی
پانہٕ تہٕ سکولس منز سأنی کلاس رٹان۔

مےٚ چھُ یِیمہٕ کتھِ ہُنٛد فخر زِ مےٚ چھُ تِمن نِش باقے شُربن ہتی ہتی انگریزی
تہٕ اردو پرنُک موقعہٕ میولُمت۔ یِیلہِ تِم اردو شأعری أسی پرناوان، سورُے کلاس
اوس وجدس منز یوان۔ پانس تہِ أسکھ شأعرانہٕ تہٕ عاشقانہٕ کیفیت غألب
سپدان۔ یِم شعر ہیچھناوان تہٕ پرناوان أسی تِم أسی دِلس منز نقش سپدان۔ تِتھے
پأٹھی أسی انگریزی تہٕ بڑٕ ماہرانہٕ اندازس منز پرناوان۔ یِمن مضمونن علاوٕ أسی
اخلاقیات، سماجیات، سیاسیات، جنسیات بیترِ عِلمن متعلق تہٕ زانکأری دِوان
روزان۔ کھیلن، ڈرامہن، ادبی تہٕ کلچرل پروگرامن، بحث و مُباحثن منز أسی
حصہٕ نِیاوناوان۔ شُربن أسی سبق اکہِ دِلکش اندازٕ دِوان۔ ونان أسی ہہس چھِ
اکھ یازٕ بچہ زبوان تہٕ تِم چھِ زوراوار تہٕ طاقتور بنان۔ اتھ برعکس چھِ کوکرِ واریاہ
پۄتی آسان، اما پۄز اڈبن گانٹھ نوان، اڈبن کاو کھوان تہٕ اڈبن نۄل زاگہِ
رۄزتھ پٔنن شِکار بناوان۔ غرض چھ زِ تِم أسی اسہِ شُری پانس اندرَے بچہٕ کتھِ
فِکرِ تاران۔ اعلیٰ معیأری تعلیم پرناونہٕ علاوٕ سکول شُربن گِندنہٕ دژ وکنہٕ باپتھ
کرکٹ مأدان، والی بال تہٕ بیڈمِنٹن کورٹ تیار کرنہٕ چو فِکر واوس تِمن نال

وۄلُمت۔ یِم ساری تعمیری کارگری تِمو جنگی پیمانس پٮ۪ٹھ۔ پزی پاٹھی اوس تِمن سانہٕ بجأیی تہٕ پاپرجأیی ہُند ژُکھ۔ تِمو اوس پنُن گرِ تِژ اُوتھ سکولے گرِ بنومُت تہٕ اُسی اُسس گرُک عیال۔ علاقہٕ بأنگلکی خلق چھہِ فاضل صأبس کأشُر سر سید احمد خان ونان۔ ناوٕ گنٛز راوان تِکیازِ اتھ علاقس منٛز دۄرِ دۄرِ تام عٲلمُک گاش پھٔہلاونس منٛز کوٚر تِمو اکھ تھکُن لایق کارنامہٕ۔ یُس اُسی زانہہ تہٕ فراموش ہکو نہٕ گرِتھ۔ سُہ گوٚو یِہ زِ تِمو گر چندی لورہ سکوٗلٕچ نٔو عمارت تعمیر تہٕ دِتکھ پننہٕ عٔلمہٕ تہٕ تجرُبہٕ سٟتی ییٚتہٕ کین شُربن تہٕ نوجوانن اکھ نٔو نہج، یوسہٕ تہنٛدِ لسنہٕ بسنہٕ کہِ طریقٕ کارٕچ ضمانت بنیہٕ۔ فاضل صأبس آے اتھ کامہِ دوران گژھٕ رۄس مُشکلات مگر تس بے نیازس اُس نہٕ فِکر زانہہ۔ علامہ اقبال سُند یِہ لافٲنی شعر چھُ اُمی سے بہلہِ پایہِ وۄستادس تہٕ وَتہٕ ہاوکس پٮ۪ٹھ صادق یِوان:

مبتلائے درد کوئی عضو ہو، روتی ہے آنکھ
کس قدر ہمدرد سارے جسم کی، ہوتی ہے آنکھ

فاضل صأب اُسی حلیم تہٕ نرم۔ خوش مزاج، ملنسار، سیٚدی تہٕ سادٕ انسان۔ تِم اُسی سیٚو دِتہٕ سادٕ غذا کھیوان۔ اسہٕ تہٕ اُسی اوٚول سوٚوٗل کھنٛچ تربیت دِوان۔ تِم اُسی نہٕ صرف پننین شاگردن ہٕنٛد بن دِلن پٮ۪ٹھے راج کران بلکہِ اُس تہنٛز جاے بأنِگلی علاقہٕ کین لۄکن ہٕنٛد بن دِلن منٛز بنیمٕو۔ مے چھُ ازتہٕ فاضل صأبس سٟتی لولہٕ ماجہِ ہُنٛد ٹھۄلہٕ لول برُن یاد پیوان۔ موٚختہٕ موج اُس ریرِم ٹنگمرگ گامس منٛز میانہٕ ہمسائیگی منٛز روزان۔ فاضل صأب اُسی سرینگر (گرٕ) وسنہٕ خاطرٕ درٛامتی زِ موٚختہٕ

دبد أس لۆت پأٹھی اچکن چندس منز تمن ٹھۆل تھاوی ہتی ۔ بسہٕ منز بیٚہان بیٚہان چھنٕ ییمن سیٹ أدٕر باسان ۔ اتھ ہتی سورُے چندن تہٕ صورتِ حال نِشہٕ سپدی آگاہ ۔ پگاہ ییلہِ سکوٗلس منز آے امہِ واقعہٕ چ باوتھ کرٕنہٕ ۔ أسی پھٹۍ اسان اسان، اماپوٚز موختہٕ دیدٕ ہُندلول تہٕ احترام چھِ وُنہ تہٕ أسی گنٛزران ۔

فاضل صأب أسی پننین شأگردن ہنٛز قأبلیت تہٕ ڈکہٕ وُچھِتھ تمن مستقبلس متعلق پیشن گوٚیی کران ۔ تیٚمس متعلق یہ فرموو کھ تمس متعلق دژاو سُہ حرف بہ حرف پوٚز ۔ میأنس وألِد صأبس تہ لیٚوُکھ اکھ خط یُس میأنہٕ جان مستقبلچ ضمانت اوس دِوان ۔ سُہ خط دژاو میانہِ خأطرٕ فرٕ ژتہٕ رُت ۔ اوے چھس بہٕ اتھ ازتہٕ تعویذ کرِتھ ۔ ایم اے، ایم فِل، پی ایچ ڈی چھس بہٕ شاید أمِس صاحبِ نظرس نِش بڑونٛتھے اوسمُت ۔ امر سنگھ کالجس منز پروفیسر حیات صأبس ہتی کأشُر پرناوُن ' لالہ رُخ ' میگزین کِس کأشرِس حِصس نگہبان روزُن یا کأشرۍ مضمون بحیثیتِ طالبِ علم تہٕ ووستاد لیکھنۍ، یہ چھ سورُے مےٚ أمۍ سے ادیبس، کأتبس تہٕ شأعرس نِشہِ ڈالہِ میوٗلمُت ۔

"چمن" اوس اکھ کأشُر ہفتہٕ وار اخبار، یتھ گوڈٕ اختر محی الدین صأب تہٕ پتہٕ فاضل صأب نگرأنی أسی کران ۔ کالج ووستاد بننہٕ برونٛہہ رُوٗدی مےٚ فاضل صأب کأشرِس منز لیکھنس پیٹھ باند باند کران، یہنٛدِ مٹہِ مٹہِ دِنہٕ ہتی دژاے میأنۍ کینٛہہ مضمون "چمن" اخبارس اندر ۔ غرض چھ زِ ہر گاہ مےٚ کأشرِس منز کینٛہہ لیٚوکھ یا پوٚر، یا پننین شأگردن رہبری کٔر، سُہ چھ مےٚ صِرف فاضل صأبُن دیُت ۔

فاضل صاب اوس بلاشک اکھ تھدِ پایُک نثر نگار، اکھ رومانی شاعر، اکھ بُلند پایہِ نعت گو، اکھ بے مثال کاتب تہٕ اکھ رُت کأشُر، یِمن ذات پٔژی پأٹھی تھکنٕچ لایق چھےٚ۔

| | |
|---|---|
| ژےٚ پیدا کرُن چھےٚ | ژےٚ نازانہِ مرُن چھُے |
| نِوان آسہِ آکاش | سہ دُنیا یمیُک گاش |
| سہ پنہٕ نٔنن سارٕن | کران آسہِ روشن |
| ہسہ أسی چھِ یکسان | پتو آسہِ شولان |
| زِ قألِب کُنےٚ جان | ہندو مسلمان |

یتھٕ پأٹھی کأشرِ بۄنہِ چھ دۄردۄر تام سٕنز مۄل پھٕہلتھ آسان۔ لنگو چھس ژوپأری واش کوٚ ڈمُت آسان تہٕ امہِ کہِ شہجارِ یتی چھ پرٕتھ أکِس راحت واتان، ییتھےٚ پأٹھی چھےٚ فاضل صأبنٕ کأشر شاعری کشیرِ اندر تہٕ نیبر پرٕتھ طرفہٕ پھٔلیمٕژ۔ اتھ چھےٚ لۄکو پٔتمین سینٕن منٛز جاے دِژٕمٕژ۔ یہنٛز شاعری چھےٚ کأشرین ہنٛز شاعری۔ تٔمۍ نارپأرن واجنین ماجنین، بیٚنین تہٕ کوربن یا تھٔل رۄوٕن والین زنانن تہٕ مردن چھِ تہنٛدی بأتھ زیوٚ پیٹھ آسان تہٕ یمو چھُ کھہن منٛز ننبد ڈوربن منٛز گرٕنہٕ تلمُت آسان۔ ننبد کرن والی چھِ ربتہٕ کالہِ "کزالہ کوٚری مالہ کریئے کوسمن"، "بزم دِتھ ساقی نِشہٕ رأوِتھ گوم، چینہِ رۄس پیالہٕ گوم خالی ییے" تہٕ بیٚیہ واریاہ بأتھ گیوٚی گیوٚی سأرِسے ماحولس تہٕ أندی پکس دِلکش بناوان۔ تٔمۍ نار بن، کھہن تہٕ مکایہِ ڈوربن، جنگلن تہٕ ونن منٛزٕ یوت چھِنہِ یہنٛدی بأتھ گوبنہٕ یوان بلکہِ چھِ

مسجدن، آستانن تہٕ خانقاہن تہٕ درگاہن منز تہٕ کأشر بو یہنٛد بن مولہٕ لبن نعتن لول بوٚ رمت۔ کاتھہ تہٕ خطیب، امام چھنہٕ فاضل صأبنو نعتو بغأر درود پران۔ کأشر بن بُزرگن، خدادوستن، عأبدن تہٕ پرہیزگارن چھ فاضل صأبس تہٕ تمہٕ سٕنٛد بن نعتن سٕتی روٗحأنی تہٕ دأیمی رشتہٕ۔ کُس کأشُر چھنہٕ مسجدن منز یم بے مثال تہٕ لافأنی نعت پران:

افتابہٕ تھکبن زوٗنہٕ مےٚ وُچھ روئے محمدؐ
شب روز چھِ اوٚے کعبہٕ تمِس کوئے محمدؐ
اے بادِ صبا تُل تہٕ یمن پوشہٕ تھربن وِیوٚر
وُچھ کأتسہٕ گُلس نیرِ اگر بوئے محمدؐ

☆

بُلبُل ژٕ نالان گوژھ دَوان شاہِ مدینس کر سلام
وٕنِتس چھُ بے کس مُبتلا صلوا علیہٕ دایما
بُردے یمن ووٚنی تژ آوی تو روئے مُبارک ہاوی تو
کٔری تو نظر پاسِ خدا صلوا علیہٕ دایما

☆

رسولِ خدا بے مثال اللہ اللہ
حسینا سہٕ چھم پُرجمال اللہ اللہ

☆

از چھ آمُت سالہِ مدنی لالہِ سون

ڈری گنڈِتھ صلِ علیٰ تس گوژھ پرُن

سوٗ درِ منٛزی ما آسہِ تس درگاہ ترُن

تہندِ باپتھ ناوِہَن جگرس کرُن

سٔدرِ کِبن پمپوشہِ زارن گوژھ وُنُن

چھکنہِ باپتھ موختہِ گوژھ کابن برُن

تہندِ نعلینٛگ تصوُر یوٗد لبو

فاضلاؔ دیدَو تہِ لالو اسی جرون

ییٚژاہ عقیدت زِ تہندِ وصیّت مطابق شہرۂ آفاق نعتہِ سوٚمبرن ''انوارِ محمدیؐ''

آیہِ تمن قبرِ اندر سینس پیٹھ تھاونہِ۔ بقولِ خواجہ غریب نواز معین الدین چشتیؒ:

در جان کرد منزل جانانِ ما محمدؐ

صد در کشاد در دِل از جان ما محمدؐ

☆

مزارس یتھنہِ وِہَم پوش بابا

گوٚژھن خاکس اندر سوسن تہِ ضایا

بہ صد ہا اِنکسارٕی ؤنی زِ لوٚت لوٚت

ژِ گونہَن مغفرت کرتس خدایا

(فاضلؔ)

حضرت سلطان شیخ حمزہ مخدومؒ سٕندِس شانس منز چھ فاضل صأب پنٕن نذارنہٕ تِتھٕ پأٹھی پیش کران:

نجاتُک ویۄژ چھ وقتُک وأصل کار
مگر زانُن بٔے پیرن رٕکیٖت چھ دُشوار
تھزر سلطانہٕ سُنٛد ایمانِ کأمِل
چھُ ژینان سٕے خدالیس یُس چھ وأصل
شعوٗرٕچ آگہی اللہ اکبر
شعوٗرس وأتِتھ منزِل کران سر
چھُ سلطانؒ پوشوٗن تھوٚد پیر میوٗنے
وَندس زُو جان پوتھر شُری بأژ کرٕوُنے

فاضل صأبس چھ غزل گوٗیی منز تہِ اکھ منفرد مقام حأصل۔ تہنٛدی موٚدری، میٹھی تہٕ رسدار غزل چھِ بڈن تہِ یاوُن انان۔ ییٚلہِ یہنٛزٕ ''کرٛالہِ کوٗر، پہٕلی کوٗر تہٕ دوٗبی بائے'' بیترِ غزل نما نظمہٕ چھِ أسی پران تہٕ گیوان، حُسنٕچ تہٕ عشقٕچ زِندٕ تصویر چھٕ اسہٕ بژوٗنٛتھِ کنہٕ یِوان۔ یہنٛزٕ بے شمار غزلہٕ چھٕ ییٚمن رسول میرس لرِلوٗر پکناوان۔ یِم کینٛہہ شعر چھِ مُشتے نمونے از خروارے تہنٛدِ خأطرٕ پیش:

شمع رویہٕ متیو دِل گدازن کرکھ کیٛاہ
ییٚمن وُزملن شعلہٕ سازن کرکھ کیٛاہ

☆

بہٕ وِدِ نا مدن رۄٚٹھ میانٕمن کتھن پٮ۪ٹھ
گرِہستھ رام ییہِ نا بیٚیہِ دعوَتن پٮ۪ٹھ
کھٔژِتھ برٕجگر فاضلس چانٕ صۄرت
لگیاوٕنی تٔمس دِل بیٚیَن صۄرتن پٮ۪ٹھ

☆

فاضلس یام چانہِ حُسنک جلوٕ پیوٚو
شورٕ یٮ۪یمہِ کے پٔژتھ اکھا دیوانہٕ گوٚو
گامہٕ شہرن پٮ۪ٹھ نیَن منٛز سرحدن
کژالہِ کۄری مالہٕ کریٚے کوسمن

☆

| | |
|---|---|
| حُسنٕچ ڈٲلی سورٕچ ٲلی | ہا پٔہلی کۄری ہی مٲلی یے |
| جوشدار اۄبرٕچ نارٕ وِزمٲلی | ہا پٔہلی کۄری ہی مٲلی یے |
| نہٕ ۂٕنس چھکل نہٕ ژٕے کنہٕ وٲلی | نہٕ زٔری تنہِ پٮ۪ٹھ خاصہٕ کمخاب |
| زۄٚنہِ زن اۄبرٕ کی جامہٕ چھی نٲلی | ہا پٔہلی کۄری ہی مٲلی یے |

یمن عاشقانہٕ نظمن تہٕ غزلن چھےٚ کٲشرہ پٔنٕنس رۄحس منٛز جاے دِژمٕژ۔

فاضل صاب ٲسی جمہوریت پسند تہٕ وطن پرست۔ مِلوارٕ کرِ تہٕ بٲے بند تِکی سبق رۄدی وِزِ وِزِ دِوان۔ بٲے بند تِس رۄدی سارِسے وٲتسہِ گوڈبران۔ یہندِ بن شُہرہ آفاق وطنی تہٕ عوٲمی راج کین نظمن چھےٚ کٲشر بن لۆکن ہنٛز مُہر لٔجمٕژ:

گۄ وسہٕ شخصی راج وتاج تہٕ بێیہٕ باج وخراج

یہٕ شعر لیۄکھ تمو یتھہٕ پأٹھۍ:

جوش کھسہٕ وُن، تاپھ خوشوُن، زۄن روشن گاش نۄن

یم نہٕ لوسن فأضلاؔ، تمێنۍ سِتارن ہُند وطن

سبزٕ زارن کوہسارن شالہٕ مارن ہُند وطن

گُلعزارن ماہ پارن بالہٕ یارن ہُند وطن

فاضل صأب رُوٗدۍ خوددار انسان ہِندی پأٹھۍ وقتہٕ کێن حأکمن تہٕ پیٹھوٲلین ہِندِس ظُلمس خلاف ہہ ہِندی پأٹھۍ گرٛزان تہٕ زانہہ کۄرُکھ نہٕ تمن بڑوٚنہہ کنہٕ پٔتھ سرخم:

سوگاہکۍ کوکر پۄتی ژیٚنۍ سی کوکرِ کھوژن

کوہستان کێن شہبازن کرکھ کێاہ

جناب فاضل کاشمیری رُوٗدۍ مِلوارس، بأے بندِتس، اتحادس تہٕ اتفاقس پننو مولہٕ لبو شعروٕ ستۍ گوڈبران۔ تہنٛز وسیع القلبی، وسیع النظری تہٕ ذہنی آزأدی چھےٚ یمن شعرن منٛزٕ نۍ گوہان:

مندرُک ناقوس سحرٕ چ بانگ زن زن کل گنن

یم چھِ پٔزۍ آلو چھِ وزناوان دِلن تن بدن

مقصدس منٛز أسۍ چھِ یکسان

چھلان ہێندِس مُسلمانس دِلک مل

فاضل صائبن چھِ سِکھن ہنز مُقدس کتاب شری جپ جی تہٕ شری سِکھ منی صحبک مختلف زبانن منز ترجمہٕ کرِتھ اکھ لازوال کأم سرانجام دِژمٕژ۔ بابا گورونانک سِندِس یادس منز یمہٕ کینژہ نظمہٕ چھےٚ شہکار:

ست گورُو:

ست گورُو اے مردِ درویش ست گورو
چھِی دِوان نذرانہٕ کُل دیش چار سُو
چُھکھ زمانک گاشہِ تارُکھ نیک سیرت پاکباز
اے دِل بے امتیاز ست گورو
وحدتُک پیغام صلحک آفتاب
دِل تہٕ شِل چھی وسعتن منز لاجواب
چون سرگم میوٹھ آلو خوشوُن تےٚ دِلنواز
اے دِل بے امتیاز ست گورو
گورونانک مواحد نیک سیرت
پزیُک پوز اُنہٕ پوٚٹ صدق حقیقت
خدا پوژتس تہٕ دِیتُنس گیان عرفان
ملکھ سیرت مگر زن عام انسان
دوہس منز یادِ حق راتس شب بیدار
وِرُد سمرن کرُن تس کار اذکار

کأشِر نعتہٕ سۆمبرن ''انوارِ محمدیؐ''، گرٛنتھ صحیفکی ترجمہٕ، کرٛشن لیلایہ تہٕ کٲشِرِ ہٕنٛدی لولہٕ نغمہٕ چھِ فاضل صأبس کٲشِرِ ہُنٛد جامی، نظیر اکبرآبادی تہٕ Words worth ونُس پیٹھ آمادٕ کران۔ سُہ چھُ أزِ کس دورس منٛز کٲشِرِ ہُنٛد رسول میر تہٕ عبدالاحد آزاد تہٕ مہجورس لرِ لۆر اکھ قداور تہٕ صاحبِ طرز شأعر یمی پننہِ مُنفرد اسلوٗبہ ستی کأشر بن لۆکن منٛز اکھ خاص شناخت پأدٕ کٔر۔ یوسہٕ تا قیامت زِنٛدٕ روزِ۔

☆☆

اصل: کے، ایل، شرما
اردو پیٹھٕ ترجمہٕ: گلزار احمد راتھر

# فاضل کاشمیری......اکھ غنائیہ

Eleven Horizons of Fazil Kashmiri چھےٚ مشہوٗر رو معروف کاشُر شاعر فاضل کاشمیری سٕنزن کہن نظمن ہُند انگریزی ترجمہٕ۔ یمو نظمو ستی چھُ شاعر پننہٕ بتراٗژ، امہِ کہِ حُسنچ، امہِ کہِ ماحوٗلچ، لوٗکن تہٕ کلہُم پاٹھی زندگی ہٕندِ لوٗلچ تہٕ امارٕچ عکاسی کران۔ یٕتھ شاعری چھےٚ سوتحریک پیش کران یوسہٕ پوٗرٕ انسانی نسلس پننہِ کوچھِ منٛز جاے شیران چھےٚ۔ تمہٕنز نظمہٕ چھِ ذات، نسل تہٕ مذہب ہشو بندِشو نشہِ آزاد۔

فاضل کاشمیری چھُ عوامُک شاعر۔ سُہ چھُ اکھ مُبلغ، بہترین عالِم، سماجی کارکُن، پوٗز مسلمان، وطن دار تہٕ اکھ مُعلم۔ تمہٕنزن نظمن منٛز چھِ تسٕنزٕ بسیار پاسل شخصیژ ہٕند بن وکھرٕ وکھرٕ گوشن ہٕنز عکاسی سپدان۔ یِم نظمہٕ چھےٚ نفیس تہٕ حساس۔ کاشرِ زبانی ہُند جمالیاتی پہلو چھُ یمن منٛز دیدٕ مان۔ فطرتس پیٹھ لکھنہٕ پننہٕ واجنین تسٕنزن نظمن منٛز چھِ ورڈس ورتھ سٕنز بوے یِوان۔ لولس پیٹھ چھِ تمو اکہِ تھزِ روٗ مانوی "حسیتک" اظہار کوٗرمُت۔

نظمو علاوٕ چھِ تمو کینٛہہ مقبول تہٕ شیرین بأتھ تہٕ لیکھی متی ۔ یم لگ بھگ کٲشیرِ ہنٛد بن سارِنے علاقن منٛز گیوٚنہٕ یِوان چھِ ۔ تم چھِ کٲشیرِ ہنٛدِ سیکولر کلچرٕ کی أئینہٕ دار ۔ اسلأمی دینی بُزرگن، پُوتر ہندو شخصیٔون، سِکھ گرُوہن تہٕ عیسأے ساونن ہنٛدِ خاطرٕ چھُ أہنٛزن نظمن منٛز محبت تہٕ لول پرٛیڈان ۔ اکھتُے چھےٚ یمن نظمن منٛز آفأقی تہٕ عالمی اپیل تہٕ ۔

غنأئیت ( فنی ) اعتبارٕ چھُنہٕ أہنٛزن نظمن کانٛہہ مقابلہٕ ۔ یمن منٛز چھِ کٲہ یا خصوصیژ ۔ فاضل صأب چھُ پننہِ جایہِ اکھ انجمن تہٕ تہٕ اکھ زنٛدٕ روایت تہٕ ۔

یِہ لاثأنی کتاب شایع کرنٕک کرٛیڈٹ چھُ جناب سید ذی الشان فاضل صأبس گوھان ۔ یُس کیمبرج ( انگلینڈ ) انٹرنیشنل بیوگرافِکل سنٹرس منٛز بحیثیتِ ڈپٹی ڈائریکٹر جنزل کأم کران أسی ۔

☆☆

حسرت حسین

# فاضل کاشمیری تہٕ مرغوب بانہالی

## سُنٛد

## عشقہٕ زِتنہِ زوٗل

فاضل کاشمیری چُھ اکھ عہد ساز شاعر۔ یُسنٛد دامن مہجور تہٕ آزادس ستی رلان چُھ تہٕ نادم، مرزا غلام حسن بیگ عارف، میر غلام رسول نازکی چھِ تسنٛدی خاصہٕ ہمعصر تہٕ راہی، کامل، آش، مرغوب، فانی، فاروق، مجبور، ناجی، عبدالستار رنجور، ناظر، رشید نازکی، نشاط انصاری، غلام محمد شاد، ڈاکٹر مشعل سلطانپوری، واسدیو ریٛہہ، پریمی، ساقی، چمن، شہباز، پوشپ، گوہر، رادھے ناتھ مسرت، ولی محمد اسیر، محمد زمان آزردہ، شہباز راجوروی، جگرناتھ بیترٕ چھِ غالباً فاضل سٕنٛدی قریبی ہمعصر۔ یہ کتھ چھِ ٹاکارٕ زِ وُہمہِ صدی ہٕنٛدی گوڈنِکی ژور پانٛژہ دٔہلی چھِ کاشُرِ شاعری ہٕنٛدی سونٛہری مقام متعین کرنس منٛز بڈٕ دِلبستہ تہٕ رنگ آمیزتہٕ تِتھس منٛز سپز کاشرِ شاعری ہٕنٛز یک رنگ زمین گلنار، تیمی شامٕلی شفق تہٕ صبح پرٛاگاش أکس تتھ جامِ عرفانس منٛز مس مِیُل کوٗرزِ سورٕے عالم گوٚ وۄچھان وۄچھان نہٕ صِرف گُل تہٕ گُلزار بلکہِ روٗزاَچھ مُشک آور تیٛمہ کاشرِس فکری وجوٗدس بالہٕ اپارِ تمہِ انمانہٕ

کاتہہ دوٚیم نظم اچھ ہمسری کرِتھ۔ حالانکہِ گرٛیسی کوٚر نظم وُچھِتھ پیٚو ٹیگور سنٛدِس معاصر پرستار دیوِندر ناتھ ستارتھی یَس مہجورس کاشُر وأرڈس ورتھ وَنٕنگ بوٚش کھالُن تہٕ حق چھُ یہِ زِ فطرت نگأری ہُند یہِ نیلہٕ ناگ چھنہٕ اَتی ہُمان تہٕ ژمان بلکہِ چھُ کشیرِ بالہٕ اپارِ پیٛور تمہٕ آبہٕ ژھٹہٕ ماران یم گاہے رسا جاودانی، گاہے غلام نبی ڈولوال (جانباز) تہٕ گاہے مرغوب بانہالی سنٛدِس روٗپس منٛز کاشرِ شأعری ہنٛدِس گرٛیشمہٕ وُڈرِبلس کونگہٕ عرفأنی دبستانک چھ بوٚش کھالان۔ نی تو یم کینٛہہ شعرِ مثالہٕ، یم یمن دون شأعرن ہُند روٗح تہٕ ریاض اکِہِ تمہِ انمانہٕ مس ملر بن بران چھِ زِ گُمانہٕ چھُ اکھأ کِس منٛز راوتنک برٛم دِوان۔ یُتھ ہیوٚ شعری نوأدِر چھ بڈٕ شوخ تہٕ روٗح افزا:

چھُ شینس مل، مگر چانین اتھن ما  
مَہ تھَو یم ننٛی، وُچھِتھ عاشق متن ما  
(فاضل)

ژٕ وُچھمکھ خأبِ غمہِ کِس شینہٕ بالس ووٗتھ حُباباہیوٚ  
ژٕ پیٚو وہَم یاد پھوٚل دِلہٕ کِس سنگستانس گولاباہیوٚ  
(مرغوب)

بُتھِس کتھ شایہِ شفقن غازٕ لوگے  
میانہِ باپتھ ووٗنی چھُ مُشکل دبن برُن  
(فاضل)

مسرٕ ورتہٕ معطر کران زِ امیُک اعتراف پیٚو وَنہٕ صِرف کأشرِ بن نقادن کرُن بلکہِ رٕ ودٕ اردوٕ پہکی نقدِ شعرٕ کی سودأیی تہٕ اپچ حأمی بران، بامے سٕہ أسی محمد یوسف ٹینگ سِندِس رٕ وپس منز وُچھِ ہون یا تریلو کی ناتھ رینہ یا زِ حامدی کاشمری سِندِس رٕ وپس منز یا ناجی منورتہٕ شفیع شوق یا مجروح رشید نِس وَچھِ پندرس پتھ پھیران وچھون۔

بہرکیف میٚون موضوٗع چھ وُنی کینبس وکھرٕ۔ تہٕ گوٚو فاضل کاشمیری تہٕ مرغوب بانہالی سُندٕ سٕہ شعری باوٕ ژبل یُس یمن دون شأعرن ہنا فکری طورٕ کسیے عشقہٕ زِتنہٕ زوٗلس منز جاے چھ شیران۔ یہٕ چھُس نہٕ یتھ کتھِ انکار گرِتھ زِ فاضل سُندٕ شعری پارٕ دکیاہ چھنہٕ تِسندٕ بن کأنژھن ہمعصرن منز سرائیت گرِتھ۔ مثالے رفیق راز، عبدالاحد فرہاد، بشیر عارف، عبدالاحد واحد، شاہد بڈگامی، الیس راضی، ظریف احمد ظریف، اقبال شہید، اقبال انجم، قادر نائد کھے، اقبال فہیم، علی شیدا، مجروح رشید، عزیز حاجنی، منشور بانہالی، برج ناتھ بیتاب، شہناز رشید۔ علی الیاس، شہزادہ رفیق یا راقم الحروف (حسرت حسین) بیترِ شأعرن نِشہِ بلکہِ چھُ صحیح زِ اکھ باگہِ بوٚ رُت شأعر چھ پتَن ادبی اہرِ تمہِ انمانہٕ شعری دبستانس منز ترٕ اوان زِ امیُک نبہٕ گرٕنی چھ واریاہس کالس زِتنہٕ زوٗل کران۔ تِتھس منز اوس نہٕ فاضل کانہہ لوکُٹ شأعر۔ تِسندٕ ادبی دَلواٹرٕ ل اوس سبٹھاہ اوٚ رُت بوٚ رُت، ییمیُک اعتراف ییمہِ کتھِ تِل فکرِ تران چھُ زِ ئمی دِژ مہجور ہوٚس فطرت شناس تعشوقہٕ مِتِس شأعرس گرٕ یسی کوٚ رنظم لیکھنچ تحریک ییلہِ سٕہ گوٚ ڈے کرٕ الہٕ کوٚ رلیکھِتھ نوٚ تہِ کین نِشن کھوٚ تمت اوس۔ پتھٕ أس امہِ نظمہِ ہٕ نزٕ روأنی تیوٚ مرٕ ہج تہٕ مأری منز زِ خالے ہیکہِ

کانٛہہ دۄیم نظم اچھ ہمسری کرِتھ۔ حالانکہِ گرٛیسی کوٚر نظم وُچھتھ پیٚو ٹیگور سٕندِس معاصر پرستار دیوٕ ندر ناتھ ستارتھی یَس مہجورس کاشُر وأرڈس ورتھ وَننٕک بوش کھالُن تہٕ حق چھ یہِ زِ فطرت نگأری ہُند یہِ نیلہٕ ناگ چھنہٕ اَتی ہُمان تہٕ ژمان بلکہِ چھُ کشیرِ بالہٕ اپارِ پیور تمہٕ آبہٕ ژھٹہٕ ماران یِم گاہے رسا جاودانی، گاہے غلام نبی ڈولوال (جانباز) تہٕ گاہے مرغوب بانہالی سٕندِس روٗپس منٛز کاشرِ شاعری ہٕندِس گرٛیشمہٕ وُڈرِبلس کوٚنگہٕ عرفأنی دبستانٕک چھُ بوش کھالان۔ نی تَو یِم کینٛہہ شعرٕ مثالہٕ، یِم یِمن دون شاعرن ہُند روٗح تہٕ ریاض اکہِ تمہِ انمانہٕ مس ملٕربن بران چھِ زِ گُمانہٕ چھُ اکھأ کِس منٛز راوُنٕک بزٕمِ دِوان۔ یُتھ ہیوٚ شعری نوأ دِرچھ بڈٕشوخ تہٕ روٗح افزا:

چھُ شینس مل، مگر چانین اتھن ما
مَہ تھَو یِم نٔ، وُچھتھ عاشق متن ما
(فاضل)

ژٕ وُچھمکھ خأبِ غمہٕ کِس شینہٕ بالس وۄتھ حُبابا ہیوٚ
ژٕ پیٚو وہم یاد پھۄل دِلہٕ کِس سنگستانس گولابا ہیوٚ
(مرغوب)

بُتھِس کتھ شایہِ شفقن غاٚز لوگے
میانہِ باپتھ وونی چھُ مُشکل دبن برُن
(فاضل)

بتھِس ژٕے غازٕ چھُنہٕ ملُن

اگر دِلس چھلکھ ژٕ مل

(مرغوب)

خطن نامن ہیٚوٗمس پوٚت اما پوٚز

شہادت دِژ مےٚ پنہٕ نی دوسدارن

(فاضل)

دِلنوأزی تیٚژ چھےٚ سخ مشہوٗر

دِیےٚ رنگ چِھٹبن جواب چھُم نہٕ بہان

(مرغوب)

شالہِ مأرن چانہِ آشے گُل پھولن

کرٛالہِ کوٗری مالہِ کریےٚ کوسمن

پیٚالہِ بریےٚ لال جریےٚ ہیرِ یون

کرٛالہِ کوٗری مالہِ کریےٚ کوسمن

(فاضل)

وُنہِ رأیلن تہٕ یاربن کیٛاہتام پےٚ نہٕ ہوکھنٛگ

امہِ کارِ ووگنہِ حُسنٛگ ہمسوس شالہِ مأرن

(مرغوب)

یتھ سوئنتہٕ کالس ہرٕ واوُک زور کرِ تہراج
زانٔہہ نابۂ اَنٛجہِ پٔٹھ بولہٕ متیو قولہٕ مسا ڈٔل
(فاضل)

مژر چھاپہٕ سرمایہٕ داری ژٕنے اوٗنمت
کران پھٔہ پٔنس ژٕ انبار ہردو
(مرغوب)

یمن آسہٕ جنت تہٕ دوزخ برابر
ژٕ وتم تمن بے نیازن کرَکھ کیاہ
(فاضل)

یہٕ دُنیا چُھ آویزٕ تٔسی نازنینس
تیمس وقتہٕ وِزِ تٔج پٔنٛز ترجمانی
(مرغوب)

غرض یِتھ ہشہِ واریاہ زِتہِ چُھ یمن دون صاحبِ طرز کاشرٕ بن شاعرن منٛز مُشترکہٕ انمانہٕ میلان۔ یِہنٛد نہٕ صِرف اکُے رنٛگ تہٕ انہار چُھ بلکہِ چھکھ اکے تیٖہہ تمہِ انمانہٕ المن کھالان زِ اَتھ رنٛگہٕ زٕ ولس منٛز چھنہٕ دوٕیم کانٛہہ گمانہٕ لبنہٕ یِوان۔ گُنےٚ مزازاہ، گُنےٚ روٗح، گُنےٚ اثر تہٕ تأثیر، گُنےٚ رنٛگ تہٕ ہنٛگ، گُنےٚ سٕرٛ یٖہہ تہٕ پارٕد، گُنےٚ سازٕ تہٕ سوز، گُنےٚ لول تہٕ ہول، گُنےٚ وس تہٕ حبس، گُنےٚ امارتہٕ وبٕوار۔ غرض دوشوٕنی ہُنٛد شعری سلیقہٕ تہٕ سلوٗک چُھ اَکِس تعشوقہٕ بأج وٕتھس آکاش

پاتال ژھنڈنأوتھا اکھ تژٕ ہ شعری کأینات تھران۔ یتھ اندر لچھ بدٕ ی رنگ رام رام بدرِنی ہؠُنہٕ ہنٛدی پأٹھی گاہے سُندِ جہِ پوشن، گاہے سوٚنتہٕ گُلابن، گاہے بمہٕ پوشن، گاہے کونگہٕ پوشن تہٕ گاہے وٕنہٕ بالن پیٹھ پٔتن پرتو رٔنزٕناوان چھے۔

فاضل کاشمیری چھُ اکہِ پاسہٕ ریٛشن تہٕ رہو آیٛشن لور تہٕ دوٚیمہِ پاسہٕ چھُ نوبن جذبن بلکُل تمی انمانہٕ زبو دِوان یِمہِ انمانہٕ اتھ مرغوب پھوٚر بران چھُ۔ یم دوشوٚ ے چھِنہٕ زمانکی بُتھی پھِری، اتھ تلک پیٹھ کرٕنی ژٕھری دَم برٕنکی حأمی۔ ژٕھری نعرٕ دِتھ چھِنہٕ کوٚ ملبن، گرٛیسی تبن، موٚزوٚرن تہٕ کامگارن ہنٛدِ سوٕ کھکی دم بران، بلکہِ وُچھِ وَے تہٕ یم تہِ چھِ ژٕھلی بلٕو یمن ہنٛدِس رٕنیمتِس کمہٕ زٕچہِ پلوٚس دٕج ترٛوٚپ دِنکی غمخوار، یِیمیٛگ اعتراف شعوٚری طورٕ نہٕ صحیح اماپوٚ زٕغارٕ شعوٚری طور یہٕنٛدِس کلامس زول دِتھ گُنہِ گُنہِ دزٕنٛٹھی یِوان چھُ۔ تِیچ مثال فاضل سٕنٛز "پہلی کوٚر" یا "کٕزالہِ کوٚر" چھِ۔ پتھ اِدٕ روٚز تِسنٛدِس ہم عصر مرغوب سٕنٛز۔ سُہ چھُ یتھ ہیٚ شوخ اظہار پٔتبن تمن زمانہٕ سوز نظمن منٛز کران یم پرتوِ ستانٛک ہرتر چھِ۔ مثالے سوٚنتٕنی وبدا اکھ، ہرٕدٕنی وبدا اکھ، حُسنٕنی وبدا اکھ، عشقٕنی وبدا اکھ بیترِ۔ نی تو یم کینٛہہ شعرٕ مثالہٕ:

متو والتم مے از ژٕ نکھٕ پیٹھ یہ ژادر

چھُ ووزمس پیٹھے میٚون باپار ہردو

(مرغوب)

بزٕم دِتھ ساقی نشہِ رأوِتھ گوم

چینہٕ روٚس پیالہٕ گوم خالی ہے

ہےَ اتھ وبہٕ ریٚوم ؤسی ماسنہٕ پیٚوم
چھنہٕ روٗس پیالہٕ گوم خالی یے
(فاضل)

مژر چھاپہٕ سرمایہٕ دأری ژٕے اوٚنمت
کران پھٕ پنس کوٚ ژٕ انبار ہردو
(مرغوب)

حیا تکۍ پیالہٕ بٔری بٔری دِوان چُھم حیلہٕ گٔری گٔری
تھوان چھم زِندٕ مٔری مٔری بہٕ کِتس ولتہٕ وٕنیسی یے
(فاضل)

نظراہ بہارٕ ؤدوٚنس میأنس تہٕ گٔری زِ ہے
پوشِل کوٚنڈٕ ے رٕنیمتِس ہلمس ژٕ جُری زِ ہے
(مرغوب)

بے نیاز ورٕحنہٕ زدمیانین امارن گُن تہٕ ؤچھ
اکھ دماکم زیادٕ میانین زارٕ پارن گُن تہٕ ؤچھ
(فاضل)

فاضل تہٕ مرغوب صأبنی بیا کھ اکھ پھیرٕ ہاو خصوصیت چھِ تہٕہنز نعت گوٚیی۔ یم دوشوٚے چھِ نعت گویی ہنٛدی جنونس تام تہ مداح۔ تِہنٛز نعت چھِ بڑٕ جگرسوز تہٕ دِلبستہٕ۔ یمن مٔنز روأنی تہٕ اثرانگیزی چھِ۔ حضورِ اقدسؐ سٕنٛدی تعریف تہٕ توصیف

بیان کرنس منز چھِ یم دوشوٕے پنٕنی اکھ منفرد حیثیت تھاوان۔ ووٕنی گوٚو فاضل صابس رٕؤ زیہِ خوش قسمتی زِ تہندی واریاہ نعت چھِ پتِمو ۵۰ ؍ ہؤوٕرِیو پیٹھٕ لگاتار انوارِ محمدی ٔناوی تہنزِ کتابہِ منز چھاپ روزان۔ پیٹھ میوٚل یمن نعتن مسلمانوٕ سی اکھ خاص مقام۔ یم نعت آیہِ شہر و گام مسجدن تہٕ خانقاہن تہٕ زیارتن منز پرنہٕ، یوسہٕ فاضل سٕنز خوش قسمتی چھےٚ۔

مےٚ ووٚن گوڈٕے زِ فاضل صأب چھِ اکھ بسیار گو شأعر۔ تٕمی چھ واریاہن تمن کتابن تہٕ زنم دیُت مُت یم ہمیشہِ زِندٕ روزن۔ مثالے تصویرِ حج، بالک اُوستھا، ست گورو، مسافر ہستی، شمع وطن، پریم کنگ، شری جپ جی صاحب، کچن گارڈن بیترِ۔ تمو ووٚن پانہ أکِس ریڈیو ملاقاتس منز زِ ''بہٕ چھُس وکھرٕ وکھرٕ چیزن موضوعِ سُخن بناوان رٕؤدمُت یتھ منز خوشنویسی تام شأمِل چھِ۔

مرغوب رٕؤد شأعری علاوٕ کأشرِس کیٛو اردو ادبس بلخصوص اقبالیاتس پیٹھ لکھان۔ یہنزِ چھِ لگ بھگ ۳۰، ۳۵ ؍ کتابہٕ شایع سپزمژٕ۔ یمن منز پرتوستان پیٹھِ نخلستانک اکھ زیوٗٹھ تہٕ میوٗٹھ ادبی سفر چھ۔

بہر کیف گُلس پیٹھ ونویلی زِ فاضل کاشمیری (۱۹۱۶ء) تہٕ مرغوب بانہالی (۱۹۳۷ء) یمو دوٕے لگ بھگ وُہن وٕرین ہُنٛد زِٹھی کأشر تھوان چھِ، اما پوٚز یوٚت کرِتھ تہٕ چھِ یم دوشوٕے پنٕن شعری تعشوق زِتنہِ أکی ہسے رٕؤح چہِ بچھِ منز پیان آمتی یُس پزی یمن دون ہنزِ شعرٕ مزاز وُچھتھ حأرتس چھ پاوان:

یاد اوُسم موے چھنبس پیتھ از تہِ ہا مجبور گوس

جویہِ بارس ۄنی زِ کیٚاہ ابرِ بہارس ۄنی زِ کیٚاہ

(فاضل)

چُھ روٗتُل پأڈٕ مستس ژٕندرِ گاشہٕ نُو کنگۍ والان

بہارس نندرِ ہرٕی تمن سورمہٕ ٹاربن منز شراباہیوٗ

(مرغوب)

☆☆☆

عنایت گل

# مقبولِ عام شاعر......فاضل کاشمیری

کٲشیرِ ہٕنٛدِس پُرکشش، پُرلطف فضاء رٕکس نبہٕ ڈٕندِس پێٹھ استادٕ فاضل کاشمیری چھِ بسیار جھول شاعر پرٛ تھےٚ ٲتی۔ یہنٛدِ قلمہٕ رٕس دار نغمہٕ تہٕ ساٗدر وار خیال وٕ ہروانہٕ تہٕ دوٗ ثوہراونہٕ آے۔ فاٗضل صاٲبنہٕ درجنہٕ واد کتابہٕ بازرٕ ینہٕ ستی سپدی یم عوٲمی حلقس منٛز قبول۔ سکول شُربن ہٕنٛز پرٛ ائر (دُعا) آسی تن یا کرٛ الہٕ کورِ ہُنٛد چھوکہٕ چھوٗنی کرٕوٗن یاوٗن اُسی تن، روایت گرٕ نک کسب اُسی تن یا مجازٕ کی کھاسی پیالہٕ اُسی تن، بیتاٲبی منٛز گرٛ بکہٕ گرٛ بکھ کران۔ ساد تہٕ سہل اچھرن ہٕنٛز تارکھ مال اُسی تن یا ژھبنہٕ گوٗھنکی وبدا کھ اُسی تن، الغرض فاٗضل کاشمیری اُسی ہرفن مولیٰ۔ ہرفن مولیٰ آسُن گوٚو کُنہِ تہِ چیزس پێٹھ پوٚختہٕ رٕ گرفت آسٕنی۔ پتہٕ تتھ چیزس بیا کھ ٲکٹھ کڈنہٕ روٗستےٚ دِلس منٛز جاے کرٕنی۔

فاضل صاٗب زانون اُسی بہٕ نفسِ نفیس۔ بٕتھس پێٹھ سفید دارِہن تہٕ کلس سرٛ نیٛ قراقلی، قد درمیانہ تہٕ اُچھ کتھ تام اضطراٲبی کیفیتس منٛز آبہٕ برٕ ژ۔ شاید اُسی یم نعتک مقطع ٕ گنگرٛ اوان:

دمِ مرگ نزدیک آم فاٗضلا وٕن<br>
پنس تام تس چُھ کوٚت کال اللہ اللہ

کتھ دوہراوٲسی گوڈٕ صِرف فاضل صأبنہٕ نعتیہ کلامٕچ۔ تِکیازِ زیرِ بحث تہٕ چھُ اسہِ یی۔ کاشرِ نعتچ کتھ اگر کرو، تیٚلہِ چھُ اتھ باضابطہٕ دس حضرت شیخ العالم علیہ ہن دِٲسی ووتھان:

پأرِ پأرِ لگوزِ تس پیغمبرس
یسٕندِس دورس رحمت چھِ جأری
کأتی ییٚلہِ حق لگہِ روزِ محشرس
تٔسی کُن وومیدوار آسن سأری

گویا کہِ کأشرِ باگہِ برٕتی سُخنورتہٕ بأنی ادب حضرت شیخ العالمؒ چھِ ستھ ہتھ ؤری برٕ وٕنہہ سانین دِلن منز حُبِ رسولؐ تہٕ تٔمن پأرِ لگنٕچ شش کل وُزٕناوان تہٕ تٔمی سٕنزٕ ے آش ووتلاوِتھ روزِ محشرس منز تھرٕ تھرٕ کانٕچ یہٕے اکھ وومید زُٕناوان۔ اما پوٚز أتھی خیالس لولہٕ متہٕ لاے گرِتھ ووتلیہٕ کأشرِ نعت گو شاعر۔ یتھ منز کأشر دکہٕ زدتہٕ پرٕ ژھیوٚن عاشق غلامی ہندِس وردنس منز ؤلتھ صِرف تہٕ صِرف مکہٕ کس ٹأٹھس دوکھ تہٕ غم باوان چھُ۔ أتھی التجأیی فضہس گوڈ بران بران چھُ فاضل صأب تہٕ ہتہٕ برٕے ڈالہِ آیتن تھاوان۔ یم ڈالہِ کأشر بولٕکو وٕزِھ وأنجہٕ قبوٗل کرٕ۔ حالانکہِ عبدالاحد نادم، پیر حقانی، وہاب پرے، قطبُ واعظ تہٕ بیٚیہٕ تہٕ واریاہ گونماتھ تہٕ أسی اتھ رنگس منز رنگنہٕ آمتی۔ مگر یمن اوس فارسی نعتُک سرٕ ؤن تہٕ گوٚن اثر۔ مگر نادم صأبن ییٚلہِ یہٕ خوبصورت نعت کأشرِس لہجس منز لیٚوکھ، لمہِ ستی سپُد راتھُک سامان میسّر:

مکہٕ کِس ٹاٹھس مدنی لالس سوزٕ بہ استقبالس پان

دِیہِ نادرشن یِیہِ نا سالس سوزٕ بہ استقبالس پان

فاضل صأب چھِ کُل کٲشرِ ہنٛز ترجمانی کران۔ کٲشرِ منٛز چھےٚ ساسہٕ بدٕ ے مشیدٕ تہٕ ہتہٕ وادریٚش آستان۔ سُہ کوس نہٕ مشیِد آسہِ یا کہِ آستان، ییٚتہِ نہٕ اسہِ فاضل صأبُن نعت کنن گژھہ۔ یہِ چھ کمالِ فن۔ زندگی منٛزٕ ے مقبولیت حاصل سپدٕنی چھنہٕ سہل کتھا۔ حالانکہِ سانٮ۪ن صوفی گونماتن ہُنٛد کلامہٕ رۆ دتیٚلی محفوٗظ تہٕ موجوٗد ییٚلہِ یہِ سانوٚ گیوٚن والوٚ قبول کوٚر۔ ییٚلہِ یہِ کلام محفلن تہٕ مجلسن منٛز سازس پیٹھ کھالنہٕ آو، تیٚلی چھِ أسی سوچھِ کرٛال، شمس فقیر، وہاب کھار، احمد بٹہٕ وٲری تہٕ بییہِ کتی صوفی شاعر زانان۔ نتہٕ چھِ کٲشرِ منٛز ساسہٕ بٔدی شاعر پٔز تھےٚ متی مگر نام ونشان گٔنی۔ فاضل صأبن لیچھِ غزلہٕ ہتہٕ بدٕ ے، نعت ساسہٕ بٔدی، مگر لوٗکھ زانن فاضل صأبس نعتہٕ رٔنگی۔ بییہِ ییمہِ وِزِ کرٛالہِ کوٚر ریڈیو کشمیر سرینگرٕ پیٹھ گیوٚناونہٕ آیہٕ، اتھ منٛز یوسہٕ لُکہٕ لےَ تہٕ فنکارانہٕ قأبلیت ووتلان چھےٚ، کأشرِ بوٚ گرٕ "کرٛالہِ کوٚر" تخلیق یکدم قبول۔ اتھ منٛز ورتاونہٕ آمٕژ شبیہہ کأری، استعارات تہٕ موزوٗن بحر چھےٚ اتھ کامیأبی تہِ۔ تتھےٚ کٔنی ییٚلہِ یمنٛزٕ کینٛہہ غزلہٕ ریڈیو کشمیر پیٹھےٚ گیوٚنہٕ آیہِ، تمن تہِ سپٕز پذیرأیی۔ اتھ ونوٚ أسی زورِ قلم۔ لوٗکن یُس چیز وَیہٕ، تتھ ونوٚ أسی قلمکارسٕنز کامیأبی۔

مثالہِ پأٹھی یہِ غزل:

یہِ روایت از تہِ ما آہم پگاہ تامتھ ژٕ ے پزارُن مُشکِلا

لا او بالا میٚون آسُن یا نہٕ آسُن مُشکِلا

زانہِ میوٗنۍ پان کرامن کاتبین چھا خبر

اکھ خدا ژھارُن دوٚیم دُنیا بساوُن مُشکلا

عمرِ میخانس اندر چیٚے چیٚے بہٕ روٗدُس تشنہٕ لب

فاضلا بجرس اندر میخانہٕ ترٛاوُن مُشکلا

پسند شاعر تیٚمس موسیقی تہٕ آہنگ رُمن رُمن منٛز بُستھ چھُ، تیٚمس رسول میرُن سوٗنچ تہٕ رسا جاودانی سنٛز لۍ اتھِ چھےٚ آمژٕ، جدائی ہندِس غمس منٛز ولنہٕ آمُت فاضل چھُ اوٗش برہگہٕ اَنتھ وبدا اکھ دِوان، تیٚمی سندِس انتظارس منٛز یہِ گژھتھ بجرس تہِ ووت، ہنگہٕ ژاس ززُرتہٕ خبرو ونی آسابہٕ پگاہ کِنہٕ نہٕ۔اما کرامن کاتبین چھا خبر۔تہٕ زانہِ میوٗنۍ پان زِ دُنیاہس منٛز تتھ کیاہ چھُ انسانس پوان کرُن۔ یتہٕ اکہِ طرفہٕ خدا ژھارُن تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ دُنیا بساوُن تہٕ اکھ ٹنٛز قیامت چھَ۔ یوٚ دوۍ عُمرِ میخانس منٛز مے چیتھ تہِ تشنہٕ لب روٗدُس اما پوٚز بجرس منٛز کتہِ ترٛاوٕ بہٕ یہِ میخانہٕ۔وُں یوٚ دوۍ ترٛاوُن پیٚو، تہٕ کوتاہ مُشکل چھُ۔

گو ہاتھ میں جُنبش نہیں آنکھوں میں تو دم ہے

رہنے دو ساغر و مینا میرے آگے

(مرزا غالب)

اصل لہجہِ ورتاون والین منٛز چھُ فاضل کاشمیری سُند ناو تہِ اکھ۔ فاضل صاٛب روٗدی پرٛتھ وِزِ لکھان:

حیاتکۍ پیالہٕ بٔری بٔری دِوان چھِم حیلہٕ گٔری گٔری
تھوان چھِم زِندٕ مٔری مٔری یہٕ کاتِس واتہٕ وٕسی یے

یتھ شعرس منز چھُ بےبسی ورتاوُنہٕ آمٕژ۔ زِندٕ روزنہٕ خاطرٕ یم پیالہٕ میانہٕ خاطرٕ بٔری بٔری چھِ، امایم تہٕ چھِ بہانہٕ گٔری گٔری پلناوان، اماپو زمےٚ مٔری مٔری زِندٕ تھاوِنس منز کیاہ سناچھُ یمن ظاہر کرُن۔ فاضل صأب چھِ بعضے ژھوٹ بحر ورتاوِتھ اصل شعرونان۔ یتھ منز کُنہر، تنہائی، آلوتہٕ وبدا اکھ نظرِ چھ گژھان۔

شأعری حبسأوی أسۍ تن، فِکری أسۍ تن، واقعأتی أسۍ تن یا تخئیلی۔ اگر نہٕ اتھ منز پنٕنی دأخلی ساخت آسہِ تیٚلہٕ کتھ ونو أسۍ شأعری۔ یوٚ دوٚیے اتھ منز کانٛہہ دوٚیم پوتُر گوٚب گژھ نہٕ تیٚلہٕ چھےٚ یہٕ اصل مقصدٕ نشہٕ ڈلان۔ نتہٕ چھےٚ یہٕ جمالیأتی اثرٕ نشہِ محرُوم سپدان تہٕ مارکسی جمالیاتُک مقصد تہٕ چھُ یہَے توازُن۔ شأعرس گژھ وننہٕ خاطرٕ کینٛہہ اَسُن، مگر صرف وننہٕ خاطرٕ کینٛہہ اَسُن چھُنہٕ کأفی آسان، تس گژھ وننہٕ خاطرٕ سلیقہٕ تہٕ اَسُن تہٕ شأعری گژھ نعرٕ بأزی نشہِ پتھ رٹنی تہٕ چھےٚ شأعرٕ سنٛزٕ ے کأم۔ اتھ منز چھےٚ مکاروسُند یہ اکھ کارنامہٕ، اکھ لاجواب کرن واجینٛز دلیل۔ یتھ کنٛی أسۍ تاج محلچ مثال دِمو۔ جمالیات چھنہٕ کانٛہہ جامد تہٕ ساکت صفت۔ امِکۍ حد چھِ بدلان روزان۔ اکی چیزٕ کی ہکبن واریاہ عنصر تہٕ اُستھ۔ اتھ ہیکہٕ جمالیأتی اثر تہٕ اُستھ۔ مثلن چرچ ہیکہِ عبادت گاہ تہٕ اُستھ تہٕ آرٹُک مظہر تہٕ۔ کنٛی یوسہٕ أسۍ لُدِ وانو یا بیٚیہ کُنہِ بالہٕ ژٕتھ انو اگر یہ کأتسہِ لاینہٕ پیٚیہ یا کُنہِ جنگس منز استعمال پیٚیہ کرنہٕ تیٚلہِ کھرِ یہٕ۔ مگر بیٚیہ طرفہٕ اگر اتھ گرأے سپدِ

تہٕ اتھ پٕن مختلف آکار بخشنہٕ، یہ ہیکہِ عمارت سازی تہِ لبتھ۔ تہٕ اتھ ہیکہِ اکھ مؤرت تہِ بٕنتھ۔ تہٕ یہ ہیکہِ جمالیٲتی حُسن کارٕی ہُنٛد اعلیٰ نمونہ تہِ بٕنتھ۔

کُنہِ تہِ چیز چھِ یا بناونہٕ آمتہِ چیز چھِ جمالیٲتی قدرٕ ہُنٛد احساس چُھ اکھ سمأجی عمل یُس دراصل اکہِ آئیڈیالوجی نِشہِ یکسر بے تعلق چھنہٕ آسان۔ سمأجی تبدیلیَن ہُنٛد تواریخ چُھ گواہ زِ انسان سِنٛدِ ذٕسی بنأوِمتین کتی ہَن چیزن اُس نہٕ گوڈٕ کانٛہہ جمالیٲتی قدر مگر پتہٕ آے تِم جمالیٲتی قدرن ہُنٛد حاصل سمجھنہٕ۔ یتھےٚ کنہ چھےٚ ییتہِ نَس فاضل صأب گُلالس بٹھو پیٹھِ آلو دِتھ ذٕدی متی سینہٕ سنٛبھالنچ کوشش کران:

بٹھو پیٹھی گُلالو ژٕ دِتی میٹھی آلو
ژٕ لالو وولو سینہٕ ذٕدی متی سنٛبھالو
خبر چھا یہِ دم کاٗلی روزِیا نہٕ روزِیا
وولو فاضلو مہِ مشالس سر آلو

کأشرِ شاعری دِیٚت نہٕ کأشُر بولن والین انسانن ذہنی، جمالیٲتی جبہٕ یوت بلکہِ کُنہِ حدس تام رٗحانی تسکین تہٕ تشفی تہِ۔ بلکہِ ییمہِ دوٗرک کلامہٕ اُسی فاضل صأبس نِش حاصل کران چھِ، تتھ دورس منٛز اُس ییتہِ نشر واشاعت نہٕ آسنس برابر۔ اما پوٚز فاضل صأبن آپروو کأشربن سہ کلامہٕ ییمہِ کنی لُکن منٛز زبأنی ہُنٛد احساس تہٕ جذبہٕ ووتلیو۔ فاضل کاشمیری سٕنزن غزلن چھنہٕ ہیٔت بدلان بلکہِ موسم تہٕ ماحول بدلنس سٟتی چھ یمن نٔوی نٔوی خیال تہِ کاڈکڈان:

تاراج گژھنہٕ ستین گُل چھا ہماں نشاطس

ہردس دپو بہارُک آسی نظارٕ کوٚرمُت

یتھ ہوشہِ رِکس زمانس منٛز کُس سُہ عاشقےٚ گوٚو

یس آسہِ کائنسہِ فاضل خانئے وُجارٕ کوٚرمُت

فاضل کاشمیری صأب أسی ووستاد، خوشنویس، شأعر، ادیب تہٕ پیٖر مرد۔ یمو سبٹھاہ وأنس کڈ۔ شأعر چھ آسان لاوبال، تتھ چھُنہٕ کانٛہہ شک۔ مگر فاضل صأبنہِ کلامک بیشتر حصہٕ چھُ شایع سپُد مُت۔ امیُک بوٚڈ بارٕ وجہ چھ زِیہندی فرماں بردار فرزند سید ذی شان فاضل صأب یم پانہٕ تہِ اکھ ادیب چھِ، یمو فاضل کاشمیری سُند اکھ اکھ شعرٕ ژھرأ وِتھ چھ تھو وُمت۔ اماپوٚ زیوٚ دوٚ ے اخبارس منٛز فاضل صأبس متعلق کینٛہہ لیکھنہٕ چھُ آمُت تہِ تامتھ چھُ رٕ ژھرأ وِتھ۔ اماپوٚ زیہِ کأم چھنہٕ أشناون تہٕ اولادن ہنٛزٕ ے یأ ژ کأم بلکہِ چھُ اکھ ادیب قومی سرمایہِ آسان۔ اتھ سرمایس تہٕ یہنٛدِس کلامس پزٕ اسہِ سارِنے رأچھ راوٹھ کرٕنی۔ خبر أسی کأشری کر یمَو پایس۔ فاضل صأبنٛ ''تصویرِ غم'' کتاب، یتھ منٛز مرثیہِ، نوحہ تہٕ سلام لیکھنہٕ چھےٚ آمٕتۍ، چھےٚ اکھ اہم کتاب۔ یتھےٚ رِکنی چھےٚ ''جامِ جم'' تہٕ ''غزل'' ناوی کتاب تہِ ہاوِنی تہٕ باوِنی لایق۔ اماپوٚ زیم چھنہٕ ازدستیاب۔

☆☆

رحیم رہبر

# قلمس باگہِ بجر آو

ادب تخلیق کرُن گوٚ و تخلیقی کرب سالہٕ اُنُن۔ پَتہٕ گژھِ تخلیق کارس یہِ کرب برداش کرُنک بانہٕ آسُن۔ یمی یہِ کرب برداش کوٚرتھ ہیٚ چھِ ادیب وَنان بامے سہ نثر نگار آسہِ یا شاعر۔ کیٚہہ چھِ تم بختہٕ بڈ یمن ماجہِ زیوٚ پٔننہِ وَنُدک وُشنیر اَرپن کرُنک بختہٕ بجر بدٕس چھُ آسان۔ یمنے شخصن پتھ چھُ زمان و مکانس ناز آسان۔ یتھی لوٗکھ چھِ یقیناً موتس نش حیاتی ہُند جنگ زینان۔ تہٕ یمے لوٗکھ چھِ پتہٕ آسمانہٕ ادبکی پژ بز لوٗنی تارکھ بنان تہٕ صاحبِ فکرتہٕ صاحب ہوش چھِ یمنے متعلق وَنان۔

یمن لفظن مول کُس زانے!

غلام احمد فاضلؔ کشمیری چھِ یوہے بے مول لعلو منزٕ اکھ لعلِ کشیر۔ یوگن ڈبکہٕ گاشر اونس منز چھِ یم لعل اکھ اہم کِردار ادا کران۔ یم چھِ ظلماتس گٹہٕ کاسان۔ تہٕ فکرِ کھے ٹلان۔

فاضلؔ کشمیری چھِ پانس اندر اکھ تخلیقی تہٕ تحقیقی اِدارٕ ژھراوان۔ یم چھِ پانسے منز اکھ دانشگاہ اکھ School of Thought۔

عام لُکھ چھِ جناب فاضل صأبس محض اکھ نعت گوٚ و مانان۔ اَتھ منٛز چھِنہٕ کانٛہہ تہِ دوٚیم رائے زِ فاضل صأبنو نعتو ستی چھِ مشیدِ مینار گژھان۔ زیارت گاہن، خانقاہن، درسگاہن، دینی محفلن، آستانن ڈیڈبن تہٕ ختم کوٚٹھن منٛز چھِ یِہنٛدی نعت سبٹھے عاجزی تہٕ انکساری سان پَرنہٕ یِوان۔ تہٕ اگر فاضل صاب مقبولِ عام شاعر چھِ امیک اکھ بوڈ سبب چھُ یِہُنٛز نعت گوئی۔ پوٚز نعتو علاوٕ لیٚکھ یِمو غزل، مثنوی، ژاکھ، منقبت، مرثیہ تہٕ شُربن ہنٛدِ باپتھ بأتھ۔

بقولِ ڈاکٹر شفیع شوقؔ تہٕ ناجی منوّر یِم چھِ پننہٕ کتابہِ کأشُر زبان تہٕ ادبُک تأریخ، صفحہٕ ۳۷۱ پیٹھ فاضل صأبس متعلق یِتھ پأٹھی ذِکر کران:

"تحریکہٕ ووژھ تہٕ سورے یہِ۔ فاضل رُود یِمن کُن تھَر پھَرتھ۔ شاعر یہِ اکھ پیشہٕ زأنِتھ پژبتھ کُنہِ قسمکس موضوعس پیٹھ لکھان۔ غزل، وژُن، نظم، نعت، لیلایہ، بھجن، کیرتن، غرض پژبتھ کینٛہہ لیوٚکھُن"

فاضل صأبن کرِ ترٛہ (۳۰) پیٹھی بأتہٕ کتابہٕ چھاپ۔ ساغرِ مستی، شمعِ وطن، یرپچ گنگ، انوارِ محمدیؐ، بالک اوستھا، ست گورُو، اَسن کھنگالہٕ، پرایریک، تصویرِ حج، شری چب جی صاحب، کچن گاڈن، دراگیہ دیوس لارِ لار، ٹریفک ہوش، خوشحال کنبہ، شُربن فُریاد، ستم رنٛگ، نوشہِ نامہ تہٕ گلدستہ فاضل بیترِ۔

فاضل صأبنی مقبولِ عام لولہٕ وژن غزل تہٕ نعت چھِ یِمنے کتابن منٛز چھکرِتھ۔

فاضل صابنی "کرالہٕ کوٗر"، کس کاشرِس آسنہٕ گوشن گامُت !؟ یِم چھِ سانِۍ قداوار نغماتی شاعر، یِہندِس کلامس چھےٚ بےٚ کاف رٕسلہٕ شراپ مستی ہران ۔ کرالہٕ کوٗرِ دیُت فاضل صابس لیہِ ہُند عروج ۔ یِمن گیہِ احساسی نگرِچ حکمرانی حاصل ۔ ہرگاہ مےٚ کانہہ سوال پرٛژھِ زِ ہمہٕ صدی ہُند مقبول عام گونماتھ کُس چھُ ۔ میون جواب آسہِ فاضل کشمیری تیٚمی لچھِ بدٕبن دِلن منز جاے رٕٹ ۔ تِکیازِ میانس دعویٰ ہس چھےٚ اکھ زوردار دٔلیل ڈٔکھِ ۔

آ......! تہٕ بہٕ اوسُس عرض کران زِ فاضل چھِ پانس منز اکھ دانِش گاہ ۔ کاشرِس ادبس منز کوٗریمو اکھ لازوال تہٕ بے مثال اتہاس رقم ۔ فاضل چھِ تمہٕ کاشرِ مینارُک ناوِ ینتھ نہٕ زانہہ تہٕ تہہ ہمہِ !

فاضل صابُن اچھرِ ون رُوٗد ہمیشہِ سرسبز تہٕ سرتاز ۔ یِمن آو قلمس باگہِ بجر ۔ زندگیہِ ہِندِس پرٛتھ شعبس منز ہاوِ یِمو پنٕنۍ ووستہٕ کاری تہٕ پوٗختہٕ کاری ۔ یوگن ہِندی یوگ بدلیاے مگر فاضل رُوٗد پننہِ رسدار کلامہٕ ستۍ فکرِ کھے کاسان ۔

فاضل کشمیری چھِ اکھ ہمہ جہت شخصیت ۔ یِہنز فنکاری چھےٚ بے مثال ۔ اکھ کامیاب سوخن گو آسنہٕ علاوٕ اۍس فاضل صاب اکھ Social Activest تہٕ ۔ بحثیت اُستادگے فاضل صاب اکھ پُراثر معلم ثابت ۔ بحثیت اکھ ہاے سکوٗل ہیڈ ماسٹر اۍس فاضل صاب اکھ کامیاب منتظم تہٕ ۔ یِم گے اکھ بےباک صحافی تہٕ ثابت، اکھ مارٕ موٗند خوش نویس تہٕ ۔ اکھ مصور تہٕ اکھ اصلح کار تہٕ ۔ مگر یِمو سارِوے خوبیو باوجود تہٕ روٗ ٹ نہٕ یِمو ہرگز تہٕ چاو ۔ مےٚ چھُ فاضل صابس متعلق

پانس تہٕ اکھ ذأتی تجربہٕ زِ یمن أس نہٕ زانہہ تہِ شوہرتھ پزٲونچ بوچھِ۔ یم أس تنہاپسند۔ یمن اوس پننہِ عزتہٕ نفسُک شدید احساس۔ غألبن ما آسہِ ہے پتہِ اکھ وجہ زِ یم أسی وارِیاہ کم ریڈیو کشمیر یا دوردرشن یوان۔ فأضلؔ صأب أسی اکھ درویش صفت انسان، اکھ اسرأری تہٕ اکھ ثبوت مردِ کأمل۔

یہندِس کلامس منز چھےٚ سوکھ ناگہ روأنی تہِ تہٕ وولرسرُک سرٛیزٕ رتہِ:

مےٚ چأنس وۄشلنس پیٹھ شار ؤنی کتیٚ
یمن منز تیٚ تیٚونگل لالہِ أنی کتیٚ
شُمارا، یا حِسابا، چھا سرُن تَس
أچھو نِش ژۄرِ کأتیاہ تم چھِ ٹٔنی کتیٚ

یاسنٛ تویمن شعرن......

فأضلا! یتھ نا مُہی دِل کأنہہ صنم
یم صنم ڈالان چھِ اپلج ژاے ہِش

فأضلؔ صأبن چھاوی الہٕ پلہٕ ارشیتھ (۸۸) بہار۔ زندگی ہنٛدی أخری ایام گُزرِیاے یِہنٛدی ہنگامہِ آرأیی ہنٛدِس دورس منز Era of sensationalism۔ اَمہِ باوجوٗد تہِ ہیٚمیٚےنہٕ یِہنٛدِس قلمس تیٚہہ۔ درپیٚری اوس روز وشب وشام وسحر یمن ٹوٹھ محبوب نظرِ نےتل۔ فأضلؔ کشمیری أسی عاشقِ رسولؐ۔ مےٚ چھُ زَن تہِ کالُک بتہٕ یاد أخری ایامن منز گوس یہٕ مُلاقات باپتھ یُہنٛد گرٕ۔ نۄرأنی روے گُرِتھ أسی یم تمہِ ساتہٕ تہِ نعت گژان۔ اُمتِ نبیﷺ سنس پیٹھ

کوتاہ نازاوس یمن۔ اکہِ گانٹھہِ کس مُلا قاتس دوران آسہٕ تقریباً وٕہہِ لٹہِ پہنٛدِ زیوٚ یہِ فارسی شعر دژامُت:

بریں نازم کہ ہستم اُمتی تُو
گنہگارم و لیکن خوش نصیبم

پہنٛزِ شخصیتُک بیاکھ پہلواوس زِیم اُسی عالمِ دین، اکھ مفکّر۔ سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ بجراوس یمن زِیم اُسی اکھ مُدّ برانسانی اقتدارن ہنٛدی علمدار۔ یم زامےڈب تل سرینگر ۱۹۱۶ءتہٕ ۱۱/ جولاے ۲۰۰۴ء منٛز گےیمہِ عالمہٕ رحمت حق۔ کرِی نکھ خداوندِ کریم تتھ قبرِ پوشہِ وَرشُن (آمین)

فاضل صابنس ادبی سفرس باگنے کرِ نی گیہ زیادتی تکیاز سفرُک کانٛہہ تہٕ پڑاوہیوٚک نہٕ پہنٛدِس قلمس تیٚہہ ہمرٲوِتھ!! یا پہنٛدِس قلمس ٹھوٚ ر نٛتھ۔

فاضل صابنس قلمس چھُ باگہِ بجر...... اوَے چھُ پہنٛدِس کلامس منٛز وُنہِ تہٕ سُے سرٛیٚہہ، سُے میچھر، سوے ترٛاوَتھ یوس اَتھ تمہِ ساتہٕ اُس ییلہِ یہِ کلامہٕ تھنہٕ پیوٚ وتہٕ پہنٛدِ قلمہٕ دژاو۔ صوفی دربار اُسی تن یا دینی اجتماع۔ ڈسلابہٕ چھُ فاضل صابنہِ کلامہٕ ستی گژھان۔ ییلہِ یہِ گنہِ وقتہٕ فاضل صابنین تخلیقی کاوشن متعلق سران سوچان چھُس۔ مے چھُ اکثر یوہے گمان گژھان۔ اگر نے فاضل آسہٕ ہے کاشرِ زبانی منٛز لکھنہٕ آمتین نعتن یاوَژنس ما آسہِ ہے تیلہِ آہنگ بدل۔

!! نعتیہ ادب آسہٕ ہے تیلہِ مقام درمقام سرِ گرِتھ تابدار منٛزلس کُن روان دواں!! یہِ چھُ میٚون سوچ ...... ! میانِس سوچس ستی قٲری ین ہُند متفق آسُن چھُنہٕ میانہِ باپتھ

ضرٗوری۔ اَوے زِ پزٕ بتھ اُ کِس چھُ اظہارِ راے کرنُک حق حاصل۔

خاص پٲٹھۍ کاشرِس اَدبس منٛز محقق جینون ادیبن قلمکارن ہنٛز ژادٕر کرٕن۔ تیٚلہِ آسہِ فاضل صابُن ناو گوڈنکیس صفحس منٛز۔ یہِ چھُ دراصل قلمُک بجر آسان یُس قلمکارس خداداد صلاحیژن لفظن تراش ہیتھ اکھ مکمل عبارتھ گران چھُ تہٕ یِہے عبارت چھِ قلمکارس حیات جاوِدانی عطا کران۔

قلمس یٚیلہِ بجر باگہِ یوان چھُ فن چھُ تھنہٕ پیوان۔ نَتہٕ کیا چھُ فن؟ حظ انگیزی بیٚیہِ تہٕ کینٛہہ۔ ہربرٹ ریڈ (۲۶۳) عصرِ حاضرُک مشہور عالِم جمالیات چھِ پننہِ کتابہِ (فن کا معنی) منٛز لیکھان:

"فن کی عام طور پر اور آسانی کے ساتھ یہ تعریف کی جاتی ہے
کہ حظ انگیزی صورتوں کی تخلیق کرنے کی کوشش کا نام فن ہے"۔

وونی گوٚو خصوصن اُ کِس شاعرسٕندِ باپتھ چھُ ضرٗوری زِ سُہ آسہِ فطرتس وارِیاہ نکھہٕ ووتمُت۔ تیٚوتاہ قریب زِ سُہ آسہِ ہوش کھوٚ گوشو فطرت بوزان تہٕ شوقچھ نظرِ و فطرت وُچھان۔ پتہٕ یہِ کینٛژھا شاعر مشاہدٕ کران چھُ قلم چھُ تتھ اظہارُک وردَن وَلان۔ تہٕ رژ شاعری چھےٚ وجوٗد س یوان:

کچھ جو سنتا ہوں تو اوروں کو سنانے کے لئے
دیکھتا ہوں کچھ تو اوروں کو دکھانے کے لئے

(اقبالؒ)

نَتہٕ چھُ اَسہِ منٛز پزٕ بتھ اکھ فرد کم کاسہٕ شاعر، سنگتراش، مصور تہٕ نثر نگار

آسان۔ تیٚلہِ کیٚاز ِ چھِنہٕ سأری شأعر نثر نگار، مصوٚر یا سنگتراش بنان؟ تِکیٚاز ِ سارِنٕے چھِنہٕ قلمس اظہارِ ذأتی رقم کرنٕک بٔڑ آسان۔ یِم چھِ خالے کیٚنٛہہ یِمن قلمن باگہِ بجریوان چھُ۔

بہرحال میٚأنی مضمونٕن ہیٚوٚت طول رٹُن یہِ زَن نہٕ وق اجازت دِوان چھُ...... یہٕ کرٕبس یہِ وٕنتھ زِ یِمہِ مضموٗنٕک اختتام زِ قلمن گرٕ فأضلس یاورِی عالمہِ ایجادس منزٕ تہٕ فأضل کشمیری ہیٚوٚن۔ بقولِ اقبالؒ

جو عالمِ ایجاد میں ہے صاحب ایجاد
ہر دور میں کرتا ہے طواف اس کا زمانہ

☆☆☆

گل تنویر

# فاضل کاشمیری......تخلیقی شخصیت

کاشُر ادب چھ سانہِ کشیرِ ہُنٛد موٗلُل سرمایہِ ۔یہِ سرمایہِ رٕژھرِتھ تھاونس مژ یُس بوش أسی کھارو تمٮ۪گ حقدار چھےٚ جموں وکشمیر کلچرل اکیڈیمی، ییمی وِزِ وِزِ کاشرِس نثرس تہٕ شاعری گوڈ بوٚر۔یوٚ دوَے أسی سام ہیموٚ تہٕ ادبہٕ کِس توأر تخس ژھاٹھ دِموتیلہِ چھ یہِ شیخ العالم رحمتہ اللہ علیہ ہن ہنٛدِ دورٕ پیٹھٕ شروٗع سپدان۔شیخہٕ شُرٕ کہ تہٕ ٹکھ چھِ پرٕتھ کأنسہِ کاشرِس ووسنس أنتھ تِمس پرٕ زُرک تہٕ گاٹہٕ جارُک سبق پرناوُن ہیچھناوان۔کشیرِ چھ شاعرن، ادیبن تہٕ قلمکارن ہُنٛد باگہِ بوٚ رُت بوگ نصیب یُس وِزِ وِزِ أسی تہنٛد بن نثری تہٕ شاعری فن پارن منٛز وُچھان تہٕ لبان چھِ۔

قلمکار چھُنہٕ مران بلکہِ وأنسن تہٕ وُمرن پوشہِ وُن سرمایہِ ۔یہِ چھ قومن تہٕ نسلن ہُنٛد رأچھدر۔قلمکار سُنٛد قلم چھُ اکھ طاقتور ہتھیار، یُس یوٚ دوَے کھٕنٛتھ تہٕ روزِ مگر أخرس چھُ نوٚن نیرِتھ پٔنٕ شہجارتہٕ وِہٕ ہار بأ گران۔سانہِ ماجہِ کشیرِ اندر چھِ آنتھِ رٕسی شاعر، ادیب، نثرنگار تہٕ گونماتھ پأدٕ سپدی ٕمتی، یِہنٛد تذکرِ ییٚتتھ کرُن سبٔتھاہ دشوار چھُ مگر تہِ کرِتھ تہِ یُس دیُت تِمو اسہِ دیُتمت چھ سہٕ چھُنہٕ صِرف

تھکِنٛ لایقٕے یوت بلکہٕ نافہٕ ژھٹہٕ وُن مُشکہٕ انبر۔ سانہٕ ماجہٕ کٲشرِ ہنٛدی مایہٕ ناز اہلِ قلم حضراتن تہٕ تِہنٛدی نثری شہ پارٕ چھِ ہیتی موٕللی زِنیرِ مین مُلکن ہنٛدی ترجمہٕ کار چھِ یِہنٛدِس فنس تہٕ کلامس پن پننین زبانن منز ترجمہٕ کرِتھ یمن تھکہٕ ناوان۔

تِکیازِ تِم چھِ محسوس کران زِ کٲشرِ ہُنٛد ادبی سرمایہٕ چھُ باگہٕ بوٚرُت تہٕ معنہٕ سوو۔ یِمنٕے اہلِ قلمن منز چھُ اکھ مٲرٕ موٚندتہٕ شوٚبدار ناو فاضل کاشمیری۔

فاضل کاشمیری وہٕ ھناوُن چھُنہٕ سہل۔ تِکیازِ یُس تمِ سُنٛد ادبی بجرتہٕ تھزر چھُ، سہٕ چھُ بے مثال۔ فاضل صٲبُن اصل ناو چھُ غلام احمد تہٕ فاضلؔ اُسی بطورِ تخلُص پیش کران تہٕ امی سٟتی چھِ معروف تہٕ مشہور۔ فاضل کاشمیری چھِ کٲشرِ ہنٛدی ممتاز تہٕ مقبول شاعر۔ سرینگرٕ کِس اَکِس نواحی علاقس منز زٕنم لٟبتھ کوٚرُکھ ایس پی کالج سرینگرٕ بی اے پاس تہٕ سپدی محکمہٕ تعلیمس منز تعینات۔ لوکچار پانہٕ پیٹھے اُس تِمن ادبس سٟتی لوے کھوے تہٕ اُسی مُشاعرن تہٕ محفلن منز حصہٕ نِوان۔

فاضلؔ کاشمیری سُنٛد ادبی سفر چھُ معروف رسالہٕ ''پرتاپ'' سٟتی شروٗع سپدان۔ کاشرِس ادبس لول برنس منز یُس مقام تِمو حاصل کوٚر سہٕ چھُ تھزِ مشہوٗری ہُنٛد آغاز۔ امہٕ مقبولیتہٕ پتہٕ یِیلہٕ فاضل صٲبن ''تصویرِ حج'' شایع کٕرتہٕ اتھ اندر یوس فکرِ ترن واجینٛہ تہٕ عام فہم زبان تِمو استعمال کٕر، سو چھ پزی پٲٹھی بے مثال۔ اَتھ کتابہٕ سپز زبردست پذیرٲیی حاصل۔ علمائے دِین تہٕ ادب شناس لوٗکو ٹٕل امہٕ نِشہٕ سبٹھاہ استفادٕ۔ مناسکِ حج تہٕ مقدس جاین متعلق یُس مواد اتھ اندر شامل کرنہٕ آمُت چھُ سہٕ چھُ سبٹھے مولُل تہٕ معنہٕ سوو۔ عازمینِ حج چھِ سفرِ

محمودس متعلق اتھ کتابہِ رہبرِ کامل مانان تہٕ فاضل صابنہِ امہِ کتابہِ ورأے
یِوٚ دوٚے واریاہ کتابہٕ جس متعلق لیکھنہٕ آیہِ مگر تصویرِ حج چھےٚ سارِوٕے کھوتہٕ سرس
مانہٕ یِوان۔
فاضل کاشمیری چھُ کاشرِ زبانٕی ہُند ژُکی در تہٕ کاشرِس منٛز تہُند تخیُل چھُ
سبٹھاہ موٚدُر تہٕ مُوھیُل۔ یِم تہٕ خیال تٔمی پننہِ قلمہٕ تھٕرٕتی چھِ تم چھِ پزنہٕ پاٹھی
باکمال تہٕ بے مثال۔ تہندِس نثری تہٕ ادبی سرمایس یوس حیثیت حاصل چھےٚ، تتھ
پیٹھ چھُ پرٕتھ کانٛسہِ ادیبس کیٛو شاعرس فخر حاصل۔ فاضل صابنین تخلیقاتن منٛز چھُ
زمان و مکانُک احاطہٕ لبنہٕ یِوان۔ مثالے اوٚندپوٚک، لول تہٕ مِلٲوار، سماجی کیٛو
دِینی پہلو بیترِ۔ یُس موضوع قلمس بڑونٛہہ کنہِ انان آسی، تتھ اُسی پننوٕ تخیُلوٕ ستی
مٲری موٚند بناوان۔ ادبی تہٕ علمی ماحول پننوٕ فطری صلاحیتو ونیشہِ ناوُن چھُ تٔمی سٕنٛز
ووستہٕ کٲری تہٕ فنکٲری ہُند باس دِوان۔
فاضل کاشمیری سُند اردوٕ کیٛو کاشُر نثر تہٕ چھُ پننہِ جایہِ اکھ مولُل خزانہٕ یُس
پرٕتھ روٗحس وولسنس انان چھُ تہٕ تٔمی سٕنٛزِ علمی بصیرتُک نیب دِتھ مانہٕ راوان چھُ زِیہٕ
چھُ ادبس اندر اکھ عظیم اضافہٕ۔
فاضل کاشمیری صابُن تخیُل تہٕ تخلیقی شخصیت چھےٚ اسہٕ تٔمی سٕند بو ادبی شہ پارو
ستی دٕرینٛٹھی گوٚھان۔ نعت، منقبت، رُباعیہ، غزل، نظم بیترِ صِنفہِ چھےٚ ورگہٕ پاٹھی
یہٕ کتھ مانہِ راوان زِیہٕ عظیم تہٕ باگہِ بوٚرُت شاعر تہٕ ادیب کاژاہ سُنی نظر چھُ
تھاوان اوسمت۔ سُہ یہٕ کینٛہ ہاتہِ لکھان یا تحریر کران اوس سُہ اوس تس منہٕ کہِ

سٕد رمنزٕ نیران۔ تِمی سُند کلامہٕ چھُ فصاحت تہٕ بلاغت ہِتی بَرتھ۔ تِمی سٕندِ شاعری ہٕنٛدی اچھر چھِ سلیس تہٕ زورِ بیان چھُکھ اعلیٰ تہٕ تھوٚد۔ فاضل صابُن فن تہٕ شخصیت نظرِ تَل اَنتھ چھُ سُہ کاشرِ زبانٕ ہٕنٛز اکھ تاریخ ساز شخصیت مانٕنہٕ یوان۔ فاضل صابنٕ شاعری پَرتھ چھُ یہ کتھ ٹاکارٕ تہٕ ورگہٕ پاٹھی بۄزنہٕ گژھان یوان زِ تِمن چھُ کاشرِ زبانٕ تہٕ ادبس ہِتی انتہائی محبت۔ کلچرل اکیڈیمی یُس قدم فاضل کاشمیری نمبر چھاپنہٕ خاطرٕ تُل، اتھ ونوٕ اسی یہ چھُنہٕ فاضل صابس منّت بلکہٕ کاشرِس ادبس پاپرجائی تہٕ بجر۔ ڈاکٹر عزیز حاجنی صابُن اَندریم چھُ رُت تہٕ بے بہا۔ تِمن یُس ژُکھ چھُ، سُہ چھُ یوٚہے زِ یہ زبان پھاٲلنہٕ باپتھ چھُ تِمو ناماوارن نسبت شیرازٕ کی خاص نمبر چھاپ کرنک منصوبہٕ بنوومُت یُس سٮ۪ٹھاہ شاباشی لایق چھُ۔

فاضل کاشمیری صابنٕ عام شاعری چھِ جذبات تہٕ تخیُل۔ آسمانٕی پرواز۔ منٛج کل، اوٚش تہٕ غذا، زارٕ پار، پوشن تہٕ باغن ہُند تصور، بُلبُلن ہُند چُری گِیش، آرن تہٕ کولن ہُند حسین منظر اکہِ نوِ اندازٕ پیش کران۔ تہنٛدِس مزازس یُس وبٕوار چھُ سُہ چھُ تِمی سٕنزن غزلن تہٕ نظمن اندرورگہٕ پاٹھی دٕرٕینٛٹھی گوھان۔ تِمی سُند سوچ چھُ اکھ بے بہا خزانہٕ یُس آنتھٕ رٕسی لعل تھُرِتھ لعل بازارن منٛز شیران چھُ۔ یوس مُشکہٕ بُدرج تہنٛد بن خیالن یوان چھےٚ سو چھےٚ سورے اوٚندپوٚک مُشکاوان۔ اکھ ہوشیار، ذہین، باصلاحیت عالِم چھُ سونہاری وقتس لولہِ للہٕ وان تہٕ اکھ پوٚختہٕ کار ادیب تہٕ شاعر زنم لبان۔

فاضل صابنہِ شاعری ہُند معیار چھُ تِمی سٕند بن باونہٕ آمتین خیالن، تشبیہن

تہٕ استعارن منٛز ژھٹہٕ ماران۔ پننہٕ زمانہٕ کٕبن یا ہمکال شاعٔرن ادیبن منٛز چُھ تس گوڈٕے تھزر تہٕ بجر حاصل بلکہٕ ونوٚ یہٕ زِ مانٛچھ تکرِ ہنٛدی پأٹھی چھ گلزارس پھیرِ تھ گُلن وِیوٚ رٕنگلان تہٕ اکھ میوٚٹھ تہٕ موٚ دُروِ ہارٕبٲ گراوان۔

نعتیہ ادبس منٛز یُس مقام فاضل صابس چھ سُہ چھ دِلس شہجار تہٕ سکوٗن عطا کران۔ مسجدن تہٕ خانقاہن اندر چھِ یِم نعت پرنہٕ یوان تہٕ اکھ مأرٕ موٚندتہٕ مُوہیٚل ماحول چھ زنمس یِوان۔ روٗح چھ وولسنس یِوان تہٕ منہٕ کس ئدرس چھُ گُلستان سپدان:

واوٕ عربی لالہٕ وُچھتن شالمارن آسہِ ما
ژوٚرِ تھووُمت دوٚن اُچھن منٛز نوبہارن آسہِ ما
تس برس تل انتظارس پانہٕ از روحُ الامین
ہتھ گونہگارن ہنٛدبن ٹاٹھین امارن آسہِ ما
ویرِ تہنٛز ے لولہٕ باغ سگہٕ وُم چمن تھووُمس تیار
وُچھنہٕ آمُت لالہٕ میوٚن ستی چار یارن آسہِ ما
فاضلا جذبس اثر، ہولس کشش لولس وصال
یوٚرٕ یُس گاران چھُہن سُے اوٚرٕ گاران آسہِ ما

یِم نعتیہ شعر پٔرِتھ چھ شعریت اکھ پُر جمال منظر پیش کران۔ لفظن ہُنٛد ورتاو تہٕ وزن چھ فاضل صابنہٕ شاعری ہُنٛد مُوہیٚل تہٕ موٚ دُرانہار بڈٕ وٕشہ گُن انان تہٕ تہنٛزِ شاعری ہُنٛد کمال تہٕ جمال چھ پٔزی پأٹھی وولسنس انان:

بُلبُل ژٕ نالان گوٚو دَوان شاہِ مدینس کر سلام

وَنِس چھ بیکس مُبتلا صلّو علیہِ دایما

والشّمس رویس گژھ کرٕے واللیل مویس پتھ مرٕے

خوٚیس ژٕے چھے صد مرحبا، صلّو علیہِ دایما

اے صاحبِ عرش آشیاں زیرِ قدم چھی آسمان

ژٕے ابتداء ژٕے انتہا، صلّو علیہِ دایما

پننِس ٹاٹھِس نبی صلی اللہ علیہ وسلمن پێٹھ سلام سوزنہٕ خاطرٕ چھ بُلبُل استعمال کٔرِتھ پننہِ بے کسی ہُنْد اظہار کران۔ شمس روے، واللیل موے تہٕ تُمی ہِنْدِس خوٚیس پێٹھ مران تہٕ عاجزی تہٕ انکساری کٔرِتھ تِمن پێٹھ سلام سوزان۔ عرشس تہٕ فرشس دوشوٚنی منز تِہنْد قیام تھٲوِتھ تِمن ابتداء تہٕ انتہا گٔنزران تہٕ سلام عرض کران۔ یہ چھ فاضل صٲبنہِ کاری گری ہُنْد اکھ ثبوت یُس تِمن نعتہٕ کِس دُنیاہس اندر مشہوٗر چھ کران تہٕ منجملہٕ عالم تہٕ فاضل چھ تِہنْدِ ادبی تہٕ تخلیقی بجرُک تِمن مقام بخشان:

گوٚو تہٕ ڈٕلی ڈٕلی واوِ لگہٕ ہے وَنتہٕ از آنسرورسؐ

اکھ پتھر پیوٚمُت چھ سوزان یارسولؐ اللہ سلام

گوٚو تہٕ ڈٕلی ڈٕلی واوِ لگہٕ ہے وَنتہٕ میانِس محرمس

بے کسا اکھ ئیٚو پریشان، یارسولؐ اللہ سلام

گوٚو تہٕ ڈٕلی ڈٕلی واوِ ملگہٕ ہے وَنتہٕ میانِس دِلبرس

غمزداہ اکھ نالہٕ دِوان، یارسولؐ اللہ سلام

گژھ تہٕ ڈلی ڈلی واو لگہٕ ہےٚ ونتہٕ فخرِ عالمس

فاؔضلا اکھ خون ہاران، یارسولؐ اللہ سلام

پننس پانس حقیر زانِتھ گاہے پتھر پیوٚمُت، گاہے بے کس، غمزدٕ، عاجز، سائِل، دأدی لد ڈنِتھ پننس ٹاٹھِس نبی لیس زارٕ پارکران تہٕ سلام سوزان زِ میوٚن حال ژبتس اَستھ چھُسےٚ واوس اتھِ رحم وکرِہ سفارِش منگان یُس پرٔتھ کانٛسہِ بشرس کیوٚ فردس تمنا چھُ آسان۔ تِکیاز سُے چھُنا رحمۃ للعالمینؐ۔

بس ژٕ ے شہِ لولاک چھکھ عالی مقام اے نازنین

گتھ چھی کران شمس وقمر ہر صبح وشام اے نازنین

اتھ نعتِ شریفس اندریُس بجرتہٕ تھزر فاضل صأبن پننس ٹاٹھِس نبیؐ صأبس دِیُتمُت چھُ، سُہ چھُ اعلیٰ تہٕ عالی۔ یہِ چھُ فاضل صأبنٛ علمی بصیرت زِ تم چھِ دِلہٕ چوتاروٕستی تیٚتھ مضراب بارسس انان زِ دِلس پیٹھ چھُنہٕ اختیارٕ ے روزان تہٕ چشمہٕ چھُ خوٚنہٕ ئری سپدان تہٕ اوٗشس چھُ دارلگان۔

ژٕ ے چھُہم جانِ تمنا ژٕ ے چھُہم مےٚ چارٕ گر

یارسول اللہ مےٚ کُن گاہے کرکھنا اکھ نظر

یِیمہٕ نعتہٕ کِہن شعرن منز چھُ فاضل صأبس تمناز کاپِنا ٹیک محبوب کرِنا مےٚ کُن اکھ نظر۔ چشمہٕ ونِدٕہس۔ تِکیاز تس وُچھِتھ چھُ آفتاب پرتو ترٛاوان۔ شش جہاتس گاش پھولان، والیل مویس پرِدٕ تُلِتھ چھُ سام وسحر زنم لبان۔ چانہٕ مہربأنی

ٔستی چھُ عرشِ بریں آفرین، وأران چھِ سبزارلبان، بحر و بر چھِ وۄلسنس پِوان۔
تِکیازِ چانہِ نوٗرٕ ٔستی چھُ سورٕے عالم مُنور تہٕ دِلن شادمأنی۔

یِمٕ دوَے یتھ مضمونس اندر اضافہٕ کروتیلہِ چھُ فاضل اکھ ضخیم کتاب بنان
یُس تمن حق چھُ تہٕ خاص کر کأشرِ ادبہٕ کہِ حوالہٕ یُس کأم تمو سرانجام دِژمٕژ چھےٚ۔
بہر حال چھُ فاضل کشیرِ ہُند اکھ گاشہِ تارُکھ یُس انہِ گٹہِ ہُند جگر ژٕٹتھ گاشہِ مُنار
پأدٕ چھُ کران۔

☆☆

مقبول ساجد

# فاضل صابٕنۍ لیلا نگاری تہٕ ترجمہٕ کاری

فاضلؔ کاشمیری چھُ تمو باگہٕ بٔرتو شاعرو منٛز اکھ ییٚمی سٕنٛزٕ ادبی شخصیت بسیار پاسل، سبٹھٕے طرحدار، پزٕ بتھ زمانس منٛز ساٖدٕ روارتہٕ گولابکو پاٹھی یتھ مشکِ ادفر ژھٹہٕ وٕنی چھےٚ زِ تمی سٕنٛز شاعري پران پران چھُ اَکس قارِیس روح معطرّ گژھان، دماغ مُشکان تہٕ دلس اکھ عجیب قسمٕچ فرحت تہٕ شیٚہلتھ محسوٗس سپدان۔

فاضل صابٕنۍ شاعری پٔرتھ چھُ فورن باس لگان زِ تمس اوس پروردگارن ازلے اکھ سیکولر مزاج بخشمُت۔ یتھہٕ پاٹھی علامہ اقبالن رام، گرونانک تہٕ مہاتما بدھس تہٕ باقے مذہبن ہنٛدٕ بن اوتارن پیٹھ نظمہٕ لیکھتھ بقولِ پروفیسر آل احمد سرور ییٚمہٕ کتھہِ ہُنٛد ثبوٗت چھُ دیتمُت زِ اکھ حقیقی تہٕ Geneuine شاعر تہٕ اُدیب چھنہٕ گُنہٕ اکہِ مذہبک یا فرقک وٲرث درآسان تہٕ نہٕ چھُ گُنہِ خاص طبقس تام محدوٗد روزان بلکہ سُہ چھُ عالم انسانٔیتک علمبردار تہٕ محبت واخوتٕک پیامبر آسان۔ تمے اوصاف تہٕ تِتھی خصوٗصیات چھِ اسہِ فاضلؔ صابنہِ شاعری تہٕ ہمہ جہت شخصیژ منٛز تہٕ بأنہٕ بأنہٕ وژھتھی گژھان۔

فاضل صابٕنۍ نعت تہٕ مرثیہ پٔرتھ یا بوٗزتھ چھُ اکھ مسلمان فورن وجدس منٛز

یوان۔ سو کوسہٕ مولوٗدٕچ محفل یا سیرتی مجلس آسہٕ نہٕ یتھ منٛزٕ فاضل صابنۍ نعت گرٛزان چھِ۔ اہلسنت مسلکس سٟتی تعلق آسنہٕ باوجوٗد چھُ فاضل صاب کاشُر بن نوحہ نگارن ہُند امام تہٕ جدید مرثیک ہنگہٕ طوٗ مارتصوّر کرنہٕ یوان۔ فاضل صابن نہ صرف بخشِ یمن ترٛبوٗنی عقیدتی صنفن نعت، جدید مرثیہِ تہٕ نوحس نٔوی نٔوی طرح تہٕ وکھرٕ وکھرٕ انہار بلکہ کوٗرنکھ تیتھ اکھ تھزر، بجر، وُسجار تہٕ ہُمہجار عطا زیمہٕ صنفہٕ واژ عروٗجہٕ کیٛن تھپتا لبن پیٹھ۔ یتھے پأٹھی لیچھہِ فاضل صابن اکھ ہتھ قریب کرٛشن لیلایہٕ، مسیحی مذہب درنظر تھاوتھ حضرت عیسیٰؑ ہس پیٹھ نظمہٕ تہٕ سکھ دھرمہٕ چہ ترٛیٛن مقدس کتابہِ "شری جپ جی"، "شری سکھ منی صاحب" تہٕ "سلوک مہلہ نواں" پھِربن کاشرِ زبأنی منٛز تہٕ پننہِ مادری زبأنی ہندی باڈوٗگرِن کتہٕ کور وسیع۔

فاضل صابنۍ کتاب "کرٛشن لیلا" یہِ ہُند سٟتم ایڈیشن چھُ ۲۰۸ صفحن پیٹھ مشتمل، یتھ منٛز بھگوان کرٛشن سٕندبن بیٛون بیٛون گونن تہٕ وکھرٕ وکھرٕ آکارن تہٕ انہارن پیٹھ تقریبن اکھ ہتھ لیلایہٕ دیوناگری تہٕ نستعلیق رسم الخطن منٛز لکھنہٕ چھے آمژٕ۔ اتھ منٛز چھِ تمہِ آیہ بھگوان کرٛشن سٕندی اوصاف وبٕہناونہٕ تہٕ تمی سُند پیغام نظماونہٕ آمُت زِ تمس سپُد کُشیرِ ہُند "رسہٕ خان" لقب حأصل۔ رسہٕ خان چھُ ہندی زبأنی ہُند سُہ مشہوٗر لیلا گوشأعر یمی اتھ زبأنی منٛز بہلہِ پایہٕ کرٛشن لیلایہِ لیکھتھ اکھ سبتھیے بلند ترٟن مقام حأصل چھُ کوٗرمُت۔ فاضل صابن تہٕ چھُ اتھ صنفہِ منٛز "بالک اوستھا" یا "کرٛشن لیلا" کتاب لیکھتھ تیتھے مقام پرٛودمُت یُتھ سنسکرت تہٕ ہندی زبأنی منٛز سورداس، نروتم داس رتنا کر، رسہٕ خان تہٕ سبرا منیم

بھارتی لیس تہٕ کأشرس ادبس منٛز پر ماننٛدتہٕ کرشن جوراز دان ہو بن ممتاز لیلا گو شأعرن تہٕ کرٛشنہٕ بھکتی ین حأصل چھُہ۔ یمن لیلا ین نہ صرف سپُد کشیرِ منٛزٕ ے یوت قبوٗل عام حأصل بلکہ یِہنٛز خوشبوٗیہِ ستی مُشکیوٚ وسوٗرٕ ے ہندوستان۔ فأضل صأبنہِ لیلا یہِ پرٛتھ سپُد شواز مُک عالمی سوٗتھرٕ یک نامورسکالرشوآچاریہ سوامی لکشمن جو یوٗت مُتأثر زِ تِمو وون نبسنٛدگاہ زِ کُنہِ شکہٕ تہٕ کُنہِ چون وچرا روٚستے چھُ فأضلؔ صأب کشیرِ ہُنٛد رسہٕ خان۔

پنٛنہٕ نبن لیلا ین منٛزٕ چھِ فأضل صأبن بھگوان کرٛشنس ووٚنٛدٕ مُورتھ خراج عقیدت پیش کوٚرمُت تہٕ تِمو ہِنٛد بن گونن تہٕ اوصافن تعریف کٔرٕ متی۔ سُہ چھُ تس بطورلولک پیامبر، پریچھ گنگ تہٕ امن وآشتی ہُنٛد علمبردار پیش کران۔ فأضلؔ صأبن گُف چھُ زِیُس بھگوان کرشن ہِنٛدِ بانسری ہُنٛد ساز چھُ بوزان خواہ سُہ ہیوٚنٛد اُسی تن یا مسلمان تِمو سُنٛد روح چھُ تازٕ تہٕ معطرسپدان، آتما چھُس پویتر گوٚھان تہٕ سُہ چھُ بے ساختہٕ پأٹھی " جے جے ہری" وننہٕ لگان۔

یکدلی ہُنٛد شہ گبوان چھُے بانسری
لیس کنن گو وَننہِ لوٚگ جے جے ہری
من پوتر سپدبس، سُے چھُ شاہ
کیاہ مسلمأنی کربس کیا کأفری

فأضل صأب چھُ بھگوان کرشنس گنگایہِ ہُنٛد "پاون جل"، یعنی پوتر آب زانان، یُس ماکہٕ دِلن کھے چھُ کاسان۔

کرٛشن گوپوشہِ وُن جل گنگایہ ہُند جل

چھلان ہیٚندس مسلمانس دِلُک مل

تٔمۍ ہٕندی ٚکنۍ چھُ بھگوان کرٛشن عالم انسانیتُک تہٕ ملہٕ ژارُک اکھ عظیم علمبردار، ییٚمس برٛونٛہہ کنہِ تمام بنی آدم ہوی تہٕ یکسان چھِ۔ مذہبی رواداری تہٕ مساوات چھےٚ تٔمۍ سٕنٛزن تعلیماتن ہُند لب لباب۔ فرقہٕ پرستی، نفرت تہٕ دٕیہ چھنہٕ ہرگزتہِ تس برٛونٛہہ کُنہِ کانٛہہ جاے۔

گُلن ہُند سمُت پھانٛپھلاوان کرٛشن جی

عجب گلستاناہ بناوان کرٛشن جی

دُیی ہُند زہر، تفرقہٕ چھینٹ الٲئش

چھُ مُرلی بجٲوتھ مٹاوان کرٛشن جی

ٚکرستٲنۍ، پارٕسی تہٕ ہیٚندی، سکھ، مسلمان

نظر کُنۍ یمن پیٹھ چھُ تراوان کرٛشن جی

یمن آسہِ پرٛژھ تہٕ پرٛزرٕچ دلس چھِہہ

تمن امرتٕکۍ پیالہٕ چاوان کرٛشن جی

فٲضل صٲب چھُ بھگوان کرٛشنس مخلوٗقاتن ہُند مول زانان، یُس تِتھٕ بجٲئی تہٕ پاپر جٲئی باپتھ پرٛتھ ساتہٕ سرگردان چھُ آسان تہٕ ساتہٕ ساتہٕ چھُکھ پنن لول ارپن کران تہٕ مخلوٗقات تہِ چھِ تس دیوانہٕ وارٕپٲٹھۍ شرٛنی گتھ کران۔

کرشن پزٕی پاٹھی مخلوٗقن پنن موٗل

کران چھس پوٗشرنی گتھ بران لول

بھگوان کرشن سُند گوپین ستۍ راس کھیلہٕ گنڈُن تہٕ تمن ستۍ مرلی وأیتھ گیوٗن چھُ کرشن بھکتی ہُنٚد اکھ اہم پہلو۔ فأضل صأبن چھےٚ اتھ موضوٗعس پیٹھ کیٚہہ یا خوبصورت تہٕ کامیاب نظمہٕ لیچھمٕژ۔ مثالے۔

خوبصوٗرت سانہٕ آنٛگنٕ ژاو تے

گوپین ڈٕلۍ تو کرشن سون آو تے

کرشنہٕ ڈیوٗٹھم ژھایہٕ روٗس زن ماہتاب

شامہٕ ژھاین سرۍ یہٕ ہیوٗ نوٗن دژاو تے

کرشنہٕ! دیٚت ٹھم تیوٗتھ رٕٹۍ رٕٹۍ سیر گوس

توتہٕ دوٚپ ٹھم ”یُتھ نہٕ روٗزی گژاو“ تے

”نَےٚ“ یعنی مُرلی پیٹھ چھےٚ فأضل صأبن یژھے بیاکھ منس پزٕ یہٕ وٕنۍ ترنم خیز نظم لیچھمٕژ، یتھ موسیقیت اکس قأریس پانس ستۍ پرٕ چھہٕ وألتھ نوان۔

ہے! نےٚ چھہٕ گژھان، شولہٕ وٕہان، نار ہسا نار

ربہہ ژھنہٕ وٕنین، کرشنہٕ ژےٚ گٕن لار ہسالار

دل پانہٕ بزٕمان کیا چھُ دٕیی، کتھ چھہٕ ونان بیر

یم چانہٕ نٕہج ٹکۍ تہٕ سپدی یار ہسا یار

گوپالہٕ! پرٛژھکھ آرٕ پلس آب کرکھ آب

اکھ ژٕ تہٕ دوٗدس ہوٗکھرِ لگان دارِہسادار

فأضلؔ صأبنہِ لیلایہٕ پٕرتھ چھُ بھگوان کرٛشنس نسبت تٔمۍ سٕنٛدِ بے پناہ یژھِ

پرٛژھہِ تہٕ عقیدتک تہٕ تھٕکنۍ باس لگان۔

ہأرتھ تہِ نیوٗنم ،کرٛشنہٕ لوٚبم من مےٚ سرفراز

اتھ پرٛزیمہٕ پٔنٛجے پیٹھ مےٚ گیوٚنٛدم زارِہسازار

یِم چانہِ کلے پھٕٹٕر تہٕ چیکھ وبتھ تہٕ سپدی وبتھ

تِم قلزمن ترٛی تارٕ موٚشکھ تارِہسا تار

سُہ چھُ بھگوان کرٛشن نجات دِہندٕ زانان تہٕ تٔمۍ سٕنٛدس دامانس تھپھ کٔرتھ تٔمۍ

سٕنٛز وتھ پانہٕ ناوٕنۍ سعادت مٔنٛدی تہٕ صحیح وتھ تصوّر کران۔

صحیح وتھ رٔٹھ ! کرٛشن چھے ستۍ پانس

سُہ میلتھ سنزٕ کس ذرّس ذرّاتس

جہانس سورِ ستھ یام تار لبہٕ نٕچ

نجاتچ رز کٔرتھ لاگبس کنارس

فأضلؔ کاشمیری چھُ غالبن سُہ وأحد کأشُر مسلمان شأعر یٚمی کرٛشن لیلایہٕ

یارام لیلایہٕ لیچھمٕژ چھےٚ۔ یِمہٕ لیلایہٕ چھےٚ کأشرٕ بٹن منٛز تِتھے پأٹھۍ مقبوٗل یِتھہٕ

پأٹھۍ کأشرٕ مسلمانن منٛز تٔمۍ سٕنٛدی نعت چھِ۔ یِمہٕ لیلایہٕ چھےٚ مندرن منٛزٕ تہٕ

مہاأتسوہن پیٹھ بڈٕ چکہٕ چاوٕ تہٕ عقیدتہٕ سان تِتھے پأٹھۍ گوبنہٕ یوان یِتھہٕ پأٹھۍ تِمۍ

ہنٛدی نعت میلادچن محفلن تہٕ سیرتی مجلسن منٛز درگاہن پیٹھ وکھناونہٕ چھِ یوان۔

"کرشن لیلا" کتاب سپز پیٚٹھ مقبوٗل زِ گوٚن تام وٕ ری ینے منٛز چھپے اِمکی ستھ ایڈیشن۔ شمن ایڈشنن تام اوس اتھ "بال اوستھا" ناو، اماپوٚز ۱۹۸۴ منٛز آس سٔتمہِ ایڈشنہٕ وِز تضمیم، ترمیم، تزئین تہٕ تجدید کرنس ستی ناوتہِ بدلاونہٕ۔ اتھ آو ۴۲ صفحن ہُند اضافہٕ کرنہٕ تہٕ بھگوان کرشن سنٛزٕ ۸۸ تصویرٕ آیہِ اتھ منٛز شامل کرنہٕ۔ اتھ ایڈشنس سپُد جادے قبوٗل عام حاصل۔

لیلا یہِ لکھنس دوران چھےٚ فاضل صابن سبٹھے سہل، شُستہٕ، عام فہم، میٹھ تہٕ مٔدٕر زبان ورتاوٕمٕژ۔ اَمی چھےٚ لُکہٕ لِیہِ قریب تہٕ لُکہٕ مزازس موافق بحرٕ ورتاوِمٕژ ، یُس اَمی سنٛزِ بے پناہ کامیابی تہٕ مقبوٗلیژک راز چھُ۔

☆

یوٚدوے مسلمان تہِ حضرت عیسیٰ علیہ السلامس اکھ اولوالعزم پیغمبر چھِ مانان اماپوٚز سُہ اوس مسیحی مذہبک بانی۔ عیسائے چھِ تمن پنن رہبر زانان تہٕ انجیل مقدس پنن آئین۔ فاضل صابن چھےٚ حضرت عیسیٰؑ پیٹھ تہِ نظمہٕ لیچھمٕژ مگر تم چھنہٕ بحیثیتِ مسلمان لکھنہٕ آمٕژ بلکہ عیسائے عقید ملحوظِ نظر تھاوتھ تہٕ اکھ شعوٗری کوشش چھےٚ سپزمٕژ زِ شاعرٕ ہنٛدِ ذٔسی گوژھ عیسائین ہنٛز تہٕ ترجمانی سپدنی۔

یتھ نظمہِ منٛز چھُ اکھ معصوٗم شُر علامت بناوتھ حضرت عیسیٰؑ پنہٕنین حوارین تعلیم دِوان زِ یتھہٕ کنٛہ اکھ شُر پٔرتھ قسمچہ آلائشہٕ، ژکھہِ، نفرتہٕ، دِیہِ، کینہٕ، حسدٕ تہٕ گونہونشہِ پاک وصاف چھُ تِتھے کنٛہ بٔنی تو تُہۍ تہِ شوٗد۔

اتھن کیتھ موصماہ اوٗن حضٕ مسیحٔن

تہٕ یوٗن لولہٕ سان پننہٕ ننن صحابن

یہٕ موصم شُر بہ بأطن پاک تے شوٗد

یہٕ موصم شُر چھُ کوٗتاہ ساد تے سیوٗد

یہٕ موصم شُرنموٗناہ امتٔس چھُم

ہٕنو أمی سے شُرس ہوی سیدی تہٕ موصم

یہٕ نظم چھےٚ دراصل انجیل مقدس کہٕ اکہٕ واقعہٕ ہنٛد ترجمہٕ۔ امہٕ تلہٕ چھُ یہٕ ننان زِ فأضل صأبن چھےٚ انجیل مقدس پرنس ستہٕ ستی سمجھوتہٕ۔

☆

کأشرِ زبأنی تہٕ ادبس فأضل صأبن اکھ دیت چھُ تِمٕ سُند ''شری جپ جی صاحب''، ''شری سکھ منی صاحب'' تہٕ ''شلوک مہلہ مع پیام نواں گروٗ'' نأوی سکھ مذہب چن ترٛبن مقدس کتابن منظوٗم ترجمہ۔ یِمو ترجموٕ ستی سپدی پنجأبی زبانن ہٕنٛدی موٕلِلی لال تہٕ موختہٕ دانہٕ کأشرِ زبأنی تہٕ ادبس منٛز منتقل تہٕ امہٕ کنہٕ باڈوو کوٗڈواریاہ کاڈتہٕ علمی لحاظہٕ سپدٕس کأفی بُرٕ ثرتہٕ دامانہٕ مالامال۔ امہٕ باپتھ چھےٚ گوڈٕ فأضل صأبس پنجأبی زبان پانس ہیچھنٕ پیمٕژ۔ ییلہٕ اتھ زبأنی پیٹھ پوٗرٕ رٔژٕ دسترس حأصل سپدٕس اِدٕتلن اکہٕ اکہٕ یمن کتابن کأشر وردن پأرنس دس۔ فأضل صأبن نہ صرف چھُ یمن کأشر منظوٗم ترجمے یوت کوٗرمت بلکہ یِمو منٛزٕ چھن ستی ستی ''شری جپ جی صاحب'' تہٕ ''شری سکھ منی صاحب'' کتابن اردو تہٕ انگریزی

زبانن منز سیٚو دساہِ نثرس منز ترجمہٕ تہٕ تشریح تہٕ کوٚر مُت ،یُس فأضل صأبنہِ ذوقِ جمالیچ تہٕ علمی تجرٕچ ثبوتہٕ ون چھُ دِوان۔

''شری جپ جی صاحب'' منز چھُ سکھ مذہب کس بأنی گرونانک دیوجی سُند کلامہٕ۔فأضل صأبن چھُ اتھ کتابہِ ۱۹۷۴ ہٕ منز کأشُر وردن پورمُت تہٕ امہِ کتابہِ ڈٲسی آو شری گرونانک جی سُند پأغام کأشرٮ۪ن تام واتناوٕنچ اکھ کامیاب کوٗشش کرنہٕ۔یہ ترجمہ سپُد سکھن کیٛو مسلمانن منز یتھ مقبوٗل تہٕ اتھ سپٕز یتھ پذیرأیی حأصل زِ یہِ کتاب آیہِ انٹرنیشنل سکھ کانفرنسہٕ ڈٲسی گرونانک امرتسر یونیورسٹی ہندس سنیٹ ہالس منز أکس لٔکہٕ ارساتس بروٗنہہ کنہِ اجراء کرنہٕ۔
مفتی اعظم مفتی محمد بشیر الدین چھُ پننہِ تقریظہِ منز اتھ ترجمس متعلقیتھہٕ کٔنز پننہٕ نین خیالن ہنٛز باوتھ کران:-

''گرونانک دیوجی مہاراج سکھ قوم کے گرو اور برگزیدہ شخصیت ہیں۔ان کا کلام نہایت فصیح وبلیغ اور پاکیزہ خیالات کا متحمل ہے جو''جپ جی'' میں درج ہے۔جناب فاضل کشمیری نے اس کا ترجمہ منظوٗم کشمیری زبان میں کیا ہے۔ترجمہ کی زبان نے مٹھاس اور شیرینی کے بحر بیکران کا نقشہ اس طرح پیش کیا ہے جو اس کی عظمت کی نشاندہی کرتا ہے۔''جپ جی'' کا یہ ترجمہ قوم کی جانب ایک فاتحانہ قدم ہے۔امید ہے کہ یہ کسی ناقابل تسخیر چوٹی کو بھی سر کرلے گا۔فاضل صاحب کشمیری زبان کے نامور ادیب

اور فصاحت کے غوّاص ہیں۔ جن کی شاعری نے کشمیری زبان میں ایک دھوم مچا رکھی ہے۔ انہی کے نصیب کی بات کہ جب بھی اس دریا میں کود پڑے تو کوئی نہ کوئی آبدار موتی ہاتھ لے آئے..............''

تِتھے ءکنۍ چھُ مرحوٗم مولانا محمد سعید مسعوٗدی رقمطراز:۔

''کشمیری زبان کا دامن جس طرح اور بہت سے علمی جواہرات سے تا حال خالی ہے، اسی طرح پنجابی زبان کے اس درشہوار سے بھی تہی تھا۔ جزائے خیر دے کشمیری زبان کے ایک ثقہ، سنجیدہ، قادرالکلام، پُرگو، فصیح و بلیغ عالم اور فاضل شاعر فاضل کاشمیری کو جنہوں نے کشمیری زبان کے خزانہ میں ایک قابل قدر اضافہ کرڈالا اور کشمیری زبان میں ''شری جپ جی صاحب'' کا ایسا عمدہ منظوم ترجمہ کردیا جو اپنی خوبیوں کے لحاظ سے یادگار زمانہ رہے گا..............''

اَمِہ ترجمک بجرتہٕ کمال چھُ یہِ زِ یِیتیاہ شلوک اصلس منٛز چھِ تیتۍ نے شعرن منٛز چھُ ترجمہٕ تہٕ سپدمُت، بلکہ لفظہٕ تہٕ حرف تہٕ چھِکھ ہوی۔ بیا کھاکھ قابل ذکر خصوصیت چھےٚ اتھ یہِ زِ پنجابۍ اصطلاحن تہٕ ترکیبن چھُ تمہِ آیہِ کاشُروردن پأرنہٕ آمُت زِ کُنہِ تہِ جایہِ چھُنہٕ ترجمک باس لگان۔ مثالہِ رٕنگۍ چھُ ارتٕھ اُہمہِ پوٗڑی ہُند یہِ ترجمہٕ پیش:

ذاتِ پاژچ ناروا سائزش ببکار

.....................خونخوار!

زگتہٕ سمسارس اُمی بۆر شوٗرہٕ نار

.....................جوش دار

برہمن لوٗگ

پۆہرٕ داوس

از ہرٕ ایچن

چھے مجاز

اے دل بے امتیاز..........ست گوٗرو!

ست گوٗرو! لکھ خوٗنخوار

.....................تے جوش دار

تِتھے کنٕز وُچھوٗ پیٛہ اکہِ پوٗڑی ہُنٛد یہِ ترجمہ:

نعرۂ حق دیٚن کرٕنی پد یاترا!

.....................سرورا!

بت کدن مزٕین بئن فرقان سرا

.....................ژٕے دلبرا!

لاشریکس

نادلاتی

طےٚ کرُن

ارضِ حجاز

اے دل بے امتیاز..........ست گۄرو!

ست گۄرو! ژٕ ے سرورا..............

..............................ژٕ ے دلبرا!

دسمبر ۱۹۷۵ء منز چھوپ فاضلؔ صابن شہید گرو تیغ بہادر جی سٕنز ۵۷ شلۄکن پیٹھ مشتمل ''شلوک مہلہ نواں'' ہُک کأشر منظوٗم ترجمہٕ ''وردِ نجات ''ناوس تحت۔ شہید تیغ بہادر جی أسی سکھن ہٕندی نٕوِم گرو۔ یِمہٕ کِنۍ اتھ کتابہٕ ''پیام نواں گرو'' تہٕ چھِ ونان۔ لوکٹہٕ تقطیع چہٕ اتھ کتابہٕ چھِ کُل بل ۷۲ صفحہٕ، یِمن منز یہٕ ترجمہٕ چھُ کاڈ کڈتھ۔ گوڈٕ چھُ پنجأبی (گرمکھی) لپی تہٕ نستعلیق رسم خطس منز اصل متن درج تہٕ تۄپتہٕ چھُ سہٕ ترجمہٕ کرِتھ گرو جی سُنْد پأغام کأشرِبن تام واتناوٕنٕچ کۄشش سپز مٕژ۔ امیک پأنٕوم شلۄک تہٕ تمیک کأشر منظوٗم ترجمہٕ چھُ یِتھہٕ کٕنۍ:

اصل:

دھن دارا سپنت سگل جن اپنی کرمان

ان میں کچھ سنگی نہیں نانک ساچی جان

ترجمہٕ:

دیان چھُکھ دھن تہٕ آشنۍ مال میونۍ

وہندان چھُکھ سارِ کٕے مالک پنٕن پان

ونان نانک! ذرا سن تو حقیقژ

وسان نوٕ ستھ پانس ویٖژ تہٕ انسان

دُنیاہچہ بے ثبأتی پیٹھ چھےٚ تہٕ کنہ اکتأ جمس شلوٗکس منز باوتھ سپزمژ:

جھوٹے ماں کہا کرے جگ سپنے جیئو جان

ان میں تیرو نہیں نانک کہیو بکھان

امیُک کأشُر وردن چھُ یمہِ انمانہٕ پأراونہٕ آمُت :

یہ دنیا چھیکرس خواباہ ٹھباباہ

کوٚوو چھُکھ بے ثباتس پیٹھ ژٕ نازاں

ونان نانک! یہِ سورُے تمُی سُنٛدُ ے بس

ژٕ نو مألک تمیُک، تتھ پانہٕ ناوان

۱۹۸۶ عیسویس منز آیہِ شری گرو ارجن دیو جی مہاراجٕ سٕنٛدس پأغام کس ترجمس پیٹھ مشتمل فأضل صأبنی بیا کھ کتاب ''شری سکھ منی صاحب'' بازرِ۔ اتھ کتابہِ اوس ہندوستانکی تمہِ وقتکی صدر جمہوریہ گیانی ذیل سنگھن پیش لفظ لیوکھمت تہٕ تہندبو اتھو آیہِ نوٚ دِلہِ ہٕندس راشٹرپتی بھونس منز امچ رسم رونمأئی انجام دِنہٕ۔

پننس پیش لفظس منز چھُ صدر جمہوریہ فأضل صأبنس اتھ بہلہِ پایہِ کارنامس یمن لفظن منز خراج تحسین پیش کران:

''یہ بات باعثِ مسرت ہے کہ الحاج فاضل کاشمیری صاحب ''شری سکھ منی صاحب'' کا اردو اور کشمیری ترجمہ کر کے شائع

کرر ہے ہیں۔اس دشوار کام کو انہوں نے جس خوش اسلوبی اور سخت محنت سے پایۂ تکمیل تک پہنچایا ہے وہ قابل تحسین ہے۔..........

میری دعا ہے کہ دنیا میں امن وشانتی اور بھائی چارہ کو اس روحانی پیغام سے قوت حاصل ہو! فاضلؔ صاحب کو میں مبارک باد دیتا ہوں۔''

۴۳۴ صفحن پیٹھ مشتمل اتھ ضخیم کتابہِ چھُ کاشرِ منظوٗم ترجمہ علاوٕ اردوٕ تہٕ انگریزی زبانن منز تہِ ستی ستی ترجمہٕ تہٕ وبژھنے کرنہٕ آمُت تہٕ اتھ ستی ستی چھے موازنٕہ تہٕ تقابلہٕ رنگی قرآن مجید چہ آیاتِ بیّنات تہِ دِنہٕ آمٕژ۔یہِ کتاب چھے پزی پأٹھی اکھ بوڈ شاہکار تہٕ لافانی فن پارٕ۔

مرحوٗم مولانا غلام نبی مبارکی سأبق صدر بزم توحید اہل حدیث چھُ اَتھ بے مثال شہپارس پیٹھ فاضلؔ صأبس یِیمہِ انمانہٕ مٔتھہٕ مدارٕ کران:

''فاضلؔ صاحب نے سکھ دھرم کی مستند کتاب ''شری سکھ منی صاحب'' کا اصل کلام معہ کشمیری منظوٗم ترجمہ اور آسان اردو ترجمہ مجھے دیکھنے کیلئے دیا۔میں نے اس کو دیکھا اور اس کے مرکزی پیغامات سے روشناس ہوا۔یہ کتاب سکھوں کے پانچویں گرو یعنی گرو ارجن دیو کے آتما کی آئینہ ہے۔اس سے توحید اور پیر و مرشد کی قدرو منزلت (جسے اسلامی اصطلاح میں پیغمبر کہتے ہیں) کی نشاندہی ہوتی ہے۔اس کتاب کا مطالعہ کرنے والا اگر دل بیدار اور چشم

ہوشیار کا مالک ہو تو قلب وباطن کی پاکیزگی کی مؤثر تعلیمات بھی

حاصل کرسکتا ہے۔اس قابل قدر کتاب کے تراجم سے توحید کے

لافانی نقوش ابھر آتے ہیں۔"

فاضلؔ صابنس ترجمہٕ کس فنس تہٕ مہارژ پیٹھ چھُ برۄنہہ کُن کتھ کران تہٕ

پأٹھی پنہٕ نبن خیالن ہنز باوتھ کران:

"فاضلؔ صاحب کے تراجم کی خصوصیت بیان کا اختصار اور

الفاظ کا انتخاب سونے پر سہاگہ کا کام کرتے ہیں۔ان کے تراجم

کو ایک بار کیا بار بار دیکھنے سے بھی جی بھر نہیں جاتا ہے۔کمال یہ ہے

کہ تراجم میں بھی اختصار اور انداز بیاں اصلی کتاب سا رکھا گیا

ہے۔ان سے شری گرو جی کی شان اور قادر الکلامی نظر آتی ہے۔"

اتھ کتابہٕ منز چھُ حضرت شیخ بابا فرید گنج شکرؒ سِندۍن واریاہن شلوٗکن تہٕ

سبٹھے خوٗب صوٗرت تہٕ زبرکأشر منظوٗم ترجمہٕ کرنہٕ آمُت۔ ژ نموٗنہٕ چھِ "مُشتے

ازخروارے" پیش۔

اصل:

فریدا! بار پرائے بے سنا سائیں مجھے نا دِہ

جے توں اپنویں رکھی جیو سریرو لیہہ

ترجمہٕ:

فریدا! منگ خدایس بے نیأزی

بٔڈیس محتاج گوٚھنس چھے نہٕ رٲضی
لیٚکھِتھ لی آسہِ یوٚد میٲنس جیٚنس
تیٚلے موتُے مےٚ گرِ نم چارٕ سٲزی

اصل:

فریدا! جے توں عقل لطیف کالے لکھ نہ لیکھ
آپ نڑے گریباں میں سر نیواں کر دیکھ

ترجمہٕ:

فریدا! عاٰبہٕ لد سٲری چھِ آسان
بٔڈین یم عاٰب تمن ما کرِژ پُرسان
اگر چھے یود اَچھن منٛز تھو ہشر پٔر
بٔڈیس پنٕنس اندرٕنس اَزِ تژاوان

یمہٕ کتابہٕ ترجمہٕ کرنہٕ کس صلس منٛز آے فٲضل صٲبس مختلف ادارن ، انجمنن تہٕ اوقافن ہندِ طرفہٕ پانٛژ اعزاز تہٕ خلعت (سروپا) بخشنہٕ۔ گوڈنیک اعزاز آو یمن سرینگرچہِ گردوارہ صاحب کمیٹی شہید بنگہ کہِ طرفہٕ اکھ خلعت تہٕ ژ ساس روپیہِ نقد ینامہٕ رٕنگی دِنہٕ۔ دوٚیم انعام آکھ ۳۰ ڈسمبر ۱۹۸۶ء گرونانک یونیورسٹی امرتسرکس سنیٹ ہالس منٛز گرمیت چیریٹیبل ٹرسٹ امرتسرکہِ طرفہٕ اکھ لوٚیہ ہٕنٛدِ شیلڈ تہٕ نقد پوٚنسہٕ رٕنگی دِنہٕ۔ تریٚیم خلعت سپدُ کھ شری گردوارہ موگا پنجاب کہِ طرفہٕ اکھ ساس روپیہ نقد تہٕ سروپا کس صوٗرتس منٛز حاصل۔ ژوٗرِمہٕ پھِرِ دِتی یمن

گردوارہ ایسٹ پٹیل نگر نوِ دِلہِ ہندی اوقافن زِ ساس روپیہِ نقدۂ تہٕ اکھ تلوار ینامہٕ تہٕ بیٚیہٕ آیکھ پوشہِ مالہٕ نالُی تژ اونہٕ تہٕ پنزِ مہ لٹہِ آکھ شری گردوارہ سیس گنج چاندنی چوک دِلہِ ہندِ ادارٕ طرفہٕ بیٚیہٕ زِ ساس روپیہ نقدۂ تہٕ اکھ تلوار ینامہٕ رٔنگی پیش کرنہٕ۔

بہرحال یمو لافانی تہٕ لازوال کارنامو سٕی سپز فاضلؔ صأبس تمام ملکس منز زبردست شہرت تہٕ بے پناہ مقبولیت حأصل۔ یمو دیئت مذہبی روادأری، ملہٕ ژار، محبت واخوت تہٕ امن وآشتی ہُند عملی درس۔ یُہے وجہ چھُ زِ یمن آو کشیرِ ہُند نظیر اکبرآبادی ونہٕ۔ پرژھ کُنہِ طبقس تہٕ فرقس منز کوٚر یمو ہیوٚوٕے عزت تہٕ آبرو حأصل زِ سأری چھِ ونان فاضلؔ چھُ سون، فاضلؔ چھُ سون تہٕ فاضلؔ چھُ سون۔

یہندِ عظمتکی چھِ شیخ و برہمن تہِ قأیل تہٕ یہندِ مقبولیتکی چھِ علماءٕ تہٕ مفتی تہِ معترف۔ یہندی لولہٕ نغمہٕ چھِ درگاہن منز تہٕ گرزان، مندرن منز تہٕ وزان تہٕ گردوارن منز تہٕ وکھناونہٕ یوان۔

☆☆☆

جمیل انصاری

# غلام احمد فاضل کاشمیری......اکھ ہمہ جہت تخلیق کار

کشیرِ ہندی نامور شاعر، نعت گو، مزاح نگار، مُصوّر، مرثیہ گوتہٕ ووستاد غلام احمد فاضل کاشمیری زلیہ ۳ر اگست ۱۹۱۶ء سرینگرٕ کس ڈب تل عالی کدل علاقس منز۔ ابتدائی تعلیم پڑاو تموّ انجمنِ نصرت الاسلام سکولس منز تہٕ ۱۹۳۵ء منز کوّر فاضل صابن انجمنِ نصرت الاسلام کہِ ذٕریعہِ پنجاب یونیورسٹی لاہورٕ پیٹھٕ ذہٕ مہِ جماعژ ہُند امتحان پاس۔ ۱۹۳۶ء منز گیہِ غلام احمد فاضل ایس پی کالج سرینگرٕ درج، یتہِ پیٹھٕ پنجاب یونیورسٹی ہُند ایف اے امتحان پاس کوٚرکھ۔ فاضل صاب آیہِ وِلگام ہندوارِ کس پبلک سکولس منز ووستاد تعینات کرنہٕ۔ ترقی پڑاوان پڑاوان واتی فاضل صاب ہائر سیکنڈری سکوٗلٕ کس پرنسپل سُند درجہِ حاصل کٔرِتھ فیلڈ ایڈوائزر، ایس آئی اِی کس عُہدس تام، یتہِ تم ۵۵ وٕری ہنٕز وٲنسہِ واتتھ محکمہ تعلیم منزٕ سبکدوش سپدی۔

یہِ چھےٚ اکھ ٹاکارٕ حقیقت زِ پرٛتھ کانٛہہ شاعر چھ پنٕن اکھ تخلیقی وکھرٕ مزاژ پڑاونہٕ برٛونٛہہ پننہِ دورٕ کہِ ہم کال شعرٕ روایژ برٛونٛہہ کنہِ رٔٹتھ پنٕن ادبی سفر شروع کران۔ فاضل صابن تہِ کوٚرتی۔ فاضل صابس اوس کاشرِ علاوٕ فارسی، عربی،

اردوتہٕ انگریزی زبانن پیٹھ تہٕ دسترس۔ شاعری تہٕ امہٕ کہٕ فنکی زاۓ وِچار، سادگی، سنبر، لفظہٕ ژاۓ رتہٕ تجرُ بن ہنٛز رنگینی منٛز چھُنہٕ تِہنٛد مقام کم کیٚنہہ۔ تِمو بناوٚ شاعری اکھ مُقدس شغُل۔ ''کشمیر میں اردو'' کتابہِ منٛز چھِ عبدالقادر سروری فاضل صابنہٕ شاعری متعلق کتھ کران لِکھان:

(ترجمہٕ) غلام احمد فاضل کاشمیری چھُ وادی ہنٛد بن شاعرن منٛز اکھ الگ مقام تھاوان۔ سُہ چھُ شعرچہِ تکنیکہٕ تہٕ عروض چہِ پابندی تہٕ باقیہٕ لواۓ زِماتن ہُنٛد پوٚرِ پوٚر دھیان دِوان۔ اوے تہِ چھےٚ تِہنٛدِ س کلامس منٛز پوختگی دژ پیٹھی گوھان۔

شیخ العالمؒ سنٛدِ پیٹھہٕ از تام لوکٹو کیو بڑو شاعرو چھِ کیٚنہہ دُعا، مناجات رٔنگی لیکھیٚ متی، مگر فاضل صابنس کلامس منٛز چھُ اکھ مستقل عنوان، یِیمہِ نِشہِ لوٚکٹۍ بڑۍ ساری فیض حاصل کٔرِتھ ہیکن۔ اتھ سلسلس منٛز چھےٚ فاضل صابنن دُعاہن تہٕ مناجاتن ہنٛز سوٚ مبرن ناوینٛز لایق۔ سُہ چھُ پزِ دِلہٕ تہٕ پزِ ہِسان بارگاہِ خداوندی منٛز التجا کران:

مےٚ چھُکھ ژٕ ے، اوسہٕ ہم ژٕ ے، آسہٕ ہم ژٕ ے  
خوشی بخشان دِلس چھُکھ ژٕ ے، مےٚ غم ژٕ ے  
مےٚ تو رُمت فکرِ چھُم اٗخر بہٕ کیاہ چھُس  
یہٕ کیٚنہہ چھُس بس تمیٚک آگُر چھُہم ژٕ ے

فاضل کاشمیری یتھ دورس منٛز بارسس آیہ، سُہ دور اوس سماجی بیداری،

انقلاب تہٕ حُب الوطنی ہُنٛد دور۔ یہِ اوس سُہ دور یتھ منٛز غلام احمد مہجور تہٕ عبدالاحد آزادن انقلأبی شأعری ہٕتی کأشُر شأعری تہٕ موسیقی ہُنٛد روٗخ بدلوو۔ فاضل صأبُن کلام نظمہِ ہنٛدِس صوٗرتس منٛز أسی تن یا نعتہٕ رٕکس رنگس منٛز یا غزلہِ ہنٛدِس رنگس منٛز، تتھ چھےٚ وُنی کنبس تہِ عوامس منٛز قبولیت حأصل۔ فاضل صأبٕنی نعت چھِ ازتہِ مسجدن منٛز پرنہٕ یوان:

عالمک مہرِ درخشاں رحمتہٕ لِلعالمین

کأینا تُک ماہِ تابان رحمتہٕ لِلعالمین

غلام احمد فأضل صأبٕنی ''تصویرِ غم'' نأوی کتاب چھےٚ تہنٛزٕ وَنہِ موٗمرثی۔ یتھ منٛز تمو حضرت امام حُسین علیہِ السلام ہٕنٛزٕ بے مثال شہادٕ ژہُنٛد بجر، صبرو جمیلُک تھزر عکسوومُت چُھ۔ مثالے:

پٕٹھ زوالس لوٗس زن شمس الضحیٰ

کوٗر حُسینؑ زندگی ہُنٛد حق ادا

یِم بیابانکۍ نبیؐ ہٕنٛدی شاہباز

قبلہ رو شمشیرِ تل لاگاں نماز

فاضل صأبن چھِ دُعا، نعت، مناجات تہٕ منقبت علاوٕ غزل، نظمہٕ، گیت تہٕ لیلایہ تہِ وَنہِ موٗ۔ فأضل صأبنہِ شأعری ہٕنٛدی رنگ چھِ بے شمار تہٕ بے مثال۔ تٔہنٛدِس غزلس منٛز چھ پھری پھری تس سنیوٗمُت تہٕ گنیوٗمُت احساس تظرِ گوھان۔ سُہ چُھ وصلہِ چہِ سرمستی برعکس دوٗرِ رُک تہٕ ہجرُک کرٛ پھر وبتر اونک عأدی۔ توٗے

چھُ تمی سُنٛد محبوب عام طور پنٕنِس ستی واپس پھیرنٕک سٕز کران۔ مثالے:

یِواں ژٕ وُمرِ پتی اما یِوان یِوان گرٛشان
گرٛھتھ ژٕ کرسنا پہم، مےٚ نا پیٚی امیُک
کران ژٕ وعدِ چھُکھ پنٕنک مگر پگاہ پنٕنک
مےٚ چون وعدِ کیٛاہ بہم، مےٚ نا پیٚی امیُک

فأضل صأبس چھُ غزل گوٗیی منٛز اکھ منفرد مقام حأصل۔ تہٕنٛدی غزل چھِ رِندِ مستانن سرورٕچ کیفیت بخشان۔ یِیلہِ أسی فأضل صأبنٕ ''کرٛالہٕ کوٗر، پہٲلی کوٗر یا دوٗبٕ باے ہشہٕ غزل یا نظمہٕ پران چھِ، حُسنٕچ تہٕ عشقٕچ تصویر چھےٚ اسہِ بڑ وٕنہہ گن یِوان۔ مثالے:

چون قد شمشاد یا سروِ رواں
یا مگر گُلدستہٕ باغِ جناں
پانہٕ شیرِتھ تھوومُت کأری گرن
کرٛالہٕ کوٗری مالہٕ کرییٚ کوٗسمن

یا

حُسنٕچ ڈألی سورٕچ عألی
ہا پہٲلی کوٗری ہی مألی یے
جوش دار اوٗبرٕچ نوٗرٕ وُزمألی
ہا پہٲلی کوٗری ہی مألی یے

غلام احمد فاضل رٕودی اسہِ اسن کھنگالوٕستی تہٕ دِل رٔٹنٕ ناوان۔ تِہنٛز مزاحیہ نظمہٕ "ٹھانٹھر بابے، مچامُن موٹر، مُتوٕلی نامہٕ تہٕ سوگامُک ہٕسی کوکُر" چھِ تِتھی شہکاریم زندٕ دِل آسنٛچ باوتھ کران چھِ:

کأنسہِ آسان باگہِ آمٕ ہأر ہش
کأنسہِ ہاپٕٹ کأنسہِ آسان بیٚأر ہش
کأنسہِ آسان نس قبیلس شوٗب زن
کأنسہِ آسان گوشہِ بوٚب یا أر ہش
کأنسہِ آسان پوشہِ تولاہ نازنین
کأنسہِ آسان چھےٚ دِلُک میوٗٹھ لأر ہش

غلام احمد فاضل صأبن یوسہٕ تہِ صِنف پنٕنہِ شأعری منٛز پانہٕ نأوتمہِ کس تعمیرس تہٕ تہذیبس منٛز رَلوو أمی شأعرن پنُن خونِ جگر۔ غرض فأضل صأب اُسی پٔزی کنٛی اکھ بِسیار پاسل شخصیت۔

☆☆

صوفی غلام محمد
اردو پیٹھٕ ترجمہٕ: گلزار احمد راتھر

# غلام احمد فاضل کاشمیری رٕ ودٕ نہٕ وونٕ

غلام احمد فاضل کاشمیری اوس وقتٕ پٮ۪ری تہٕ زٕہٹھ وٲنٛس پٮ۪ٹھٕ اُتھ گوٚو پننس خدایس حوالہٕ۔ امہِ خاطرٕ گژھ نہٕ کانٛہہ دوکھ یا ملالہٕ گوٚژھن۔ آ...... دوکھ چھُ امہِ کتھِ ہُنٛد زِ اَمی سٕنٛز شاعری چھےٚ ازتہٕ تہِ ژھے جوان یوٚدوٲمی سٕنٛز جوٲنی منٛز اُس۔ اوٚے چھُ وَننہٕ یوان زِ غلام احمد فاضل کاشمیری گوٚو جوٲنی منٛزٕ ے رحمتِ حق۔ اللہ تعالیٰ کٔری نکھ لرِلرِ جنت نصیب۔ یوٚ تاہ یم تھدِ درجکی انسان اُسی تیوٚ تاہ اوس یمن دٲنشورانہٕ صفت تہِ۔

غلام احمد فاضل کاشمیری سٕنٛز زندگی چھےٚ ۸۸ ؤرِین پیٹھ مُحیط۔ یمو چھِ پننہٕ جوٲنی منٛزٕ ے غلام احمد مہجور تہٕ عبدالاحد آزاد شاعری ہِنٛدِس مٲدانس منٛز شُہرت پرٛاوان لبان وُچھمتی۔ فاضل کاشمیری ین کوٚر رہند ومت تہٕ سکھ اِزم کینٛن کتابن تہِ کاشُر ترجمہٕ۔ یہنٛز نعتیہ سوٚمبرن ''انوارِ محمدیؐ'' چھےٚ اکھ مقبولِ عام کتاب۔ فاضل صٲبنٛ نعت چھِ مسجدن، خانقاہن تہٕ زیارت گاہن ہِنٛدِ باپتھ مولُل خزانہٕ۔

یِمن منٛز چھُ سنبر تہٕ ، غنائیت تہٕ تہٕ سوز و گداز تہٕ ۔ یِہنٛدی نعت بوٗزِتھ چھُ انسان سٕنٛزٕ اچھ تر سپدان تہٕ دِل چھُ موم سپدان ۔ فاضل صابنہِ شاعری ہِنٛدی موضوع چھِہ باڈو دار ۔ روٗحانیتس ہِتی ہِتی اُسی تِم روٗمانیتکی تہٕ شاعر ۔ تِہنٛز مشہوٗر نظم ''کرالہٕ کوٗر'' چھےٚ لگ بھگ پرٕتھ کاشرِس خاص کیٛو عامس زبان زد ۔ اَمی اَکی نظمہِ دِیُت تِمن واریاہ تھزر ۔ فاضل کاشیری اوس فطری شاعر بلکہِ چھُ یہِ وَنُن زیادٕ دے مناسب زِ سُہ اوس پیدائشی شاعر ۔ تس اوس احساس زِ سُہ یہِ لکھان چھُ ، تتھ چھُ اکھ خاص رنگ تہٕ طرح ۔ رِتس شاعرسٕنٛز چھےٚ یہِ اکھ بڈٕ خوٗبی زِ سُہ چھُ پنٛنہٕ فن پارٕ بیٚین تام واتناونہٕ باپتھ ترٛپان آسان ۔ فاضل صاب یہِ شُربن ہِنٛدِ خاطرٕ لکھان اوس تہٕ اوس تِمن ہِنٛزن محفلن منٛز بوزناوان ۔ ''انوارِمحمدیؐ'' لیٚکھِتھ تِمیٚک اکھا کھ نعت پنٛنہِ زبٲنی تہٕ لیہِ منٛز باقیٚن بوزناوٕن چھُ پرٛزی فاضل صابنہِ عشقِ محمدیؐ ہُنٛد انتہا ۔

فاضل صابس تور تِہنٛزن ادبی خدمژن ہِنٛدِس اعترافس منٛز ساہتیہ اکادمی ہُنٛد انعامہٕ ۔ یِمن میٖج حج کرنٕچ سعادت تہٕ نصیبس ۔ یِہنٛزٕ زندگی منٛز اُس نہٕ کانٛہہ وضع داری ۔ کھیٚون چوٚن ساد ، پلو پوشاک ساد ، ادبی محفلن منٛز شرکت کرنہٕ وِزِ اوس قراقلی ٹوٗپۍ تہٕ زیٖوٹھ اچکن لاگان ۔ اکثر کاشُربن ادیبن تہٕ شاعرن چھےٚ یہِ بڈ خامی زِ بیمار یا بجرس تہٕ مصیبتس منٛز چھِنہٕ اکھ اَکس خبراتر ہوان ، بلکہِ چھِنہٕ اکثر کاشُری شاعر پانہٕ وٲنی تہٕ سمکھان ۔ ووٚنی گوٚو فاضل کاشیری بیلہِ بسترٕ

علاوٕ پتھ اُسی تمن ءکتی ہم عصر شاعر، ادیب تہٕ دأ نشور خبر اتر ہینہٕ آیہ تہٕ وَنن فاضل صائبنٕ اولادِ ے۔ مگر یٖلہِ تموپننہٕ زندگی ہندی اٰخری شہہ پتنن گرِ کبن بأژن درمیان کھالٕی، تہند گرِ وأتی رحمان راہی لیس پتھٕ امین کأملس تام تہٕ حکیم منظورس پتھٕ ظریف احمد ظریفس تام سأری تہٕ لگی فاضل صأبس یاد کرنہِ۔ یہِ چھُ اکھ المیہ زِ فاضل صأبنہِ ادبی خانداۂکی بأژ چھِ تم تہِ یمن شاعر، ادیب، قلم کار تہٕ دأ نشوروناں چھِ۔

(ماخوذ سرینگر ٹائمز، ۱۶ر جُلاے ۲۰۰۴ء، بودوار)

☆☆

ایوب صابر

# الحاج فاضل کاشمیری

باغِ جنتکۍ پوش چھاواں کور گوکھ
فأضلاؔ ون نعت باواں کور گوکھ

رُوح پٔنن بیدار تھاواں رات دوہ
عِلم و ادبس گاشراواں کور گوکھ

جاں نثارن عاشقن رِندن سدا
معرفت کۍ جام چاواں کور گوکھ

شام و سحرس شوقہٕ اللہ ھۆ پراں
لولہٕ چمنن شولہٕ ناواں کور گوکھ

رُت کراماٗژن ہُنٛدۍ اکھ عالماہ
صوٗفیَن ہُنٛد یاد پاواں کور گوکھ

مٔنز کشیرے وُنہٕ تہٕ پڑاراں شوقہٕ سان
نعت خوانن تیٚنہٕ تھاواں کور گوکھ

باصفا مِلہٕ ژارٕ کے سبقاہ دِواں
دٕ ے تہٕ نفرت دٔر ترٛاواں کور گوکھ

دورِ دُنیا پۆر ہاواں آدمس
راونس مٔنز پانہٕ راواں کور گوکھ

دردٕ غم یِکس عالمس گاہے سناں
صبرِ صاؔبر آزماواں کور گوکھ

☆☆

سرور ہاشمی

# بیادِ فاضل کاشمیری

فاضلاؔ چھم نامدار ماجہِ زیوِ بخشُن وقار
علم و ادبک شہسوار فاضلاؔ چھم نامدار

"میراثس" سون جوٗرُن قند تہٕ شکر ستھین یوٗرُن
تِتھی رٕسلو تےٚ لولہٕ شار فاضلاؔ چھم نامدار

نعت بیٚیہٕ سوز و سلام مأری موٗند تٔمی سُنٛد کلام
چھس پرٛاں حض بار بار فاضلاؔ چھم نامدار

نعت تٔمی ہنٛدی پرِتھ چھی گوٗھاں جگرس ترِتھ
چھم لوتاں وچھس مےٚ بار فاضلاؔ چھم نامدار

اہلبیتؑ ہنٛدی نوحہ باکہٕ ژھٹہٕ ناواں واللہ
چھس رِواں بے اختیار فاضلاؔ چھم نامدار

"کرٛالہٕ کوٗر" مقبولِ عام چرچہٕ تٔمی کُےٚ شہر و گام
شوقہٕ متین نالہٕ ہار فاضلاؔ چھم نامدار

سون تہٕ روپھ نِشہِ کیتھہ نہٕ کم ''ست گرو''، ''تصویرِ غم''

ژھم فاضلاؔ شاہکار لوٗلی سٔندی تٔمی نامدار

سرورؔ منگاں چھی خدا گرٔنس مغفرت دُعا

ژھم فاضلاؔ کرِدِگار پنجتن پاسِ نامدار

☆☆

فیاض دلگیر

# خراجِ عقیدت

فأضلا ژےٚ رأضی روٗزِن دون جہانن ہُنٛد امامٛ
مغفرت بنٛ نےٚ تہٕ اسی نےٚ أخرت سپے رُت انجام

عاشقن منٛز ناو چونےٚ مثلہِ لیکھنٛ پانہٕ ذات
آبِ رحمت ستی چھلٕو نےٚ تتہِ ژےٚ أسِن تھوٗد مقام

مسجدن تے مجلسن بیٚیہِ آستانن پیٹھ مےٚ ڈیٹھ
لوٗکھ آسان شوقہٕ گنگران نعت چأنی صبح و شام

میٹھی موٗدرٕ الفاظ چأنی روٗح کران تازٕ سون
شاد سپدان دِل چھُ شہلان بوزِ یُس چونےٚ کلام

تارُکھا ہیوٚ تتہٕ ژٕ آسکھ کیاہ کری حشرُن تور
گرٛ بشمہٕ ژنٛجہِ منٛز سایہِ گری نےٚ پانہٕ تیمی سُند چھکھ غُلام

جامہٕ جنتکۍ پانہٕ وٚلی نےٚ محشرس منٛز خوش ژٕ روز
راضی محمدؐ ییٚہِ ژےٚ روٚزِن ترٛیشہِ کنہِ دی نےٚ ژےٚ جام

چأنۍ تعریف لولہٕ سانےٚ فیاض دِلگیر چھےٚ کران
شعر چأنۍ پرٛتھ گرس منٛز ژھوہ چھِ ماران شہر و گام

☆☆

سکندر ارشاد

# خراجِ عقیدت

چھے ژےٚ گونماتن اندرا علیٰ مقام
کاشرِ بن لۆکن چھُ چوٚنۍ احترام

نعت چأنۍ کأشرِ بن وِردِ زبان
چھی مسلمانن یِمے آرامِ جان

خوش نُوِیساہ جان اوسکھ اَنہٕ ساز
نقشِ گر ژِ ے مأہرِ آواز وساز

مالہٕ چانے شأعری ہنٛزٕ بے شُمار
''کچن گارڈن''، ''وژاگہٕ دوٚس لارِ لار''

''ساغرِ مستی'' تہٕ بیٚیہٕ ''شمعِ وطن''
''ست گورو''، ''تصویرِ حج'' چأنی سوخن

شوٗبہٕ وُن تےٚ لۆبہٕ وُن سورُے کلام
''کرٛالہٕ کوٗر'' چأنی مگر مقبوٗلِ عام

ژٕے چمن اخبارٕکۍ اوسکھ مُدیر
آگرٕے قلمس ژٕنے اُچھو اُس زیر

اکھ اَکِس کھوتہٕ ''کرشنہٕ لیلا تےٚ بجن''
بیٚیہٕ مُدٕرکۍ کأتیاہ چھِ چأنی ''کیرتن''

چھُکھ گوٗمت یۆ دوَے ژٕ ازاسہِ نِشہِ جُدا
لولہٕ امر بتھ چھےٚ چوٗمت مرکھےٚ نہٕ زانٛہہ

چانہِ رایے از قلم پنٕنۍ تُلان
چھےٚ سِکندر لفظہٕ گُل ارپن کران

☆☆☆



۱۹۳۵ ءمنز نظم کرٕ الہِ کوٗرلکھنہٕ وِزِ فاضل کاشمیری سُنٛد تُلنہٕ آمُت فوٹو

امہِ وِزِ آسی یم ایس پی کالج سرینگرٕ فسٹ اِیرس پران



فاضل کاشمیری ایڈیٹر کشمیری تہٕ اردو ''پرتاپ'' میگزین۔ ایس پی کالج سرینگر، ۱۹۳۸ء



۱۹۵۲ء منز فاضل کاشمیری بحیثیت ہیڈ ماسٹر، گورنمنٹ ہائی سکول لولاب



۱۹۵۸ءمنز حج پاسپورٹ باپتھ تُلنہٕ آمُت فاضل صأبُن فوٹو



۱۹۶۲ءمنز تُلنہٕ آمُت فاضل صأبن اکھ فوٹو



ہائی سکول چندی لورہ ٹنگمرگہِ، ۱۹۶۰ءمنز تُلنہٕ آمُت فوٹو



۱۹۶۱ءافروَٹ بالہٕ داءمنز فاضل صأبُن فوٹو



۲۰۰۳ء منز فاضل صأب پننہِ کورِ تسکینہ فاضلس ستۍ



۲۰۰۳ء منز فاضل صأب پننِس عیالس ستۍ



فاضل صأبنۍ ووستاد سید مہر شکوہ آبادی (۱۹۵۸ء)



فاضل صأب پنٕنس اولادن سِتۍ محوِ گفتگو۔ جولائی ۱۹۹۲ء



ایڈیٹوریل بورڈ ''پرتاپ'' میگزین، ایس پی کالج سرینگر، ۱۹۳۸ء



۱۱ جولائی ۲۰۰۹ء منز یومِ فاضل کاشمیری منعقد کرنس دوران ٹیگور ہال سرینگرِ

ٹُلنہ آمُت صفِ سامعین ہُنٛد اکھ فوٹو



رحمان راہی، ۲۰۰۹ء منز ٹیگور ہال سرینگرِ فاضل میموریل ایوارڈ حاصل کرنہٕ وِزِ




۲۰۰۹ء منز ٹیگور ہال سرینگرِ گلوکارہ شازیہ بشیر فاضل صابُن کلام پیش کران



۲۰۰۹ء منز اکھ مقامی اخبار فاضل نمبر اجراء کران



یومِ فاضل کاشمیری، ٹیگور ہال سرینگر ۲۰۰۹ء

ایس ایس بجرال، محمد یوسف ٹینگ، عبدالاحد تہٕ رحمان راہی




یومِ فاضل کاشمیری مناونس دوران ایوانِ صدارتُک اکھ فوٹو

ظفر اقبال منہاس، محمد اکبر لون، جسٹس (ر) بی اے خان تہٕ سید ذی شان فاضل




فاضل صابنہِ مقبرک کتبہٕ، یُس تمو مرنہٕ برونہہ ۵ اوری

دلہِ پانے منٛز تیار کرنووُمت اوس

## مقبرہ الحاج فاضل کشمیری، گلشن نگر بائی پاس سرینگر




| | |
|---|---|
| مزارس یُتھ نہٕ وٕہم پوش بایا | گرِژھن خاکس اندر سوسن تہٕ ضایا |
| بہ صدہا انکسأری وٕنی زِ لوٚت لوٚت | ژٕ گنٛہن مغفرت کرتس خدایا |



گروگرنت صاحب، ترجمہٕ باپتھ ایس جی پی سی ایوارڈ، ۱۹۸۵ء



''کأشُر سرمایہِ'' باپتھ ساہتیہ اکادمی ایوارڈ، ۱۹۹۰ء



وزیراعظم سند سنڈِ طرفہ فاضل صائبس ہارمنی ایوارڈ،۱۹۹۲ء



فاضل صائبُن قلمدان، گرتۂ عاَئنک













فاضل صأبنۍ مختلف طرح













فاضل صأبنۍ مختلف طرح